# سون ادب

سنہ ۲۰۰۷ء

سرینگر نمبر (۱)

نگران

ظفر اقبال منہاس

ایڈیٹر

مجید عاصمی

معاون

گلزار احمد راتھر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

© ناشر: سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

پبلی کیشن آفسر: ناظم الدین

اسسٹنٹ: محمد امین

کمپوزنگ: نثار احمد؛ UCC کمپیوٹرس
منڈر باغ، سرینگر 9419492247

سرورق:-

عمل: نوشاد

فوٹو: آفاق گڈھا

ؤری: ۲۰۰۷ء

چھاپ خانہ: جے کے آفسٹ پرنٹرس، دہلی 6

موٗل:

سون ادب ۲۰۰۷ءکس سرینگر نمبرس منز مضمونن ستی وابستہٕ ظأہر کرنہٕ آمژن راین ستی اکادمی ہُند یا اِدارٕک پوٗرٕ پأٹھی یا جُزوی طور متفق آسُن چھُنہٕ ضروری۔

# عرضِ ناشر

ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھےٚ پَتِمو پَنٛژٕہَو وٕرِیو پیٹھ یِیتہٕ کِس تمدّنس، ثقافتس تہٕ ادبی میراثس رأچھ کرنس ءستی ءستی ترٛیشوٕنی شعبن ریاستہٕ کِبن ترٛیشوٕنی ٕخطن منٛز زیادٕ پوچھر تہٕ وُسجار دِنہٕ باپتھ سرگرمِ عمل۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھُ اکیڈیمی ہِنٛدِ طرفہٕ ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمن تہٕ تھیٹر کلبن مألی اتھہِ واس دِنہٕ علاوٕ ترٛیشوٕنی ٕخطن منٛز بولنہٕ یِنہٕ واجٕنبن زبانن ہِنٛدبن لِکھارٮ۪ن، قلمکارن تہٕ شأعرن ادبی سمینار، کانفرنسہٕ، مُشأعرٕ تہٕ یِژھنٕے بیٚین تقریبن ہُنٛد سٕژ کرنہٕ یِوان۔ یِمن سارِنٕے سرگرمِیَن لرِ لوٚر تہٕ تھدِ تھوٚد مقام چھُ اکیڈیمی ہِنٛدِس اشاعتی پرٛوگرامس یَتھ تحت مختلف زبانن منٛز تحقیق، تنقید، لُکہٕ ادب تہٕ کُہی یا موضوٗعن پیٹھ کتابہٕ شایع چھےٚ کرنہٕ یِوان۔

اَتھ اشاعتی سِلسلس منٛز چھُ اکیڈیمی طرفہٕ مختلف زبانن منٛز باضأبطہٕ پأٹھی ''شیرازٕ'' ناوس تحت اکھ رِسالہٕ شایع سپدان تہٕ أتھی ءستی چھےٚ اکھِ سالانہٕ انتھالوجی ''سون ادب'' ناوس تحت چھاپنہٕ یِوان۔ کأشرِس منٛز ''سون ادب'' شایع کرنہٕ کِس سِلسلس منٛز آسہٕ پَتِمبن

کیٛنژن وٲریٚن دوران کیٛنہہ تکنیکی مجبوٗر یہ بُتھ یِیمہٕ کِنۍ نہٕ یہ پرن والین برٛونٹھہ کُن ووت۔

بہرحال ''سون ادب'' انتھالوجی سِلسِلک یہ دٔرِدس شُمارٕ چھُ شہرِ سری نگرٕ کِہ حوالہٕ اکہٕ خصوٗصی شُمارٕچ حیثیت تھاوان یتھ منٛز یِیمہٕ شہرٕچ توٲریخ، یِیتیک ثقافتی میراث، یِیتِکۍ پرٛانۍ آثار، خانقاہٕ تہٕ مشید، یِیتِکۍ مُغل باغات تہٕ بیٚیہٕ کٔیی پہلوٗ مختلف مضموٗنن منٛز وبرٛھناونہٕ چھِ آمٕتۍ۔ یہ سورُے اکہٕ جایہ جمع کرُن تہٕ اَتھ اکھ کتٲبی صوٗرت دِنۍ چھُ پزۍ کِنۍ اکھ کارنامہٕ یِیمہٕ باپتھ مجید عاصمی صاب تہٕ اکیڈمی ہٕنٛدِس اشاعتی شعبس سٟتۍ وابستہٕ سورُے عملہٕ مُبارکبادی ہُنٛد مستحق چھِ۔

اسہٕ چھےٚ ووٚمید زِ یہ دستاویز کرِ کاشُرِ زبٲنۍ تہٕ ادبہٕ کیٚن طالبِ علمن تہٕ خاص پٲٹھۍ تحقیق کارن، توٲریخ لیکھن والین تہٕ بیٚین شوقہٕ والین ہٕنٛدۍ علمی تقاضہٕ پوٗرٕ تہٕ اَسہٕ ووگنن شانہٕ۔

ظفر اقبال منہاس
سیکریٹری

سری نگر
۱۵ر مئی ۲۰۰۸ء

# ترتیب

مضمون

# گوڑ کتھ

کأشرٕن ہُنٛد دِل تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد تاج ''سرینگر'' شہر چھُ ہتہٕ بدٕ وٕری یو پیٹھٕ کٔشیرِ ہُنٛد مرکزتہٕ راز دأنی رٕودمُت۔ سأری سے عالمس منٛز مشہوٗر ییتھ شہرس چھےٚ تہذیبی، ثقافتی، مذہبی، سیاحتی تہٕ تجارتی اہمیژ کِنہِ پننۍ اکھ شناخت۔

انگریزی، فارسی تہٕ اردو زبانن منٛز یِہ کینٛژھا از تام سری نگرس متعلق لیکھنہٕ آمُت چھُ یا لیکھنہٕ یوان چھُ، تہِ سورُے چھُ کِتابن، رسالن، مسودن تہٕ اخبارن منٛز چھکٕرِتھ۔ یِہ خزانہٕ ژھارُن، ژھأرِتھ اتھ دٔنژھ دِنۍ تہٕ دٔنژھ دِتھ یکجا کرُن چھُنہٕ سہل کأم۔ تاہم چھےٚ اسہِ خوشی زِ ژھونڈ ژھأر دِتھ ''سون ادب'' کہِ خاص شمارِ ''سرینگر نمبرِ'' باپتھ باگہِ بوٚرُت معلوٗماتی مواد یکجا کرنس منٛز گیہِ أسۍ کامیاب۔ ووٚمید چھےٚ 452 ہن صفن پیٹھ واشرِتھ سون ادبُک یِہ خاص شُمارٕ دِیہِ پرن والبن تہٕ سری نگرس متعلق تحقیقی کأم کرن والبن ہنٛدِ خأطرٕ حوالہٕ وٕسیلچ کأم۔

پتہٕ موژتجہِ ہوٕری یو پیٹھ یمہٕ خاص سماجی، اقتصادی تہٕ سیأسی تبدیلی یہِ بارسس آیہِ تمن ہُند سیٚد سیوٚ داثر پیوٚ وشہرِ سرینگرس پیٹھ تہٕ یِیمہِ ستۍ امیُک نقشے بدلیوٚ و۔ از برونہہ فقط گرٕ تام وٕری اوس یہِ شہر کینژہ و مخصوٗص تہذیبی تہٕ تمدنی رٕوایژ وکنہٕ جیلان یمہٕ ووِنۍ نظرن تل اُستھ تہٕ خاب باسان چھِ۔ مثالہِ پأٹھی بادام وأر، ڈُنگہٕ سأل، نالہٕ مأر تہٕ امکۍ بٹھی تہٕ تمن پیٹھ بُستی، پہلوان دَب، داٗ گاٹھ، کھاندرن تہٕ کھوٚ ندرن ستۍ وابستہٕ رٕسم تہٕ رٕواج، وندِ کال تہٕ بہار، مثالہِ تہٕ بینڈ باجہِ، سأنۍ پرٕأنۍ کأشری طأیفہٕ در، پأڈٕ گری، قألین باف، تِلہٕ دوٗز، نقاش بیترِ کأرِ گرن ہندی ژاٹہٕ ہال، سرینگرٕکۍ محلہٕ تہٕ تمن ستۍ وابستہٕ رٕوایژ، طرزِ زندگی تہٕ تمدنی زندگی بیترِ۔ اَسہِ چھِ نہٕ صرف یمے یادگار واقعات، ژہی تہٕ منظر سون ادبہٕ کِس یتھ خاص شمارس منز سانچ کوٗشش کرٕمژ بلکہِ امہِ علاوٕ یِم تحقیقی مضموٗن سرینگرس ستۍ تعلق تھاوَن والین موضوعن متعلق اسہِ نِشہِ ژٕری پہن وأتی تِم ین انشاء اللہ سون ادبہٕ کِس دوٚیمس شُمارس منز عنقریب شایع کرنہٕ۔



کأشرِ زبأنۍ ہندی ژٕکۍ در، اُدیب، مُحقق تہٕ معروٗف افسانہٕ نِگار جناب بشیر اختر سپدۍ ۲۲ر دسمبر ۲۰۰۷ عیسوی رحمتِ حق۔

اِنَّا لِلّٰہِ وَاِنَّا اِلَیہِ رَاجِعُونَ ط

بشیر اختر صأب سپدی ۳۰ ر جُلے ۲۰۰۲ عیسوی کلچرل اکادمی منز ملازمتہِ نِشہِ ایڈیٹر کشمیری ہِنٛدِ حیثیتہٕ فارغ۔ تہٕندٮ۪ن ادبی خدماتن تہٕ انتظأمی صلاحیژن ہُنٛد اعتراف کرنہٕ تہٕ تہٕندٮ۪ن لواحقینن ستی تعزیت کرنہٕ پُرٛژھی آو تمن ۲۴ ر دسمبر ۲۰۰۷ عیسوی کلچرل اکادمی واقع لال مٔنڈی منز أکِس پُر ملال تقریبہِ اندر وژھِ وأنجہِ خراجِ تحسین ادا کرنہٕ تہٕ تہٕندِ ایصالِ ثواب باپتھ دُعاے مغفرت منگنہٕ، اتھ تعزیتی تقریبہِ منز أسی اکادمی ہِنٛدِ سٹاپہٕ علاوٕ وادی ہِندی معروف أدیب تہٕ شأعر حضرات تہِ شأمِل۔



أخرس پیٹھ چھُس بہٕ سیکریٹری جموں و کشمیر کلچرل اکادمی [illegible] جناب ظفر اقبال منہاس صابُن شُکر یہ ادا کران یِمو کہِ وٕہری ''سون ادب'' شایع کرنُک فأصلہٕ صأدِر کٔرِتھ مے تِم سأری سہولیات آیتن تھأوی یِموٕ ستی بہٕ ہیوٚکُس سرینگرس پیٹھ سون ادبُک یہِ گوڈنیُک ضخیم شُمارٕ پرن والین تام واتنأوِتھ۔

مجید عاصمی

# سرینگر......اکھ زان

بشیر اختر

زان:- سرینگر چھُ کٲشرِ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ شہر تہٕ ریاستِ جموں وکشمیرٕچ رہتہٕ کالٕچ راز دٲنی۔ سطحِ سمندر پیٹھٕ ۵۲۰۰ فُٹ تھزرَس اَتھ شہرَس ستی چھِ از پاندرینٹھن، پڑور پور، لکشمی نگر، نو شہر علا و الدین پوٚرتہٕ ناگر نگر ناوِکی تَم سٲری علاقہٕ شامِل یمَن منز راز اشوک تہٕ تَس پتہٕ ییٚنہٕ والوٕ بادشاہو رازِ دانہِ تعمیر کرناوِ۔ سرینگرُک کُل روقبہٕ چھُ ۸۴ مُربع میل تہٕ مُردم شُماری موٗجوٗب چھِ شہرَس اَندرَ راکہٕ پلہٕ ژودہ لچھ لوٗکھ بسان۔ یہِ چھُ مرازتہٕ کمرازکین ضِلعن منز باگ تہٕ اَمیُک کاڈ چھُ شمال مَشرِق طرفہٕ زَبرَوَن بالَن ہنٛدِ دامنہٕ تلہٕ ہارَون علاقہٕ پیٹھٕ شروع سپدِتھ بالہِ دامنیٚ دامنیٚ جنوبہٕ طرفہٕ پانتہٕ چھوکھ جایہِ ویتھِ ہنٛدِس ڈٕچھنِس بٔٹھِس تام واتان۔ یپاکھ اَند چھُس ویتھِ ہنٛدِ کھوورِ بٔٹھِ لرٕ ھجنہِ پیٹھٕ مغربَس کُن ژوڈٕری تحصیلس منز چھانہٕ پوٗر۔ شُمال تہٕ شمال مغربہٕ طرفہٕ چھُ سرینگر اکہِ پٲرِ ناجَن نمبلہِ منز باگ ہیمین تہٕ بییہِ پٲرِ آنچار سَرَس اَپارِ گولاب باغ تام پھٔہلتھ۔ وِتستا یاونتھ چھے شہر منزِ گُذران۔ امہِ علاوٕ چھ دوٚدگنگا تہٕ مارٕ ہنٛدی اکثر

شاخ شہرس پھٔہلتھ۔ کشیرِ ہندی زِ مشہوٗر سَر ڈَل تہٕ آنچارتہٕ چھِ شہرَس نکھے پرٛتھ انٛدِ کولہِ تہٕ نمبلہِ آسنہٕ کِنۍ چھُ آمد ورفتُک سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ ذٔریعہٕ پتھ کالہِ آبی وٕسیلے روٗدمُت۔ جغرافیٲیی لحاظٕ چھےٚ سِرینگرس مرکزی اہمیتھ تِکیاز وادی ہِندی مختلف قصبہٕ چھِ اتہٕ پیٹھٕ تقریبَن ہِوی دوٗر، شہرَ چھُ جوٚم، لیہہ، کرگل، مظفر آباد، علاوٕ رِیاستہٕ کین باقٕے شہرَن تہٕ منز باگ۔

ناو:- سِری ہنگر علاوٕ چھُ یہِ شہر ہیماوت، شری نگری، پرٛور پور تہٕ پرٛورسین پورناوٕ تہٕ ویٚو دروٗدمُت۔ موغل دورِ کیو کینٛژٕ وِلکھاریو چھُ پننٕہ نبن لیکھن تہٕ سفر نامَن انٛدر رامہِ شہرُک ذِکر کشیرٕ وٕنتھ تہٕ کوٚرمُت۔ یوٚ دوٕے أسی عام لوٗکن ہنٛز زبان سَر کرٕو، اکثر گرَن منز چھُ یہِ پوٗر سِری ہنگر بدلہِ صِرف "شہر" ناوٕے ویٚود۔ شہرِ کین ہیرِ منبن علاقَن ہِندی بسکین یوٚ دوٕے مہراج گنج، زٲنہٕ کدٕل تہٕ صوٗورہ بیترِ علاقَن ہُند ناوہبن تِم تہٕ چھِ شہر لفظے زیٚوِ پیٹھ ہوان۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھاوِتھ ہکو وٕنتھ زِ نگری یا نگر لفظُک مطلب چھُ شہر تہٕ شری یا سری چھِ اَتھ یزتہٕ پرٛژھی وَننہٕ آمُت۔ انگریزی پأٹھی ہکو أسی سِری نگر لفظس The City تہٕ عربی زبأنی منز "البلد" وٕنتھ۔ سِریَس (یا آفتابس) ستۍ چھُنہٕ اَتھ ناوَس کہیں واٹھ۔

**تأریخ:-** توأریخی حوالو تلہٕ چھُ ننان زِ ترٛیمہِ صدی قبل مسیح رِکیُت آو یہِ شہر موریا حکمران راز اشوک ۲۲۸-۲۶۴ م-ب ہِنٛدِ

وَقتہٕ زَبرَوَن بالَس جنوبہٕ طَرفہٕ تہٕ ویٚتھِ ہِنٛدِ ژھنہٕ بٔٹھِ أزی چہٕ پاندریٖنٛٹھن جایہٕ بَساونہٕ۔ ناو پیوس شری نگری یعنی شۆبہٕ دار، پھرۄس، مالا مال شہر۔ راز اشوکس پتہٕ رۄد یہٕ شہر لگ بھگ اَٹھن شتن وٕری یَن کٔشیرِ ہنٛز راز دأنی تہٕ اَتھ وَقتس دوران آیہ گوپاڈٔری تہٕ أتہٕ گج، پانٛتہٕ چھوکھ تہٕ وولَر پرگنہٕ علاوِ ڈل بٔٹھس پٮ۪ٹھ أز ٹیک ہأروَن تام کینٛہہ وِہار بیترِ تعمیر کرنہٕ۔ رازِ گوپادتَن دِتی أزی چہٕ گُپکار جایہ آریہ وَرٛت (شُمألی ہندوستانہ) پٮ۪ٹھِ آمتٮ۪ن برہمنَن أگرِ ہار۔ ہیوٗن سانگ (۶۳۳-۶۳۱ء) سِنٛدِ وَننہٕ مۆجوٗب أسی پاندریٖنٛٹھنکی حدوٗد زَبرَوَن بالَس دامنی ہأروَن پٮ۪ٹھِ زوٗن یا سیمپور تام پھٔہلتھ۔ شیٚیمہٕ صَدی عیسوی منٛز ییٚلہٕ پرٛوَرسین ثأنی کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ بنیوٚو، شہرچ آبأدی أس سبتھاہ بڈیمٕژ۔ بڈِونہٕ آبأدی مُقابلہٕ زٔمینہٕ ہُنٛد ژھوچرِ نظرِ تل تھأوِتھ بدلاو رازِ پرٛوَرسیَن پننی رازِ دأنی تہٕ نٮ۪ین ہارِ پَربتھ سنگرِ نزدیکھ شارٹیکا جایہٕ، شارٹیکا ٹِک کأشُر روٗپ کیا چھُ، تہٕ ژھنہٕ معلوم تہٕ نہٕ چھُ امہِ علاقُک صحی محلِ وقوع پتاہ۔ صِرف چھُ اندازٕ سپدان زِ یہٕ آسہِ ہے ہارِ پَربتھس جنوب مغرب طرفہٕ بہاو الدین صأبنس مزارس نکھہٕ۔ رازِ پرٛوَرسیَن تھوٚو نوِ رازِ دانہِ پننہٕ نٔسے ناوَس پٮ۪ٹھ پرٛورسین پور یا پرٛور پورناو۔ اما پۆز عام لۆکن ہنٛز زیوِ پٮ۪ٹھ رۄد یہٕ ناوگم سپدِ کالَس تہٕ تموٗ ہیوٚت نۆِس شہرس تہٕ شری نگریا رازِ دأنی وَنُن۔ پتِھ کُنی سپُد رازِ اشوک ...



أز ێُک سرینگر ۲۰۰۷ء (فوٹو: مُنیر احمد)



پرٛأَنِس فتح کٔدلس پیٹھ دُکانہٕ لأَن



وۄتھِ پیٹھ مہاراجہٕ ژٕنار

پڑ اَنی راز دأنی ناوِ مشہور۔ لَفظِ پاندریٹھَن چھُ پُرنہٕ اَوشٹھان کُے کاشُر روپ۔ پڑورسین سِنْدِ راز دأنی بناونہٕ بروٚنٛہہ أسا پڑورپۆرِس منٛز آبأدی، تَتھ مُتعلق چھِ نیٖل مَت پُران، گتھا سَرِت ساگر تہٕ راج ترنگنی ہِندی کیٚنٛہہ حوالہٕ باوتھ کران زِ اَتھ علاقس منٛز أسی مُکشِکا سوامن جُسکہٕ پور، امرت بھون علاوٕ سوٚوٗرتہٕ کیٚنٛہہ باقٕے علاقہٕ آبادیٚتہٕ مَندرتہٕ وِہار بیترِ أسی۔ پڑور پور ویٚتھِ ہِنْدِ سُہلابہٕ نِشہٕ بچاونہٕ باپتھ آو جنوٗب مغربہٕ طرفہٕ اَکھ مضبوٗط سوٚتھ کھارنہٕ۔ اَمہٕ سٟتی پھٕہلیوٗ وپڑورپورِیُک سَرحد مأرتہٕ ویٚتھِ ہِنْدِ دٔچھنہٕ بٹھی ہارِپَربت سنگرِ ہِنْدِس شُمال مشرقی علاقس منٛز آنچار سَرَس تام۔ یِتھِ کٕنی بنیوٗ وہارِپَربتس أندی پکھیٚک علاقہٕ پرٛوَرپورِیُک مرکزی حِصہٕ۔ نُوس شہرَس سٟتی یوٚ دوے پاندریٹھَن بہِ مہٕ صَدی تام تہٕ آباداوس اماپوٚز سِیأسی لحاظٕ روٗزنہٕ تتھ اہمیَتھ۔

للتادت (۷۳۱-۶۹۵ عیسوی) سِنْدِ کَشیٖرِ ہُنْد راز بَننہٕ پَتہٕ آیہٕ راز دأنی پرٛوَرپورِ تُلِتھ پرسپورنہٕ۔ توأریخی حوالہٕ چھُ ثأبت سپدان زِ راز للتادتَن کوٚرپَننہٕ نوٚ سِیأسی مقصدٕ و خأطرٕ پڑورپۆرتہٕ پاندریٹھنٕچ مرکزی یَتھ ختم کرنٕچ کوشِش۔ کھاڈٕوی یا کھرِ وپَرٕگنٛی ڈامرآے مُلک بَدَر کرنہٕ تہٕ تِہنْد جاداد آو ضبط کرنہٕ تِتھے کٕنی یِیلہٕ راژن پرسپۆرِس مُقابلہٕ سِرینگر زیادٕ جیلان وُچھ تمی دِیُت اَتھ نار دِنُک حُکم۔ جیاپیڈ (۸۵-۷۵۱ عیسوی) سِنْدِ وَقتہٕ آیہٕ اَنْدرکوٚٹس منٛز تہٕ اونتی ورمَن سِنْدِ وَقتہٕ وٕنتی پورِ نوٚ راز دانہٕ تعمیر کرنہٕ۔ نوٚی مہٕ صدی ہِنْدِ شیٚمہٕ دٔہلہٕ پَتہٕ

بَدلووا انجنیر سُیاہَن ویٚتھِ ہُنٛد روٗخ تہٕ روٗخ بَدلنہٕ کِنۍ سٕپُد پَرسپورا کہِ حِسابہٕ غاآر آباد۔

نوٗیمہِ صدی عیسوی رِکیٚت بسو وشنکر ورمَن شنکر پٹَن، پٹنس ستی ستی روٗدانٛدر رکوٗٹس ستی تہٕ کٔشیرِ ہنٛدین راژن ہُنٛدین گرٛٹھن چالو۔ راژ تہٕ وٕزیر اَسی سِیاسی بُحرانہٕ وِزیٛژ پاٹھی انٛدر رکوٗٹ کِس قٕلعس مَنٛزٕ ےچھپنہٕ یِوان۔ ۹۰۲عیسوی پیٹھٕ ۱۰۲۸عیسوی تام گٔتھ جایہٕ اَس راژٕ دآنی تہِ چھُنہٕ ٹاکارِ صِرف چھُ کیٛژن مَندرَن ہِنٛدِ تعمیر کہِ حوالہٕ ستی نَنان زِکھیم گُپت تہٕ دبد رانہِ ہِنٛدِ وَقتہٕ اَس سرینگرس سِیاسی طور سٕبٹھاہ اَہمیَتھ۔ اَتھ دورَس انٛدر آباد سپدی ستی کینہہ علاقہٕ چھِ بڑ یڈی مَرتہٕ دبدمَر۔ کھیم گوری شور آو کھیم گُپت (۹۵۱-۶۰ عیسوی) ہِنٛدِ وَقتہٕ شہرِ کِس بازرس منٛز پرٛانِہن مَندرَن ہِنٛدِس مُژس تعمیر کرنہٕ۔ تہٕ امہِ چھِ مُرژ آیہٕ جٕہنٛدر رِہارٕ پیٹھٕ تُلتھ انٕنہٕ۔ راژٕ اننتن (۱۰۶۳-۶۵ عیسوی) کوٗر پٹن محلہٕ خانہٕ سدٕ اِشو مَندرَس نَگِہ تعمیر امہِ گَتھِ ستی چھےٚ ژینہٕ وَن لِگان زِ راژٕ اننت ہِنٛدِ وَقتہٕ اوس سرینگر شہَرن ویٚتھِ ہِنٛدِس کھوورِس بٹھِس کُن تہِ کاڈ وَہراوُن ہیوٚ تمت تہٕ مُسلمان بادشاہَن ہِنٛدِ وَقتہٕ ہُر بوٚ اَپارِ یپور یہٕ رأبِط ویٚتھِ کِنٛدل دِنہٕ ستی زِیادٕ ے۔

۱۳۲۳ عیسوی منٛز آو رٕنچن شاہ ہِنٛدِ وَقتہٕ رٕنچن پور بساونہٕ تہٕ ۱۳۴۵ عیسوی منٛز بَسوٚ علاوالدینَن ہارِ پَربتَس نَگِہ علاوٕالدین پور دارالخلافہٕ کٔنہِ۔ تِتھے کٔنۍ آو بڈشاہ (۷۰-۱۴۲۰ عیسوی) ہِنٛدِ وَقتہٕ نوشہَر

بَسأوِتھ۔ بڈ شاہ سُند پایہ تخت بَناونہٕ۔ اکبر بادشاہٕ سِنٛدِ وقتہٕ ہُرے یہِ
ہارِ پَربتھ سَنگرِ زیادَے پٔہن فوجی اَہمیتھ ییٚلہِ ناگرنگر ناوُک شہر
بَساونہٕ باپتھ لگ بگ سارٕتٕرےٚ میل رُوقبس ۲۰ فٹ تھز قلاے گنٛڈنہٕ
آیہِ۔ موغل دورس منٛز ہُرے یہِ ڈَل بٔٹھِ اَپارِ زبروَن بالَن ہنٛز تہِ
اَہمیَتھ، نِشاط باغ، شالہِ مأرتہٕ چشمہٕ شأہی ہنٛدی تعمیر کھارنہٕ ستی۔
اَکھ ربو ایتھ چھےٚ زِژوٚٹھی کولہِ تہٕ ویتھِ منٛز باگک مأیسمہِ ہُند زُورلیوٚ و
دورِ سلاطین سِسے منٛز شہرس ستی اماپوٚ زڈوٚگرِ دورس تام اُس یہ زٔمین
صِرف باغَن تہٕ کاہ چرایہِ باپتھ مخصوص۔ اَتِکی اکثر تعمیر چھِ ڈوٚگرِ
دورِچ یادگار۔ شہرُک جنوب مغربی اَنٛد یتھ اَنٛدرنزسنگھ گڈھ، رام
باغ تہٕ مگھرمل باغ شأمل چھِ تہٕ آے کُنوٚہی مہِ صدی ہنٛدِس اَخری
دٔہی لس منٛز سِری نگر کِس حدوٚدَن اَنٛدر شأمل کرنہٕ۔

تعمیر: سرینگر شہرس منٛز چھِ بُدھ دورِکی سارِوے کھوتہٕ پرٛأنی
آثار ہأروَن تہٕ اَتھ اَندی پٔکھی علاقن اَنٛدر موٚجوٗد۔ یِم آثار چھِ آر۔سی
۔کاک تہٕ پرٛسی براون ہنٛدِ وَننہٕ موٚجوٗب کشان دورِکی یادگار۔ یِمن
آثارَن ہُند طرزِ تہٕ تعمیر چھُ تِمی گاچھِ یوسہٕ گاندھار تہٕ شمال مغربی
ہندوستان کِس اکثر علاقن منٛز تمہِ وقتہٕ رأئج اوس۔

ہأروَن پتہٕ چھِ سری نگرس منٛز گترِن ہنٛدی آثار ہارِ پربتس
مغرِب طرفہٕ اَزی کس صوٚورعلاقس منٛز اَتھِ آمتی یُس اکِہ ربوائش کنہٕ
ژوٚری مہِ صدی عیسوی منٛز آباد چھُ سپد مُت۔ حال حالے یِمہٕ گترِ اَتھ

علاقس منز نَنہِ دژایہِ تمہِ چھےٚ واریاہس حدَس تام گرِتھ ژِتھ تہٕ Finished تہٕ سٔترِ۔ پوشہِ تھر بوعلاوٕ چھُ یمَن پیٹھ کینٛہہ میتھُن (یعنی نرمادٕ مِلکی) منظر تہٕ۔

فنِ تعمیرس اَندرِ گنہِ لدٕ اوٕ چ دِل چسپ مِثال چھےٚ یہِ زِ پٲنژمہِ صٔدی ہِنٛدِ ہن کینٛژن تعمیرن چھِ پھنٛڈٕ آے کرِتھ تہٕ مختلف آکار کڈِتھ۔ لَبہِ پیٹھ ژُراہ فُٹ تام زٲٹھی تہٕ اَمی لیپٹکی پَل چھِ بغٲرِ کُنہِ مَسالہِ لدٕ اوس کھارنہٕ آمتی۔ شاہ مار پَلَن ہِنٛدی آثار چھِ پرٛوری شور ماکشک سواٲمن تہٕ موکھتہٕ پوکھرِ نزدیکھ اَز تہِ سُنی۔ سِتاین ہِنٛدِ وَننہٕ کنۍ آسی زٲٹھی یارنکھ تِتھی ہی پَل راز جلوک ہِنٛدِس وِہارَس لاگنہٕ آمتی۔ مکشک سواٲمن کِس تِرتھس چھِ گرٛایہِ اَندر روِشنو ہِنٛدِ آکارٕ علاوٕ حٲشیَس کینٛہہ اُجدٕ رتہٕ کڈِتھ۔

ماہرن ہِنٛدِ وَننہٕ کنۍ چھِ موکھتہٕ پوکھرِ ہِنٛدِس تعمیرس لاگنہٕ آمتی تھَمب کورِتھیاپی طرزِ کی۔

اَنہِ کامہِ ہُنٛدِ دوٚیم دور چھُ سہ ییلہِ گنہِ لدٕ اوس تہٕ وانگنہٕ استعمال کرنہٕ آے۔ اَمہِ قسمچ پرٛانٛی مِثال۔ مَندرُک تالو چھُ موربہٕ شکلَن اَندر ترٛوٲری خانہِ کڈِتھ دِلچسپ نمونہٕ۔ ہیوٗن سانگ ہِنٛدِ وَقتہٕ اوس اَتہٕ گجہِ نزدیکھ (۶۳۱ عیسوی ہَنٛز) اَکھ ستوٗپ موجوٗد دیتہٕ مہاتمابُدھ سُنٛد اَکھ دَند تہٕ اَمہِ علاوٕ تِتھا گتھ ہِنٛز آدمی قدٕ سونہٕ ہِنٛز موٗرتی آس۔ ہیٚنٛدی دھرم پھٔلیوٗ و کشیرِ اَندر گوپاتنہٕ وَقتہٕ نوٚ سَر۔ اَمہِ وَقچ یادگار چھُ

سِر ہِنگرُک گوپاڈری مَندَر۔ کنگھَم چھُ وَنان زِ گوپادری ہُند اُتھ کوٚنل کُن چھُ راز جلوک سِندِ وَقتہٕ جیشٹھ رُدرناو تعمیر کرنہٕ آمُت۔ رازٕ جلوک بوٚڈ مہاراجہ اشوکس پتے کٔشیرِ ہِندِس تختس۔ گوپادری مندرٕچ خصوصیت چھےٚ شیکھر طرز تہٕ ژٕندرم شکلہِ محراب۔ اَمہِ قسمکی محراب آے گوپاڈری پتہٕ کٔشیرِ ہِند بَن واریاہَن مَندرَن کھارنہٕ۔

اُٹھِی مہِ تہٕ نوٚی مہِ صدی ہُند وقت چھُ فنِ تعمیر کہِ لحاظ کٔشیرِ منٛز احیاےنو Renasence مانہٕ یِوان۔ اَتھ وَقتس منٛز کرللتادت تہٕ اونتی وَرمَن ہِوِہو بادشاہو حکومَت تہٕ دوشوٚیَو بناٚوی کٔشیرِ منٛز مختلف جایَن مَندَر تہٕ محل اَماپوٚز سِر ہِنگر روٚ دیمو تعمیری کامہٕ نِشہٕ اوٚ کنٛہ الگ زِ رازٕ دانہِ آسہٕ سرینگر نیبر۔ اتھ دورس منٛز آوا کانہہ خاص تعمیر سرہِنگرس منٛز بناونہٕ تمِیُک چھُنہٕ نشانہٕ صِرف چھُ کھیم گُپت، دیدرانہِ، کلَش تہٕ جےٚ سِمہس متعلق وَننہٕ یِوان زِ تِمو بناٚوی رازٕ محل تہٕ مَندَر۔

ژوداٛہِی مہِ صدی ہِندِس ژٕوٚرِمِس دٔہی لِس رِکیٚت گو کٔشیرِ منٛز دورِ سلاطینُک آغاز۔ مُسلمان کاٗری گرَویوٚ دوٚے تعمیرَن یِسلہٕ پاٚٹھی لُکر لاٚج اَماپوٚز سیرِ کامہِ تہٕ گنہِ ہِندی کینٛہہ جان تعمیر تہٕ آے اُتھی دورَس منٛز بارَسس۔ خاص کٔرتھ لوٚگ گنہِ گرایِہ اَنٛدر نٛخاٚطی ہُند چلے جاو۔ بڈشاہ سِندِ وَقتکی تعمیر چھِ مُدہ بَن صاٛنٛہ مسجد تہٕ مزارِ سلاطین۔ یتھ عرفِ عامَس منٛز بڈشہُن ڈُمٹھ چھِ وَنان۔ ماٛہرَن ہِندِ وَننہٕ کنٛہ چھُ یِمَن دوشوٚنی تعمیرَن ہُند کُن ہِندوٗ دوٗرُک اَماپوٚز پزٛٲنِس کنس پیٹھ یِیمہِ نفاٗیش سان لدا و کھارنہٕ

آمُت چھُ سہ چھُ دِلچسپ۔

تأریخی حوالو موجوب آیہِ ہارِ پرٕبتس جنوب مغربہٕ طرفہٕ سِرینگرِ چ جامع مسجد سُلطان سِکندر (۱۳۸۹-۱۴۱۳عیسوی) ہِندِ وقتہٕ بناونہٕ۔ اَما پوٚز نار لگنہٕ تہٕ واریاہہِ لٹہِ نوٚسرٕ کھارنہٕ کِنز روٗدنہٕ اَمِیُک تعمیر سہ یہِ اَتھ کُن دِنہٕ وِزِ اوس۔

سلطان سِکندر ہِندِ وقتے آو ویٚتھِ ہِندِس ڈٔچھنِس بٔٹھس پیٹھ خانقاہِ معلیٰ ہُک کُن تھاونہٕ۔ یوٚ دوٚیے زَن اَتھ اَستانَس تہٕ واریاہ لٹہِ نارلوٚگ تہٕ مرمتھ سپز۔ اَما پوٚز اَمہِ کِس تعمیرس لاگنہٕ آمژ لٔکر چھےٚ نقأشی کِنز واریاہس حدَس تام مٔدہن صابنہٕ مسجدِ لاگنہٕ آمژِ ہِچہٕ کامہِ ہِندہن نموٗنَن ہِتی رلان ییمہِ کِنز یہِ ہیٚکو ؤنتھ زِ خانقاہِ معلیٰ کِس فنِ تعمیرس سپز نہٕ تیژ تبدیلی یِیژ جامع مسجدِ ہِندِس تعمیرس سپز۔ خانقاہِ معلیٰ ہُک برٛنگ تہٕ أندریمِ رنگ روغَن تہٕ دِلہٕ بندی چھےٚ سِکھ دورِ چ۔

خانیار تہٕ نوپوٗرِس منٛز باگ چھُ سرٛکہِ ہِندِ مغرب طرفہٕ اَکھ اَستان یَتھ گٔتر یوٗ برٛنگ چھُ۔ سِرینگرس منٛز چھُنہٕ یُتھ ہیوٗ برٛنگ اَزبِیہِ کُنہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ گٔترِ برٛنگ کرہیوٗ آو کٔشیرِ منٛز بارَسس تہٕ چھُنہٕ معلوم۔ اَما پوٚز گامَن گۄڈن ہِندی آستان نظرِ تل تھأوِتھ ہیٚکو ؤنتھ زِ یِتھی ہِوی برٛنگ آسہٕ ہَن دورِ سلاطینہٕ برٛونٛٹھ تہٕ لاگنہٕ یِوان۔ تکیاِ زِ کیٚشرٕ ن گٔترِ وٕہن گلشہِ پاوہن ہِندی آثار چھِ بالا دیوی مَندرَس نزدیکھ دڑاہتی ژ ک دور کھو تعمیر وأندر چھِ حسن آباد تہٕ زٔڈی بلکی امام بارٕڑ۔

خطِ ثُلُث تہٕ ریحان ورتاوس اَنہٕ کِنۍ چھِہ یِمَن اِمام باڑن ہِندِہِن صحنَن منٛز کینٛہہ یادگار چیز موجوٗد۔

موغل دورِ کِبن تعمیرَن ہُنٛد طرز چھُ سرینگرس منٛز تِتھے یِتھ دِلہٕ، آگرہ تہٕ لاہور بیترِ کِبن تعمیرَن منٛز ورتاونہٕ آمُت چھُ۔ صِرف چھُے فرق زِ سنگِ مرمرہٕ بجٲے کِنۍ یادروٗگ آسنہٕ کِنۍ چھُ کٔشیرِ ہِنٛدِہِن تعمیرَن سنگِ اَکھ یِسلہٕ پٲٹھۍ لاگنہٕ آمُت۔ سنگِ اَکۍ نموٗنہٕ چھِہ مَلہٕ شاہ مٔشیدِ، پتھر مٔشید تہٕ شالہٕ مٲر باغہٕ کِبن بالادرِہِن منٛز موجوٗد۔ مسجِدَن ستۍ ستۍ حمام تعمیر کرنُک رِواج تہٕ دِیُت موغلو۔ یُتھ ہیوٗ اکھ حمام چھُ مَلہٕ شاہ مٔشیدِ مَشرِقہٕ طرفہٕ شاہ جہانٕ سِنٛدِ وقتہٕ داراشکوہَن تعمیر کرنومُت۔

رِوایٔژ کِنۍ چھُ شہرُک سارِوے کھوتہٕ پرٛون کٔدل اٲلی کٔدل۔ سرہِنٛگرِکۍ کٔدل چھِہ یِژ پٲٹھۍ لکرِ ہِنٛدۍ۔ اماپوٗز ڈَلس تہٕ مٲرنالس پیٹھ چھِہ کینژن ووٗنبن کٔدلَن ہِنٛدۍ آثاریم سیرِہِن ہِنٛدۍ کھالنہٕ آمٕتۍ اٲسۍ۔ ۱۷۵۲ عیسوی منٛز گوٚ کٔشیرِ اَنٛد رپٹھان دورشروع۔ اَمہٕ دورِکۍ یادگار چھِہ ہارِپَربتُک قِلعہٕ تہٕ شیر گڈی۔ شیرگڈِ ہِنٛدِس قلعس چھُنہٕ اَز پٹھان دورُک کانٛہہ تہٕ نشانہٕ۔ صِرف اٲسۍ کینٛہہ کھنڈر رشہید گنج محلس نزدیکھ یِموتلہٕ اَنٛد اَز سپدان چھُ زِ اَمہٕ کِس لداوس تہٕ آسہٕ ہاہارِپَربتکۍ پٲٹھۍ چوٗنہٕ سُرخ استعمال کرنہٕ آمٕژ۔

سِکھ دورَس منٛز بنیوٗ وکاٹھۍ درواز َس نیبر کنہٕ چھٹی پادشاہی ہُنٛد گُردوارٕ۔ اَمیُک تعمیر تہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز باقٕے تعمیرَن ہِنٛدۍ پٲٹھۍ لکرِ

ہُنٛد۔ أتھی دورَس منٛز بنیٛو خانیارُک دَستگیر صأبُن اَستان۔ اَمہِ تعمیرِ چ خاص گتھ چھےٚ سَرٕ کہِ ہنٛدِ طرفہِ دوشوٕنی کوٗنَن پیٹھ پنٛجرٕ کأری گرِتھ ژھیدٕنی دارڈالان۔ ڈوٗگرِ دورَس منٛز بدلیوٗ واکہِ حسابہٕ کأشرٕن تعمیرَن ہنٛد رِوایتی طرز تہٕ فنِ تعمیرَس منٛز آو یَسلہٕ پأٹھی انگریزی گرتھ استعمال کرنہٕ۔ طالع منٛزِل، عجأیب گھر، ایمپو رِیم، ہری سنگھ ہائی سٹریٹ، بلووارڈ تہٕ مُقأمی کالجو علاوٕ عام کأشرٕن ہنٛدی ذأتی مکانہٕ مَنٛدَر تہٕ گرجہِ بیترِ چھہِ ایرأنی، ہندوستأنی، یوٗرپی، چیٖنی تہٕ مُقأمی طرزِ تعمیرِ چ مِلہٕ وَن۔ لکرِ ہنٛدی نموٗنہٕ آے ہوٗس بوٹَن ہنٛدِس تعمیرَس منٛز وَرتاونہٕ تہٕ زوٗنہٕ ڈَبَن تہٕ ڈالانَن منٛز سُرِیَو تہٕ خَتم بنٛد تالوٕ رٕنگی استعمال کرنہٕ۔ میٚژِ بأرِس پیٹھ مختلف رنگَن ہنٛز گلکأری تہٕ نقأشی چھےٚ ایرأنی طرزِ چ باوَتھ بأرَس پیٹھ گلکأری ہنٛدی نموٗنہٕ چھہِ شہرِ کِنو عام دیوان خانَو علاوٕ سِرِ ہنگرِ کِس عجأیب گرَس تہٕ ایمپو ریم کِس تعمیرَس منٛز اَز تہٕ موٗجوٗد۔ انگریزی طرزِ کی یادگار چھہِ کھُلہٕ ڈُلہٕ چمنہِ یا بُخارِژ کوٗنجل ڈلانہٕ شیٖشترٕ وی جنگلہٕ سادٕ پلرٕ تہٕ محراب دار آدٕمی قدٕ دُوأری دارِ پیٹھ تہٕ گیلہٕ کڈِتھ پَش بیترِ۔ ہندوستأنی طرزِ منٛز آو کشیرِ ہنٛدٕن مَنٛدرَن منٛز کشُک تہٕ ٹھوکر گٹھیٚک تعمیر یِہہ اننہٕ۔ یِمن کلشَن چھُ یُژھ پأٹھی ٹیٚنٛو گلٹھ۔ صِرف چھُ ہنومان مَنٛدرُک کلش کنیٚن ہُنٛد، گدادر مَنٛدرِکِس کلشس سوٗنہٕ سُنٛد گلٹھ۔ رامباغ کئدلہٕ اَپارِ آیہٕ ڈوٗگرِ رازَن ہنٛز سمأز عام ہندوستأنی طرزِ سےٚ پیٹھ تعمیر کرنہٕ۔ ڈوٗگرِ دورےٚ منٛز آیہٕ عام تعمیرَس

مہرٕ آ جی سیرِ تہٕ لاگنہٕ۔ شاید چھُ یِمہٕ نِے سیرہن ہُنٛد موٚچر تہٕ زٕچھر نظرِ
تَل تھٲوِتھ أزی چھِ سیرِ ڈَبل سیرِ وَننہٕ یِوان۔ عام رِواَیژ مۅجوٗب اوس
کُنوٗہی مہِ صٔدی ہِنٛدِس مَنٛزٕ مِس ڈٕہی لِس تام سِری نگرس منٛزٕ پَشن
بُرزٕ یا گَترِ وَہراوُنک رِواج تہٕ یوٚ تام سِنگل یا ٹین دِنٛک تعلق چھُ ناوِ تہٕ
آثار وَتلہٕ چھِ یِہ انگریزی اَثرٕ چ باوَتھ۔ ہُن تعمیرس چھُ جدید دورُک
دِیُت گُنہٕ تہٕ سیرِ کامہِ سۭتۍ سیمٕنٹھ تہٕ شیٖشہٕ سٹرُک استعمال۔ کنکریٹ
مساءلکی تعمیر چھِ اَز شہرس اَنٛدٕ رٕکھی یاہ۔

حال حال کیو تعمیرٕ ومنٛزٕ چھُ سرینگرُک نوٚ وسیکٹریٹ تہٕ حضرت
بلُک اَستان کنکریٹ مساءلکی نُمایَندٕ تعمیر۔ نِوِس سیکٹریٹس چھُ پَشہٕ
ہموار تہٕ عام کاشرٕہن پَشن نِش بِلکُل بِدوٗن، یِہ چھُ تِمَن علاقَن
ہِنٛدِس پَشہِ کِس طرزس سۭتۍ رَلان یِیتہٕ نہٕ شیٖن پیوان چھُ تہٕ اَمہِ حسابہٕ
چھُ یِہ کٔشیرِ اَنٛدٕ رسوٚترِ پشک نُمایَندٕ نموٗنہٕ۔ حضرت بَلُک تعمیر چھُ سیٖدٕ سیوٚد
مَدینہ منوٚرچہِ مسجدِ نبویؐ ہُنٛد دوٚیم ماڈَل۔ اَتھ چھُ گول قُبہٕ تہٕ قُبس
ڈٕچھنہِ کنہِ سنگِ مرمرُک جلاو دِتھ بلند مینار۔ یوٚ دوَے زٕن اَمہِ چالہِ
ہِنٛدی قُبہٕ کٔشیرِ اَنٛدٕ رِبیِہ تہِ کینٛژن اَستانَن کھارنہٕ آے، اَما پوٚز مینار
چھُنہٕ ٲنہٕ یِیِہ گُنہٕ تہِ اَستانہٕ کِس تعمیرس کھارنہٕ آمُت۔

سری نگر شہرس اَنٛدٕ رکولَن تہٕ دریاوَن مُستقِل پاٹھی کٔدل تارنُک
رِواج چھُ دورِ سلاطینس منٛزٕ شروع سپُد مُت۔ شاہمیری خاندانہٕ بڑوٚنہہ
آسی اکثر کولَن تہٕ دریاوَن ناوَن ہِنٛدی کٔدل آسان یم گُنہٕ تہِ حملہٕ وِزِ

وَٹنہٕ آٚسی یِوان ۔ ۱۹۵۷عیسوی تام آٚسی سِر ہنگرس سَتَن کَدلَن ہُنٛد شَہرَ وَنان تہٕ کیاز ِ سِر ینگرس مَنٛز آٚسی وۍتِھ کُل سَتھ کٔدل یِم سأری لٔکرِ ہٕنٛدی آٚسی تہٕ تعمیری لحاظٕ CANTILIVER طرزٕکی لٔکرِ ہٕنٛدی ٹھُٹھی آسنہٕ باوجوٗد اوس اکِہ کَدلُک ڈِزاین تہٕ گرتھ دۆیمِہ نِشہٕ بلکُل مختلف تہٕ وینی ہِشِہ وننہٕ آسنہٕ کینٛژَن کَدلَن دُطرفانہٕ وانہٕ لأنہٕ تہٕ دٕچھِنٛی کھووٕری سرسَبز تہٕ شاداب دچھِہ رأنٛتھ الأنٛز آسان ۔ وۍتِھ عَلاوٕ آسہٕ نالہٕ مأر ہٕنٛد بن کینٛژَن کَدلَن دَچھِہ رأٹھ ۔ ۱۶۵۷عیسوی اندر آے لٔکرِ ہٕنٛدی زِ کٔدل تارنہٕ تہٕ حال حالے آے جدید نوٗعیتکی سیمٹھ کٔدل بناونہٕ ۔ سرینگرس انٛدَر وۍتِھ اپارِ یپورتأرِتھ کَدلَن ہٕنٛدی ناوچھِہ یِتھٕ کٕنۍ :

۱۔ زیرو برج یا زٔری کٔدل ۔ تعمیر بخشی غلام محمد ۱۹۵۷ء

۲۔ أمرا کٔدل (قدیم) تعمیر امیر خان جواں شیر ۱۷۷۴ء

۳۔ أمرا کٔدل (جدید) تعمیر شیخ محمد عبداللہ ۱۹۸۲ء

۴۔ بڈشاہ کٔدل تعمیر بخشی غلام محمد ۱۹۵۷ء

۵۔ حبہٕ کٔدل تعمیر سُلطان حبیب شاہ ۱۵۷۳ء

۶۔ بِسکو برج تعمیر شیخ محمد عبداللہ ۱۹۸۳ء

۷۔ فتح کٔدل تعمیر سُلطان فتح شاہ ۱۵۰۰ء

۸۔ زأنہٕ کٔدل تعمیر سلطان زین العابدین ۱۴۲۷ء

۹۔ عالی کدٕل تعمیر سلطان علی شاہ ۱۴۱۵ء

۱۰۔ نوٚ کدٕل تعمیر نورالدین خان ۱۶۶۶ء

۱۱۔ صفا کدٕل تعمیر سیف الدین خان ۱۶۷۱ء

۱۲۔ سیمٹھ کدٕل تعمیر غلام محمد صادق ۱۹۷۴ء

اَمہِ علاوٕ چھِ نالہِ ماًر، ژوٗنٹھی کول، چھٔژ کول، کِٹہٕ کول تہٕ شہرکین باقٕے نَدَن تہٕ نالَن تہِ دوٗن ہتھ پیٹھی کدٕل یم ساٗری (کانٹل) Cantiliver ڈِزاینَس پیٹھ بناونہٕ چھِ آمتی۔ پرٛانس أمرا کدٕلس یُس بِذاًتی امیر خان جواں شیر سُند تعمیر چھُ، آوڈوٗگرٕ مہاراج ہری سنگھ ہندِس زمانَس منٛز مرمتھ کٔرتھ اَمکی ٹھٔٹھی چوٗنہٕ سُرخی لاًگتھ پوٗختہٕ بناونہٕ۔ چوٗنہٕ سُرخہِ ستی تعمیر کرنہٕ آمتی ستھ کدٕل یمن وٗنٹہٕ کدٕل تہِ ونان چھِ آے تمہِ وِزِ تعمیر کرنہٕ ییلہِ ناٗوِ دیارٕ پیٹھ نشاط باغ تام ڈلہٕ منٛزی وتھ کڈنہٕ آیہِ۔ سیرٛن ہندی یم کدٕل چھِ منٛز باگ ٹاہرٕ تہٕ شکلہِ کنِ وٗنٹہٕ کمر چالہِ یموٚ پیٹھی صِرف پیدَل پکَن واٗلی یا گٕری سوارِ بیترِ آساٗنی سان پٔکتھ ہیکَن۔ یمَن کدٕلَن چھُ لَداو چوٗنہٕ سُرخہِ ہُند تہٕ کُنہِ کامہِ علاوٕ ڈنگس تہٕ پٔتھرِس سیرِ لاًگتھ۔

کُنوٗہمہِ تہٕ وُہمہِ صٔدی اندٕر ییمہٕ عمارژ سرینگرس اندر بناونہٕ آیہِ تِموٚ منٛزٕ چھےٚ شیر گڈی، رزیڈنسی، ہری نِواس، عجایٔب گر، ہری سنگھ ہسپتال، امر سنگھ کالج، ہائی کورٹ بِلڈنگ، ایس پی کالج تہٕ مہاراج گنج بازرتہٕ شامِل۔ یمَن عمارتَن ہُند طرزِ تعمیر چھُ یوٗرپی تہٕ ہندوستانی فنِ

تعمیرُک امتزاج۔ ڈبل سیرٕ ہن پیٹھ کھارنہٕ آمتیٚن یِمَن مکانن ہنٛدی دوسنہٕ دیوار، خاص طرزٕ کی گول تہٕ پلاسٹر دار برٛانڈَن ہنٛدی تھَمب تہٕ سیرِ دیوارَن منٛز آپرِتھ گرایہِ دار گنہِ تہٕ طاقَن پیٹھ گنہِ محراب چالہِ سیرٕ ہن ہنٛز ڈاٹھ۔ گُنہِ گُنہِ انگریزی رِگرجن ہِوی سنگل لاےگتھ گول ڈالانہٕ داربرٛنگ تہٕ پشَس پیٹھ گنہِ مختلف ڈِزایِنَن ہنٛز سیرٕ ہن ہنٛز گول تہٕ چورس چُمنہِ تہٕ پرٛتھ کمرَس أندرِ گنہِ لبَن منٛز آپرِتھ پوٚحتہٕ بُخارِ بیترِ چھِ تِمن عمارتَن ہنٛدِ گرتُک نموٗنہٕ یمہِ ازبرٛونٛہہ لگ بگ ہَتھ وُری یعنی اَرداہمہِ صدی ہنٛدِس آغازَس منٛز لنٛدن، مانچسٹر تہٕ برٕمنگھم ہِوہن شہرَن منٛز آسہِ۔

مایُسمہِ ہنٛدِس بنٛدَس پیٹھ بناونہٕ آمتی یوٗرپی سیاحن ہنٛدِ باپتھ ڈٕجی دیوأری طرزٕ کی دوکان یِمَن ہنٛدِس دوٚیمِس پورَس سُریہِ دار جنگلہِ تہٕ دُطرفانہٕ ڈالانہٕ دارہیرِ چھےٚ کھأتتھ، چھِ واریاہَس حدَس تام سٹرٹ فورڈس انٛدر شیکسپیَر ہنٛدِس مکانس ستی رَلان۔ یوٗرپس انٛدر محفوٗظ تھاونہٕ آمتِس انگریزی شاعر ہنٛدِس مکانَس تہِ چھےٚ پشہِ کِس ذیٚہَس دٕچھنی کھوٗرِ پارِ چالہِ گیلہٕ کٔڈِتھ۔

توٲریخی لحاظٕ چھےٚ سرینگر شہرَس اوٚکنہِ تہٕ زبردَس اہمیت تہِ کیازِ اَتہِ چھِ کشیرِ ہنٛد ہن کینٛژَن اہم بادشاہَن، شاعرن، بُزرگانِ دینَن تہٕ قوٗمی لیڈرن ہنٛدی مدفن۔ تِمن منٛز چھِ سید شرف الدین بُلبُل شاہ سلطان صدرالدین (رِنچن شاہ) شہاب الدین، سُلطان سِکندر، علی

شاہ، زین العابدین بڈشاہ، مخدوٗم صأب، بہاوالدین گنج بخش، بٹہٕ مالِی صأب، مرزا اکمل الدین بدخشی، میشا صأب، خوشا صأب، سید محمد مدنی، شاہ نیاز نقشبندی، شیخ غلام محی الدین (پٹھان صوٗبدار) مُلا محسن فانی، مُلا آنی، شیخ یعقوب صرفی، بابا داوٗد خاکی، مُلا طاہر غنی، قاضی موسیٰ شہید، خواجہ حبیب اللہ نوشہری، میر واعظ رسول شاہ، نعمہٕ صأب، رحمان ڈار، پیر حقأنی، بخشی غلام محمد، غلام محمد صادق، شیخ محمد عبداللہ بیترِ شامِل۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ سرینگرس اندر مہاراجہ گلاب سنگھ تہٕ مہاراجہ پرتاپ سنگھ سنٛز سمأدتہٕ موٗجوٗد۔ صُفہ شعرا چھُ ڈلگیٹہٕ۔

سرینگرس اندر آو کٔشیرِ ہُند گوڈنیُک سٹیڈیم ۱۹۶۰ عیسوی منٛز بناونہٕ۔ حال حالے چھُ اَتہِ اِنڈور کھیلَن ہُند سٹیڈیم تہٕ بناونہٕ آمُت۔

(کأشُر انسایکلوپیڈیا، جلد:۱)

کتاب نامہٕ:

*Ghai
*Sofi:Kasheer
*Hassan: Tareekh
* Stein: Raj
*Stein: Geog.



# سرینگر ـــــ اکھ ثقافتی شہر

نشاط انصاری

کشیرِ ہنٛز وادی ہُنٛد کلچر تہٕ ثقافت چھَ بیٚن جایَن ہنٛدِ کلچرٕ نِشہٕ بدٕ لان تہِ تہٕ پننہِ نوعیتہٕ کنۍ مُنفرد تہِ۔ یتہِ کس اَتھ مخصوٗص ثقافتس تہٕ تمدٕنس پتھ چھَ اکھِ طرفہٕ ایرأنی تہذیب وتمدٕنک سون تہٕ گون اثر تہٕ دوٗیمہِ اندٕ مُقأمی خوبصوٗرتی، دِل نواز نظارن، خوشگوار آب و ہوا تہٕ معاشرتی رنگارٕنگی ہٕنٛز پوٗرٕ چھاپھ۔ کأشر ثقافتہٕ کہِ امہِ مُنفرد آسہٕ نٕک یوٚتأنی تعلق چھُ کشیرِ ہٕنٛز سأری وادی چھَ پننہِ جایہٕ ثقافتھے ثقافت۔ تِکیٛازِ سہ کُس کارکسب تہٕ ہونر چھُ، یُس کأشرِ ہونرمندن ہٕنٛزِ مُنفرد تہٕ مخصوٗص ہونرمندی ہُنٛد باس چھُنہٕ دِوان۔ تِتھ قالین بأفی تہٕ پیپر مأشی، گبہٕ دوٗزی تہٕ کاغذ سأزی، سوزن کأری تہٕ ایمبرائیڈری بیترِ ہونر چھِ کأشرِ دستکارن ہٕنٛزِ نادر فنکأری تہٕ چرب دٕستی ہٕنٛز پوٗرٕ باوتھ۔ حکیمِ امّت علامہ اقبالن تہِ چھُ کأشرِ دستکارن تہٕ ہونرمندن ہٕنٛزِ چرب دستی تہٕ بے مثال فنکأری ہُنٛد اعتراف کوٚرمُت۔ یِیتہِ کِنِ دستکارن ہٕنٛزِ مہین کأری تہٕ نفاست پسندی وُچھتھ چھُ یہِ چرب دست لفظ علامہ اقبال سُنٛد ے اصطِلاح۔

پننہِ ثقافتی رنگ آمیزی کٔنی چھُ سأنی وادی تمہِ دورٕ پیٹھٕ ملک تہٕ بیرون مُلک باعثِ کٔشش روزمژ۔ یمہِ وقتہٕ پیٹھٕ ایرأنی کلچرن تہٕ ثقافتن ییٚتہِ چہ تمدنی تہٕ ثقافتی زندگی ہندٮ۪ن مختلف شعبن پیٹھ دُور رس اثرات ترٛأوی مٕتی چھِ۔ توے چھِ ییٚتہِ کہِ ثقافتکی دِل نواز رنگ وُچھتھ مُلکی تہٕ غأر مُلکی مورِخ تہٕ سیاح اَچھ پٔز یرأیی کرنس مژ حق بجانب۔ یہِ چھُ واقعہ زِ شھمیری سلاطینن خاص کٔرِتھ بڈشاہی دورس مژ آو وادی اندر اکھ ثقافتی انقلاب تہِ کیاز زِ سُلطان زین العابدین بڈشاہَن اَنأوی ایرانہٕ پیٹھٕ مختلف ثقافتن ستی تعلق تھاوَن وألی کامیاب ہونرمند تہٕ دستکار یمہٕ سرینگر چھِن مختلف بٔسی تیٚن منز مُستقل طور بساونہٕ آیہِ تہٕ ییٚتہِ تمو پننہِ فنکأری ہُند سُہ مُظأہِر کوٚر یمہِ ستی سرینگر شہرٕکی تمہٕ محلہٕ تہٕ بٔسی تیٚبہِ ناماوَر سپزٕ۔ وقت گُذرنس ستی ستی آیہِ سرینگرٕکٮ۪ن تمہٕ نٕے محلن پٮ۪ن پننہِ ثقافتہٕ کہِ مُناسبتہٕ ناو تھاونہٕ، یمہٕ تنہٕ پیٹھٕ از تأنی چلہٕ وُنی رٕوٕ دی۔ مِثالے رٔٹ تو رعناوأری علاقُک بندوق کھار محلہ۔ دپان اتہِ أسی تمہِ قسمکی بندوق تیار یوان کرنہٕ یہُنٛز صفأیی تہٕ گرُت وُچھتھ یہِ گمان اوس سپدان زِ یم چھِ ولایت چھِن مشینن اندر تیار کرنہٕ آمٕتی۔ اارن صأب تہِ چھُ اتھ متعلق ونان زِ بندوق کھار محلُک أمر کھار تہٕ عثمان کھار دوشوے أسی تمہِ قسمکی کأسب تہٕ ہونرمند زِ تہند بو اتھو بناونہٕ آمٕت بندوق اوس ولایت کِس بندوقس تہِ پننہِ صفأیی، ستھرِ یارٕ تہٕ نزاکت کٔنی پیتھ دِوان۔

صراف کٔدلہٕ یُس ضراب خانہٕ ناوٗک لوکٕٹ بازرازتہٕ قٲیم چھُ، سُہ چھُ پنٕنہِ ناوٕچ داستان۔ ونہٕ چھُ یِوان زِ پرانہِ وقتہٕ اُسی اتہِ کیٚژن قسمن ہٕنٛدی تژامو سِکہ تیار یِوان کرنہٕ، توٚے چھُ پنٕنہِ ثقافتہٕ کہِ اعتبارٕ اتھ جایہِ ازتہِ ضراب خانہٕ ناوتہٕ شاید ما آسہٕ ہَن شیر گڈھ مُتصل واقع ٹٲنٛکی پوٚر رِکس محلس منٛز تہِ ٹانٛکی یِوان بناونہٕ تہٕ توٚے آسہِ اتھ بُستی یہِ ناو دِنہٕ آمُت۔

سرینگر شہرٕ کس زٕڈی بلس منٛز یُس علمگٔری بازر چھُ، سُہ چھُ یہِ ثٕہنہٕ وَن دِوان زِ پرٛانہِ وقتہٕ خاص کٔرِتھ چکن ہٕنٛدِس دورس منٛز آسہٕ اتہِ علمہٕ تیار یِوان کرنہٕ، یِمہٕ عشرۂ محرم کِنہٕ دوہَن وادی ہٕنٛزن شیعہ بُسی تیٚن انٛدر رکڈنہٕ آسہٕ یِوان۔

خانیارس منٛز شیشہِ گٔری محلہٕ چھُ یِمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوت زِ کتھ تأنی دورس اندر چھَ اتہِ شیشہِ سأزی ہُنٛز صنعت اُس ہٕژ تہٕ پنٕنہِ تِمے ثقافتہٕ کہِ رعایتہٕ چھَ أزی کِس دورس منٛز تہِ یہِ بستی سیأسی تہٕ جغرافیأیی حالات کیوٚ انقلاباتو باوجود شیشہِ گٔری ہُنٛد محلہٕ آسنٕچ علامت۔

راجوری کٔدل تہٕ صراف کٔدل چہِ بستی منٛز باگ نالہٕ مأرس پیٹھ واقع کمان گرپوٚر چھُ پنٕنہِ تِمہِ پرٛانہِ ثقافتک رازازتہِ باوان، یِیلہِ اتھ کأسِب تہٕ ہونر مند تیٖر کمأنی تیار کرنس منٛز سٕتھے چرب دست چھِ اُسیٚمتی۔ موجودٕ وقتس منٛز اتہِ تیٖر کمأنی نہَ بناوُن چھُنہٕ یِمہِ کتھِ ہُنٛد کانٛہہ تہِ وجہہ بنان زِ اتہ کیٚاہ چھُنہٕ تیٖر کمأنی بناوٕنٕکی کأری گرٲسیٚمتی۔

تِلکیاِ زِ کُنہِ خاص جایہِ ہُنٛد ناوچھُ پنہٕ کُنہِ نتہٕ کُنہِ ہونٛہٕ یا کارکسبٕ کٔنہِ پتہٕ وَتھ پکہٕ وُن روزان۔

سرینگر شہرُک اکھ محلہٕ قلم دآن پور چھُ پیپر ماشی ہٕنٛدِس شعبس منٛز مخصوٗص قسمکۍ اوِلی تہٕ زآوِلی، لؤبہٕ وٕنی تہٕ کاوس ہٹہِ گنٛڈٕنی لایق قلمدان بناونس منٛز ناماورا وسمُت۔ اتہِ یِمہٕ قلمدان تیار آسی کرنہٕ یوان تِمن پیٹھ اَس کٔشیرِ ہنبر فطری خوٗبصوٗرتی ہنٛز پھُلے ہاونہٕ یوان۔

حولس متصل مشالٕی محلہٕ چھُ یِمہٕ پزٕرٕچ نشان دِہی کران زِ پیتھ کالہِ آسہٕ اتہِ کھاندرن کھوندرن منٛز زُوٗل کرنہٕ باپت بجہِ بجہِ رنگین تہٕ تزیین کارانہٕ مشالہِ یوان بناونہٕ۔ یِمہٕ مشالہِ آسہٕ مہرازٕ براٗ ژن ستی گیس لمپو بدلہٕ روشن یوان کرنہٕ تہٕ مشالہِ زُولک سُہ منظراوس وُچھن والٮ۪ن وجدس انان، ییٚلہِ کٔتہٕ کال راٗ ژن منٛز مشالہِ بردار روشنٮ۪ین ہُنٛد جلوٗسہٕ پیٹھ نیران آسی تہٕ اَمہِ منظرُک چھُ مےٚ پانہٕ تہِ مُشاہِدٕ کوٚرمُت۔

یہِ کتھ وٕنی روزِ مناسِب زِ ساٗنی کٔشیر چھَ خطاطی تہٕ خوشنوٗیسی ہندِ لِحاظٕ پیتھ کالہِ پیٹھٕ سیٹھے ناماور روزمٕژ تہٕ ییٚتہِ کٮ۪ن شاعرن تہٕ گونماتن، عالمن تہٕ فاضلن ہٕندی منظوٗم تہٕ منثور کارنامہِ اَسی چھاپہ خانہٕ نَہٕ آسنہٕ چھوِ سہولیتو کٔنی جِلد بند مُسوٗدن ہنٛزِ شکلہِ محفوٗظ یوان تھاونہٕ تہٕ یِمہٕ مُسودٕ روزِہَن تیٚلے محفوٗظ ییٚلہِ تِمن معیاری تہٕ جان قسمٕچ جِلد بٔندی آسہِ ہے کرنہٕ آمٕژ۔ تہٕ یہِ کاٗم اَس جامع مسجد نزدیک واقع جِلد گر محلس منٛز

زبر پأٹھی انجام دِنہٕ یوان۔

أزی کس دورس منز یوٚ دوَے مشینوٕ ستی بناونہٕ ینہٕ وازِنی چھلنہٕ چھوکنِچ صابن نبر پیٹھہٕ یورواتناونہٕ چھہٕ یوان، اماسہ تہٕ اوس زمانہٕ ییلہٕ سرینگر فتح کدلس منز واقع صابن دوری محلہٕ صابن سازی ہندی کارخانہٕ چھہٕ أسی متی۔ قبأیلی ریڈ پتہٕ تہٕ أس سو کأشر پلو صابن کشیرِ ہندین گامن گٔژھن، سرین تہٕ شہرِ خاص منز یسلہٕ پأٹھی اِستعمال یوان کرنہٕ۔

کأشرِ زبأنی منز چھُ اکھ محاورٕ "گنزٕ لس گڑھنی" تہٕ سرینگرٕک اکھ محلہٕ چھُ امے گنزٕ کھوڑ ناوَے ازتہٕ مشہور۔ تکیاز اتہٕ اوس خام چمرٕ تیار کرنہٕ باپت یہٕ مال گوڑ کھومبس یوان تراونہٕ، یمہٕ کس نتیجس منز اتہٕ گنزٕ أسی لسان بسان۔ تتھے پأٹھی چھہٕ شہرِ سرینگرٕچ بیاکھ بستی چمردوری۔ اتہٕ اوس پتھ کالہٕ گپنن بیترِ حیوانن ہُند چمرٕ مسالہٕ رنگنہٕ یوان۔

گووکدلس نزدیک یُس شورٕگری ناوُک محلہٕ آباد چھُ، سُہ چھُ یمہٕ کتھہٕ ہُند باس دِوان زِ بندوقن، بنگ گولن تہٕ آتش بازِ منز کامہِ ینہٕ وول شورٕ بورٕ داوس اَتی تیار سپدان۔ امے ملسابتہٕ چھُ اَزتہٕ اتھ بستی شورٕ گٔری محلے ناو۔

سرینگر شہرٕچ بیاکھ اکھ مشہور بستی چھہٕ روشن گر محلہٕ، یتھ متعلق ونہٕ چھُ یوان زِ اتہٕ أسی روپہ سندین چیزن جلا دِنہٕ وألی دستکار

بسان۔ حبہٕ کدلُک بانہٕ بٹ محلہٕ چھُ یمہٕ کتھہِ ہنٛز ژینہٕ وَن دِوان زِ کرتانی اَسی اتہِ پننہِ نوعیتکی معیاری کترٕو بانہٕ بناونہٕ یوان، یمہِ کنہٕ اتھ پتہٕ بانہٕ محلہٕ ناو پیوٚ۔

سازٕ گری پوٗرچھُ حولس متصل پننہِ ناوٕ کہِ رعایتہٕ ہاٗیتھ دِوان زِ اتہِ اَسی گرٕبن ہٕندی ساز بناونہٕ یوان تہٕ امہِ علاوٕ آسہٕ اتہِ چہٕ تمہٕ سازٕ گرِ مشہوٗر ییمہٕ مہرٕنبن ساز آسہٕ کران۔

کترٕوبن بانٕن منٛز چھُ اکھ بانہٕ ذات ''چنہٕ''۔ یمن اندراوس تیلہٕ بتہٕ کھبنہٕ یوان۔ دپان چھِ زِ حبہٕ کدٕل کہِ چنہٕ کرٕال محلہٕ چہٕ چنہٕ آسہٕ سبٹھے ماٗری منٛزٕ تہٕ پاید ار آسان۔ توَے چھُ یہِ محلہٕ پٔنن قدیم ثقافتی ناو ازتہِ رٔژھرِتھ۔ تِتھے پاٗٹھی اَسی نوِٹس منٛز کمہِ تانی وقتہٕ دبہٕ ڈٔری تہٕ خوٗبصوٗرت نٹ بناونہٕ یِوان۔ فتح کدلہٕ کِس قرٕ پھٔلی محلس اندر اَسی مزٕ دارقرٕ کٔنہٕ یوان۔ نعل بند پور چھُ ہاٗیتھ دِوان زِ اتہِ چھِ گرٕبن ہٕندی نعل بناوَن واٗلی لسان بسان اَسی تہٕ۔ نابد تیار کرٕنس منٛز معیاری قسمُک شاہی نابد اوس زٔڈی بلہٕ کِس نابد پوٗری محلس منٛز تیار کرنہٕ یوان۔ رزٕ گری محلہٕ اوس مضبوط قسمہٕ چھِن رزن ہنٛدِ باپت مشہوٗر۔ تِتھے پاٗٹھی آسہٕ قدیم دورس منٛز کاژٕ گری مسجدِ ہنٛدِس محلس منٛز کاژٕ بنگرِ تیار یوان کرنہٕ۔ توَے چھُ یہِ پننہِ امہِ ثقافتہٕ کنہٕ ازتہِ امے ناوٕ ؤنس تل۔

امہِ سرسری فہرستہٕ علاوٕ چھُ اَزی کِس یتھ سأنس دورَس منٛز

سرینگرِ چھِ رنگا رنگ بستی منز وارِیہَن جاین روپہٕ سُندی زیور، بانہٕ تہٕ چاندِ ہ ڈیکوریشن سامانہٕ نگینہٕ سأزی، کاغذ گری، نمدٕ سأزی، کپڑ پرنٹ کرِنچ تہٕ ترامہٕ بانہٕ بناونچ صنعت، پٹو بافی بیترِ کارکسب تہٕ اتھٕ کامہِ چلہٕ وُنہٕ۔ یمو تمام کتھو تلہٕ چھُ واضح سپدان زِ کشیرِ ہنٛز رازدأنی سرینگر چھُ بڈشأہی دورٕ پیٹھٕ از تام یُزی کنٛز اکھِ ثقافتی شہرِ مُلکس اندر نامادر تہٕ یہٕ شہر چھُ پننہٕ عظیم ثقافتکی کینٛہہ کینٛہہ نمونہٕ پیش کرِتھ پنٛن شاندار ییتھ کال ہأیتھ ایرأنی ہونرمندی، کار، کسب تہٕ ثقافتکی بہترین نموٗنہٕ بروٗنہہ کُن أنتھ کأشرین ذہنَن ہنٛز عظمت تہٕ اتھَن ہنٛز نوزکی تہٕ کمالات ہاوان۔



# سری نگر ـــــ میٖانہِ لوکچارُک شہر

ارجن دیو مجبوٗر

تہٕ اوس ۱۹۳۱ عیسوی ییٚلہِ بہٕ پَرنہٕ موکھہٕ زأنہٕ پوٗرٕ پیٹھہٕ شہر وٕتھٕس۔ سأنِس گامس منز اوس فقط اکھ بایِز پرایمری سکول تہٕ میٖأنِس مألی صأبس أس میٖانہِ پرٕنچ سَخ فِکر۔ مےٚ چھُ سُہ دوہ کالکہِ بتکی پأٹھی یاد۔ ییٚلہِ بہٕ گامہٕ چہِ أخری بونہِ تَل سارِٕوے گرٕ کھوٚ مایہِ سان سرینگر روانہٕ کوٚرُس۔ یہِ دوہ اوس میٖانہِ خأطرٕ دِلچسپ تہِ کیٛازِ بہٕ اوُسُس نہٕ اَتھ دَمس تام زانہہ تہِ سرینگر وٕتھمُت۔ تیٚلہِ أسی سرینگرس شہرٕ ے وَنان۔ بہٕ اوُسُس عجب مُخمصس منز زِ شہر کیُتھ آسہِ، لُکھ کیٛتھی آسن، کمن لٕڑکن ستیٚ آسہِ مےٚ وٕتھُن بہُن تہٕ خبر شہری لہجہِ گرٕشہِ مازٕنتس۔ دوٚیمہِ طرفہٕ اوُسم نٕوی چیزٕ تہٕ نَوِ جایہِ وُچھنُک سَخ شوق۔

تتھ زمانس منز آسہٕ بسہٕ کم۔ بسَن أسی تیٚلہِ لأری وَنان۔ لال چوٚکس منز اوس بوٚڈ ٹرانسپورٹر الائیڈ چراغ الدین اینڈ سنز۔ یہِ ادارٕ اوس شہرٕ پیٹھہٕ جوٚم تہٕ راول پِنڈی گاڈِ سوزان۔ ٹرٛکہٕ آسہٕ نہٕ خاص کینٛہہ۔ مُقأمی ٹرانسپورٹ اوس لوکچہِ لُہری (لأری)، یمن بروٚنٹھہٕ زٕ سیٹہٕ زٕ تچھہٕ آسہٕ آسان تہٕ پتیٚ کِنیٚ آسہٕ اَرٕ وَراکھ أکِس مقابلہٕ زٕ تچھہِ زٕ سیٹہٕ

آسان۔ منزس اَس کاَفی کھُلہٕ جاے آسان، یتھ منز سوارِ کٹن ہٕندی پاٹھی برنہٕ یوان آسہٕ۔ ویچہٕ برارِ اوس اَسہٕ لارٕی پرارُن پیوان۔ پادشاہ باغس یپارِ اوس بونہٕ باغ اَتھی منز اَسی، اَسی گانٹہٕ وادن پڑاران۔ گاڈی میلنس اَسی ونان گاڈی سدٕنی۔ سیدٕ ے یہٕ لارِی تہٕ واہ، نتہٕ اوس واپس ویچہٕ بیور یا زبل پور، کانسہٕ اَشناوس نش گرشُن پیوان، یتھ زَن دوٕیمہٕ دوہہٕ گاڈی میلہٕ ہے تہٕ شہرواتہٕ ہَو۔ گھیے اَس دٕستی گاڈی میلان تہٕ گھیے اوس گانٹہٕ وادن پیارُن پیوان۔ تمن دوہن اَسی ویچہٕ برارِ پیٹھہٕ شہر تام گاڈِ کراے شےٚ آنہٕ ڈبل مگر یم شےٚ آنہٕ چندس آسنہٕ اَس بڈٕ کتھ۔ اَسہٕ اَسی گرِ کی ماہوار خرچ اکھ روپے دِوان۔ ترٕے پونسہٕ ڈبل اوس ماہانہٕ فیس تہٕ باقے پونسن اَسی گھیے رِسس منز گرٕ مُتھ کھیوان تہٕ گھیے ڈبل پونس زامُت دودٕ کھوس، گورِس نِشہٕ مُلی انان۔ سروجر اوس سبٹھاہ، اما پونسہٕ اوس نایاب۔ آبادی کم، چیز کم، سبز ریزر، کُنہٕ قسمُک نہٕ خوف یا ڈر۔ یُس سمکھِ تَس سٕتی کتھاہ باتھاہ کھُلہٕ ڈُلہٕ۔

ییٚلہٕ لارِی ریذیڈنسی روڑ وٕ اَژمےٚ پیٚہٕ دارِکنہٕ نظر، اتہٕ اوس نہایت آرٹسٹک اندازس منز گرٕ نہٕ آمُت ہٕچو سفید رنگہٕ گرٕ کھڑا۔ یہٕ گوس یہٕ نہایت خوبصورت گرٕ وُچھتھ حارٕتس۔ ژکہٕ اوس یہٕ اکہٕ فرمہٕ ہُند اشتہار مےٚ اوس بُہری کٕدل واتُن، ییٚتہٕ مےٚ گرِ کھوٚ ڈیرٕک بوٚند بَس کوٚرمُت اوس۔ بٕ کھوٚتُس پڑالہٕ بَس اڑہ بودٕشہٕ بٕہہ پکتھ ٹانگس تہٕ

ووٗتس بُہری کۍڈل۔ مےٚ آو کأنی پو ہرس پٔٹھ کِتابہٕ تھوٚنہٕ موکھ اکھ ڈیسک نُما صدوق دِنہٕ یتھ منٛز مےٚ کِتابہٕ بیترِ چیز تھوٚو۔ کأپی آس ژوٚن یا شیٚن آنن یوان۔ اکھ آنہٕ اوس ژوٚن پوٗنسن ہُنٛد۔ تہٕ ڈبل پوٗنسس آسی زٕ أڑی پوٗنسہٕ میلان۔ قٕلی چہِ وۄراوس أڈِس تہٕ ڈبل پوٗنسس تہِ اما پۄز ڈبلیٚن ژوچہِ وۄراوس کأفی بۄڈ آسان۔ مسلمان کانٛدٕری آسی بٹن ہندِ کھوتہٕ بڈی تیل ؤری بناوان۔ ڈبل پوٗنسس آسی شُراہ ٔبدی ہا کھ یِوان۔ ندٕری گیڈ آس ژوٚن آنن، ماز اوس روپیہِ کِلو تہٕ مُشکہٕ ٔبدی جہِ ہنٛز توٚملہٕ خار آس فقط ترٛٮ۪ن یا ژوٚن روپیٚن میلان۔ گامہٕ پٔٹھہ آسی گُری وألی توٚمُل ہٮ۪تھ کوچہِ کوچہِ پھیران آسان۔ وانگن آسی گوڈٕ ڈبلس زٕ تہٕ پیتہٕ داہ تام آسان۔

بہٕ آس دِلاور خان گورنمنٹ ہائی سکولس منٛز شیٚیمہِ جمأژ منٛز درٕج کرنہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوٗسس بہٕ پٔتٕمبن بنٛچن پٔٹھ بہان تہٕ پتہٕ ییٚلہِ مےٚ تھوڑا بہت قأبلیت ہأو مےٚ آو گوڈنِکس بنٛچس پٔٹھ بہنک اِجازت دِنہٕ۔

اتھ دورس منٛز اوس ''شہر'' سبٕٹھاہ ژھوٚٹ۔ أمی آسہٕ نہٕ لنگ لنٛجہِ وہرِ منٛز۔ کانٛہہ تہِ نٔو بستی آس نہٕ بارسس آمٕژ۔ اما پۄز وزیر باغ بیترِ اوس بٔنن ہیوٚتمُت۔ گوڈٕ وُچھ مےٚ پَربت۔ ہمسایہ لڑکہٕ آیہِ تہٕ ڈزناوِکھ آسی یۄہے ۵ بجے صُبح ہیۆ۔ مےٚ وُچھ جبہ کۍدلہٕ تہٕ گنپت یارٕ پٔٹھہ پھیرٕن لأگتھ تہٕ ہۆل گنٛڈِتھ نَنہٕ وارٕ بٹنہِ بڈ شُرداپہ سان

پربت گژھان۔ وَہی ! کتہٕ ہن تم دوہ واپس۔ یمہٕ بٹنہٕ آسہٕ پاٹھ پران پَران ہری کیٚدلی ترِتھ پتہٕ سنگین درواز کنۍ اندر اَژِتھ گنیش جیس پوزا کران۔ پتہٕ ژکری شور مندر کین ہیر پاوہن کھسان۔ تتہٕ پوزا کرِتھ پتہٕ ناران کولن مندر واتان تہٕ پتہٕ کاٹھی درواز کنۍ واپس پننہن پننہن گرن گژھان۔ مےٚ اوس سُلی چکرس نیرُن سٹھاہ خوش یوان۔ ہوا اوس ماچھ ہیوٗ تہٕ جانہٕ وَربولہِ آسہٕ ژہتھ شوٗژ راوان۔

بڑی دوہ اَسی بڑ عقید تہٕ سان مناوان۔ بہٕ ییلہِ سکوٗل گژھان اوسُس بہٕ اوسُس شاہِ ہمدان صأبنہِ اَستانہٕ کنۍ دوہے ڈیڈ تلی نیران۔ بہٕ ڈیڈی اَس مےٚ سٹھاہ خوش کران تہٕ بہٕ اوسُس اتھ پیٹھ لیکھتھ عربی عِبارت پرنچ کوٗشش کران۔ ستی اوسُس منگان زِ سبق گوٚژھم ٹھیک پاٹھی یُن تہٕ ییلہِ امتحان آسہٕ ہے بہٕ اوسُس اَتھ ڈیڈِ تل ٹھہرِتھ پاس گژھنہٕ موکھ دِلس منز کیاہ تام بڑ آرزٕ سان منگان۔ شاید چھُس نہٕ بہٕ اَوے زانہہ تہٕ کُنہِ امتحانس منز ناکام سپدمُت۔

زأنہٕ کیٚدل وُسن، تتہِ ناوَن، بہٕژن تہٕ شِکارہن تماشہِ وُچھُن اوس میون پرٕ ہتھ دُہک مشغلہٕ۔ زأنہٕ کیٚدلس نکھہٕ اَسی کتہٕ قسمکی ہوٗکھ ہنٛز وانن الوٗند آسان۔ مصالہٕ مُشک اوس ژھٹہٕ ماران تہٕ ''دوٗلأ لہٕ دوٗلأ لہٕ'' آواز بوٗزِتھ اَسی لُکھ خاص کرٕ لڑکہٕ رُما کھینہِ لاران۔ اَپأری گیوٗ مہاراج گنج کُن چکراہ دِیُن۔ یہٕ بازر اوس تمن دوہن تجارتُک مرکز۔ گامن تہٕ قصبن اوس اَتی پیٹھ تھوک مال روانہٕ کرنہٕ یوان۔



سرینگرس منٛز اکھ پرٛ ون ہیٚلتھ سینٹر



لُکھ سرینگرٕ کِس أکِس بازرس مٔنز میوٕ کٔنان



 دٔ ریایہِ جہلِمس پیٹھ روزن والبن لۄکن ہُنٛد نظارٕ

چاے، نۄن، کھنڈ، مصالحہ، کپڑ، ٹرنک، وردن تہٕ کتابہٕ پڑتھ کانٛہہ چیز حاضر تہٕ سستہٕ تہٕ۔ اَمہِ وَقتہٕ اوس اَتہِ علی محمد نور محمد بُک سیلر دُکان سٹھاہ مشہوٗر۔ مہجور، آزاد، صوفی شاعرن تہٕ باقے کاشرٕ بن دلیلن ہنٛزٕ کتابہٕ آسہٕ اَتہِ اَکس یا دون آنَن ڈبلن میلان۔ دکاندارن ہٕندی زٕ ہٕنٛتھی بہی کھاتہٕ، درسی کتابہٕ، مذہبی کتابہٕ تہٕ سٹیشنری اَس اَتھ وانس پیٹھ سولبہٕ سولبہٕ دَسیاب۔ اَتھ جایہٕ اوس بڈ شہٕن مقبرٕ یتھ پیٹھٕ گنہٕ گول گنبز دۄ رِ پیٹھٕ بوزنہٕ یوان اوس۔ یہٕ جاے وُچھ مے پوٗرٕ پاٹھی اَندرٕ نٔبرٕ واریاہِ کالی تہٕ لیٛوٗکھم اَتھ پیٹھ مضموٗن کتھ تام اخبارس منٛز۔

یہٕ اوس شخصی راجُک زمانہٕ تہٕ لکن منٛز اوس آزادی ہیترٕ بیدأری ہٕنٛد احساس ووتلان۔ شہرس منٛز اَسی غریب تہٕ بسان تہٕ اَمیر تہٕ۔ سأٲنی اَسی یوان اماپۄ زنٛیرم۔ پننہِ مُلکی کمے۔ شاید آسہِ ہےٚ نہٕ تِمن تہٕ مأٲلی حالت کشیرِ سأل کرنُک اِجازت دِوان۔ مارتنڈ تہٕ پتہٕ دیش، پتہٕ خدمت، ہمدرد، روشنی ہیترٕ اخبار اَسی چلان۔ لُکھ اَسی نہٕ زِیادٕ تر اخبار پَران۔ چھپان تہٕ اَسی کم تعدادَس منٛز۔ اکھ پنجأبی ہاکراوس، مہجوٗرُن، کلام وَتہِ وَتہِ گیٛوتھ تہنٛزٕ ۱۶ یا ۲۴ ورقی نظمہٕ کتابہٕ آنس یا دون آنَن کِنان۔ گرَن منٛز اَسی گراما فون آسہٕ تہٕ مہجوٗرسٕنٛد بأتھ —— ''باغِ نشاط کے گلو، نازکران کران ولو'' اوس عام سپُد مُت تہٕ یہٕ بأتھ اوس کأشرِ زبأنی ہنٛدِ احیاے نۄکٕ ...... (Renasance) پےٚ دِوان۔ گرَن منٛز اَسی سأری کأشر بولان۔ سکوٗلن منٛز تہٕ اَسی سمجاونہٕ وِزِ ووستاد کأشر

زبانٕژ ہُنٛدٕ ے استعمال کران۔ فضیحت یا ہیچھ ناوُن تہٕ اوس کأشرِ پأٹھی۔ ووٚنی اگر کانٛہہ جوان ووستاداہ حال حالے بٕرتی گژھتھ ییہ ہے، سہ اوس مَنٛزی انگریزی جملا بوٚلِتھ پنُن رُعب بیہناوان۔

دِلاور خان نِس باغس منٛز یُس ہائی سکوٗل اوس تتھ آو پتہٕ ملٹی پُرپز (کثیر مقاصِد وول) سکوٗل ناو کرنہٕ۔ ییہ سکوٗل اوس آبادی نِشہِ لوٚب تہٕ أندی أندی أسس مأر کول۔ اپارِ گنہِ اوس منگلیٖن (منگلیشور بأرو) شہرس أس أٹھن دشاین أٹھ بأر دقایم۔ یم بروٚنٛہہ کالہِ شہرس غیبی پأٹھی رأچھ کران أسی۔

مأر کول أس سٹھاہ خوبصورت تہٕ اتھ آسہٕ شِکارِ ژھٹہٕ شِکارِ تہٕ گہےلو کچہِ بہژ تہٕ پکان۔ اَمہِ کولہِ ہُند ذِکر چھُ راج ترنگنی منٛز تہٕ آمُت۔ اما پوٚز بدل طریقہٕ تہٕ گوٚ زِ شہرس أندی أندی یوسہٕ نہر أس تتھ پیٹھ أسی مکانن ہٕندی براندٕ یا صحن آسان تہٕ شِکارِ آسہٕ آسأنی سان محلہٕ کین مکانن تام سبزی بیترِ چیز واتہٕ نأوِتھ ہیکان۔ یتھٕ پأٹھی اوس سورُے "سری نگر" پیرس ہیوٚ Paris پرزلان آسان۔

پَتہٕ روٗزنہٕ ساریے مأ گُنہِ۔ تتھ پیٹھ چھِ اَز بازر تہٕ مکانہٕ، تہٕ گنہِ جایہ سڑکہ تہٕ۔

شہرس منٛز آسی بڑی دوہ بڑ شانہٕ سان مناوان۔ خاصکرِتھ أس سونٛتھ اژوٚنے بادم وأر شولان۔ بادم وأر أس ژکری شورس نکھ پربت چہِ قلایہِ اندر لگان۔ حلوأے، گأری وألی، ندرِی موٗنجہِ تہٕ پوراٹہٕ

کینن وآلی اٚسی پٔنٕنۍ وان سجاوان۔ بے روک ٹوک اٚسی شہرٕ کی لۆکھ
یارن، دوستن، آشناون ہِتی بادم گُلبن تل جمع گژھان۔ گُلو پٮ۪ٹھ اوس
ورٕشن سپدان۔ پوشن ہنٛز خوشبوے اٚس گوشن گوشن عطٕر ملان تہٕ دِلن
آس اکھ عجیب فرحت نصیب سپدان۔ سماوار اٚسی منٛزس گژھان۔ گاٚری
کھٮ۪تھ اٚسی لۆکھ قہوٕ چوان۔ اِدٕیُس پیہٕ ہے سہٕ، اِنکار اوس نہٕ کانٛسی،
پانہٕ واٚنی اٚسی بوس ژھانٛژہٕ ناوان۔ شُری اٚسی ژھالہٕ ٹُلان تہٕ ٹِکہٕ واوجہٕ
نژناوان۔ کیٚنٛژن چھتن پٮ۪ٹھ اٚسی رنگدار پتنگ تہٕ نظرِ گژھان۔
باسان اوس سورُے شہر چھُ وولسنس آمُت۔ مےٚ چھِ بادم وارِ ہنٛدی تم
وورسہٕ اٚچھن تل تہٕ اَز چھُم وُنتھ، ڈل، پربت، اَچھِ وَل، اٚہربَل تہٕ
پہلگام یاد پٮ۪تھ، واٚنجہِ تِلہِ تُلٕیٖن لگان۔ امایہ زمانہٕ کوٚت گوٚ تہٕ تتھ مایہِ،
محبتس تہٕ سبزرس پزرس کوسہٕ آگر چھُنہٕ ژٕج پٔنٛجن منٛز ہٮ۪تھ۔ اَز نہٕ
مایہ، نہٕ محبت نہٕ ہمدردی نہٕ خلوٗص نہٕ فراغت۔ حسد، کاٚکرٕ گی تہٕ
کاٚپھٕن کلہِ کوٚژمُت۔ گرٕ پھٕٹٕ ہتی، فقط اللہ پوٗنسہٕ تہٕ یا اللہ پوٗنسہٕ۔
ساری رِشتہٕ پوٗنٛسٕس اٚدٕ ہن۔

بادَم وارِ پتہٕ اٚسی ہتی ویشٕ کی لگان۔ ڈلس اٚسی تار دِتھ نِشاط
شالہٕ مارتہٕ ہاٚروَن واتان۔ ڈل اوس صاف تہٕ شفاف۔ ہاٚنز اٚسی خدا
ترس۔ ناوِ کھوٗرالہٕ وُنے اٚسی ونان۔ خدایہِ واوِ نِشہِ رٕچھی زِتہٕ وارٕ کارٕ
اٚنی زِ واپس۔ بسَن ہُند چلن گو ہنا پتے شروع مگر لُکھ اٚسی زیادٕ تر
شِکارٕ ہن منٛز باغن پھیرنہٕ گژھان۔ رٕتی تہٕ صاف پلو پوشاک، گُنہٕ قسمٕچ

نہ فِکِر یا پریشانی۔ غریب غریب پأٹھی تہٕ أمیر امیر پأٹھی۔ سونہری، رنگدار تہٕ پھُلیہٕ متِس ماحولس حظ تُلان۔

مخدوٗم صأبُن وورُس آسہِ ہے یا شاہ ہمدان صأبُن ریشی پیرُن دوہ آسہِ ہے یا میشا صأبُن (زٕنی وور) وورسہٕ یا تُلہٕ مُل وٕسُن۔ سأری أسی گمہِ لولہٕ تہٕ مایہِ ئمن جاین واتان۔ پوٗزایہ تہٕ عبادت کران۔ یہِ منگُن آسہِ ہکھ تہِ منگان۔ کانہہ اولاد، کانہہ نوکری، کانہہ بیمارِ نشہِ نجات تہٕ کانہہ کارٕ بارس سبزر۔ سُلہِ نیران ژیری یوان، کُنہِ قسمٕچ نہٕ پریشانی۔

لُکھ أسی اکثر سیٚود ساد زندگی بسر کران۔ دفتر وألی أسی قمیض پأجامہٕ تہٕ کوٹھ لاگان۔ صافہٕ أسی گنڈان۔ پھیرن اوس گرِ تہِ لاگنہٕ یوان تہٕ نیٚبر تہِ۔ فرق أس یہِ زِ نبر گیٚو رفل پھیرن ناہ لأگتھ نیرُن۔ دٕہن روپٕین اوس پھیرن پوٗژھ یوان۔ بوٗٹ گیٚو پانژٕ پیٹھہٕ نٕون روپین تام۔ وندس أسی پکو درکار آسان۔ وجہ اوس یہِ زِ شین اوس پیوان تہٕ ترٕ أس ووتھان۔ کوٗٹھس پیٹھ أسی أسن وألی اوورکوٹ لاگان۔ عام لُکھ أسی پھیرنس تَل پھمبہٕ پوٗسی تین، سٔدری تہٕ کأشرِ ییرٕچ بنیان لاگان۔ ژادر أس لأزم کتھاہ۔ خوجہِ أسی دُسہٕ ولان۔ درمیانہٕ لُکھ کنٕدِ دار ژادر۔ توٗسی رنگہٕ ژادر أس بڈٕ چاوٕ سان وٕلنہٕ یوان۔ گامن منٛز أسی دُپچِل ژادر تہٕ کأشرِ پٹیک لوچھ تہٕ کھدرِ پوٗژھ لاگان۔ گامَن کیو شہرن منٛز أسی ربڑٕ بوٗٹ تہٕ پتہٕ ڈک بیک بوٗٹ لاگان۔

میٲنس زمانس منز اوس پٕلہٕ ہارِیُک اِستعمال جاری۔ شہرس منز ٲسی کوژھل تہٕ موٗزوٗر پیٚزٕ ہُند یا کرشمہٕ ہُند، زٲوی جن رزن ہُند پٕلہٕ ہوٚر لاگان۔ گامن منز گیٚو وگاسُو ویوٚٹھ پوٚٹھ پٕلہٕ ہورتہٕ پاٚتو۔

''راوُن'' اوس چاند مارِ منز زالنہٕ یوان۔ ٲسی ٲسی اور ٹانگس کنٕتھ گژھان تہٕ سڑکہِ پیٹھ راوُن زالنُک تماشہٕ وُچھان۔ اَتہِ ٲسی پژٕتھ مذہبکۍ لُکھ آسان۔ شہرس منز ٲسی ٹانگہٕ چلان۔ سائیکل اوس آمُت تہٕ سرکاری مُلازِم ٲسی سائیکلن پیٹھ دفتر گژھان۔ ریشم خانہٕ اوس چلان ییٚتہِ قریب ترٛےساس موٗزوٗر ریشمہِ کاٗم کران ٲسی۔ ریشم خانٕچ چکھ تہٕ پَرٕنچ دُپہرِچ توف ٲس مشہوٗر۔ راٗژہنزٕ نوٚبجہِ اوس بجلی بتہٕن وونیچ ہناکم گرِتھ وَننہٕ یوان زِنوٚ ہسا بجے یہٕ۔ ۱۹۳۵ عیسوی پتہٕ آسہٕ عالمی جنگچہٕ خبرِ بوزنہِ تہٕ بوزناونہِ خوش کران۔ سون ڈیٚر وول اوس محلس منز ٲکِس باثروَت گرٕ واٗلِس نِش گژھتھ شامَن خبرٕ بوزان تہٕ پتہٕ اَسہِ ونان۔ اَز پھاٹہٕ نو وانگریز و جرمن جہاز، اَز سپُد یہِ تہٕ اَز سپُد تہِ۔ اخبار ٲسی نہٕ گامن نظرِ یوان تہٕ ریڈیو ہچ ٲس نہٕ کتھے۔ کارٕ آسہٕ بڈٕہن باپارٕہن تہٕ اَفسرن نصیبہٕ۔ فون تہِ اوس ہتھِ نٕے لُکن آسان۔ تارگر ٲسی، اما پوٚز تارٕ آسہٕ کو خبرٕ مانہٕ یوان۔ خال کانٛسی ٲس تار واتان اِدٕ رٕژٕرٕچ آسہِ ہے یا غمٕچ۔ صبحَے آسہٕ ہاکہٕ پَچہٕ ہٕبتھ دانٛر بابہِ بازرن منز واتان تہٕ قسمہٕ قسمہٕ ہاکھ کٕنان۔ پَچ وان ٲسی کم۔ کوکروان تمہٕ کھوتہٕ کَم۔ لُکھ ٲسی کوکرتہٕ کوکرِ گرَن منز رَچھان۔ داں مشینہٕ آسہٕ جاری

گاٗمژ تہٕ شہر کٮ۪ن أس رَسد میلان۔ دانہٕ، توٚمُل تہٕ زِنٛی رسد۔ یہ اوس نہٕ پوٗرٕ پھوان تہٕ بازرٕ أسی یِم چیز ہنادروٗ گی۔ ڈیرٕ چھہٕ مُشکِلی سببہٕ أسی نہٕ گاٗمکی لڑٕکہٕ زیادٕ پٔرتھ ہٮ۪کان۔ ہائی سکول گیو وٕطے، تہٕ کالِج أسی نہٕ کُتھے۔ کُل بٕل أسی شہرس منٛز ژٕ ہائی سکول۔ دلاورخانٕن تہٕ ایس۔ پی۔ سکول تہٕ ژٕ کالج۔ ایس۔ پی۔ کالج تہٕ امر سنگھ کالج۔ سانہٕ وِزِ أس نہٕ Co-Education یکوٹہٕ پرٛنٛک چلَن۔ کورِ سکوٗل أسی الگ تہٕ سٮ۪ٹھاہ کم۔

ہوٹل تہِ أسی نہٕ زیادٕ۔ سیاح أسی ہوٗس بوٹن منٛز روزُن زیادٕ پسند کران۔ ہوٗس بوٹ کریوٗکھ رٮ۪تس پیٹھ ٹِک تہٕ مختلف جایَن آیہ پھیرِتھ۔ کھٮ۪ن اوسُکھ ہوس بوٹ ووٕلے تیار کٔرِتھ دِوان۔

جَلسن جلوٗسَن ہُنٛد دور اوسُن شروع ہیوٚتمُت گژھُن۔ مےٚ چھِ پانہٕ واریاہ جلوس وُچھمٕتی یِم شخصی حکمرأنی بدل عوأمی راج منگان أسی، تہٕ گٮ۪وان أسی

سر کٹانے کی تمنا اب ہمارے دل میں ہے
دیکھنا ہے زور کتنا بازوے قاتل میں ہے

شہرس منٛز أسی سٮ۪ٹھاہ کم دواہ وان۔ محلہٕ پٮ۪تھ جوراہ تارٕ تہٕ بَس۔ حکیم أسی طبی علاج کران۔ اور أسی لوٗکھ زیادٕ گژھان۔ پرائیویٹ ڈاکٹر تہِ أسی سٮ۪ٹھاہ کم۔ بیمارِ آسہٕ نہٕ زیادٕ۔ مُنٛزی مُنٛزی اوس گرمَس منٛز کالراہوان گلہٕ کڈُن مگر دبودب أسی سارِنٕے گرِ کٮ۪ن تہٕ سوٚکوٗل

لڑکن انجکشن کرنہٕ یوان۔ تہٕ بیمارِ اوس روٗٹ سپدان۔ نلکہٕ آب اوس صاف تہٕ آب اوس ژوٗوُہ گنٹہٕ جأری۔ بجلی تہٕ اُس نہٕ بند گژھان۔ لڑایہِ جگرٕ، ژوٗرِ سبٹھاہ کم۔ اگر کأنسہِ دَب لجوو تہٕ سأری بازر وألی أسِس اسناہ تراوان۔ مگر ژٕتی لگھ تہِ اُسی نہٕ کم، تم اُسی تس ٹلان۔ پکو دِنان، تریش چاوان، دوادور کران تہٕ گرٕ واتہٕ ناوان۔

ووستاد اُسی دلچسپی سان پَرناوان۔ مضموٗن تہِ اُسی کَم۔ یَتھ سکوٗلس منز سائینس اوس نہٕ تَتہِ گیوٗ وشیٖمہِ جمأژ پیٹھٕ انگریزی، تہٕ امہِ علاوٕ حساب جیومیٹری، ہسٹری، جغرافی، اُردو، ڈرائینگ تہٕ فارسی یا سنسکرت۔ زیادٕ تر اوس یمنے مضموٗنن ہُنٛد چلے جاو۔ سائنس اُسی کمے لُکھ پران تہٕ اَمہِ کہِ پرناونچہِ سہوٗلژ آسہٕ کَم۔ گامن منز نہٕ کہیں۔ ووستاد اُسی گرِچ کأم بوزِتھ ہوان۔ سارے کلاسچہٕ کاپی آسہٕ ووستادَن نِش لڑکو ژٕسی واتہٕ ناونہٕ یوان تہٕ چک Check کرناونہٕ یوان۔ لڑکہٕ تہِ کَم تہٕ ووستاد تہِ۔ ہیڈ ماسٹر سُنٛد ہأبتھ اوس سخ آسان۔ اکہِ دوٗہہ دوٗپ مےٚ کھیل کرنہِ وَسہٕ نہٕ۔ بہٕ روٗدُس دارِ کنٛی کھیلہِ ہُنٛد تماشہِ وُچھان۔ اماپٔتی کنٛی گیہ بڈٕ اتھ دُدرٕ تھاپر تہٕ چوٗنی مےٚ آو گیوٗ رہیوٗ۔ شری شام لال صراف اوس ژکھ بہٕ گوس روٗزِتھ۔ ووستادن اوس تنخاہ کم۔ ادے اُسی تم منٛز سکوٗلن منز رِسس بأگی یا کأم نہٕ آسنہٕ موکھ ژرٕ نگاہ کران۔ سیکہٕ تُجہِ بُزِتھ کھوان یا چاے چوان۔

سوداکنٛن وألی اُسی کمہ ہتٕہ آواز دِتھ سوداہبنہٕ موکھ گژاکن مأل

انان:

''کمہِ وَنہٕ وول مکھو یخو،

گنہٕ دۄر گر یو یخو،

یخ ہا! یخ ہا! واہ یخو''

یا:- ''گاڑ ہاپچھو، گاڑ ہاپچھو، گاڑ ہاپچھو ہو''

یا:- ''ناگ پور کے سنگترے'' ''نا کھ ہونا کھ''

''گوشہِ بٔبر ہاہو،

قسمتہٕ والو ؤلی وو''

نتہٕ ___ ''وولألہٕ وولألہِ - ہو''

بأنسہٕ ڈنڈس پپٹھ مِٹھایہِ لأڈ تھٲوِتھ پنجأبی پأٹھی ونان:

آ نے آ نے ---

''دِیہ تیں''

آؤ بچو آؤ! طوطا لے لو،

چڑیا لے لو،

چھوٹا سایہِ حقہِ لے لو''

یہ آواز بوٗزِتھ أسی شُری أندی أندی جمع گژھان تہٕ مِٹھایہِ وول اوس مِٹھایہِ لاٹہِ لِمتھ قسمہٕ قسمہٕ چیز بنأوِتھ کِنان تہٕ ونان، آنے آنے ہر چیز دِیہ تیں''



کتھ گری أسی أنْن بٕچھ پتھ کتھ بوزِ ناوان۔ اتھ منز أسی تم گُنہِ

ڈٲلیلہِ ہٕنز کانٛہہ لَنڈ تُلِتھ مٔنزٕ باتھ گیوٗتھ لگہٕ ارساتھاہ پانس أندی أندی جمع کران۔ پتہٕ أسی تِمَن کتھِ گرِس کم کاسہٕ پوٗنسہٕ تہٕ دِن پیوان۔ یہِ اوس کاشرِ زبانی کاشرٕہن لگہٕ ڈٲلیلن زِندٕ تھاوُنک اکھ رُت طریقہٕ۔ پتہٕ آو الیکٹرانِک میڈیا تہٕ، یِم چیز ہیتِن موٕکلنٕ۔ مےٚ چھُ أکِس نظمہِ یوسہٕ کٔشیرِ متعلق چھِ، ''کتھِ گوٗر'' ناو تھوومُت۔

اَلرُٕن پلرُٕن اوس جان۔ مےٚ چھُ وارِ یاد زِ بُہری کٲدلہٕ أسی ''پڈٕر'' روزان تِمَن اوس کاہ طاق تہٕ پانٛژھ پور مکانہٕ۔ اگر کانٛسہِ کورِ کھاندر آسہِ ہے، تِم أسی مکانہٕ مُفت آےتن تھاوان۔ یہِ اوس باقٕے محلن منٛز تہِ چلان۔ مےٚ چھِ وار یاہ بٹہٕ کھاندر مُسلمان گرَن منٛز سپدان وُچھمتۍ۔ ووٚنی آو ''جنج گرن'' ہُنٛد رِواج تہٕ اَلرُٕن پلرُٕن موکلیوٚو۔

سرینگرس منٛز پٔر مےٚ کیٛنٛہہ کال روگھناتھ مندر مِڈل سکولس منٛز تہِ۔ یہِ سکول اوس گوڈٕ روگھناتھ مندرس (حبہٕ کٲدلہٕ بونہٕ کنہٕ) نکھہِ تہٕ پتہٕ آو دیوان باغ چوکس نکھہِ۔ مگر یُس مزٕ دلاور خانَنہٕ اوس سُہ اوس نہٕ اَتہِ۔ اَتہِ اوس نہٕ کھیلَن ہُنٛد کانٛہہ بُندبَس۔ ویسے تہِ أس نہٕ بوٚنی مِس شہرس منٛز بچَن ہندِ گِندنہٕ خاطرٕ خاص جایا۔ اڈٕہن محلَن منٛز أسی شُری کوچن منٛز ہاکی تہٕ بالہِ گِندان۔ کرکٹ آو ہناپتے پَہن۔ اتھ زمانس منٛز اوس پرتاپ پارکہِ نکھہِ مِشن ہائی سکول صفائی ربط ضبط تہٕ پڑایہ موکھہِ مشہوٗر۔ اتھ أسی بِسکو سکوٗل تہِ ونان۔ ڈٕہمہِ جماژہُنٛد اِمتحان چھُ مےٚ امی سکولہٕ کِس ہالس منٛز دِیُت مُت۔ مجال چھا زِ کانٛہہ پھِرِ ہے گردَن

یادؤ یمس لڑکس ستۍ کرِ ہے کتھ۔ نقل زانہٕ ہاوٕ ے نہٕ۔ لہٰذا اوس نہٕ یہِ بدعت موجوٗد ے۔ باتھ روم آسہِ ہے گژھُن چپراسی ستۍ۔ اِدِ یہِ لڑکس پانہٕ تجوٗ و کرُن تہٕ تہِ۔ مےٚ چھُ یاد زِ اَسہِ اوس میٹرک امتحال لوہور یوٗنیورسٹی تحت دِیُن۔ تتی پٔتھ آسی پرچہِ کٔو لیکھنہٕ موکھ کاغذ بیترِ واتان۔ یمن آنسر بکن Answer Books پٔتھ ۱۹۶۰ عیسوی ہس منز مےٚ لیوٗکھ تتھ اوس سأری ہیے کاغذس بادأمی رنگ۔ رؤل اوسُس دِتھ تہٕ اَتھ پٔتھ لیکھُن اوس خوش کران۔ یَیلہِ مےٚ میتھُک Math پرچہِ دِیُت تہٕ نبر دراس مے کوٗر نمبرن شُمار۔ مےٚ آسی فقط ۱۹ نمبر ٹھیک۔ پریشان گوس۔ ڈیرس پٔتھ ووٗتُس۔ سورگ اَسن سوٗ دِ لالس، ''دوٗپُن ژٔرے چھےٚ جیومیٹری ٹھیک، اَن کِتاب، یہٕ کرنا وتھ رِوِجَن تہٕ اَمی پرچہِ منزٕ انگھ ژٕ پاس مارکس۔ برابر سپُد تی تہٕ یہٕ اوسُس دوٗیمہِ دوہہٕ خوش۔ مےٚ آسی ۸۰ نمبر ٹھیک۔ رِزلٹ بوزناونس آسی ژورآنہٕ ڈبل ہوان۔ یہٕ گوس نہٕ پانہٕ رِزلٹ بوزنہِ۔ اَکِس دوستس دِژِم ژونی۔ سُہ آو تورٕ دوان تہٕ اَسان ''ژٕ چھُکھ پاس'' ووٗن تمی۔ ''چندٕ منزٕ گرٹہ روپَے، میٹھٲئی مِٹھٲئے'' مےٚ گرٹہ روپَے تہٕ دِژِم اَمِس دوستس۔

کھاندر کھُندر آسی سیوٗد ساد پاٹھی سپدان۔ مہارازٕ اوس اکثر گرِس پٔتھ کھاندرس گژھان تہٕ مُسلمان کھاندر آسی شامَن سپدان۔ مشالہِ ہیٚیے آسی مَشالہِ موٗہنوی بروٗنہہ بروٗنہہ آسان۔ پتہٕ مہرازٕ تہٕ پتہٕ برات۔

دفترن منز کیٚاہ اوس سپدان یہِ اوس نہٕ معلوٗم گژھان۔ صرِف اگر کانٛہہ اخبار خبراہ وَبراہ چھاپہِ ہے۔ گوڈٕ آسی دفتر سبٕڑھاہ کم۔ أزِ کی پأٹھۍ نہٕ جایہِ جایہِ دفتر۔ یہِ خوش تیٚی تہِ گر۔ اَتھ وقتس منز اوس کٔشیرِ ہُنٛد کُل ریونیوٗ اکھ کرور روپیہ۔ أتھی پیٹھ اوس سورُے دُم دام چلان۔

گامن منز أسی گلوان آسان۔ بہٕ اوُسس اکھِ دوہہٕ شُپیَنہٕ پیٹھ زأنہٕ پور یوان جَٹر پوٗر روُتُس بُتھِ آوا اکھ آدماہ تہٕ گٔرن گُرِس تھپھ۔ ''بوٚن وَس۔ تیمِس گُرِس چھُنہٕ داغے (نِشانہٕ) مےٚ ژایہِ نٔتھ۔ بہٕ اوُسس شہرٕ پیٹھ شُپیَنہٕ کُنۍ گرٕ گژھنہٕ موکھٕ آمُت۔ مےٚ گوأندرِم شاہ اندر تہٕ نیٚبرِم نبَر۔ سوچُم یہِ گوٚژھ نہٕ گُرُے ژُلن ہیٚتھ۔ چھیکرس پیٹھ پرُژھ گلوانن میأنِس مألی صأبُن ناو'' مےٚ ووٗنس مألس چھُم کألاس کول ناو'' گلوانَن ترٛأو دندس تَل اوٗ نٔگج تہٕ دوٗپُن۔ ''مالیا نیر۔ چون مول چھُ سبٕڑھاہ رُت''۔ مےٚ آیہِ نہٕ پَژھے۔ گُرِس کوٚڑُم کمچہِ ٹاس تہٕ یہِ جاوُہ جا، گأنٹس منزٕ ے ووتُس گرٕ۔

کھرِ واوس زالا بگوتی ہُنٛد مأکہٕ شانہٕ تہٕ شردایہِ سان مناونہٕ یوان۔ شاید آسہٕ شُرِس ژور آنہٕ کرائے۔ واپسی پیٹھ گوشام۔ أسی کھٔتی لأری بہٕ روٗتُس ڈیرٕ واجنہِ ہنٛزِ نوشہِ کژھس تَل تہٕ پیٹھٕ تھوونم دبگل۔ کِرائے رٹان پرُژھ کنڈکٹرن، یَس تیلہِ کلینَر وَنان أسی ''ہتہٕ بی یہِ گُس چھُے کژھس تَل'' ''ہیوَ کہوروُ ے یہِ ہا چھُم دبگُل''۔ کنڈیکٹر جنتیِن ووٗن نہٕ کہیں تہٕ ڈیرٕ وألی بچے یہِ میأنۍ کِرائے دِنہٕ نِشہِ۔ لُکھ

آسی شوقہٕ یمن جایَن گژھان۔ کھوٗان چھوٗان۔ گرٕ خاطرٕ چیز موٗلی ہوٗان تہٕ آرامہٕ سان واپس گرٕ واتان۔ نہٕ کانٛہہ بامبر تہٕ نہٕ ڈر۔

سڑکن اوس نہٕ تیل آسان۔ روٗڈی اُس آسان۔ امیرا کدل سایڈس آسہٕ تیلہٕ سڑکہٕ۔ بوٗنی مِس شہرس، حبہٕ کدلس، گنپت یارس یم کوچہٕ اُسی تِم اُسی بے حد گندٕ۔ latrin (رفع حاجت چہٕ جایہٕ) آسہٕ نہٕ صاف آسان۔ کوچن اُس رَب ووتھان تہٕ سڑکن تہٕ اوس نہٕ سبزر۔ اَتھہ زمانس منٛز اُسی ٹینہٕ پش کمے۔ اکثر اُسی بُرزٕ پش۔ بُرزس پیٹھ اُسی میژ تراونہٕ یوان تہٕ سوٗنتھہ یوٗونے اُس یمَن پشن گُلالن ہٕنٛز پھلے اگان۔ اگر پربتہٕ پیٹھہ شہرس کُن نظر تراوِ ہوَ باسان اوس زِ سارے سے شہرس چھُ بہار آمُت۔ یِس پشوٗسی پنُن اظہار کران چھُ۔ یہ منظر اوس بے پناہ مارٕ موٗنٛد آسان۔ پوکھرِ بلَن دیوی دارَن، آستانَن تہٕ زیارژن پیٹھ اُسی لُکھ مخصوٗص دوٕہَن پیٹھ راتی راتس پوٗزا یہٕ کران تہٕ درودٕ پران۔ کینژن جایَن اوس کھبن تہٕ بأگرنہٕ یوان۔ اِدٕتھہر اُسی تِن یا کھیر یہٕ اوس سبٹھاہ صاف بناونہٕ یوان تہٕ لُکھ اُسی یہٕ توٚبرُک زأنتھ اُچھن مَتھان۔

تیمی شہرن دِتی مے کتی یار، مداح تہٕ دوست۔ اُسی اُسی اکثر مِٹنگن، جلسن تہٕ تمدنی پروگرامن منٛز آوٕری آسان۔ بہٕ روٗدس یتھ شہرس منٛز پرایویٹ نوکری تہٕ کران یوسہٕ سبٹھاہ کرٕ یٹھ اُس۔ گوڈٕ حضوٗری باغ آریہ گرلز سکوٗل، پتہٕ پنڈت پریم ناتھ بزاز سُنٛد اخبارِ ہمدرد تہٕ پتہٕ

ڈی۔اے۔وی سکول۔نمایش گاہ اوس اتھ سکوٗلس نکھے تہٕ اوٚے آس
کٔشیرِ ہندِس کلچرل فرنٹ، کلچرل کانفرنس تہٕ پتہٕ کلچرل کانگرس کِس
تعلقس منز۔یہ سورُے بنیوٗ ومیانہِ أدیب بننک وجہ۔اَتی پیٹھ کٔرمے
ووستادَن ہنز اَنجمن کھڑا۔امہِ ستی گومے سرینگر کین ہتہٕ بدٕن رٕتین
ووستادَن ستی اکھ جان تعلق پأدٕ۔یُس واریاہس کالس چلان روٗد۔

یتھ دلاور خان گورنمنٹ ہائی سکوٗلس منز مےٚ پوٚرمُت اوس تتی
کوٚرمےٚ ووستادَن ہٕندِ انجمنُک سالانہٕ اجلاس منعقد۔امہِ ساتہٕ اوس
تعلیمہِ ہُند محکمہٕ شیخ صأبس ماتحت۔تَموٚ تہٕ آغا اشرفن کٔر اتھ اجلاسس
منز شرکت۔یہ باب چھُ واریاہ طویل۔اتھ پیٹھ گوٚژھ کانٛہہ لیکھُن مگر
سوال چھُ لیکھِ کُس۔سرینگرن دِتی مےٚ رحمان رأہی، غلام نبی فراق،
امین کأمِل صأب تہٕ امہِ علاوٕ نأدِم صأبس ہوی دوست۔یہ کتھ تہٕ چھَ
اکھ داستان یوسہ لیکھنہٕ گژھِ ینٛز مگر فرصت کم۔

سرینگرٕکی تمدُنی ادارٕ گٔے وُچھان وُچھان ترقی کران۔شاید چھُ
تمدُن بڈٕ بن شہرن ستی وابستہٕ۔سرینگرَن دیُت مےٚ مطالعہ کرنُک
ظوٗن۔مےٚ ریمہٕ ادبی کِتابہٕ لٹریچر یا ساہتہٕ پوٚرتہِ پوٚرُم شہرٕکے منز
اَوے چھُ مےٚ سرینگر سبٹھاہ ٹوٹھ تہٕ اَمہِ شہرِ نِشہِ دوٗر لگُن چھُ میانہِ
موکھٕ سبٹھاہ کروٗٹھ۔کتین ہوٹلن منز چھُ مےٚ اتہِ کھیوٗمُت، چوٚمُت۔
سُہ تمدُنی جلسہٕ چھُم اَز تہِ أچھن بروٚنٹھ کُنہِ یُس پرتاپ پارکہِ منز سپُد
تہٕ یتھ منز مشہور فلم سٹار راجکپورن شرکت کٔر۔أتی گٔییوٚ آنجہأنی غلام

محمد راہ صأبُن میوٗن یہ بأتھ۔

سون یکھنا ہَیو نَو بہارو لو
اَسہِ گاٗمتۍ جِگرن پارو لو

سأنِس وقتس منز اوس بنڈس تہٕ بلیوٗ وارڈس پکنس یَڈ مزٕ یوان۔ أکس ستۍ أس وٕتھ گوٚان گوٚان وسان تہٕ دوٗیمس ستۍ اوس ڈل زوٗنہِ منز گاشکو تہٕ لہرن ہٕندی تھان یکوٹہٕ گرِتھ وَتھراوان۔ ڈلس منز چھم ہأنزٕ أکس جایہِ پٮ۪ٹھ بیٚیس جایہِ ''راد'' پکناوان وُٹمتۍ۔ نِشاط پٮ۪ٹھِ شِکارہن منز تازٕ زامتہِ دوٕدٕچہِ وارِ چھم یاد۔ شِکارہن منز عأش کران سیاح تہٕ ٹھولہِ ٹھول کران لأدی وانگن، رُوانگن تہٕ مُجہِ بٔدی چھم چشمن تل۔ ساقی صأبس أسن سورگ ییٚلہِ گوڈنچہِ لٹہِ مےٚ پٔنٕز کھانہٕ دارٕنۍ ہٮ۪تھ پلیڈیم سینماہس منزٕ سی۔ آئی۔ ڈی فلم وُچھنک یرادٕ کوٚر، تمی دوٗپ رَتھ میأنی چینٕز تہٕ وُچھ میأنی ٹِکھ۔ مےٚ کڈی چندٕ منزٕ پوٗنسہٕ یم دِتم لٔس تہٕ سُہ گوکلوٚ پٮ۪ٹھی کھٔستھ۔ ووت ٹکٹ دِنہٕ وأرِلس نکھِ تہٕ ٹِکٹہٕ ترٕ ے ہٮ۪تھ آو منٹن منزٕ واپس۔

ریڈیو کشمیر، کافی ہاوس، ٹیگور ہال، کلچرل اکاڈمی ہُنٛد دفتر لال منڈی تہٕ پَتہٕ دوردرشن کیندر۔ یم بنے یہ تم ماٹھ ییٚتہِ یاردوس سمکھان أسی۔ نُمأیِش وُچھن اوس واریاہ کالہِ پٮ۪ٹھِ جأری۔ درواز اَڑوُنے شامَن پلوَن پیٹرول چھکِتھ تھدِ آکاشہِ پٮ۪ٹھ نارٕ وُزمَل ۂنتھ تلاوس منزٕ ووٚٹھ لانۍ چھِ تم منظر یم سمَن ہالِ منزٕ محفوظ چھِ کوتاہ لیکھہ تہٕ کوتاہ پاوٕ

یاد۔ بے یوت ماچھس شہرُک عاشق۔ کتہٕ چھہِ یم اَتھ ماے بران آیہٕ۔ یہِ ''شہر'' پھوٚلِن تہٕ نۆون قدرن ہنٛز پامائلی گژھن دوٗرتہٕ اَسہِ سارِنٕے یژھن بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ یکجا گژھتھ اَتھ شہرس لول برُن۔

(شیرازٕ جلد: ۳۸، شُمارٕ: ۳، ۴، ۵)



# نالہٕ مارٕ میانِس لوکچارس منٛز

غلام نبی فراق

ہرُد اژوٗنے آسۍ ڈونگہٕ ہانٛز مارٕ خالی کران۔
تہٕ اد آس خاموش لبمہٕ پیٹھی پکان
ٹاسرتہٕ صاف آبہٕ ژادرہ
جسوارکلبن ہنٛدِ زنگاری پنک عکس
یتھ آب اوس تھرِ تھر بنٛشان
چھُ مے ازتہٕ ویوٚد

(ہچولر نظم)

میانۍ ہچولر نظم چھےٚ یمہٕ وِ ہے مصروٗستی شروع سپدان تہٕ یم مِصرِ چھِ تمہٕ نےٚ تصویرن ہنٛد اکھ تصویر یمن ہنٛد آگر اکہِ وقتچ نالہٕ مارٕ آس۔
نالہٕ مارٕ یوسہٕ ازڈاون ٹاونہٕ چو مصروٗف سڑکو منٛزٕ اہم ترین سڑک چھےٚ۔
نالہٕ مارٕ یتھ سرینگرٕ کی زِ عظیم ڈل تہٕ سوٚ درِ کھون پٔنن آسُن دِوان آسۍ۔

نالہٕ مارٕ آس ناو پورِنش شروع سپدان۔ ہنا برونٛہہ پہن برارِ نمبل بناوتھ خانیارِنش ____ برابر یتیتھ ازغوصیہ ہبلتھ سینٹرتہٕ پولیس سٹیشن چھُ۔
دوٚیو وتو برونٛہہ گن پکان۔ دوٚن اوس اند مشید نِش مِیُل سپدان بیاکھ شاخہٕ ہنا آسکھ نایدکدلہٕ ہیوٚر پہن اندری واری کنۍ نیرتھ سمکھان۔ نایدکدلہٕ پیٹھ آس نالہٕ مارٕ برونٛہہ پکتھ بوہری کدل یتھ گن ترٛاوِتھ، صراف

کٔدٕل، کأدی کٔدٕل، رازے کٔدٕل وأتنتھ کھووٕری کنٕز موڑ ژٕنتھ سیٚو دُے کاوڈور پتھ کُن ترٛ اُوتھ نوٚو کٔدٕل واتان۔ اتہِ پٔتھ اُس یہٕ عیدگاہس نِش ژٕچھنی پھیرِتھ لبہِ عالی مٔشید کُن نیران تہٕ بروٚنہہ پکِتھ پتہٕ آنچارس کُن دَو نِوان۔ یتہٕ پأٹھی اُس ماُرنرٕوری کٔدلس تہِ پتھ کُن ترٛ اوان۔ نأید کٔدٕل، بوٚہری کٔدٕل، کأدی کٔدٕل، رازے کٔدٕل اُسی ژُتایہِ پٔتھ تمہِ کاُری گری سان بناونہٕ آمتی زِ یِیلہِ نالہِ ماُر پوٚرُکھ یِم کٔدلن پھُٹراوِنی بنٛیاے مسلہٕ تہٕ اُخرس کُرِکھ برایہِ بٔزی۔

میٛأنِس لوکچارس منٛز اوس نالہِ ماُرس سوٚنتھ یِنہٕ پٔتھٕ برابر ہردس تام آب روزان۔ یِیلہِ ڈلس آب ہُرِ ہا نالہِ ماُر تہِ اُس کاڈ کڈان تہٕ ژٕھلان۔ اتھ اُس امہِ سہلاب وانہٕ ستیٚ گژھ مزید ہُران امہِ کِس ننٛجس منٛز اوس ماُر دوٚرکولہِ وال تہِ سپدان۔ بٹھن پٔتھ جمع کرنہٕ آمٕژ ساٗرٕے بلاے ٹلی ہتھ اُس یِرٕ وَساں تہٕ ماُر اُس نُوشوٗب یوان۔ یتھے پأٹھی یِیلہِ وَنٛدٕ سُو رِتھ سوٚنتھ یوان اوس تہٕ ماُر آب تھدُن ہوٚوان اوس اُ کِس دوٚن ہفتن اوس ڈلُک تہٕ امہِ کہِ اُندی پکی اُبی علاقک سورٕے سڑیوٗمٕت گاسہٕ تہٕ مونگولہٕ اپأری آنچار واتان۔ امہِ پتہٕ اوس پرٛ ہتھ ساتہٕ صاف آب نظرِ گژھان۔

نالہِ ماُرس اُسی جایہِ جایہِ یارٕبل بناونہٕ آمتی۔ یِمن یارٕبلن پٔتھ اُس خاص کرٕ ربتہٕ کالہِ سبٹھاہ رونق روزان، اُڈی لُوکھ اُسی مِسواک کران، اُڈی آبس منٛز ژھانٛتھ وایان تہٕ اُڈی ورزش کران۔ یِم یارٕبل اُسی مردَن

زنانن، بڈہن، شُرہن پن پنہِ حسابہٕ سمن بل بنان۔ دوہلہِ اَسی یمن یارٕ بلن پیٹھ دۄبۍ تہٕ گھرٕ وٲلی پلوتہِ چھلان۔ زنانہٕ آسہِ کچن سامانہٕ تہِ اٲتی صاف کران۔ اندر مُشیدِ پیٹھ یوسہٕ وُنی کبس تہِ خانیار پولیس سٹیشن طرفے ہنا برونہہ پٔہن موجود چھ برابر بۄہری کدلس تام اَس خاص کرشال کہ بٹھِ ڈونگہِ ہانزن ہنز لان آسان۔ ڈونگہٕ رنگ کرتھ تہٕ سجاوِتھ۔ ژچھنی کھوری ڈونگس رنگدار چھلِتھ چھۄکتھ پرٕد اویزان۔ وُچھن والین ڈلک سار کرنہٕ باپتھ اُکساوان۔ امہِ طریقک ڈونگن منز وِستھ ڈل سار اوس شہرس اندر سانہِ کلچرک اکھ خوبصورت حصہٕ بنیومُت یُس ووٕنی پوٕرٕ پأٹھی اندوو تمُت چھ تہٕ یمیک اٰزِچ جنریشن تصورتہِ کرِتھ ہیکہِ نہٕ۔ شہرٕ کی لۄکھ خاص کرِتم یم نالہٕ مارس اندی پکی روزان اَسی، اَسی یمہٕ نے ڈونگن منز عام طور خاص دوہن پیٹھ ڈل سارکران۔ ڈونگس اوس منزٕ باگُک ہال تکی یوستی تہٕ قالینہٕ فرشہِ ستی سجاونہٕ یوان۔ ڈونگہٕ کس پتِمس حصس منز اوس کچن آسان ییتہ رنہٕ پہو سپدان اَس۔ عام طور اَسی لۄکھ ڈل سالس ترٕہن دوہن پیٹھ نیران۔ جمعہ، بٹہٕ وارتہٕ آتھوار۔ جمعہ گیاو جمعہ نمازِ تامت تہٕ پتہٕ اَسی سالانی ڈونگہٕ ہیتھ تیل بلس کُن نیران۔ تیل بلہٕ کس نالس اَسی ژچھنی کھوری ڈونگہٕ گنڈنہٕ یوان تہٕ رات اَسی سالانی اٲتھی گذاران۔ صبحس اَسی چاے چیتھ وارٕ کارٕ شالہِ مارکُن لمان تہٕ بٹہٕ واراَسی اٲتھی دِوان۔ شالہ مارکُن لمان لمان اَسی سونہٕ لانکہِ کُن تہِ ڈالاہ دِوان تہٕ باضے اَسی اُڈی سالانی اٲتھی اندی پکی کوچ کھوان۔ ترٕیشہِ بدل گیاو



نالہٕ مأر: سائلأنی چھہٕ ناوَن منزٕ تہٕ شُری چھہٕ سرٛان کران



سُلطان زین العابدین بڈشاہ سٕنز زآنہٕ ڈب (نوشہر)　　تصوٗرتہٕ عمل۔ بھوشن کول

ڈلُک صدف ہیوٗ آب۔

شالہِ مأریوسۂ کوٗل ڈل دَدہِ پٔٹھ اندر باغۂ کِس نٔیبرِ مِس گیٹس تام موجوٗد اٗس أتھی اٗسی ڈٔچھنی کھووٗری ڈونگہِ گنڈنۂ یوان۔ بٹہ وارِ ہُند شام تۂ راتھ اٗس أتھی جایہِ گُزارنۂ یوان۔ آتھوارِ دوہہ صُبحس اٗسی سودا سلف خرید کٔرِتھ ___ ماز سبزی دوٗد بیترِ ___ نشاط کُن نیران۔ سأڈٲنی اٗسی کوٗج کھوان یاتۂ سونہِ لانگہِ پٔٹھ نتہٕ وونٹہٕ کٔڈلس آس پاس۔ پتہٕ گیاو نشاط باغُک سأر کرُن شامس تام یادِگرس تام۔ پتہٕ اٗسی أڈی سأڈٲنی گگرِہ بل کُن تہٕ أڈی لوکٹہِ ڈلے ناو پوٗر کُن دوان۔ گگرِبل وأڈلی تہِ اٗسی أڈی ڈلہٕ کوٗ أندرِ موٗ آبہٕ کوچومٔنزی ناو پوٗر واتان۔ پتہٕ گیاو اندمٔشپد، بابا ڈیمب، نأید کٔدل تہٕ بوٚہری کٔدل وأتتھ گرَن کُن بُتھ کرُن۔

نالہِ مأر کِنی اٗسی خاص کر غأر مُلکی سیاح ڈلہٕ پٔٹھ آنچارس تام تہٕ واپس ڈلس تام رنگدار تہٕ سجاوٹھ دار آرام دیٚہہ شکارہن منز سأر کران۔ فی شِکارِ اٗسی پتہٕ کنہِ پانژ شٔے ہأنز کھوری وایان۔ أکی سے وزنس پٔٹھ تہٕ اَکے حرکت ___ شکارِ آسہِ آبس منز ژلان تہٕ سأڈٲنی نالہِ مأر ہُند تعمیر وُچھِتھ لطف تُلان۔ شُری اٗسی نالہِ مأر بٹھن پٔٹھ گندان آسان۔ سِرٕلنکس، ہارٕ نبلَن، کبڈی تہٕ سوارہن۔ لُٹھی کَج لوٗٹھ گیاو اٗسی تھے۔ غأر ملکی سیاحن وُچھِتھ اٗسی یِم شُری ہم آواز بٔنِتھ تِمن کُن ونان: ''میم صاحب سلام پتہٕ پتہٕ غولام''۔ تِم تہِ اٗسِکھ تورٕ اتھہِ ہلاوِتھ باضے دِل خوش کران۔

ٲکِژ پھِرِ چھُ مےٚ وُچھمُت زِیورِ لی فنکار اٗسی نأید کٔدلہٕ تہٕ بوٚہری

کٔدلہٕ مارٕ منز یا بٔٹھس پېٹھ رُوزِتھ منظر کٔشی کران رنگوٕ ستۍ۔ گاٹھن، کٔدلن، لرِہن، ناون تہٕ أندی پکھس۔ اگر تمہٕ پیٚنٹنگ ازتہٕ کُنہِ جایہِ آسن نالہٕ مار ہُنٛد تصوٗر رہیکہِ انسان ازتہٕ کرِتھ۔ مگر وق چھُنہٕ کُنہِ چیزس اکی ڈنجہِ تھاوٕنُک پابند۔ نہٕ آسن تمہٕ پیٚنٹنگہٕ کُنہِ تہٕ نہٕ چھِ ازسو نالہٕ مارٕ تہٕ نہٕ تم لُکھ۔ ییٚلہِ اتھ تبدیلی پېٹھ باضے انسان غور کران چھُ پزی پاٹھی چھُس دیوانگی یوان۔ تہٕ ہنز تہٕ گژھس۔ یہٕ چھُ سوے دیوانگی یتھ پتہٕ اُسن پھٹان چھُ۔

بۄہری کٔدل اوس سبزی ہُنٛد بوٚڈ گاٹھ۔ ڈلہٕ چہِ سبزی ہُنٛد بوٚڈ حصہٕ اوس اُوٚری واتان تہٕ اتہِ پېٹھ بوٚنی مس شہرس مختلف علاقن منز سوزنہٕ یوان۔ أسی أسی لوٕکٹ شُری تہٕ لوٕکٹ شُری چھِ بےغم آسان۔ چھُکھ نا وۄنُمت شُر گوٚ و پاچھا۔ پزی چھُ شُر پاچھا آسان۔ عموماً تہٕ فکر ورٕوس۔ ییٚلہِ ہأنز گاٹھو پېٹھٕ لأر، خربُزی تہٕ باقے میوٕ پھوتہن منز برٕتھ پنہٕ نہن بازری وانن کُن نِوان آسی تمن اوس وَتہِ تام واتنہٕ باپتھ ہیرن کھسُن آسان۔ أسی شُری أسی بے شوکھی پاٹھی ہیرِ تھزرن نش یا براندن پېٹھ یا دوسن نش کھٔنٛتھ روزان تہٕ یمَو پھوتو پېٹھ پٔٹھی لأر راہ یا خربوزہ تلان تہٕ اد ییٚلہِ زٕ ژور جمع سپدہَن، مُشید باغس منز أژِتھ أسی کھوان۔ یِتھ ژوٚر کرنس منز اوس شُرہن منز یوان۔ اگر پھوٚتی موٚ زُورس محسوس گیاو زِ پیٚٹھی کنہٕ سپد گیاہتام سُہ اوس غل ؤہرِتھ اسہِ کھٹکھ کران۔ سُہ ترٕ اوِہے پھوٚت پتھرتہٕ رٹہِ ہے اَسہِ مگر والنس تہٕ واپس کھالنس اوس سُہ اتھ رژھ ہُنٛد محتاج آسان توٚ نے اوس کتھ کھوان تہٕ ہیرن تہٕ کوچن منزس یکنٛگ طریقہٕ اپناوان۔

یِتھ ژۆ راٗسی شُری صرف موٗس کران۔ یُتھ مال بنہٕ ہانہٕ گُنہِ صوٗرتس منٛز گرٕ نیٚن۔ تتہِ ووتھِ ہے اتھ پپٹھ شورتہٕ ملامت رٹنہٕ باپتھ اوس نہٕ کانٛہہ تہِ شُر تیار آسان۔

اسہِ شُر ہن ہُنٛد بیا کھ مزٕ دار تہٕ دلچسپ گندُن گیا وڈلہِ کبن سبزی فروشن ہنٛز لوکچہِ ڈمبہٕ ناوِ نہٕ تہٕ بابہٕ ڈیمب تام چکرا کرُن۔ اگر ناووِل بوزِ ہا سُہ اوس پتے دوران۔ اگر بٹھِس پپٹھ آسہا اٗسی اٗسی ناوِ منٛز ماٗرکھڑ اکران۔ تس اٗسی اٗسی رٹنہٕ باپتھ پلو کڈٕنی تہٕ آبس وُسن۔ تو ے اوس بٹھِ پپٹھے کربکہٕ نادکرِتھ اسہِ ناو خاٗلی کرناٗوِتھ واپس نوان۔ ووٚنی اگر بیٚیہِ گُنہِ ڈمبہٕ ناوِ منٛز رٹنہِ یِیہِ ہے اٗسی اٗسی آبس منٛز ووٹہٕ لاٗیتھ ژھانٛٹھ وایان تہٕ بٹھِس نِش واٗتتھ ہیرِ بازرس منٛز تھکھ کڈان۔

نالہِ ماٗرن ہیچھنو وُس بہٕ ژھانٛٹھ وانٛی۔ییٚلہِ بہٕ اتھ فنس منٛز اٗتھی ماٗر منٛز پوٗرٕ کھتہِ بتہِ دراس پتہٕ ووتُس بہٕ وٕتھِ پپٹھ تہِ۔ خانقاہ معلیٰ کبن سرانہٕ گُٹھبن نِشِ اوُسس آبس منٛز ووٹھ لایان تہٕ وُچھان وُچھان اوُسس اپاٗری مِس بٹھِس پپٹھ کھسان۔ ہناٹھہِرتھ واپس یوان۔ مےٚ چھَ پتہٕ ڈلس منٛز تہِ ژھانٛٹھ واٗی مٕژ گُنہِ خوفہٕ وراٗے۔ امہِ ستی آوٚ مےٚ کم از کم نفسیاٗتی طور بہٕ بوٚ ڈ فاٗیدٕ زِ ناوِ منٛز ساٗرکرنس کھوٗژس نہٕ بہٕ زانٛہہ تہِ۔ یہٕ احساسِ تحفظ چھُ مےٚ ازتہِ فاٗیدٕ دِوان۔ یہٕ کتھ ؤنم اِ موجوٗب زِ بہٕ چھُس ازتہِ تِتھی جوان نفرٕ وُچھان یِمَن وٕتھِ گُنہِ جایہِ ناوِ تار دِنس منٛز رانہٕ وبسران چھَ تہٕ ژٕرِ جگر گرِی تِھے الور تام بےٚ سوکھ صبر سان کیا ہتان پران تہِ آسان

چھِ ۔ مےٚ چھُ یتھ کتھِن نفرن تارِ ناوِ منٛزٕ ے پرٛژھمُت زِ اگر ناوِ دٕچھُن کھوٗر گُن بل ہیٚوٚ لگان چھُ تُہۍ کیاٚ زِ یوٚ تاہ بامبران ۔ تِمو ساریوٚ ے چھا یکے کتھ وٕنی مٕژ زِ اسہِ چھنہٕ ژھانٛٹھ ۔ ییٚتی پھٹوٚتی کروٚ ژ کس تھپھ ۔ کھوژن گوٚ و اندیشہِ تہٕ یم چھِ انسانس ستۍ ستۍ آسان ۔ اَڈی لُکھ چھِ انہِ گٹہِ زبردس کھوژان ۔ تِکیاٚ زِ مختلف قسمکۍ اندیشہِ چھکھ نال ولان ۔

نالہٕ مأرس ستۍ چھِ واریاہ رنگین واقعات تہِ وابستہٕ ۔ اتہِ آسہٕ دِگرٕ ژیری کورِ تہِ سرٛ ان کرنہِ وسان تہٕ ژھانٹ ہیچھان تہٕ وایان ۔ اَتھی منٛز اوس آبہٕ جنگ تہِ سپدان ۔ زنانہٕ آسہٕ ہمیشہِ مأر بٹھِن پیٹھ بناونہٕ آمتِن سرٛ انہٕ گُٹھِن منٛز سرٛ ان کران ۔

نالہٕ مأرس اَس اَبی ٹرانسپورٹُچ کأم تہِ ہینہٕ یوان ۔ اَپأری اَس عمارتی لکٕر تہِ سارنہٕ یوان ۔ بجہِ تہٕ موچہِ گیلہٕ آسہٕ یارِ بلن نش واتناوِتھ موٚ زورن ہٕندِ ذریعہ منڈی ین تام واتناونہٕ یوان ۔ یمن اَسی موٚ زور بُتھِ تہٕ پتہٕ رزٕ گنٛڈِتھ تِمہٕ رزٕ مضبوط ڈنٛڈن ستۍ گنٛڈان تہٕ پتہٕ اَسی تِم ژور ژور پانٛژ نفر پرٛ بتھ طرفہٕ پھیکِن پیٹھ تھوٚ دِتھ آدمی کرٛ ین بناوِتھ اَکس آوازِ منٛز قدم رلاوِتھ بروٚنہہ پکناوان ۔ ووٚنی چھنہٕ تِم نظارے نظرِ گژھان ۔ وقتس پیٹھ چھُ انسان پرٛ بتھ ضرورتن نٔوی نٔوی ایجاد کرنو مُت ۔ زن چھنہٕ اَمی سُند ذٕہن از تام تھکھ دِنہٕ بیوٚ ٹھُمُت ۔ بڈِ بن کھوچن منٛز اَس میٚژ تہٕ سارنہٕ یوان تہٕ گنہِ تہٕ ۔ سیرٕ تہِ لتہٕ پہہ تہِ ۔ آنچار ڈُلُک گاسہٕ تہٕ کھوٚرتہٕ ڈُلُک کھوٚرتہِ اوس اپأری گاٹھِن پیٹھ واتان گیٚنہٕ تہٕ چاروائن ہٕندِ باپتھ ۔

یتھ پأٹھی اَس مأرشہر چہِ اقتصأدی زندگی منٛز تہِ پننہِ مقدورٕ موجوٗب پنٛن رول انجام دِوان۔ نالہٕ مأرأس کتھوٕلحاظو شہرس تہٕ خاص کرا اصلی شہرس شوٗب۔ مگر لُکن تہٕ سرکارس تَج نہٕ یہِ شوٗب رٔچھنی۔ زیٚچھ وقتچہٕ غولأمی اوس لُکن سود وزیانُک احساس مُہتھ نیوٚمُت۔ لُکو کوٚراتھ پٮ۪ٹھ مختلف طریقو حملہٕ تہٕ سرکارتہِ روٗد کتھ کھوٗان۔ لُکو کہِ پننہِ دوسہٕ وارٕ وارٕنبرتہٕ مأرہٕندی بٔٹھی گے وارٕ وارٕ غأب۔ سو مأر یتھ ژٔرکس چُتایہِ منٛز سیرٕ آسہٕ لأرِگتھ، تتھ کھٔرٕ گرٕ وادلیمب۔ برابرکوٚرتِ یہِ ازأسی کوچن تہٕ سڑکن کران چھِ۔ وانہٕ پٮ۪ٹھن چھنہٕ بوچھِ ژلان تہٕ سڑکن ہُنٛد کھجر چھُ وقتس ستی ستی کمان۔ ازتہِ چھنہٕ اَسہِ یہِ احساس زِ کُشادٕ سڑک چھَ سانہِ ترقی ہٕنزٕ وتہِ منٛز اہم مقام تھاوان۔ نالہٕ مأرس کُن آے تمام بدرَوَن تہٕ نالبن وَتھ ہاونہٕ۔ نالہٕ مأرس ژٕچھنی کھوٗرِی یِم تہِ علاقہٕ اَسی تمن ہُنٛد ژھوٚٹھ آو اُتھی نالہٕ مأرس منٛز ترٛاونہٕ۔ یہِ خوبصوٗرت نالہٕ آو ڈسٹ بِن Dust bin بناونہٕ تہٕ وُچھاں وُچھاں بدلے یہِ اپٕج شکلے۔ گوڈٕ گوڈٕ اگر کینژھ ہِپھِرٕ اتھ سرکارکہِ طرفہٕ کولہٕ واں تہِ کرنہٕ آو مگر حالاتھ وُچھتھ سپٕز یہِ کاروأیی تہِ پتہٕ ختم۔ وونی آو صرٛاف کٔدلہِ پٮ۪ٹھ بوٗہری کٔدل تہٕ تتہِ پٮ۪ٹھ نأید کٔدل تہٕ تتہِ پٮ۪ٹھ باباڈیمب کُن واپس گندٕہ آب تہٕ نجاسَت۔ امیُک نتیجہٕ دڑاو یہِ زِ اتہِ ژٕژھ خطرناک قسمچ بَد بُو ے۔ وول ییٚلہٕ گرمی ہٕنٛدی دوہ یوان اَسی بدبوے اَس ہُران تہٕ مُہرٕ ووتھان۔ نالہٕ مأرس بٔٹھبن پٮ۪ٹھ روزن وألی لُکھ سپٕدی بےحد پریشأنی ہٕنٛدی شکار۔ پرٛتھ طرفہٕ بدبوے تہٕ مُہرٕ۔

کُجا شکارِ ہاٸژن ہندۍ ن کھورۍ ن ہُند سُہ سنہٕ وُن صدا ئُس تِہندی کھُوری اکی آنہٕ آبس منٛز وسنہٕ وِزِ وجہٕ دلبان اوس تہٕ کُجا مُہی، مچھِ، لیٚمب، نجاستھ تہٕ پھکھ۔ ٲخرس آو وننہٕ زِ شہرُک یہِ طرف بیمار ہو نِشہِ بچاونہٕ باپت تہٕ شہرس بڈ سڑک مہیا کرنہٕ باپتھ چھُ یِی بہتر زِ نالہٕ مٲر پُورٕو ن۔ چنانچہِ ازچھُ ووٚنی اندرٕو ن شہرُک سوٗرے گوٚب ٹریفک ٲتھی سڑکہِ پیٹھ دوہ راتھ رواں دواں روزان۔

یہِ ٲس اکھ وَتھ یوٚسہٕ سرکارَن یہِ مسلہٕ حل کرنہٕ باپتھ اختیار کٔر۔ بیا کھ وَتھ تہِ ٲس۔ تتھ کُن آونہٕ توجہ دِنہٕ۔ سوٕ وَتھ ٲس یِہے زِ نالہٕ مٲرس بیٚیہِ ہے پٔنُن پرٛون وِقار واپس دِنہٕ۔ یتھ تہِ لگی واریاہ پونسہٕ۔ تتھ تہِ لگہٕ ہَن واریاہ پوٚنسہٕ۔ مگر دوٚیم وَتھ آسہا زیادٕ بہتر۔ لُکن ۂندِ باپتھ تہِ تہٕ ڈلہٕ باپتھ تہِ۔ نالہٕ مٲرس دوشوٚے طرفو اوس لُکن ۂندی مکانہٕ تھوٚ دٕ ثُلتھ گرین بیلٹ بناوُن۔ بدرَوَن ہُند آب صاف کٔرِتھ پتہٕ ٲتھی نالہٕ مٲرس منٛز واتناوُن۔ یُتھ طریقِ کار دِیہِ ہے شہرِ سرینگرس بدل وِقار۔ پرٛ ٕتھ رنگہٕ۔

نالہٕ مٲر اوس ڈلس تہٕ سودرٕ کھوٚنہِ اولُو دگی نِش بچاونس منٛز تہِ اکھ ٲژ کٲم انجام دِوان۔ امیُک احساس سپُد اتھ سڑک بناونہٕ پتہٕ ییٚلہِ ڈلُک واریاہ علاقہٕ موٚنگولن تہٕ گاسَن خراب کوٚر۔ ووٚنی چھُ امیُک تدورُک برارِ نمبلہِ نِش تمہٕ بجہِ زمین دوز نالہِ ۂندِ تعمیرٕ ستی کرنہٕ یوان یوٚسہٕ مٲرُکن گژھہٕ وُن آب اپاری نُوس فتح کٔدلس نِش وٚتھِ منٛز ترٛاونہٕ ییہِ۔ اتھ پیٹھ چھَ پٔتی موٚکتھوٗری یو پیٹھ کٲم جٲری۔ وُچھوٚ یہِ کتھ حدس تام ہیٚکہِ تِم مسلہٕ حل

کرِتھ۔ یِم نالہٕ مآر بند سپد نہٕ کنٛی پاۤد سپٕدی ۔ اکھ مسلہٕ چھُ ڈیٚچ رأے چھ راوَٹھ، بیا کھ تمہٕ پھکٕک یُس برارِنمبلہٕ تمہٕ بد رِوٗستی وۄتھمُت چھُ یُس نالہٕ مآرِ پیٹھ ووٚنۍ اوٚرۍ کُن واتان چھُ تہٕ یَمہٕ ستی امہٕ علاقُک صاف تہٕ شوٗد ماحول گندٕ ہ تہٕ بدبُو دار بنیوٚمُت چھُ ۔ ووٚنۍ چھ نالہٕ مآر پتہٕ برارِنمبل رژھرِنۍ ڈلہٕ باپتھ ضروری تہٕ سہٕ آبُک اخراج تہٕ ضروری۔ یتھ پیٹھ نوٚس فتح کدلس نِش کأم چالو چھ ۔ نتہٕ بنہٕ برارِنمبل بدبویہٕ ہُنٛد سہٕ خطرناک آگر یُس اتھ سأری سے علاقس منٛز روزن والین ہُنٛدِ باپتھ رنگارنگ بیمارِیو علاوٕ خوبصوٗرت زندگی پٔندی کڈنُک اکھ بوٚڈ مرکز ۔ وُنۍ کٕمس تہٕ چھُ اپأرۍ ژلہٕ وُنہٕ بَسہٕ منٛز نستن تھوٚپ تھاوُن پیوان ۔ یێمہٕ گژھِ یہٕ پزٕ تھ اندٕ تعمیر وتہٕ وانوٚ نِشہٕ محفوظ تھاونہٕ یِنۍ ۔ یتھہٕ یہٕ امہٕ علاقٕچ شوٗب بنہٕ ۔ ❁❁❁❁

# سِرینگر لُکہٕ وٕترِس منٛز

غلام نبی آتشؔ

سرینگر چھُ کٲشرِ ہُنٛد دِل، دِلے چھُ بدنس زُون پیٚے بخشان، یوٚہے چھُ زندٕگی ہنٛز آش تہٕ علامت۔ امہِ شہرکہِ وجوٗدٕ ورٲے چھِ کٲشرٕ اڈٕلیچ، ژٕھرٕ تہٕ چھٕنہٕ۔ یہِ شہر چھُ وٲنسہٕ وادٕو پیٹھٕ کٲشرِ ہنٛز راز دٲنی روٗدٕمُت۔ اتھ چھَ بالادٔستی تہٕ مرکزیت حٲصِل۔ یِتِے یوت نہٕ زِ سرینگر چھُ برصغیرٕک اکھ بارسہٕ، پرون تہٕ تمدُن رٔنگی بختاوار شہر بلکہِ چھُ یہِ عالمہٕ کِبن پُر اسرار تہٕ ناماوار شہرَن ہنٛزِ گرٕنزٕ منٛز تہِ یِوان۔ توٲریخی حوالو مُطٲبِق اوس یہِ شہَر مشہوٗر موریا حُکمران اشوک سٕندِ زمانہٕ ترٛیمہِ صٔدی قبل مسیح منٛز "شری نگری" ناوٕ بساونہٕ آمُت۔ تتہٕ پیٹھٕ ازتام پرٲوی أمی مُختلِف ناو، مِثالے ہیمادت، پرورپوٗر، تہٕ پرورسین پور، اما پوٚز اکثر مورِخو کوٚر گنڈٕل پأٹھی امیٚک تذکِرٕ "سرینگر" ناوٕ تہٕ یوٚہے ناو روٗد ازتام جٲری۔ کینٛژٕ مورِخو تہٕ سٲلانو چھُ پنہٕ نِن تذکِرن تہٕ سفرنامن منٛز سرینگر گٲلی کھالتس ترٲوِتھ، فقط لفظ کٲشرِ ورتوومُت۔ امیٚک مطلب گو تہِنٛدی کِنی چھُ یوٚہے شہر کٲشرِ، یہِ زَن غلط چھُ۔ ووٗنی گو مورِخ حسن شاہ چھُ أکِس جایہِ حٲشیس منٛز لکھان زِ "یتھ وقتس منٛز تہِ چھِ سرینگرس غلط پأٹھی کشمیر ونان" (تاریخِ حسن جِلد ا، ص: ۲۴۵)۔

زمانکی حاٲری شاتھ، وٲری داتھ تہٕ انقلاب وتھراوان،
سوکھ ساوبر، بالا دٔستی تہٕ رازٕت پراوان پراوان چھُ أمۍ واریاہن کٲدلن
ہُندی شہرن باضے پٔنن باڈوأ یکس دون میلن تام ژھوکہٕ رووٗمت تہٕ
باضے میلہٕ وادن تام ؤہرووُمت۔ راز ترنگنی منز چھُ کلھن لیکھان زِ ''رازٕ
پرورسین دۆم سٔندِس زمانس منز أسی اتھ شہرس منز ۳۶ لچھ لۆکھ روزان،
بے شمار تھزٕ تھزٕ مندورِ آسہٕ'' (راج ترنگنی، اردو ترجمہٕ، ص:۲۴۷،
مترجم: اچھر چند)۔ ۱۸۷۳عیسوی منز أس سرینگرٕچ آبأدی ۱۵۷۲۲۶
نفر، ۱۸۹۲عیسوی منز ۱۱۸۹۶۰ نفر تہٕ ۱۹۴۱عیسوی منز ۲۰۷۷۸۷ نفر
(تاریخِ حسن حصہٕ اول) ۱۸۹۲ عیسوی منز أسی سرینگرس منز ۲۲۴۴۸
لۆکٕٹۍ بٔڈی مکانہٕ، یمن منز وۆلِی داریٔنٕد ردوٚسن پیٹھ اِستادٕ ژھیٚپہٕ دار جایہٕ
پاوٕری تہٕ أسی۔ پوختہٕ سیر بوستی کھارنہٕ آمٕژ شۆبہٕ دار تہٕ پاید ارلرِ تہٕ آسہٕ۔
ڈبہٕ ڈآلانہٕ کٔڈِتھ برٕزٕ پیش وأٲی لکرِ مکانہٕ تہٕ أسی، ڈبرٕ دار گأنی وأری جایہٕ تہٕ
آسہٕ تہٕ ناوٕ تہٕ ژاکہٕ وارِ تہٕ۔ حأکمن ۂندِ خاطرٕ رنگہٕ مندورِ تہٕ آسہٕ۔ وُنی کٔہن
چھُ امہٕ شہرُک روقبہٕ الہٕ پلہٕ ۹۰ مربع میلن تام ووتمُت۔ اتہٕ چھِ ستھ لچھ تام
لۆکھ بسان، شہرٕ کس باڈوس منز تہٕ آبأدی منز چھُ وُژھ سان ہُر برسپدان۔
سرینگرس متعلق کتھِ ہُند اکھ دِلچسپ تہٕ اہم پاس چھُ یہ زِ عام
کأشرٕ ہن نہٕ رٔو دشری نگری، نہٕ ہیمادت، نہٕ پرورپۆر، نہٕ پرورسینٕ پۆر تہٕ
نہٕ سرینگرٕ ژیٚنس۔ عام کأشرِ بو یمن منز گأمی ین، کٔنجہِ والن، کُملبن،
گریستبن، نرِ موٚ زورن، ییچہٕ موٚ زورن، ؤسی پایہٕ ذأژن، پتھ کھورِ ورگن

تہٕ عام کاسبن ہنٛز اکثریت شامِل چھےٚ، تہٕ یم کٕلہم پأٹھی ناخوانٕد چھےٚ، حتا کہِ کم کاسہٕ پٔری مٔتوٕ تہٕ اقتصأدی لِحاظٕ وٕوتھ بوٚ پراوٕ وٕنوٕ لگو تام، زن شرٕ پرووٕ نہٕ ''سرینگر'' لفظ پنہٕ نٔبن دِلن دبماغن منٛز۔ یم چھنہٕ از تام تہِ ''سری نگر'' ونان بلکہِ چھےٚ امہِ بدلہٕ شہر لفظ ورتاوان۔ امہِ شہر کٕبن ہیرِ مبن علاقن ہٕنٛدی لۄکھ ہرگاہ مہراج گنٛج، زأنہٕ کٔدل تہٕ صوٕورہ بیترِ علاقن ہٕنٛد ناو ہیٚن تمِ تہِ چھےٚ شہر لفظے زبٕو پیٹھ ہوان۔ وٕنی کٕبن چھےٚ کٔشیرِ ہٕنٛدی واراہ قصبہٕ شہرن منٛز تبدیل گمتی یمن ہٕنٛدی باڈو چھےٚ روقبہٕ کٔنی لگہِ گرِیٛنز کٔنی تہٕ اقتصأدی ترقی کٔنی کتہِ کورشہرن یوتاہ ہُریاٗمتی تہٕ اہُنٛد یہِ کاڈکڈُن چھُ جأری، اما پوٚز توٚتہِ چھنہٕ یموٕ منٛزٕ کٔنہہ تہِ قصبس شہر وننہٕ یوان۔

سائنس لگہٕ وٕترِس منٛز چھنہٕ اوٕ موکھ لفظ ''سری نگر'' مۄجوٗد زِ لگہٕ وٕتر چھُ زیادٕ پہٚن عوامہٕ کِس پتھ کھورِ تہٕ ناخوانٕد اکثریتَس نِش زایُن لبان، نوان تہٕ پھبان تہٕ ہمیشہِ بہار پوٚشہِ گٕلکی پأٹھی ویلہِ پتہٕ ویلہٕ سرتازٕ روزان، ییٚلہِ نہٕ یمن لۄکن منٛز سری نگر لفظ مقبوٗل اوسُے تہٕ لگہٕ وٕترِس منٛز کِتھٕ کٔنی ہکہِ ہیٚ یہِ جاے پرأوِتھ! وٕنۍ گو لگہٕ وٕترِس منٛز چھُ سرینگرس اکھ ناو ''یم راز'' تہٕ، یتھ منٛز طنٛزُک، نفرتُک، پھوتہِ ٹُلنٛگ تہٕ تضحیکُک پہلۄٹا کارٕ چھُ۔ یم راز گو موتُک بادشاہ۔ اتھ ناوس چھےٚ واراہ سیأسی تہٕ سمأجی وجۄہات یہِ ناو چھنہٕ توارِیخن اندر درٕج تہٕ نہَ چھُ یہِ زیادٕ پرٛون۔ سبٹھاہ قدیم زمانس منٛز اُس کٔشیر دون حِصن منٛز بأگرنہٕ آمٕژ۔ حسن شاہ کھویہامی چھُ رتنا کر پورانٕک حوالہ دِوان لۄکھ زِ کٔشیرِ ہٕنٛد بوٗ ناماوار

راز و منز اوس اکھ یمس سند یمان ناو اوس۔ أمی رازن کر پانژھ ہاٹھن ورین حکومت، أمی اوس مشہور شہر ینند دھمت نگر بسوومت۔ یُس پتہ آبہ بزی گوتہ تتھ جایہ چھُ ازوولر گرایہ ماران، أمی ینِدس سلطنتس کری اہند بو دو یونچہ وبومرہن دیون تہ کام دیون زِ حصہ یُس حصہ مرہن دیون یُو تتھ وونکھ مرہن راج تہ یُس حصہ کامن دیون یُو تتھ وونکھ کامن راج۔ یم دونہہ وے ناو بنے یہ ژھوٹان ژھوٹان مراز تہ کمراز (تاریخ حسن حصہ اول، ص:۲۲۳) یم ناو چھِ وُنہِ چلان، سرینگر چھُ یمنے دون علاقن منز باگ آباد۔ سرینگرس چھِ ہمیشہِ مذہبی، سیأسی، تجارتی، سمأجی تہ گُلہم پاٹھی تمدُنی لحاظ زبردس بالادستی تہ مرکزیت حاصِل روزمژ، اومو کھہ چھِ مراعات تہ سہولیژ حد کھوتہ زیاد شہر باشنے حاصِل روزمژ، گامی آسی زمین کماوان تہ فصل وو پداوان، شہر باش آسی گأمی ین ہنزِ اتھ کمایہ عاش ژٹان، گامی آسی فاقے روزان تہ دوہ کھوتہ دوہ کنگال سپدان۔ گأمی وو پیدن ہنزِ جبری حصولی خاطرِ آسی ظالم کارند مقرر آسان۔ یم کارند آسی یہ وو پید حأصِل کرِن تہ شہر باشن ہنزِ خاطرِ سری نگر واتناوان۔ اوے چھِ ضربُ المثل موجود زِ کأشرن چھُ بتہ بتہ تہ پیاد پتہ۔ گأمی سخت کوش کُملی یہ کینژھاہ کماوان تہ وو پداوان آسی، سہ سورُے بیلہِ سرینگر واتناوان اوس تمن اوس باسان سرینگر چھُ تمن شوٹھن کیت یڈل موت، یُس تہنز سأرے سأنپتھ کھیوان چھُ، کارِ بیگارُک حُکم تہِ اوس سرینگرے نیران، مجوزِ برنک آڈر تہِ تہ جبری حصولی ہُند پروانہ تہِ۔

اَوے کوٚر لُکو سری نگرس یم راز ناو، یہِ حالتھ چھَ زیادٕ پہَن وو پرٕ مُلکو پیٹھ آمتوٕ گورنرٕ و پأدٕ کرٕمژٕ۔ امہِ حقیقژ ہُنٛد تصویر چھُ سر والٹر لارینس أچھو وُچھِتھ "دِی ویلی آف کشمیر" کِتابہِ منٛز پیش کران، مِثالے یہِ زِ ــــ "شہر باش چھِ کاتژ لد، تِم چھِ پانہٕ کأم کرنس تنہٕ نَنہٕ کران، تہُنٛد خیال چھُ زِ سرٕ ؤگہِ مولہِ کھٔبن چھبن تہٕ تپن ژنہِ، تہُنٛدِ خأطرٕ سولبہٕ سولبہٕ ڈسی یاب تھوٗن چھُ حکوٗمژ کأم، تِم چھِنہٕ سروگہِ مولہِ ڈسی یاب سپدن وأرِلس کھٔبنَس چینَس پیٹھ تہٕ مطمئن بلکہِ گژھن تِمن یم چیز گرن تام واتنأوِتھ تژ دِنہٕ۔ بور سارِ خأطرٕ چھِ تِم گأمی ین ژھأرِتھ انان۔ شہرٕ کی ہہنٛدی تہٕ چھِنہٕ سخت کوٗش، گأمی ہہنٛدی چھِ محنتی، پانہٕ کمہٕ وان تہٕ زینان مینان۔ شہر باش ہہنٛدٕ بن متعلق چھِ یہِ مِثال مشہوٗر زِ تِم چھِ روزگار "دنلم، قلم تہٕ ہلم" ورتأوِتھ حاصِل کران۔ تہِ ڈٕپتھ گو اپُز ؤنتھ، عِلم خرچأوِتھ یا بیچھان بیچھان (ص:۲۸۱)۔

لُکہٕ باؤژ ہٕنٛدی چھِ اسہِ نِش مختلف انہار، یمن منٛز سون یہِ شہر گرایہِ ماران چھُ۔ اتھ شہرس چھِ مختلف مذہبن ہٕنٛدی لوٗکھ پننہِ پننہِ آیہِ مُقدس تہٕ موحترم زانان۔ ہہنٛدٕ بن ہُنٛد چھُ یہِ شاردا پیٹھ، کشمیرٕ شو اِز مُک مالِین، پوٚترٕ مندٕرن تہٕ استھاپَن، ناگن تہٕ ترتھن ہُنٛد شہر، بودھن ہنٛدی کنٛز چھُ یہِ بودھ متُک مرکز روٗ دمُت۔ مُسلمانن ہٕنٛزٕ اہم تہٕ مقدس مذہبی جایہِ چھِ اتہٕ وُنی کٔبن تہٕ نہٕ صرف موٗجوٗد بلکہِ زندٕ تہٕ پایٔنٛدٕ تہٕ۔ اتہِ چھُ خانقاہِ معلیٰ، زیارتِ مخدوٗم حمزہؒ کشمیری، آثارِ شریف حضرت بل، آثارِ شریف جناب

صاحب صوٗ ورہ، آستانِ عالیہ حضرت شیخ عبدالقادر جیلانیؒ، خانقاہِ زڈی بل علاوٕ واریاہ زیارت گاہ تہٕ مسجِد۔ أکِس تازٕ اخبأری رِپوٹس منز چھُ (سرینگر ٹایمز ۱۵ر دسمبر ۲۰۰۱ عیسوی) وننہٕ آمُت زِ مسجدَن ہٕنز گرنز مُطابِق چھُ سرینگر ہندوستان تہٕ پأکستانس منز، سُہ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ شہر یتہٕ ساڑتژے ساس کھوتہٕ زیادٕ مسجِد چھےٚ، یِمن منز کینہہ زِ ہتھ تہٕ کینہہ تژے ہتھ ؤری پرانہٕ چھےٚ۔

لُلہٕ بادتھ چھُ یِمن جاین ہُند بلکہِ پرانین بازرن، قدیم توأریخی عمارژن، باغن تہٕ ناگن، کولن تہٕ نالن، سرن تہٕ تلاون، حأکِمن تہٕ سرکأری کارنان، خانقاہن تہٕ استھاپنَن ہُند سادٕ تہٕ لطیف آیہ وِحاظ کرِتھ، شہر کہِ پتھ کالچ پرٕ رِپوٗرشان شوکت ہتھ داستان درداستان یاد پاوان تہٕ أچھن تل انان۔ وُ چھِونوٚمن مثالن منز چھُنہٕ سری نگر بلکہِ امیک مُتبادِل شہر۔

(۲)

شہرِ کہِ بٹوٗ ژٕ کتنوٕ یور شہرِ کہِ بٹوٗ ژٕ کتنوٕ یور
اسہٕ ہا رنہٕ مُجہِ کھنجہِ تِم تہٕ نارٕ ترٹو
ساہنہٕ شہر وسہٕ نس لُجی ژھرٹہٕ ژھرٹو
أسہٕ ییلہِ یمو تأے انو ڈألی اٹو
شہرِ کہِ بٹوٗ ژٕ کتنوٕ یور

(۲)

شہر کھول سیاہ دانہٕ کأنسہِ نأے ہوؤم
عاشقن تھوؤم للہٕ وُن نار

(۳)

وس با وس زآنہٕ کئِل وس
تتہٕ میٲنؠ وبس

(۴)

پکھ تےٚ گرٛژھو سلیمان
سُلیمانس سونہٕ سُنٛد تخنَتے
پکھ تےٚ گرٛژھو سلیمان
تتھ پٹھ بہتھ کوتر جوٗرِ یاہ
سَہ تتہٕ بولان پننہٕ وقتَے
پکھ تے گرٛژھو سلیمان

(۵)

یور وٕزِھس خانقاہ توٗرِ کھاُرِم بانہٕ کاہ
تَمے تھاوِم تنٛدٕ لے پانہٕ وٕزِھس گِنٛدٕ نے
وآنکہٕ پٔنٛس دکہٕ لوٗگُم ہکہٕ چی چِی
(ہُکچِہٕ باُتھ)

(۶)

ووٚلَے ترواُ ے حضرت بل تہٕ لولو
گرٛژھو چھاوِنہٕ شالہِ مأرڈل تہٕ لولو
نبیؐ صأبنہٕ وَسو یارِ بل تہٕ لولو
ووٚلَے ترواُ ے حضرت بل تہٕ لولو

(۷)

سازے گری یے بہار تھٔری یے — شہار اویٔ ساز وُچھِ نے

ساز گر

(۸)

بۆ ہر بو مائنز أنی مہاراج گنٛجے

مائنز تول تارِ ژِ ڈنٛجے ستیٔ

شہرِ کھاڑ مائنز تَے وتہِ لز بُرزن

از ہے چھَم مہرزن مائنزے راتھ

شہرِ أنی مائنز تَے راتھ ژٕج برزُلہِ

تام پرار یام پھولہِ یمبرزلہِ پوش

شہرِ کھاڈ مائنز تَے لُکو أنی نکھٕ یے

اسہِ أنی ڈُکھیٔ یے ناون کیٚتھ

مائنزِ راتھ

(۹)

سبٕز دستارس دوچھُن کُن نوک چھُے

شوق چھُے حضرت بل گژھ ٹک

خانہٕ مالہِ گوٚبرو خانقاہ گژھ کھو

آنہٕ کاہ دِی زہم بہٕ اژ وون

مہراز سُند استان گژھُن

(۱۰)

حبہٕ کدل وتیٚے لوگہٕ یۆ گوشو
گنپت یارے چھِ دِویاہ جان
ٹنکی پۄری وتیٚے لۆگہٕ یۆ گوشو
یارٕ بلہٕ سانیٚے چھِ دِویاہ جان

مخلہِ ونہٕ وُن

(۱۱)

أمی را کئدلس سونہٕ دروازے
گِلہِ آو وِلہِ ہُنٛدِ مہرازَے
پولاو مُتجَن ضِیافت کالس
منٛز شہرکی ہبتھ سالس آو
سونہٕ سُنٛد ڈۄنی کُل روپہٕ سُنٛد مۄلو
شیرگڈِ ژاکھو پوشہِ نۄلو
خال چھُس ڈبکس تَے لال پأزارس
لال بازارُک سودا گار

مہرازس ہۆوٗ رِاستقبال

(۱۲)

ہارِ ہٕنز مأج گےٚ مأربل آبس
ہأر گےٚ گُلِ آفتابس ستّو

مہریٚنہٕ ہُنٛد وأرِ ونیُرن

نوٚمن مِثالن، محاورن، نیم مصرعن، تلمیحن منٛز تہٕ چھُ سری نگرٕ بدلہٕ شہر ورتاونہٕ آمُت :

(۱) شہرٕ کی چھُ ووٚنمُت، آہم ہےٚ تہٕ اوٚنتھم کیاہ، یمہٕ ییٚ تہٕ دِہم کیٛاہ؟ (۲) شہر گو بہار (۳) بےٚ بوٚج شہرس ترٛیے پل پاو (۴) ڈُمٹٕس رپنزی (۵) زأنہٕ کٕدٕ لچ تھوٚکھ (۶) گامس حرکت تہٕ شہرس برکت (۷) صوٚورِ منٛزٕ لال نیرِ زأنہٕ گیرِ آب پھیرِ

## کتاب نامہٕ:


۱۔ کأشُر انسائیکلو پیڈیا جِلد :۱
۲۔ کأشری لکہٕ بأتھ نوٚ حصہٕ
۳۔ ویلی آف کشمیر از سر والٹر لارینٛس
۴۔ تاریخ حسن از حسن شاہ کھویہامی




# سرینگرس منز ونۂ کال تہٕ بہار

شبیر آذر

کٲشیر چھےٚ قدرتن سۭتھاہ مایہٕ تہٕ لولہٕ سان تھٲوِمژ۔ یہ چھےٚ پزۍ پاٹھۍ جنتُک حصہٕ باسان تہٕ یُس تہٕ کانٛہہ سالانٛۍ یور یوان چھُ سُہ چھُ لٲلی کٲشرِ ہُند مجنون بنان، زِ نگے چھُس نہٕ واپس نیران۔ کٲشرِ ہُند زرٕ زرٕ چھُس پانس کُن بڈٕ چکہٕ چاوٕ سان مٲیل تہٕ قٲیل کران۔ اکھ موٗ دُر تہٕ مُژھل احساس چھُ تمۍ سٕندِس دِلس تہٕ ذہنس رَنزٕ وُنہٕ بہان۔ زعفرانٛی پوشہٕ پھُلے اَسی تن یا بادامی پھُلے، دریاو اَسی تَن یا جھیل تہٕ سَر، خوشبوٗنی بال تہٕ تھوٗنگۍ اَسی تَن یا مخملی سبززار پرٛتھ کانٛہہ شۍ باسان جنتہٕ منزٕ ے وُژھمژ۔ مرزا غالب سٕندِ اکہِ لطیف تہٕ مشہوٗر شعرُک یہٕ مصرعہ زِ ''خیاباں خیاباں اِرم دیکھتے ہیں'' اگر کٲشرِ پٮ۪ٹھ لاگو کرو تہٕ یہِ چھےٚ اَرداہ آنہٕ کتھ باسان۔ یِتے یوت نہٕ بلکہِ چھِ کٲشرِ ہٕندِس ہوٗہس تہٕ اکھ شٲہل تہٕ خاص اثر۔ اَوے موکھ چھِ کیٛنٛہہ سالانٛۍ صحت یاب گژھنہٕ موجوب یور یوان۔ ڈٕ پیوسا کٲشیر چھےٚ پزۍ پاٹھۍ ''فردوس برزمین''۔

سرینگر چھُ امے جنت کٲشرِ ہُند دارالخلافہ آسہٕ نس سۭتۍ سۭتۍ اکھ مٲرۍ موٗنٛد تہٕ لۆبہٕ وُن شہر یتھ پننۍ اکھ خاص تٲریخی، ثقافتی، علمی تہٕ تہذیبی اہمیت تہٕ پہچان چھےٚ۔ قلعہ پاری پربت، پرۍ محل، مغل باغات،

باغات، زیارت شاہِ ہمدان ، زیارت دستگیر صأب ، زیارت نقشبند صأب ، درگاہ شریف حضرت بل ، زیارت مخدوم صأب ، زیارت میر شمس الدین عراقی تہٕ تأریخی جامع مسجد نوہٹہ پھٹے تمدنی ، مذہبی ، ثقافتی تہٕ تأریخی حِسابہٕ اَمہٕ خوبصورت شہرٕچ عظمت دوہراوان۔ ییمہٕ خوبصورت شہرٕ منٛزٕ چھُ دریاے جہلم زن تہٕ نارٕگن ژھالہٕ ماران۔ جایہٕ جایہٕ چھِ کٕدٕل بناونہٕ آمتۍ تہٕ یمن چھِ مختلف ناوتہٕ أندی پکۍ علاقہٕ چھِ امے ناوٕ زانہٕ یوان ، مثالے نواکٕدٕل ، عالی کٕدٕل ، زینہ کٕدٕل ، کنہٕ کٕدٕل ، صفاکٕدٕل ، تہٕ فتح کٕدٕل بیترِ۔ شہرِ سرینگرکین روزن والین چھِ عزت چونظر وُچھنہٕ یوان تہٕ یہِندِ لسنہٕ بسنکۍ طور طریقہٕ تہِ چھِ خاص پأٹھۍ پسند کرنہٕ یوان۔

دپان "خدا جب حُسن دیتا ہے نزاکت آ ہی جاتی ہے"۔ یہے مثال پھٹے شہرِ سرینگرٕ چ تہِ۔ یہِ شہر چھُ پننہٕ پرٛتھ آیہٕ تہٕ گرایہٕ منٛز اکھ لۆبہٕ وُن احساس ووتہٕ لاوان۔ کانٛہہ تہِ موسم أسی تَن یا موٚسمٕچ کانٛہہ تہِ آے گراے یہِ شہر تہِ چھُ تمے رنگہٕ رنگنہٕ یتھ پٔنن انہار تہٕ وبوہار بدلاوان زِ ؤچھن والین چھُ ألہٕ ساوان۔ تہندی شوق تہٕ ذوق رٔنٛزوان تہٕ احساس شیٛہلتھ بخشان۔

ووٚنۍ اگر کتھ کرو وندٕ کال تہٕ بہارٕچ ، یہِ شہر چھُ دوشوٚنۍ صوٚرژن منٛز پٔنن جلال تہٕ جمال رژھراوان تہٕ پننہٕ عظمتکۍ پرتَو شولہٕ ناوان۔

وندٕ کالس منٛز یوٚ دوَے ییٚتکۍ حأکم یہِ شہرِ سرینگر ترأوِتھ سرمأیی

رازدانہٕ جیٚمہِ یہِ ڈٲپ زِ تہٕ ژورِ یہان چھِ تتہِ چھِ عام لۄکھ کینٛہہ سختیہِ یکطرف ترٲوِتھ اتھ وقتس منز تہِ قدرتُک جمال تہٕ جلال وُچھِتھ مز ژلان۔ یمن حالن کُس اکھاہ وَننہِ زِ" اے کم بخت تو نے پی ہی نہیں"۔ شہرِ سرینگرٕ کی بسکین چھِ سردی نشہِ بچنہٕ خاطرٕ بروٗنٹھے تیار آسان تہٕ یموچھُ امیُک مناسب بندوبست مناسب آیہِ کۆرمُت آسان۔ گامو پیٹھٕ چھِ وندٕ کاڑیچ ابتدٲیی آیہِ گرایہِ وُچھ تھِیے کانلہِ رنگا رنگ کانگرِ شہرٕ کُن والنہِ ہیوان تہٕ کینٛژن جاین (دکانن) پیٹھ چھِ وُہری وٕری یس یمہ کانگرِ دستیاب آسان۔ سرینگر شہرٕ کی لۄکھ چھِ وندٕ کالس اتھ کانگرِ سوٗنہٕ ہِنٛدی ٹھول ترٲوِ ناوان۔ یہِ چھےٚ ترِ نشہِ بچنُک اکھ خاص ہتھیار آسان۔ کانگرٕ چھےٚ نہٕ اللہ دیٚن سُند ژونگ کینٛہہ زِ پانٲنی پانے دِیہِ گرمی۔ اتھ گرٕ ھَن ژنہِ آسنہِ تہٕ یمہٕ ژنہِ تہٕ چھےٚ گاموپیٹھے سرینگر عام طور واتان تہٕ کُنہِ کُنہِ چھُ شہرٕ کی بسکین کاندرن نِشہِ تہِ ژنہِ بوہرِ مُلی ہیوان۔

کانگر چھےٚ تیلہِ ییلہِ اتھ پھِرنہٕ ہَن تہِ آسہِ نتہٕ چھُ امیُک وُشنیار دٕچھِنی کھوٕری ژلان تہٕ یہِ چھُ کرنجلس آب سارُن گرٕ ھان۔ پھِرن چھُ کشیرِ ہنٛدِ بوٗگامی علاقہٕ کِہن لۄکن ہٕندی پأٹھی شہرِ سرینگرٕ کی بسکین تہِ وندٕ کالس تقریباً نالی تھاوان۔ سرینگرٕ کی لۄکھ چھِنہٕ صرف پھِرن مجبوٗری زأنی تھِیے لاگان بلکہِ چھِ اتھ بڈٕ شوقہٕ سان تَمہِ آیہِ سُوٕ ناوان زِ یہِ اُکِتھ گرٕ ھِ انسان شوٗبہِ دار باسُن۔ کینٛہہ چھُ اتھ تنہِ نال کرناوان تہٕ کینٛہہ کالرٕہن۔ امہِ علاوٕ تہٕ چھُ اتھ منٛز نوبرِ تہٕ شوٗب اننہٕ چہِ کۆششہِ

کرنہٕ یوان۔ زنانہٕ پھِرنس زیادَے پہن دِ ے گژھان۔ تم
چھےٚ اتھ نالس، نربن، چندس تہٕ دامنس گاہے تِلہٕ جرناوان، گاہے آرِ
کاٚم کرناوان تہٕ گاہے ہرشنہِ کاٚم تہٕ یتھ کنٛی چھےٚ یہِ پھِرنہٕ ہن تمن
بےحد خوبصورت تہٕ لۆبہٕ وُن بناوان۔
صرف پھِرن لاگنہٕ تہٕ کانگرتپنہٕ ستی چلہِ نہٕ کینٛہہ بلکہِ گژھن باقی
پلو تہٕ گرم تہٕ مُناسِب آسنی۔ یہے وجہ چھُ زِ سرینگرٕ کی بسکین تہٕ چھِ وندٕ کالہٕ
برونٛٹھے یمن ہُند سنٛز تہٕ کرنہِ بہان۔ گرم قمیض یزارسوٕ ناوان تہٕ موچہِ
بنیانہٕ تہِ لاگان کینٛہہ چھِ ووٗنی فردارپاٚجامہٕ تہٕ جاکٹ تہِ سوٕناوان
تہٕ یتھ کنٛی چھُ تمن کاٚفی وُشنیار روزان۔
وندٕ کالس چھُ شہرِ سرینگرٕ کین بسکینن ہُند کینٛہہ کھنٛن چین تہِ
بدلان، مثالے وندس چھِ عام پاٚٹھی کینٛہہ ہۆکھی سنٛز یسلہٕ استعمال
گژھان۔ یمن اٚتھی کالس زیادٕ مزٕ چھُ یوان۔ الہٕ ہچہِ، وانگن ہچہِ،
رٕوانگن ہچہٕ تہٕ گوگجہِ آرٕ بیترِ سنٛز چھِ کھٮنہٕ یوان۔ یموعلاوٕ چھُ آنچار تہٕ
یسلہٕ کھٮنہٕ یوان۔ آنچار چھُ شہرِ سرینگرس منٛز تقریباً وُہرِی وٕریس
دستیاب آسان تہٕ اتھی بسکین چھِ باہ ریۆت آنچار کھوان۔ اما وندس
خاطرٕ چھِ بڈٕ شوقہٕ سان آنچار برنہٕ یوان تہٕ اتھ چھُ زیادَے پہن مزٕ
یوان۔ شہرِ سرینگرٕ کی روزن واٚلی چھِ وندٕ کالس بیالہِ منٛز چ ڈاٚلی کھوان
سنہٕ گۆو ہُرِی سہٕ۔ وندٕ کالس منٛز چھُ صبحاٚے صبحاٚے ہُرِی سہٕ بناون
والین ننٛہِ سخ رش آسان۔ گوڈٕ گوڈٕ گیوو زیادٕ پہن ہُرِی سہٕ ڈلکیٹ

بچھ وارِیک مشہور تہٕ ووُنی چھُ ہُرِ کسہٕ بیٚیہٕ تہٕ کیٛنژن جاین ہُنٛد پسند کرنہٕ یوان یمن منٛز زأنہٕ کئٕڈل، خانیار، سریہٕ بل تہٕ عائلی کئٕڈل اہم جایہٕ چھےٚ۔ لۆکھ چھِ گرن منٛز تہٕ ہُرِ کسہٕ بناوان تہٕ مزٕ سان کھوٚان۔ وندکالس منٛز چھُ شہرِ سرینگرٕکی بسکین تہٕ گاڑٕ کھیٚنہٕ زیادٕ سے پسند کران تہٕ ہوگاڑٕ تہٕ پھرِ تہٕ کھوٚان۔ امہٕ علاوٕ چھِ شکار تہٕ کھوٚان یم زیادٕ پہن گاموپیٹھےٚ والنہٕ یوان چھِ۔ وندس چھ یمن سخ مزٕ یوان۔

شہرِ سرینگرٕکی بسکین چھِ وندٕ کالس تہٕ قدرتک لطف تُلان۔ییٚلہٕ گوڈنیٚک شین پوٚان چھُ اتہٕ تہٕ چھِ لوٕکٕٹ بٔڈی زن تہٕ پھلوآے گژھان تہٕ لطف تلان۔ اگرچہٕ سردی تہٕ سخ ستائیٛ متی چھِ آسان اما شینک لطف تُلنس تہٕ چھنہٕ پتھ روزان۔ شینہٕ تھوٚسہٕ تُلتھ اکھ اکس لایان۔ شینہٕ مانہٕ بناوان تہٕ اتھ مختلف صورژ بناوان۔ وُنہٕ تہٕ چھےٚ کُنہٕ کُنہٕ شیشر گانٹہٕ درٲنٛٹھی گژھان تہٕ لوٕکٕٹ بچہٕ چھِ زیادٕ سے پہن یمن الہٕ وٕنی گژھان۔ شِشر گانٹہٕ پھٕٹرٲوِتھ اَسس بران تہٕ ترٲستھ تہٕ زنتہٕ شہجارژ ھانڈان۔ پتہٕ ییٚلہٕ ڈل لگان چھُ تہٕ ٹُلہٕ کتر پیٹھی چھِ لوٕکٕٹ بٔڈی کھٕرِ تراوان۔ بروٚنہہ کالہٕ اوس ڈل زیادٕ سے پہن لگتھ گژھان تہٕ اتہٕ اوس یہٕ ڈٕلی زِ تہٕ سوٗرے شہرٕ ژِستھ یوان۔ ییٚلہٕ از تہٕ کُنہٕ کُنہٕ شِشر لگان چھُ از تہٕ چھُ اتہٕ زن مائہٕ لگان۔ وندٕ کالس چھُ واژ وان کھنبس تہٕ لطف یوان اتہٕ یہٕ چھُ رٔنتھ کیٛنژن دوہن کھیٚنہٕ یوان تِکیاز اتھ وقتس منٛز چھُنہٕ سِین جلدی خراب گژھان۔ وندکالس منٛز تہٕ ییٚلہٕ موسم ہناٹھیک

آسان چھُ لۆکھ پچھِ محفلہِ گرماوان تہٕ خاندر کھوندر کران تہٕ پتہٕ ییلہِ موسم زیادَے پھن نُخرٕ کرنہِ بہان چھُ یژھہِ تقریبہٕ چھےٚ منسوخ گژھان۔

وندٕ کاڈپچ سردی پتہٕ ییلہِ بہار پننٕ مژھلی پرتو ہاوان چھُ سرینگرٕ کی لۆکھ تہٕ چھِ خوش گژھان تہٕ یمن چھُ بتھن پیہے رنگ ہیو پھیران۔ بہار چھُ بہار، پرٚتھ جایہِ بہارٕ ے بہار۔ کشمیرُس جنت بے نظیر چھُ اتہِ چھُ بہار زیادَے پھن ژھالہِ مارن تہٕ نُخرٕ کرنہِ بہان۔ قدرت چھےٚ بڈٕ آب وتاب تہٕ شان وشوکت سان پننہِ آسنُک باس دِوان۔ پرٚتھ طرفہٕ چھُ شہُل تہٕ رُوحس خوش کرُون ہواڈلنہِ بہان۔ شہرِ سرینگرَس تہِ چھُ پرٚتھ طرفہٕ بہارٕ ے بہار پھیرُن ہوٚان۔ یہِ شہر چھُ پننہِ لۆبہٕ وُنہِ آیہِ گرٛایہِ ہٚتھ پننہِ بجرُک تہٕ میچھرُک احساس ووتلاوان۔ مغل باغات چھِ پوٚر شبابہٕ سان بِجتھ گژھان۔ پرٚتھ طرفہٕ چھُ سبززار نظرن شہجار تہٕ دلن تراوتھ بخشان۔ آبہٕ جویہِ چھےٚ سرورٕ کی نغمہٕ گیوان تہٕ رنگ برنگی پوش چھِ لولہٕ سان پھوٚلتھ یوان۔ بہارٕ ژھ وع گژھنہٕ پتے چھُ سالأنی کشیرِ ہُند روخ کران۔ شہرِ سرینگرس چھُ نوٚ وزُوز بتہٕ پھیران۔ وندٕ کالس چھِ اتہِ عام پأڑھی ہوٹل خألی آسان تہٕ بہارٕ تتھ پچھُ ہوٹل مألکن تہِ زن بہار پھیران۔ جھیلِ ڈلس منز چھِ ہوس بوٹ سجاونہِ یوان تہٕ ستی چھےٚ شِکارِ وأل تہٕ پننہِ پننہِ شِکارِ مہربنہِ ہُندی پأڑھی پأران۔ ووٚنی چھےٚ یمن وومید آسان زِیم تہِ زینن دوٚ یمن ہُند قسمت تہٕ چمکہِ۔ ڈل جھیل چھُ

اکھ نوٗوٕ رنگ ژھٹنہٕ بہان تہٕ اکھ مُژھیُل منظر چھُ نظرن شہجار وندان۔ شہرِ سرینگرٕکی لۆکھ چھِ ونِد پلو کڈنہٕ پتہٕ وُشنیار پھیرنس ستی سرِد پلو لاگان۔ اگرچہ رۆدِ روٗدٕ شروع گژھتھ لۆکھ عاجز تہِ یوان چھِ اما ہوٗس یس تاثیر پاۓدِ چھُ آسان گومُت سُہ چھُ روح شاد کران تہٕ سأرِی ہیٚ پانس چھ نوٚوزوٗہو پاۓدِ گژھان۔ گرمی چھےٚ زیادٕ پہن صرف أکِس دوٚن رتن آسان تہٕ باقٕے بوزیٚ تو چھُ بہارٕ بہار۔ امہِ حسابہٕ ہیٚ سَنو تہٕ ونِد کالہٕ ورأے یُس کال چھُ سُہ چھُ تقریباً بہارٕ بہار۔ اتھ کالس چھُ اکھ خاص کاربأری تہٕ تجارتی اہمیت آسان۔ اتھٕ کامہِ چھےٚ وُہری وٚری یس یوان کرنہٕ اما بہارس منز چھُ یمن ووتھ بو لگان۔ سرینگرس منز چھُ قالین بأفی، پیپر ماشی، ڈوٗنی ہچہِ کأم، سوزنہِ کأم، تِلہِ کأم تہٕ شال بأفی وغأرٕ شباب لبان۔ موسمی حسابہٕ چھُ یمن کامہِ ہنٛدِ خاطرٕ وق تہٕ وارٕ ہُران تہٕ کارٕبأری حسابہٕ تہِ چھےٚ آش ہُران تہٕ پھاۓپھلان۔

مغل باغات تہٕ ڈل چھِ دِلس خوش کرٕنی منظر پیش کران۔ شہرٕکی لۆکھ چھِ یمن باغن منز ژھالہٕ مارنہِ بہان۔ شامس ژٕیرِتامتھ گاہے گرٕکی بأژہتھ، گاہے رشتہٕ دار تہٕ گاہے یاردوس ہیٚتھ قدرتکہِ بہارٕکی تہٕ جہارٕکی جلوٕ وُچھتھ وولہٕ سنس یوان تہٕ أندری پھولان۔ امہِ علاوٕ چھِ بادام وارِ ہنٛز پھُلے چھاونہِ تہِ لۆکھ ڈٕستھ یوان۔ گامو پیٹھٕ تہِ چھِ لۆکھ یم باغات وُچھنہِ سرینگر یوان تہٕ نبرٕ مِلن سألانٛن ہُندرش تہٕ چھُ ہُران۔ امہِ ستی

چھ کاروبأری حسابہٕ شہر کِہن لوٗکن خاص کرِتھ فأیدٕ یوان تہٕ تِم چھِ امہٕ موقُک فأیدٕ تہٕ زبر پأٹھۍ تُلان۔

اکہِ طرفہٕ چھ بہارس منٛز شہرِ سرینگرٕ کۍ بسکین شہر نبر گُشیر ہندِ ہن باقی صحت افزا جاین ہُنٛد سأل کرُن ہوان تہٕ چھییکھ دِل بہلأیِی گژھان۔ خاص کرِتھ چھِ یِم گلمرگ، سونہٕ مرگ، پہلگام، کوکرناگ بیترِ جاین گژھان۔ بیٚیہِ طرفہٕ چھِ سألأنی امہٕ شہر کِہن ثقافتی تہٕ توأریخی جاین ہُنٛد نظارٕ کران تہٕ یِمن جاین أندی پکھی دکاندارن چھُ کُنہِ کُنہِ امیُک فایدٕ تہٕ واتان۔ یِمہٕ تأریخی جایہِ چھَ سألانہِن بے حد متأثر کران تہٕ تِم چھِ شہرِ سرینگرس متعلق اکھ موٗدُر احساس ہیتھ واپس نیران۔



# سرینگرس منز کأشرٕ ن اتھٕ کامبن ہُنٛد آگُر تہٕ عروج

ظریف احمد ظریف

سانہِ کٔشیرِ ہنٛز تأریخ، تہذیب، ثقافت تہٕ تمدُنی ورثہٕ یوٗتاہ قدیم تہٕ مولُل چھُ، سُہ ہکون أسی ازتہِ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ بیٚین ترقی یافتہٕ قومن تہٕ خُطن اندر لرِ لوٗرتھأوِتھ۔ یتھ پٔنٛز اکھ قدیم عظمت، شناخت تہٕ بُلند شان تہِ چھےٚ، اَتھ پنٕنِس باگہِ بٔرتس وراثتی بوٗچس ییٚلہِ أسی گنڈ مُژرِتھ پھیُر چھِ دِوان، تمہِ وِزِ چھُ اَسہِ یہ کتھ ٹاکارٕ پأٹھی ننان زِ کأشرِ چھِ قرنہٕ وادو پیٹھٕ بیوٗن بیوٗن کسبَن کارَن اندر ہونرمند کأری گر أسۍمتۍ، ییٚمِیُک ذِکر تہٕ وَکھنَے قدیم آثار وتہٕ پراچین کالہٕ کیوٗ تأریخی حوالوٕ ستۍ اَسہِ میلان چھُ، مثالے رِگ ویدس اندر چھُ ''کأشرِ شالُک'' ذِکر ۵۰۰ ق۔م۔ موچِر ماہ رانی ۳۵۰ ق۔م۔ مونالیزا اندرانہٕ کأشرِ شال سوزمُت۔ مہابھارتس تہٕ ویدن اندر تہِ چھُ کأشرٕ ن اتھٕ کامبن ہُنٛد ذِکر میلان۔ مہنجو دارو، ہڑپا تہٕ مشرقی پنجابس اندر ییمہٕ گنہٕ مُرژِ یا بیٚیہٕ بیٚیہٕ چیز کھُد ایہٕ پتہٕ ڈسیاب سپدٕمتۍ چھِ تہنٛدِس لباسس پیٹھ تہِ چھےٚ کشید کأری تہٕ دیوی دیوتہن ہنٛدۍ آکار کھننہٕ آمتۍ۔ یایمہٕ مُرژ سندھ وادی اندر کھُد ایہٕ پتہٕ دژامژ چھِ تمن تہٕ چھُ پوشاکس پیٹھ نقش نِگأری،

پوش کأری تہٕ پُوزنہٕ پیٚنہٕ والین دِیوتہٕن ہٕندی آکاروو تلاونہٕ آمٕتی، راج ترنگنی اندرتہٕ چھُ کلہن پنڈتن لیٚوکھمُت زِ ''مہراجا اشوک سمراٹھ، تس چھُ کٔشیرِ ستی سخ لگاو اوسمُت سُہ چھُ دوٚیہ ترٛیٚیہِ پھِر کٔشیرِ آمت تہٕ شہرِ سرینگر بسوومُت ۔ واریاہ بودھ وِہارتہٕ بنأوِمتی، تہٕندِس سورن کالس اندر اوس شاہی عماراتن اندر سجاوٹہٕ باپتھ استعمال کرنہٕ آمٕژ لکرِ پٮ۪ٹھ سبٕٹھاہ خوٚبصوٗرت نقشگٔری کرنہٕ یوان ۔ شأہی محلاتن تہٕ بودھ وِہارَن اندرأس بُدھاسنٕز مُرژ ہیٚچہِ وٕن تختن پیٹھ تہٕ تہندٕن تصویرکٕن ہیٚچہِ فریمن پیٹھ تہِ أسی فن کأری تہٕ ہُنر مندی ہٕندی اعلیٰ نمونہٕ کھنہٕ یوان۔ چینی سیاح ہیون سانگ یُس سٔتمہِ صدی عیسوی ہٕندِس ترٛیمہِ ڈٔلہِ کِس أخرس پیٹھ کٔشیرِ آمُت چھُ تس چھُ کٔشیرِ ہٕندی رازَن تمہِ وِزِ شاندار استقبال کوٚرمُت تمی چھُ پننِس سفر نامس اندر لیٚوکھمُت زِ کأشرٕن کأری گرن ہنٕز اتھِ کامہِ چھَ سبٕٹھاہ خوبصورت فن کأری ہٕندی بے مثال نمونہٕ، تمی چھُ پننِس سفر نامس اندر جایہِ جایہِ کأشرِ خوبصورت اوٗنی کپرُک تہِ ذِکر کوٚرمُت ۔ یتھ سُہ ہو۔لا۔ئی ناو دِتھ سبٕٹھاہ تعریف کران لیکھان چھُ زِ یہِ اوٗنی نوزُک تہٕ ملأیم کپُر چھُ کأشرٕن کأری گرن ہنٕزِ ووستأدلہِ ہنٕز بڈ بارٕ مثال۔ باسان چھُ زِ ہیون سانگ چھُ توسہٕ یا پشمینہٕ وُچھتھ یوٗتاہ متأثر گومُت تمِہ ستی چھُ باسان زِ شیمہِ تہٕ سٔتمہِ صدی عیسوی اندرتہٕ چھُ کأشرٕن اتھِ کامبن عروج اوسمُت ۔ مہابھارتس اندرتہٕ چھُ اکھ خوبصورت ریشمی کپرُک ذکر کرنہٕ آمُت ۔

یُس یُدھشٹر ارازس شمال مغربی ہمالیہ ہکی اٚکی شہزادن لٕس ڈالہٕ رٕنگی پیش چھُ کوٚرمُت، یمہٕ ہٕتی راز سبٹھاہ خوش چھُ سپُد مُت، خیال چھُ کرنہٕ آمُت زِ سہٕ شمال مغربی علاقہٕ چھُ کٔشیرِ نے اٚسمُت۔ سنسکرت ڈرامہ نویس کالی داسن تہٕ چھُ پننین سنسکرت ڈرامہَن اندر کاٗشرٕ بن پوٗشاکن ہنٛدِ زاٚوی جارٕ کی تہٕ تِمن پٮ۪ٹھ ٹوٗپہٕ کامہٕ ہٕنٛدی دِل پسند تہٕ خوبصورت ڈِزٲینن ہٕنٛدی سبٹھاہ تعریف کٔرمٕتی۔ ایرٲنی تاریخ دان تہٕ سیرت نگار زین العابدین رہنما چھُ ''پیمبر'' ناوِ چہِ پننہٕ سیرتِ نبویؐ کتابہٕ اندر لیکھان زِ یمہٕ وِزِ پیغمبرِ اسلام حضرت محمدؐ صاٲبن ہُنٛد نکاح حضِ خدیجسؓ ہٕتی سپُد تمہٕ وِزِ تہٕ اوس تہنٛدِس توشہٕ خانس (وردن بوٗچس) اندر یہِ کاٗشُر پشمینہٕ شال موجود۔ امہٕ کتابہٕ ہُنٛد کاٗشُر ترجمہٕ چھُ ڈاکٹر شمس الدین احمد صاٲبن ''حیات النبیؐ'' ناوِ چہِ کتابہٕ اندر کوٗرمُت۔ انگریزی سیاح مورکرافٹ ۱۸۲۱ عیسوی یمی کاٗشرٕ بن اتھہٕ کامبن ہُنٛد تفصیلہٕ سان ذِکر چھُ کوٗرمُت چھُ لیکھان زِ کٔشیرِ اندر چھِ سارِوے کسبو کارو اندر شالس ہٕتی زیادٕ کاٗرِ گر آٚوری آسان تِوٚکنہٕ چھُ شالک کاروبار کٔشیرِ اندر سرس۔ برنیر چھُ موٗغل بادشاہ اورنگ زیبس ہٕتی کٔشیرِ آمُت، شالک ذکر کران لیکھان زِ کٔشیرِ اندر یتھ کارس ہٕتی کاٗشری لوٕکٕٹی بڈٕی مرد، زنانہٕ آٚوری چھِ سہٕ موٗلُل کار چھُ مختلف قسمن ہٕنٛدی شال بناوٕنی تہٕ اِدٕ تِمن پٮ۪ٹھ حسین تہٕ خوبصورت ٹوٗپہٕ کاٗم کرٕنی۔ جارج فوسٹر یُس ۱۷۸۳ عیسوٚی اندر کٔشیر آمُت چھُ لیکھان زِ کاٗشرِ اتھہٕ کامہٕ خاص

کر شال ، کتھ کنی چھ تیار سپدان تہٕ کوٚت کوٚت چھ واتان ۔ سون کأشُر مورخ پنڈت آنند کول بامزئی ین چھُ پننہٕ کتابہٕ اندر لیوٚکھمُت زِ ڈوگرِ مہراج گلاب سنگھنہٕ وقتہٕ أسی کشیرِ اندر ۲۷۰۰۰ شالباف موجود ، یمن شالن پیٹھ سرکأری ٹیکس وصول کرنہٕ باپتھ اوس راجہِ درداروغ مقرر کرنہٕ آمُت ۔ یہِ اوس یمن مسکین کأری گرن شال تیار سپدِ تھ فی روپیہ شتوٗ ہ پوٗنسہٕ ٹیکس ہیتھ شالس سرکأری موہر تراوان ۔ اِدِ اوس سُہ شال بازرِ کانہہ مُلی ہیوان ، اتھ ٹیکسہٕ موہرِ أسی '' داغ شال '' ونان ، أہنٛدِ وقتہٕ چھِ یمن شالہٕ باپارین تہٕ کأری گرن نِش ؤریس باہ لچھ روپیہ ٹیکسہٕ رٔنگی وصول کرنہٕ أسی ٔمتی یوان ۔ امہِ ظُلمہٕ جبرِ کہٕ ٹیکسہٕ کہٕ بپمہٕ چھِ ییٚتہٕ پیٹھِ بے شمار کأشری کأری گر پنجابہٕ کِبن مختلف علاقن کُن ژٔلی ٔمتی ۔ پتہٕ کینٛہہ تتی آباد تہٕ گأمتی یمن اندر زیادٕ پھن امرتسر گرٕھتھ تتہٕ ٹوٚپہ کأم ، دآوی کأم ، ریشم کأم بیترِ کٔرِتھ پان لاسہٕ وان رٔودی ۔

کتھ چھنہٕ یژے زِ اَسہِ یمن کتابن پیٹھ نظر پیٚیہٕ تہٕ تم نہٕ یوت اندر کیاہ چھُ کأشرین اتھ کامِبن ہٕنٛدِ آگرُک تہٕ آسنُک ذِکر موجود ، نہٕ سو کتھاہ چھنہٕ کینٛہہ ۔

اِمیُک سفر چھُ سیٹھاہ طویل ، سُہ سوٗرے قلمچہٕ کومہِ اندر اُنُن چھنہٕ مُشکلے یوت بلکہِ ناممکن تہِ ۔ کأشرین دست کارن تہٕ تھٕزن ہُنرن ہٕنٛز ذِکر چھُ کُل عالمہٕ کِبو سأٔلانو تہٕ قلم کارو پننہِ پننہِ آیہ تہٕ انداز پننبن سفر نامن اندر درٕج کٔرِتھ تھأومٕتۍ ۔ یِم تہٕ سأٔلأنی یا مورِخ کشیرِ آٔمتی چھِ تم

چھِ اپچہِ قدرتی حُسن وخوبصورتی سبٕتھاہ متأثر تہٕ مسرور کرٕتی تہٕ وُچھنہٕ پتہٕ ییلہِ تِم کأشرِ بن مولّلبن کأری گرن ہٕند بو اتھو بنےٕتی تِم بے مثال نمونہٕ أسی وُچھان بوذٕ اسکھ حأرتن گژھان، کیاہ یہِ چھا اتھوٕستی تہِ قو درتکبن حسین نظارن ہنٛز خوبصورتی کپرٕس تہٕ بیٚیہِ باقے چیزن پیٹھ پزٕی پأٹھی شکلاونہِ یوان۔ امی کأشرِ کأری گری واتہٕ نووکأشر تہٕ کٔشیر دُنیاہکس کونٛجس کونٛجس پننہِ ہُنر مندی ہُنٛد آسُن ہیتھ، یِم لُکھ نہٕ کٔشیرِ ہِتھ چھِ ہیکیٕتی تِم چھِ کٔشیرِ ہنٛز ہُنر مندی ہٕندی اعلیٰ تہٕ انمول نمونہٕ وُچھِتھ کأشرِ بن نِش سبٕتھاہ متأثر سپدان۔ یتھ نِشستس اندر کروأسی کینٛژن کأشرِ بن معروف تہٕ مولّلبن اتھِ کامبن تہٕ کارن ہنٛز کم کاسہٕ وکھنَے۔ یمن اندر کأنی شال، پشمینہ شال، قالینہٕ، پیپر ماشی، ڈوٗنی ہچہِ کأم، یرمہٕ کأم بیترِ مقبوٗلِ عام چھَ۔ اسہِ لیوٗکھ یہِ مضمون ذاتی طور یمن کامبن کارن ستی پپر در پپر تجارتی رنگہِ وابستہٕ آسنہٕ سببہٕ تہٕ بیٚیہِ یہِ کینٛژھا کتأبی علمہِ موٗجوٗب زونمت چھُ تیٚم زان کأری تہِ تھأوِ پننہِ مقدورٕ مطأبق برونٹھ کُن أنتھ۔



## ہچہٕ کاؔم

ییٚلہِ أسی پننہِ کشیرِ اندر مختلف قسمچہِ لکرِ ہٕندی بنأونہٕ ینہٕ وألی چیز یا تِمن پێٹھ کھننہٕ ینہٕ والہِ نقش گیری ہُنٛد آگُر بدِ کڈنہٕ باپتھ قدیٖم تأریٖخ چھِن کتابن ژھأنڈ چھِ دِوان، تِموأندرٕ تہِ چھَ یہِ کتھ سکبہٕ پأٹھی بروٚنہہ گژھن یِوان زِ ہچہِ کاؔم تہِ چھَ سانین باقی قدیٖم اتھٕ کامن اندر پنُن اکھ خاص مقام تھاوان۔ راج ترنگنی اندر تہِ چھُ کلہن پنڈتن یہِ کتھ چکأوِمژ زِ ہچہِ کاؔم تہٕ اتھ پێٹھ بناونہٕ ینہٕ وول نقشہِ نگار تہِ چھُ کشیرِ اندر راز مندورن ، راز دربارن، دھارمکی پأٹھ شالن پێٹھ پتہٕ وتہٕ سپدان اوسمُت ۔ یَمہِ وقتہٕ پێٹھ کشیرِ اندر لسنہٕ بسنچہِ جایہِ بناونس اندر قسمہٕ قسمچ لکر استعمال کرنہٕ آیہِ ۔ امہِ پتہٕ اوس یمن جاین ہٕندن تھمن ، دارن برن، پچن ، پارٹشنن تہٕ پشہِ چھن کنہٕ درن تہٕ بێیہِ بێیہِ سجاوٹہٕ چھن جایَن دیوی دِیوتہَن ، جنگلی جانورن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ کێن پوشن ہٕندی نقشہِ کھننہٕ یِوان۔

عہدِ سلاطین کێن شوخ بند بادشہن اندر لوٚب بڈشاہ صأب نہٕ یوت سٕہ تھزرتہٕ بجرُس یہِ دنیا موجوٗد روزنس تام برابرتس یاد کرناوِ۔ بڈشاہ صأبن انہٕ نأوی ایرانہٕ طوٗرانہٕ پێٹھ تم تم کأری گرِ زمان بیوٚن بیوٚن کامن کارن ہٕندی کشیرِ ، یِمو پننہِ کسبہٕ کہِ کمالہٕ ستی بادشاہ سُنٛد سٕہ مراد بامل أنتھ، یێتہِ یِکس کارس ستی وابستہٕ کأری گرتہٕ نٔوی نٔوی تعمیر آتی

ڈزاہِن تہٕ نقشہٕ کھٕنٕنۍ ہیچھِ ناوی۔

ایران تہٕ ترکستانہٕ کِبن تِمن کاٗری گرن ہُنٛد فنِ تعمیرُک اثر پیوٚ اِدٕ سیٚدٕ سیوٚ دیٚیتہٕ یِکس مروجہٕ تعمیری بناوٹس پیٹھ۔ یُس اِدٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِس دینی، روحانی تہٕ معاشی استحکام بخشن وأٔلس کاشرِبن ہندِس محسن تہٕ روحانی مرشد حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صأبنس تبلیغی کاروانس ستی شأمل بہلہِ پایہِ کِبن فن کارن تہٕ کسب دارن ہنٛزِ رہنمأیی اندر شوٗ بدار پأٹھی پھوٚل تہٕ پھاپھلیو، سُے اسلامی فن تعمیر چھُ از تام تہِ منٛز ایشیا پیٹھ گُل کٔشیرِ اندر مذہبی جاین، مسجدن، خانقاہن تہٕ استانن ہنٛدِ باپتھ قبول خاص و عام سپُد مُت، کٔشیرِ ہٕنٛدِس تتھ قدیم ہندی تہٕ بودھ درمہٕ یِکس مِلہِ مِشہِ تہذیب وتمدنس پیٹھ سپُد۔ اسلامی تہذیب وتمدنُک تہٕ ثقافتُک سبٕٹھاہ سوٗن اثر تہٕ غلبہٕ یِمیُک از تہِ ٹاکارِ پأٹھی تِم پرٛأنۍ مقبرٕہ، مسجدِ، خانقاہ تہٕ استان وُچھِتھ شبوٗت میلان چھُ، یِمن تعمیرن اندر استعمال کرنہٕ آمِژ لکر دیودأری، کاوِر، بُدج تہٕ ڈونٛی لکرِ پیٹھ سو بے مثال نقشہٕ کأم چھِ اتھ کتھِ تصدیق کران زِ کٔشیرِ اندر چھُ ہیچہِ پیٹھ قدیم زمانہٕ پیٹھٕے نقشہٕ نگأری تہِ سپدان آمٕژ۔ پتہٕ سپٕز س شاہمیری سلطانن تہٕ شاہِ ہمدانؒ صأبنہِ بصیرت افروز رہنمأیی ستی وسعت تہٕ طرحدأری حاصل۔

تِمی پتھ کالچہِ ہیچہِ کامہِ ہنٛزِ نقشہِ نگأری ہٕندی بے مثال نمونہٕ چھِ از تہِ سانین کاشرِبن کأری گرن ہنٛزِ کسب دأری ہندبن کمالاتن ہٕندی نمونہٕ خانقاہِ معلّیٰ، زیارت نقشبندؒ صأب، خوجہ بازر، زیارت غوث الاعظمؒ

خانیار، زیارت مخدوٗم صاًب ؒ تہٕ بێیہ باقے وادی ہٕندٕ ن طرفاتن اندر
موجود آستان تہٕ خانقاہ گوٚاہی دِوان ۔ امہِ پتہٕ آیہِ ہچہ کامہِ ہٕندِ نقشہِ
نِگاری ہٕندی جدید ڈیزائن اردٲہمہِ صدی عیسوی ہٕندِس سورن کالہِ
پتھ گنوٚہمہِ صٔدی تام برابر ییتہِ ڈلس تہٕ وٕتھِ اندر موجود ہوس بوٹن
سجاوُنہٕ باپتھ اعلیٰ قسمُچ نقشہِ کاٗم کرنہٕ، بێیہِ ییتہِ کٕن جدید قسمہٕ بناونہٕ یِنہٕ
والین مکانن تہٕ باقے تعمیراتن چھِ تالون، واڈ روبن، المارٕ ن،
دٕروٗسیَن تہٕ بێیہِ بێیہِ چیزن تہٕ خاص کٔرتھ ڈوٗنی لکٕر ہنٛدِس فرنیچرس اعلیٰ
قسمُچ نقشہِ کاٗم یوان کرنہٕ ۔ کٔشیرِ اندر ٲسی سبٕزٕ ہ گنٛز جنگل، رکھ بیترِ آسنہٕ
کنٛز یِتھیُک ماحول سبٕزٕ ہ حسین تہٕ خوبصورت آبہِ سر، ڈل، دٔریاو، نالہِ
تہٕ ناگن ہنٛز تر اوتھ اُس ییتہِ کٕن ہنٛرمندن دِلس دماغس تیٚتھ قوت
بخشان یَمہِ کہِ برکتہٕ ٲہنز کسب دٲری تہٕ تمِیُک کمال کُل عالمس
کٔشیرِ تہٕ کاشُر ہُنرمندوٗ چھُنچ کل ٲسی گنان ۔ ییتہِ ٲسی قسمہٕ قسمُچ لکٕر
وُہمہِ صٔدی ہٕندِس شیٚمس دٔہیلس ۱۹۶۰ عیسوی تام سولبہٕ سولبہٕ تہٕ
سبٕزٕ ہ سروگہِ مولہٕ سرکاٗری تہٕ غاٗر سرکاٗری مٔنڈیو پیٹھٕ دستیاب
آسان ۔ تِمن سارِنے لکٕرِ قسمن اندر ٲس ڈوٗنی لکٕرے سرَس مانُنہٕ
یوان ۔ تہٕ کیاز امہِ لکٕرِ ہٕندی بناونہٕ یِنہٕ وٲلی چیز ٲسی خوشہٕ وُنہٕ رنگہٕ،
پایدار تہٕ نقشہِ نگاری کٔرتھ سبٕزٕ ہ لوٗبہٕ وُنی تہٕ موٗللی بنان ۔ ڈوٗنی لکٕرِ
ہُنٛد یسلہٕ پاٗٹھی استعمال سپُد ییتہِ اردٲہمہِ صٔدی ہٕندِ منٛز کالہِ یعنے
۱۸۵۰ عیسوی پیٹھ ییٚلہِ کٔشیرِ انگریزن ہُندیُن گرشُن یسلہٕ پاٗٹھی شروع

سپُد۔ تِموٕ ے انگریز سیاحو پھیرِ پتہٕ ہیچ کامہِ ہُنٛد بن باپار بن تہٕ کاًرِ گرن ہُنٛد ظوٗن ییٚتہٕ ڈٔونی لکرِ ہٕندی چیز بناوِنس کُن۔ تِمن اندر سجاوٕ ٹکی چیز تہٕ فرنیچرس پیٹھ تِہنٛدِ پسندِ کی ڈیزاین تہٕ نقشہِ نگاًری ہٕندی بنوو بگھ مِزازٕ ے ہیٚیہِ ہووُ بگھ ییٚتہٕ سرکاًری تہٕ غاًرسرکاًری عماراتن، بنگلن تہٕ مکانن اندر کم کم ضروٗرٕ تھکی تہٕ سجاوٕ ٹکی چیز ہیکو کھ اَسی ڈٔونی لکرِ ہٕنٛدی بناًوِتھ تہٕ استعمالس اندر اَنِتھ۔ ہیٚیہِ تِمن چیزن کم نقشہِ تہٕ کمن جایَن پیٹھ روزَن تِم بناًوِنی موزون، ہیٚیہِ ہیچھِ ناًوِکھ ڈٔونی ہیچہِ چیزَن چمکاونہٕ باپتھ پاًلشہِ ہٕندی طریقہٕ تہٕ، اوٗت تامَتھ اَس کُنہِ تہٕ لکرِ پیٹھ ییٚتہٕ صرف عقیق کنہِ ہٕندی اکہِ پوتجہِ چالہِ اوٗنگجہِ گنڈَس برابر ہیچو دَن کُرِتھ کرانکہٕ ستی مُہر ہیوٗ دِتھ چمکاوان یُس نہٕ وارِیہَس کالس روزان اوس۔ یتھ روشَن گرِ پلٹھ اَسی وَنان۔

سلطنت برطانیہٕ ہکی باشندٕ یمن کٔشیرِ اندر ولایتی یا انگریز اَسی وَنان، یِہُنٛد راج تاج دِیان کھسہٕ وُنہِ اختابہٕ پیٹھ وسہٕ وُنس اختابس تام چھُ اوسُمت، اَسی سخ زیرک حکی تہٕ منطقی مزازٕ کی آسنہٕ علاوٕ کُنہِ تہٕ قسمچہِ اتھہِ کامہِ ہٕندی دِلدادتہٕ، مگر رنگ ونسلُک تفریقہٕ اوسُکھ گاہے حیواًنی یتھکِس درجس تام واتہٕ ناوان۔ تیچ مثال چھَ برِ اعظم افریقہٕ کِہن ملکن اندر کرہنہِ ژمہِ ہٕنٛد بن خلقن ستی اَسی نفرت کرنہٕ باپتھ تِہنٛدی ڈٔونی ہیچہِ ہٕندی کلہٕ Head بناونا وِتھ تِمن بنگلہٕ تاچن تہٕ ٹیبلن پیٹھ تھاًوِتھ حقارت کرانۍ، چینہٕ کین لٔکن ہنزٕ نہِ اَسکھ خبر کیاژِ سخ

پھوشان تہُند قومی نشانہٕ اوس لأسی سرُف Dreagon یہِ نقشہٕ تہٕ أسی یم گر بلوا استعمالی فرنیچرس تہٕ ئٹہٕ نہٕ کامہِ تہٕ آرِ کامہِ ہٕنذ بن پلنگ ژادرن، میز پوشن دار بن تہٕ برن ہٕنذ بن پردن پٹھ تہٕ بناوناوان۔ نتہٕ أسی کاشر کاری گر پانہٕ پننہِ مزاز ڈؤنی ہچہِ ہٕند بن چیزن پٹھ کاشربن گلبن کنٔبن تہٕ پوشہِ ذاژن ہٕندی نقشہٕ ووتلاوان۔ مثالے بونہٕ ؤتھر، دچھِ رانتھ، پمپوش، گلاب، سوسن پوش بیترِ بیترِ سبٹھاہ حسین طریقو بنأوِتھ ؤپچھن وألبن ہٕندی دِل تٔبلاوناوان۔ انگریزو یم چیز کاشرِ کأری گر بناونہٕ باپتھ آمادٕ کری تمن چیزن اندر اوس شبٔ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ڈوڈ فُٹ پنہٕہٕ ژورپئے سکرین شفقدار (cut work) لو کُٹ بیا کھژورفُٹہٕ تہٕ ڈایہ فُٹہٕ یم أسی دفترن اندر افسرس ٹیبلس بُتھِ ٹھرِ تھاونہٕ یوان۔ یمن پیٹھ شکارگاہ، جنگلی ماحول، چنار، دچھ، گلاب تہٕ پمپوش ؤتھرن ہُندی نقشہِ کھنہٕ اوس یوان۔ بیٚیہ أسی انگریزی پسندٕ کی باقے چیز ڈایننگ ٹیبل، کافی ٹیبل، گول میز، سائیڈ بورڈ (Side Board)، مختلف سائزن ہٕندی ڈبہٕ، صندوق پانژہ فُٹہٕ تھزرِکی لمپ، مجمہٕ، وال ڈیکوریشن یمن پیٹھ جانورن تہٕ گُلبن کنٔبن ہٕندی ڈیزاین أسی بُنتھ آسان، لوٹس لمپ یُس پننہِ اعلیٰ ذہانتہٕ تہٕ کأری گری ستی کأدی کٔدٕ لکی کأری گرِ زمان ڈؤنی ہچہِ کأمہِ ہٕندی ووستہٕ کارأمر جوُبڈی گوڈٕ نبتھ چھُ بنأوومُت، دچھ گرن چالہِ جیولری بکس۔ کأشر کامہِ ہٕند کھوکھر ٹیبل لمپ، ڈبہٕ تہٕ سنٹر ٹیبل تہٕ بیٚیہ بیٚیہ قسمکی چیز بناوٕنکی بے مثال کأری گر أسی کأدی کٔدلہٕ کی روزن

وأنِکۍ ووستہٕ کٔڈ ززتہٕ حاجی محمد صدیق پنجابی بیترِ تہٕ، یہٕ موٗلٕل کأرؠ گراوس داہ ترٕہ وٕری بروٗنہہ تام حالے حیات۔

امی ڈوٗنی ہچہٕ کامہِ ہٕندی بیٚیہِ بیٚیہِ موٕللی کأرؠ گر چھِنہٕ ووٗنی موجود پوٚز تہٕنزِ کسب دأری تہٕ کمالکی چیز تہٕ نمونہٕ چھِ وُنہِ تہٕ بیٚتہٕ لعل منڈی ہٕندِس سری پرتاپ میوزیمس اندر کأشرِ بن بے مثال ہُنر مندن ہٕنزِ کسب دأری ہٕنز گوآہی دِوان۔ امہِ کامہِ ہٕندی کینٛہہ ووستادِ زمان کأرؠ گرو أندرِ چھِ از تہٕ کرٛالہ یارِ کی خضر محمد قصبہ، سونر کول نواب بازرِ کی حاجی محمد اسماعیل بٹ، بُہری کٔدلکی ڈیٚجی تہٕ نرورِ عیدگاہکی خواجہِ علی محمد بٹ، عبدالاحد بٹ بیترِ وُنہِ تہٕ ڈوٗنی ہچہٕ کارس پننہِ اعلیٰ تہٕ عظیم کأرؠ گری ستی قدر تہٕ تھزر بخشان۔

کأشرِ بن اتھہٕ کامین نوبر تہٕ وُتھِ بودِنہٕ باپتھ بناویو واز بروٗنہہ ژتجی وٕری گورنمنٹن "سکول آف ڈیزاین" ناوُک اکھ اِدارٕ یتھ اندر بیٚتہٕ چھِن مولہٕ لبن اتھہٕ کامین ہٕندی ووستادِ دم کأرؠ گر مُلأزِم بناوِتھ تِمن اتھِ بیوٚن بیوٚن کامین کارن ہٕندی نٔوی تہٕ ناز نمونہٕ بناوِتھ بیٚتہٕ کبن کارخانہٕ دارن بناونہٕ باپتھ نمونہٕ دِوان أسی۔ بیٚیہِ أسی کشمیر گورنمنٹ آرٹس ایمپوریمس اندر تِم موٕللی نمونہٕ کٔنہٕ باپتھ تھاونہٕ یوان یَمہِ ستی کأشرِ اتھ کامہِ تہٕ کأرؠ گرن یزتہٕ سان تہٕ سوکھ شِہلتھ پٔنن روزگار میلان اوس۔ بیٚتہٕ بیٚیلہِ کنُوہ شتھ پانٛژ ستس اندر شہرِ گام ہینڈی کرافٹس محکمہٕ بناوِتھ شہرِ گام کرافٹس سنٹر بناونہٕ آیہِ ادرٕوٗدِنہٕ بیٚتہٕ کسب دأری کانٛہہ بوٗر

تِمن سنٹرن اندر آے کوٗرِتہٕ نچو بیوٚن بیوٚن کٕسب ہیچھ ناونہٕ باپتھ کرافٹ ماسٹر مقرر کرنہٕ۔ تِموٗ وُچھنہٕ اِدٕ کٕسب دأری تہٕ کأری گرٕہی چھَ کٲشیرِ ہنٛز شناخت، تِمو ہیچھِ نأوی شُری صرف کانٛہہ چیز بناوٕن مگر کتھِ تہٕ کیازِ، سو ذِمہٕ دأری روزنہٕ کأنٛسی مٔتِہ۔ توٗ کنہِ رأوی کأری گرن ہنٛز شناختے ییٚتہِ تہٕ کٲشرٕن اتھہٕ کامِٕن وٗتھ سُہ وبقار تہٕ گےٚ عالمی سطحس پیٹھ پھچھرِچ شکارامہٕ پتہٕ ییٚلہِ ییٚتہٕ کہو حالاتو یوریٔنہٕ وألی سألأنی کٲشیرِ پیٚنہٕ نِش خوفزدٕ گٔری تنہٕ لگی ییٚتِکی کٲشرٕن اتھہٕ کامِٕن ہٕندی کأری گر تہٕ باپأرٕ بدل بدل کامِٕن کارن گُن تہٕ کٲشُر آرٹ تہٕ آٹزن گوو چھلہٕ چھانگرِ۔ یِم موٗللی کٲشری کارکٕسب زندٕ کرنٕک تہٕ زٕژھراونٕک چھُنہٕ ییٚتہٕ کٕنہِ حأکمن تہٕ افسرن نہَ کانٛہہ خیال تہٕ نہَ کانٛہہ معتبر سکیم یا پالسی ذِکرِ فِکرِ منٛز یِوان۔ یِمہِ کِنہٕ اَسہِ کٲشرٕن پنٕنٕن اسلافن ہٕندی یِم امانتی کٕسب کار روٗشتھ راوان چھِ یُس سانہِ باپتھ اکھ سنگین سمأجی تہٕ ثقافتی مصیبت ثأبت گژھِ۔

## پیپر ماشی

پیپر ماشی ہنٛز کأم کارتہٕ چھُ سانٕن قدیم زمانہٕ کٕنہِ کٕسبَن تہٕ کارن ہنٛزٕ گنٛز راونہٕ یِوان۔ امہٕ کامہِ ہُنٛد دٕسلابہٕ چھُ معتبر توأریخی حوالو کِنہٕ مصرس اندر فرعون بادشہن ہٕندی ہیٚے دورس اندر بدٕ کڈنہٕ آمُت۔ یِمن بادشہَن ہٕندٕن استعمالی کٔترٕ وٕن بانن أسی اِمکی کأری گر گوڑٕ رنگ روغن

کران تہٕ پتہٕ قسمہٕ قسمہٕ کین جاناورن ہٕنڈی آ کارتہٕ بیٚیہٕ لۆبہٕ ۆنی پوش کأری ہٕنڈی منظر شکلاوان آسۍ متۍ ۔ انسان اوس گوڑ پیٹھے فطری حُسن و خوبصورتی ہُنڈ عاشق تہٕ دِلداد ، أمِس اوس من پسند رنگن تہٕ رنگین چیزن ہُن ۆلی ۆلی طبیعت ژرویہٕ سپدان ۔ قدیم مصرٕ کین ساڑن ترٛن ہتن فرعونی بادشہن ہٕندِس طویل دورِ اقتدارس اندر چھُ رنگین نقشہٕ نگأری سۭٹھاہ ووتھہٕ بودِنہٕ آمُت یَمہٕ کِنۍ تأریخ دانو موجوٗدٕ پیپر ماشی کامہٕ ہُنڈ آگُر تہٕ اِبتدا مصرٕ پیٹھے سپدنُک اقرار چھُ دِیُتمُت ۔

یمن فرعونی بادشہن اندر چھُ رومیشیو ، ناوُک سُہ بادشاہ سۭٹھاہ شوق بند تہٕ اتھہٕ کامَن ہُنڈ دِلداد مانِنہٕ یوان ، یُس حضرت موسیٰؑ سِنٛدِ وقتہٕ موجوٗد مصرُک بادشاہ چھُ اوسمُت ۔ تہُنڈ سورُے رازٕ دربار تہٕ محلہٕ خانہٕ چھُ تمہٕ وقتہٕ کین نامدار تہٕ کأری گر زمان ، نقاشن ہُنڈ اعلیٰ فنی تہٕ حسین نقشہٕ نگأری ہٕنڈی بے مثال نمونہٕ آسۍ متۍ ۔ یمن قدیم تأریخی واقعاتن ہُنڈ حوالہِ چھُ معروف ایرانُک معتبر محقق تہٕ ادیب زین العابدین رہنما صأبنہٕ "مصری تہٕ ایرأنۍ تہذیب و تمدنُک دِیُت" ناوی کتابہٕ اندر ویژھہٕ نأوِتھ ۔ یمو چھُ لیوٗکھمُت زِ مصری آسۍ پننین بادشہن مرنہٕ پتہٕ تہندِ رادٕ ژٕ گتھ کاغذٕ کس أکِس خاص سانچس اندر یُس بوٗسی شکلہِ ہُنڈ بناونہٕ اوس یوان ، منٛز برِتھ اِدٕ تو بۆدس اندر دفن آسۍ کران ، یتھ أندرٕ نبرٕ وار یاہ دواز أژتہٕ آسہٕ تھاونہٕ یوان ۔ بیٚیہٕ تمن بادشہن ہُنڈی تم نأری تمأنۍ چیزٕ تہٕ أکۍ تم نِ ستی تہند ہن

تمن تھہ خانہٕ چالہِ ہٕندہن مقبرن اندر دفہٕ ناونہٕ یوان۔ یِمن مصری خاص قسمہٕ کٮ۪ن توبوٗدن تہٕ ساچن اندر پٔنٛنٮ۪ بادشاہٕ ڈراونک رِواج کریوو رومیو تہِ کیٔثرس کالس اختیار، پوٗزتہِ اوس نہٕ تمن تمہِ خاص قسمُک تیُتھ کاغذ دستیاب۔ یتھ مصری لوٗکھ یُتھ کھوکھہِ اُسی بنأوِتھ ہبکان۔ توے کٔرتر وو رومیو اڈوتی پٔنٛنہِ بادشاہ دفہٕ ناونک یہِ عجیب و غریب طریقہ۔ مصرٕچ امہِ آیہِ تأریخ تہٕ واقعات چھِ پیپر مأشی ہنٛدِ کسبکی موٗل تأریخ دانو امی سببہٕ مصرٕ ہٕے اندر ونہٕ کڈٕمتی۔ یٔمیٖک آگُر تِم مصرِ یَن ہنٛز یہَے توبوٗدِ بناوُنک فنِ قدیم چھُ ٹھہراوان۔ امہِ دورٕ پتہٕ چھُ تِمو ادِ پُرٛتھ تہٕ دٕگتھ کاغذٕکی بیٚیہِ بیٚیہِ خاص لکن ہٕندی پسندٕکی چیز ساچن اندر بنأوِتھ پیپر مأشی ہندِ کسبک دٕسلابہٕ کوٚرمُت۔ یِمن چیزَن ساچو اندرٕ کڈِتھ اُسی ادِ چیزن پھہر پر گأٹتھ تہٕ پتھٕلأ وِتھ وقتہٕ کہو قدرتی رنگو ستی مصری لوٗکن ہٕندی پوٗزن وألی دیوی دیوتہَن ہٕندی بُت تہٕ بیٚیہِ مروجہ نقشہِ نگارتہٕ نسوأنی تصویر بنأوِتھ شأہی دربارن اندر سجاوان اُسی ٕمتی۔ یِمن کأری گرن چھُ پتہٕ پتہٕ کسبک پوٗرٕ پوٗر معاوضہٕ تہِ اوسمُت میلان۔ یِم کأری گر اُسی بادشاہَن ہنٛدِ باپتھ لوٕکٹی بٔڈی صندوٗق، پھوٗلدانہٕ، قلمدانہٕ، شمع دانہٕ قسمکی نقشہٕ نگأری ہٕندی حسین تہٕ دل پسند نمونہٕ بناوان۔ ساسہٕ بٔدی وٗری برونٛٹھم بنأومتٮ۪ن چیزن ہٕندی آثار چھِ ازتہِ مصری تہٕ روم کٮ۪ن عجایب گرن اندر موجوٗد تھاونہٕ آمٕتی۔

امہِ حسین تہٕ موللہِ کسبہٕ کارٕچ بنیاد ژانہٕ پیتہٕ پکو وونی بروٗنہہ پہٕن تہٕ زانو مصرٕ نبر نیرٕتھ کتہِ کوٚت واتٕژ یہِ ہُنر چھُ ڈٲلیل تہِ چھَ سیٹھاہ طویل، سو کتھ کران ماروزِ اَسہِ اصل موضوع اڈٕ وتی۔ یہِ وُنِ چھُ سیٹھاہ مشکل زِ بھارت تہٕ جاپانٕ کیو کٲرِ گرو کراپنٲویہِ کٲم سُہ چھُ تیلہِ بیا کھ موضوع بنان۔ اَسی کرو یتینس از یہِ کتھ زِ پیپر مٲشی ہُنرٕ ہُنر کر تہٕ کتھٕ کٔنی واتٕژ سانہِ کٲشیرِ اندر یتھ کتھِ چھُنہٕ کانہہ شک زِ پیپر مٲشی ہٕندِس کسبس کارس تہِ لوٚگ بڈشاہی دورِ حکومتس اندرٕ ےوتھٕ بوتہٕ عروج۔ییلہِ بڈشاہ صاٲبن سمرقند پٮٹھٕ پیپر مٲشی ہٕندِ کامہِ ہٕندِ ووستادِ دم کٲرِ گر کٲشیرِ انہٕ ناوِتھ کٲشرٮ۪ن کٲرِ گرن تہِ امہِ حسین ترین کسبچ جانٕ پٲٹھی تربیت دِژاے۔ یہِ کٲم ییلہِ ییتہِ کیو مقٲمی کٲرِ گرو زبرٕ پٲٹھی ہیچھی، تِموٚ دِیُت امہِ کس نقشہِ نگٲرس کٲشیرِ ہٕندِ قدرتی مزاژُک تہٕ خوبصورت ماحولُک پنُن مقٲمی رنگ تہِ یمن اندر ییٚتیٚکی جنگلی جانورن ہٕندی قسم تہٕ ماحول، قدرتی نظارٕ، مشکبار پوشن ہٕندی رنگ تہٕ قسم، ڈل، دریاو، آبشار، ناگ، آرٕ تہٕ کولہٕ بیترٕ بیترٕ نظارن ہٕندی نقشہِ نقشٲوی۔ کٲشریو کٲرِ گرو، بڈٕ ووستٲدِ لہِ سان یم شٲہی دربارن تہٕ سالانٮ۪ن اندر سیٹھاہ مقبوٗل سپدی تہٕ دنیا کٮ۪ن آبادتہٕ پاپرجا ملکن واتٕتھ کٲشرٮ۪ن تہٕ کٲشیرِ ہٕندِ فنکی سپدی ادٕ تِم دِلدادٕ تہٕ خریدار۔

موجودٕ شکلہِ ہُنرِ پیپر مٲشی ہُند ابتدٲیی ناو چھُ ''کٲرِ قلم دٲری'' وننہٕ آمُت۔ امہِ کس ابتدٲیی عملس پوٚھر لگتھ چھِ تِمو کٲرِ گرو گوڈٕ

گوڈ پادشہَن ہٕندی دربار جنگلی نظارن تہٕ جنگ جدٕلکی منظر نقشاؤمتی ، پیپر مأشی ہندِ امہِ خوبصورت کسیچ کتھ کران چھُ انگریز مورخ امورکرافٹ دلی دربار کبن پیپر مأشی ہٕندٕ ہن چیزن ہُنٛد ذکر کران لیکھان زِ پیپر مأشی کُرنک سُہ نوزُک تہٕ زأوِیُل برش تہٕ رنگ تہِ چھُ کٔشیرِ اندرٕ ے بناونہٕ یوان یَمہِ ستی یم ووستاد نقاش امہِ کامہِ ہٕندی حسین چیزن اندر قسمہٕ قسمکی تصویر ، ٹۄری ، کھأسی ، پیٚالہٕ ، پوڈرِ ڈبہٕ ، صابنہِ ڈبہٕ ، لیمپ شیڈ ، گلدان بیترِ بناوان چھِ ۔

قدیم پیپر مأشی ہُنرِ ہٕندی ووستاد تہٕ تھٔکنٕ لایق کأری گر یمو اتھ کامہِ اندر پٔنُن ناو نیچھ نوومُت اوس أسی ''نرن مورت ساگر'' تہٕ ''سید تُراب'' ناوِکی زِ نقاش ۱۸۷۵ عیسوی تام زِندٕ ۔ نقأشی یعنے پیپر مأشی ہندِ امہِ کسبٕ کارُک ذِکر کران کران چھُ مورخ تہٕ محقق پنڈت آنند کول بامزٔئی پننہِ ''جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ'' ناوچہِ کتابہِ اندر لیکھان زِ پیپر مأشی کامہِ کارِکی یم کأری گر چھِ سبٹھاہ تنگ نظر تہٕ بخیل یمو نہٕ پننہٕ نو

لہ : ''پیپر مأشی ہُنر یہ بے مثال کأم أسی کٔشیرِ اندر ۱۹۷۵ عیسوی تام صرف اہلِ تشعیہ گرٕ نے تام محدود تہٕ مخصوص کرنہٕ آمٕژ ۔ امہِ پتہٕ کھۄلی یتہٕ شہرِ گام ریاستی تہٕ مرکزی حکومتِ ہندٕ کی ہینڈی کرافٹس ڈیپارٹمنٹن یتکی سأری کسب تہٕ کارٕ چھٔنکی سنٹر یمن اندرٕ پیپر مأشی ہُنٛد یہ محدُود کرنہٕ آمُت کسب شہرَن تہٕ گامن اندر یسلہٕ پأٹھی شُر یوہیٚو چھ ۔ پوٚز امہِ یلغارٕ پتہٕ رُود نہٕ اتھ پیپر مأشی ہٕندِس مولِس کامہِ کارس تمہِ کوالٹی تہٕ نوزُک نقشہِ نگأری ہُنٛد سُہ مزاژ ڈنجہِ یُس اتھ اوٚت تام محدُود آسنہٕ کِنہٕ رچھنہٕ اوس آمُت ۔ وونی چھَ پیپر مأشی کٔشیرِ نبرٕ تہٕ شُری تماشو پٹھ سجاونہٕ کبن تمام چیزن پٹھ نقلی رنگہٕ تہٕ روغنہٕ ستی رڈورڈو بناونہٕ یتھ کٔنہٕ یوان ۔

شُر یومُر یو بغأرِ ییٚتہِ بیٚیہِ کأنٛہہ تہِ یہِ کسب کار ہیچھِ نوو، تمی سببہٕ چھُ یمن
کأرِ گرن ہُنٛد تعداد تہِ سٮ۪ٹھاہ کم تہٕ قلیل روٗدمُت ۔ پنڈت بامزئین
چھُ لیوٗکھمُت زِ کٔشیرِ اندر چھہٕ ساسہٕ وادن روپین ہٕنٛدِ موٚلچ پیپر مأشی
نسبرِ مٕن مُلکن سوزنہٕ یوان یمہِ أندرِ دہن پننٕہ ہَن ساسن ہٕنٛدِ موٚلچ
افغانستان تہِ سوزنہٕ چھہٕ یوان۔

فرانسی لوٗکن تاجرن تہٕ سالانٕہ ہندس ونس پیٹھ اَسی کٔشیرِ پیٹھ
شال بیترِ یمنے پیپر مأشی ہندٕن لوکٹٕن بڈٕن ڈبَن اندر بند کٔرِتھ فرانس
سوزنہٕ یوان۔ پتہٕ اَسی تتہِ امکی باپأرِ شال الگ تہٕ پیپر مأشی ڈبہٕ الگ
خریدارن کِنٛتھ زبر نفع زینان۔

کٔشیرِ ہنٛز یہِ خوبصورت ترین تہٕ نفع بخش ہونر چھُ کٔشیرِ اندر باقین
اتھہٕ کامٕن ہٕنٛدی پأٹھی یہِ ذٔلِ زِ تہِ دمن پیٹھ ۔ یم بے مثال کسب کار
رٔژھراونچ آیہِ نہٕ ازتام تہِ کأنٛہہ کارآمد تہٕ سنجید کوٗشش کرنہٕ ۔ تیٚمیُک
افسوس تہٕ راوُن تیوٚل سانٕہ پننہٕ والٕین نسلن تہِ روزِ۔

## قالینہٕ کأم

کأشرِ قالیٖنچ تواریخ تہٕ وأنس تہِ چھہٕ بیٚین کأشرٕن اتھہٕ کامٕن
ہٕنٛدی پأٹھی سٮ۪ٹھاہ قدیم تہٕ پٔنٛنی کأشر آسنچ سند دِوان۔ تیٚمکی اشارٕ تہٕ
شہادت سانٕہ کأشرٕن لُکہٕ گٮ۪تھَن اندر ٹاکارٕ پأٹھی میلان چھہٕ۔ موجودٕ
قالین چھُ کٔشیرِ نادر زمانے قدیمہٕ پیٹھے اکہٕ دویہٕ رنگہٕ تہٕ سادٕ حسابے

وونہٕ اوسمُت یوان۔ یُس پرانہِ زمانٕکی آسن بسَن وأٔلی لوٗکھ تہٕ راز
دربارن اندر ووتھراونہٕ چھُ اوسمُت یوان۔ وق گوٚو بدلان تہٕ قالینہٕ
کامہِ اندر تہِ آے طرحدار نقشہِ تہٕ رنگ بستہٕ امہِ کٕہن گراگن تہٕ
باپارٕہن ہندِ مزازِ مطأبق بارسس۔ شاہ میری دورِ حکومتس اندر سپز من
جملہ اتھِ کامٕہن ہر رنگہٕ پُذیرأیی یمہِ سببہٕ کأشرٕہن قدیم رنگہٕ کٕہن کسبَن
کارن نٔو وزُوزبتہٕ تہٕ قبولِ خاص و عام حأصِل سپُد تِمن اندر لوٚب قالینہٕ
کامہِ تہِ پتُن اکھ خاص مقام تہٕ عروٗج۔ یہِ کتھ تہِ چھَ توأریخی حوالو
ستی بروٗنہہ کُن آمژ زِ کأشرِس قالینہٕ کارس آو سلطان زین العابدٕہن
(بڈشاہ) صأب نِسے دورِ حکومتس اندر اکھ نٔو وتہٕ ناز انہار باگہِ ییٚلہِ
بادشاہٕ سِنٛدِ خأہشہِ تہٕ حُکمہٕ ستی وسطِ ایشیا کیو واریہو ملکو تہٕ شہرو پیٚٹھ بہلہِ
پایِکی کأری گر کشیرِ انہٕ ناونہٕ آے۔ تِموتھأوی پننٕہن آبأیی مُلکن تہٕ شہرن
ہٕندی ہِسے ناوس پیٹھ ییٚتہِ قالینن ہٕندی ناو تہٕ نقشہِ تہِ۔ مثالے کاشان،
ہمدان، اصفہان، تبریز، کرمان، یارقند، سمرقند، بخارا، کاشغر بیترِ
ملکن ہٕندی ہِسے ناوس پیٹھ چھِ از تام ییٚتہٕ قالینہٕ وونہٕ یوان۔ تِموٕ ے
ووستادِ زمان کأری گرو بنأو کأشر کأری گر تہِ اعلیٰ پیمانٕکی مأہر تہٕ ووستادِ فن
یتھ پیٹھ تِمن بڈشاہ صأب دربارِ عامس اندر انعام و اِکرام تہٕ بخشأیشو
ستی مالامال اوس کران۔ تِمی بادشأہی ہنژِ حوصلہٕ افزأیی ہنٛدِ برکتہٕ بُسی
اِد واریاہ تِم بیٚین مُلکن ہٕندی ووستاد کأری گر کشیرِ اندرٕ ے۔ ییٚمیٚک
فأض اِد کأشرس کأری گرس تہٕ ییٚتہِ تہٕ تِس ملیس کسبس کارس تہٕ

میۆل۔ قالینہٕ کامہِ کارِ کریم ماہر کارٕ گر تمہِ وزِ کشیر انہٕ ناوٕنہٕ چھہِ آمتی تمن اندر چھُ زیادٕ تعداد ایرانٕی کارٕ گرنٕے ہُند اوسمُت۔ تمی سببہٕ چھُ تمو قالینہٕ کامہِ ہٕندی نقشہِ تہٕ ناو پننٕن آبایی ملکن تہٕ شہرٕ نٕے ہٕندی تھاوٕمتی۔ یِمیُک ذِکر پتھ کُن کرنہٕ آو۔ یہِ تارٕیخی رنگُک تذکرٕ چھُ مرزٕ حیدر کاشغری صابن تہٕ پننہِ کتابہِ "تاریخ رشیدیہ" ہس اندر وبڑھناوِتھ کۆرمُت لیکھان چھُ زِ بڈشاہ صابن چھُ شاہی دربارس تہٕ محلاتن ہٕندِ فرشہِ فروشہِ باپتھ پننہِ منشاتہٕ مزازٕ کِ نقشہِ تہٕ ضۆرورتہٕ کہِ سایزٕ کِ قالینہٕ وونہٕ ناوٕمتی۔ قالینس تہٕ قالبافن ہر رنگہٕ حوصلہٕ افزایی کٕرِتھ سمبڑھاو تھزرتہٕ بجر بخشمُت۔ بڈشاہ صابنہِ پنژٕہن وٕرین ہُنزٕ پُرامن تہٕ خوشحال بادشاہی پتہٕ یُس کشیرِ سیاسی تہٕ معاشی لحاظہٕ پتہٕ کھۆرآمُت چھُ، تمی سیاسی بدنظمی تہٕ رسہٕ کشی چھُ یتیُک سہ آبادتہٕ پاپرجا نظامِ حکومت چھلہٕ چھانگرِ کۆرمُت۔ یُس بڈشاہ صابنس دورس اندر کشیرِ ہُنزٕ ناماوٕری تہٕ اتھہٕ کامن ہٕندٕن پتھ کھورِ گامتن کارٕ گرن ہُنزٕ بجایی تہٕ قدردانی ہُند ضامن چھُ اوسمُت۔ بڈشاہ صابس پتہٕ یوسہٕ تہٕنزٕ جانشینی پتھ تہٕندٕن نااہل اولادن تہٕ زُرٕن شُرٕن پانہٕ وانٕی ٹھاسلہٕ تہٕ جنگ و جدل وٕزٕ تمہٕ ستی سپُد سہ سورُے تہذیبی، ثقافتی، تمدنی تہٕ تواریخی اثاثہٕ بربادیُس شاہ میری سلطانو سمبڑھاو موٕلُل سرمایہٕ زٕانتھ رٕچھتھ اوس تھوومُت۔ یِمیُک شکار سپُد سیۆد قالینہٕ کاروبار تہٕ قالباف تہِ سپُد، یتھ قالینہٕ کارس اۆس تمام عناٗدن بارن اندر پذیرایی تہٕ حاکمن تہٕ

خاصہٕ لۆکن ہنٛرٕ قدردٲنی ٲسی سپدان سُے گۆو ترٛتھ بے قدری ہُنٛد شکار یَمہٕ کِنۍ اتھ کامہِ کارس ستۍ وابستہٕ لۆکھ فاقہٕ کَشی پٮ۪ٹھ وٲتی۔ تمو کۆر ادٕ پننہِ دٕبن گُذٲری باپتھ بدل بدل کامبن کارَن ستۍ پان آوٗر۔ ادٕ ہیوٚت نہٕ تمو مُدتس تہٕ قٲلین کارُک ناو تہٕ کانٛسہٕ، یَمہٕ کِنۍ ادٕ تمہِ اہم تہٕ خوبصورت قٲلینہٕ کارِکی ناو نشانہٕ تہٕ رۆدی نہٕ کُنہٕ شایہِ موجوٗد۔ امہِ پریشان حال وقتہٕ پتہٕ مدتھا گژھتھ دژاو یٮ۪تہٕ اکھ ژُکھی درتہٕ روشن ضمیر کٲشُر زیارت بیت اللہ باپتھ، یَس اوخۆن رہنما ناواوس۔ یہِ صاحب آو حج کٔرتھ گوڈ ایران تہٕ تتہٕ پٮ۪ٹھ گۆو ''اندجان'' ناوٕ کس شہرس کُن یٮ۪تہٕ تمہِ وقتہٕ قٲلین کارٕ طیس پٮ۪ٹھ آسنہٕ کِنۍ یُہے سارِٕی سے ایرانس اندر قٲلین بٲفی ہُنٛد مرکز تہٕ مانتہٕ اوسمُت چھُ یوان۔ تتی ہیچھی ٲمی ژُکھی در کاشُر کارِی گرن نوسرٕ قالباف کٲم تہٕ تمی نٔوی نٔوی نقشہِ تہٕ دِل پسند سایزٕ تہٕ ڈیزاین تہٕ۔

قالباف کامہِ ہُندِس جدید تہٕ قدیم طریقےٕ عملس اندر پورٕ پٲٹھی ماہر سپدِتھ اوٚنُن تورَے قٲلینہٕ کامہِ کارس بکارِ ینہٕ وول سورُے سامانہٕ تہٕ پانس ستۍ کَشیرِ۔ ادٕ سپد نِوسرٕ قالباف کاریٮ۪تہٕ زِندٕ تہٕ ہیوٚت ادٕ لۆکو بیٚیہِ پژٲنۍ پٲٹھی گوڈٕ گوڈٕ پننبن گرن تہٕ ادٕ امہِ کامہِ ہُندبن ووستہٕ کارن ہندبن ژاٹہٕ ہالن پٮ۪ٹھ پننۍ شُری مُری قٲلینہٕ کٲم کرنہٕ باپتھ سوزٕنۍ۔ کَشیرِ ہنٛرٕ یہِ بڈٕ بارٕ مقبولِ عالم تہٕ روزگار بخش کٲم زِندٕ کرن وول گاٹُل تہٕ غیرت مند گۆو بُراوخن رہنما صاب چھُ جامع مسجدِ نکھٕ گوجوارِ دفن، رب کٔرِنٕی تھہند حسنات ودرجات بُلند۔ (آمین)

قالینہٕ کامہِ ہنرٕ تعلیمہِ ہُند موجد تہٕ چھُ بیاکھ اکھ روشن خیال تہٕ گاٹُل کأری گر خواجہِ امیرالدین گنجوناوُک شہرِ خاصہٕ کُے روزن وول شخص اوسمُت۔ یہِ اوس ڈوگرٕ مہراج رنبیر سنگھنہِ وقتہٕ ۱۸۵۸ عیسوی تام زِندٕ، تیمی قالینہٕ کامہِ باپتھ تعلیم بارسس أنتھ اتھ پیٹھ بۄڈ بارٕ احسان چھُ کوٚرمُت۔ قالینہٕ کارٕچ تعلیم بارسس یِنہٕ بروٚنٹھ آسہٕ قالین باف قالینک ڈیزاین یعنے نقشہِ مطأبِق بیوٚن بیوٚن رنگن ہنزٕن ییرٕ داوَن گنڈ ہوان تہٕ سُہ نقشہِ وہتلاوان۔ یُس نقاش بنوومُت آسان اوس۔ سو کأم آس قالبافن ہُندِ باپتھ سبٹھاہ مُشکل تہٕ کھُری دار پتہٕ یِیلہِ خواجہِ امیرالدین گنجو صأبن اَمِچ تعلیم بارسس أنی اِدٕ سپُد امہِ کٕہن کأری گرن پزٕی پأٹھی حلِ مشکِل۔ بیٚیہ آکھ کامہِ اندر وُژھ تہٕ نقشن اندر ہیرٕ پھیر گژھنُک امکان تہٕ گوٚ وسبٹھاہ کم۔ قالینہٕ بأفی ہنزٕ تعلیم لِکھَن وأرِلس چھِ کأری گر بولہِ اندر کھنن وول تہٕ وُنان۔

۱۸۱۹ عیسوی یِیلہِ سِکھا شأہی ہُند یِیتہٕ آغاز سپُدمت چھُ تمہِ وقتہٕ چھُ کٔشیرِ اندر اتھ کارس ستی کینہہ بہلہِ پأیکۍ ناماوار ووستادیمن اندر فضل خان، جبار خان، تہٕ کمال جوبیترِ کمالکی کأری گر موجود چھِ آسۍ مِتۍ۔

یمن ترٕہن ووستادِ زمان کأری گرن چھُ ڈوگرٕ مہراج رنجیت سنگھن تہندِ باپتھ وۄنۍ مُتِس قالینس پیٹھ کٔشیرِ ہُندِ سونتہٕ کاٚلچ منظر کٔشی شکلاونس پیٹھ نألی ہُند سونہٕ سُند موٚختہٕ جُرتھ اکھ موُلُل ہار بخشأیش دِیتمُت۔

وولرِ کو ملر ناؤ وی ادبی رسالس اندر چھُ تاریخ دان تہٕ محقق سورگیہ موتی لال ساقی صاٮ۪بن "کاشرِ اتھہٕ کامہِ" ناوِ کس پننِس مضمونس اندر لیٛوکھمُت زِ ۱۹۰۲ عیسویس اندر چھُ کاشر یو قالبافو "مسجدِ اردابل" باپتھ ۳۴ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ساڑ سداہ فُٹہٕ پنہٕک اکھ تیٚتھ بے مثال قالینہٕ وۄنمُت یتھ ترٛے دورِ تہٕ ۵۰ لچھ گنڈ چھِ آسۍ مِتۍ۔ یُتھ سہٕ نایاب تہٕ نادِر قالینہٕ چھُ موجودٕ دورس تام تہِ اکھ مولُل بے مثال تہٕ رِکارڈُک قالینہٕ مانِنہٕ یوان۔ (مسجدِ اردابل[1] کتھ ملکس اندر چھُ واقعہ تمیُک چھُنہٕ ساقی صاٮ۪بن کانہہ ذِکر کوٚرمُت)۔ یُہَے قالینہٕ چھُ پتہٕ دون ساسن پونڈن انگریزو مُلۍ ہیتھ "وِکٹوریہ البرٹ میوٗزیمس" اندر محفوظ تھوومُت۔ یُس وُچھن والین ہندِ وننہٕ موجوٗب ازتہٕ تتہِ موجودٕ ے چھُ۔ تواریخ دان چھِ لیکھان زِ کاشرین ووستادِ زمان کارِگرن ییلہِ نہٕ ییتہِ سو قدر تہٕ مناسِب موٗزورِ میٖج تمی عاجزی تہٕ مفلسی کِنۍ چھِ تمِ ییتہِ نیرِتھ اِدٕ پنجاب علاقہٕ کین مختلف شہرن کُن ژٔلۍ مِتۍ تہٕ یہِ ڈٔلۍ زِ تہِ رآوۍ مِتۍ۔ سِکھا شاہی ۱۸۱۹ عیسوی ہُنٛد جابرانہٕ تہٕ ظالمانہٕ ورتاو تہٕ ٹیکسن ہندِ ناقابِلِ برداشت بارٕ نِشہِ بچنہٕ باپتھ چھِ کشیرِ پیٹھٕ اتھہٕ کامین ہُندی ژورساس کارِگر ییتہٕ ژٔلِتھ لاہورٕ آباد گامتۍ۔ یِہندی زُری شُری ازتہٕ تتہِ "کاشری پنجابۍ" ناوٕ زانِنہٕ چھِ یوان۔

قالینہٕ باپتھ ہُندی نقشہِ بناون وألِس چھِ نقاش ونان، یُس قالینہٕ

---

[1]: اردابل تہٕ گژھِ وسط ایشیاکہ کانہہ شہرآسُن۔

کتہ کدن نقل چھُ کران تس چھِ نقل کرن ووئے ونان۔

نقشہِ بناوَن وألس نقاشس چھِ نقشہِ فٹس آنچہِ حسابہٕ مُزوٗری دِنہٕ یوان۔ مثالہِ پأٹھی 6x4 فٹہٕ قالینس چھِ 24 فٹہٕ بنان، اتھ چھَ أکس پھٹچہِ 1862 آنچہ واتان۔ 18 تارِس قالینس چھَ 18x18 واتان۔ ازکالہِ چھِ عام طور پأٹھی '18'x12 سایزٕ ہے تام قالینہٕ وونہٕ یوان۔ یمن ریلوایتی ڈیزاینن اندر چھُ ہمدان، کاشان، خراسان، کرِمان، مشہد بیترِ نقشہِ زیادٕ پسند یوان کرنہٕ یم سأری چھِ ایرأنی نقشے۔ پوش کار شیرین فرہاد، عمر خیام، لأل مجنون، آرٹ گھوڑا، شکار گاہ تہٕ بێیہِ بێیہِ ڈیزاین تہٕ چھِ باپارٕ بن ہٕندی ہے آڈرٕس پیٹھ وونہٕ یوان۔ قالینہٕ چھِ یێتہِ اعلیٰ قسمکہِ ''پیرکی، ریشمی تہٕ سٹیپلکی تہٕ وونہٕ یوان۔

## پشمینہٕ شال

شال لفظ چھُ تُرکی تہٕ فارسی زبأنی ہُند مُلہٕ مشی لفظ۔ یہِ چھُ ترکستانس اندر اکہِ خاص قسمچہِ پیرٕ ژادرِ ونان۔ ییلہِ زَن منز ایشیا کین کینژَن علاقَن منز أکس ملایم تہٕ خوبصورت وٗلن ژادرِ ازتہٕ شالکی چھِ ونان۔ فارسی زبأنی ہٕندِ شال لفظُک معنے چھُ اوٗنی کپرٕ، کشیرِ اندر یُس یخ بستہٕ موسم شبن ستن رتبن کأشر بن لوٗکن وتہٕ رُن تہٕ پہترُن اوس پیوان تمہِ سبہٕ اوس یێتہِ بیوٗن بیوٗن قسمُک پیرتہٕ کپُر بنأوِتھ پوشاکہٕ رنگی استعمال کرنہٕ یوان۔ یمن اندر شال پنُن اکھ الگ تہٕ خاص مقام

چھُ تھاوان ۔ سُہ اِد شاہ توسہٕ ، پشمینہٕ ، کانٛی ، رفل یا بیٚیہٕ تہٕ کُنہٕ درجُک حسن و خوبصورتی آسنہٕ کِنٛز لؤکھ استعمال کرٛہن ۔ کٔشیرِ ہٕندی یِم حسین تہٕ موٗلِلی کسب کار پھوٚلنا وِنس تہٕ پھاپھلا وِنس اندر چھُ حضرت میر سید علی ہمدانیؒ صابٕنٛ اکھا اہم رول تہٕ حِصہٕ رُودمُت ، یِموٚ ژوٗدٲہمہِ صدی ہٕندِس اُٹھِمِس تہٕ نٔوی مِس دٔہی لِس درمیان کٔشیرِ تشریف چھُ اوٚنمُت ۔ یِہنٛدِس ستھ محسن تہٕ ہمدرد قافلس سٍتؠ آسی دینی عالِم تہٕ فاضلن سٍتؠ سٍتؠ بہلہِ پایکی ووستاد تہٕ ناودار کامبٕن کارن ہٕندی تھکنٛز لایق کاریگر تہٕ موجوٗد ، یِمو اندرٕ اکثر ہُنر مند ووستادیٚتؠ آباد گرٛھتھ لسیمٕتؠ بسیمٕتؠ تہٕ چھِ ۔

شاہِ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ صابنہٕ کاشرٕن ہُنٛد محسن ، دینی تہٕ روٗحانی رہنمایی تہٕ خاص کر صنعت گری اندر تِہنٛز احسان مندی ہٕندِس اعترافس پیٹھ چھُ سانٛی موٗلہٕ کاشُر مفکر زمان ، فلسفی تہٕ شاعرِ بے بدل علامہٕ اقبالِ تِمن خراج پیش کران لیوٗکھمُت :

سیدِ سادات سالارِ عجم
دستِ اُو معمارِ تقدیرِ اُمم
خطٔ را آں شاہے دریا آستین
دادِ علم و صنعت و تہذیب و دین
آفرید آں مردِ ایران صغیر
با ہُنر ہا یے غریب و دلپذیر

# پشمینہٕ شال

شال پشمینگ آسہِ، رفلُک یابیٚہِ تہٕ کُنہِ قسمکہِ کپرُک آسہِ یہِ چھُ ولنہٕ باپتھے بناونہٕ یوان۔ کینہہ لۄکھ چھِ شال عزتہٕ رٔنگی پھکبن دون پٹھ تہہ کٔرتھ الہِ اُونڈ تہٕ تڑ اوان۔ شہرِ خاصکی آسَن بسن وألی لۄکھ اَسی حسبِ حیثیت پھکبن پٹھ پشمینہٕ یا رفل پچِہ ہنا تھاوِتھ گرِ نیران، درمیانہٕ رنگہٕ لسن بسن وألی لُکھ اَسی سوتی کپرچ گزٕ گز کپر ژادرِ ہن اکثر استعمال کران۔ سوٕ ژ رِبو ایتھ اَس از بروٚنٹھ داہ تڑ ہہٕ وٕ ری تام بحالے۔ مِبرٕ حیدر کاشغری سُند اکھ مُلأزِم یَس جز بیگ ناوس یُس منز ایشیا ''خوند کُک'' روزن وول اوس چھُ پننس آغس ڈوڑ گز پشمینہٕ ژادر نذرانہٕ دِوان، یہِ وٕنِتھ مبرزا حیدر کاشغری پرٛژھس یہِ کیاہ چھ؟ در جواب دۄ پنَس تِمہِ شال، امہِ ستی سپُد ثابت زِ خوندٕکی لۄکھ چھِ اۄنی ژادرِ شال ونان اَسی ہتی۔

فرانسیسی سیاح بٔرنیر چھُ موغل شہنشاہ اورنگ زیب عالمگیرس ستی کٔشیرِ آمُت، سُہ چھُ پننس سفر نامس اندر کأشرِ شالکی تعریف کران لیکھان زِ کٔشیرِ اندر چھُ سارٕوے اتھہٕ کامو کھوتہٕ زیادٕ پیداوار تہٕ تجارت شالبأفی ہُندٕ ے سپدان۔ اتھ کارس ستی چھِ کأشر مرد تہٕ زنانہٕ، جوان تہٕ بچِہ تام آڈٕری اَستھ پنُن روزی کماوان۔ بروٚنہہ کُن چھُ بٔرنیر لیکھان زِ شال چھُ پشمینہٕ تہٕ باقے اۄنی کپرٕ علاوٕ ''توز'' Tooz(یتھ

أسی توسہٕ چھِ ونان ) کپٕرُک تہٕ خاصن اندر اِستعمال یوان کرنہٕ۔ سُہ چھُ ونان زِ اگر ہندستانہٕ کِنۍ باقٕے حصن اندر پٹنہٕ (بہار ) آگرہ یا بیٚیہٕ تہٕ واریہَن جاین شال بناونہٕ چھِ یوان ، پوٚز کأشُر شال چھُ پننۍ اکھ الگ بناوٹھ تہٕ شان تھاوان۔ یہِ چھُ سبٹھاہ نوزُک تہٕ خوبصوٗرت آسان یَمہِ کِنۍ کأشُر شال امہِ کِنۍ گرٛاکن اندر سبٹھاہ پسندیدہ تہٕ نفع بخش تہِ چھُ مانہٕ یوان۔

''جارج فوسٹر'' ناوُک بیا کھ اکھ سأیٲنی ، یُس کٔشیرِ ۱۷۸۳ عیسوی منز آمُت چھُ ، لیکھان زِ ''ریاستِ کشمیرس چھِ سارِوٕے چیز وکھوٚتہٕ زیادٕ آمدنی شال بأفی ءتی یوان ، یَمیُک خام مال تبتہٕ (لاسا) پیٹھٕ چھُ یور واتان ، تِبتہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ تام واتنس چھُ باپأری قأفلن اکھ رِتھ لگان۔ بروٗنہہ کُن چھُ جارج فوسٹر لیکھان زِ اکھ شال چھُ أٹھو روپیو پیٹھ پندٕہَن روپین وُہن روپین تہٕ اعلیٰ قسمہٕ کہِ کپٕرُک شال چھُ پانژتأجیَن روپیَن تہِ کٔنہٕ یوان۔ یم شال چھِ زیادٕ تر ایران تہٕ افغانستان کِنۍ علاقن کُن سوزنہٕ یوان۔ بیٚیہِ چھِ شال کأشرۍ آسَن وألی تہٕ شوخ بندلۆکھ تہِ استعمال کران۔

کأشُر مورخ ''پنڈت آنند کول بامزیٔ'' چھُ ''جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ'' ناوچہِ پننہِ کتابہِ اندر لیکھان زِ ڈوگرِ مہراج گلاب سنگھنہِ وقتہٕ أسی کٔشیرِ اندر ۲۷۰۰۰ شالباف ۱۱۰۰۰ ووٗرۍ وانن پیٹھ شال وونان أسیٕ تی۔ یمن مسکینن تہٕ لاچار کأشرِ ہُنرمندن ''داغ شال'' ناوُک

ٹیکس ہیۡنہٕ باپتھ کوٗرگلاب سنگھن راجہِ کاک درٗ داروغ مقرر تہٕ حکم دیُتنس زِ باہ لچھ روپیہ دِمےٚ ٹیکسہٕ رٔنگی وصوٗل کٔرِتھ۔ امہِ ظالمانہٕ حکمِ شاہی پتہٕ وُچھ ہیۡنہٕ راجہِ درن پتھ بروٚنٹھ تہٕ ٹیکس ووگراون چیری تمی یِم غریب شالباف ہاکہٕ مچہِ ہٕندی پأٹھی ٹیکسکس سِکینجس منز۔

''مورکرافٹ'' چھُ شاید گوڈنیُک یورپی سیاح ییمی کأشرین اتھہٕ کامن پیٹھ قلم تُلتھ کینژن اہم کسبن کارن پیٹھ وِیژھ نأوِتھ کتھ چھَ کٔرمژ۔ تِمن اندر چھُ خصوصیتہٕ سان شالبأفی ہُنز ذِکرسٕہ چھُ شالبافن ہِتی رٔلِتھ میلتھ اَتھہُنرِ پیٹھ پوٗرٕ پأٹھی زان کأری حاصل کٔرِتھ لیکھان زِ ''ییٚتہِ چین اتھہٕ کامن اندر چھَ سارِوے کاموٚ کاروکھوٚتہٕ زیادٕ اہمیت تہٕ پیدوار شالبأفی ہُندُ ے سپدان''۔ مورکرافٹ چھُ بروٚنہہ کُن لیکھان زِ ''اگر برطانوی سرکار شالبأفی کُن خصوصی توجہ دِیہ ہے یہِ کأم کارہیکہِ ہے ریاستس آمدنی ہُنڑ بوٚڈ بارٕ ذٔریہ تہٕ بٔنِتھ۔ تتھ برعکس چھُ مہرأجٕ حأکمو یِم رجسٹر کٔرِتھ أکس ظالمانہٕ زالس اندر بند کٔرِتھ تھأوی مِتی۔ ییٚلہِ أکس شالس پیٹھ شخصی حأکمو ۲۶ فی صد ٹیکس کھألِتھ شالباف پتھر چھُ پوٚ مُت تمہِ بروٚنٹھ چھُ پشمینس، ریشمس تہٕ بییہِ بییہِ قسمہٕ کِس پیرس پیٹھ موصول وصول کٔرِتھ تہِ سرکار بوٚڈ بارٕ رقم وصول کران۔ ییرُک تہٕ پشمینُک درآمد چھُ ییتہِ کہِ بازرٕ کہِ چلنہٕ مطأبقے ہُران تہٕ گژان روزان''۔ مورکرافٹ سِنٛدِ زاننہٕ مطأبق چھُ تمہِ وِزِ سالانہٕ پأنژھِ ہتہِ پیٹھ أکس ماسس گُرس سِنٛدِ بابک پشینہ تہٕ باقی قسمُک

پیٖر کٔشیر واتان اوسمُت۔ اکھ گُر چھُ اوسطن ترٕ ے ہتھ پونڈ وزنٕک ییٖر بارِٹلان اوسمُت۔ یہِ خام مال اوس لاسا، تبت علاوٕ تمہِ کھوٗ مغربی خطو لداخ، یارقندتہٕ ختنہٕ پٔتھٕ تورٕکی باپأری کٔشیرِ واتہٕ ناوان آسٕ متی۔ یمن اندر موٗغل تاجرتہِ یورشالن ہُنٛد خام مال أنتھ تہٕ کٔنتھ یورٕ شالن ہُنٛد تیار مال واپس ہتھ أسی گژھان تہٕ تمہ شال پتہٕ افغانستان تہٕ روٗسی علاقن اندر زبرمولہٕ کٔنان آسی۔ تمہِ وِزِ چھُ مردانہٕ پشمینہٕ شالٕک راد ۴ گز تہٕ پناہ ڈوڈ گز اوسمُت تھاونہٕ یوان، اتھ أسی دُشالہٕ تہِ ونان۔ امہِ شالٕک اکھ گز اوس پانژٕن تہٕ شٔین روپَین کٔنہٕ یوان۔

مورکرافٹ چھُ شالن ۂندی ناو، قسم تہٕ تمن ۂندی مول تہِ لیکھان:

سادٕ ہ شال: ۴ گز ڈوڈ گز، پشمینٕک، پانژھ روپیہ پٔتھٕ شٔین روپین تام اکھ گز۔

سوٗزٕنی ٹوٗپہٕ کأم کٔرِتھ حأشی دار: ساڑ ترٕ ے گز ڈوڈ گز، شےٚ روپیہِ پٔتھ أٹھَن روپین تام اکھ گز۔

دُروی سنگین سوزٕنی کار حأشی دار: ساڑ ترٕ ے گز ڈوڈ گز پانژتأجیَن روپین پٔتھٕ شیٚٹھَن روپَین تام اکھ گز۔

چہار حأشی دار سوزٕنی کار: ساڑ ترٕ ے گز ڈوڈ گز ۶۰ تا ۷۰ روپیہ فی گز۔

چاند دار سوزٕنی کار: سرکلر ڈیزاین ۲۵۰ روپیو پٔتھٕ پانژٕن ہتن تام فی جوٗرٕ ہ۔

جالہِ دار Net work ساڑ ترٕ ے گز ڈوڈ گز یہِ اوس پردٕو بدلہٕ

دارٕن تہٕ برن بێیہِ تالو پوش باپتھ تہِ استعمال کرنہٕ یوان۔ یہِ اوس ژور ہتھ روپیو پٮ۪ٹھ پانژن ہتن روپین تام تیار سپدان۔

قلم کار: سوزٕنی کار: ترٛے ہتھ روپیو پٮ۪ٹھ ژورن ہتن روپین تام اکھ جورٕ

طاق انگور سوزٕنی کار: ترٛے ہتھ روپیہِ پٮ۪ٹھ پانژن ہتن روپین تام اکھ جورٕ۔

لُہر دار سوزٕنی کار: ترٛے ہتھ پٮ۪ٹھ اَکس ساسس روپین تام اکھ جورٕ۔

گُلبدن: راد تہٕ پناہ خریدارٕ سنٛزِ ضرورتہٕ مطابق پانژھ تہٕ شےٚ روپیہِ اکھ گز۔

سادٕ شال: پنژاہ روپیو پٮ۪ٹھ ستتھ روپیہِ تام اکھ جورٕ۔

یمن شالن ہٕندی نقشہِ کٲم تہٕ رنگ اَسی باپارٕن تہٕ مقامی خریدارن ہٕندِ پسند تہٕ ضۄرورتہٕ مطابق تھاونہٕ یوان۔ امہِ قسمہٕ کٮ۪ن یمن شالن ہٕنز منڈی آسی افغانستان، ہندوستان، ترکی تہٕ ترکستان، بخارا، روس، ایران، بغداد بیترِ۔

گوڈنیُک دُروخ سوزٕنی کار پشمینہٕ شال بناوَن وٲلی بٲے بارٕنی چھِ شہرِ خاصکی غلام مصطفیٰ پنڈت تہٕ عزیز الدین پنڈت اَسی ٲتی۔ یم ڈوگرٕ مہراج رنبیر سنگھنہِ وقتہٕ ۱۸۶۴ عیسوی ہس تام پننہِ اتھ بے مثال ہُنرِ اندر عرٕج پٮ۪ٹھ چھِ اَسی ٲتی۔ اتھ دُنتھپل خوبصورت ترین شالس اَسی عکسی تہِ ونان۔ عام قسمہٕ کٮ۪ن ٹۄپہ کامہِ ہٕندٕن شالن چھُ تھر تہٕ بُتھ آسان مگر دُرخس چھِ دۄنوے طرف بُتھے بناونہٕ یوان۔ خواجہِ

یوسف ناؤک بیا کھ اکھ کأرِ گرِ زمان یُس آرمینیا ہُک (منز ایشیا) روزن وول چھُ اوسمُت، تمۍ تہٕ چھُ شالُک اکھ خاص قسم تمہِ وِزِ بنوومُت یُس کلس پھکبن دون، کمبرس تہٕ کینژاہ بتھِ سینس پٮ۪ٹھ تہٕ روزان اوس، پیپرماشی رنگن تہٕ ڈیزاینک بنأوِتھ ناوکموٗ یہِ کأری گر چھُ ۱۸۵۳ عیسوی تام زِندٕ اوسمُت۔ اۆہنٛد یہِ بے مِثال کأری گری ہٕنٛدِ نموٗنٕک شال تہٕ چھُ خاصہٕ لُکن اندر سبٹھاہ مقبوٗل سپُد مُت۔ مگر سُہ اوس یہِ شال یٮ۪تہِ پنٛنِس کارخانس پٮ۪ٹھ تیار کٔرِتھ واپس آرمینیا سوزان۔

أزی کبن بنن والبن شالن ہٕنٛز بناوٹ تہٕ نموٗنہٕ چھِ وقتس ستۍ ستۍ بارسس یوان، نوان تہٕ پرٛانان، از کالہِ تہٕ چھِ رفلس پشمینس تہٕ باقٕے نوبن نوبن دِلکش کپرن پٮ۪ٹھ نٔوی تہٕ پرٛأنۍ نقشہِ تہٕ ڈیزاین بنأوِتھ دُنیا کِس پرٛ بتھ طرفس کُن سوزنہٕ یوان۔

## کأنۍ شال

شالن ہُنٛد سرتاج ''کأنۍ شال'' یہِ شال چھُ معتبر توأریخی حوالوکٕنۍ تہٕ مۆغل دورِ حکومتس اندر تہٕ پٔن تھۆد تہٕ مۆلُل آسُن چمکأوِتھ سرس اوسمُت۔ امہِ شالُچ عظمت تہٕ مقبولیت زأنِتھ بناوِنأوی مۆغل بادشہو تہٕ حأکموٚ یمن شالن پٮ۪ٹھ پنٛنۍ من پسند طرح تہٕ ڈیزاین، یمن نقشن اندر تم زیادٕ ترمحرابدار بادمدار، دُوریدار، نیم دُور تہٕ پُرمتن کامہِ ہٕنٛدی پسند آسی کران۔ یہِ شال چھُ اکھ خاص قسمہٕ کِس ووٲری وانس یعنے (دورِ)

پٹھے وونہٕ یوان۔ یہِ شال تہٕ چھُ قالینکۍ پأٹھۍ اکہِ خاص تہٕ عجیب و غریب تعلیمہِ پٹھ وونہٕ یوان۔ اچ ییٚنۍ وونُن ( تانا بھانا ) تہِ چھُ اعلیٰ قسمکہِ پشمینہٕ کُے آسان۔ امہِ کِس وونُس پٹھ یُس پشمینہٕ لاگنہٕ ییہِ سُہ چھُ زأوۍ جن زأوۍ جن تٕجُن یعنے کاٹھ کانٛبن پٹھ رنگ بہٕ رٕنگی وٕلتھ آسان ، یمہِ ستۍ کأنی شالکۍ تم شوٗبہِ وٕنۍ تہٕ لوٗبہِ وٕنۍ نقشہِ تہٕ ڈیزاین بنان چھِ یِم امچہِ تعلیمہِ اندر پوشید أستھ وونہٕ پتہٕ نٛرٕ تہٕ ٹاکارٕ شکلہِ اندر بروٗنہہ کُن تِتھۍ وُچھن والین ہُندۍ دِل چھُ نِوان۔ ( کأنی شال وونچ تُجہِ آسہِ تیٚزٕ أوجہِ تہٕ زأوۍ جہِ آسان ، یموٕ ستۍ آسَن بسن وألین ہنزٕ حسین تہٕ خوبصورت خوتونہٕ پٔنٛبن مس کھأسی تہٕ بادم چشمن سوٗرمہٕ لأگِتھ ہرنن تہِ شرمدار آسہِ کران )۔

کأنی شال وونَن وألۍ ناخواندٕ کأرۍ گرأسی تمہِ وِزِ تہٕ امچہِ مخصوٗص تعلیمہِ پٹھ کانٛہہ تہِ نقشہِ نظارٕ تہٕ شٕکل بنأوِتھ ہیکان۔ اچ اکھ بٔڈ بارٕ نِشأنی تہٕ گوأہی چھُ سُہ بوٗڈ بارٕ تہٕ موٗلُل کشمیر وادی ہُند کأنی شالک سُہ نایاب نقشہِ یُس ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھن امہِ شالہٕ کِبن عظیم کأرۍ گرن ہُند یواتھو بناوِنأوِتھ لعل منڈی ہندِس ایس۔ پی۔ ناوِ کِس عجایب گرس اندر سجاونو وُمت چھُ ، یُس از تہٕ تتہٕ کأشرٕن کأرۍ گرن ہُندِ ڈھجل ثقافتی پتھ کالچ گوأہی چھُ دِوان ( پوٚز لبہِ پٹھ الہِ اُونٛد یہِ نایاب وادی ہُند نقشہِ چھُ امہِ کِبن ذمہِ دارن ہندِ نہٕ واتنہٕ کِنۍ لرٕ دِ

گومُت ) کأنی شالکی کأری گر اۘسی نہٕ پننن شُرٕ مرٕ یہِ کارہۍچھ نَے دِوان ، زِ تِمن تہٕ گۆژھ نہٕ سُۍ ظُلم جبر تہٕ مُفلسی نال وٕلنۍ یِمۍ تِم ژاأپی ٕتی اۘسی تِمہِ کُنۍ گۆ وِیہِ کار مہاراجا ہری سنگھنہِ راجکہِ اۘخری دٔہلہِ پیٹھٕ گُنوہ شتھ سنتھس تام یہِ دٔپی زِ تہِ نابودٕ ے۔ امہِ پتہٕ آواتھ کامہِ کُن سرکأری سوٚتھرِس پیٹھ توجہ ہیٚوٚ دِنہٕ تہٕ یہِ اعلیٰ کأری گری ہُند موٚلُل کار آو دُبارٕ زندٕ کرنُک سرکأری آیہِ سنٛز کرنہٕ، پوٚز کأنی شالُک ناو آو دُبارٕ بارسس مگر تِم کأری گر تہٕ سو کأری گری آسہِ پننہِ مفلسی ہٕندی تِم زر تہٕ زولانہٕ ہتھ ازتہِ سِتم رسید کٔشیرِ ہٕندِس بیکس مزارس اندر وِزِ وِزِ بارو دِوان۔

کأنی شال وۄنَن والین کأری گرن اۘسی کأشری پأٹھی کھنڈٕ واوتہِ وٗنان یِم اۘسی سبٹھاہ مسکین تہٕ صبرٕ وألی لۆکھ آسان۔ یِم صبحس گاش پھوٚلنہٕ پیٹھٕ رأژ پہرَن تام اتھ دورِ پیٹھ یہِ شال وونان وونان یہِ دٔپی زِ تہِ أچھن ہُند تیل اۘسی زالان ، پوٚز امہِ شأہی کارٕکی خود غرض تہٕ بے انصاف ووستہٕ کار اۘسِکھ نہٕ کینٛہہ تہِ پلہِ پاوان ۔ یِمن ہُنر مندن ہٕنٛزِ تِمہِ بےبسی تہٕ مسکینی ہٕنٛز ژینہِ وَن تہٕ شہادت چھُ یِمہِ کأشرٕ دٔپتہٕ ٕستی ٹاکارٕ پأٹھی بروٚنہہ کُن یوان زِ ''سِنۍ مُہمہِ سوٚژل تہٕ رٕنۍ موٚہمہِ کھنڈٕ ولو'' غرض یہِ موٚلُل تہٕ صأبر کأشُر کھنڈٕ واو کامہِ ہٕندی کأری گر کم کم کارنامہِ چھُ پننہِ کأری گری ٕستی کٔرِتھ گومُت یِم وُچھِتھ ازتہِ عقل عأجز چھُ گژھان۔ زِیہِ چھاپٕزی عقلہِ تہٕ أچھو تِمن سُنٕہری اتھن پُنٛن آسن ونِدِتھ کأنی شال بارسس اوٚ نمُت، یِمۍ کأشُر تہٕ کٔشیر کُل عالمس اندر

بقول سون مؤلہٕ کاشُر علامہٕ اقبال ''چرب دست تہٕ تر دمٲغ'' زٲنتھ عزتہٕ وول بنوو، کٲنی شال اوس فقط شٲہی دربارن تہٕ راجہٕ مہراج نے تام محدوٗد کرنہٕ آمُت ۔ یہِ شال ووٚنن والیٚن کٲری گرن تہٕ تہنٛدٮ۪ن ژاٹہٕ ہالَن پٮ۪ٹھ ٲسی شٲہی کارندٕ شہمارٕ ہندی پاٹھی راچھدرٕبنٛتھ آسان زِ یہٕ شال گوٚژھ نہٕ سرکٲری مصرفہٕ بغٲر بیٚیہ کانٛہہ آسَن وول ہٮ۪تھ ژُلن۔

کٲنی شالَچ کتھ کران چھُ انگریز سٲلٲنی تہٕ تٲریخ دان ''مور کرافٹ'' ۱۸۲۱ عیسوی منز لیکھان زِ کٲنی شال یتھ جامہٕ وار تہٕ چھِ ونان چھُ امِیک ووٚنن وول کٲری گرکھنڈ واو امچہ ڈوڈ گز تہٕ ترٛے گز بیٚنہٕ پنہٕ پنہٕ بیوٚن بیوٚن رنگن ہنزٕ پشمینہٕ وٕلتھ تُجہٕ تاران تاران تتھ ستی پٮ۪ن أچھ گاش تہٕ خونِ جگر وٕندتھ بیوٚن بیوٚن ڈیزاین کھاران، اتھ صبرٕ وأِلس تہٕ مشکل ترین جامہٕ وار ووننس چھُ وٕری ڈوڈ وری تہِ لگان'' مور کرافٹ چھُ یہِ کتھ تہِ لیکھان زِ کٲنی شال (جامہٕ وار) وٕلی وٕلی تیار سپدنہٕ تہٕ سہل بناونہٕ باپتھ آو ووٚنی الگ الگ وانن پٮ۪ٹھ اکہِ اکہِ نقشکی تہٕ ڈیزاینن ہندی بیٚنہِ ٹُکرٕ ووننہٕ باپتھ کھالنہٕ، یِم پتہٕ تیار گژھتھ سوزٕنی کارٕگرٕ نہِ کٲم کرِتھ بڈٕ ہُشیٲری تہٕ کٲری گری سان واٹنہٕ تِتھی اِدِ کُنہِ تہِ رادٕ تہٕ پنہٕک یتھ موٗلُل شال یعنے جامہٕ وار چھُ تیار سپدان، یُس نہٕ اِدِ کمَن کمَن تروکنہٕ تہٕ شلتاقن تہِ ٹُکرٕ ٹُکرٕ وأِتھ آسُن باسان چھُ۔

کٲنی شالکی تہٕ جامہٕ وارَن ہندی سایز تہٕ ڈیزاین تہِ ٲسی کانٛہہ

قسمو آسان، یم یہِ استعمال کرن والین ہنٛدِ مطلبہٕ مزازٕ تہٕ ضوٗ رورتہٕ مطأبِقے بناونہٕ اَسی یوان۔

## لانگ شال

یہِ اوس ساڑ ترٛےٚ گز زیوٗٹھ تہٕ ڈوڈ گز پنہٕک بناونہٕ یوان۔ یہِ شال اَسی راجہِ ،نواب تہٕ دربأری لۄکھ پیپر مأشی کٔرِتھ ہچوٗن فریمن اندر سجأوِتھ پننین شأہی محلاتن تہٕ دیوان خانن ٚلین پپٹھ سجاوٹہٕ باپتھ تہِ تھاوان۔ (وال ڈیکوریشن) گاہے گاہے اَسی تالو پوشہِ بدل تہِ سجاوان ،مہرازس بیٚہن جایہِ ہٕنٛدِس مسندس پتہٕ کنہِ یا پپٹھہٕ کنہِ تہِ اَسی سجاوٹہٕ باپتھ تھاونہٕ یوان۔ ڈوگرٕ مہراج سٕنٛدِس دورس اندر اوس یتھِ شالُک قیمتھ پانژن ساسن روٗپیَن تام تہِ آسان۔ شالُک مول اوس امچہِ کامہِ تہٕ کپُر وُچھِتھ مشخص کرنہٕ یوان۔

## قصابہٕ

یہِ شال اوس زٕ گزٕ گز یا ڈوڈ گز ڈوڈ گز چورُس وونہٕ یوان۔ اتھ اَسی کأری گر بولہِ اندر قصابہٕ ونان۔ یہِ تہِ اوس خریدارَن ہٕنٛدِس منشس پپٹھے بناونہٕ یوان۔

## دس کأری جامہٕ وار

اتھ شالس آسہ ریشمی پێنز تہٕ پشمینہٕ وونن آسان، یَمہِ سببہٕ یہِ سۭٹھاہ نوزُک تہٕ حسین بنان اوس۔ مگر یِتھ خوبصورت چیز اوس نہٕ پایدار آسان تِکیاز ریشمی پێنز آسہ پھسان تمہِ کِنز آسہ اچھ شکلے ڈلان۔ امہِ پتہٕ تہِ آسہ اتھ سوزَن کارکأری گری نیٚبرِ نیٚبرِ رنگ بہٕ رنگی پاٹہِ سۭتی نیٚبرِ تحریر دِوان یَمہِ سۭتی اتھ بێیہِ تہِ خوبصورتی آسہ یِوان پوٚز توتہِ اَبسس باقیو شالو کھوٚتہٕ وأنس ژھوٚٹ آسان۔

## چار بادام

اتھ جامس پێٹھ آسہ ژور بادم کھالنہٕ یِوان۔ (شال طرح) اکہِ پوٚژھ زِ تہٕ بێیہِ پوٚژھ زِ۔

## خطِ راس

ڈیزاین تہِ چھُ جامہٕ وارگے دِیُت، اتھ نمونس چھِ رأٹھن اندر مختلف رنگو نقشہِ کھارنہٕ یِوان۔ خطِ راس جامہٕ وار چھُ سادِ پشمینگ تہِ بناونہٕ یِوان۔

## دُرٕنگی جامہٕ یعنے دُبُتھیل

اتھ جامس متعلق چھُ یہِ خیال غلط زِ اتھ کیاہ چھُ دون رنگن ہنز پێنز تہٕ دوٗنن آسان، بلکہِ چھُ یہِ تمِن مفلس تہٕ فاقہٕ مس کأری گرن ہنزِ کاری گری ہُند تھکبُن لایق کارنامہٕ تہٕ خونِ جگرُک عکس، یُس تم اتھ

شالس أکس أکس ییٚنہٕ پئس زٕ رنگ تأرِتھ دُتھبل بنأوِتھ پرٕزلاوان
آسی یہِ وُچھتھ کم کم گڈاڈیل عأرٕ کأشرِ کأرۍ گر تہِ پریشانِ حال آسی
گرٕ ھان۔ اَسہِ چھُ پنہٕ نبن پرٛانین بزرگ ٹوٚپہ کامہِ ہٕندین
کأرۍ گرن نِش بوزمُت زِ کأنی شالکہِ تمہِ عرُوجہ کہِ وقتہٕ تہِ اوس کمہِ
نام انگریزی ملکہٕ پتھٕ کأنی شالک ہو بہو نقلی شال تہِ بنان، یُس دورِ
پتھ وُچھِتھ اصل جامہٕ وارِ کھوٚتہٕ زیادٕ خوبصورت تہٕ سجہِ وُن اوس
باسان، پوٚز بروٗنٹھ کُن ییتھ أسس پننی نقلی ذات منٛدٕ چھاوان۔ ییتھٕ
کُنی ازتہِ امرتسر یا ہندوستانکہِ بیٚیہِ کُنہِ اندٕ پتھ سارِنے کأشرین اتھٕ
کامٕن ہٕندی نقل چھِ اَسہِ بروٗنہہ کُن یوان۔ خاص کٔرِتھ کأشرِس شالس
تہٕ جامس ییتھٕ کُنی نقل چھُ سپدان تمہِ ستی چھُ کأشُر کأرۍ گر رژھِ کھنٛجہِ
عأجزٕ ے گرٕ ھان۔ پوٚز اصل چھُ اصلے آسے پرٛاوان۔ نقل چھُ
ژھا ے ہٕندی پأٹھی گرایہِ ستی مِٹان۔

## شالکی

یہِ چھُ ژھوٚٹہِ رادٕ تہٕ پنہُکے بناونہٕ اوسمُت یوان۔ یہِ موخصر شال
چھُ شاہ زادن، راژٕ گوٚبرن تہِ رئیس زادن وأنسہِ ہندِ اوبرٕ گوبرٕ کنی
بناونہٕ اوسمُت یوان۔ یہِ لوکُٹ موٚکُٹ شال اوس لوکٹین ہندِ من پسند
تہٕ خوش کرٕ وٕنی ورنگہٕ وِ ے ستی بناونہٕ یوان۔ اتھ شالس آسی شوخ رنگو
ستی خوش کرٕ وٕنی پوش کأری کرنہٕ یوان۔

## مردانہٕ شاہ توسہٕ شال

اتھ چھِ رِنگ Ring شال تہٕ ونان۔ تِکیازِ یہِ ستھ گز زیوٗٹھ تہٕ ڈوڈ گز پنٛہک اُ ویِل زاُ وِیِل شال اوس مردانہٕ اتھہٕ چہِ واجہِ مُنٛزی تہٕ نیرِتھ ہیکان۔ یہِ توسہٕ شال چھُ ازتہِ بُنتھ ہیکان۔ پوٚز سبٹھاہ کم سُہ تہٕ خریدارٕ سٕنٛزِ فرمائِشہِ پیٹھے۔

## بیبیانہٕ شاہ توسہٕ شال

یعنے خواتینن ladies ہندِ باپتھ، یہِ شال اوس ساڑ ترٛے گز زیوٗٹھ تہٕ ڈوڈ گز پنٛہک کامہِ دار بناونہٕ یوان تِکیازِ کٲشیرِ اندر اوس مُسلمان خواتینن اندر پرٕدٕ کرنُک عام رِواج توٕ کِنی اوس یہِ ہتھِ بڈٕ راد تہٕ پنٛہک بناونہٕ یوان۔

اتھ زنانن ہٕندِس پسندیدہ شالس پیٹھ تہِ اُسی خریدارٕ سٕندی منشا مطابق ٹوٚپہ کام کرنہٕ یوان۔ مثالے پلہٕ دار، دُور دار، نیم دُور، حاشی دار، بیلدار بیترِ خوبصورت نقشو تہٕ صوٗفیانہٕ رنگو ستی کرنہٕ یوان۔ اکثر اُسی شاہ توسہٕ کپرس ریشمی یینہِ یعنے پاٹہٕ ستی کام کرنہٕ یوان۔ یمیُک چلن تہٕ رِواج ازتہِ موجودٕ ے چھُ۔

## اَملہٕ کار شال

یہٕ موٗلُل تہٕ خوبصورت شال تہٕ چھُ مختلف نقشن تہٕ رنگن ہٕندی

بناونہٕ اوسمُت یوان۔ یہِ شال چھُ پننہِ عروجہِ کہِ وقتہٕ خاصہٕ لۆکن اندر سبٕٹھاہ پسندیدہ تہٕ مقبوٗل رۆدمُت۔ امہِ خاصہٕ تہٕ نایاب قسمکہِ شالک بأنی کار چھُ اکھ ووستاد کأشُر علی بابہٕ ناوُک شالباف اوسمُت، یُس افغان دورِ کِس گورنر آزاد خانہٕ سُنٛدِ وقتہٕ ۸۵-۱۷۸۳ عیسوی سبٕٹھاہ مشہورِ زمان کأرِی گر چھُ اوسمُت، اُمِس نامدار کأشرِس کِسب دارس چھُ ٹاٹھنیارِ کِنۍ ساد بابہٕ تہِ ونان اَسۍ ئتۍ، یہِ مۆلُل تہٕ ستہٕ پیرہلِ شالباف چھُ رازِے کئدلُک روزن وول شہری اوسمُت۔ اتھ شالس اَسۍ قالینہٕ وونچہِ تعلیمہِ پٔٹھ تہٕ ڈیزاین تہٕ گُل کأری ووتلاونہٕ یوان۔ یُس وُچھنہٕ ستۍ کم کم زانٛنۍ کار تہٕ گُلۍ چھِ اَسۍ ئتۍ سپدان۔

## جامہٕ وار

امہِ سانہِ کأشرِ اتھِ کامہِ ہُنٛد سرتاج تہٕ سبٕٹھاہ مۆللہِ نموٗنہٕ جامہٕ وارُک موجِد تہٕ بأنی کار چھُ حسن قلٔے ناوُک شہرِ خاصُک اکھ روزن وول ووستادِ زمان کأرِی گر اوسمُت۔ تِمۍ سُنٛد روشن دماغ کِسب دأری ستۍ جامہٕ وار ہیوٚ دُرِ بے بہا بارسس ئتھ کأشرِ تہٕ کٔشیرِ عالمس اندر اتھِ کامِن ہُنٛدِس نبہٕ دِندس پٔٹھ گاشہِ تارکۍ پأٹھۍ ازتہِ پربزلان چھُ، جامہٕ وار بناوٕنکۍ نقشہِ تہٕ رنگ چھِ تاریخی، تہذیبی تہٕ ثقافتی لحاظہٕ اہمیت تہٕ تھاوان۔ جامہٕ وارس پٔٹھ کھالنہٕ ینہٕ والین نموٗنن تہٕ ڈیزاین

اندر اوس لأسی Dragan چہار بادام، شالطرح، پوشکار، چار کون، (شام داس طرح) یہ چھُ اکھ شالہٕ باپأری اوسمُت، اۄ ہنٛد اکھ آڈری نقشہٕ چھُ پتہٕ جامہٕ وارٕ باپتھ أہندی ناوٕ مستقل نمونہٕ بنیو ومُت۔ رٔلی کار امہٕ نقشہٕ کِس جامہٕ وارس أسی ییٚمہٕ زٔلہٕ آیہ رِکھہٕ پنٛزی ہیوٚ ڈیزائن کھالنہٕ یوان۔ ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھُن دور ۱۸۸۵۔۱۹۲۵ بناونو و اکھ خاص جامہٕ وار یتھ پیٹھ ساری کشمیر وادی ہُنٛد تفصیلی نقشہٕ بناونہٕ چھُ آمُت یُس ازتہٕ لال منڈی ہٕندِس سری پرتاپ میوزیمس اندر وقتچہٕ بے قدری تہٕ فن بےزار حأکمن تہٕ افسرن ہنٛدِ نہٕ واتنہٕ کِنہٕ تتہٕ لبہٕ أکِس پیٹھ تتھ کِنہٕ الہٕ اۄنٛد تھاونہٕ آمُت زن چھُ پھہِہ کوٹِس پیٹھ کانٛہہ مجرم کھالنہٕ آمُت۔

ازکل چھُ ووٗنی تمہٕ اعلیٰ قسمُک سُہ شاہ توسہٕ تہٕ پشمینہٕ wool وول سبٹھاہ نایاب یُس تمہٕ کأری گر ۱۹۴۷ عیسوی تام جامہٕ وار تہٕ پشمینہٕ شال بناونہٕ باپتھ استعمال أسی کران۔ نہٕ روٗدی تمہٕ بے مثال ہُنرٕ ہٕندی تمہٕ کأری گری نہٕ ہیچھِ نأوی تمو پننی شُری مُری پنُن کسب کار۔ تِکیازِ تہنزِ تتھ انمول ہُنرٕ ہُنٛد ہرتر أسی امہٕ کارِ کی ووستہٕ کار تہٕ تأجرٕ یوت کھوان۔ کأری گر بچور اوس پننی بے موٗل کأری گری ورتاوان باہ گھنٹہٕ دوہہ بدلہٕ ڈوڈس دوہس أچھن ہُنٛد تیل زألتھ تہٕ سُہ کسب یُس نہٕ تِمس سوکھ شہلتھ کھینی میٹھ تہٕ نألی زٔڈی دِتھ ہیکہِ ہا۔ ییٚمہٕ گرشہِ یُتھ کارکسب ہیچھن والین ژاٹہٕ شُرہن سوکل تہٕ ترشہِ توٗژہِ آسنی یوسہٕ نہٕ

تِمن اندر تِمن کأری گرَن باسے یہِ ۔ جامہِ وار ہیوٗ موٗلُل کٕسب ییٚلہِ مُلہٕ موٚ نجے نایاب گوٚ وادِ پیوٚ تِمن حأدثأتی حأکمن اور کُن ظوٚن زِ کأنی شال کوٚ تہٕ کمہِ بہانہٕ گوٚ واَسہِ اتھ ۔ امہِ پتہٕ ہیوٚ تِکھ مُلہٕ موٚ نجے گوٚلمُت کأنی شال نوِ سرٕ زِندٕ کرنُک سٔز کرُن تہٕ کانہِ ہامہِ (ٹنگمرگہِ) یُس کأنی شالکٕن تِمن ووستادِ دَم کأری گرَن ہُند آگُر تہٕ مالِکٕن زانہٕ مانہٕ اوس یوان، سومبرأوی ہینڈی کرافٹس ڈیپارٹمنٹن کأنی کامہِ ہٕندی کینٛہہ نٔوی تہٕ پرٛأنی کأری گر تہٕ تُلکھ کأنی شال دُبارٕ بارسس انچہِ مُہمہِ دَس ۔ تہٕ کُنہِ حدس تام ہیوٚک کأنی شالُک ناولرِ پھرُن ہیوٗ دِتھ ۔ از چھُ شہرِ خاصہٕ کٕن وار یہَن علاقَن اندر تہِ سأنی پرٕمتی لیکھی متی نوجوان اتھ نایاب تہٕ بے مثال ہنرِ ستی آوری گرٛھتھ عزتہٕ سان پنٕن اوزقہٕ کمأوِتھ ہیکان ۔ یتھے کٔنی پزِ ''ہینڈی کرافٹس ڈیپارٹمینٹس'' یُس کأشرِن اتھہٕ کامٕن رٔژھراونہٕ تہٕ ووتھِ بو دِنہٕ باپتھ بارسس چھُ اَنہٕ آمُت، امہِ محکمہٕ کٕن حأکمن تہٕ افسرن کأشرِن اتھہٕ کامٕن ہٕندِن کأسبَن تہٕ تأجرَن ہنٛز اکھ مشاورتی کمیٹی بنأوِتھ پننہِ کأشرِ زوال پذیر ہُنرِ زِندٕ تھاونہٕ باپتھ تِہنٛد موٚلِلی تہٕ کارآمد مشورٕ قبوٗل کٔرِتھ تِم عملأوِنی تاکہِ کٔشیر تہٕ کأشری کٕسب دارلبہٕ ہَن پنٕن سٕہ وراثتی موٚلُل خزانہٕ یُس أسی قرنہٕ وادو پیٹھ پنٕنس پتھ کالہٕ کِس بوٚ کھچس اندر رٔژھران أسی ۔



# کتاب نامہ

۱رچینی سیاح ہیون سانگ، ۶۳۱ عیسوی
۲رالبیرونی ۱۰۳۳عیسوی
۳رتزکِ جہانگیری ۱۶۲۵عیسوی
۴رفرانسس برنیر ۱۶۶۵عیسوی
۵رجارج فوسٹر ۱۷۸۳عیسوی
۶ریںگ ہسبنڈ ۱۸۸۲عیسوی
۷رسر والٹر لارنس ۱۸۸۹عیسوی
۸رمرزا حیدر کاشغری تاریخ رشیدی
۹رحسن کھیہامی تاریخ حسن
۱۰رمحبُ الحسن کشمیر انڈر سلطانز
۱۱رجی۔ایم۔ڈی صوی کشیر
۱۲رجے کے انڈسٹریز ڈیپارٹمنٹ ۱۹۷۳، ماہنامہ ثقافت نمبر
۱۳رجموں وکشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۶۶ ثقافتی نمبر
۱۴رآنند کول بامزئی، جموں وکشمیر سٹیٹ
۱۵رپی۔این۔کے بازئی تاریخ کشمیر
۱۶رپروفیسر ڈاکٹر شمس الدین احمد ترجمہ پیمبر رسولِ خداؐ
۱۷رکاشرِ اتھہِ کامہِ (حلقہ ادب سوناواری، ۱۹۸۲عیسوی) وولرِ کرملر: ۱۹۹۹
۱۸رریاستی انفارمیشن ڈیپارٹمنٹ ۱۹۹۹عیسوی، دوماہی تعمیراتی انتخاب نمبر
۱۹رولیم مور کرافٹ: ۱۹۱۷عیسوی



# وُہمہِ صدی ہُندی سری نگرِ کی کینٛہہ ناماوار

مشعل سُلطان پوری

سری نگر چھُ مختلف زمانن منٛز مختلف ناوو کشیرِ ہُند مرکز روٗدمُت، مرکز آسنہٕ کنٛز رازدانٕی یا پایہِ تخت۔ تمہِ زمانہٕ تہٕ ییٚلہِ یتھ ملکِ کشیر ونان آسی تہٕ از تہٕ ییٚلہِ یہِ ریاست جموں و کشیرُک اکھ صوبہٕ چھُ۔ گٔہے آسس شری نگری ونان، گٔہے شہرِ کشیر، گٔہے شہر خاص تہٕ وٕنۍ از سری نگر۔ یہِ اہمیت نظرِ تل تھٔوتھ چھینہٕ یہِ کانٛہہ تأجُب کتھ، اگر بہلہِ پایہِ شخصیژن ہُند تعلق أتھی شہرس ستی آسہِ یا یوٚہے شہر اہنٛز لسن جاے آسہِ۔ مرکزٕ دوٗرٕ آستھ چھُ سیٹھاہ کم پننہِ صلاحیژ نہِ کڈنہٕ یہِ پرکھاوُنک موقعہٕ میلتھ ہیکان۔ وٕنۍ چھُ سوال یہٕ زِ کم شخصیژ ہن سرینگرٕ کبن مشاہیرن منٛز گنٛز راونہٕ۔ تِم آ، یم أتی زاے بڈٕیاے تہٕ اتی پڑ وٗ کھ ناو، کنہٕ تِم یمو نیبرٕ پیٹھٕ یتھ، یا دوٕیمیو جایو پیٹھٕ انتقالِ سکونت کٔرتھ یہِ شہر پننٛی بسن جاے بنووتہٕ شوٗ ہرتھ لٔب، کِنہٕ تِم یمنٛز زینہٕ جاے یوٚہے شہر اوس پوزیشن تہٕ نیرِتھ سپز کھ نیبرٕ شوٗہرتھ حاصل؟ وٕنۍ اگر أسی تژ یشوٕ نی کوٚم کٔرنی ہمو تہٕ واتو کوٚت۔ اگر یموتژ یشو یو طبقو منٛز کُنہِ أکس متعلق تہٕ لیکھُن ہمو، کتابہٕ ہن لیکھنہٕ۔ لہٰذا انٛلو قلم صرف تِمن ناماورن متعلق یم ییٚتی زاے بڈٕیاے تہٕ مشہوٗر سپٕنی، تِموٕ منٛز تہِ صرف کینٛژن شخصیژن متعلق۔

نامؤ ری ہُنٛد تعلق چھُ اتھ کتھِ ستیٚ زِ کس کرِٕ صلاٗ حیت اُس تہٕ کتھٕ پاٹھی میؤُلُس سہٕ نٔز کڈُنک موقعہٕ۔ اللہ تعالیٰ ہن چھےٚ لُکن بیٚون بیٚون صلاٗ حیژ بخشہٕ مژٕ۔ کانٛسہٕ چھُ علم و فضل کس ماٗدانس منٛز ناو نیران، کانٛہہ کُنہِ فنس منٛز کمال کران، کانٛہہ بہودری کنٛز، کانٛہہ سماٗجی خدمژن ہنٛدِ وجہ، کانٛہہ سخاوٗژ منٛز، کانٛہہ انجینری، کانٛہہ ڈاکٹری، کانٛہہ درس و تدریس کس شعبس منٛز تہٕ کانٛہہ سیاست گری ہنٛدِ لحاظہٕ۔

سانہِ کٔشیرِ چھےٚ بہلہِ پایہٕ شخصیژ پاٗدٕ کرِ مژٕ، یمو منٛز اکثر سری نگرس ستیٚ تعلُق تھاوان آسہٕ۔ أسی کرو یمو منٛز صرف کینٛژ نٕے ہنٛد ذِکر، سہٕ تہٕ ژھوٚ ٹرِ تھٕے پہٕن تِکیا زِ مضموٗنکہِ زِ چھرُک چھُ اندیشہٕ۔ أسی تھاو وِ یہٕ ذکر تیمی صدی ہنٛزٕ ن شخصیژن تام محدوٗد۔

## مفتی محمد سعادت

درس و تدریس، علم و فضل تہٕ تصنیف و تالیف کنٛز شوٚ ہرتھ پرٛاون وا ٗلس أمِس چھا جِس چھُ علمی ادبی ماحول میسر اوسُمت۔ ملا ہدایت اللہ متوٗ سٔنٛد خاندانٔکہِ سلسلہٕ کس مفتی غلام محی الدین صاٗبن گٔیہ گوبُر یُس ۷ر محرم ۱۲۹۸ ہجری مطابق ۲۱ر دسمبر ۱۸۸۰ء بوموارِ دوہہ تھنہٕ پیو۔ ابتداٗئی تعلیم پرٛن میر واعظِ کشمیر مولوی غلام رسول شاہ صاٗبس نِش تہٕ پتہٕ گےٚ امرتسر، تتہِ سپٕنیٚ مولوی غلام رسول امرتسری سٔنٛدِس عربی مدرسس منٛز داخل تہٕ کرکھ منطق، صرف ونحو، فقہ تہٕ طِب ہِوی علم

حائِصِل ۔ واپسی پیٹھے پۆرُکھ بی ہنا مفتی عزیز الدین، خواجہِ اسداللہ ڈار، غلام مصطفیٰ امرتسری، مفتی شریف الدین تہٕ مولوی صدرالدین ہِوٕ بن عالمن ہِنش ۔ خاندرسپدُک مولوی غلام رسول شاہ صأبنہِ کورِستی ۔ سُہ ووتھ نہٕ اند تہٕ دویم نیتھر کوٗرُکھ شہرے میرک شاہ قریشی سٕنزِ بیٚنہِ ستی ، گوڈنچہِ خاندارنہِ ہُنٛد چھُکھ مفتی جلال الدین تہٕ دویمہِ خاندارنہِ ہُنٛد مفتی نورالدین ___ یمو دوشوٕیو پننہِ حسابہٕ جان کامہِ کرِ تہٕ یزت میوٗلکھ ۔ سعادت صأب سپٕنی گوڈٕ انجمن نصرت الاسلام کس عربی مدرسس منٛز ووستاد مقرر ۔ اکھ زٕ ؤرِ گرِ ہتھ بنے یہٕ ریاستی محکمہ آثارِ قدیمہ ہس منٛز مُلأزِم ، پتہٕ رؤدی شہرکی میونسپل کمشنر ۔ مہاراجہ ہری سنگھن بنأوی مورخ کشمیر زٕ انتھ پٕنٛزِ دربأری ۔ یہنٛزِ علمی ، تدریسی تہٕ توأریخی ، سمأجی تہٕ اصلأحی خدمژ چھےٚ پھرنہِ لایق ۔ شیعہ سُنی تنازعن منٛز ؤستھ صلح صفأیی کرٕنی ، کأشرٕ بن توأریخی جاین ہُنٛد تلاش تہٕ تحقیق ، مدرسن ہنٛز ترویج ، مقدمن ہنٛز پأروی تہٕ باقٕے اصلأحی کامہِ ۔ فقہٕ تہٕ تقسیمِ میراث ہوٕ بن اسلأمی علمن پٕتھ اوسُکھ سبٹھاہ دسرس ۔ مرحوم میر محی الدین اندرابی ، مرحوم محمد سید رفیقی ، مرحوم عبدالقادر آثم ملارٹی ، میر فاضل منطقی ، مرحوم چودھری خوشی محمد ناظر گورنر کشمیر ، مرحوم خلیفہ عبدالحکیم تہٕ سابقہٕ مشیرِ مال شیخ مقبول حسنین ہِوٕ بن صأحبن ستی اوسُکھ ووتھن بیوٗہُن ۔ ۲۲ / مارچ ۱۹۵۳ ء سپدی رحمتِ حق ۔

ڈاکٹر غلام محی الدین صوفی صأبس دِیتھ "کشیر" ناو مسود توأریخ

لیکھنس منز واراہ مدد، یتھے پاٹھی منشی محمد الدین فوقؔ صائبس تواریخ کشمیر لیکھن وِزِ، یہنزن تصنیفن تہٕ تالیفن منز چھےٚ رسالہٗ بیان واقع حالات جامع مسجد، یادگارِ عجائب، فتوحاتِ ربّانی، حالات یوز آصف، تذکرۂ سلطان سکندر و خانقاہِ معلیٰ، مناقب السادات، حیات صرفی، تذکرۃ المتقی (بیہقی ساداتن ہند مفصل تذکرہ)، بلبل شاہ صأب، البشیر (شاہ تہران تہٕ تہند بن خلیفن ہُند تذکرہ) کلام عالی عائلی مشید تہٕ عیدگاہُک تذکرہ) جنت الدنیا تہٕ تاریخِ گلشن کشمیر بیترِ ناوہٕنی لایق۔

## سیّد میرک شاہ اندرابی

کٲشِرِ چھُ نبرِ پیٹھٕ آمتین ساداتن ہُند واریاہ دِیُت۔ یمن ساداتن منز چھِ اندرابی سادات پیش پیش۔ حضرت امیر کبیر رحمۃ اللہ تعالیٰ علیہ ہن ہٕنٛدی بٔبن تھٔر حضرت سید احمد اندرابیؒ آسی تمہٕنے سٟتی کٲشِرِ آمتی، أہنز ے سدأ ہمہِ پیرِ ہٕنٛدی چھِ علامہٕ سیّد میرک شاہ اندرابیؒ، یہنز علمی، تبلیغی، اصلأحی، تدریسی، سیأسی تہٕ تصنیفی کأم تھٲکنی لایق چھےٚ۔ یم زاے ۱۳۰۶ھ یتھ ؤری ہتھ سوادا گو۔ علمی خاندانٕکی آسی، قرآن شریف حفظ کٔرِتھ زٕ ؤدی مولانا مفتی محی الدین فتح کٔدلی، مولانا محمد حسین وفائی ہوٚبن ووستادن نِش صرف و نحو، منطق، فلسفہ، فقہ، حدیث، تفسیر تہٕ معانی بیان بیترِ ہیٚچھان۔ پتہٕ سمکھی حضرت مولانا انور شاہ لولابی صأبس ہوٚس عألمس تہٕ گےٚ تمن سٟتی دیو بند، تتہٕ أسِکھ مولوی عبدالکبیر صأب سابق پرنسپل مدرسۃ العلوم حضرت بل تہٕ میر



کلچرل اکادمی ہُنٛد مرحوم صدر شیخ محمد عبداللہ چھُ بزآرصائبس خلعتِ فاخرہ دِوان

واعظ مولانا یوسف شاہ صأب ہم درس۔ منقولہٕ تہٕ معقولہٕ علم حأصِل کرنس ستی ستی کوٚرُکھ پنجاب یونیورسٹی ہُنٛد مولوی فاضل امتیازٕ سان پاس۔ سأری ہسے یونیورسٹی منٛز نیٚکھ گوڈنچ پوزیشن تہٕ میٔلُکھ سونہٕ سُنٛد میڈل تہٕ ماہانہٕ ترٛہہ روپیہٕ وظیفہٕ۔ پتہٕ کوٚرُکھ منشی فاضل تہٕ پاس۔ کینٛہہ کالا روٗدی دیوبندَ ے پرناوان تہٕ صدر مفتی سُنٛدِ حَثیتہٕ کأم کران، پتہٕ مراد آبادٕ، اعظم گڑھ، لاہورٕ، حیدر آبادٕ تہٕ سنٛدھ کِہن دارالعلومن منٛز درس دِوان۔ راجپوتانہ ہس اندر مذہبی تعصب تہٕ نفرت پأدٕ کرن والین ستی کوٚرُکھ مقابلہٕ، کشیرِ پتھ گریز علاقس منٛز مشنری ہُنٛدِ ذٕسی مسلمان کرٕ بناونچہِن کوٗشِشن دِیتُکھ ٹھ۔ زکرِ کِہن تِمن ژھہٕنٛژہَن یِم نہٕ کُنہِ مذہبی برادری منٛز شأمِل اُسی، دِیتُکھ اسلأمی دأرٕس منٛز اَنتھ اکھ روتبہٕ۔ سوپورٕ اُسی علم طِب پرناوان۔ مَن پسند مشغلہٕ اوسُکھ تِم سأری علم شأگردن تاں واتناونی یِم تِمو پانہٕ ہیٚچھمٕتی اُسی تہٕ ۱۹۲۰ء پتہٕ رُوٗدی کشیرِ منٛز تفسیر، حدیث، فقہ، منطق، فلسفہ تہٕ ہیئت ہِوی علوم پرناوان۔ اہنٛزٕ وے کوششو ستی سپُن سوپورٕ انجمن معین الاسلام ہیٚو ادارٕ قأیم۔ ''پیامِ انجمن تحفظ نماز وستر مستورات'' قأیم کرِتھ رُوٗدی پھرٕنی لایق اصلأحی کأم کران۔ پانے نِماز تہٕ اسلأمی احکامن کُن لگن ہُنٛد توجہ پھران پھران زنانَن ہنٛز ستر پوشی پیٹھ زور دِوان۔ سوپرٕچ جامع مسجد (یوسہٕ وقتہٕ وقتہٕ نوسرٕ تعمیر سپدان روز) تہٕ عید گاہ چھُ یہنٛز یاد تازٕ کران۔ شرعی فأصلہٕ کرنہٕ تہٕ لُکھ تناز عو تہٕ مُقدمونشہِ بچاونہٕ باپتھ

بنوٚو کھ سوپرٕ ے ''شرعی دارالتحکیم'' یتھ تحت مسلمانن ہٕندی واریاہ نیاے اٙنزراوانہٕ آے۔ مولانا اٙسی اکھ روٗحانی شخصیت ، قادری سلسلس منٛز بیعت آسنہٕ علاوٕ پننس پیرس نشے کبرویہ، سہروردیہ تہٕ نقشبندیہ سلسلن ہنٛد فاٚض تہٕ میوٗلمٔت تہٕ پننس پیرس میر سید شاہ مصطفیٰ اندرابیؒ ، تہٕ حضرت مولانا اشرف علی تھانویؒ صاٚبس نشہِ چستی سلسلچ زان تہٕ سپز ہٕژ۔ شاعری منٛز تہٕ اوسُکھ دس رس۔ تہنٛدی عربی قصید ، مرثی روٗدی ملکہٕ کٮ۪ن رسالن منٛز چھپان۔ فارسی پاٚٹھی تہٕ اٙسی شارونان تہٕ نظمہٕ لیکھان۔ سیاٚسی ہودٕ ہرن ستی تہٕ پیوٚ کھ واسطہٕ ، تِکیاز دیوبند اوس اسلامی سیاستک تہٕ ہندُستانچہِ تحریکِ آزاٚدی ہُنٛد مرکز۔ میرک شاہ صاٚبن کٔر ۱۹۳۱ء بوٚنٹھ کینٛہہ ؤری کشیرِ منٛز سیاٚسی بیداٚری اَنٛنچ کوٗشش۔ تحریک خلافت واٚژیور اٙہنٛدِ تہٕ مولانا یوسف شاہ صاٚبنے کٔر۔ کشیرِ ہنٛز تحریکِ آزاٚدی منٛز تہٕ چھُ یہُنٛد واریاہ رول۔ یم اٙسی وعظ و تبلیغس ستی لُکن منٛز سیاٚسی شعور بیدار کرنٕچ کاٚم کران تہٕ لُکن غلاٚمی ہنٛز زنجیرٕ ژٹنک حوصلہٕ دوان۔ شیرِ کشمیر سنٛز گرفتاٚری ستی ییلہِ لُکھ مایوس گژھان اٙسی یم اٙسی تہنٛدی حوصلہٕ بڑاوان۔ ۱۹۴۷ء یس تام روٗز یہنٛز یژھ کوٗششہِ برابر جاٚری۔ ملک تقسیم سپدنہٕ وِزِ اٙسی یم لاہورٕ تہٕ یورٕ ہیکی نہٕ یتھ۔ اورینٹل کالج لاہورٕ سپدی پروفیسر مقرر۔ صحت خراب سپدنہٕ کٔنی ترٛاٚوِ کھ نوکری تہٕ ؤری جوراہ روٗدی سکھرٕ شیخ الحدیث تہٕ پتہٕ پنجاب وقف بورڈ کی صدر۔

أہنٛد ہٕن تصنیفاتن ہٕنٛد تعداد چھُ ژۄوٕ ہ یِمن منٛز ترجمہٕ تہٕ چھِ تہٕ موضوع چھِ فلسفہ، حدیث، فقہ، ادب، کلام منطق، عروض، تجوید تہٕ تصوف۔ کینٛہہ کتابہٕ چھےٚ عربی زبانٕ منٛز تہٕ اکثر اردو زبانٕ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ اکھ چھےٚ فارسی پأٹھی تہٕ، یِمن منٛز شرح موطا امام مالکؒ، لغات جدیدہ، ترجمہ کشف المحجوب تہٕ ترجمہٕ کشف الاسرار ہِشہٕ کتابہٕ تہٕ چھےٚ۔ میرک شاہ صأبٕنۍ تھیکنٕ لایق ڈالی۔ قرآن شریفُک کأشری پأٹھی ترجمہٕ۔ أہنٛدِ خاندانہٕ کیو عالمو چھےٚ امہِ بوٚنٛٹھ تہٕ عربی تہٕ فارسی پأٹھی تفسیر تہٕ ترجمہٕ کرنچہ کوٗششہِ کرِمٕژ۔ مثالہِ پأٹھی علامہ میر سید سعید اندرابیؒ سٕنٛز تفسیر جلالین عربی تہٕ ترجمہ القادریہ فارسی۔ پۄز یِہنٛز کوٗشش چھےٚ نہ رل یانے کأشری پأٹھی کلام اللہ شریفس تفسیر لیکھُن۔ سید شہید احمد شہید سُنٛد دعویٰ چھُ زِ ستوٗہن سپارن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ دستیاب تہٕ گوڈنچہِ تہٕ پتٕمہِ زٕ سپارٕ چھےٚ راوٕس تل۔ تِم چھ وعدٕ کران زِ یِمن ترٕہن سپارن کرن تِم پانے ترجمہٕ تہٕ گوڈنچہِ سپارِ ترجمہٕ کرنچ کأم چھےٚ تِمو شروٗع تہٕ کرِمٕژ۔ عمرِ ہٕنٛد ہٕن آخری دوٕہن اوسُکھ کُشیرِ یِنُک سخ ٹھاہ ارمان تہٕ یہِ ارمان ہیتھ گےٚ ۲۷/ جولائی ۱۹۷۳ء مطابق ۲۶/ جمادی الثانی ۱۳۹۳ھ جمعہ دوٕہہ پاکستانس منٛز رحمتِ حق۔ ماڈل ٹاون کِس صحنس منٛز آے دفن کرنہٕ۔ خواجہِ محمد امین دار اصأبن ووٚن تأریخ۔

خاص خدائے زادہ مردہ چراغ بزم علم

زیست وفا مرشد بریں ختم حیات مستعار

# مولوی محمد یوسف شاہ

میر واعظ خاندان کہِ سِلسِلُک اہم کۆرتہٕ کٔشیرِ ہنٛز دینی فلأحی تہٕ
سیأسی تحریکہِ ہُنٛد نیپہٕ کرُن تارُک پیوٚتھنہٕ ۱۴ر ستمبر ۱۸۹۳ء نأید
دوری، راز ے کٔدل شہرِ سرینگرٕ ۔ گرِٕ اوسُکھ علمی ماحول، ابتدأیٔ تعلیم
گرے حأصِل کٔرِتھ سپدی پنجاب یونیورسٹی ہٕنٛدِس علومِ مشرقی
شعبہِ کِس مولوی فأضل امتحانس منٛز شأمِل تہٕ سپدی کامیاب۔ پتہٕ
گٔے دیوبند پرنہِ۔ ییتہِ بٲج آسکھ مولوی عبدالکبیر رینہ سابق پرنسپل
مدینۃ العلوم حضرت بل تہٕ سید میرک شاہ اندرابی۔ ۱۹۲۹ء یس منٛز
آے واپس تہٕ پیوٚکھ کٔشیر ہٕنٛدبن دولابن منٛز وُسن۔ سرکارس خلاف
یُس میمورنڈم وائس رائے ہِند لارڈ ہارڈنگس سوزنہٕ آمُت اوس، تتھ
پیٹھ دستخط کرن والین منٛز آسی خواجہِ سعد الدین شال، خواجہ محمد مقبول
پنڈت، خواجہ نور الدین نقشبندی، خواجہ حسن شاہ جلالی، خواجہ حسن شاہ
جہاندی، خواجہ حسن شاہ نقشبندی۔ شیٚن صأحبن علاوٕ کٔشیرِ ہٕندی ترٛے
میر وأعظ بوٚڑ میر واعظ کشمیر، لوکُٹ میر واعظ مولوی عمہ صأب تہٕ
مولوی احمد اللہ ہمدانی تہِ شأمِل۔ یمن سارنٕے پیٹھ سپُن عتاب،
کینٛژن کۆرُک جاداد ضبط، کینٛہہ کرِٕکھ جلاے وطن تہٕ کینٛہہ ترٛ آوِکھ
معأفی ہیاوِ نأوِتھ۔ اپریل ۱۹۳۱ء یس منٛز آو جیٚمہِ توہین قرآنٕک سانحہ
پیش، سارے ریاستس ہیوٚتُن بٕنٛیُل یُن۔ امی وری ۲۵ ر جون آو ریاستی

مسلمانن ہُنْد اکھ مشترکہٕ اجلاس خانقاہِ معلّیٰ بلاونہٕ، یتھ منز اہم مسلن پیٹھ سرنہٕ سونچنہٕ آو۔ اتھ منز آسی مولانا یوسف شاہ تہٕ۔ پتہٕ ییلہِ جولائی ۳۱ ہُک واقعہٕ پیش آو تہٕ شہیدن ہنز لاشہِ آیہِ جامع مسجد واتناونہٕ۔ اتہِ کوٚر مولوی صأبن تہِ تقریر۔ أمی ؤری یہِ ۲۴ ستمبر آو أہنْدِ ہے قیادتس منز قائد کرنہٕ آمتِس ہنز رِہائی باپتھ سُہ مشہور جلوس کڈنہٕ یتھ نارژی پلٹن ناودِنہٕ آو۔ مہاراجن سوز پنُن وزیر نواب خسرو جنگ، خواجہ سلام شاہ گورنر، صاجزادہ نورالدین تہٕ سدر لینڈ برگیڈیر کتھ باتھ کرنہِ خانیار۔ طے سپُد زِ مولوی صأبنس قیادتس منز گژھِ اکھ وفد، مہاراجس ستیٚ کتھ باتھ کرنہِ۔ نواب خسرو جنگس ہمراہ گے مولوی صأبس ستیٚ خواجہ سعد الدین شال تہٕ مولوی عبداللہ وکیل۔ تتہِ کوٚر کھ مہاراجن سخ روبہٕ داب۔ نواب خسرو جنگ وۄتھ مہاراجس مےٚ أنی یم امہٕ غرضہٕ زِ یم باون توہہِ پننیٚ مسلہٕ، اکتھے اوٚنم میرواعظ تہٕ ستیٚ۔ میرواعظ بوٗزِتھ نرمیو مہاراج تہٕ دوٚپنکھ، یم لُکھ شہر جمع گأمتی چھِ تم گژھن پننہٕ ننِ گرن واپس، تہند ہن مسلن پیٹھ ییہِ غور کرنہٕ۔ امہِ پتے سپدی قدی رِہا۔

۶ اکتوبر ۱۹۵۱ء سپنیٚ تم صدر آزاد کشمیر مقرر۔ ۲۱ جون ۱۹۵۲ء ہیوٚتھکھ ژھل کرِتھ استیفہٕ۔ پتہٕ روٗدی بی ۱۹۵۶ء یس منز ترٛہن رِتن صدر آزاد کشمیر۔ ۱۹۵۷ء یس منز کرے یکھ کشیرِ تینچ کوشش۔ پوٚز ہندستان ترِتھ گیہِ یہِ کوشش سیأسژ بزی۔

میرواعظ صأبنہٕ صلاحیژ سپز سیأسی ہودِ ہُر ہنزٕ شکار۔ تعلیمی،

تدریسی، مذہبی تہٕ اصلاحی مادانن منز میوٗل تہٕ تِمن پھرِنی لایق کام کرنٕک وق۔ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھُ یِہُنٛد اکھ کارنامہٕ ہمیشہٕ یاد تھوٗن لایق۔ سٕہ گو قرآن شریفُک ترجمہٕ یُس یِہنٛدِ ناوٕ "بیان القرآن" ناوٕ یِہنٛدِ وِصالہٕ پتہٕ شائع سپُن۔ یہٕ چھُ قرآن شریفُک گوڈنیُک کأشُر ترجمہٕ یُس چھاپ سپدِتھ شائع گو۔ میر واعظ صأب سپٕنؠ ۵/اکتوبر سنہ ۱۹۷۱ء ارستتھ وٕہری وأنِتھ خدایس حوالہٕ تہٕ آےراول پینٛچے دفناونہٕ۔

## پنڈت رام چند کاک

عام طور چھِ لُکھ أمی سُنٛد ناو امہٕ کِنی کنن گوٚمُت زِ یہٕ اوس کینٛہہ کال سانہٕ ریاسژ ہنٛدِس مہاراجس وزیراعظم۔ پوٚز امہٕ ہریمانہٕ تہٕ اوسا یہٕ کینٛہہ تہٕ چھےٚ کمنے لُکن پےٚ تہٕ وارٕ وارٕ مشہٕ تِمن تہٕ۔ یم زاے سنہ ۱۸۹۳ء یس منز پنڈت کیشو ناتھنہٕ گرِ سری نگرٕ۔ ڈگری ہُنٛد امتحان اعزازٕ سان پاس کٔرِتھ سپٕنؠ مقأمی کالجس منز سنسکرتس منز ایم اے کرنہٕ خأطرٕ دأخل تہٕ ستیٖ ستیٖ آسی لائبریرین ہنٛز کأم تہٕ کران۔ یہٕ اوس سنہ ۱۹۱۳ء نصاب اوسُکھ نہٕ مکمل کوٚرمُت زِ نمبرٕ پیٹھٕ توسیعی لیکچر دِنہٕ آمتِس أکِس پروفیسرس کھٕتی ٹارِ تہٕ ہیوٚت ہگھ آرکیالاجکل سروے آف انڈیا ناوٕ تربیت پرٕاونہٕ خأطرٕ درخاس۔ امہٕ پتہٕ روٗدی کینٛہہ کالا ایس پی کالجس منز تہٕ لائبریرین۔ تامتھ آکھ تربیت حأصل کرنٕک موقعہٕ۔ درخاس اوسُک منظور گومُت۔ پاژن وٕری یَن کٔرِکھ ٹریننگ تہٕ واپس یِتھ بنے تہٕ

سپرانٹنڈنٹ آرکیالوجی اینڈ ریسرچ۔ پتہٕ بنے یہ اَتھی محکمس ڈائریکٹر۔ سنہ ۱۹۲۹ء یس منز مہاراجہٕ سٕندی سیاسی سیکریٹری۔ سنہ ۱۹۳۱ء یس منز گے راونڈٹیبل کانفرنسہِ منز بطورِ مبصر حصہٕ نِنہِ لندن۔ سنہ ۱۹۳۲ء یس منز ایکسائزتہٕ کسٹم محکمس انسپکٹر جنرل۔ سنہ ۱۹۳۷ء یس منز یٚیلہِ گوپال سوامی آینگر وزیرِاعظم اوس سپنٕی چیف سیکرٹری مقرر۔ سنہ ۱۹۴۱ء یس منز فوجی اموراتن ہٕنٛدی وزیرتہٕ ژورٕوٚری پتہٕ سنہ ۱۹۴۵ء منز ریاستکی وزیرِاعظم۔ ستی آکھ راے بہادر خطاب دِنہٕ۔

اَہنٛز شوٚہرٕ ژتہٕ صلاحیژن پیٚو غلط فہمین ہٕنٛدِ وجہ کنٛی پردٕ۔ ذاتی طور تہٕ وزیرِاعظم سٕنٛدِ ژشی یتہٕ اَسی یم کٔشیرِ ہٕنٛز خودمختاری ہٕنٛد قایل تہٕ یژھان اَسی ریاست گژھ آزاد روزٕنی۔ ہندوستانکی تہٕ کٔشیرِ ہٕنٛد لیڈر سپدِ س مُخالِف۔ پوٚتُس دِیُس نہٕ مہاراجن تہٕ اتھٕ بنٛدُت تکیا زٕسہ اوس قبایل حملہِ کنٛی کھوژمُت۔ اَمِس پیٚیہِ رسوایی تہٕ گمنامی وُچھنٕی۔ یہ اوس کانگریسی لیڈرن مخالف۔ یٚیلہِ شیخ محمد عبداللہ صأبنہِ گرفتاری ہٕنٛدِس موقعس پیٹھ پنڈت جواہرلال نہرو کٔشیرِ یوان اَسی، کوہالہِ کٕنٛدس پیٹھ گرفتار کمرٕنٛک رٕٹہٕ آو یمنے کھالنہٕ۔ اوٚ کنٛی اَسس تم دشمن، سیاسی اعتبارٕ روزتسٕنٛز شخصیت متنازعہ۔ کانٛسہِ وۄن اَمی ڈٕول مہاراج، کانٛسہِ دوٚپ یہ چھُنہٕ الحاقس اتھ وتھ دِوان، کانٛسہِ سوٚنٛچ یہ چھُ فرقہٕ پرست تہٕ متعصب۔ پوٚز زٕسہ دژاو بدقسمت۔ قسمت اے آسہ انسانہٕ سٕنٛدی عأب چھِ ثواب بنان۔ تسٕنٛزن باقی صلاحیژن گٔن آو نہٕ زانہہ ظون کرنہٕ۔

سُہ اوس ریاستُک بہلہِ پایہِ مأہرِ آثارِ قدیمہ ( آرکیالوجسٹ )، تأریخ شناس تہٕ عألم۔ سُہ ووت تتھ۪ن نوکتن تام یوتاں نہٕ کأنسہِ ہنٛز نظر وأژ مژ أس۔ یم پزرراج ترنگنی منٛز تہٕ جاے ہیکہِ نہٕ لبنتھ، سائنسی طریق کار ورتأوِتھ أنی تمی قدیم آثاراتہِ بوٛنٛتھ کُن۔ ملکہٕ نبر یورپی عألموِ یا آثارِ قدیمہ کیو مأہرو چھ کاک صأبنٛز تعریف کرِ ءٕتی۔ ایس پی ایس میوزیم گائیڈ بُک چھُ وُنہِ تہٕ تہندَ ے اتھُک لیوٗکھمُت۔ نوٚو چھُنہٕ وُنہِ تہٕ کأنسہِ لیکھِتھ ہیوٚ کمُت۔ حالانکہِ نوأ دراتن منٛز چھُ کتہٕ کور ہُر بر گومُت۔ آثارِ قدیمہ موضوعس پیٹھ چھےٚ تہنٛزِ یمہٕ کتابہٕ تھیکنہِ لایق:

1. Ancient Monuments of Kashmir

2. Antiquities of Bhimber and Rajouri

3. Antiquities of Basohli and Ramnagar

4. Antiquities of Marev Wardwan

تموٚ لیکھی ترٛ رہتہٕ وار Indian Historical Quarterly لیس کِتیاہ مضمون۔ کھروشٹی گرنٛد کرأس ربواجس منٛز یہ ننہِ رووتموٚ ے براہمی رسمُل خط کوٚرُکھ اکہِ گوپھہِ ہُنٛدِ تالوِچہِ مصوری ہُنٛدِ مدتہٕ دریاف۔ ءٕتی انت دیو ہنٛدِ زمانُک اکھ کتبہٕ تہٕ یوسہٕ اکھ تأریخی دستاویز چھُ امہِ کتبہٕ کِنی چھُ ننان زِ کٔڈِل أسی تمہِ زمانہٕ تہٕ کشیرِ منٛز۔ کاک صٲب سپٔنی ۱۰ رفروری ۱۹۸۳ عیسوی سورگہٕ واس۔

# حضرت سید میرک شاہ کاشانی

پننہِ وقتچ اکھ بہلہِ پایہ رۄحانی شخصیت، یہند کانٛشرِن ہنٛز زندگی پیٹھ اثر پیو، چھِ حضرت سید میرک شاہ کاشانی صاب۔ ملا رٹہِ محلس نکھہ صراف کدلہِ زاے یم ۱۳۳۵ھ، یانے ۱۹۱۶ء ہیوٚ۔ گوڈٕ کٔرکھ مروجہ عربی، فارسی تعلیم حاصل تہٕ پتہٕ رۄدی کینٛہہ کالا بی تہِ علم پران۔ پوٚ زیُہند ناو سپُن بیٚیو ووجو ہاتو کنٛز مشہوٗر۔ یہ زن أہنٛدِ ناوٕ کنٛز تہٕ صفت نسبتی کنٛز نتان چھُ زِ یہند تعلق چھُ کاشانی ساداتن ہنٛدِس سلسلس ستی۔ یہ چھُنہٕ صحی، مرحوم عبدالقادر زونیمری صابُن تعلق اوس کاشانی ساداتن ہنٛدِس سلسلس ستی، تہٕ یمے صاحب أسی یہنٛدی مرشد، یم لالہٕ صاب ناوٕ مشہوٗر أسی، أمی نٔسبتہٕ سپٕنٛی یم کاشانی ناوٕ مشہوٗر۔ نتہٕ أسی یم پیشہِ کنٛز نقاش أسی متی۔ لوکچارس منٛز آسی تموک چیٚوان۔ میر واعظ خانداکی أسی معتقد۔ اکہِ دوہ دِژ کھ دعوت میر واعظ مولانا یوسف شاہ صابس زِ تم ین شالہٕ مار وعظ پرنہِ۔ یوسف صابن پوٚر وعظ تہٕ تموک چیٚنس کرٕ کھ مخالفت، یہ دِتکھ حرام قرار۔ یمن اوس میرک شاہ ناوٕ ملا رٹہِ کِس سید میر شاہ اندرابی سنٛدِ دیٛنی، مذہبی تہِ علمی شخصیژ ہنٛدِ ناو کنٛز، تھاونہٕ آمت۔ لالہٕ صانٛز خلیفہٕ سپٕنٛی نہٕ تم رسمی طور۔ نہٕ سپٕنٛی تہندی جانشین گُمنہِ القریبہ اندر، کانٛہہ جلسہٕ بلاوِتھ، تمو روٹ یہ منصب بقول راوی پانے۔ گوڈٕ پیٹھے أسی عابد تہٕ خلوت پسند۔ یادِ خدا کرنس منٛز ازدواجی

زندگی ہنز خلل اندآزی کنز کرِ کھ خاندارنہِ نشہِ علیٰحید گی اختیار۔ اکھ کورِ ہن آسکھ زامژ یوسہِ اہنز ہینہِ رٔچھی۔ تم آسی پزی پاٹھی خدایہِ سٔندی ٹاٹھی، اکھ صحیح درویش۔ اکہِ لٹہِ آسی سید قاسم شاہ بخاری صأبنہِ گرِ، معتقد آے ماچھرن ہندی پاٹھی ژستھ تہٕ کرِ کھ نوٹن تہٕ روپین انبار۔ یمو تجہِ نہٕ اتھ کُن أچھ تہِ، تہٕ نیرن وِزِتز ووکھ سورُے اَتی۔ تمو چھے کرِ کراماژ کرِمژ، تجربہ تہٕ مشاہد چھِ گواہ زِ صاحب کشف تہِ آسی یمن ستی تعلق تھاون وول کشیرِ ہُند توآریخک اکھ واقعہ چھُ سبٹھاہ مشہوٗر۔

۱۹۶۳ء یس منز سپُن کشیر ہُند وزیر اعظم بخشی غلام محمد مستعفی، خوشی ستی نہٕ، اکہِ ژھلہٕ ستی۔ خوجہِ شمس الدین رٔٹ تہنز جاے۔ امی وندٕ جنوری رہتہٕ کہِ اکہِ دوہہ آو حضرت بلہٕ موے مقدس تُلنہٕ۔ یہِ آس اکھ سازش۔ زبردس انقلاب ووتھ، جلسہٕ لگی سپنہِ تہٕ بے مثال جلوٗس لگی نیرنہِ۔ مرکزی سرکارس تاں آو بُنیل، کینژٕ دوٗہی سپُن اچانک اعلان زِ موے شریف چھُ پنہِ جایہِ ووتمُت۔ لکو دوٗپ یہِ چھُنہٕ سُہ موے شریف۔ کشیرِ ہنز دینی، علمی، سماجی تہٕ سیاسی شخصیژ آیہِ سوٗمبراونہٕ زِ اچھ شناختِ اِیہِ کرناونہٕ تہٕ امہِ کس اصلی آسنس سپدِ تصدیق۔ ووٗن آو دِنہٕ زِکمی سنز کتھِ پیٹھ کرن لوٗکھ پژھ، غوطن گرِژھی گرِژھی آو میرکِ صأبن ناوینہٕ، یمو امہِ کس اصلی آسنس تصدیق کوٗر تہٕ لُکھ سپدی مطمئن تہٕ شانت۔ بیاکھ واقعہ چھُ حضرت بل درگاہ کہِ نوِ تعمیرِ وِزِ سنگِ بنیاد تژاونک۔ یتہٕ آیہِ اہندے اتھہ تژاونہٕ۔ موے

مقدس کہِ پننہِ جایہِ پٹھ ڈالنہٕ تہٕ واپس تھونہٕ ینہٕ کہِ امہِ واقعہ پتہٕ گومن انجمن تبلیغ الاسلام کِس اِدارس ستی تعلق تہٕ "اَلتبلیغ" رسالہٕ رؤد أہنٛزے سرپرستی منٛز چھپان۔ نیشنل کانفرنس تنظیم رؤد ہمیشہِ اؤ ہند رؤحانی ڈکھ۔ یم اَسی شارتہِ ونان۔ عموماً کأشری پأٹھی، فنی لحاظ زن چھِنہٕ یہِ تیوٗت پوٗختہٕ پوٗ زخلوص تہٕ جذبک پزرتہٕ تژر چھُ اتھ منٛز موجود۔ میرک صأبس اوس سلطان العارفین شیخ حمزہ مخدومؒ ہن ستی سخ اعتقاد۔ یِیلہِ ۱۹۶۷ءیس منٛز یوم محبوب العالم مناونہٕ آو، جلسس کٔر یموٕ صدارتھ۔ سکہِ ڈافر محلہٕ چہِ مسجدِ تہِ چھُ یموٕ کٔن دِیتٕمت۔ مہمان نوأزی تہٕ خدمت خلق، تقویٰ تہٕ زُہد ہوٕہن رٕژرن منٛز أسی پننہِ زمانہٕ بےٚ جور۔ لنگر اوس ہتھٕے چلان۔ تحقیق کرنہٕ پتہٕ چھُ یُہند کاشانی سید آسُن تسلیم کرنہٕ آمُت۔ یم ژٕپنی ۱۴ ار دسمبر ۱۹۷۱ء مطابق ۲۴ ر شوال ۱۳۹۱ھ ژنٛدٕ روارِ رحمتِ حق۔

## شیخ محمد عبداللہ

وُہمہِ صدی ہنٛز کٔشیرِ ہُنٛد مقبوٗل ترٕہن لیڈر، عوأمی تژایہِ ہُنٛد نبّاض، شعلہٕ بیان مقرر، شیر دِل تہٕ بےٚ خوف رہنما۔ آزأدی ہُنٛد علمبردار، حساس تہٕ ہوش منٛد کأشُر، لُکن ہند ٹوٹھ تہٕ دگ دار وٕتہٕ ہاوُک، یُس امہِ حِسابہٕ سٕبٹھاہ خوش نصیب اوس زِ یُسہٕ بنیو سأئنس لُکہٕ ادبس منٛز اکھ استعارٕ تہٕ کٔشیرِ ہندِس توأرِیخس منٛز لُکھ سمبل۔ تس نسبت

یہِ دِیٛتُھ آو حضرت شیخ العالمس رحہ ستی منسوب کرنہٕ "زانٛنہٕ گیرِ آب پھیرِ، صورِ منٛزٕ پادشہ نیرِ"۔ سُہ بنیو نظمن، بأتن یا نے شأعری ہُند یمانہٕ تٔرُک تہٕ اکھ موضوع۔

شیخ صأب زاے صورِ، سرینگرِ۔ مألِس اوسُکھ محمد ابراہیم شیخ ناو۔ یہِ اوس یِیمہِ صدی ہُنٛد دٔسلاب۔ یِہُنٛد زٕہنہٕ وٕری چھُ ۱۹۰۵ء قرار دِنہٕ آمُت۔ ابتدأیی تعلیم شہرَ ے حأصل کٔرِتھ تہٕ ثانوی سطحس پیٹھ کینٛہہ وٕری یِیٛتی پٔرِتھ گے تِم نیبر پرنہِ۔ کینٛہہ کالا پنجاب تہٕ پتہٕ علی گڑھ اعلیٰ تعلیم یعنے ایم ایس سی کٔرِتھ پھیرِ واپس تہٕ آے تعلیمِ ہِنٛدِس محکمس منٛز ووستاد مقرر کرنہٕ۔ یِمو اوس فتح کٔدلہٕ اکھ ریڈنگ روم قایم کوٚر رُمت۔ یِیٚتہٕ پرنس ستی ستی لُگن ہنٛزٕ بدحألی تہٕ بیٚین مسلن پیٹھ سونٛچنہٕ یوان اوس۔ سیاستس منٛز دخل دِنٛچ یہِ کتھ روزنہٕ سرکارس نش ژھایہِ تہٕ یِم آے شہرٕ نیبر أکِس دوٗر جایہِ تبدیل کرنہٕ۔ یِمو مون نہٕ یہِ حکم تہٕ دِیتُکھ استیفہٕ۔ وٕنۍ آے پوٗرٕ پأٹھی عملی سیاستس منٛز۔ ۱۹۳۱ء یس منٛز یِیٚلہِ عبدالقدیرس ہنٛزِ گرفتأری تہٕ تس پیٹھ مقدمہٕ چہٕ تاریخ پیشی وِزِ سنٹرل جیلہٕ لُگن پیٹھ گوٗلی چلے یہِ تہٕ درجن وادلُکھ شہید گے تہٕ سرکارچہٕ کاروأیی خلاف جلوٗس دژاو، شیخ صأب اوس بروٚنہہ پکہٕ وٕنن منٛز۔ یتھٕ پأٹھی دژاو سُہ نوٚن تہٕ یِم ژور پانٛژہ زٕنی گرفتار گے، تِمن منٛز اوس شیخ صأب تہٕ یِم ہاری پربت قلعس منٛز قأد تھونہٕ آیہِ۔ ۱۹۳۲ء یس منٛز یِیٚلہِ مسلم کانفرنس تنظیم ہُنٛد سالانہٕ اجلاس اوس، تِم آے اِمکی صدر منتخب

کرنہٕ۔ سرکارن کوٚر لُکن ہنٛزن شکایژن پٮ۪ٹھ غور کرنہٕ باپتھ گلینسی کمیشن قائیم۔ یتھ منٛز بٹن ہندِ طرفہٕ منتخب نمائنٛدٕ پریم ناتھ بزازن مسلمانن ہندٮ۪ن مطالبن حمایت کٔر۔ یتھہٕ پٲٹھۍ آے یم زٕ لیڈر اکھ أکِس نکھہٕ۔ ۱۹۳۵ء یس منٛز کوٚرکھ مشترکہٕ پٲٹھۍ ہفتہٕ وار اخبار ''ہمدرد'' جٲری۔ ۱۹۳۸ء یس منٛز آیہٕ مسلم کانفرنس نیشنل کانفرنس منٛز تبدیل کرنہٕ۔ شیخ محمد عبداللہ ہس اوس نہٕ وٕن کانٛہہ مدِ مقابل تِکیازِ مولوی محمد یوسف شاہ میرواعظ کشمیرتہٕ بٮ۪یہ کینٛہہ لیڈر ٲسۍ الگ سپٕنۍ متۍ۔ ۱۹۳۸ء ہس منٛز آو نیشنل ڈیمانڈ ناوۍ اعلان نامہٕ شائع کرنہٕ۔ بزاز صأبنیو کوٚشش سٟتۍ تہٕ جناح صأبس سٟتۍ اختلاف سپدنہٕ کنٛی گو شیخ صأب وٕن کانگریسی لیڈرن نکھہٕ یوان۔ یمو بروٚنٛٹھ کُن وِزِ وِزِ تس مدد کوٚر۔ ۱۹۴۴ء منٛز گو ''نیا کشمیر'' ناوۍ میمورنڈم پاس تہٕ مہاراجس پیش کرنہٕ باپتھ آیہِ اتھ اکہِ أکھ پٮ۪نٛچ ہِش شکل دِنہٕ۔ دوٚیم جنگِ عظیم اوس جٲری تہٕ باسان اوس ہندستان گژھِ جلدٕ ے آزاد تہٕ تتھۍ سٟتۍ راجن مہاراجن تہٕ نوابن تحت ریاسژ تہٕ۔ شیخ محمد عبداللہ سپٕنۍ انڈین اسٹیٹس پیوپلز کانفرنسکۍ صدر منتخب۔ ۱۹۴۶ء منٛز دِیُت تمو ''کشمیر چھوڑ دو'' نعرٕ۔ تم آے کینٛہہ سٟتۍ بأج ہٮ۪تھ گرفتار کرنہٕ تہٕ سزا آکھ بولنہٕ۔ ۱۹۴۷ء یس منٛز گو ملک آزاد تہٕ سٟتۍ گو دوٚن حصن منٛز تقسیم، أتھۍ سٟتۍ گے فرقہٕ وارانہٕ فساد۔ شیخ صأب اوس قأدٕ ے زِ کشیرِ پٮ۪ٹھ سپُن قبأیل حملہٕ۔ مہاراج ژوٚل جوٚم تہٕ موٚنگُن ہندسرکارس مدد، تمو تھوو الحاق شرط۔ أتھۍ منٛز آو

تھۄندس وننس پتھ شیخ صاب ییلہٕ تۄ اونہٕ تہٕ گوڑ ریاستک ناظم اعلیٰ تہٕ
پتہٕ وزیر اعظم بناونہٕ۔ شیخ صابنیو کوٗششو تہٕ عوام کہِ اتھہٕ واسہٕ روٗز کشیر
فرقہٕ وارانہٕ فسادو نشہِ دوٗر۔ بأے بنٛدُت تہٕ ملہٕ ژار روٗد قایم۔ شیخ
صابن ہیٚتی کینٛہہ اصلاحات کرِنی۔ جاگیرداری سپٕز ختم۔ زمین آو تمن
اتھہٕ ہیتھ مُفت کاشتکارن منٛز بأگراونہٕ تہٕ تم آے امکی مألک بناونہٕ۔
سوٗددرسوٗد رقم یُس موٚ زوٗرن، گریستیٚن تہٕ غریب لُکن بلاے ہٕنتھ اگادِ
گوٚمت اوس، آو اصل رقمہٕ یوت چکاونکی حُکم صادر کرنہٕ۔ چیٚڑ تہٕ
ٹیکس آے معاف کرنہٕ تہٕ ترقی ہنٛز نوِ وَتہٕ آے ژھارنہٕ۔ کأشر زبان
سکولن منٛز پرناونس آو دس تُلنہٕ۔ تہٕ تعلیمِ کُن آو خاص توجہ دِنہٕ۔ أتھی
منٛز گے شیخ صأبس مرکزی سرکارس ستی اختلاف، دوٗرہٕ بڈہو ویوٗت زِ
۱۹۵۳ءیس منٛز آو نوٗی مہِ اگست لتس عدم اعتماد کرنأوِتھ سُہ وزیر اعظم
سٕندِ عوٚہدٕ نشہِ الگ کرِتھ گرفتار کرنہٕ۔ بخشی غلام محمد بنیو ونوٚ وزیر اعظم۔
رہأیی پتہٕ بنأوِ شیخ صأبن نوٗ تنظیم ''محاذ رائے شماری'' تکِیا زِ مرکزی
سرکارن اوس وعدٕ دِیتمُت زِ حالات ٹھیک گژھتھ یِیہِ کأشرٕن لُکن
الحاقس متعلق رائے پرٛژھنہٕ۔ شیخ صأبن ہیوٚت عالمی رائے عامہٕ ہموار
کرُن تہٕ ییلہِ تمن حجس گژھُن اوس تمو کوٚر بی تہٕ کینٛژن مُلکن ہُنٛد
دورٕ۔ تمن سپٕن چینہٕ کس صدرس ستی تہٕ ملاقات۔ مرکزی سرکار گونارونار
تہٕ واپس یوٗنی آو سُہ ہوٗایی اڈٕ سے پتھ گرفتار کرنہٕ تہٕ گوڈاے کنال
واتناونہٕ۔ امہِ وقتہٕ اوس صادق صأب وزیر اعظم۔ امہِ بوٚنتھ اوس شیخ

صأبس خلاف ؤری وادن چلہٕ ؤن ''کشمیر سازش کیس'' واپس ہِنہٕ آمٕت ـ کینٛہہ کال گرفتار روزِتھ ہیوٚتمن ءستی مرکزی سرکارن کتھ باتھ کرٕنی ـ تم آے رہا کرنہٕ تہٕ شیخ صأب آو جنرل ایوب صدرِ پاکستانس ءستی کتھ باتھ کرنہٕ باپتھ پاکستان سوزنہٕ ـ یپأری گو پنڈت نہرو سورگہٕ وأسی تہٕ شیخ صأب آو کتھ باتھ اڈلیچی ترٲوِتھ واپس ـ ۱۹۶۵ء یس منٛز سپُد ہند پاک جنگ ـ پتہٕ سپز جنگ بندی تہٕ تاشقند معاہدہ ـ ۱۹۷۱ء یس منٛز گو پأکستانس زِ حصہٕ، مشرقی پاکستان بنیو ''بنگلہ دیش'' ہندوستانس تہٕ پاکستانس تہِ گو جنگ تہٕ پوٚتس سپُد شملہٕ معاہدہ ـ شیخ صأبس ءستی گیہِ کتھ باتھ شروع ـ

۱۹۷۵ء یس منٛز بنیو وسہٕ چیف منسٹر ـ امہِ پتہٕ تہِ کٔری تٔمی کینٛہہ اصلاحات تہٕ تعمیر و ترقی ہنٛز کامہِ ـ نیشنل کانفرنس آیہٕ نوِ سرٕ زندٕ کرنہٕ ـ شیخ صأبن زیؤن الیکشن تہِ، پوٚز پتہٕ گوس صحت خراب تہٕ ۱۹۸۴ء یس منٛز گو رحمتِ حق ـ

## پریم ناتھ بزاز

پنڈت پریم ناتھ بزازن مول اوس پولیس محکمس منٛز ہیڈ کانسٹیبل ـ یم أسی سُنبلہٕ روزان، سوناواری علاقس منٛز ـ گرٕ اوس غریبے، ذات أسکھ بٹ، سرینگر کھٕسِتھ رٔو دی تم نوِ سڑکِ پیٹھ أکِس مکانس منٛز ڈیرس ـ مکانہٕ مأ لک اوس بزازِ کاروبار کران، ییمہٕ کنہٕ بزاز و نان

اُسِکھ، ڈیر واٲلی تہٕ گےٲمی تعلقہٕ بزاز بٔنتھ۔ سکوٗل سطحس تان پٔرتھ، کوٚرتموٚ یتھٕ وِ ہتھٕ کالج اُژِتھ بی اے پاس تہٕ لٔگی اکِس محکمس منٛز کلرک، اتھ ستی آیکھ نہٕ برابری تہٕ ژاے سیاستس منٛز۔ نوجوان بٹن ہنٛز اکھ تنظیم کرِکھ قایم یتھ یووک سبھا ناو آسی تہٕ بنے یہ اِمکی صدر۔ ۱۹۳۱ءپتھٕ ییلہٕ مسلم کانفرسہٕ ستی کشیرِ ہنٛز تحریک آزادی دس وۄتھہ تہٕ سرکارس خلاف لٔگن ہنٛد کریکہٕ ناد اسمانس کھوٚت، مہاراجن دِیتُ مختلف فرقن پنٕنی مطالبات پیش کرنُک اجازت۔ کٲشرٕ بٹوٚ کری پریم ناتھ بزاز نے ذریعہٕ پنٕنی مطالبات یاداش چہٕ صوٗرژ منٛز پیش۔ سرکارن کوٚر گلینسی کمیشن قایم یُس مختلف فرقن ہنٛدٕن مطالبن پیٹھ غور کرِ ہا۔ بزاز آو کٲشرٕ بٹن ہُنٛد نمائندٕ زٲنتھ کمیشنس منٛز شامِل کرنہٕ۔ بزازٕنی انصاف پسندی تہٕ دیانت داری دژایہٕ تمہٕ ساتہٕ ٲنی ییلہٕ تمی مسلمانن ہنٛدی مطالبہٕ صحی آسنس تصدیق کوٚر تہٕ اتھ کٔرکھ حمایتھ۔ بٹوٚ کوٚر یُس عدمِ اعتماد، برادری منٛزٕ کوٚرکھ خارج تہٕ کوٚرکھ اُمس ستی سماجی بائیکاٹ۔ یٔوتُے نہٕ جسمانی تشدد کُ شکار تہٕ سپٔن۔ وٕنہٕ آو یہِ گرٕ آبی گزر بسنہٕ۔ بزاز آو شیخ عبداللہ ہس نکھٕ تہٕ مسلمانن ہنٛز ہمدردی سپٕزس حاصل۔ بزاز صابن کوٚڈ گوڈنیک اردو ہفت روزہ ''وتستا'' یُس معقولیت پسندی کنٛی مشہوٗر گوٚ۔ اردوزبانی پیٹھ دسرس نہٕ اَستھ تہٕ دیتُ تموٚ پننہٕ میٛزُژ ہُنٛد ثبوٗت۔ بزاز صابن لیچھ ''کشمیر کا گاندھی'' ناوٕ شیخ صابنٛی سوانح تہٕ شایع تہٕ ثِرس لیس منٛزٕ ۱۹۳۵ ییلس منٛز کوٚرن شیخ

صائبس ستی رٚلتھ ہفتہٕ وار اخبار ''ہمدرد'' یُس وٕنیُک تام مشہوٗر چھُ۔ امہِ اخبارِ باپتھ اشتہار حاصِل کرنہٕ چھِن کوٗشِشن دوران آوتس وار یاہن کانگریسی لیڈرن ستی ملاقاتُک موقعہٕ۔ ۱۹۳۸ء یس منٛز آو کأشرٕن لیڈرن ہُند ''نیشنل ڈیمانڈ'' ناوٕ اعلان نامہٕ بوٚنٛتھ کُن۔ بزاز صأبنیو کوٗششو ستی آو شیخ صأب کانگریسی لیڈرن نکھٕ تہٕ مسلم کانفرنس تنظیم نیشنل کانفرنس بنٕنس منٛز چھُ تسند سبٹھاہ رول۔ کأشرۍ لیڈر روٗدۍ کانگریس نکھٕ یوان تہٕ ملکی سطحس پیٹھ روٗدۍ مسلمان لیڈر تمہِ نشہِ دوٗران۔ بڈٕ وٕنۍ اعتمادن واتنووُسہٕ تتھ جایہِ زِ تمۍ ہیوٚت شیخ صأبُن اثر کم کرٕنُک خاب وُچھُن۔ ٹکراوگو شروٗع۔ یتھ منٛز تمۍ ہور۔ ''ہمدرد'' اخبارس پیٹھ لوٚگ مقدمہٕ تہٕ تس پیوٚ شریکس حصُک رقم ادا کرِتھ زُو موکلاوُن۔ اخبار ہمدرد آو شیخ صأبس خلاف استعمال کرنہٕ۔ بزاز صأب دژاو نیشنل کانفرنسہٕ منٛز۔ جواہر لال نہرو روٗد شیخ صأبنہِ تژ ایہِ۔ بزازن ہیوٚت ایم این رائے سُندِ ریڈیکل ہیوٗمن ازمُک پرچار کرُن۔ ۱۹۴۴ء یس منٛز ییلہِ جناح صأب کٔشیرِ آے، تمن گو شیخ صأبس ستی اختلاف، موقع منأسب زأنِتھ آو پریم ناتھ بزاز جناح صأبس نکھٕ۔ ۱۹۴۶ء منٛز ییلہِ شیخ صأب گرٹھی دوبٕہ گرفتار سپُن تہٕ کٔشیرِ منٛز وٚتھ انقلاب، درجن وادلکھ گےٚ شہید، بزاز صأبن کٔر مخالفت، کشمیر چھوڑ دو نعرُک معاملہٕ کوٚرُن پننہِ مزازٕ استعمال، اخبارس منٛز روٗدُسہٕ حدٕ تہٕ نیران۔ تس پیٹھ سپُد قأتلانہٕ حملہٕ۔ اتھ مذمتھ کرنس منٛز اوس جناح

صأب تہٕ شأمل۔ یارانہٕ ووت اؤت تام زِ بزاز صأبن کر پاکستانس ستی کشیرِ ہٕنٛد الحاقچ وکالت۔ یمہٕ دوٚہن آو رام چند کاک ہٹاونہٕ۔ بزازن کوٚر راتھ آمنّا۔ گاندھی جیس دِیُتن سأزش کرنک الزام۔ قسمتکی فأصلہٕ۔ شیخ صأب سپُد رہا تہٕ بزاز صأب آو قبأیل حملہٕ بوٚنٛٹھے گرفتار کرنہٕ۔ شیخ صأب بنیو ناظم اعلیٰ تہٕ بزاز صأب آو قأدٕ کرِ دوہ کڈِتھ جلا وطن کرنہٕ۔ سُہ ووت دِلہِ، تصنیف وتالیف تھووُن جأری تہٕ ستی کوٚڈُن اکھ رسالہٕ Eastern Pharmacist ایسٹرن فارمیسٹ۔ خدائن دِیُتس، جان گزارِ وول بنیو۔ شُری پرنأوِن تہٕ خاندرِ تہٕ کوٚر نکھ تہٕ حوض خاص علاقس منٛز بنووُن ''گاشہِ آگر'' نأوی شاندار کوٹھی۔ ۵/ جولائی ۱۹۸۴ء گوسورگہ وأسی۔ بزاز صأبس آسی رنگہٕ رنگہٕ صلاحیژ، سُہ اوس تھدِ پایُک صحافی، اول درجُک لکھأری، سیاستکی رموز زانن وول، حد درجہ ذہین تہٕ یار باش شخص۔ تمی یم کتابہٕ لیچھِ تہندی حوالہٕ روزن سبٹھاہ کال تام دِنہٕ یوان۔



# سری نگرِ کی شاعر

ڈاکٹر شاد رمضان

سرینگر چھُ شاید کٲشیرِ ہُند سہ گوڈنیُک قدیم شہر یُس پننہِ ابتدأیی کالہِ پیٹھہ کٲشیرِ ہِندِس کلُہم تؤأریخس منز کٲشیرِ ہُند سیأسی، سمأجی، ادبی، ثقافتی تہٕ تجارتی مرکز رؤدمُت چھُ، بلکہ ہکو تؤأریخی کیۆ نیم تؤأریخی شہادژن پیٹھہ یہِ کتھ تہٕ وٕنتھ زِ یوہے شہر رؤد گوڈٕ پیٹھہ از تام کٲشیرِ ہٕندِس ویٚدِس تؤأریخس دوران کٲشیرِ ہِندین اکثر بادشاہَن ہُند رازِ دأنی یمہِ کِنہ امہِ شہرِ چ مرکزی اہمیت لأزمی أس تہٕ چھےٚ۔ کیٚنژن محققَن ہُند خیال چھُ زِ حضرت سلیمانؑ آو پٔنُن تخت ہیتھ تہٕ بیۆٹھ کیٚنژس کالَس تتھ بالس پیٹھ یتھ أسی کأشُرِ "سلیمان ٹینگ" ونان چھِ تہٕ حضرت سلیمانؑ چھُ کیٚنژن شریف قومن ہٕندین لؤکن أزی چہ سرینگر جایہِ بساوان تہٕ کینٛہہ محقق چھِ ونان زِ سری نگر شہر آو رازِ اشوک [۲۷۳-۲۳۶ ق-م] سِندِ دٔسی زبروَن بالس جنۆب پاسہٕ تہٕ ویتھِ ہٕندِس دٔچھنس بٹھِس (أزِ یُک پاندریٹھَن) أندی پٔکی بساونہٕ۔ چینی سیاح ہیۆن سانگ [۶۳۳-۶۳۱ ء] سِندِ مطأبق أسی سری نگر شہرِ کی حدؤد زبروَن بالس أندی پٔکھی ہأروَن پیٹھہ زیوَن سیمپور تام پھٔہلتھ۔ ہرگاہ ہندو دورِ کی کینٛہہ راز سرینگر تژ أوِتھ کٲشیرِ ہندین باقٕے علاقن منز تہٕ پٔنٛنی رازِ

دآنی بناوان چھ [ مثلن للتادت (۷۳۱-۶۹۵ ء) چھ پرِ ہاسپور تہٕ اونتی ورمن (۸۸۳-۸۵۵ ء) ووٚنتی پور پنٕنۍ راز دآنی بناوان ] اماپوٚز کشمیری دور (۱۳۳۹ ء) پیٹھٕ ازتام چھُ لگاتار سرینگر کشیرِ ہُند راز دآنی۔

سرینگر شہرس ہتہٕ بدٕن ؤری ین مرکزی اہمیت روزنہٕ کنی روٗد یہِ شہر سیاسی تہٕ تجارتی مرکزس ستی ستی سون ادبی تہٕ ثقافتی مرکز تہِ یمہٕ ستی یہِ کتھ ٹاکارٕ چھےٚ زِ کشیرِ ہٕندٕن مختلف علاقن تہٕ گامن گٹھن ستی وابستہٕ عالمن، دآنشورن، أدیبن تہٕ شاعرن ہُند سمن بل تہِ روٗد یوٚہے شہر۔ حالانکہِ یہِ کتھ چھےٚ پننہِ جایہِ اہم زِ ہندو کیوٚ مسلمانن ہٕندِس دورس ستی وابستہٕ کشیرِ ہٕندی اکثر قداوار عالم، دآنشور، توآریخ دان، أدیب تہٕ شاعر چھِ گامی آسۍ متی یا ونو یم گامن ہٕندی روزن وألی آسی۔ ؤں گوٚ ویمن سارِنۍ ہنز سیاسی، سماجی تہٕ ادبی زندگی پیٚز لے یہِ سرینگر شہرٕ کین رازٕ دربارن منٛزٕ ے۔ اتھ کتھِ چھُنہٕ انکار زِ ہندو دورس منٛز تہٕ تہٕ مُسلمانن ہٕندِس دورس منٛز تہِ روٗدی کشیرِ ہٕندی سنسکرت کیوٚ فارسی شاعر رازٕ دربارن ستی وابستہٕ تہٕ یہِ کتھ چھےٚ شیقہٕ زِیم شاعر آسہن ضروٗر پننہِ ماجہِ زبوٚ منٛز تہِ شعر ونان یمِیُک ثبوٗت کہی مہِ صدی ہٕندِس ناماوار شاعر تہٕ عالم کھیشمند رِ سُند یہِ جملہٕ چھُ [1] امہِ پتہٕ ووٚتھ ووستاد جی یُس نشس منٛز اوس تہٕ تمی بوزنوو پٔنن کلامہٕ پننہِ مادری زبأنی منٛز“۔ یتھی ہوی حوالہٕ چھِ سلطان بڈشاہ سٕندِس دربارس ستی وابستہٕ شاعرن متعلق تہِ میلان۔ اماپوٚز کاشُر شاعری ہٕندِس توآریخس بزنہٕ پاٹھی دِسلابہٕ

کرن وٲلی زٕ قد اور گونماتھ چھِ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ، تہٕ یم دوشوَے ٲسی مرازس ستی تعلق تھوان تہٕ یمن دون قد اور شاعرن پتہٕ یُس کاشرِ زبٲنی ہُنٛد اہم شاعر کاشرِ ادبکس تواریخس یالکہٕ ژھتہٕ ورتس ویوٚد چھُ، سُہ چھُ خواجہ حبیب اللہ حبیؔ نوشہری تہٕ یوہے چھُ سری نگر شہرُک گوڈنیُک کاشُر شاعر ییمی پنہٕ نٮ۪ن روحٲنی رموزن تہٕ اسرارن کاشرِ زبٲنی منٛز باوتھ دِژ۔

## ۱۔ خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ

حضرت حبیؔ نوشہریؒ [۱۵۵۵ء۔۱۶۱۷ء] چھِ کشیرِ ہٕنٛدی ناماوار صوٗفی بزرگ، عالم تہٕ سرینگرُک گوڈنیُک کاشُر شاعر ییمی عوٲمی سوٚتھرس پیٹھ شہرت پرٲو۔ حالانکہِ لل دید تہٕ شیخ العالمسؒ پیٹھِ نوشہری صٲبس تام چھُ الہٕ پلہٕ دون صدین ہُنٛد فاصلہٕ تہٕ حٲرانگی ہنٛز کتھ چھےٚ زِ اتھ زٕ ہٕتھِس سفرس دوران چھُنہٕ حبہ خوتونہٕ ورٲے بیا کہ کانٛہہ کاشُر شاعر کاشرِ ادبکس تواریخس ویوٚد۔ ییمیُک شاید سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ وجہہ کشیرِ ہنٛز سیٲسی افراتفری ٲسِتھ ہیٚکہِ۔ نوشہری صٲب اوس حبیؔ تخلص ورتاوان۔ یہُنٛد تولد سپُد ۹۲۴ ہجری نوشہر سرینگر۔ وٲلد صٲبس اوسُکھ خواجہ شمس الدین گنائی ناو، یم پننہٕ وقتکی مشہوٗر دینی عالم تہٕ روٗحٲنی بزرگ ٲسی۔ شُری پانے کوٚر رُکھ وٲلد صٲبنہِ وساطتہٕ قرآنِ مجید حِفظ۔ تمہِ پتہٕ پوٚر رُکھ قرآنِ شریفُک تفسیر تہٕ باقٕے علوم مشہور عالم موٗلانا حسن آفاقی صٲبس نِشہِ تہٕ ستی کوٚر رُکھ مولانا میر محمد حنفیہؒ صٲبس

نِشہِ علمِ عرفان حاصِل۔ دینی علمن ستی ستی رؤدی علم عروض تہٕ بلاغت
ہیچھنہٕ باپتھ کیٚنژَس کالس قداور عالم تہٕ عارف حضرت ایشان شیخ
یعقوب صرفیؒ صابس نِشہِ ژاٹہٕ کوٚٹھ گرِتھ۔ تمی چھُ فارسی زبانی ہُنْد
مشہور عالم تہٕ شاعر۔ فارسی زبانی منز چھُ یِہنْد بن غزلن ہُنْد دیوان تہٕ
امہِ علاوٕ چھکھ کینْہہ قصید تہٕ لیکھی متی۔ نثرس منز چھےٚ یِہنز '' تنبیہ
القلوب ، راحت القلوب ، مراۃ القلوب تہٕ مقالات حضرت ایشانؒ
ناوی کتابہٕ مشہوٗر۔ یم أسی گوٚن بوزنکی سٹھاہ شوقین تہٕ یِہنْدِس
دربارس منز آسہٕ اکثر گوٚن مجلسہِ لگان ییمہِ کِنی یمن پنٕنہٕ بن کیٚنژن
ہمکال مذہبی عالمن ہُنْد ژوٗک موٚدُرتہِ وبتراوُن پیوٚو۔ تمی اوس ساز
بوزن عاشقن ہُنْد روٗحانی غذا زانان۔ تِہُنْد مشہوٗر شعر چھُ ؎

ساز سنطور ذٕہر یِے در شریعت نو چھیے
عاشقن تی بس چھیے یارِ گرِشھوو دِویے

خواجہِ صابن کاشُر کلامہٕ یوٚ دوَے سٹھاہ کم دٔستِیاب چھُ اماپوٚز
باسان چھُ زِ یِہُنْد کینْہہ کلامہٕ چھُ وُنہِ راوِس تل۔ یِہُنْد کاشُر کلامہٕ چھُ
صوٗفیانہٕ مجلسن منز تبرُک زٕنگی ضرور گوٚنہٕ یوان۔ خاص کرِتھ یِہُنْد یہِ
نعتیہ انہار تھاوَن وول وژن ؎

آشکارا دِژاوِیے صوٗرتن منز ژاوِیے
چھس محمدؐ ناوِیے یارِ گرِشھوو دِوِیے

خواجہ حبیب اللہ نوشہری سنز اکھ غزل

پرانِس کأشرِس کاغذس پٹھ ——

پرانہِ وقتہٕ عیدٕ نماز پرٕنہٕ باپتھ عید گاہس گُن لُکھ گرٕھان

شاعر حضراتن ہندی فوٹوگراف چھِ زاسنہٕ مُطابق ترتیب دِنہٕ آمتی



ماسٹر زِندٕ کول



دینا ناتھ نادِمؔ



غلام احمد فاضلؔ کشمیری



عبدالغفار مجبورؔ



پتامبر ناتھ درفانیؔ



غلام رسول سنتوشؔ



حاجی غلام حسن ڈرائیور



پروفیسر رحمان راہی



پروفیسر غلام نبی فراقؔ



پروفیسر ستار احمد شاہد



غلام احمد عابدؔ



ڈاکٹر حامدیؔ کشمیری



سلطان الحق شہیدیؔ



غلام نبی خیالؔ



پروفیسر محمد زمان آزُردہ



ظریف احمد ظریفؔ



عبدالاحد فرہادؔ



بشیر شاہ



محمد یوسف مسکینؔ



شہید سلمانیؔ

کُنتُ کنزاً آویے جلوٕ ماران دژاویے

کیاہ بےٚ دمس ناویے یارٕ گرٛھوو دِویے

یا ژٕ گرٛھتو کاویے میانہٕ ونتس گراویے

سینہٕ مُژرِتھ باویے یارٕ گرٛھوو دِویے

خواجہِ صأب أسی صاحب کراماتھ بزرگ۔ یمن ہٕتی کأشرِس لگہٕ ؤترس

منٛز ہٕتی کشقہٕ کرامأژ منسوٗب چھےٚ۔ یمن متعلق چھُ مشہوٗر زِ یم أسی طے مکان

کٔرِتھ پرٛ ہتھ جمعہ خانہ کعبس منٛز پران۔ دپان اکہِ دوہ کٔرس أکہِ لوکچہِ کورِ

جمعہ نماز پرنہٕ وِزِ دامنس تھپھ تہٕ سوتہِ وأژ خواجہِ صأبس ہٕتی مکہ شریف تہٕ أمی

ہےٚ کورِ ہٕندی ذٔسی سپٔد یہِ راز آشکار۔ خواجہ صأب اوس پیشہِ کٔنی وونی تہٕ نوشہرس

منٛز اوسُس لوکٹ موکٹ وان۔ امیُک ذِکر چھِ یم اکہِ بأتہٕ کِس یتھ شعرس

منٛز کران۔

بہٕ یارٕ اوسُس خواجہ حبیب وأنی چھِم نمنمتھ سوداتہٕ وانچ نہٕ دأنی

## ۲۔ صاحب کول

صاحب کول [۱۶۲۶ء - ۱۶۸۲ء] چھُ مغل دوٗرُک اکھ اہم سنسکرت

عألم تہٕ کأشر شأعر مانہٕ یوان۔ محقق چھِ اوہند زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ اکہٕ ؤنی

پأٹھی ۱۶۲۶ء ۔۱۶۸۲ء گنڈان ۔ کول صأب اوس حبہ کدٕل سرینگر روزان ۔ یمو چھےٚ کأشری پأٹھی نظمہٕ ہٕنٛدِس صورتس منٛز "کرشن اوتار لیلا" لیچھمٕژ یمٕیک قلمی نسخہٕ بقول عبدالاحد آزاد مشہور یورپی محقق بہلر پانس ستی نوان چھُ یُس ازدٕ ستیاب چھُنہٕ ۔

## ۴۳۔ مرزا اکمل الدین بدخشیؒ

مرزا اکمل الدین بدخشیؒ [۱۰۷۱ھ ۱۶۶۱ء - ۱۷۱۸ء] صأبس چھِ عام کأشری مہرٕ زٕ کأمل صأب ناوٕ زانان ۔ یِہُنٛد آستانہٕ عالیہ حول سرینگرٕ چھُ ۔ یِہٕنٛدی اسلاف چھِ بدخشان پٮ۪ٹھٕ ہندوستان یوان تہٕ مغل حکوٗمتس منٛز بڑٕ بڑٕ عہدن پٮ۪ٹھ فأیزٕ سپدان ۔ اکبر بادشاہ چھِ امی خاندانٕکس مہرزا ملک خان بدخشی لیس ناظمِ کشمیر مقرر کران یمن زٕ اولاد أسی ۔ عادل بیگ تہٕ کامل بیگ ۔ عادل بیگ خان ہٕنٛدِ مرِ چھُ مہرزا اکمل الدین یوان یُس شاہانہٕ زندگی خأرباد کرِتھ روٗحأنی زندگی گذارنس ترجیح دِوان چھُ ۔ یم چھِ بلند مرتبہ وألی عألم، شأعر تہٕ صوٗفی یمو شیٛتین ساسن شعرن پٮ۪ٹھ مشتمل "بحر الفرقان" ناوٕچ فارسی مثنوی لیچھ ۔ کیٛنژن لوٗکن ہُنٛد خیال چھُ زِ یم أسی کأشرِ پأٹھی تہٕ شعرونان تہٕ آزاد چھُ یمن ستی محموٗد گأمی سُنٛد مشہوٗر بأتھ "چھُم یارٕ چون تمنا" منسوٗب کران ۔ حالانکہِ آزاد چھُ ستی یہ جملہٕ لیکھِتھ پننہِ ووندُک بارلوٗ ژراوان "راقم کے نزدیک یہ امر قابل غور و تأمل ہے" ۔

## ۴۔ میر عبداللہ بیہقی [۱۷۷۱ء - ۱۸۰۷ء]

میر عبداللہ بیہقی [۱۷۷۱ء - ۱۸۰۷ء] اوس حاجی راتھر فتح کدل سرینگر روزان تہٕ اتھی جایہِ چھُ "مزارِ بیہقی" یَس منز دفن۔ بہارستان شاہی مطابق چھُ میر محمد بیہقی یِہُند جدِ امجد یُس وسطِ ایشیا کہِ کمہِ تام شہرٕ پیٹھ کٔشیرِ آمت اوس۔ بیہقی خاندانس اوس نہٕ فقط علمی بجر حاصل بلکہِ اوسکھ شہمیری دورکین بادشاہن ہِندین سیاسی معاملاتن منز تہِ خاص عمل دخل۔ سید عبداللہ بیہقی چھُ تھدِ پایک عالم اوسمُت، تیمی فارسی علاوٕ کاشرِس منز تہِ اکھ درجن پیٹھی کتابہٕ لیچھِ مژ چھےٚ، یمن منز "دینکی مسلہٕ" "ترجمہ پند نامہ عطار" "وفات نامہ آنحضورؐ"، "معراج نامہ"، "قصہٕ موسیٰؑ" "اسلامی عقید"، "کرامات حضرت فاطمہ الزہراؓ"، "شمایل شریف مصطفیٰؐ"، "قصہٕ شیخ صنعان" تہٕ "قصہ سنگ تراش" قابلِ ذِکر چھےٚ۔ بیہقی صابن چھ نعت تہٕ وژن تہِ لیکھی متی تہٕ یِہندِس کلہم کلامس چھُ مذہبی رنگ غالب بلکہِ ونویم اَسی عام لوکن تام دینی مسائل واتناونہٕ باپتھ کاشری پأٹھی لیکھان۔ حال حالے آو یِہُند کلیات بازریُس ناجی منور صابن ترتیب دِتھُمت چھُ۔

پاپ تہٕ پُن تارژِ تولنہٕ ہِن
تیمی یِتھ کوٚر تےٚ تس تِیتھ دِن
لیکھتھ سأری سأنی اعمال
نوٚن چھُکھ ذرٕ ذرٕ سونےٚ حال

## ۵/ ملا عبیداللہ [۱۷۲۰ء - ۱۸۵۳ء]

ملا عبیداللہ چھُ زٕ پرٕستان سرینگرٕ روزان اوسمت۔ تہٕ یہُند وفات چھُ عبدالاحد آزاد ۱۲۶۸ ہجری ہاوان۔ عبداللہ صأب چھِ أتھی جایہِ شاہ قاسم حقانی سٕندِس مزارس نکھٕ دفن۔ باسان چھُ یم أسی وژن صِنفہِ ستی ستی غزل تہِ لیکھان أسی ئتی تہٕ یہِند غزل پرٕتھ چھُ عیان زِ یمن چھَ امہِ ہیتی صِنفہِ ہند بن خدٕ وخالن ہُند جان اوپ ژوپ اوسمُت۔

ژٕ گژھ تے ہاے وٕسی یے یار انتن
بہٕ کرٕ نس مارٕ ہے بے عار انتن
دٔپتھ کس زانہ عشقُن غم شرٕ پتھ گوم
ژھپتھ ساقی ژؤلم دُبار انتن



## ۶/ سیف الدین تارٕ بلی [۱۸۰۳ء-۱۸۷۳ء]

سیف الدین تارٕ بلی چھُ تارٕ بل سرینگرُک روزن وول اوسمُت یُس فارسی زبأنی ہُند باکمال عألم تہٕ شأعر اوس۔ یمن چھُ کشیرِ ہُند بہلہِ پایہِ عألم شیخ احمد صأب تارٕ بلی مورشد اوسمت۔ یہُند اصلی ناو چھُ میر محمد سیف الدین منطقی۔ روزگارٕ کس سلسلس منز گٔیہِ لدھیانہ پنجاب بیٚتہِ تہٕ افغانستان، کس سابق بادشاہ شجاع الملک سٕندِ بن

شُرہن پرناوان اَسی تہٕ پنٕنۍ ساَرٕ ے واَنس اتی گنڈ اَرِتھ اَتھی شہرس منز چھِ دفن تہِ ۔ کاَشرس منز چھےٚ یِموٕ زٕ مثنوی لیچھمٕژ ۔ ''وامق عذرا'' یوسہٕ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ سٕنزِ فارسی مثنوی ہُند ترجمہٕ چھےٚ تہٕ دوٚیِم ''ہیمال'' یوسہٕ صدرالدین وفائی سٕنزِ فارسی مثنوی ہُند ترجمہٕ چھےٚ ۔ اَہنز مثنوی پُرِتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ تارٕبلی صاَب چھُ ہونرمند شاعر اوسمُت یَس زباَنی ہُندی ڈٕسی موضوع بدس رٹنُک وَل اوسمُت چھُ ۔ توَے چھُ ونان

چھےٚ دون ترٕہن قاَفیَن در ہر سوخن ٹٔنز
ستن شبن تاَنۍ مرصع نادرن سٕنز

ؤں گوٚ وِیہندہن غزل شعرن چھےٚ یِہنز صنعت گری ضرٗوردارٕ واتناوان ۔ مثلن

دِلبرس فتنہٕ گرس شار پرس خوش الحان
کرتِیم گوش دِیم ہوش نیم چھُمنہٕ یوان

## ۷/ نعمہٕ صاَب

نعمہ صاَب (۱۸۱۰۔۱۸۸۰ء) ۔ نعمہٕ صاَبُن زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھُ اٹھ سٕتھی پاَٹھی لُکہٕ ربوایژن ہنزٕ بُنیاَدٕ پیٹھ گنڈتہٕ یوان ۔ محقِقن ہُند خیال چھُ زِ نعمہٕ صاَب اوس زاَندار محلہٕ سرینگرٕ روزان تہٕ اتی اوس اَکِس قالباف وانس پیٹھ کاَم کران ۔ کیٚژن لوٗکن ہُند وَنُن چھُ زِ نعمہ

صأب اوس گۄن بوزنُک شوقین تہٕ سُہ اوس پانہٕ تہٕ سازندرن ہٕتی بہتھ ساز وایان۔ یہندِس صحبتس منز چھُ أتھی خارخانس منز کینژس کالس شمس فقیر روزان۔ نعمہٕ صأب چھُ اکھ تیٚتھ صوٗفی شاعر یُس پننین أندرِمین روٗحأنی تجربَن تہٕ کُنہِ باوتھ دِوان چھُ زِ پرن وألی ٔسنذِس بأطنی دنیاہس ہٕتی ہٕتی چھُ تسُند ظأہری دنیاتہٕ وۄلسنس یوان۔ پننہٕ نبٕن اسرأری رموٗزن شعر تجربہ بنأوِتھ چھُ پننہِ شأعرانہٕ فنکأری ہُند نیب دِوان ۔

بَہ ژایوس سُنٕز ژۄرَے شمع زألِتھ زۄرے
وُچھم تتہِ شور وۄتھمُت زور عشقہٕ نارَ سَے



نعمہٕ صأب چھُ اکھ میوٗٹھ شأعر یُسند شعر طرح رسیٖل تہٕ رنگا برنگ چھُ ۔شوژِ زبأنی منز رواں اظہار تہٕ سازٕت چھُ أہنزِ شأعری ہنز پھیر ہاو خصوصیت تہٕ یہے خصوصیت چھےٚ تسنزِ عوأمی مقبولیژ ہُند راز۔ کایناتس منز روزان وألس انسان ہٕنزِ بےٚ ثبأتی پیٹھ افسوٗس کران، کتھ ہٕ کنٕ چھُ کلُہم انسأنی صورت حالس عام فہم زبأنی منز ٹأنہٕ ژٹان ۔

وتہٕ گتے پانہٕ میأنہو کتھ چھےٚ روزان کألی یے
بالہِ کرِ یوم لُکہٕ لُکے لُکھ نہٕ نیران سأری یے
لُکھ چھِ تتھی دُکھ چھِ دِوان کانہہ نہٕ کران یأری یے
مرِگ پھِٹِتھے ورگہٕ والان ژُنزی لذان بازأری یے

## ۸۔ لکھمن کول بُلبُل

لکھمن کول بُلبُل (۱۸۱۲ء۔۱۸۸۴ء) زاو بانہٕ محلہٕ سرینگرٕ تہٕ سنسکرت تہٕ فارسی زبانن منز کٔرن مہارت حاصِل۔ کینژِس کالس پیٛوس باین ستی جگرٕ آسنہٕ کِنۍ ہندوستان ژٔلن تہٕ واپس یتھ کوٚرُن ناگم ژوڈرِ نیتھر تہٕ واریاہس کالس رٗودتی۔ کینٛہہ کال گژھتھ موٚیہٕ لس آشنۍ تہٕ لس وٗتھ وأ راگ تہٕ ژلان ژلان ووت مٹن اسلام آباد۔کس ناماوار شأعر پرمانندس نِش تہٕ آخرس کوٚرُن تہنٛدی ہسے ارشادس پیٹھ بیٛاکھ خاندر۔ بلبل چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد اکھ مشہوٗر مثنوی نگار۔ ہرگاہ أمۍ کینٛہہ مثنوی لیکھنس ستی ستی لیلاتہٕ وژن تہٕ لیکھی متی چھِ اماپوٚز ''سام نامہ'' چھُ یہُنٛد مشہوٗر جگتنامہ یُس فردوسی سُنٛدِ فارسی شہنامہٕ اکھِ حصک کأشر ترجمہٕ چھُ۔

## ۹۔ مہدہ شاہ دیکہ [۱۸۱۷ء ۔ ۱۸۹۸ء]

مہدہ شاہ [۱۸۱۷ء ۔ ۱۸۹۸ء] دیکہٕ چھُ شہلی ٹینگ سرینگرٕ زامت تہٕ اتی چھُ دفن تہٕ۔ اوہنٛد زاسنہٕ چھُ اٹھ ستھی پأٹھی مقرر کرنہٕ آمت۔ البتہٕ چھُ اوہنٛد مرن سنہٕ ۱۸۹۸ عیسوی مانہٕ یوان۔ پننہٕ ظرافتہٕ تہٕ حاضِر جوأبی کِنۍ اوس شہروگام مشہوٗر۔ شأعری منز یُس مزاح ورتو وُمت چھُن تتھ متعلق چھُ عبدالاحد آزاد سُنٛد یہِ جملہٕ کأفی توجہ

منگان "بدیہہ گوئی میں ان کا ثانی ہندو ایران میں بھی ملنا مشکل ہے"۔ اما پوٗز یِہُنٛد کلامہٕ چھُنہٕ از تام جمع کرنہٕ آمُت، یُس کاشُرِ شاعِری منٛز پزٕی پأٹھی اکہِ نوِ بابُک اضافہٕ کرِ ہے۔

## ۱۱/ رحمان ڈار

رحمان ڈار (۱۸۲۰ء۔۱۸۹۷ء) اوس دانا مزارِ چھتہٕ بل سرینگرٕ روزان تہٕ اتی چھُ اوہُنٛد مزار تہِ۔ یتھ 1981 عیسوی یس منٛز ریاستی کلچرل اکیڈمی پیٚو رلوگ۔ رحمان ڈار نہِ شاعری ہُنٛد موضوٗعی سنٛبر، تخلیقی جوہر تہٕ زبأنی ہُنٛد ورتاون وَل چھُ تس پننہِ قبیلہٕ کٮ۪ن کلہم کأشرٕ ن صوٗفی شاعرن منٛز اکھ امتیاز بخشان۔ صوٗفیانہٕ اسرارن تہٕ رموٗزن باوتھ کران کران چھُ باضے دنیأوی زندگیہِ ہنٛدِ بے معنویتُک احساس ووتلأوِتھ کلہُم انسأنی صورتِ حالس وبدا اکھ بنأوِتھ تتھٕ کٕنۍ پیش کران زِ تخلیق کارٕ سنٛز تخیٖلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس چھُ فنکارانہ میٖل سپدان۔

سَمیہِ کُس سوٚدرس سٕخ پیوٚم پکُنے تھکہٕ پیٚنٛڈ لُبمس نہٕ گُنے
زُلہٕ وُنہِ وُمرے پأزٕ پر پھُٹُم ہو تمہِ دادِ چھُس نو بلان



"شش رنگ" چھےٚ یِہنٛز شاہکار نظم یٚمیُک مرکزی کردار لول چھُ تہٕ اتھ لولس منٛز جُزس تہٕ کُلس میٖل کانٛچھن وول اشتیاق۔ نظمہِ ہُنٛد موزوٗن ترین لسأنی ورتاو، لسأنی صورِ ژٕ ٮ۪سی موضوٗعک پھأیٚپھلُن،

تجربک ڈرامائی صورتِ حال، باؤ ژھُنڈ اختصار تہٕ اندرونی تہٕ بیرٛونی ہم آواز قافین تہٕ ردیفن ہُند سازُت چھُ اتھ نظمہِ کاشرِ زبانۍ ہنٛزِ کلہم صوٗفی شاعری منٛز امتیاز بخشان۔ ''تقدیر آم نو ونے'' تہٕ مانچھ ٹلر'' چھے یِہنٛز بیٚیہٕ زٕ اہم نظمہٕ۔ یِہنٛدی وژن تہِ چھِ یِہنٛزن نظمن ہٕندی پاٹھی شاعرِ سٕنٛزِ شاعرانہٕ ہونرمندی ہُند نوٚن نیب بیٚتہِ بالا فطری لول تہٕ حُسن معروضی پیکرن تہٕ شبیہن منٛز پیش سپدِ تھ خوبصورت شعرٕ اظہار پرٛاوان چھُ۔

أمی سروِ نازن خوبصورتن
گس ونہِ ووٚنٕہ ہتھ پھنٕڈ ژوٚلے
توہہِ ما ڈیونٹھ ووں مائٕز چھس اتھن
کتھن کمہِ سونہِ روٗٹ میوٗن یار

اوہند کلہم شاعرانہٕ وجوٗد چھُ بیٚمہِ پزرٕچ دٔلیل زِ رحمان ڈار چھُ پننہِ دورُک رحمان راہی۔

## ۱۲/ قادر صاب کینٛہہ نہٕ

قادر صاب کینٛہہ نہٕ (۱۸۳۳ـ۱۹۰۲ عیسوی) اوس چھتہٕ بل سرینگرٕ روزان۔ تہٕ أتھی جایہِ چھُ دفن تہٕ۔ یِہنٛدِس زندٕس مرنس تہٕ زندگی متعلق چھُ سبٹھاہ کم دریافت سپُدمت تہٕ یِہُنٛد زاسنہٕ تہٕ مرن سنہٕ تہٕ چھُ أنکہٕ ونہِ پاٹھی مقرر کرنہٕ آمُت۔ کینٛہہ چھِ یمن رحمان ڈار سُنٛد

اولاد گنز راوان تہٕ کینٛہہ چھِس اوہنٛد طاُلب مانان۔ وُں گوٚو یہِ کتھ چھےٚ شبقہٕ زِیمن چھُ رحمان ڈارس ءستی کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ تعلق اوسمُت۔ عام لوٗکن ہٕنٛدِس ژٕہتہٕ وُترِس منٛز چھےٚ یہِ کتھ زِنٛدٕ زِ قاُدر صاُب کینٛہہ نہٕ چھُ اکھ صاحب کراماتھ صوفی بزرگ اوسمُت یُس صمد میر نٕبن دوٕن مورشِدن ووستہٕ حبیب تہٕ ووستہٕ خاُلق سُنٛد مورشِد اوس۔ یِہنٛدی چھِ وُنستام کُل ژور باُتھ ونہِ کڈنہٕ آمتی یم موتی لال ساقی صاُبن کلیات صمد میرس منٛز اٚخرس پیٹھ چھاپ گرٕ ءمتی چھِ۔ یِہُنٛد کلامہٕ چھُ یٚیمہِ کتھِ ہُنٛد شاُہد زِیمن چھُ روٗحاُنی اسرارن تہٕ رموٗزن تہٕ منٛزلن مقامن ہُنٛد واتنِیار اوسمُت۔ کینٛہہ نہٕ اصطلاح چھِ پھِری پھِری پننٕہ نٕبن شعرن منٛز ورتاوان یٚیمِٹُک ہَر تَریم اثبات زانان چھِ۔ امہِ کِنۍ چھُ باسان زِ سُہ چھُ وحدۃ الوجودی فلسفُک قاُیل اوسمُت یٚیتہِ ژوپاٗری گُنزُک صدائے بازگشت گڑ بزان چھُ۔

پرٕد ژٕٹتھ بے پرٕد وُچھتن عاُنِ پرٕدِ دار کینٛہہ نے
کینٛہہ نہٕ قاُصد خود کینٛہہ نہٕ بِستھ ہر جایہِ کینٛہہ نے



## ۱۱۳ عبدالقادر قدیرؔ

عبدالقادر قدیرؔ (۱۸۳۴ء۔۱۹۰۲ء) اوس وانٛتہٕ پوٗرِ سرینگرٕ روزان۔ اوہنٛد کلامہٕ چھُنہٕ دُستیاب الّتہ چھُ پروفیسر محی الدین

حاجنی صابن أمی سُند اکھ وژُن ''کأشر شأعری'' منز درج کوٚر رُمت۔

شہزادِ پیٚیہ مو چانی آوے گوشن پوش وتھراویو
وَنہٕ وُن حوٗرن اتھہِ ونہٕ ناوے گوشن پوش وتھراویو

## ۱۴ شمس فقیر

شمس فقیر (۱۸۴۰ء۔۱۹۰۴ء) چھُ چتکرٛال محلہٕ سرینگرٕ زامُت تہٕ اتی گذورُن پنُن لوکچار تہٕ جوأنی۔ دپان مالی سوز کھنڈ واو کارخانس منز کأم کرنہِ پیٚتہٕ لَس بزرگ صوٗفی شأعر نعمہٕ صأبس ستی ملاقات گوو تیمی لَس شأعری ہُند اوپ ژوپ کوٚر تہٕ پانس ستی نیوٗن روحانی بزرگ سوچھِ نلیار صأبس نِش یُس لَس گوڈنچ روحأنی تربیت کران چھُ۔ کینٛہہ کال گُزٕھتھ گوو شمس فقیر امرتسر کس تام قلندرس نِشہِ تہٕ تہندِس خدمتس منز گذأرِن ۱۲ؤری۔ تورِ واپس یتھ ژاو قأضی باغ بڈگامہِ شیٚن رتبن گوپھِ منز (یہٕ گوپھ چھےٚ ازتہِ موجود) تہٕ تمہٕ پتہٕ بنوٗن پنُن أخری آرامگاہ کرٛیش پور بڈگوم۔ کنوٗہمہِ صدی ہٕند بو صوٗفی شأعرو منز یوٗتاہ بلند قامت شأعر ادبی سوٚتھرِس پیٹھ شمس فقیر گُزرنہ یوان چھُ تیوٗتے چھُ عوأمی سوٚتھرِس پیٹھ لوٗکن ہندن دِلن منز تیٚسندِ روٗحأنی مرتبُک عقیدتہٕ احترام۔ شمس صأب چھُ سون سہٕ اہم صوٗفی شأعر یسندن بأتن ہنز باوتھ کأری طرح بدلأوِتھ شأعر یسندِ باوژ اظہارُک بَل ہاوان چھُ۔ خاص گُرِتھ تژھن جاین پیٚتھن سہٕ اَسرأری

رموزن مجازی اظہار بخشان چھُ۔ "وشُنی یاہ گرٛھی تھے" چھےٚ یہٕنز مشہوٗر تمثیلی نظم یتھ منز رازٕ ہونز، کاوتہٕ راتہٕ موٗغل ہنز رِوٲیتی تمثیل انسٲنی وجوٗدُک ازلی المیہ ہٕنتھ شعری اظہار پرٛاوان چھےٚ۔

آب مےٚ درٛینٛٹھی آم گوٚہے — کوٚہ تہٕ بال ڈٟینٛٹھِم نارٕ ہٕتی دزان
تتھی یارٕ ولنے آس — زاں مےٚ درٛینٛٹھی آم سبز درٛمنا

شمس فقیرٕ رن روحٲنی سلسلہ چھُ از تام قٲیم تہٕ اتھ سلسلس ستی وابستہٕ کینٛژن بزرگن تام شمس صٲبنہٕ زندگی متعلق سینہٕ بسینہٕ واژمٕژ و کتھو مطٲبق چھُنہٕ کینٛژن محققن ہُند یہٕ وُنُن صحیح زِ یہٕنٛد اصلی ناو اوس محمد صدیق بٹ۔ اتھ متعلق چھےٚ بیٚاکھ کتھ یتہٕ اہم زِ کنوہمہِ تہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛدی الہِ پلہٕ سٲری صوٗفی شاعر چھِ پننہِ اصلی ناوٕ ستی مشہور تہٕ صوٗفی شاعرن منٛز اوس نہٕ تخلص ورتاونک کانٛہہ رِواج تہٕ یِی چھُ شمس فقیرس متعلق تہٕ پوٗز۔ رِوایت چھےٚ زِ زندگی ہُند آخری سفر پرٛاونہٕ بروٚنٛٹھ وٕونٛ شمس صٲبن یہٕ بٲتھ

"مکہ مدینس بر چھِ وٕتھی یے — نیرِ اتی یے روٗ وکران"

## ۱۵ر حکیم حبیب اللہ

حکیم حبیب اللہ (۱۸۴۳ء۔۱۹۰۵ء) اوس شِہلی ٹینگ سرینگرٕ روزان۔ پننہِ دورکین مرثی نگارن منٛز چھُ حکیم صٲب عوٲمی کیٚو ادبی حلقن منٛز مشہوٗر۔ یہٕنٛز مرثی چھےٚ مختلف مضموٗن پیٚٹھ مشتمل یم فنی اعتبارٕ تہٕ

بہترین ادبی فن پارٕ گنزرنہٕ یوان چھےٚ۔ امہٕ علاوٕ چھُ یہُند "گریسی نامہٕ" تہٕ "دسُہلاب نامہٕ" سٮ۪ٹھاہ مشہور تہٕ یمو چھُ کینٛہہ ظرافتی باتھ تہٕ لیکھیٛمتی۔ یمن علاوٕ چھُ اتھ دورس منٛز بیٚیہٕ کینٛہہ مرثی نگار یم سرینگرٕ کیٛن مختلف علاقن ستی وابستہٕ چھِ۔ یم چھِ منشی صفدر چنکرال محلّہ چھِ زامتی تہٕ مدفن ۱۸۹۶ء حسن آباد سرینگر۔ منشی حُسین علی، زاجاے بابہٕ پورِ حبہٕ کدٕل (۱۸۵۳ء) تہٕ مدفن حسن آباد سرینگر ۱۹۰۸ء۔ منشی محمد یوسف زاسنہٕ ۱۷۷۹ء بابہٕ پورحبہ کدٕل تہٕ مدفن ۱۸۸۳ء حسن آباد سرینگر۔ منشی محمد عباس، زاسنہٕ ۱۷۸۹ء تہٕ مدفن ۱۹۴۴ء حسن آباد سرینگر تہٕ منشی محمد صادق، زاسنہٕ ۱۸۹۷ء بابہ پورحبہٕ کدٕل تہٕ مدفن ۱۹۷۰ء حسن آباد سرینگر۔

## ۱۶/ عبلی ووٕنی

عبلی ووٕنی (۱۸۴۲ء۔۱۹۱۵ء) اوس صفا کدٕل علاقس منٛز کتھ تام محلس منٛز زامُت تہٕ اتی اوس پننہٕ آخری وٲنسہِ تام روزان تہٕ اوہُند مقبرٕ چھُنہِ وُنہِ معلوٗم سپدٕ مُت۔ البتہٕ آیہٕ اَہنٛدی کینٛہہ وٲرِث درحال حالے عبلی وٲنی صاٲنٛز شعرِ بیاض ہتھ بروٗنہہ کُن تہٕ وومید چھےٚ سٮ۪ٹھاہ جلدٕ ییہٕ چھاپ سپدِتھ بازر۔ حالانکہِ اوہُند کلام اَسی زبانٛی زبانٛی لوٗکھ گسوان تہٕ عوٲمی سوٚتھرِس پیٹھ چھِ عبلی ووٕنی مشہوٗر شاعر۔ یہنٛز شاعری پٔرتھ چھُ باسان زِ یم چھِ صوفیانہٕ اسرارن تہٕ رموٗزن اَکِس

ہونرمند شاعرٕ ہِندی پاٹھی باوتھ دِوان۔ یِہنٛز ن کینٛژن نظمن ہُنٛد تمثیلی انداز چھُ یمن عوٲمی مزاژس نکھٕ انان۔ یِہنٛدی وژن چھِ یِہنٛدین أندرِمین رۄحٲنی تجربن ہُنٛد حال ظٲہری شبیہو تہٕ پیکرو ذٔریعہ عکسا وان۔

## ۱۷۔ احمد بٹۄٲری

احمد بٹۄٲری (۱۸۴۳ء۔۱۹۱۸ء) اوس بٹۄور سرینگرُک روزن وول۔ یہ درویش صفت صوٗفی شاعر اوس وار یاہن ؤری ین گوپھن تہٕ غارن منٛز رۄزِتھ خودٲیے عرفان سران۔ خبر عبدالاحد آزادس کیاز چھُنہٕ أمِس مشہوٗر صوٗفی شاعرٕ سُنٛد ناو کنن گومُت، ییٚلہِ زَن بٹۄٲری پننہِ عمرِ منٛزٕ ے بحیثیت شاعر تہٕ رۄحٲنی بزرگ مشہوٗر اوس۔ أہنٛدی وژن چھِ سبٹھے خوٗبصورت یِہُنٛد لُکہٕ طرزٕ تہٕ لَے پرن والین ڈٕہتھ نِوان چھےٚ۔ أمی چھِ شعوری طور رِوایتی اصطلاحو نِشہِ پان بچٲوِتھ اکثر جاین نوین اصطلاحن ہُنٛد ورتاو تہٕ تِہنٛدی نۆوی تہٕ سرتاز معنوی امکان تلاش کٔری مٕتی یمہِ کِنی أہنٛز شاعری رِوایتی اندازٕ نشہِ الگ اکھ منفرد اسلوٗب پرٛاوان چھےٚ۔ بٹۄٲری صاٰبنی رۄحٲنی اسرار چھِ شعری تجربہ بنِتھ شاعرٕ سِنٛدِ تخلیقی جوہرُک نیب دِوان۔

ہِندرازنہٕ دربار نغمہٕ کران چھِی پٔرستانو
سوزِ منصور گژزان کن دِژوم تہٕ گوس دیوانو

یِہنٛز ’’نے‘‘، نظم چھےٚ موضوعٕ اعتبارٕ قبیلہٕ چِھ بہترین نظمن منٛز

شُما سپدان۔ نے چھےٚ پننہِ وجوٗدُک گدرُن حال بوزناوان بوزناوان دراصل کلہم انسانی صورتِ حالس وبداکھ بنأوِتھ پیش کران۔ یہِ وبداکھ چھُ ژکہِ پننہِ آگرِ نِشہِ جُزُک ژھبنہٕ گرٛشِتھ أتھی اگرس ستی واپس رلنُک فریاد تہٕ احمد بٹوٲری یوسہٕ اتھ تجربس صورت حال بنأوِتھ معرفتی صورت دِژہٕ مژ چھےٚ، سُہ چھُ تسُندِ مطالعُک تہٕ شاعرانہٕ جوہرُک نوٚن نیب۔

قندِ پوٗری آبہٕ ستی یہٕ چھٲلِتھ کھأجنس     بروٗنٹھ کُن تس نجارس<br>
نازنین ووستہٕ کارجان پوٗریک نجار     تورِ ستی نے یہٕ گرٛنس

کأشرِ زبأنی ہُند یہِ اہم تہٕ منفرد اسلوٗب تھاوَن وول صوٗفی شاعر چھُ امبر ہیر پانْد چھ سرینگرِ دفن تہٕ أہندِس مقبرس چھُ آستان کھالنہٕ آمُت یُس روٗحأنی مرتبُک نوٚن نیب چھُ۔

## ۱۸۔ واز محموٗد

واز محموٗد (۱۸۴۳ء۔۱۹۱۸ء) سُندی جدِ اجداد أسی اصلی وۄنتی پورٕکی روزن وٲلی۔ اوہند بُڈی بب محمد سلطان بٹ وۄتھ سرینگر بسنہٕ تہٕ کٔرِن بجہِ مشیدِ سرینگرِ سکونت اختیار۔ أمِس اوس کُن اولاد عبدالرحمان بٹ تہٕ تُسُند کأنسہٕ کُٹھ نیٚچو گوو واز محموٗد۔ واز محموٗدن ہیوٚت شورگری محلہٕ نواب بازرِ مکانہٕ تہٕ أتھی مکانس منز گذأرن سأرے

وٲنس ۔ اوہند یہِ مکانہٕ چھُ ازتام پننہِ اصل صورژ منز موجوٗد بیتہٕ أہندی زُری بسان پچھِ ۔ امہِ زمانک کٲشرِ ہُند مشہوٗر صوٗفی قلندر احمد صٲب مچام اوس واژِ محموٗدس مورشد یُسُند طٲلب کٲشرِ زبٲنی ہُند مشہوٗر صوٗفی شاعر وہاب کھارتہِ اوس ۔ واژِ محموٗد چھُ کنُوہمہِ صدی ہُند سہ اہم صوٗفی شاعر یمی ہیتی اعتبارٕ پننِن ہمکال شاعرن مقابلہٕ رِوایتی رٕکھ مأنٛڈِتھ کأشُر غزل فارسی کلاسکی سوٗتھرِس پیٹھ واتناوِنچ اکھ کامیاب کوٗشِش کٔر ۔ تمی ورتو وغزل شعوری طور بحیثیتِ صنف یٚمِیک تس پانس تہِ احساس اوس ۔

راژِ ہونزس فاضِ ازل کیاہ چھُ تے
واژِ محموٗد کیاہ چھُ غزل خوان سون

واژِ محموٗد چھُ صوٗفیانہٕ اسرارن غزل شعرن منز تِتھٕ کٔنی تجربہٕ بناوِتھ پیش کران زِ شاعرٕ سنز تخیلی آگہی چھےٚ تخلیقی ہونر پرٲوِتھ سرتاژ معنوی امکاناتن ہُند تلاش کران ۔ اوہند مشہوٗر غزل ۔

مدعا بو خلعت آدم وٕلتھ آس
خدا شاہد بہر گلشن پھٕلِتھ آس

چھُ امہِ پزٕرُک نوٗن نیب یٚمِیک موضوع آدمٔ سُند ظہوٗر پرٲوُن تہٕ ظہوٗر پرٲونہٕ کِس اتھ عملس دوران مختلف مرحلن تہٕ منٛزِلن ہُند روداد چھُ ۔ محموٗدنِن غزلن ہنٛز لسٲنی صورت تہٕ صنعت گٔری چھےٚ أہنٛدِ علمی بترِ ٹیک تہٕ شاعرانہٕ روٗسنکٲری ہُند پےٚ دِوان ۔ توٚی ردیف قافیہِ تہٕ

شعرن منز ورتاونہٕ آمُت لفظٕ تکرار تہٕ پزٕتھ شعرٕ کین دون مصرن ہُند گوڈٕلفظ ہم آوازتہٕ ہم آھنگ آسُن چھے واز محموٗ دنہٕ شاعری ہنز منفرد خصوصیت ۔ واز محموٗ د چھُ شورگری محلہٕ نواب بازرٕ کس قبرستانس منز دفن یتھ ریاستی کلچرل اکادمی پیٚو رلوگمُت چھُ ۔ أہندِس مقبرس پٮ۪ٹھ وأتتھ چھِ عقیدت مندن ہٕنٛدِ باپتھ اوہند یہ شعرتوجہہ طلب بنان

مُرِتھ کانٛہہ نیک وُچھِ نا قبرِ میٲنے
گٲرِتھ گژھِ ہے عجب میٲنی زیارت

## ۱۹ ۔ احمد ڈار

احمد ڈار (۱۸۵۳ء۔۱۹۲۶ء) اوس حیدر پورِ سرینگرٕ روزان تہٕ اَتی چھُ حال حالے اوہند مقبرٕ وَنہٕ کڈنہٕ آمُت ۔ احمد ڈار ہٕنٛدی کینٛہہ بٲتھ یوٚ دوَے عوٲمی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ کٲفی مقبوٗل چھِ ، اما پوٚز اوترٕ تام اوسنہٕ ادبی توٲریخ لیٚکھن والین یا صوٗفی شاعری ترتیب دِنہٕ والین اوہند ناو وِیوٚ د ۔ احمد ڈار صأبس چھُ شمس فقیرٕ مورشد اوسمُت یمِیُک ذِکر تمی پانہٕ یتھ شعرس منز کوٚرمُت چھُ ۔

چھُ حیدر پورِ احمد ڈار ونان
مےٚ چھُم پیرٕ شمس مثل شمس

احمد ڈار ہٕنٛدی ونوٚنی طرزٕ کی "آکھو شہرے شیرازو، آکھو شامے سوندرے تہٕ گندرو ہِندرے آلوگوو" ہِوی لافانی بٲتھ چھِ اکِہ پاسہٕ

اساطیری پوٚت منظر وٕتلاٲوِتھ پتھ کال چھِ کٔشیرِ ہٕنزن تہذیبی قدرن ہُند روشن آکار تہٕ انہار دید مان انان تہٕ بیکہِ پاسہٕ فنکارانہٕ شبیہکاری ستی انسانی رۄحس سرور بخشان۔ امہِ قبیلہٕ چہِ شاعری ہُند چھُ احمد ڈار واحِد کاشُر صوٗفی شاعر۔ اَہندی وژن چھِ معروضی پیکرن ؤلتھ رِتی اسرارٕ ک اظہار، یِہنز زبان، مزاز تہٕ آہنگ اَمِس میٹھس شاعرس کلہم کاشرٕ ین شاعرن مقابلہٕ منفرد اسلوٗبُک شاعر بناوان چھِ۔ کاشرِ زبانٕ ہنٛدی محاورٕ تہٕ تلمیح یسلہٕ پأٹھی ورتأوِتھ چھُ نہٕ صرف پننہِ زبان دأنی ہُند پَے دِوان بلکہِ چھُ یِہُند ورتاو شاعرٕ سنٛز صنعت گری ہُند احساس تہِ وۄتلاوان۔ یِہُند اچھوپ کلامہٕ تہِ چھُ ووٗنی بدس آمت۔

سرینگرٕ کٮ۪ن مختلف علاقن ستی وابستہٕ یمنے شاعرن پتہٕ بروٚنٹھ چھِ بیٚیہٕ کتی شاعر تم یمو پننہِ مقدورٕ مطابق کاشرِ زبانٕ تہٕ ادبس پنٕن تخلیقی جوہر عطا کوٚر۔ اما پوٚز یم چھِنہٕ عوامی کیٛو ادبی حلقن منٛز زیادٕ مقبوٗل تہٕ نہٕ چھےٚ یِہنز شاعری نا معلوم وجوہاتو کِنۍ عوامس تام واتٕژمٕژ۔ وٗں گوو سرینگرٕ کٮ۪ن شاعرن ہُندِس فہرستس منٛز چھِ یم ضروٗر شامِل۔ لچھ کاک (۱۸۰۱ء۔۱۸۷۱ء) بربرشاہ سرینگر۔ محمد سراج (۱۸۴۹ء۔۱۹۹۸ء) زأنہٕ کدٕل سرینگر۔ ٹھوکر مَنہٕ ووٗٹ (۱۸۵۰ء۔۱۹۲۶ء) چنکرال محلّہ سرینگر، عبدالغفار فارغ (۱۸۷۰ء۔۱۹۲۵ء) بٹہٕ مالئِنُ سرینگر۔ مبارک شاہ فطرت (۱۸۵۵ء) مدین صأب حول۔ عبدالقادر درویش (۱۸۶۸ء۔۱۹۴۶ء) خوجہِ بازار، مدفن نقشبند صأبُن۔ دیا رام گنجو

(۱۸۸۶_۱۹۵۶ء) حبہ کئڈل۔ احمد بٹ (۱۸۸۵_۱۹۵۶ء)
کرمشور سرینگر۔ شدرشن کاشکاری (۱۸۹۲_۱۹۵۴ء) حبہ کئڈل۔
عبدالستار عاصی (۱۸۸۱_۱۹۵۰ء) سرینگر۔ عبدالحق برق (۱۹۱۷_ ؟)
بسنت باغ سرینگر۔ دینا ناتھ المست (۱۹۰۸_؟) بڈی یار سرینگر۔
عبدالغفار مجبور (۱۹۱۶ء _ ؟) دلال محلہ پتھر مسجد۔ احد پرے
(۱۸۵۱ء_۱۹۳۶ء) شور گری محلہ نواب بازر۔ غلام نبی دلسوز
(۱۹۱۶ء_۱۹۴۱ء) ٹڈ پور سرینگر۔ ہندی سے ناوس پیٹھ چھے دِلسوز کالونی۔
غلام محمد دِلشاد (۱۹۳۵_۱۹۶۶ء) مایسمہ سرینگر۔ حیرت کاملی
(۱۸۹۰_۱۹۶۶ء) جامع مسجد پانٛدان پور۔ رشید ارشاد (؟ _ ؟)
قلمدان پور سرینگر۔ سیف الدین ارجمند (؟) خانقاہِ معلیٰ سرینگر۔
عباس تابش (۱۹۳۵ء_؟) دانا مزار سرینگر۔ عبدالقادر اشم (۱۸۵۷_
۱۹۸۶ء)، ملارٹہ نویٹ۔ محی الدین مسکین (۱۸۶۸_۱۹۲۱ء) سریہ بل
سرینگر۔ ''تاریخ کبیر (فارسی) گلنور تہٕ یوسف زلیخا'' چھے یِہنٛز مشہور
مثنوی۔ محمد بٹ (۱۸۹۶_۱۹۷۴ء) برین سرینگر۔ محمد اسماعیل نامی
(۱۸۸۴_۱۹۴۱ء) کاوڈارہ۔ مولوی نورالدین قاری (؟) لال بازر
سرینگر۔ لسہٕ خان (۱۸۸۵_۱۹۶۴ء) جواہر نگر۔ غلام قادر سایل،
(۱۸۹۱_۱۹۵۴ء) کلان دوری۔ کیشو ناتھ منڈلو رنجور (۱۸۹۲_
۱۹۵۷ء) بانہٕ محلہ سرینگر۔ امر چند ولی (۱۸۹۴ء _؟) بڈی یار سرینگر۔
قاضی نظام الدین قاضی (۱۹۰۷ء_؟) خانیار سرینگر۔ پریم ناتھ پریمی

(۱۹۲۳ء۔؟) گنپت یار سرینگر۔

## ۲۰۔ ماسٹر زِند کول

ماسٹر زند کول (۱۸۸۴ء۔۱۹۴۴ء) زاو حبہ کدلہ سرینگرِ۔ ماسٹر جی اوس کأشرِ علاوٕ اردو تہٕ فارسی، سنسکرت تہٕ انگریزی زبأنن تہٕ جان پأٹھۍ زانان۔ ماسٹر جی چھُ ژکہِ سری شأعرتہٕ ربو ایتس نکھہٕ روٗ زِتھ تہٕ کرِی تمہِ ہیتی اعتبارٕ کأشرِ نظمہِ منٛز نٔوی تجربہ۔ اوہند کلامہٕ آو لالہٕ رُخ پبلیکیشن طرفہٕ "سمرن" نأوی سومبرنہِ منٛز انگریزی ترجمہٕ ہٕتھ شایع کرنہٕ تہٕ انگریزی ترجمہٕ چھُ ماسٹرِ جی ین پانے کوٚرمُت۔ "سمرن" چھےٚ کأشرِ زبأنی ہنٛز سو گوڈنچ کتاب یتھ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد ینامہٕ دِنہٕ آو۔ بظأہر چھےٚ أہنٛزن نظمن ہنٛز مرکزی کردار سو عقیدت مند کأشرٕ بٹہٕ یوسہٕ پننس مورشد یا ونو دیہٕ سٕندِس لولس منٛز محو چھےٚ۔ یوہَے چھُ وجہ زِ أہنٛزن نظمن منٛز چھُ واریاہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ مخصوص ہوا نواہٕتھ کُنہِ ہندی تہٕ سنسکرت۔ غزل تہٕ نظم دوشوے صِنفہٕ چھُ کامیأبی سان ورتاوان۔ "کرناوِتار دِھنا اپور، ناتیأری تہٕ مورشدسُنٛد تعظیم" چھےٚ أہنٛزٕ مشہوٗر نظمہٕ۔ یمن منٛز ماسٹر جی سُنٛد مخصوص تہٕ منفرد لہجہِ تہٕ مزاز پرِ پڈان چھُ۔

یتھ کلس سگ دِکھ زمینس واتہِ سرہہ
لول ییمی لیس کأنسہِ بوٚر تمی بوٚر دلیس

لول تُسی نش دزٲو تُسی واتان ژوپٲری
گاٹلو تی زون تم وٲتتھ پیٚس
یی چھُ لولک راز یی اسرار میٲون
پزاروُن میٚے آدنک دلدار میٲون

''ناتیاٲری''

## ۲۱۔ سید میرک شاہ کاشانیؒ

سید میرک شاہ کاشانی (۱۸۹۵ء۔۱۹۷۱ء) چھِ کٲشرِ ہٕندؠن قداور رٗوحٲنی بزرگن منٛز گنزرنہٕ یوان۔ یِہُنٛد تولُد سپُد راز ے کدٕل سرینگرٕ تہٕ پننہِ بیشتر زندگی گذٲرکھ شالمٲر سرینگرٕ تہٕ أتی چھِ یِہُنٛد أخری آرام گاہ۔ یتھ جدید طرزک آستان بنٲوِتھ چھُ۔ میرک شاہ صأبن پرٕکم کاسہٕ عربی فارسی تعلیم زأنہٕ کٕدلہٕ کِس درسگاہس منٛز۔ گوڈٕ پیٹھے أسی خلوت نشین تہٕ رٗوحٲنی بزرگن ہٕنٛدِس خدمتس منٛز وق گذاران۔ سٲرے کٲشر أس یِہنٛز معتقد یتھ منٛز کٲشرِ ہُنٛد مشہوٗر سیأسی لیڈر شیخ محمد عبداللہ تہِ شأمِل اوس۔ یِہنٛدِ رٗوحٲنی مرتبک تہٕ کأشرٕ لوٗکن یِہُنٛدِ عقیدتُک حال اوس یہِ زِ ییٚلہِ موے مقدسؐ ۱۹۶۴ء یس منٛز کینٛژ وسیأسی وجوہاتو کنٛی پننہِ پاک جایہِ پیٚٹھٕ ڈالنہٕ آو تہٕ باریاب سپدنہٕ وِزٕ آیہِ میرک شاہ صأبنے ذٕسی اچھ نشاندہی کرنہٕ تہٕ امہِ پتہٕ ییٚلہِ حضرتبل درگاہ ۱۳۹۸ ہجریس منٛز نوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ آو، اچھ سنگِ بنیاد تہٕ آیہِ أہنٛدی وِ ے اتھو انجام دِنہٕ۔ میرک صأب چھِ صوٗفی شأعر تہٕ ''جامِ عرفان'' چھےٚ یِہنٛز شعرِ

سۆ مبرن بازرآمژ۔ رِوایتی اندازٕ چھِ شعرٕ تجربن باوتھ دِوان۔

بلبل چھُس پیٹھ خارس غُل غُلہ کرانیے
بلکل دعوا دارس یارس پروانیے



خریداری کران پانے ژٕری جامن چھِ زیبانے
پٕری پروانہ شۆبان چھُس بہٕ تس ستی چھُس ہم خانے

## ۲۲/ احد زرگر

احد زرگر (۱۹۰۵ء۔۱۹۸۳ء) زاونرورِ عید گاہ سرینگرٕ تہٕ اُتھی جایہِ چھُ اوہند مقبرٕ یتھ خوبصورت تعمیر کرنہٕ آمُت چھُ۔ وُہمہِ صدی منز ہرگاہ موضوعی اعتبارٕ کاشرِ شاعری ہُنداکھ نۆو دور شروع گژھان چھُ یمہِ کس فکری پۆت منظرس گوڈٕ ترقی پسند تحریک تہٕ پتہٕ جدیدیت کارفرما رُوزا، پۆز فکری اعتبارٕ اتھ نۆ ہنہٕ سرتازٕ دورس منز تہِ رُودی کینہہ اہم کاشری شاعر پننہِ رِوایژ تابع اسرأری رموزن باوتھ دِتھ صوفی شاعری ہنز رِوایت قائیم تھاوِتھ۔ یمن منز صمد میر تہٕ احد زرگر قابلِ ذِکر چھِ بلکہ رُوز یمن دون قد اور صوفی شاعرن ہنز گرٕ بزٕونی آواز پننہٕ نبن اکثر ہمکال شاعرن ہنزِ آوازِ پیٹھ غالب۔ احد زرگرن پڑٕ اوگوڈٕ کاوٕ ڈارِ کس عبدالکبیر لونس تہٕ پتہٕ کشیرِ ہنِدس مشہور میر واعظ مولوی احمد اللہ (عمہٕ صاب) صابُن نِشہِ تربیت۔ اوٚتن صابُن نِشہِ پۆرن کم

کاسہٕ عربی فارسی تہٕ اماپوٚز یٖیمہِ فنکأری سان تٔمۍ شأعری منٛز اصطلاح، استعارٕ، تشبیہہ تہٕ علامژ ورتاوِمژٕ چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُ تٔمۍ سنٛز زبان دأنی تہٕ سوٚخنوری ہُنٛد اندازٕ سپدان۔

نارٕچ ریٚہہ چھُم جسمِ گُلس دم بدم تیزان
پارچہِ زألی نم سوٚر مَلس سُے مےٚ دِلس کان

❀

گُلِ بُتراتھ ییٚلہِ پھوٚل از ظلمات ظُلِ ظلمات نشہِ گوٚو پزٕ بھات
گُلِ کاینات تمثیلو أمۍ جلوٚن اندرٕ کھالان ہِندرس ستہٕ سوس پن

❀

ہر گاہ شعرن منٛز ورتاونہٕ آمتین بیروٗنی قأفین تہٕ لفظ تکرار چہِ ہونر مٔندی کنۍ کُنہِ کُنہِ اضأفی ابہام پأدٕ گژھنہٕ ستۍ شعرٕچ معنوی تہہدأری یہِ دٔلۍ زِ تہِ متأثر گژھان چھےٚ اماپوٚز کُہم پأٹھۍ چھُ امہِ فنکأری ستۍ شعرن منٛز تیُتھ سازٕ ت ووتلان یُس لقمأنی شأعری ہُنٛد گہنہٕ چھُ۔ احد زرگر نہِ شأعری ہُنٛد استعارأتی نظام، علامتی اظہار، ترکیب سأزی تہٕ تشبیہہ کأری چھےٚ یہنٛز اسرأری شخصیژ منٛز ژھپتھ أکس حساس شأعرٕ سِندِ مُشأہدُک تہٕ شأعرانہٕ جوہرُک نیب۔ احد زرگر چھُ سون وأحِد شأعر ییمۍ کُنہِ کُنہِ پننین روٗحأنی مقامن تہٕ تجرُبن تِتھین اصطلاحن، استعارن تہٕ پیکرن منٛز باوتھ دِژمژٕ چھےٚ یِم بظأہر اکھ خوفناک تصور ووتلان چھِ، اماپوٚز ییم اظہار چھِ ژٕ کہِ سألِک سنٛدین روٗحأنی مقامن ہنٛدین تجربن ہنٛز اسرأری باوتھ۔

یس ستی نکاح چھے با تدبیر		تسنٛزِ ے ببہٕ چھوٚ دامہٕ دامہٕ شیر
یتھ نہٕ گانٛگل کرِی کانٛہہ اغیار		کافر سپدِتھ کوٚرُم یقرار

احد زرگر سُنٛد لیوٗکھمُت ''اکہٕ ننٛدُن'' تہٕ ''گُل وصنوبر'' مثنوی تہٕ چھے تسنٛزن شاعرانہٕ صلاحیژن ہنٛدی رتی نموٗنہٕ۔ عام نقادن ہنٛز متفق راے چھے زِ احد زرگرس پتہٕ کوٚرنہٕ کانٛشرِ زبانِ کانٛہہ اہم صوٗفی شاعر پاٛدٕ۔

## ۲۳۔ حسن ڈرائیور

حسن ڈرائیور (۱۹۰۸ء......) زاو خانیار سرینگرٕ تہٕ اُتھی جایہِ چھُ مدفن تہِ۔ حسن ڈرائیور چھُنہٕ خاص پوٚرمُت لیوٗکھمُت اوسمُت، اما پوٚز اُمی پژ اوپنہِ شاعرانہٕ ہونرِ ستی عوامس منٛز جان مقبولیت۔ یِہنٛدی کتی باتھ سپدی سبٹھے مشہوٗر یم ریڈیو کشمیر پیٹھ گوٚنہٕ یوان چھِ۔ یِہُنٛد کلامہٕ چھُ لوکچن لوکچن تژ ہن کتابن منٛز غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب شایع کران تہٕ وونی چھے ''کلیاتِ حسن ڈرائیور'' تہِ چھاپ سپدِتھ بازرآمژ۔

## ۲۴۔ فقیر عبدالکریم

فقیر عبدالکریم (۱۹۱۳ء۔۱۹۸۳ء) زاو بانہٕ محلہِ سرینگرٕ تہٕ اُتھی جایہِ چھُ دفن تہِ۔ ''گنج وحدت'' چھے یِہنٛز شعرِ سوٚمبرن یتھ منٛز یِہنٛدِ بن صوٗفیانہٕ تجربن ہنٛز رنٛگا برنگ اندازِ باوتھ چھے۔ احد زرگرنہِ دورُک چھُ عبدالکریم صاٛب واحد سرینگرُک صوٗفی شاعر یمی عوامی

سۆتھرِس پیٹھ مقبولیت پرٛاو۔ یمہٕندۍ ن بأتن منٛز زبان چھےٚ شۆژتہٕ شوٚ د
یتھ منٛز یمہٕند رواں لہجِہ تہٕ آہنگ پرن وأرِلس ڈٕہتھ نوان چھُ۔

بہٕ ژاس درشہرِ ظلمات مےٚ چھوٚ تتہٕ آبِ حیات
مےٚ گووتُتی پوٚرِ اثبات بہارے چانہِ مدنو

أمِس خوش گُفتار شاعرس ستی چھُ مےٚ اکہِ دوہہ ۱۹۸۱ءیس منٛز
درگاہ شریف حضرتبل ملاقات سپُد مُت۔ اکھ سیٚود ساد درویش صفت
انسان یُس صوٗفیانہ رموٗزن تہٕ مقامن ہُند علم تہِ اوس تہٕ یم رموٗز تہٕ
مقام شعرن منٛز باوٕنچ ہونر تہِ۔ اتھ ملاقاتس دوران پوٚرتمی پنُن یہِ شعر
یُس اکھ رُت صوٗفیانہٕ تجربہٕ چھُ۔

| | |
|---|---|
| نظر کر جانہٕ وارن دون | پرو روٗستےٚ وُڈان ہیٚرِ بون |
| وُڈان چھِی زیرِ فرمانے | تُنی ادِ غأبِ غأبانے |

## ۲۵/ دیناناتھ نادم

دیناناتھ نادم (۱۹۱۴ء-۱۹۸۸ء) اوس شیشیار سرینگرِ روزان۔
پیشہِ کنٕی اوس ووستاد تہٕ کینژس کالس روٗد ''کونگہِ پوش'' رسالک
ایڈیٹر۔ ۱۹۵۲ءیس منٛز کوٚرُن ہندستان کلچرل وفدس ستی چینک دورِ
تہٕ ۱۹۵۷ءیس منٛز بنیوٚ ووستادن ہنٛزِ ٹکٹہِ پیٹھ قونون ساز کونسلک
ممبر تہٕ کینژس کالس روٗد سوشل ایجوکیشن شعبُک ڈایریکٹر۔ اہندِ مرنہٕ
پتہٕ آیہِ أہنٛز ''شہلِ کُلۍ'' ناوی شعرِ سۆمبرن شایع کرنہٕ یتھ ساہتیہ اکادمی
ہُند ینامہٕ توٚر۔ نادم چھُ ژکہِ ترقی پسند شاعریسنٛزِ شاعری منٛز کشیرِ ہٕندِ

سیاسی صورتِ حالہٕ کہِ حوالہٕ مختلف موضوع باوتھ پڑاوان چھہِ۔ ''بہٕ گیوٚتہٕ از'' ''جنگ باز خبردار'' تہٕ ''مےٚ چھُم آش پگہچ'' ہشہِ نظمہٕ چھےٚ امہِ پٔز رُک نوٚن نیب۔

دوہس گاش ہُرِ گُل تہٕ گلزار پرٛزلن
زمینس سوٗسُرِ لگہِ تہٕ سبزار پرٛزلن
وچھس منز ہمس لولہٕ پھموار پرٛزلن
پگاہ شولہِ دُنیا

(مےٚ چھُم آش پگہچ)

نادمس چھُ یہِ امتیاز تہٕ زِ تٔمی کوٚر گوڈنچہِ لٹہِ کأشرِس منز سانیٹ متعارف تہٕ تٔمی لیوٗکھ کأشرِس منز گوڈنیک ''بوٚمبر تہٕ یمبرزل'' ناوٕ اوپیرا تہٕ۔ نادم سُنٛد غزل تہٕ چھُ کأشرِس منز نوٚو مزاژ تہٕ نوٚو لہجہِ ہیتھ یوان۔ نادم سُنٛد یہِ نوٚو غزل اوس نہٕ موضوعی اعتبارٕ کلاسکی فارسی غزلس آویزٕ بلکہِ اوس کأشرِس مزازس تیوٗت ویوٚ دیُس عام کأشرِن ہنٛزِ دوہ دِہن چہِ زندگی تہٕ کشیرِ ہنٛدِس مخصوص سیاسی صورتِ حالس نکھہِ اوس۔ یِیتِہن چھےٚ یہِ کتھ ونٛز تہٕ اہم باسان زِ عروضِ لحاظٕ تہٕ چھُ اوہنٛد غزل زنتہٕ کأشرِس وزنس تابع۔ یِمیک موضوع تہٕ آزادس تہٕ مہجورس مقابلہٕ ہنانوٚ واوس تہٕ زبان تہٕ موٗلےٚ سرتازٕ آسِ۔

یمی وُچھ تٔمی وُچھ رنٛگ گُلِ لالس
تٔمی وُچھ ہنٛدِس حالس کُن

❁

یہِ ما از لوٗل ہیٚیہِ سن دِنہِ چھُ وزامُت
دِلس أندی پکھی مےٚ پکنگ ہیوٗ صدا گوو

## ۲۶/ غلام احمد فاضل کشمیری

غلام احمد فاضل کشمیری (۱۹۱۶ء؟) زاوڈب تل سرینگر۔ پیشہِ کرٚن اوس ووستاد، اما پوٚز زاتھ ستی اوس خوشنویسی، أنہِ سازی تہٕ نقش نگأری تہِ زانان۔ کینژس کالس روٗد ''چمن'' ناوی اخبارُک ایڈیٹر۔ موضوعی اعتبارٕ پژو و کأشرِ شأعری وُہمہِ صدی منز نوٚ وانہار، اما پوٚز فاضِل روٗد پننس رِوایتی موضوعس منز آوٗرتہٕ عوأمی سوٗتھرِس پیٹھ پژ آون کأفی مقبوٗلیتھ۔ أمہِ ندی کینٛہہ نعت، وژن، غزل تہٕ خصوصن ''کرالہِ کور'' تہٕ ''پہلی کور'' ہِشہِ نظمہٕ گیہِ کأفی مقبوٗل۔ ''زونہِ منز ڈل'' تہٕ ''تاج محل'' ہِشہِ نظمہٕ چھےٚ أمنز شأعرانہٕ ہونرمندی ہُنٛد پےٚ دِوان۔

تاج محلچ ژھاے فردوس برین
زن چھےٚ لَر ترٛأوِتھ یہِ دوشیزہ حسین
چاندِ منز گژھ دِتھ انزنی واشا کڈان
کرالہِ کور جمنایہِ منز سرٛانس وسان
(تاج محل)

فاضل صأبن ''چینہٕ روٗس پیالہٕ گوم خأل یے'' دوج وِول وژن

چھُ تہٕنز تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرُک اکھ مدموٗت سنگم۔ اچھ زبان، زبانٕ ہُنٛد ورتاو تہٕ لفظو ڈٕسۍ ووتلاونہٕ آمژ موسیقی چھےٚ امہِ بأتک حُسن نچھناوان۔

لنٛجہِ لنٛجہِ باغس منٛز یِلی باویوم
سارِ نٕے وِزِ وِزِ بنٛز بنٛز آو
ونہٕ کس پانس کیٛاہ کیٛاہ گُدریوم
چیٛنہٕ روٗس پیٛالہِ گوم خأل یے

فاضل چھُ سون مشہوٗر نعت گو۔ یہٕنز چھےٚ الہٕ پلہٕ ژ درجن شعر سوٗمبرنہٕ بازر آمژ۔ ساہتیہ اکادمی ینامہٕ سان آیہِ یمن مرکزی تہٕ ریاستی سرکار طرفہٕ کتی ینامہٕ دنہٕ۔ یمو لیکھی بجن، کیرتن تہٕ لیلا تہِ۔ اما پوٚ زامہِ پسیار گویی واتنو شاید کلہم پأٹھی یہٕنٛدِس شاعرانہٕ فنس تہٕ شاعرانہٕ شخصِیتس دادٕ۔

## ۲۷ (الف) / عبدالغفار مجبوٗر (وُچھو صفہٕ 215)

## ۲۷ (ب) / پتامبر ناتھ درفانی

پتامبرناتھ در فانی (۱۹۱۹ء......) اوس وہرار ناگ سرینگر روزان۔ فأنی اوس پیشہِ کنٕز ووستاد تہٕ کینٛژس کالس رُوٗد ''خدمت'' ناوی اخبارُک سب ایڈیٹر۔ گوڈٕ پیٹھے رُوٗدی کأشرِ پأٹھی شاعری کران۔ پوشہِ باغ، ترانہ زندگی، پوشہِ ڈألی تہٕ حُباب چھےٚ یہٕنز شعر سوٗمبرنہٕ۔ یم چھِ لیلا بکتی تہٕ مرثیہِ لیکھان تہٕ ازکل چھِ کشیرِ نیبر

سکونت پذیر۔

## ۲۸ر خضر مغربیؔ

خضر مغربی (۱۹۲۱ء۔؟) اوس چوٹہٕ بازار سرینگرٕ روزان۔ اصل ناو اوُسس غلام محی الدین خان۔ مغربی چھُ سون مشہوٗر مزاحیہ شاعر تہٕ کینٛہہ شعر چھِ سنجیدٕ مزاح ووتلاوِتھ أہنٛزِ شاعرانہٕ حسبا گہی ہُنٛد ثبوٗت۔ پیشہِ کِنۍ اوس ووستاد تہٕ زندگی ہٕندٮ۪ن معاملاتن منٛز اوس زِندٕ دِل۔

## ۲۹ر پروفیسر غلام نبی فراقؔ

پروفیسر غلام نبی فراقؔ (۱۹۲۲ء) زاو بُہری کدٕل سرینگرٕ تہٕ ازکل چھِ لوکھرِ پوٗرِ نو شہر سرینگرٕ زندگی ہٕنٛدۍ دوہ گُذارن۔ فراقؔ صأب أسی کالجس منٛز انگریزی زبأنی ہٕنٛدۍ پروفیسر تہٕ ۱۹۷۷ء یس منٛز گیہِ امہِ ذمہٕ دأری نِشہِ سبکدوش۔ فراقؔ چھُ وُہمہِ صدی منٛز پھاپھلن والہِ جدید شعرِ مزاژک اکھ اہم شاعر یمی پنٕنس غزلس تہٕ نظمہِ پنُن منفرد اسلوٗب عطا کٔرِتھ جدید کأشرِ شاعری منٛز اکھ ممتاز مقام پژو و۔ فراقؔ چھُ کلہم انسأنی صورتِ حالس ستۍ ستۍ بعضے زندگی ہٕندٮ۪ن عصری مسلن تہٕ معاملن تہٕ باضے ہجر وصل کٮ۪ن لولہٕ ویدا کھن غزل شعرن منٛز زیو دِوان۔ أہنٛدِ غزلُک مکالماتی انداز چھُ أہنٛدِس غزلس پنٕنِس ہمکال غزل گوشاعرن منٛز امتیاز بخشان۔ تِہنٛدۍ استعارٕ تہٕ تشبیہہ چھےٚ سأدر

وارتہٕ یہٕنٛد ورتاوچھُ اَکس پوٚختہٕ کارشاعرٕ سٕنٛدی پاٹھی سپدان۔تس چھےٚ پننی مخصوص شعرٕ زبان تہٕ تتھ زبانٛی منفرد ورتاوَن وَل یُس تسٕنٛدِس شعرٕ مزازس ہم نواتہٕ ہم آہنگ چھ۔

دۄ پُکھ یہِ جذبہٕ چھُ سرکش تہِ زأل وُن زندے
یُس وُچھنہِ کوچہِ گلس پٮ۪ٹھ شہار آمت اوس
نہَ اوس یارِ ونس منٛز موکُل زِ دل پھولہِ ہے
نہَ اوس تاپہِ وُڑر پٮ۪ٹھ ژھبدُن زِ قدم تھوِ ہا

فراق چھُ نظمہِ منٛز ہیتی اعتبارٕ شعوری طور نٔوی نٔوی تجربہ کران تہٕ موضوعی اعتبارٕ تہٕ نٔوی تہٕ غارمعروف موضوع ورتاوٕنچ کوٗشش کران۔ ''ڈٔری یاوتہٕ یارٕبل، ہچولر، وُپھ، کتھ، وُہم صدی تہٕ انسان ہشہِ نظمہٕ چھےٚ فراق صأبنہٕ شاعرانہٕ تجربن ہنٛز رنگا برنگی ہُنٛد پَے تہٕ تسٕنٛدِ جدید حسٕا گہی ہُنٛد نیب دِوان۔

فِکرِ قوس ہیوٚ اوس دژ امُت ییٚلہِ مےٚ واپس وأج وُپھ
یم تہِ اسہِ ہٮ۪کی غم یمے زن نارٕ تاپس شین گلی
یُتھ ژکوری بالہٕ پٮ۪ٹھ یتھ اسہِ ناو تھوومت زمین
لۆکھ یم ہنگامہٕ وزناوان یمن پٮ۪ٹھ اسُن آم

(وُپھ)

نأدمِس پتہٕ چھُ فراق واحد کأشر شاعر یٚمی کامیاب سانیٹ لیکھی۔ یہٕنٛز ''صداتہٕ سمندر'' نأوی گوڈنیچ شعرٕ سۆمبرن آیہٕ یہٕنٛزٕ اَخری عمرٕ منٛز بازرٕ یتھ ساہتیہ کادمی ہُنٛد یانعامہٕ دِنہٕ آو۔ امہِ علاوٕ آو یمن کلچرل اکامی

ہُنٛد طرفہٕ تہٕ خلعت عطا کرنہٕ ۔ فراقؔ چھِ تنقید تہٕ لیکھان تہٕ یہنٛدی چھِ درجن واد اہم تنقیدی مضمون چھاپ سپدیٛمتۍ ۔ تہٕ امہِ علاوٕ چھُکھ انگریزی زبٲنۍ ہُنٛزن مشہوٗر نظمن کٲشر ترجمہِ تہٕ کوٚرمُت یم کٲشرِ ڈیپارٹمنٹن ''رنگ نظرن ہُندی'' ناوی کتابہِ منٛز چھاپ گٔری ۔ فراقؔ اوس انگریزی زبٲنۍ ہُنٛد پروفیسر ییٚمہِ کِنۍ یہنٛدی کینٛہہ تنقیدی مضامین کٲشرِس تنقیدس منٛز اکھ قابلِ قدر اضافہٕ چھِ ۔ حال حالے آیہِ یہنٛز وُڈو۔ فکرِ ہُنٛد ناوٕ تنقیدی مضمونن ہُنٛز سوٚمبرن تہٕ بازر ییٚمہِ ستۍ یہنٛدِ تنقیدی شعوٗرُک پَے چھُ لگان۔

## ۳۰۔ پروفیسر رحمٰن راہیؔ

پروفیسر رحمان راہیؔ (۱۹۲۵ء) کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد گیان پیٹھ ینامہٕ پرٛاون وِول بلند قامت شاعر رحمان راہیؔ زاو وازٕ پوٗرس سرینگرٕ ۔ پتہٕ بنوٗ ن پُنُن قرار گاہ وزٕارناگ نوشہرہ تہٕ ازتام چھِ أتھی جایہِ سکونت پذیر ۔ کینٛژس کالس روٗدی اسلامیہ ہائی سکولس منٛز ووستاد ۔ ایم ۔ اے فارسی کرنہٕ پتہٕ لٔگی گوڈٕ کالجس منٛز تہٕ تمہِ پتہٕ کشمیر یونیورسٹی ہُنٛدس فارسی شعبس منٛز لیکچرر ۔ أتھی دوران کوٚر کھ ایم ۔ اے انگریزی تہٕ أتھی دوران گوو یونیورسٹی منٛز کٲشر ڈپارٹمنٹ قٲیم تہٕ پروفیسر راہیؔ بنیو امہِ شعبُک گوڈٕنیُک سربراہ تہٕ أتھی عوہدس پیٹھ گیہ ۱۹۸۵ء لیس منٛز رِٹایر ۔ یم چھِ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدی گوڈنِکی تہٕ ازتام وأحِد پروفیسر

امر ٹس۔ ریاستی کلچرل اکادمی پیٹھ گیان پیٹھ ایوارڈس تام یم تہٕ ریاستی تہٕ ملکی ادارن ہنٛدِ طرفہٕ ادبی تہٕ ثقافتی ینامہٕ دِنہٕ یوان چھِ تم سأری ینامہٕ تہٕ خلعت آیہٕ راہی صأبس وِزِ وِزِ عطا کرنہٕ۔ یمن منٛز ساہتیہ کادمی ایوارڈ، کبیر سمان تہٕ پدم شری تہٕ گیان پیٹھ بیترِ شأمل چھِ۔ راہی چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد عظیم شأعر تیمی کأشر شأعری موضوعی کیوٚ ہیتی وہراوتہٕ وُسجارِ بخش تہٕ امیک دامانہٕ کُشادِ کرِتھ رلأوِن دنیاہ چین باقے اہم زبانن ہنٛزِ شأعری ستی امِکی سرحد۔ راہی ین دِژ کأشرِ شأعری نٔو زبان، نٔو مزاژ، نٔو لہجہ تہٕ نٔو حِسا گِہی۔ اوہنٛد غزل چھُ یسلہٕ پأٹھی ذأتی تہٕ انفرأدی زندگی ہُنٛد تصویر پیش کرنہٕ بجایہٕ کلہم انسأنی صورتِ حالُک فکر انگیز اظہار۔ یس عام زندگی ہُنٛدبن حالاتن، واقعاتن تہٕ تجربن ہنٛدِ بیانہٕ نِشہٕ مختلف تتھ بنیأدی صورتِ حالس کُن توجہہ پھِران چھُ یُس ذاتی تہٕ انفرأدی زندگی بجایہٕ انسان بحیثیتِ انسان سُنٛد صورتِ حال پیش کران چھُ۔ یوہے چھُ کلہم کأشرِ شأعری منٛز رأہی سُنٛدِ غزلُک امتیازِ تہٕ۔

ژھیوٚے ژأنگی اتھن ہُنٛدی کتھن تہِ کوتر مؤدی
سیاہ روٗد جربن منٛز گوسانہ کوٚت پیٹھ دژاکھ



بے نیب قأفلہٕ گرٕد واولین اندر سرگرم
خموش ژأنگی گوپھن سیاہ لبن چھُ سنان

راہی چھُ سُہ گوڈنیک شأعر یُس موضوعی کیوٚ ہیتی اعتبارِ جدید کأشر

نظم أ ِکس ئوسِ تہٕ سرتاز پڑاوس منز دأخل گرِتھ اتھ صِنفہِ پزنہٕ پأٹھی معنہِ کیٛو صورٕژ اعتبارٕ تخلیقی قُوت بخشِتھ بالغ کران چھُ ۔ موضوعٕک ڈرامأیِی وو پذاو، لفظہٕ ژأر رہنز موزونیت تہٕ باؤژہُنٛد اختصار چھُ أہنزِ نظمہِ ہنز پھیر ہاو خصوصیت ۔ سُہ چھُنہٕ بروٚنٹھے مقرر تہٕ مشخص گری مُتس موضوعس نظماونچ کوٚشِش کران بلکہِ چھُ لفظنٕے ہٕندی ذٕسی پٔنٕن احساس تہٕ خیال بدِ کڈِتھ نظمہِ ہنز صورت دِتھ ذٔری یاف کران ۔

"پے چھُ ظلماتہٕ وُزان"، تخلیق، صدا، قعرِ دریا سلسبیل تہٕ نیٛؤل غزل ہِشہِ نظمہٕ چھےٚ امہِ اعتبارٕ کأشرِ زبأنی ہنز شاہکار نظمہٕ ۔ پےٚ چھُ ظلماتہٕ وُزان چھےٚ اکھ نأدر نفسیأتی مطالعہ یوسہٕ اکہِ زِندٕ وجوٗدٕ کی پأٹھی بولان، پھانپھلان تہٕ بألیدٕ سپدان چھےٚ ۔ صداتہٕ قعرِ دریا سلسبیل ہِشہِ نظمہٕ چھےٚ مأدی کائناتس منز پڑھ تہٕ قدٕر وِنشہِ محروم سپدن وأ ِلس انسان سُنٛد کرب آمیز صورت حال ۔ راہی یس نِشہِ وأتِتھ چھےٚ نأدِم سُنز نیم آزاد نظم پزنہٕ پأٹھی آزاد صورت پزأ دِتھ تخلیقی جہار لبان ۔

ژےٚ چھُسے ونان
ہے ایلیم کھوٚٹا ور وٚپیٹھی پھیٚہہ پھیٚہہ کروٚنہِ نارٕ
ابوترابس رضہ ہسہٕ پیٹھٕ بونہ کالیس وُٹھ گمناون واجینی میٛرٕ
ہے کربلہ کہِ چھورٕ چھورٕ کروٚنہِ آبہٕ
ہے چنگیزس نکہٕ وارہن منز پھرٕ کہٕ وُنہِ واوا
وُچھ

کُنہ پٮ۪ٹھ چھُس ییتھ ژٕلہٕ وُنہٕ سیٚکہٕ پٮ۪ٹھ

کُن زوٗن پوٗتجن ٹیٚنکہٕ ٹُلان (صدا)

راہی چھُ کاشرِ زبٲنی ہنٛد ازتام سارٕوے کھوتہٕ بوٚڑ نقاد تہٕ تیٚمی پنٕنہٕ مشرقی کیٚو مغربی بٲصیرٕ ژٔکنی کٲشرِ صوٗفی کیٚو جدید شاعری تہٕ نٕوِتہٕ پرٛانہٕ شاعری ہٕندی دارِ درواز ؤتھی ترٛاوِتھ یرن وول امہِ کٕنِ گُپتھ تہٕ اہم گوشن تام واتناوِتھ اتھ ستی پزٕنہٕ پٲٹھی متعارف کوٚر۔ ''کھوٹ'' تہٕ ''شعرشناسی'' ہشہِ اہٕمیٚز تنقیدی کتابہٕ چھےٚ امہِ پزرٕچ دٔلیل۔ یوہے چھُ سہ گوڈنیک کٲشر تیٚمی کاشرِ زبٲنی ہنٛدِس عروضی نظامس پٮ۪ٹھ گوڈنچہٕ لٹہٕ اکھ سیر حاصِل بحث کٔرِتھ ''کٲشر شاعری تہٕ وزنک صورت حال'' ناوٕ اکھ کتاب بازرس ترٛاو۔

## ۱۳۱ ۔ غلام رسول سنتوش

غلام رسول سنتوش (۱۹۲۹ء۔۱۹۹۷ء) زاو چنکرال محلہٕ سرینگرٕ تہٕ آخرس پٮ۪ٹھ سپُد دہلی منٛز سکونت پذیر تہٕ اتی چھُ دفن تہِ۔ سنتوش اوس اکھ پایہٕ بوٚڑ مصور تیٚمی مصوری منٛز وارِیاہ لوٗکٕٹ بٔڈی ینامہٕ پرٛاوی۔ سنتوش روٗد کیٚنژس کالس ''کٲشر ادب'' ناوٕک رسالہٕ تہِ کڈان۔ شاعری منٛز چھُ یمن پنُن اکھ مخصوٗص مزازٕ یُس ہنا اسرٲری تہِ چھُ ہنا روٗمانی تہٕ تہٕ ییتھ منٛز کشیرِ ہٕنٛدِ تہذیبی پتھ کالُک عکس دیدمان چھُ۔ مصور آسنہٕ کِنی چھِ اہٕمیٚزٕ نظمن منٛز مرٛژگری ہُنٛد خولہٕ خط عیان۔ تسُنٛد

لفظہٕ راش چھُ ہنا سنسکرت آمیز۔ یتھ بُنیأدی طور تسُند فِکری پوٚت منظر کارفرما اوس۔ ''بے سوکھ روٗح'' چھےٚ یہنز شعرِ سوٚمبرن یتھ ساہتیہ اکادمی ینامہٕ میوٗل۔

معنہٕ شبدس چھُ ابدٕ بوٚ ددنیا
شبدٕ کوشا چھ پرٛ یتھ بیانس ہتی
کورٕ کا کد کران چھُ کتھٕ باضے
دیٲنہٕ شود بو داگر چھےٚ گیانس ہتی



وائے کأتیا پوشہٕ پٔدی
اِدٕ چھا خبر کتہٕ کور گے
وائے کم کم کارواں
زن ؤٕسی ارمان گے
وائے کم کم چشمہٕ شیتل شیشہ ناگ



(یتھ سرٛکہٕ پیٹھ)

## ۲۲۔ پروفیسر حامدی کشمیری

پروفیسر حامدی کشمیری (۱۹۳۲ء) زاو بُہری کٔدلہٕ سرینگرٕ تہٕ ازکل چھُ شالہٕ ماٗر بالہٕ کِس تھزرس پیٹھ سکونت پذیر۔ حامدی چھُ اردو تہٕ کأشُر دوشوٕنی زبانن ہُند قدآور شأعر تہٕ نقاد۔ ازتام یمو کأشرِ قلمکارو

اُردو زبأنۍ منز شعرؤنی یا تنقید لیؤکھ تمن سارِنے منز چھُ بحیثیتِ شاعر تہٕ نقاد حامدی صأبُن ناو سرس تہٕ تابناکھ بلکہِ چھُ سأری سےٚ برصغیرس منز اردو تنقیدس ہِہُنداکھ مخصوص تہٕ پوشہِ وُن دِیُت۔ اردوس منز چھےٚ یِہنز ژ درجن پیٹھی کتابہٕ بازر آمژٕ یِمن اُردو دنیاہس منز پنُن اکھ مخصوص مقام چھُ۔ کأشرس تنقیدس منز تہٕ چھےٚ یِہنز ''جدید کأشر شأعری'' ناوٕچ کتاب سبٹھےٚ قأبلِ قدر کتاب گنزرنہٕ یوان۔ حامدی کاشمیری چھِ وُہمہِ صدی ہندہِن اہم جدید کأشرہِن منز شمار سپدان یِمی جدید حِسا گِہی ژٕنیتھ کأشرس غزلس تہٕ نظمہِ منز اکثر پأٹھی پننہِن تجربہِن منز باوٕ ژہٕندی نٔوی امکان تلاش کٔری۔ حامدی چھِنہٕ کُنہِ مخصوص مکتبِ خیالُک شأعر بلکہِ چھُ انسأنی زندگی ہندہِن ازلی معاملن تہٕ پُرآشوب عصری زندگی ہٕندہِن مسلن سنان، ژرژان تہٕ اَکِس ہونرمند شأعرٕ سٕندی پأٹھی شعرن منز باوتھ دِوان۔

أسی اویزان ٹلان نہٕ وُٹھ پیٹھٕ وُٹھ
وارٕ ہےٚ أسی زٔری تہٕ کٔلی مأ أسی
چھِ گاشہِ وأکی تہٕ ووٗنی سڑکہِ سأری پکان
یپأری آیہِ نہٕ یوٚ دوٚے کپأری آیہِ وُنل

یِہنز نظمہِ چھےٚ عام پأٹھی انسأنی قدرن ہنز مسمأری تہٕ تنہأیی ہُند کرب باوان۔ سُہ چھِنہٕ کأنہہِ خیال یا احساس ژھوٗرُے وبژھناوان یا پیش کران بلکہِ چھِ خیالس تہٕ احساس تجربہٕ بناوان تہٕ تجربَس منز

صورتِ حال رٕوٚ پداوان۔

پتہٕ اوس راتس ژھیٕد رٕوٚس رۄٚ دپوان
أڈی جل کرنٕز گوو......رسہٕ رسہٕ شینس تل

أچھ روزٕ وٕہان
ہتہٕ ییٚلہِ سوٚنتس پوشہِ پھٕری گے
لُکھ گیہٕ رٕوٚ زِتھ سڑکن پیٹھ

یمن توٚر ''نارس اتھِ واس'' ناوچہ شعرِ سوٚمبرنہِ ساہتیہ اکادمی ینامہٕ۔ حال حالے آیہٕ کاشرس منٛز یہنٛدِ ناوٕ چ بیا کھ شعرِ سوٚمبرن بازر۔ حامدی صأب اوس گوڈٕ کالجس منٛز انگریزی پرناوان۔ پتہٕ ووت ایم۔اے اُردو کٔرِتھ یونیورسٹی ہٕنٛدِس اردو شعبس منٛز تہٕ واریاہس کالس رۄٚ داتھ شعبس سربراہ تہٕ ڈین فیکلٹی آف آرٹس۔ اتی پیٹھٕ بنیوٚ و کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد وایس چانسلر تہٕ امہِ پتہٕ رۄٚ دکینٛژس کالس یونیورسٹی ہنٛزِ شیخ العالم چیرِ ہُنٛد گوڈنیک چیرمین۔

## ۳۳ (الف) غلام احمد عابد (وُچھو صفہٕ نمبر 215)

## ۳۳ (ب) پروفیسر ستار احمد شاہد

پروفیسر ستار احمد شاہد (۱۹۳۴ء) اوس کاوٕڈارِ سرینگرِ روزان۔ یم اُسی کالجس منٛز اردو پرناوان تہٕ رِوایتی طرزس پیٹھ رۄٚ دکاشری پأٹھی شعر ونان۔ أمی لیکھی کینٛہہ ڈرامہ تہِ تہٕ مزاحیہ مضمون تہِ اوس لیکھان۔ مزاژ کنٛی اوس اسہٕ وُن، گِنٛدٕ وُن تہٕ یہِ مزاح اوس یہنٛزِ

شاعری منز تہٕ أچھ ناٹھ کران۔

## ۳۴/ مشتاق کاشمیری

مشتاق کاشمیری (۱۹۳۴ء.........) چھُ سرینگرُک اکھ مشہوٗر شاعر۔ گوڈٕ اوس ریڈیو کشمیر سرینگرس منز کأم کران تہٕ تمہِ پتہٕ اوس اینمل ہسبنڈری محکمس منز نوکری کران۔ مشتاق کاشمیری چُھ اکہِ مخصوٗص مکتبِ خیالُک شاعر یمہِ کنہٕ تسند بإپتھ شاعری محض پنُن ذأتی حال یا غم تہٕ خوٚشی باوٕنک وسیلہٕ چھُنہٕ بلکہِ مذہب کِنہٕ آفأقی اصوٗلن ہُند تبلیغ تاکہِ انسأنی ذأژ ہُند رٕژر کانٛچھنہٕ باپتھ بنن سمأجی قدرٕ تہٕ سیأسی نظام پاک مذہبی اصوٗلن تابع۔ یوہَے چھُ وجہہ زِ تسنٛز شاعری پیٛٹھ چھُ علامہ اقبالؒ سُند ٹاکارٕ اثر۔ ''شورِ محشر''، ''مانٛچھ گن''، ''لال چوک'' تہٕ ''موٗنڈِ ہنٛز عید'' بیترِ شعرٕ سوٚمبرن چھےٚ مشتاق صأبنہِ شاعرانہٕ فلسفہٕ چہِ دعوادار۔

ہتھ پرٕ دتھأوِتھ ژوٗرِ کرٕ کھیوسہٕ تہٕ کانٛہہ حرکت
دنیاہٕ ژ تھوٚہَن بے خبر اللہ ژٕے وُچھان چھےٚ

## ۳۵/ سلطان الحق شہیدی

سلطان الحق شہیدی (۱۹۳۵ء.........) چھُ بوٚٹہٕ کٔدلہ سرینگرٕ روزان۔ تہٕ پیشہ کنہٕ اوس ووستاد۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس اُردوہس پأٹھی شعر لیکھان

تہٕ دوٗنی چھِ زیادٕ پہن کأشرِ پأٹھی شأعری کران۔ ہرگاہ غزل، وژن نظمہٕ تہٕ لیکھان چھِ اما پوٚز یِہُنٛد تخلیقی فن چھُ رباعی منٛز شولان تہٕ أتھی صِنفہِ منٛز چھِ اکثر پأٹھی قلم آزماوان۔ شہیدی صأب چھُ اکھ رُت ترجمہٕ کار تہٕ۔ یمو چھُ علامہ اقبالؒ سنٛزن واریاہن نظمن کأشُر ترجمہٕ کوٚر رُمت۔ حال حالے چھُکھ حضرت خواجہ سید محمد بہاو الدین نقشبندیؒ سنٛزن کینٛژن رباعی یَن خوٗبصوٗرت کأشُر ترجمہٕ کوٚر رُمت۔ اکھ مثال چھےٚ پیش۔

دیدمان پننے مےٚ کھوٚٹ باپار چھُم
گوس دم پھُٹ تیوٚت گونہک بار چھُم
مُلی ہیم گُس مول مےٚ ماکھٔنٛڈ ہار دژاو
میانہِ روبا چانہٕ روٗس گُس یار چھُم

## ۳۶۔ فرحت گیلانی

فرحت گیلانی (۱۹۳۶ء......) چھُ مدٕہن صأب سرینگرٕ روزان۔ یم چھِ اُردو تہٕ کأشرِس دوشوٕنی زبانن منٛز شعر ونان تہٕ کُنہِ کُنہِ نثر تہٕ لیکھان۔ یم اٲسی مرکزی اطلاعات محکمس منٛز نوکری کران تہٕ از کل چھِ صوٗفیانہٕ طرزٕ چ زندگی گزاران۔ شعر گویی ہُنٛد شوق اوسُکھ لوکٹہِ پانہٕ پیٹھے تہٕ یِہنٛزٕ شأعری چھُ سانہِ رِوایتی شأعری ہُنٛد اثر نمایاں یمہِ کِنی یِہنٛدِس شعرٕ مزازس نعتیہ انہار پریڈان چھُ۔ بعضے چھ ترجمہٕ تہٕ

کران تہٕ کینٛہہ رٕتی ترجمہٕ چھِکھ کرِی ٚمتی یمن منٛز نثر تہٕ نظم دوشوٕے شامِل چھِہ۔ "باپوتہٕ پنچایتی جمہوریت" چھےٚ یہنٛز نثری تصنیف۔

## ۳۷۔ غلام نبی خیاؔل

غلام نبی خیاؔل (۱۹۳۶ء) زاو مشائِلی محلہٕ سرینگرٕ تہٕ از کل چھُ ہاوسنگ کالونی راولپورٕ روزان۔ یِم رُوٗدی زندگی ہٕنٛدِس اکثر وقتس صحافتس ستی وابستہٕ۔ گوڈٕ آسی کاشُر اخبار "وطن" کڈان تہٕ کینٛژس کالس کوٚر رُکھ "اقبال" ناو اردو اخبارٕ تہٕ از کل چھِہ ہفتہٕ وار انگریزی اخبار Voice of Kashmir کڈان۔ خیاؔل چھُ اردو تہٕ کاشرِس دوشونی زبانن منٛز نثر تہٕ شاعری لیکھان۔ از تام چھےٚ یہنٛزٕ قریبن اکھ درجن کتابہٕ بازر آمٕژٕ۔ یمن منٛز "گاشرِ منار"، "پراگاش"، "رنجور سُند ساز"، "رباعیات خیام"، "بوطیقا"، "خیابانِ کشمیر" تہٕ "کاروانِ خیاؔل" بیترٕ اہم چھےٚ۔ گاشرِ منار ناٚوی کتابہِ چھُکھ ساہتیہ اکادمی ہُند ینامہٕ توٚ رمُت۔ خیاؔل صاب چھُ موجودٕ دورٕ کِہن اہم جدید شاعرن منٛز شُمار سپدان۔ رُوٗمانی مزاژک شاعر آسنہٕ باوجود چھُ انسان سُندٕ ذاتی مسلن تہٕ عصری زندگی ہٕنٛدٕ ورن وآری داتن پننٕ شعرن ہُند موضوع بناوان۔ تسنٛز کوٚشِش چھےٚ زِ تسُند شعرٕ اظہار گوژھ معروف زبانٛی منٛزٕ باوتھ پرٛاوُن۔ یِیمہٕ کِنؠ سہ شعوری طور غزلس منٛز خاص کٔرِتھ نوٚ تقاضن ہُندٕ نوٚ وانداز پانناوان تہٕ پنٛن کلاسکی

مزاز ر پھان چھُ۔

برزٕ پشن تہٕ پھوٚلی نہٕ گولالے
ییٚنہٕ ییتھ لرِ منٛز ژاو خبر کُس
شتھرس پردٔہن کُس راہ کھالو اٚسی ہے پانس پانے پھٔری
اسہِ دِیُت پانے شہہ رگہِ کھش اسہِ پننے ہوٚٹ ژوٚٹ یا اللہ

خیاؔل چھُ نظمن منٛز تہٕ نٔوی نٔوی موضوع ورتاوان یتھٕ انسأنی صورتِ حالک اکھ یا بیاکھ تصور وٕ تلنس ٚستی ٚستی سیأسی تہٕ سمأجی مسلہٕ تہٕ باوتھ پرٛاوان چھِ۔ ٹیکنیکی اعتبارٕ چھَ تس نظمہِ ہُنٛد فن بدس آمُت تہٕ اختصار تہٕ محتاط لفظہٕ ورتاو چھُ أمِٕزِ نظمہِ ہُنٛد حسن۔ "ریشمان"، "خانٛن ہٕندی سراب" تہٕ "تخلیق" ہِشہِ نظمہٕ چھےٚ أمِٕزٕن فنی صلاحیژن ہُنٛد نیب دِوان۔

ہے اگا فنٛو سٔند بوٗ فوٗجی یوٗ
یُتھ نہٕ سوچو آسہِ کیٛاہ انجام تس
یُتھ نہٕ زانٛو کانٛہہ اکھ یتھس ماچھُ تس رٕکیُت چاہ کھنان
یُتھ نہٕ کانٛہہ سنٛد رایہ ہٕنٛزٕ کرٛ بکہِ بانبرو (ریشماں)

خیاؔل صأب چھُ اکھ کامیاب ترجمہٕ کار تیمی کیٚنژن مشرقی تہٕ مغربی شاہکارن کأشرِ پأٹھی ترجمہٕ کوٚر مُت چھُ۔ یمن منٛز رباعیات خیام بوطیقا شأمل چھےٚ۔

## ۳۸۔ سجود سیلانی

سجود سیلانی (۱۹۳۶ء) زاوڈ لکیٹ سرینگرِ تہٕ از کل چھُ سونہٕ وارِ سرینگرِ روزان۔ سجوٗد صاب چھُ شاعر آسنس ستی ستی مشہوٗر ڈرامہ نگار تہٕ مصور تہِ۔ ڈرامانگاری تہٕ مصوری منز پزٲوِکھ کتی ینامہٕ تہٕ امہِ علاوٕ چھُ یمن ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد ینامہٕ تہِ دِنہٕ آمُت۔ ’’شہجار‘‘ تہٕ ’’ہلال غم‘‘ چھےٚ یہنٛز شعرٕ سوٚمبرنہٕ۔ یم چھِ پننس رہوایتس تابع روٗزِتھ تہِ نوِ زمانہٕ کہن نوٚہن موضوعن پننہِ شاعری منز باوتھ دِوان۔ یہنٛز شارٕ زبان چھےٚ شوٗزتہٕ یہندی استعارٕ تہٕ تشبیہہ چھےٚ رہوایتی آسِتھ تہِ نوِ انمانہِ ورتاونہٕ آمژٕ تہٕ یوہَے ورتاو چھُ یمن پنُن مخصوٗص انداز ورتاونس منز کامیأبی بخشان۔

أکس پتھ اکھ مصوّر گأل کھاتس
اما پوٚز یم جگرٕ ڈٕری یم أنتھٕ روٗس کنواس
اویزان وقتہٕ کس أمس پنس وُچھتو
خبر چھُنہٕ کر گرِ ژھن لرِ ژھِ یم موٚللی شاہکار
سُہ عالم آسہِ سنگدل بڈٕ قیامت (مونالیزا)

## ۳۹۔ حکیم منظور

حکیم منظور (۱۹۳۷ء۔ ۲۰۰۶ء) اوس گوبو ور سرینگرُک روزن

وول تہٕ زندگی ہٕنٛدٮ۪ن آخری ؤری ٚین دوران بنوٗن گاندربل سرینگرٕ پٔنٕن قرارگاہ۔ اردو زبٲنۍ منٛز یموکیٛنٛژ وحساس کأشرِ پٔنٕنِس أندرٕ مس دنیاہس شعرٕ باوتھ دِژ، تِمن منٛز چھُ حکیم منظور اکھ اہم ناوٕیس پٔنٕن اکھ بدٕون شعرٕ مزاز چھُ۔ اماپوٚز زندگی ہنٛدٮ۪ن آخری ؤری ٚین پھیوٗر حکیم صأب کأشرس کُن تہٕ ۱۹۹۸ءیس منٛز کڈٕکھ پٔننی گوڈنیچ ''مےٚ چھےٚ ورتُن تے'' ناوِچ شعرٕ سوٚمبرن بازرتہٕ روٗد مسلسل پأٹھی کأشرِس منٛز لیکھان۔

پزر چھُ یِی زِ کأشرِس منٛز تہِ چھُ یمن پٔنٕن اکھ منفرد مزاز تہٕ اسلوٗب۔ موجوٗدٕ زمانہٕ کین نوٮ۪ن علمی تہٕ ادبی تقاضن وأقف آسنہٕ باوجود چھُ حکیم منظورسُنٛد شعری کردار جذبأتی طور کشیرِ ستی پیوستہٕ۔ ؤل گوٚو یہِ پزر تہِ چھُ عیان زِ اکثر جاین چھُ اوہنٛد یہِ مقامی شعری کردار آفأقی صورت پرٛأوِتھ کلہم انسأنی صورتِ حالُک أنہٕ بنان۔ بٔیا کتھ چھِ یہِ زِ یہنٛدِ منفرد شعرٕ مزازٕچ بُنیاد چھےٚ أمِس مخصوص شعرٕ زبان تہٕ تمہِ زبأنۍ ہُنٛد مخصوص ورتاو۔

رٕاتچ چھےٚ کتھ زِ دأن تھرٮ۪ن پیٹھ گیوٗان آس
کٔمی ستٕنٛز نظر لٔجِس تہٕ ٹھُپِس سأنۍ ہأرٕ ئج



یم کِنٛیا سانوٕ بزرگو یم پیٚیا پانے پتھر
اتھ رٕبو اتھ کیاہ چھےٚ ژھانڈٕنۍ پانہٕ دستارن پرٛژھو

## ۴۰۔ محی الدین مسرت

محی الدین مسرت [۱۹۳۸ء......] زاونچہ بل سرینگر تہٕ ازتام چھُ پنٕنِس أتھی آبأیی مکلس منز قرار کرِتھ۔ یم أسی ہیلتھ ڈپارٹمنٹس منز کأم کران تہٕ نوکری ہُند زیادٕ پہن وق گذورُکھ شیرِ کشمیر میڈیکل انسٹی چیوٹِ صورہٕس منز تہٕ ۱۹۹۶ءیس منز سپدی نوکری نِشہِ سبکدوش۔ مسرت صأب چھُ اکھ شریف انسان تہٕ پرٛ ہتھ کأنسہِ ستی چھُ اسہٕ وُنہٕ ہونچہِ کتھ کران۔ لوکچارٕ پانٕے اوسُکھ شعر و شأعری ہند شوق تہٕ عام پأٹھی چھُ غزل لیکھان۔ مسرت صأب چھُ پنٕن رِوایتی شعرٕ اندازٕ برقرار تھٲوِتھ تہٕ کأشرِ غزلہِ کِس نٔوِس مزازس رأچھ کرِتھ پنٕنٕن احساساتن تہٕ خیالن باوتھ دِوان۔ بعضے چھُ باسان زِ أمِس چھُ عصری زندگی ہٕندی حأدثاتھ تہٕ وأری داتھ ووندس تچھان تہٕ یِمنٕے حأدثاتن تہٕ وأری داتن چھ پنٕنِس عام فہم تہٕ میٹھِس لہجس منز شعرٕ جامہٕ ولان۔

سیاہ چھےٚ راتھ آفتاب دِتم
مژھیل صبح مےٚ در جواب دِتم

❀

اوٗشن ٹارٕن پٹھ شبنم ہیوٗ
چشمو کیاہ ازمأیش کٔر

❀❀❀

## ۱۴۱ر پرتھوی ناتھ کول سایل

پرتھوی ناتھ کول سایل (۱۹۳۸ء) اوس شالہٕ کدٕل سرینگرٕ روزان تہٕ ووٚنی چھِ کشیرِ نیبر زندگی گذاران۔ سایل صاٮ۪ب اوس پیشہٕ کِنۍ ووستاد تہٕ شاعری منٛز چھُس ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد ینامہٕ تہٕ توٚرمُت۔ سایل چھُ اکھ میوٚٹھ شاعر تہٕ زندگی ہٕنٛد ہٕن معاملن مسایلن چھُ رِوایتی اندازٕ باوتھ دِوان۔ یم چھِ غزل تہٕ وژن صِنفہِ علاوٕ لیلا تہٕ بجن تہِ لیکھان۔ از تام چھِ یِہنٛز "فریادِ سایل"، "رنگہٕ بلبل"، "اسراف" تہٕ "لوٚہتی ٹوٚری" شعرٕ سوٚمبرنہٕ بازر آمٕژ تہٕ یم چھِ منٛزی منٛزی کاشُر نثر تہِ لیکھان۔ شعرٕ مثالہٕ سپٕز نہٕ بدس۔

## ۱۴۲ر مکھن لال بیکس

مکھن لال بیکس (۱۹۳۹ء) اٚسی قرپھٕلی محلہٕ سرینگرٕ روزان تہٕ از کل چھِ کشیرِ نیبر سکونت پذیر۔ گوڈٕ اٚسی ووستاد تہٕ پتہٕ روٗدی وٚری وادن آل انڈیا ریڈیوہس منٛز کاشرِ نیوز ریڈر۔ بیکس صاٮ۪بن تہٕ چمن لال چمن صاٮ۪بن کجہِ یکوٹہٕ زٕ شعرٕ سوٚمبرن۔ "نوٚو گرٕز" تہٕ "وزٕنی ساز"۔ امہِ پتہٕ روٗز یِہنٛز شاعری مختلف رسالن منٛز چھپان تہٕ حال حالے چھکھ یِنٛز اکھ شعرٕ سوٚمبرن بازر کڈٕمٕژ۔ یم چھِ رِوایتی لولہٕ شاعر تہٕ یم چھِ بجن تہٕ لیلا تہِ لیکھان۔ مےٚ سپٕز نہٕ یِہنٛز شاعری بدس۔

# ۴۳۔ چمن لال چمن

چمن لال چمن (۱۹۳۹ء) زاوشیش یارحبہٕ کدٕل سرینگرٕ۔ کیٛژس کالس یونیورسٹی منٛز ملازمت کرنہٕ پتہٕ لوٚگ کلچرل اکادمی منٛز ریسرچ اسسٹنٹ۔ کیٛژٕ کالی پتہٕ بنیو کاشرٕ ڈکشنری شعبک اسسٹنٹ ایڈیٹر تہٕ واریاہس کالس روٗد شیرازٕ رسالک ایڈیٹرتہٕ۔ چمن جی ییٚن چھاپہٕ زٕ شعرٕ سوٚمبرنہٕ "نوٚ وگرز تہٕ" وزونی ساز" بیکس صاٮ۪بس ستی یم کیٛژ ھا رہوایتی تہٕ کیٛژ ھا ترقی پسندی ہنٛدِس اثرس تحت لیکھنہٕ آمژٕ آسہٕ اماپوٚز سبٹھاہ جلد پھیوٗر جدید شاعری ہندٕن نوٕن موضوعن کُن تہٕ پٔنن اکھ مخصوٗص مزاز بناوِتھ کوٚرُن خاص کٔرتھ جدید کاشرِ نظمہِ منٛز اکھ منفرد ناو حاصِل۔ "شبنمی شار" چھِ یہنٛز شعر سوٚمبرن ییٚتھ یمن ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد ینامہٕ توٚر۔ یہنٛزٕن نظمن ہُنٛد موضوع ییٚتہٕ سیاسی تہٕ چھُ تتہٕ چھُ انسانی زندگی ہُنٛد کرب تہٕ تتھٕ کُنی باوان زِ انسان ہنٛز ازلی بے بسی تہٕ بے کسی چھےٚ انہار لبان۔

مےٚ چھےٚ تریشِ لٔجمژٕ

یہٕ چھُ تمہِ ساعتک ژیہہ ییٚلہِ مےٚ نارِ ہلم برٕتھ چھُ

میانین نادن منٛز چھُ لاوٕ ہُنان

تہٕ مےٚ چھےٚ تریشہِ ہُنٛد طلب زِ ولاکم

(ازلہٕ بوٚچھ)

## ۴۴۔ غلام احمد گاشؔ

غلام احمد گاشؔ (۱۹۴۰ء) چھُ خانیار سرینگرِ روزان۔ کیٚنژس کالس رُود سیاستس سٕتۍ وابستہٕ اما پوٚز کلہم پاٹھۍ رُود وکالت پیشہٕ پانٲوِتھ پننۍ زندگی گذاران۔ گاشؔ چھُ غزل تہٕ نظم دوشونی صِنفن منز شعر لیکھان۔ اما پوٚز نظم چھےٚ تِسنٛدِس مزازس زیادے پہن نکھہٕ باسان تہٕ تِس چھےٚ آزاد نظمہِ ہنٛز ٹیکنِک بدس آمٕژ۔ سُہ چھُ انسٲنی زندگی ہٕنٛدٕن عصری معاملاتن تہٕ موضوع بناوان تہٕ تِسنٛدٕن سمٲجی مسلن تہٕ وٕکھر وکھر اندازٕ زہو دِوان۔ گاشؔ چھُ پننٮ٘ن موضوعن اَکِس خود کفیل شاعرٕ سٕندی پاٹھۍ باوتھ دِتھ کُنہِ کُنہِ تتھۍ شعرٕ تجربہٕ کران یِم تِسنٛدِ شاعرانہٕ شعورُک نیب دِوان چھہِ۔ پننہِ عام فہم زبٲنی منز چھُ پنٕنِس تخلیقی جوہرس مولہٕ وان تہٕ مولہٕ وِتھ بازرکڈان تہٕ پرٕٛتھ پرن والِس پانس کُن متوجہ کران۔

لولُک اچھرا زٕنہٕ گرِ بوزُم
تنہٕ کھوٕنہٕ للواں ووتُھم دَگ
تومرِ سیکہِ پیٹھۍ کھوٕرٕ ننہٕ وورُے
بوٕنہٕ پیٹھٕ پھیوٕرس سری یس تام
دِل ییٚلہِ پھوٚرزاٹھہ
کنہِ کنہِ کوٚرہس

خوشباشس پیۆ وِمجنون ناو

آبس کھوژو

## ۴۵۔ عبدالغنی ندیمؔ

عبدالغنی ندیمؔ (۱۹۴۱ء) چھُ نویٹ سرینگرِ روزان۔ ندیمؔ صاب اوس ریاستی کلچرل اکادمی منز نوکری کران تہٕ وونی چھُ سبکدوش سپدِتھ زندگی گذاران۔ ندیمؔ چھُ رِوایتی طرزس پیٹھ پننین احساساتن تہٕ تجبرن باوَتھ دِوان۔ عام پأٹھی چھُ غزل لیکھان تہٕ پننہِ زندگی منز دَگ چھُ پننین شعرن ہُنٛد موضوع بناوان۔ یِہنٛدی واریاہ غزل چھِ مختلف رسالن منز چھاپ سپدیمتی، اما پوز وُنہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ شعرٕ سۆمبرن بازرس کڈمٕژ۔

## ۴۶۔ شفیع شیداؔ

شفیع شیداؔ (۱۹۴۳ء) زاو خانیار سرینگرِ تہٕ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی پیٹھ ایل۔ ایل۔ بی کرنہٕ پتہٕ رُودی کینژس کالس وکالت کران تہٕ أتھی دوران گیہِ سیاستس سٟتی وابستہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ رُودی ریاستی یوٗتھ کانگرس کمیٹی ہٕنٛدی سکریٹری تہٕ پتہٕ گرِکھ ریاستی کانگرس کِنٛہن اہم عوہدن پیٹھ کأم۔ شیداؔ صاب رُودی زندگی ہندن الگ الگ ایامن منز ریاستی سرکارکہِ طرفہٕ اہم اعزازی عوہدن پیٹھ کأم کران۔ یمن منز وزیرِ اعلیٰ

سُند کلچرل اوڈ وایز رسُند ہیوٚ اہم اعزاآزی عوہدِ تہٕ شاأمِل چھُ۔ وُں
گوٚ ویمن متعلق چھےٚ اکھ کتھ ٹاکارٕ زِ ساأرِے زندگی سیاستس منٛز
گذارنہٕ باوجود چھِ شیداصاأب مزاز کِنیٚ خالص شاأعریُس یِہنٛدِس
شعری کردارس پیٹھ تہٕ غاألب چھُ۔ شیداسُند شعری کردار چھُ ژکہِ حسن
شناس تہٕ ستی حُسن پرورتہٕ یُس پننِس حسنس ستی انساأنی زندگی ہُنٛد
حُسن نچھناوان کایناتُک فطری حُسن وولسنس انان چھُ
یٚیمیُک صداے بازگشت لول تہٕ لولس منٛز دوٚن انساأنی وجوٗدن ہُنٛد
پھانٛپھلَن وول اشتیاق چھُ۔ اتھ ساأریٕ سے رومان پرور فضہس چھُ
شیداسنٛز میٹھ تہٕ لفظن ہنٛز موسیقی اکھ خوشوٗن نغماأتی طرح بخشان۔ امی
قبیلہٕ چہِ شاأعری ہنٛز سوٚمبرن چھےٚ ''امار'' یتھ یمن ساہتیہ اکادمی ینامہ
توٚ رمُت چھُ۔

ژوٗٹ گولابچہِ بڑ آنژ میوٚنُے سینہٕ میٛانوٚ دوستو
بوٚ رشرابچہِ بڑ آنژ میوٚنُے رتھ خُمس کلہٕ واألی یے



غم چھُنہٕ عامس کِیٛت آسان
اتھ گرژھِ آسُن بانہٕ متنوٚ



کم خطا چھِنہٕ یتھ دِلس سپدان معاف
وونی چھِ ئلی یم خاب نظرن تل یوان

وونی چھِ حُسنکۍ جلوٕ زخمن دَگ تُلان

وونی دآدی یآتی شاید پھاپھلا وان۔یتھ دِلس

اکھ دوٕ ہا مشراو ہے یوٚ دزندگی مرِ ہے نہٕ زانٛہہ (روپہ لانکھ)



## ۱۴۷ ظریف احمد ظریف

ظریف احمد ظریف (۱۹۴۳ء) زاو ڈب تل عآلی کدٕل سرینگرٕ تہٕ ازکل چھُ پادشاہی درواز مخدوم صآبنہِ سکونت پذیر۔ یم اَسی ریاستی انفارمیشن محکمس منٛز کآم کران تہٕ ۲۰۰۱ء یس منٛز سپدی نوکری نِشہِ سبکدوش۔ شآعری تہٕ نوکری ستی ستی رٕوٗدی مختلف اخبارن ستی وابستہٕ یٚیمیک نتیجہ یہِ دزاو زِ یم چھِ ازتہِ کٔشیرِ متعلق مختلف موضوعن پیٹھ کُنہِ کُنہِ اخبارن منٛز لکھان۔ کینٛژن دوستن ستی رٕلتھ کوٚڈ یمو ''شمیم گل'' ناوُک اردو اخبار۔یتھ ظریف صآب ایڈیٹر اوس مگر اکو ؤری کڈِتھ گوو یہِ اخبار بند۔ ظریف یوٗتاہ ذآتی زندگی منٛز ظریف چھُ تیوٗتے ظریفانہٕ لہجہِ چھُ یہنٛزِ شآعری ہنٛد وصف تہِ۔ اما پوٚز اتھ ظریفانہٕ مزازس تہٕ لہجس پسِ پردٕ یوسہ طنزٕچ زیرین لٔہر چھےٚ سو چھےٚ ظریف صآبنہِ عصری حقیقژ ہُندِ احساسچ نشاندہی کرِتھ اَہنٛدِ سنجیدگی ہنٛز ترجمان بنان۔ یہنٛدِ کلامہٕ کہِ اظہارٕ تہٕ شآعری ہٕنٛدِ انہارٕ تلہٕ چھُ باسان زِ یمن چھُ کٔشیرِ ہنٛزِ پتھ کال چہِ سیآسی، ثقافتی تہٕ تہذیبی زندگی ہُندِ راوُنک

احساس تہٕ تہٕ موجودکا لک صورتِ حال تہٕ چھُکھ داوس لاگتھ وونِدس تچھُن ٹلان۔ یم یوٚ دوٚے اکثر پاٹھی ژ مصرٲے لیکھان چھِ اما پوٚز غزل تہٕ وژن صِنفہِ منز تہٕ چھُ یہُنٛد طنزیہ لہجہِ ووشلان تہٕ وولسان تہٕ بعضے چھِ کشیرِ ہنٛدِ حوالہٕ پننہٕ وونٛدُک کرب نعت صِنفہِ منز تہٕ باوان۔

درٛوت چمنس وآتھے تھووُتھ سجاۄتھ پھوٚلدان
کاتھہ طمع کوٚ ڈُمت چھتہا تس گل امارس پرٛژھِ زِ ہے



منقل میانۍ چھنہٕ گاٹھ سوٚری
ژوٚرِ چھےٚ اۄبرس تل وُزمل
أنزراوِ اگر نیاے تہٕ أنزراوِ محمدؐ



## ۴۸۔ بشیر شاہ

بشیر شاہ زاو [۱۹۴۳ء] منز دروٚجن ڈلگیٹ، سرینگرِ تہٕ ازکل چھِ گوری پورہ سرینگر روزان۔ کشمیر یونیورسٹی منز ایم۔اے اردو کرنہٕ پتہٕ لگی ریڈیو کشمیر سرینگرس منز بطورِ سکرپٹ رایٹر تہٕ أتھی ادارس منز گیہِ ترقی کران کران پروگرام ایگزیکیٹیو سٕندِس عوہدس پیٹھ سبکدوٚش۔ بشیر شاہ اوس لوکچارِ پانہٕ پیٹھے اردو زبانۍ منز قلم آزماوان، اما پوٚز اردو دنیاہس منز گوٚو تمہِ ساتہٕ بحیثیتِ افسانہٕ نگار متعارف ییٚلہِ یہُنٛد ''رشتے'' ناوُک گوڈنیُک افسانہ ''جریدے'' ناوِ کس مشہوٗر اردو

رسائس منز شایع سپد۔ امہِ پتہٕ رؤ دی یہنٛدی افسانہٕ اردو زبأنی ہنٛدٕ ن مختلف رسالن منز اَکس مشہور کہأنی کار سٕنٛدِ حیثیتہٕ چھپان تہٕ ازکل چھےٚ یہنٛدٕ ن ''شب کے انتظار میں'' ناوی اردو افسانن ہنٛز سوٚمبرن چھاپ سپدان۔ شاہ صأب رؤ دافسانن سٟتیٚ سٟتیٚ ڈرامہ تہٕ دستاویزی فیچر تہِ لیٚکھان۔ یہنٛدی ''تخلیق کا گھاو'' ''پانی کے پاس'' تہٕ ''تم میرے پاس رہو'' ہوی ڈرامہ گیہِ ریڈیو پیٹھہٕ نشر سپد تھ عوأمی سوٚتھرِس پیٹھ سبٹھہٕے مقبوٗل تہٕ یہنٛدِس ''چنار کہاں ہے'' ناوِکس دستاویزی فیچرس توٗر آکاش وانی طرفہٕ ینامہٕ تہِ۔ بشیر شاہ رؤ دی کأشرِ پأٹھی تہِ شعرونان تہٕ پننِس تخلیقی جوہرس پرٛنہٕ پأٹھی وۄشلاوان تہٕ وولساوان۔ یہنٛدی کینٛہہ بأتھ آیہِ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھ گیوٚنہٕ یمن منز

میٚۓ چھےٚ خبر کُس دوکھ وبتر ووُم<br>
بوُوُم ما زانٛہہ حال<br>
چھوکھ جگرٕ ک زا شُر للنوُوُم<br>
بوُوُم ما زانٛہہ حال

بأتن مقبولِ عام پرٛووو۔

''چھوکھ جگرٕ ک زا شُر للنوُوُم'' ہیوٚ خوبصوٗرت شعر چھُ ییٚمہِ پرٛزُرک أنہٕ زِہرگاہ بشیر شاہ صأبن پنُن کلہم تخلیقی بٕڑ کأشروٕژن لیٚکھنس کُن مرکوٗز کوٚرمُت آسہِ ہے، أزی اَکس جدید دورس منز آسہِ ہے کأشرِ غزلکی تہٕ کأشرِ نظمِ ہنٛدی پأٹھی کأشرِ وٕژنُک حال تہِ تابناکھ تہٕ

بشیر شاہ صائبس آسہِ ہے موجودٕ دورٕ کِنہٕ رومانی مزازٕ لولہٕ وژن لیکھن والین منٛز ضرور اتیاز حاصِل۔

ۄدٕ ۄدٕ آدٕ تہِ أچھ وولاوِن

دل گمٕ وۆن یہِ چھُ کھٔری لد شُر

مٹہِ مٹہِ دی دی ژھوپہِ کرنوۆم

بوۆم ما زانہِ حال

أچھن أچھن منٛز جاے گٔرم یتھ

وۆچھس اندر رٔچھ رٔچھ تھوۆم

وُچھ کِتھٕ گنٕز سُے خاب مےٚ سووۆم

بوۆم ما زانہِ حال



## ۴۹۔ پروفیسر مرزا محمد زمان آزردہ

پروفیسر محمد زمان آزردہ (۱۹۴۵ء) زاو پنجاب کِس امرتسر شہرس منٛز تِکیاز یہنٛدی وألد صأب أسی ۱۹۴۷ء کِنہٕ قومی فساداتن تام اتھ شہرس منٛز بڈس سۆتھرس پیٹھ پنٕنہٕ کاروبار چلاوان تہٕ فساداتن ہٕنٛدِس پۆت منظرس تحت پیۆ کھ پنٕنی وأنسہٕ وادن ہنٛز ٹھینٹھ مینٹھ ترٲوِتھ پنٕن وطن کٔشیرِ یُن۔ یِہُند آبأیی روزن جاے چھےٚ حسن آباد سرینگر تہٕ ازتام چھِ اتی قرار گرتھ۔ آزردہ صأب أسی کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِس اردو ڈپارٹمنٹس منٛز پروفیسر۔ وارِیاہ کالس رٕوٚدی

امہِ شعبکی سربراہ تہٕ اتھ ستی ستی ڈین فیکلٹی آف آرٹس تہِ ۔ یم چھِ اردو تہٕ
کأشرس دوشونی زبانن منز نثر تہِ لیکھان تہٕ شعر تہِ ونان ۔ تخلیقی اعتبارٕ رٕو دابسے
یہنزن تخیلی تہٕ تخلیقی کاوِشن ہُنٛد ہرتر ۔ اردو تہِ کأشرِ ن ادبی حلقن منز چھُ
آزردہ صأب أکس اہم ابسے نگار ہنٛدِ حیثیتہٕ گٔنزرنہٕ یوان ۔ تہٕ أتھی صِفنہٕ
منز تۄ ریمن ''ابسے'' ناوچہِ ابسے سۄمبرنہٕ پیٹھ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد ینامہٕ ۔ کأشرِ
زبأنی منز چھِ پروفیسر آزردہ ابسے نگأری ہٕنٛدِس فنس منز از تام کێن کلھم
کأشرِ ن ابسے نگارن سرس یم چھِ کٔشیرِ ہٕنٛدی وأحد ابسے نگار یہنٛدِ ن ابسے ین
انگریزی ہێتھ ہندوستان چن مختلف زبانن منز ترجمہٕ سپُد ۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ
یہُنٛد ابسے کٔشیرِ ہٕنٛدِس سمأجی ، ثقافتی ، تہذیبی تہٕ سیأسی صورتِ حالس وحاطہٕ
کٔرِتھ کلھم انسأنی زندگی ہُنٛد ترجمان بنان تہٕ یہنٛز زبأنی ہُنٛد طنزیہ مزاز چھُ یہنٛدِ
ابسے ہٕک اکھ اہم پرٛزناوَن نِشانہٕ یُس باضے سێدِ سیۄد تہٕ باضے پسِ پردٕ
وولسان تہٕ ووشلان چھُ ۔ آزردہ چھُ اردو تہٕ کأشرِس منز تحقیق تہٕ تنقید تہِ
لیکھان تہٕ ترجمہٕ تہِ کران ۔ امہِ اعتبارٕ چھُ کأشرِس منز یہنٛز أٹھ تہٕ اردوس منز
باہ کتابہٕ بازر آمژٕ یمن منز ''مرزا سلامت علی دبیر'' کلھم اردو ادبس منز اکھ مولُل
تحقیقی کارنامہٕ گٔنزرنہٕ یوان چھُ ۔ یمن چھُ ہندوستان چہٕن مختلف ریاستن
ہنزن ادبی اکادمی یَن ہٕنٛدِ طرفہٕ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ ینامہٕ عطا کرنہٕ آمتی ۔
از کل چھِ یم ''میسور کس سنٹرل انسچیوٹ آف انڈین لنگویجز'' ادارس منز
Senior Research Fellow تہٕ ستی چھِ ساہتیہ اکادمی ہٕنٛدی کشمیری

اڈوایزری بورڈِ کی کنوینیر تہٕ یِم رٔودی دہن ؤری ین نیشنل بُک ٹرسٹ، انڈیا کہِ کشمیری ایڈوائزری بورڈِ کی کنویئر تہٕ اردو ایڈوائزری بورڈِ کی ممبر۔ پروفیسر زمان صاحب چھِ کأشرِس منٛز تہٕ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ لیکھان۔ یِہنٛد ین شعرن ہُنٛد حُسن چھُ یِہنٛد طنزیہ لہجہٕ تہٕ یِہنٛز عام فہم شعرٕ زبأنی منٛز چھُ یِہنٛد ین تجربن ہُنٛد معنہٕ ساوبر پرن وأرِس یِہنٛدِ تخلیقی جوہرُک نیب دِوان۔ تہٕ أتھی عام فہم لہجس منٛز چھِ یِہنٛد شعرٕ تجربہٕ وو پذاوتھ ؤہراوپزاوان تہٕ یوہے چھُ یِہنٛد شأعرانہٕ فن تہٕ ہونرمنٛدی تہٕ۔

یمو اخبار کڈٕی دستار وأ لِکھ
چھٔلِتھ دامانہٕ تم دژاے باغوانس



یِم صنم بُتھی پھِری چھِ گأمتی کیٚاہ ونے
تازٕ مُرژا ونتہٕ جوگیا کیٚاہ گرکھ



اَنہٕ پٔژس وۆن اوزردنٛ
نیکی کر ڈٔری یاوس تژاو

## ۵۰/ عبدالاحد فرہاد

عبدالاحد فرہاد (۱۹۴۶ء) چھُ صۆورسرینگرٕ روزان۔ یِم أسی ریڈیو کشمیر سرینگرس منٛز نیوز ریڈر تہٕ أتھی محکمس منٛز سپدی ۱۹۹۴ء ییس

منز سبکدوش۔ پتہٕ مین کیٖژن ؤرِیَن دوران رۆد فرہاد صأب تصوف کین اسرارن تہٕ رموزن سنان تہٕ کأشرِ ین صوٗفی شأعرن ہنٛز شأعری متعلق لیکھان تہٕ تبصرٕ کران۔ یِمیٚک اثر یہنٛدِس شعرٕ مزازس پیٹھ تہٕ پیٚو۔ فرہاد ہرگاہ منٛزی منٛزی نثرتہِ لیکھان چھِ اما پوٚز بُنیأدی طور چھِ یِم شأعر تہٕ نعت، غزل، نظم تہٕ وژن صِنفن منٛز چھُ پنُن تخلیقی جوہر ازماوان۔ یِہنٛدی نعت چھِ عوأمی سوٚتھرِس منٛز مقبوٗل یِم یِہنٛزِ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس میٖل کران چھِ۔

باخوداسأرے خُدأیِی آسہِ ہے پردن اندر
کاسہِ ہے نے زانڈ ظلماتن رسول محترمؐ

فرہاد صأب چھِ غزل لیکھنس ستی ستی أزی چہِ آزاد نظمہِ منٛز تہِ پنُن قلم آزماوان نہٕ خابن تہٕ اساطیرن پنُن موضوع بنأوِتھ پیش کران۔

اٹس کیتھ راتھ ہتھ لگی أسی لمس پیٹھ
ژوس جانس چھےٚ لم لم
رکنی گاہ ہتھ قدم اسہِ پتھ چھِ کھالان
مےٚ لیوٚکھ یِیہِ چانہِ ناوے
شام ونہٕ کیاہ......
(نظم)

## ۵۱/ نذیر جہانگیر

نذیر جہانگیر زاو جولائی ۱۹۴۸ء منٛز جول سرینگرٕ۔ جہانگیر چھُ

شاعر آسنس ستی ستی مشہور افسانہ نگار تہ ڈرامہ نوٚیس تہِ۔ یمو چھِ ریڈیو تہٕ ٹی وی باپتھ کہی یاہ ڈرامہ لیکھی متی۔ یہنٛزٕ چھِ ازتام الہٕ پلہٕ اکھ درجن کتابہٕ شایع سپدیمٕژ۔ یمن منٛز ''رأسی وتھ'' تہٕ ''چھوکہٕ لددوش'' ناؤی شعرِ سوٚمبرن زیادٕ پہن مشہور چھے۔

## ۵۲/ محمد یوسف مسکین

محمد یوسف مسکیٖن (۱۹۴۸ء) چھُ کاوٕ ڈارِ سرینگرِ روزان۔ یم أسی ریاستی کلچرل اکادمی منٛز بحیثیتِ خوش نوٚیس کأم کران تہٕ اتھ دوران رؤدی صحافتس ستی تہِ وابستہٕ تہٕ ازکل تہٕ چھِ ''سون میراث'' ناوِ کس ہفتہٕ وار کأشرس اخبارس ستی وابستہٕ۔ اماپوٚز لوکچہٕ وأنسہِ پیٹھے چھُکھ شعر ونُنک شوق یُس ازتام یہنٛدِس تخلیقی وجوٗدس وُتش دِوان رؤد۔ یم چھِ کُنہِ کُنہِ مزاحیہ شاعری تہِ لیکھان تہٕ عام پأٹھی چھِ غزل لیکھان تہٕ شعرن منٛز چھِ انسان ہنٛدین دأخلی کیٚو خأرجی معاملن باوتھ دِوان۔

## ۵۳/ غلام حسن غمگیٖن

غلام حسن غمگیٖن زاو [۱۹۴۸ء] منٛز محلہٕ اخراج پور سری نگرٕ تہٕ ازکل تہِ چھِ پننس أتھی آبأیی محلس منٛزے روزان۔ کشمیر یونیورسٹی منٛز تعلیم مکمل کٔرِتھ سپدی سرکأری ملازِم ہنٛدِ حیثیتہٕ ریڈیو کشمیر سرینگرس منٛز تعینات تہٕ ازتام چھِ أتھی ادارس منٛز پنٛنی سرکأری فرأیض نبھٕ والان۔

غمگین صابس اوس شُری پانہٕ پیٹھے شعر وننک شوق تہٕ شوقس ستی فنکاری ہنز اُتھکل تہِ تہٕ اوٚ کنہٕ آسی مختلف ادبی محفلن تہٕ مجلسن منز شریک سپدان۔ ہرگاہ یم غزل تہٕ وژن تہِ لیکھان چھِ تہٕ یم صنفہٕ ورتاونس منز چھُکھ پننہٕ فنکارانہٕ صلاحیژن پیٹھ اعتبار تہٕ۔

نے زانہٕ عروضک علم نے چھُم مے امیُک پے
فنکار بنتھ آو قلم میوٲن پننہٕ پاٹھی

اما پوٚز غمگین صابن کوٚر پنُن کلہم تخلیقی توجہ نعت صنف ورتاونس کُن مرکوٗز تہٕ یہ کتھ چھےٚ عیاں زِ موجودٕ دورس منز پرٲو غمگین صابن عوٲمی سوٚتھرِس پیٹھ بحیثیتِ نعت گو پننہٕ وٲنسہِ ہندبن کلہم کاشرِن نعت گو شاعرن منز مقابلہٕ شہرت یمیُک ثبوٗت یہِ چھُ زِ مسجدن تہٕ خانقاہن منز چھِ یہندی نعت شوقہٕ سان پرنہٕ یوان۔ خصوٗصن اوہند "خُدا بوٗ زِنَ" ووج تھاون وول نعتِ شریف گوٚ وعوامس منز کافی مشہوٗر۔ یہنزٕ چھےٚ از تام زٕ نعت سوٚمبرنہٕ "نورانہٕ" تہٕ "ثنا ے نبیؐ" بازر آمژ تہٕ یہنز ترٛیم نعت سوٚمبرن چھےٚ از کل چھپان۔ غمگین صابنبن نعتن ہنز خصوٗصیت چھےٚ یہنز شرٛ وژ زبان تہٕ عام فہم لہجہٕ یُس یہندبن نعت شعرن روانی تہٕ سوز و گُداز عطا کران چھُ۔

پہرِ منز تشریف تھاوِتھ حضرت خیر الوریٰؑ
کاینا تکی بادشاہ دٲرِتھ تمن بردٔنہہ کنہٕ ہلم


نعت لیکھنس کرٛتھِ تخلیقی صلاحیژن ستی ستی علمی بٔرٛ تہٕ سوٚن

توأریخی مطالعہٕ آسُن ۔ غمگین صأب چھُ امہٕ اعتبارٕ آنحضورنؐ ستی منسوٗب مختلف واقعن پٮ۪ٹھن نعت شعرن منز پیش کران تہٕ تس چھِ امہٕ صِنفہِ ہُنٛد موضوعی تقدس تہٕ نزاکت رچھنُک ظوٗن تہٕ بدٕ ار۔

نعت لیکھُن چھُنہٕ سہل اِد شوقہٕ سانے تُل قلم

دِیو غریبن کُن نظر کر از رسولِ محترمؐ

## ۵۴۔ رفیق راز

رفیق راز (۱۹۵۰ء) زاو بڑٕ ارِ پورِ سرنگرٕ۔ کشمیر یونیورسٹی منز ایم ۔اے اردو مکمل کٔرِتھ لگی ریڈیو کشمیر سرینگرس منز تہٕ از کل چھِ اَتھی ادارس منز ڈپٹی ڈایریکٹر ہِندِس عوہدس پٮ۪ٹھ کٲم کران ۔ راز صأب چھِ اردو تہٕ کٲشرِس دوشوٕنی زبانن منز شعر ونان تہٕ منٛزی منٛزی تنقیدی مضمون تہِ لیکھان ۔ خاص کٔرِتھ چھےٚ یمن کٲشرِ شأعری ہُندِس عروضی نظامس ستی کأفی دلچسپی تہٕ اتھ اہم موضوعس پٮ۪ٹھ چھُکھ کینٛہہ توجہ طلب مقالہٕ لیکھی مٕتی تہٕ اتھ ستی ستی چھےٚ یمن لسأنی معاملن ستی تہِ کم کاسہٕ دلچسپی ۔ پننہٕ وأنسہٕ ہُندٕ ہن کٲشرٕ ہن اردو شأعرن منز چھُ یہُند اردو کلام اردو زبأنی ہُندٕ ہن مشہوٗر ادبی رسالن منز لگاتار چھپان ۔ کٲشرِس منز چھُس پننہٕ وأنسہٕ ہُندٕ ہن شأعرن منز یہِ امتیاز زِ أمی کٔڈ پننی اکھ بیوٚن تہٕ بدٕ وٗن وَتھ تلاش تہٕ پننی مخصوص تہٕ منفرد لہجہٕ پاننأوِتھ دِتُن کٲشرِس غزلس اکھ نوٚو مزاز تہٕ نوٚو آہنگ یمی واریاہ کٲشری نوجوان شأعر متأثر کٔری ۔ راز چھُ فکر انگیز موضوعن ستی ستی لوٕ کٹٕ لوٕ کٹٕ

احساسی تجربہ أکس پوختہٕ کارشاعرٕ ہنٛدی پأٹھۍ اکہِ منفرد اندازٕ پیش کران۔ اوہنٛد لفظہٕ ورتاوچھُنہٕ فقط تازٕ تہٕ منفرد بلکہِ پزٕ بتھ اعتبارٕ موزون۔ برمحل تہٕ چست یُس یِہنٛد لسأنی بوزشوزُک تہٕ شاعرانہٕ ہونرمنٛدی ہُنٛد نٛون نیب چھُ۔

آسن چھُ میٛون زیٛوٹھ سیاہ غم نہٕ آسنک
بادام چشمہٕ والہِ مےٚ کُن ہے وُچھکھ تہٕ کیٛاہ

❀

تگہِ یے ستارٕ مال ہٕٹس نألی تزٕ أوی زبس
بلۍکُن سہٕ تورٕ ومرٕ پٔٹھن آفتاب دِلی

❀

ازتہِ وُچھنس تہٕ وُچھان رٕزیٛو تاں چشمہٕ لوٗسس
زنتہٕ وٕنم ژنتس پاو مےٚ وٕنس نہٕ کہنہٕ

❀

یِہنٛز گوڈنیٛچ شعرٕ سۆمبرن چھےٚ "نَے چھےٚ نالان" یتھ ساہتیہ اکادمی ہُنٛد ینامہٕ تۆ رتہٕ دۆیم شعرٕ سۆمبرن چھےٚ "دستاویز" یوسہٕ حال حالے بازرآیہ۔

## ۵۵/ اقبال فہیم

اقبال فہیم (۱۹۵۰ء) چھُ گوجوور سرینگرٕ روزان۔ فہیم چھُ فلسفُک طالب علم تہٕ علی گڑھ مسلم یونیورسٹی پٔٹھہ فلفس منز ایم۔اے مکمل کرنہٕ

پتہٕ اوس ءکتس کالس ہایر سیکنڈری سطحس پیٹھ فلسفہٕ پرناوان تہٕ ازکل چھِ پرنسپل ءسنٛدِس عہدس پیٹھ کأم کران۔ اقبال فہیم صأب چھُ اردو تہٕ کأشرِس دوشونی زبانن منٛز شعر تہٕ ونان تہٕ نثر تہٕ لیکھان۔ دوشونی زبانن منٛز چھِ غزل تہٕ نظم صِنفہِ منٛز پنُن قلم آزماوان۔ یمو کوٚڈ پروفیسر م۔ ح۔ ظفرس ءستۍ رٕلِتھ ''واد'' ناوی کأشر ادبی رسالہٕ یُس کأشرٕ ن ادبی حلقن منٛز کینٛژس کالس مقبوٗل تہٕ روٗد تہٕ موضوع بحث تہٕ۔ یہٕ رسالہٕ چھُ وُنہِ تہٕ گاہ بیگاہ نیران۔ اقبال فہیم صأبن کوٚر بائبل مقدسُک کأشُر ترجمہٕ یُس کأشرِ زبأنی منٛز امیک گوڈنیک مکمل ترجمہٕ چھُ۔ یمو لیکھی کأشرِ شأعری متعلق کینٛہہ تنٛقیدی مضمون تہٕ کینٛہہ بُنیأدی سوال تُلِتھ پھِرُکھ کأشرٕ ن نقادن ہنٛدِ ظوٗن پانس کُن۔ یمو ہرگاہ ازتام کانٛہہ شعرِ سوٚمبرن بازر کڈٕمژ چھنہٕ اماپوٚ زِیہنٛز شأعری چھےٚ مختلف ادبی رسالن منٛز چھپان تہٕ یہنٛزن نظمن تہٕ غزلن ہُنٛد موضوع چھُ فلسفیانہٕ پوٚت منظر ہیتھ انسأنی زندگی ہٕنٛدٕ ن معاملاتن ہٕنٛز ترجمأنی کران۔

## ۵۶/ مجید عاصمی

مجید عاصمی (۱۹۵۲ء) زاوتلوان دوری فتح کدٕل سرینگرٕ تہٕ ازکل چھُ نوگام بائی پاس روزان۔ کشمیر یونیورسٹی پیٹھ ایم۔ اے انگریزی کرنہٕ پتہٕ لٔگ یم ریاستی کلچرل اکادمی ہٕنٛدس کأشُر انسائیکلوپیڈیا شعبس منٛز بحیثیتِ ریسرچ اسسٹنٹ یمہِ کٔنۍ یمن کأشرِ انسائیکلوپیڈیا کٔمن

ژۄشونی جلدن ستۍ اکہ نتہ بیٚہ اعتبارِ وابستہٕ روزنُک موقعہٕ نصیب سپُد۔ اتھ دوران لیٚچھ یموٗ درجن وادٕ تحقیقی نوشتہٕ۔ امہٕ پتہٕ رُوٗدۍ یم کینژس کالس اکیڈمی ہٕنٛدِس انگریزی شیرازس ستۍ بحیثیتِ ایڈیٹر وابستہٕ تہٕ کینژس کالس رُوٗدۍ کاشرِ شیرازٕکۍ ایڈیٹر تہٕ۔ یتھ دوران شیرازک مرزا عارف نمبر، نعتیہ ادب نمبر تہٕ عبدالاحد آزاد نمبر بازر آوتہٕ ازکل چھِ یم اُتھۍ ادارس منٛز ایڈیٹر سٕنٛدِس عہدس پیٹھ کٲم کران۔ یم چھِ انگریزی، اردو تہٕ کاشرِس منٛز لیکھان اماپوٚز شعر وننُک اوسکھ شُرۍ پانہٕ پیٹھے شوق۔ یہنٛز چھنہٕ ازتام کانٛہہ شعرِ سوٚمبرن بازر آمٕژ، اماپوٚز مختلف ادبی رسالن منٛز چھُ یہنٛد کلامہٕ چھپان تہٕ نثری نظم لیکھنس ستۍ ستۍ چھِ عام پاٹھۍ غزل لیکھان۔

کُنزُرک رنگ چھُم پھیران جسمس
مِلوِتھ شاہ چھَم جانس ستۍ

❁

اوٚبرٕ وَنس منٛز سُتہٕ کر رووٗ
تاپہٕ زٕژن منٛز میٚتہٕ کر ژھور

## ۵۷۔ ڈاکٹر فاروق فیاض

ڈاکٹر فاروق فیاضؔ (۱۹۵۴ء) زاو متھو باغوان پورِ بر برشاہ تہٕ ازکل چھُ عمر کالونی کُنٛز پورِ باغات سرینگرٕ روزان۔ کشمیر یونیورسٹی پیٹھ

کوٚ رُکھ ایم۔اے ہسٹری تہٕ ایم۔اے کشمیری تہٕ ازکل چھِ یونیورسٹی ہٕنٛدِس شعبہٕ تواریخس منٛز پروفیسر۔ فاروق چھُ نثرتہٕ لیکھان تہٕ شعرتہٕ ونان۔ یم یوٚ دوٚے تحقیقی تہٕ تنقیدی مضمون لیکھان چھِ اماپوٚز یمن چھُ کأشرِ لُکہٕ ادبُک سوٚن مطالعہٕ تہٕ اتھ شعبس ستی چھُکھ خاص دلچسپی تہٕ۔ امہِ اعتبارٕ چھےٚ یہنٛز ''زبان ادب تہٕ توأریخ'' ناوِ کتاب اکھ سنجید کأم۔ یہنٛدِ نثرٕچ خصوصیت چھےٚ یہٕ زِ یم چھِ پنٛنِ ادبی نوقطے نظر توأریخی پوٚت منظرس منٛز پیش کران۔ فاروق فیاضؔ اوس پننہِ لوکچہِ وأنسہِ پیٹھَے شعرونان یمہِ کِنی یہنٛد قلم فنی ارتقاتہٕ تخلیقی وُسجار پرٛاوان چھُ۔ یمیٚتہِ یہنٛز شأعری منٛز لولُک تٔرٕ تہٕ مزٕرتہِ وو لسنس یوان چھُ تہٕ چھُ انسأنی زندگی ہُنٛد کرب یہنٛدِس شعورس داوس لأگتھ عصری انسأنی زندگی ہُنٛد صورتِ حال شعرن منٛز باوتھ پرٛاوان۔ تِہندٮ۪ن غزل شعرن منٛز چھِ فردٕسُنٛد صورت حال اجتمأعی انسأنی صورتِ حالُک فکرانگیز صورت پرٛاوان۔ تس چھےٚ پنٛنی مخصوٗص شعرٕ زبان تہٕ اتھ زبأنی پنٛنِ مخصوص ورتاوَن وَل یُس تس پننہِ وأنسہِ ہُنٛدٮ۪ن شأعرن منٛز انفرأدیت بخشان چھُ۔

تتھ برٛمجہِ گُلس ازتہِ پھولان ماچھِ سیاہ پوٗش

یتھ برٛمجہِ گُلس جود ہراں راتھ لُنجن اوس



زوٗل تمہِ گامہٕ سبٹھاہ اوس از چھےٚ دوَے

ژأنگی ژھوٕرأدِ پتو واوژھٹل بروٗنٹھ پوٚگس

# ۵۸/ بشیر عارفؔ

بشیر عارفؔ (۱۹۵۴ء) زاو دژ وِچھن سرینگرٕ أکِس اوسود حال گرس منز۔ لوکچِہ وأنسہِ پیٹھے رؤ دا کہِ نتہٕ بیکہِ اعتبارٕ ریڈیو کشمیر سرینگرس سٟتؠ وابستہٕ۔ امہِ نشریأتی ادارٕ طرفہٕ یُس از تام سارؤے کھوتہٕ مشہوٗر "زؤنہٕ ڈب" ناوی فیچر وٗری وادن نشر سپُد تتھ منز اوس بشیر عارفؔ "نظیر لالہٕ" کردار بٔنتھ کأشرٚن ہٕندی دِل رٕٹنہ ناوان۔ یِم چھِ نثر تہٕ شأعری دوشوٕنی منز پٕنن قلم آزماوان۔ ہرگاہ کُنہِ کُنہِ ڈراماتہِ لیکھان چھِ اماپوٚز افسانہٕ لیکھُن چھُ یِہُند بُنیأدی شوق تہٕ یِہنٛز "سُہ چھُ پردٚن دوس" ناوٕ افسانہٕ سوٚمبرن واتہِ سبٹھاہ جلد بازر۔ یِم رؤدی ہندوستان چھِن مختلف ریاستن منز بحیثیتِ سٹیشن ڈایریکٹر تہٕ ازکل چھِ کمرشل براڈ کاسٹنگ سروس ریڈیو کشمیر سرینگرٕکی سٹیشن ڈایریکٹر۔ عارفؔ چھُ اکھ شوخ مزاج شأعر یِہندِس رُمس رُمس منز مزاح ودلسان چھُ، اماپوٚز یہٕ مزاح چھُ یِہنٛزِ شأعری منز طنزیہ لہجہِ پٕزاوان یُس یِہنٛزِ شأعری فنی حُسن بخشان چھُ۔ یِہندی افسانہٕ کیوٚ شأعری پٕرتھ چھُ باسان زِ یِم چھِ پننہِ سماجکی نبض شناس تہٕ پٕرٛتھ انمانہٕ چھِ پٕنن اوٚند پوٚک ژرژان تہٕ اِمکی اُوِلی زأوِلی انہار شعرن منز باوان۔ یِم چھِ نعت تہِ لیکھان تہٕ نظم تہِ، اماپوٚز غزل چھُ یِہندِس مزازس وَیان تہٕ لوکچن لوکچن بحرن منز چھِ پٕنن تجربہ باوان تہٕ پٕننٛز "دید گریان" ناوٕ شعرٕ

سۆ مبرن چھِ بازر کڈن وألی۔

یٚیمہٕ شہرٕکی کستوٗری چھ گلی زٲری
رازس مشورٕ باپتھ کھٕلی ژٲری
مجلِسہٕ منز چھٕنہٕ کانٛہہ دستارے
یتھ سبہٕ وۄدٕنی وألی گمتی ژٲری

## ۵۹۔ معراج ترکوی

معراج ترکوی (۱۹۵۴ء) زاو زِندہ شاہ صأب رعناواری تہٕ پٔنٛن لوکچارتہٕ جوأنی گُزأرٕکھأ تھی جایہٕ تہٕ ؤنی کٔبن چھِ شیشہٕ باغ الٰہی باغ برٛ ہ پورِ سرینگرٕ روزان۔ معراج صأب چھُ کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِس کأشرِس ڈیپارٹمنٹس منز خوشنویس تہٕ اتھ فنس منز چھِ یم وُنی کٔبن کلہم کأشرٕ بن خوشنویسن یہِ ڈٲپ زِ تہٕ سرس۔ اللہ تعالیٰ ہَن یُس خطأطی ہُنٛد فن یمن عطا کوٚرمُت چھُ سُہ چھُ پزی پأٹھی یہنٛدِ تخلیقی ذٕہنیتُک تہٕ یہنٛدِ اتھُک کمال۔ یمو بنأوی کیٛژٕن کأشرٕ بن کتابن ہٕنٛدی سرورق یم کُنہٕ کُنہٕ سانٛبن پیشہٕ ور آرٹسٹن تہٕ دِل تنبلاوان چھِ۔ معراج صأب چھِ لوکچارٕ پیٹھے شعر ونان تہٕ یمن چھُ شأعرانہٕ لوأ زی ماتن ہُنٛد علم تہِ بدس۔ یم ہرگاہ نظم، وژن تہٕ غزل لیکھان چھِ اماپوٚز نعت چھُ یہنٛدِس مزازس براہِ یوان۔

ژۍ ڈیشتھ نبس تارکن ئو پھُلے ئج
ژۍ ڈیشتھ جہانس زمانس وُنل ژٔج
وچھس میج پژ بتھ ڈٔدونس ئو طراوت
چھِ أسی منتظر کر تہٕ نظرِ عنایت

معراج ترکوی چھُ زندگی ہندین ورن وآری داتن تہٕ أکس ہُشارِ ذہن شاعرِ ہندی پأٹھی باوتھ دِوان۔ معراج یؤتاہ عام زندگی ہندین معاملاتن منز کم گو چھُ، تیؤتے چھُ شاعری ہندین انہارن تہٕ اطوارن منز پرگو۔ پننین أندرِمین جذباتن چھِ غزل شعرن منز الگ الگ اندازِ پیش کران تہٕ او ہند شاعرانہٕ مستقبل چھُ روشن۔

نہٕ رؤدُم دِلس منز نہٕ ووتُم وُٹھن پیٹھ
مےٚ چھُم حرفِ غم وُنہِ اویزان تتھے کنٔ



تَنہٕ تھوٗوتھ درواز پژبتھ اکھ دأر بند
یَنہٕ کُٹھس میأنس اندر گیہِ ہأر بند



## ۶۰۔ فیاض دلبر

فیاض دلبر [..........] زاومہراج گنج کِس یاراندر محلس منز تہٕ ازکل چھُ کاروبار کِس سلسلس منز دِلہِ روزان۔ یِزر چھُ یہِ زِ ۱۹۸۰ ہٕ ییس أندی پکھی یم کینہہ تانہٕ شعری آوازِ ہٕ پھاپلے یہِ، تمن منز چھُ

فیاض دلبرتہٕ شامِل تہٕ کینژَس کالس رۄز أہنز سرتازٕ آواز جدید حسبا گہی ژینن والبن ہنٛدی دِل تازٕ کران۔ اما پۆز پٔتۍ مِس الہٕ پلہٕ ڈودَس دٲلِس منز گیہ نہٕ یہٕ آواز کأنسی کنن تہٕ فیاض دلبر گوو شعر بوزن والبن تہٕ پرن والبن یہٕ دٲپِ زِتہٕ مُشی تھے۔ مگر ۲۰۰۴ یس آیہٕ اچانک یہنز ''ہارٕتس تاپس اندر'' ناوٕچ شعرِ سۆمبرن بازرتہٕ یادٕ ؤترِس آو یکدم فیاض دلبر دید مان۔ فیاض دِلبر چھُ اکھ ہُشیار ذہن شاعر یَس پننِ ربوایت تہٕ ویٚز چھےٚ تہٕ نوِ زمانکۍ نٔوی تقاضہٕ تہٕ بروٗنہہ کنہٕ چھہٕ یِمہٕ کِنز أہنز شاعری دوشونی صورتن منز اکھ مأری موٚنٛد سنگم چھےٚ۔ سُہ چھُ پننِن نظمن تہٕ غزل شعرن منز انسأنی زندگی ہنٛدِن خأرجی کیٚو دأخلی معاملن تہٕ مسلن أکس ہونرمنٛد شأعر سٕنٛدی پأٹھۍ باوتھ دِوان تہٕ دوشونی انہارن تہٕ آکارن منز چھہٕ راون تیٚول فیاض سنٛہ شعری کردارُک ماحصل۔ اہنز شأعری پِرتھ چھےٚ یہٕ کتھ عیان زِ أہنٛدِن شعرِ تجرُبن ہنز زبان تہٕ چھےٚ سرتازٕ تہٕ اوہنٛد لہجہٕ تہٕ مزازتہٕ چھُ أہنٛدِن ہم وأنسہٕ شأعرن منز منفرد تہٕ یہے چھےٚ أہنزٕ شأعرانہٕ کامیأبی تہٕ۔

بیقلیومت دِل چھُ پژاران ڈاکہٕ وأٹِس دارِ پیٹھ
رنگ برنگی اکھ لفافا ازٕ ژٕ ڈاکس منز یکھے



پٔیہٕ پۆت آنگن برٕ گۆژھ کاژھ ہأمژٕ راوُن
پٔیہٕ أسی کرٕ ہو کوچہٕ گِلس پیٹھ اکھ دربار



## ۶۱ / مشتاق مہدی

مشتاق مہدیؔ زاو ۱۹۵۲ عیسوی زآ ڑی مسجد صفا کدٔل سرینگرِ تہٕ از کل چھِ ملہٕ باغ حضرت بل روزان۔ مشتاق مہدی چھِ لوکٹہٕ پانہٕ پیٹھے شعر تہٕ افسانہٕ لیکھان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھِ ڈراما نویسی منٛز تہِ قلم آزماوان۔ یہنٛز چھےٚ اُردو افسانن ہنٛز ''مٹی کا دِیا'' ناوٕ افسانہٕ سوٚمبرن تہٕ ''نغمۂ دِل'' ناوٕ چ شعرٕ سوٚمبرن بازر آمٕژ۔ شعرن منٛز چھِ لول تہٕ زندگی ستٕ وابستہٕ مختلف احساساتن تہٕ جذباتن پننہِ عام فہم زبانٛی منٛز شعر باوتھ دِوان تہٕ وومید چھےٚ یِہُند قلم پراوِ بیٚیہٕ تخلیقی وُسجارٕ۔

## ۶۲ / شہید سلمانؔی

شہید سلمانؔی چھُ کأشرِ زبانٛی ہُنٛد اکھ ویوٚد شأعر تہٕ ترجمہٕ کار۔ شاہکار یونانٛی ''ایڈیپس'' ناوٕ کِس ڈرامہٕ ہَس چھُکھ ''ازِ لچ ہأنکل'' ناوٕ کأشُر ترجمہٕ کوٚرمُت۔ اتھ مشہور ڈرامہس بامے کینٛژ و کأشرٕ قلم کارو تہِ ترجمہٕ کوٚرمُت چھُ تہٕ شہید سلمانؔی سُند ترجمہٕ تہِ چھُ اکھ رُت تہٕ مکمل ترجمہٕ ییمہِ ستٕ یِہنٛزن ادبی تہِ لِسأنی صلأحیژن ہُنٛد پےٚ میلان چھُ۔ سلمانؔی صأب چھُ اکھ رُت تہٕ میوٚٹھ کأشُر شأعر تہٕ ''ہی تھرِ تل'' ناوٕ چ شعرٕ سوٚمبرن چھےٚ ۲۰۰۳ عیسوی ییس منٛز بازر آمٕژ۔ یِہنٛدی شعر پُرتھ چھُ باسان زِ یم چھِ پننہِ رِوایژ ستٕ اُزی کِن نوٚبن تہٕ جدید

موضوعن تہٕ اَکس رٕتس شاعرٕ سٕندی پاٹھی باوتھ دِوان ۔ یِیمہٕ ستۍ نہٕ صرف یِہنزٕن شاعرانہٕ صلاحیژن ہُند پے لگان چھُ بلکہٕ چھُ یِہندی شعر یِہنزٕن لسانی صلاحیژن ہُند نیب تہٕ ۔

لولہٕ زخمن اگر ؤنی ہێتم زانہہ مے دِنی
ٲنج مے سیٚنس اندر ناگرادن وُزنی

ٹوی تہذیبن کوٚر پٲراو
رولیس پوڈر سیٚنس ہاے

**۲۷ (الف) رعبدالغفار مجبور:** عبدالغفار مجبور زاو ۱۹۱۶ عیسوی دلال محلہٕ پتھر مسجد سرینگرٕ ۔ مجبور صاٲبس ووت ۱۹۳۱ءپیٹھ یورکُن کاشرِ شاعری منز پَتُن سفر جاری تھاوِتھ ۔ یزٕ رچھُ یِی زِ مجبور صاٲب رُو دعام پاٹھی ادبی حلقو نِشہِ اِوکنی دوٗر تہٕ کیا زِ سہٕ رُو دنہٕ اکثر پاٹھی تمن ادبی اَنجمنن تہٕ ادارن ستۍ تِتھی پاٹھی وابستہٕ یِتھہٕ پاٹھی امہٕ دورکی ترقی پسند شاعر یِمن ادارن تہٕ انجمنن ستۍ وابستہٕ رُو دی ۔ ۱۹۷۱ءمنز گوٚو مجبور صاٲب ملازمتہٕ نِشہٕ سُبکدوش تہٕ تمہٕ پتہٕ تہٕ رُو د کاشرِ شاعری منز پَتُن قلم آزماوان ، ایاپوٚ زتسنز کانہہ بٲتہٕ سوٚمبرن چھَنہٕ وُنیکتام چھاپ سپز مُژ ۔

**۳۳ (الف) رغلام احمد عابد** زاو ۱۹۳۲ء فتح کٔدل سرینگرٕ ۔ عابد صاٲب چھُ تمن شاعرن منز شامِل یِمو مہجورتہٕ آزادسنزِ شاعری نِشہٕ اثر قبوٗل کٔرِتھ کاشرِ شاعری منز پَتُن شاعرانہٕ سفر جاری تھوو ۔ عابد رُو د رِوایتی طرزس پیٹھ غزل تہٕ وژن لیکھان تہٕ گُلہم پاٹھی چھُ پننہٕ قبیلہٕ کِہن شاعرن منز یِہُند کاشرِ زبانی تہٕ ادبس اکھ رُت دیُت ۔

**مقبول ساجد** زاو ۱۹۶۹ء خوشی پورہ ایچ ایم ٹی سرینگرٕ ۔ بالہٕ پانہٕ پیٹھے ووٚتُس شعر لیکھان تہٕ یِہ چھُ سرینگرٕ کِہن نوجوان شاعرن منز اکھ وِیوٚدناو ۔ یِمو چھِہ پزٕانہن مرثی گو شاعرن ہِنزٕ اکھ درجن مرثی سوٚمبرنہٕ ترتیب دِتھ چھاپ کرِ مژٕ ۔ عام پاٹھی چھُ غزل لیکھان ۔ مثالے :

گٔے محل مسمار خابن ہندی تہٕ امکان خوٗن خوٗن
پژ بتھ تمنا شرٛوپ ژٕمینس لولہٕ ارمان خوٗن خوٗن

چونکہِ سرینگر شہرس چھُ پٔنن اکھ قدیم علمی، ادبی، ثقافتی تہٕ تہذیبی توٲریخ ییمہِ کِنہِ یہِ پزرٹا کارٕ چھُ زِ پرٛتھ دورس منٛز ؤتھی ییتہِ عاَلم، ادیب، شاعر، مفکر تہٕ داٚنشور۔ اماپوٚز تمن منٛز روٗدی کینٛہہ لگہٕ ژہتہٕ ؤترِس ویٚدی تہٕ کینٛژو پراٚو توٲریخ کہٕن ورقن پیٹھ جاے تہٕ کینٛہہ آیہِ گُمناٲمی ہٕندِس گٹہٕ ژٕلس منٛز تتھ کِنی ولنہٕ زِ یِہُند نیب نشانہٕ تہِ آونہٕ وَنہٕ۔ مےٚ کٔر پننہِ کم علمی بترِ مطاٲبق کوٗشش زِ یتھ مقالس منٛز گوٚژھ سارنٕے اہم تہٕ ویٚدِ ہن شاعرن ہُندکم کاسہٕ ذکر سپدُن تہٕ تہِ گرِتھ تہِ آسن ضرور خبر کتی ناومیاٚنس مشرف خانس منٛز پیٚمِتی۔ ووٗنی یوٚ تام ازکی کہٕن موجودٕ دورٕ کہٕن شاعرن ہُند تعلق چھُ تمن منٛز تہِ آسن کینٛہہ ناویاتہٕ راٚوِس تل نتہٕ آسہِ نہٕ میوٗن واتنیار تمن تام ییمہِ باپتھ بہٕ تمن سارنٕے ہُند معاذرت خواہ چھُس۔ البتہٕ چھُ میاٚنس ذہنس کینٛہہ نوجوان کیٛو بزرگ شاعر ویٚدی یہندِ یاتہٕ کلامہٕ دستاب سپُد نہٕ یا اوس نہٕ سارنٕے ہُند الگ الگ تبصرٕ کرُن ممکن۔ کینٛہہ بزرگ شاعر چھِ یم سید قاضی مقبوٗل، سید بشیر الدین قاضی تہٕ سید قاضی غلام احمد تہٕ امہِ علاوٕ چھِ نوجوان شاعرن منٛز (میر) رفیق ہمراز، تہٕ شبیر احمد شبیر کینٛہہ تتھی شعری آوازٕ یمن ضرور پٔنن اوبر گوبر چھُ تہٕ تہُند مستقبل تابناکھ باسان چھُ تہٕ تتھے کِنی چھُ یوسف آجر تہٕ نور نسیم ہوی شاعر سانہِ ادبی توٲریخکی حصہٕ یہُند اوحال یا کلامہٕ دستیاب سپُد نہٕ۔ انشاء اللہ سپدن یمن سارے شعری آوازٕ عوامی کیٛو ادبی سوٗتھرِس پیٹھ مقبوٗل تہٕ ینہٕ وٲلس محققس روزِ نہٕ یمن پیٹھ الگ الگ تبصرٕ کرنس چارے۔ خداے بوزِن سری نگر شہر چہِ نوِ تہٕ سرتازٕ شعری آوازٕ تہِ پھاٚپلن تہٕ کاٚشر زبان تہٕ ادب چھاوُن تہُند بہار۔ آمین۔ 

# سرینگرِ چہِ ادبی تنظیمہٕ

محفوظ جان

وُہمہِ صٔدی اَس کلہُم انسأنی تہذیبہٕ باپتھ اِنقلأبی تبدیلیَن ہنٛز صٔدی۔ اتھ صٔدی دوران یم حالات کٔشیرِ تہٕ کٔشیرِ أندی پٔکی رونماسپدی تمو بدلووٕنہٕ صرف کلہم ادبی مِزاز بلکہِ کٔرِ کھأ دیٖب تہٕ منظّم۔ کٔشیرِ منٛز اَس وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدِ آغازٕ پیٹھَے سیأسی بیدأری رسہٕ رسہٕ کاڈ کڈان تہٕ لُکھ أسی شخصی راجُک خأتمہٕ کرنہٕ باپتھ کمر بستہٕ سپدٕنۍ ہوٕان۔ ۱۹۳۱ءپیٹھٕ رٔٹ أمی جذبن تحریکہِ ہنٛز ہِش صوٗرت۔ یپأری أسی دُرٛستِس ہندوستانس منٛز تہِ غُلأمی تہٕ جأگیردأری خِلاف لُوٗکھ مُتحد سپدان تہٕ عالمی صورتِ حال تہِ اوس تیتھُے۔ روٗس تہٕ چیٖن بیترِ ملکن منٛز اوس مارکسِزم تہٕ سوشل ازمَن پرٛون سمأجی نظام مِسمار کوٚرمُت تہٕ باقی ایشیأیی تہٕ یورپی ملکن ہٕندی دانشورتہِ أسی نہٕ امہِ ترقی پسند تحریکہِ نِش مُچھِ۔ یپأری أسی مختلف مُلکن ہٕندی أدیٖب تہٕ عأٔلم عالمی جنگن ہنٛز ہولنأکی وُچھِتھ امنہٕ باپتھ کرٛ یشان۔ چنانچہ سپدی گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۳۵ءلیس منٛز پیرسہٕ مختلف ملکن ہٕندی عأٔلم یکہٕ وَٹہٕ یِیتہِ أکِس کانفرٛنسہِ منٛز سوشلزم تہٕ ترقی پسند تحریکہِ ہُنٛد لائحہ عملُک آغاز کرنہٕ آو۔ امہِ پتہٕ صرف اکہِ وُہری آیہِ ہندوستانس منٛز انجمن ترقی پسند مصنفین بارسس تہٕ یہِ اوس

ہندوستانس منز ادبی انجمن سازی ہُند آغاز۔ پانس أندی پِکی کہِ امہِ صورتحالہِ نِش ہیکہِ ہے نہٕ کأشر زبان مُچھ روٗزِتھ۔ کأشُر شأعرتہٕ اوس وارِ وارِ تصوٗفکہِ خیألی دنیا منز نبر نیرِتھ انسان تہٕ انسأنی زندگی ہُندین مختلف مسلن متعلق سوٗنچنہٕ سرنہِ لوٗگمُت۔ یپأری اوس صحافتہٕ کہِ آغازٕ ستی خیالن ہُند ترسیل آسان سپُدمُت تہٕ امہِ ستی ییٚتہٕ وادی منز سیأسی تحریک مستحکم سپز تتہِ سپز وادی تہٕ خاص کر شہرِ سرینگرس منز تہِ کلچرل تحریک شروع۔ پرٛیس تہٕ پلیٹ فارمچہ آزأدی ستی آیہِ أدیب تہٕ شأعرتہٕ نکھہ نکھہ یِمو وارِ وارِ انجمن سازی ہنز شکل اختیار کٔر۔ چنانچہ پرٛتھ تہذیبس منز چھُ شہرَے تہذیبی تہٕ ادبی سرگرمیَن ہُند گڈ آسان تہٕ کأشرِ زبأنی منز تہٕ وۄتھ انجمن سأزی ہُند دس شہرِ سرینگرس منزٕ ے۔

گوڈنِچ ادبی تنظیم یوسہٕ شہرِ سرینگرس منز بارسس آیہِ أس کلچرل فرنٹ۔ کلچرل فرنٹ سپُد ۱۹۴۹ء منز قأیم۔ اتھ فرنٹس ستی أسی تمہِ وقتکی شأعر، أدیب تہٕ باقے فنکار وابستہٕ۔ امہِ انجمنہِ دٕسی آو "کونگہِ پوش" ناوٚک اکھ رسالہِ کڈنہٕ یُس تمہِ وقتہٕ کین ادبی خیالن تہٕ ادبی رجحانن ہُند ترجمان اوس۔ ییہِ اوس گوڈنیُک رِسالہِ یُس صرف کأشرِ زبأنی باپتھ مخصوص اوس۔ کلچرل فرنٹُک تہٕ امہِ رسالُک چھُ ییہِ دِیُت اہم زِ امہِ دٕسی سپُد کأشرِ زبأنی ہنزِ تخلیقی نثرچہ صِنفہِ یعنے افسانُک آغاز۔ چنانچہ کأشرِ زبأنی ہُندی گوڈنِکی افسانہٕ "ییلہِ پھوٗل گاش" تہٕ "جوأبی کاڈ" آیہِ گوڈنچہِ لٹہٕ کلچرل فرنٹچہِ مجلسہِ منز پرٛنہٕ تہٕ پتہٕ آیہِ دوشوَے

کوٗنگ پوش رسالس منز شایع کرنہٕ۔

کلچرل فرنٹ انجمنہِ ہُنٛد سرپرست اوس دینا ناتھ ناؔدِم۔ نور محمد روشؔن تہٕ سوم ناتھ زُتشؔی آسی امہِ انجمنہِ ہندِ رسالکی ایڈیٹوریل بورڈٕ کی ممبر۔ اتھ انجمن ستی آسی یمن علاوٕ مہجوؔر، زندٕ کول، رحمان راہیؔ، پی۔ این۔ پُشپ، امین کاملؔ، حبیب کامراں، عزیز ہارون تہٕ غلام نبی عارضؔ ہوی شاعر تہٕ ادیب شامل۔ کلچرل فرنٹک دفتر اوس نمایش گاہ کِس احاطس منز۔ امہِ انجمنہِ ہُنٛد کوٗنگ پوش رسالہٕ دژ اوالہٕ پلہٕ دون ؤری یَن لگاتار۔ مگر ۱۹۵۱ء منز سپُد کینٛژھ وۄجوہاتو کِنۍ بند۔ کلچرل فرنٹ تہٕ کوٗنگہٕ پوش رِسالہٕ ڈٖیی سپز نہٕ صرف کاشرِس ادبس منز ترقی پسند تحریک عام بلکہِ آیہِ سائنس ادبس منز کینٛہہ نوِ صِنفہٕ تہٕ ہیٚژ تہٕ بارسس۔ امہِ تنظیمہِ ڈٖیی یم مجلسہِ سپد ان آسہٕ تِمو کوٚر کاشرِ ادبکہِ تنقیدُک آغاز تہِ۔ یتھٕ پاٹھی چھُ اتھ انجمنہِ کاشرِ ادبُک تہٕ خاص پاٹھی کاشرِ شاعری ہُنٛد احیایہٕ نوکرنس منز اہم رول۔

کلچرل فرنٹس منز گیہِ کینٛہہ اندروٗنی اختلاف پادٕ یمہِ کِنۍ اکھ نٔو انجمن کلچرل کانفرنس بارسس آیہِ۔ امِیُک دفتر اوس ریگل چوکہٕ کِس رایل ہوٹلس منز۔ نادم اوس امیُک جنرل سکریٹری تہٕ غلام نبی خیالؔ ورکنگ کمیٹی ہُنٛد ممبر۔

بزم ادب کشمیر ناوٕچ ادبی انجمن سپز مرزا عارف تہٕ امین کاملؔ سٕنزِ سربراہی منز قایم۔ امہِ ادبی انجمنہِ کوٚڈ ۱۹۵۲ء ہس منز گلریز ناوی رسالہٕ۔

اتھ اندر آو کأشرٕن لکھارٕن ہٕندِ باپتھ مخصوص حصہٕ مقرر کرنہٕ۔ یُتھ تِم تخلیقی تہٕ تنقیدی مضامینو علاوٕ ہ تہٕ شأعری تخلیقاتو ذریعہٕ کأشِر زبان عوامس تام واتناوَن۔ کینژٕ ووجوٗہاتو سببہٕ گوٚیہِ رسالہٕ تہٕ بند۔

شہرِ سرینگرس منز آیہِ ۱۹۵۵ءہس منز حلقۂ ادب خانیار ناوٕچ ادبی تنظیم بارسس۔ امیُک مُداتہٕ مقصد تہٕ اوس کأشرِ زبأنی ہنز ترقی تہٕ پاپر جأیی۔

۱۹۶۰ءمنز سپز کشمیر کلچرل لیگ قأیم۔ مرزا عارف اوس امیُک صدر، محمد یٰسین منظر، محمد زمان آزردہ، عبدالغفار مجبوٗر، عبدالحق برق، پروفیسر حاجنؔی، پی۔این۔ درفانؔی، پی۔این۔ کول سائلؔ آسی امِکی ممبر۔ امہِ تنظیمہِ کوٚڈ "نوٚ و کلام" ناوُک رسالہٕ۔ یمیُک صرف اکھ شمارٕ شایع سپُد۔ امہِ انجمنہِ ہُنْد مُداتہٕ مقصد تہٕ اوس کأشرِ زبأنی ہنز ترقی۔ کمہِ کألی چھ یہِ انجمن سوتان۔

۱۹۶۳ءہس منز چھےٚ آل کشمیر کلچرل سوسائٹی ناوٕچ ادبی انجمن وجود پڑاوان۔ یمیُک آرگنائزر حسرتؔ گڈھاتہٕ سیکریٹری مخمور بدخشی اوس۔ کینہہ مشأعرٕ کرنہٕ پتہٕ گواتھ تہٕ کیا ہتام وکانہٕ۔

۱۹۶۴ءمنز چھِ کشمیر کونسل آف ہسٹاریکل ریسرچ ناوٕ تنظیم بارسس یوان۔ یمیُک سرپرست ایس۔اے۔ایس قادری، صدر فدا محمد حسنین، سیکرٹری ڈاکٹر عبدالاحد، محمد زمان آزردہ، ریاض پنجابی آسی امِکی ممبر۔ کینژِ کألی پتہٕ چھےٚ یہِ انجمن تہٕ دم ہاران۔

غلام رسول سنتوشن سٕنزِ سر پرستی منز چھُ ۱۹۶۶ ءمنز کاشُر بزم ادب قایم سپدان۔ علی محمد لون، امین کامل، بنسی نردوش، مکھن لال صراف، صادق (آرٹسٹ) اوتار کرشن رہبر، محمد یوسف ٹینگ، فاروق نازکی، حسرت گڈھا، فرحت گیلانی، سجوٗد سیلانی تہٕ چمن لال چمن روٗدی اتھ سٕتی منسلِک۔ "کاشُر ادب" ناوی رسالکی کینٛہہ شمارٕ نیرِتھ گوٚیہ ۱۹۶۷ ءمنز بند۔

آل کشمیر کلچرل سوسائٹی آیہِ لگ بگ ۱۹۷۰ ءمنز بارسس یمِیُک آرگنایزر غلام احمد عابد، یُس پانہٕ شاعر اوس، امیُک دفتر اوس أہندِ گرِ دکانِ سنگین فتح کدلہِ۔ اتھ سٕتی أسی بُنیاٛدی ترقی پسند مزاز کر أدیب وابستہٕ یمن منز کامل، فراق، راہی، چمن لال چمن بیترِ تہٕ کینٛژِ کالی پتے ژھوکے یہِ۔

کاشُر ادب ناوٕچ تنظیم چھےٚ ۱۹۷۰ ءمنز غلام رسول سنتوشن تہٕ حسرت گڈھا سٕنزِ سربراہی منز بارسس یوان۔ امہِ تنظیمہِ ذٔریعہِ اوس رسالہٕ تہٕ نیران۔ امہِ تنظیمہِ تہٕ ہوروارٕ وارٕ دَم۔

کلچرل آرگنائزیشن ناوچہِ انجمنہِ سٕتی أسی محی الدین حاجنی، غلام نبی گوہر، رحمان راہی، محمد یوسف ٹینگ، رشید نازکی، محمد زمان آزردہ، مرغوب بانہالی، نشاط انصاری، مشعل سلطان پوری تہٕ شاہد بڈگامی بیترِ وابستہٕ۔ سید میر قاسم سٕندِس دورِ حکومتس دوران چھِ یہِ انجمن گوڈنچہِ لٹہِ سرینگر علاوٕ کشیرِ ہٕندین باقے علاقن ہندین أدیبن ،

دانشورن تہٕ شاعرن یکت کرِتھ کاشُر زبانہِ بر پوٗر لول بران ۔ کاشرِ زبانہِ ہندِ ترویج تہٕ ترقی باپتھ روٗز یہ واریاہ سرگرمِ عمل ۔ امہِ تنظیمہِ تحت دڑاو ۱۹۷۴ء منز کاشُر اخبار یمچ ایڈیٹر گوڑ تاج بیگم رینزو تہٕ اُمس پتہٕ بنیو عبدالغفار مجبوٗر تہٕ آخرس امین تابش ۔ اخبارِ کی لگ بگ شیٹھ شمارٕ چھاپ سپدنہٕ پتہٕ سپُد ۱۹۸۲ء منز بند ۔ اندروٗنی انتشارو کِنہ گےٚ اتھ ادبی انجمنہِ تہٕ سوے وَنن یہ پتہٕ وتہٕ باقین گےٚ ۔

۱۹۷۶ء منز چھُ "بزمِ یادگارِ اقبالؒ" سرینگرٕ وجوٗدس یوان ۔ امیُک صدر اوس مرزا عارف تہٕ صدرالدین مجاہد، حکیم غلام حسن مخموٗر، محمد زمان آزردہ، سلطان الحق شہیدی بیترِ آسی امکی ممبر ۔ وارٕ وارٕ گیہ یہ تہٕ ختم ۔

بزمِ زِندٕ دِلان تنظیم آیہِ لگ بگ ۸۰-۱۹۷۸ء منز وجوٗدس، ییمیُک صدر عبدالغفار متو اوس ۔ اِمیُک آفس اوس اُہندی گرِ دلال محلہٕ پتھر مسجدِ ۔ اتھ ستی یم اُدیب مُنسلِک آسی تِمن منز چھِ مکھن لال محو، ظریف احمد ظریف، خضر مغربی، امام الدین مخموٗر بیترِ ۔ وارٕ وارٕ آیہِ یہ تنظیم تہٕ ژھوکان ۔

۱۹۷۹ء منز سپز "کاشر سمت" ناوٕچ تنظیم رحمان راہی سنزٕ سرپرستی منز قایم ۔ امہِ طرفہٕ آو ہفتہٕ وار "سمت" ناوُک اخبار تہٕ کڈنہٕ ۔ رحمان راہی، شفیع شوق، اے ۔ آر ۔ وانی، قاضی ظہور، شوکت فاروقی، تہٕ نسیم شفائی آسی امہِ کِس اِدارِیس منز شامِل ۔ یہِ تنظیم تہٕ روٗز کاشرِ زبانہِ ترقی دِنہٕ باپتھ پیش پیش ۔

کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشرِ شعبکۍ سکالر تہٕ طالبِ علم چھِ ۱۹۸۵ءمنٛز رحمان راہی سٕنٛزِ سرپرستی منٛز کشمیری لنگوئیج فورم وجوٗدس انان۔ امہِ تنظیمہِ ہٕندی سرکردٕ رُکن اٗسۍ شاد رمضان، مرحوم جی۔ ایم آزاد، برکات ندا علی الیاس بیتر بیترِ۔ یہِ تنظیم روٗز کینٛژن ؤری ین کاشرِ زبانۍ پنٛنہٕ بنیاٗدی حق دیاونہٕ باپتھ جدوجہد کران۔ یمِیُک نتیجہ یہِ دراو زِ سرکارن کوٚر گوڈنچہ لٹہِ کاشر زبان ژورن کالجن منٛز پرناونُک حکم جاٗری۔ امہِ تنظیمہِ طرفہٕ دراو اردو زبانۍ منٛز "ہماری زبان ہمارا تشخص" ناوُک اکھ پمفلیٹ یتھ منٛز کاشرِ زبانۍ ہنٛز اہمیژ تہٕ امہِ کِہن بنیاٗدی حقوقن متعلق زانکاٗری دِنہٕ آمٕژ اٗس تہٕ یُس شہر علاوٕ گامہٕ گوم واتناونہٕ آو۔ اماپوٚز کینٛژ کاٗلۍ پتے گیہِ اتھ فورمس تہِ باقے تنظیمن ہنٛزٕ ے وَنن۔

۸۲۔۱۹۸۰ءمنٛز آیہِ آل انڈیا اُردو ہنٛدی سنگم وجوٗدس۔ یہِ تنظیم اوس نذیر احمد خان نذیر چلاوان۔ طارق بٹ، امداد ساقی تہٕ فاروق رینزو بیترِ اٗسۍ امکۍ ممبر۔ اتھ تنظیمہِ تحت اوس میگزین تہِ نیران تہٕ باقے تنظیمن ہٕندی پاٹھۍ سوتیہِ یہِ تہِ۔

سرینگر چھُ ۱۹۸۱ءمنٛز ادارہٕ ق؛ فاروق فیاض تہٕ رتن لال تلاشی، قایم کران۔ امہِ طرفہٕ دراو "ق" ناوُک رسالہ تہٕ یمکۍ ترتیب کار رفیق راز تہٕ منیب الرحمان اٗسۍ مگر اکُے شمارٕ شایع سپد تھ گو بند۔

بزمِ شعرا شہرِ خاص ناوِچ تنظیم چھے ۸۵۔۱۹۸۰ءمنٛز وجوٗد پراوان۔ امِیُک پریزیڈنٹ اوس ظریف احمد ظریف۔ آفس اوسُس

بُلبُل لنگر سرینگر۔ سجوٗ دسیلأنی، رفیق رازتہٕ غلام نبی راجہ بیترٕ آسی امکی ممبر۔ کینٛہہ کال گژِھتھ ہور امہِ اُنجمنہِ تہِ دَم۔ بزم یاران ناوٕچ آرگنایزیشن آیہِ غلام رسول ریٛنزو سٕنزِ سربرأہی منٛز ۱۹۸۵ء منٛز بارٕسس۔ امِیُک آفِس اوس گوگجہِ باغ۔ امِچ جنرل سیکرٹری آس ''تاج بیگم ریٛنزو''۔ وارِ وارِ آیہِ یہِ انجمن تہِ ژھوکان۔

''واد'' ناوٕچ انجمن چھےٚ ۱۹۸۵ء منٛز م۔ ح۔ ظفر تہٕ اقبال فہیم نہِ سرپرستی منٛز بارٕسس یوان۔ اتھ تحت چھُ ''واد'' رسالہٕ تہِ چھپان۔

۱۹۸۸ء منٛز چھےٚ ''کشمیری سٹوڈنٹس اینڈ تھنکرس'' یونین، آفاق عزیز تہٕ محفوظ جان سٕنزِ وِزأتی کوٗشِشو سٟتی بارٕسس یوان۔ کأشرِ زبأنی پٔنُن مقام دِیاوَنہٕ باپتھ تہٕ یہِ سرکأری سکوٗلن تہٕ کالجن منٛز پرناوَنہٕ باپتھ کٔر امہِ یونییَن کأفی جدوجہد۔ کینٛہہ کال گژِھتھ چھُ اتھ یونین ''باوتھ کلچرل سوسائٹی'' ناو تھاوَنہٕ یوان۔ سوسائٹی تحت دراو ''باوَتھ'' ناوُک رسالہ تہِ۔ یمکی کینٛہہ خاص شمارٕ زبردست شوٗبہِ دار چھِ یمن منٛز ''ٹینگ نمبر'' تہٕ ''کول نمبر'' قأبلِ ذِکر چھِ۔

خبر و نظر Writer's form آو ۱۵/جولایی ۱۹۹۸ء منٛز شہرِ سرینگرِ بارٕسس۔ امِیُک آفِس اوس پریس کالونی پرتاپ پارک سرینگر۔ مرحوم حکیم منظور آسی بُنیأدی طور اتھ سٟتی مُنسلِک۔ امِیُک کنوینر اوس رفیق راز، پبلسٹی سیکرٹری اوس شاہد بڈگامی۔ امہِ تنظیمہِ ہٕنٛدِس رِسالَس تہِ اوس ''خبر و نظر'' ناو۔ وارِیہس کالَس شدومدٕ سان پکنہٕ پتہٕ

ژھو کے یہِ یہِ تنظیم تہٕ۔

"للہ دید فاونڈیشن" آیہِ ۱۹۹۸ءمنٛز سرینگرِ بارسس۔ چیرمین ملک بشیر اطہرس علاوٕ چھِ اتھ تنظیمہِ داہ ایگزیکیٹو ممبر۔ امہِ تنظیمہِ کرِ واریاہ تقریبہٕ یمن منٛز ۲۰۰۰ءمنٛز "کل ہند کشمیری" قلم کارن ہنٛز دون دوہن ہنٛز کانفرنس تہِ شامِل چھے۔ اتھ منٛز نیوٚ پوٚرِ ملکہٕ کیٛو قلمکارو حصہٕ تہٕ ستی آیہِ واریہن قلمکارن اعزازتہِ دِنہٕ تہٕ کینٛہہ کتابہٕ تہِ آیہِ اجرا کرنہٕ۔

۱۹۹۸ءمنٛز آیہِ "کشمیر فاونڈیشن فار آرٹ اینڈ کلچر" ناوِچ اَکھ ادبی تہٕ ثقافتی تنظیم وجودس، یَمیُک سرپرست پروفیسر رحمان راہی، صدر گلشن مجید، وایس پرٛیزِڈنٹ شاد رمضان، جنرل سکریٹری، شجاعت بخاری، عزیز حاجنی، فاروق فیاض، مشتاق احمد مشتاق تہٕ ستیش وِمل بنیادی ممبر اَسی۔ امہِ تنظیمہِ کٔری کینٛہہ ادبی جلسہٕ منعقد۔ یمن منٛز کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس متعلق کینٛہہ مقالہٕ تہِ پرنہٕ آیہِ تہٕ اتھ ستی روٗزیہِ تنظیم عوأمی کیٛو سرکأری سوٗتھرِس پیٹھ کأشرِ زبأنی ہنٛز پاپرجأیی باپتھ کأم کران۔ یہِ تنظیم چھِ ازتہِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس پنُن حق دِیاوِنہٕ باپتھ جدوجہد کران۔ تہٕ امکی موجودٕ صدر چھِ شجاعت بخاری، وایس پرٛیزِڈنٹ شاد رمضان تہٕ سیکرٹری خورشید قریشی۔

جموں کشمیر مہجور فاونڈیشن آیہِ اگست ۲۰۰۰ءمنٛز بارسس۔ امیُک سرپرست اوس امین کامل، پرٛیزِڈنٹ صوفی غلام محمد، تہٕ جنرل سیکرٹری عزیز حاجنی، غلام نبی خیال، حکیم منظور، رفیق راز، ڈاکٹر بھوشن کول،

شجاعت بخاری تہٕ ڈاکٹر نذیر آزاد بیترِ اُسی امکی ممبر۔ آفس اوس راجباغ۔ امہِ پتہٕ گیہِ حسبِ رِوایتھ ممبرن پانہٕ وأنی اختلاف یٖمہِ کِنۍ یہِ تنظیم پھُٹ۔ مارچ ۲۰۰۴ ءہس منز آیہِ نعیمہ مہجورؔ راچ سرپرست بناونہٕ۔ پریزِڈنٹ ابدال مہجورؔ تہٕ جنرل سیکرٹری بشیر احمد ارمان۔ امِیُک آفس چھُ وونۍ ٹینکی پورِ۔ امہِ انجمنہِ ذٕسی آیہِ واریاہ تقریبہٕ منعقد کرنہٕ۔ کینٛہہ انعامات تہٕ آیہِ دِنہٕ یمن منز مہجورؔ میموریل ایوارڈ تہٕ ''خلعتِ مہجورؔ'' بیترِ شأمل چھِ۔

۲۰۰۱ ءلیس منز آو جموں کشمیر رائٹرس گِلڈ بارسس یَمیُک سرپرست ڈاکٹر فاروق عبداللہ اوس۔ امہِ ادبی تنظیمہِ ہُنٛد کنوینز اوس شفیع شیداؔ تہٕ ایکزیکٹو ممبرن منز اُسی غلام نبی فراقؔ، غلام نبی خیالؔ، محمد زمان آزردہ، شفیع شوقؔ، بشر بشیرؔ تہٕ محفوظ جان بیترِ۔ تمہِ وقتہٕ دِیُت سرکارن امکہِ آفسہٕ باپتھ راجباغس منز اکھ کنال زمین تہٕ ۳۵ لچھ روپیہِ آیہِ امچہِ بہبوٗدی باپتھ وقف کرنہٕ مگر حکوٗمت بدلنہٕ کِنۍ رُوٗد یہِ فأصلہٕ وُنیکتام فقط اکھ اعلان۔ امہِ ادبی تنظیمہِ کٔر کأشرِ زبان تہٕ ادب پھاپھلاونس منز کأفی کأم۔ اَمِیُک گوڈنیُک اہم اجلاس سپُد وزیر اعلیٰ سٕنٛزِ سرکأری کوٹھِ پٹھ منعقد تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛزِ پاپرجأیی باپتھ آیہِ کینٛہہ اہم فأصلہٕ کرنہٕ۔

بہر حال چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ سرینگرس منز وجوٗدس پنٛہہٕ واجنٛو یمو ادبی تنظیمو کٔر کأشرِ زبان تہٕ ادب پھاپھلاونس منز سبٛٹھاہ کأم۔ اکہِ

پاسہٕ گٔرکھ کاشرِ زبانہِ پنُن مقام دِیاونہٕ باپتھ بے حد کوشش تہٕ ییہٕ
پاسہٕ آیہِ یمن ادبی محفلن تہٕ جلسن منز کاشرِ زبانہِ ہُندی تخلیقی فن پارٕ پرنہٕ
یمن پیٹھ بحث تہٕ سپُد۔ نتیجہِ دراو زِ ادبی حلقو پیٹھہٕ ووت کاشُر ادب
عوامی حلقن تام۔ لہذا اچھُ یہِ وَنُن صحی زِ سرینگرٕ چہٕ یمہٕ ادبی تنظیمہٕ سپزٕ
کاشرِ زبانہِ تہٕ ادبہٕ باپتھ کارگر ثابت تہٕ ییٔنہٕ وٲلِس محقق ہِندِ باپتھ چھُ
ضروری زِ کاشرِ زبانہِ تہٕ ادبس پیٹھ کتھ کرن وِزِ مشراونہٕ سٕہ یمن تنظیمن
ہُند اہم رول۔



# سرینگرٕ کٕی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندی نامور ووستاد

معراج الدین

صوٗفیانہٕ موسیقی چھےٚ سأنی کلاسیکل classical موسیقی تہٕ، یہٕ چھےٚ سانہِ تہذیبُک تہٕ تمدُنٕچ اکھ مأری مٕنز رنبہٕ وٕنی تہٕ حسین وراثت۔ یہِ ہے چھےٚ سأنی پرٕزنتھ۔ اتھ منٛز چھِ ایرأنی موسیقی ہٕندی مقام تہٕ ہندوستأنی موسیقی ہٕنز راگ راگنِیہِ تہٕ۔ یتھ کٕنی چھےٚ صوٗفیانہٕ موسیقی سانہِ ملہٕ مشہٕ تہذیب تہٕ تمدُنُک اکھ رنٛبہٕ وُن تہٕ پرٚ یہٕ وُن آکار۔ یتھ پٮ۪ٹھ أسی یوٗت فخر کروتیوٗت چھُ کم۔ یتھ کتھِ چھُنہٕ اِنکار زِ کأشُر موسیقی ہٕنز رِوایت چھےٚ تیژاہ پرٛأنی یژ بجایہِ خود کشیرِ ہٕنز تأریخ چھےٚ۔ نیل مت پُوران موجوٗب چھِ گندرو دیوتا موسیقی ہٕند اہم ترین مأہر اوسُمت۔ قدیم تأریٖخی تذکرٕ چھِ یمہِ کتھِ ہٕنز نشاندہی کران زِ صوٗفیانہٕ موسیقی أس نہٕ صِرف کشیرِ منٛزٕے مقبوٗل بلکہِ امہِ نٮ۪برٕ تہِ تِکیاہ زِ کشیرِ ہٕندی وارِیاہ موسیقار أسی کشیرِ نٮ۪برٕ تہٕ دربارن ستۍ وابستہٕ۔ یمن منٛز سارنگ دیو ہیوٚ قأبلِ ذِکر موسیقار تہٕ شأمل چھُ۔ سُہ اوس جنوبی ہندوستانس منٛز دیواگری Devagaree راج دربارس ستۍ وابستہٕ۔ ''سنگیت رتناکر'' Sangeet Ratnakar یوسہٕ شاستریہ موسیقی پٮ۪ٹھ اکہِ اہم تہٕ مستند کتابہِ ہٕنز حیثیت چھےٚ تھاوان چھےٚ سارنگ دیو



شالیمأر باغ......صوفیانہٕ موسیقی ہنٛدی ژورووستاد یِکہٕ وٹہٕ
اُستاد غلام محمد قالین باف، محمد عبداللہ تبت بقال، غلام محمد سازنوازتہٕ شیخ عبدالعزیز

نے تصنیف کرِمژ۔

رواداأری، پانہٕ وأنی مِلہٕ ار، بأے بنٛدت تہٕ کٔشیرِ منٛز وحدت پھٕٹے سانہٕ مزاز پچ خاص پرٛزِ نتھ۔ یتھٕ پأٹھی کأشرِ ہ نوٚی نوٚی نظریات تہٕ رجحانات پاناونس منٛز کُنہٕ قسمک بخٕل ورتو ونہٕ تہٕ یتھٕ پأٹھی وِتکھ أکِس مخلوط تمدنس زنم، ٹھیک یتھے پأٹھی پاناوی کأشرِ ایرأنی تہٕ ہندوستأنی موسیقی تہِ، اماپوٚ زمزاز تھووہس خألِس کأشر۔ یتھ کتھِ تہٕ چھُنہٕ انکار زِ بروٚنٛہہ کالہٕ اوس کٔشیرِ تہٕ ایرانس، کٔشیرِ تہٕ وسطی ایشیاہس پانہٕ وأنی جان تجارتی تہٕ تمدنی رِشتہٕ۔ چنانچہٕ اکہٕ وِزِ آسی کٔشیرِ ''ایران صغیر'' ونان۔ یمن ملکن ہُندِ تمدنٕک ٹاکارٕ اثر چھُ ازتہٕ کٔشیرِ منٛز نظرِ گژھان۔ موسیقی تہِ ہیکہِ نہٕ امہِ نِش بچِتھ۔ چنانچہٕ صوٗفیانہٕ موسیقی، یتھٕ پأٹھی زَن امہِ کِہ ناوِ تلٕے ظأہر چھُ، چھےٚ اہلِ دِلن ہنٛز موسیقی یوسہٕ عام پأٹھی ''سماع'' کِس زمرس منٛز چھےٚ یِوان تِکیٛازِ اتھ منٛز چھُ یژھی پأٹھی عأرفانہٕ کلامٕے گیوٚنہٕ یِوان، یُس بوزُن تہٕ قرُبِ الٰہی حأصِل کرنُک باعث چھُ بنان۔ یوٚ دوٚے زَن صوٗفیانہٕ موسیقی شأہی دربارن منٛز پرٛتھیہِ تہٕ اتھ روٗزو زِوِزِ شأہی سرپرستی حأصِل اماپوٚ زامہِ موسیقی ہُندی سرپرست آسی اہلِ دِل تہٕ صوٗفی بزرگ۔

وُچھوَے تہٕ سلطان زین العابدین (70-1420) یُس از تہٕ بڈٕشاہ ناوی مشہوٗر چھُ، تٔمی چھُ اتھ موسیقی پھاپھلاونس تہٕ اتھ صحیح مقام بخشنس منٛز اکھ اہم کردار ادا کوٚرمُت۔ بڈٕشہن کٔر کٔشیرِ پیٹھٕ پنٛژہن

وُری یَن حکمرانی۔ اَمی سٕنٛدِ وقتہٕ اوس اَمن و امانُک تہٕ سیأسی طور استحکامُک تہٕ خوشحألی ہُنٛد زمانہٕ، یتھ منٛز علم و ادبس ستی ستی باقٕے فنونِ لطیفو بشمول موسیقی عروج لوٚب۔ بڈشاہ سٕنٛدِس دربارس منٛز ییٚتہٕ نامور عألم تہٕ فأضل اَسی، تتہٕ اَسی وسطِ ایشیاتہٕ ہندوستأنی موسیقی ہٕنٛدی نامور تہٕ ممتاز مأہر یمن منٛز مُلا عوَد، مُلا جمیل، سوم پنڈت تہٕ یٕدی بٹ قأبلِ ذکر چھِ۔ مُلا عود اوس خراسانُک تہٕ "عود" ساز وایِنَس منٛز مأہر۔ "طبقاتِ اکبری" موجوٗب اَسی بوزن وألی یہِ ساز بوٗزِتھ مدہوش سپدان۔ سوم پنڈتن اُس موسیقی پیٹھ اکھ اہم کتاب لیچھمٕژ۔ دپان بڈشاہ اوس تسنٛزِ ہتہِ "شاہ نامہٕ" بوٗزِتھ سیٹھاہ محظوظ سپدان تہٕ نبرٕ پیٹھٕ آمتین موسیقارن منٛز اَسی گوالیارٕکی موسیقار پرٕتھ وقتہٕ دربارس منٛز موجوٗد آسان۔ موسیقی ستی بڈشاہ سٕنٛز دلچسپی مدِ نظر تھأوِتھ کرٕ گوالیارٕکی رازن موسیقی ہٕنٛدِس فنس پیٹھ لیچھمٕژ کتابہٕ بادشاہس تحفہٕ پیش، یمہٕ پرٕتھ سلطان بڈشاہ سیٹھاہ متأثر سپدی۔ یمہٕ کتابہٕ آسہٕ بڈشاہ سٕنٛدِس کتُب خانس منٛز واریاہس کالس موجود۔

بڈشاہس پتہٕ رُوز صوفیانہٕ موسیقی شأہی سرپرستی حأصل، اما پوٚز تمہٕ انمانہٕ نہٕ۔ سأنی زٕٹھی تہٕ بزرگ تہٕ روٗدی اتھ لول بران تہٕ مختلف ادارو کٕر اتھ پھاپھلاونس منٛز پنُن باگہِ بوٚرُت حصہٕ ادا۔ اتھ منٛز روٗز سأنی نوجوان پُے تہٕ پننین زِٹھین شانہٕ بشانہٕ پنُن یہِ مولُل میراث رٕژھرنس منٛز پنُن کردار ادا کران۔

یہِ کتھ چھےٚ باعثِ اطمینان زِ پننٮ۪ن زٕھٮ۪ن ووستادن تہٕ موسیقارن مُقابلہٕ چھِ سأنی أزِچ موسیقار پےٚ مروجہِ تعلیمہٕ ہٕندِ زیورٕ ستی آراستہٕ تِم چھِ تعلیم یافتہٕ، سند یافتہٕ تہٕ فنِ موسیقی منٛز تربیت یافتہٕ تہِ۔ سانہِ ووستادو اوس یہِ فن پننٮ۪ن زٕھٮ۪ن نِش سینہٕ بہٕ سینہٕ حأصل کوٚرمُت۔

یہِ صوٗرتِ حال وُچِھتھ چھنہٕ مایوس گژھنٕچ ضرورت۔ اما پوٚز شرط چھُ یہِ زِ سأنی نوجوان موسیقار روزن پٔنُن پتہٕ کال نیشناوِنہٕ باپتھ امی انمانہٕ ژُکہِ تہٕ خلوصہٕ سان صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنز آبیأری کران۔

وۄنی یمو أسی اصلی موضوعس کُن۔ یمو ووستادو تہٕ موسیقارو صوٗفیانہٕ موسیقی وقتہٕ وقتہٕ پننہٕ خونِ جگرٕ ستی سگنأوی ہٕرِ چھےٚ مگر بےرحم وقتن چھِ تِم وۄنی مُشرأوی ہٕتی، یُس زمانُک دستوٗر چھُ روٗدمُت۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھےٚ پزی پأٹھی مبارک بأدی ہٕندی مستحق یمہٕ یمن ووستادن ہٕند دِیت أکِس دستاویزٕکِس صورتس منٛز محفوظ کرنُک سٕز چھُ کوٚرمُت تہٕ یٚیمہِ ستی موجودٕ ووستادن متعلق زانکأری تہِ فراہم سپدِ۔ یہِ کتھ چھےٚ وۄنی لایق یتھ مضمونس منٛز چھِ اسہِ صرف سرینگرس ستی وابستہٕ صوٗفیانہٕ موسیقارن ہٕند ذِکر کرُن مقصد۔

## خضر اعمیٰ:

خضر اعمیٰ اوس ناپینا، یُس گھاسی محلہٕ روزان اوس یٚیتہٕ ووستاد

صدیق جُو تہٕ ووستاد رمضان جُو آسی روزان۔ دپان خضر اعمیٰ ہَس اوس أمی سُندہ نیچُو اتھس تھپھ کرِتھ أکس جایہ پیٹھ بێیس جایہِ نِوان۔ دپان أمی سنزِ آوازِ منز اوس سُہ درٕد تہٕ مِٹھاس یَمہِ سٟتی بوزَن والین پیٹھ عجیب کیفیت طأری سپدان أس تہٕ پرٕ بتھ کأنہہ چشم أس تر آسان۔

أمِس ووستادس چھےٚ تالہِ پیٹھ بیٚرٕ مہارت زِ یہِ اوس پرٕ بتھ گۄن وأٹِس سٟتی اتھٕ سٟتی صحیح تالہِ ہُنٛد اظہار کران۔ یوٚ دوَے اعمیٰ صأبس صوٗفیانہٕ موسیقی پیٹھ جان دس رس اوس مگر یہِ اوسنہٕ تمہِ وقتہٕ کٲس ووستاد عبداللہ شاہ صأبس برونٛٹھ کنہٕ گۄنُک جُرت کران۔ مرحوم مُبارک شاہ فطرت صأبُن وُنُن چھُ تمو چھُ اعمیٰ صأبس پننِس لوکچارس منٛز وُچھمُت یَمہِ وقتہٕ یہنٛز عمر پانٛژھ شےٚ ؤری آسہا۔ دپان یێلہِ یَم مقام ''دھنا سیری'' گۄوان أسی۔ بوزن وأٹِس أس ہوش ہواس ڈلان۔

## استاد عبداللہ شاہ

مرحوم ووستاد عبداللہ شاہ أسی سرینگرٕ نرٕؤری Narwara محلس منٛز روزان۔ یمو اوس صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن ووستاد سلطان جُوس نِش حأصِل کوٚرمُت۔ یُس مہاراجہ رنبیر سنگھ نِس دربارس منٛز اوس پننہٕ فنُک مُظأہرٕ کران۔ دپان سُلہِ جُو اوس ووستاد رمضان جُونِہِن آباء و اجدادَن سٟتی تعلق تھاوان۔ یہِ اوس پننہِ وقتُک مشہوٗر موسیقار یمِس فنِ موسیقی پیٹھ ووستادانہٕ دست رس اوس۔ دپان ووستاد عبداللہ شاہ اوسنہٕ

تِمن محفلن منٛز شرکت کران یِمن محفلن منٛز حافظِ آسہِ محورِ رقص آسان۔ ووستاد اوس صرِف فقیرن تہٕ درویشن ہٕنٛزن محفلن منٛز گیوٚن پسند کران یِم اَسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندِس فنس پٮ۪ٹھ تیٚتھ عبور تھاوان زِیم اَسی پننہِ وقتہٕ کِہن ووستادن منٛز شامِل۔ غلام محمد قالین باف صابُن وُنُن چھُ زِ اکہِ دِزِ اَسی عبداللہ شاہ صاب گیوان تہٕ مجلِسہِ منٛز گرٕکھ تِمن مخمس (Makhmas) تالہِ منٛز باتھ بوزنٕچ فرمایش۔ تِمو بوٗزتہٕ وۄنُکھ فرمایش کرن والس تھوٚ دووتھُن، چونکہِ سُہ سپُد کھڑا تمہِ پتہٕ گرٕ یِمو اَتھی تالہِ منٛز محفلہِ منٛز باتھ پیش تہٕ کلام اوس خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ سُنٛد۔ بوزَن والین پٮ۪ٹھ سپز عجیب کیفیت طاری۔ دپان اَکس محفلہِ منٛز گیو وِتِمو "خمس الوصول Khamas-ul-wasool۔ اتھ منٛز چھُ گیوَن وول اَکی سہٕ باتس منٛز پانٛژن تالن منٛز گیوان۔ نیم دُور تال، دُورویہِ تال، یکہ تال تہِ تہٕ گُنہِ دِزِ چپ انداز تال تہِ۔ امہِ فنہٕ کہِ مظاہرٕ ستی سپدی سامعین تہٕ خصوٗصاً اہلِ علم حاران۔

عبداللہ شاہ صابن اوس پننہِ زندگی منٛز لوٗکن ووٚنمت تِمن پتہٕ گژھہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ووستاد رمضان جوٗس نِش بوزِنی۔ دپان مرنہٕ بروٚنٹھہ گیہِ ووستاد رمضان جوٗ عبداللہ شاہ صابس خبرِ۔ ووستادَن پرٛژھ رمضان جوٗس مێانہِ بُتھِ تلہٕ کیاہ چھے باسان۔ رمضان جوٗن ووٚنُس در جواب بہتری ہٕندی آثار چھِم لبنہٕ یوان۔ ووستادَن ووٚنُس در جواب

الحمد للہ امہِ پتہٕ کوٚرُن رمضان جُوس ستۍ اتھ واںساہ تہٕ رمضان جُوٚن کوٚر رخصت حاصِل ۔ امی رأژ سپدی عبداللہ شاہ وأصل بہ حق (خدا کٔری نگھ مغفرت) امہِ وِزِ اَس یہُنز عمر تقریباً شیٹھ ؤری۔

## محمد خلیل (خالہٕ صأب)

خالہٕ صأب اَسی سرینگرِ محلّہ اندرواری ، نأید کٔدلہٕ روزان ۔ تمو اوس صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن ووستاد عبداللہ شاہ صأبس نِش حاصِل کوٚر رمُت ۔ بقولِ مرحوم ووستاد غلام محمد قالین باف تمو یعنی خالہٕ صأبن چھُ ابتدا ہس منٛز صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن ووستاد رمضان جُونس برادر سُلہٕ صأبس نِشہِ حاصِل کوٚر رمُت ۔ یہُنٛد وُنُن چھُ زِ فنٕک اکھ حصہٕ چھُکھ سُلہٕ جُوس نِش تہٕ ترٛے حصہٕ خالہٕ صأبس نِش حاصِل کٔرمتۍ ۔ قالین باف صأبُن وُنُن چھُ خالہٕ صأبنۍ اجداد چھِ ایرانکی روزن وألی اَسی متۍ ۔ پتہٕ اَسی ہندوستان وأتتھ اجمیرٕ کی قوال تہِ ۔ مگر چونکہِ یم اَسی مغل خاندانس ستۍ وابستہٕ تم سُوزی وٕتکی بادشاہَن اِو موکھ کٔشیرِ تا کہ تم کرن کٔشیرِ ہٕندبن فنِ موسیقی ہٕندبن ووستادن ہُنٛزن محفلن منٛز شرکت کٔرِتھ پننِس فنہِ موسیقی ہٕندس فنس منٛز نہ صرِف مزید مہارت حاصِل بلکہِ چابک دستی تہِ ۔ مرحوم مُبارک شاہ فطرت تہٕ مولانا شمس الدین حیرت کاملی تہِ چھُ فنِ موسیقی منٛز یمن نِش فأض حاصِل کوٚر رمُت ۔ دپان خالہٕ صأب اَسی پیٹھ وسیع القلب کہِ تمو چھُنہٕ صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد

کانٛہہ تہٕ گوشہِ پننٮ۪ن ژاٹن تہٕ شاگردن ژھایہِ تھوومُت۔ مرحوم فطرت صابن دۄپ چھُ ییٚلہِ خالہ صاب مقامِ جنجوٹی یُس صوفیانہٕ موسیقی ہُنٛد اکھ مقام چھُ گوٚوان اَسی محفلہِ منٛز اَسی وجد وسرودٕچ کیفیت بوزن والین پیٹھ طارٕی سپدان۔

## امر شاہ

امرشاہ اوس گُنز کھوڑ ڈبہِ تل علاقس منٛز روزان۔ اَمی سُنٛد گرٕ اوس موسیقارن ہُنٛد گرٕ۔ امر شاہس اوس بابس عزیز شاہ ناوُک تہٕ تٔمی سُنٛد مول تہٕ اوس سازِ کشمیر وایان۔ امر شاہن ہیوٚچ ابتدا ہس منٛز ساز وایُن پننہِ ہِسے مامٕلس عزیز شاہس نِش۔ پتہٕ کوٚرن پنُن زانوٕے ادب تہہ تمہِ وقتہٕ کِس مشہوٗر سازنواز سونہٕ جُو ساز ندرس نِش تمہِ پتہٕ تٔمی ہِندِس نیچوٗس نبہٕ جُوس نِش یہِ ساز وایِنس منٛز مزید مہارتھ حاصِل۔ وننہٕ چھُ یوان زِ امر شاہ سازندرن ووے سازِ کشمیر تقریباً پنٛژٕ تاجیٚن وٗرین۔ ییٚلہِ امرشاہ مامٕلس ہٕتی ساز وایِنہِ دڑاوتمہِ وِزِ اَس اَمِس ہنٛز عمر تقریباً وٗہ (۲۰) وٗری۔ امر شاہ اوس اکثر پننِس بابس ہٕتی حافظن ہُنٛزن محفلن منٛز وایِنہِ گڑھان۔ امر شاہ سُنٛد وُنن چھُ زِ تٔمی سُنٛد مول عزیز شاہ اوس حافظن تہٕ سازِ کشمیر وایُن ہیچھناوان۔ صوٗفیانہٕ موسیقی منٛز ساز وایُن چھُ سٮ۪ٹھاہ صبر آزما، لہٰذا اوس حافظن ساز وایِنس وٗری واد لگان۔ تِہُنٛد وُنن چھُ سٮ۪ٹھاہ محنت تہٕ ریاضت کٔرِتھٕے چھُ تمو ساز وایُن

ہیوٚ پھمُت ۔ بقول مشہوٗ راد٘ب تہٕ ڈرامہ نگار مرحوم علی محمد لون، ''امر شاہ چھُ وُنی کہبن ۱۹۶۵ ءمنٛز تقریباً پانٛژہاٛ ٹھ وُہر ، یہٕ پھُس سوٗنچان اگر امرشاہ نوٗشُر یوٗ یہ پیشہِ اختیار کرنس منٛز کانٛہہ شرٕم محسوٗس کر ،ییتھ سازس کیٛاہ بنہِ ؟ یُس صوفیانہٕ موسیقی منٛز نہایت اہم تہٕ روٗحس تازٕ گی بخشن وول ساز چھُ'' ۔ یہِ کتھ پھےٚ وٕنٛز لایق زِ سازِ کشمیر چھُ صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد ساز یُس گرٕ ستی واینہِ پھُ یوان ۔ یہِ ساز چھُ آوازِ ہُنٛد پیچ وخم گرٕنچ صلاحیت تھاوان ۔ وونی ہیوٚتُن یہِ ساز اسہِ نش ختم ..............
گژھُن ۔ وُنی کہبس چھِ اونٛگجہِ ٹینڈہن گنٛز راونس برابر یہِ ساز واین وأل موجوٗد ۔ اکھ وقت اوس صوٗفیانہٕ محفلن منٛز کانٛہ ساز واین وأل فنکار أسی موجود آسان مگر وونی چھےٚ صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛز محفلہِ امہِ سازٕ بغأر ژھوٚژٕ باسان ۔ امر شاہ سپدی تقریباً ستتھ وُری عمر پژٕا وِتھ یمہِ عالمہٕ روخصت ۔ یم أسی ریڈیو کشمیرس ستی وابستہٕ ۔

## ووستاد رمضان جُو

موسیقی ہُنٛد یہِ گھرانہٕ چھُ ووستاد رمضان جُو گھرانہٕ ناوی ۔ صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن چھُ یمن واریاہو پُشتو پتھٕ یہنٛدِس خاندانس ستی وابستہٕ روٗدمُت ۔ بقولِ ووستاد غلام محمد سازنواز ، ووستاد رمضان جُونہِ خاندانٛک سِلسلہٕ چھُ ییتھ پأٹھی شروع سپدان:




ووستاد سلطان جُو آیہِ اِیرانہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ۔ ووستاد حأتی جُون فرزند سلطان جُو اوس مہاراجہ رنبیر سنگھ نِبن محفلن منز پننہِ فنٕک مُظأہرٕ کران۔ یِمہٕ محفلِہٕ آسہٕ دربارس منز پرٛتھ آتھوارِ آراستہٕ سپدان۔ ووستاد سلطان جُو اوس پٔنٛچ ہتھیأری یعنی یِم أسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدی پانژ وَے ساز یعنی سنطوٗر، سازِ کشمیر، کأشُر ستار، ڈوٚہم تہٕ طبلہٕ وایان۔ یِم ساز وایِنٛج أس

یمن بھرپور ووستادانہٕ صلاحیت۔ ووستاد سلطان جُون دِژ ژونٕی
فرزندن صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنز تربیت۔ یم أسی سبحان جُو، امیر جُو، وزیر
جُو تہٕ قاۍدر جُو۔ ووستاد سلطان جُوٗنی فرزند وزیر جُون گُر صوٗفیانہٕ موسیقی
منز اعلیٰ تربیت حاصل۔ یم أسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہُندی ساۍری ساز واتنٕچ
ووستادانہٕ مہارتھ تھاوان۔ یێلہِ تہٕ کُنہ محفلہِ منز صوٗفیانہٕ موسیقی ہُندی
باۍژ فنکار تہٕ موجود أسی آسان مگر تیٚلہِ تہٕ أسی وزیر جُو سے پیش
اندأزی ہنز دعوت دِوان۔ وزیر جُون چھُ زیادٕ تر درویشن، فقیرن تہٕ
اہلِ دِلن ہُنزن محفلن منز پنہٕ فنُک مظاہر کوٚرمُت۔ دپان أمی سندِ
گیوٗنہٕ ستی اوس اہلِ دِلن تہٕ محفلن منز حاضرن پیٹھ جنونٕچ کیفیت طاۍری
سپدان۔ تیتھے پاٹھی اوس ووستاد امیر جُو، یُس سلطان جُوٗن لڑکہٕ اوس،
کاشُر سیتارٕ تہٕ طبلہٕ وایان۔ دپان أمس اوسنہٕ طبلہٕ وایِنس منز کانٛہہ
جورٕ۔ وزیر جُو سپُد پننِس ووستاد امیر جُوس بروٚنٹھے رحمت حق۔ أمی سندِ
مرنہٕ پتہٕ لوگ نہٕ کانٛسہِ تہٕ یہِندِ گرِ سنطوٗرس اتھ۔ باوٗری گُذرنہٕ پتہٕ
دِژ ووستاد امیر جُوٗن پننہٕ نِس باپتھرس صِدٕ جُوس سنطوٗر وایُن۔ بقول
غلام محمد ساز نواز، صِدٕ جُونِس سنطوٗر وایِنس چھَ یہِ کتھ ڈٕکھِس یتھ بٔنیہ
ہَن گَنِی کڈٕنی ضروری چھےٚ۔ دپان أکِس محفلہِ موسیقی منز آسی صِدٕ جُو
گیوان تہٕ پیش اندأزی کران۔ محفلہِ منز ووٚن أکی شخصن ''وونی رُوٗد
نہٕ سنطوٗر وایَن وول کانٛہہ تہٕ'' یہِ بوٗزِتھ آیہِ ووستاد امیر جُوس کرنٹ
ہِش تہٕ گرِ وأتِتھ دُتُن پنہٕ نِس باپتھرس نِلہِ بیٹھ اویزان سنطوٗر

والُن بون تہٕ امچہِ تارٕ کرٕہن ٹھیک تہٕ وۄنُن صِدٕ جوس یتھ پأٹھی یہٕ سیتار
چھس وایان تِتھے پأٹھی وایہ ژٕ سنطوٗر۔ امہِ پتہٕ ہیچھناوک ووستاد
رمضان جوٗ صِدٕ جوٗن سنطوٗر وایُن ۔ دپان ووستاد صِدٕ جوٗس اوس سنطوٗر
واینک اکھ مُنفرد تہٕ ووستادانہٕ صلاحیت ۔ تِم أسی صاحبِ طرز ووستاد۔

## ووستاد رمضان جوٗ

ووستاد رمضان جوٗ أسی ہم عصر صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندٕ ہن ووستادن منٛز
فنی قد و قامتس منٛز اکھ سبٹھاہ تھوٚد مقام تھاوان ۔ یمن أس اللہ تعالیٰ
ہَن سُر تال تہٕ لیہٕ پیٹھ ووستادانہٕ مہارتھ عطا کٔرمٕژ ۔ پننہٕ گھرانچہِ
مخصوٗص رِوایت برقرار تھأوِتھ اپنأوِک یمو باقے ووستادن ہٕندی طرز تہٕ
صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛز ترکیبہٕ یمہٕ تہٕ یِہنٛدِس گھرانس منٛز آسہٕ ، یتھ پأٹھی
گٔری ووستاد رمضان جوٗن زبردست محنت تہٕ ریاضت صوٗفیانہٕ موسیقی
ہٕندی أوِلی تہٕ زأوِلی رموز حأصل کرنس دوران ۔ ووستاد رمضان جوٗن
چھنہٕ زانہہ تہِ حأفظ محفلن منٛز شرکت کٔرمٕژ ۔ بلکہِ أسی اکثر فقیرن ،
صوٗفین تہٕ اہلِ دِلن ہٕنٛزن محفلن منٛز پننہٕ فنُک مُظأہرٕ کران ۔ یمو اوس
صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندس فنس پیٹھ یُتھ کمال حأصل کوٚرمُت زِ یِہنٛدی
ہمعصر موسیقار أسی فخر زأنِتھ ونان زِ تِمو چھےٚ ووستاد رمضان جوٗس ستی
محفلن منٛز شرکت کٔرمٕژ ۔ فنِ موسیقی ہٕندی ووستاد مرحوم غلام محمد قالین
باف تہٕ ووستاد محمد عبداللہ تبت بقال صأحبو چھُ ریڈیو پیٹھ نشر سپدی مُتین

انٹرویوَن منز تِمن ستی یعنی رمضان جُوس ستی محفلن منز شرکت کرنک اعتراف کوٚرمت۔ تبت بقال صأبن دوٚپ پچھُ اگر نہٕ ظأہری طور تِمن کانٛہہ ووستاد اوس مگر تِمو چھُ ووستاد رمضان جُون گوٚن بوزمُت تہٕ تِتھ پأٹھی تِمن تِش اتھ فنس منز اِستِفادٕ حأصل کوٚرمُت۔

یوٚدوَے ووستاد رمضان جُون پانہٕ مُروجہِ تعلیم اُسی نہٕ پٔرمٕژ مگر عألمن تہٕ صوٗفین ہٕنزن محفلن منز اُس تِمو فارسی شعرن ہُنٛد معنہِ بوزمُت۔ یوٚدوَے کُنہِ وِزِ محفلہِ منز شعرس معنی اُسی ونان، عألم تہٕ فأضِل اُسی حأران سپدان۔

چونکہِ رمضان جُو اُسی فقیرانہٕ طرزِ زندگی گُذاران لہٰذا اُسی زیادٕ لوٗکھ یہُنٛد گیوٚن پسند کران۔ تِہنٛزِ آوازِ منز اوس دردوسوز۔

رمضان جُو اُسی ریڈیو تہٕ درویشن ہٕنزن محفلن علاوہ واریاہَن تکٔیَن پیٹھ تہٕ گیوان یِمن منز تکیہ پیر حاجی محمد صأب، سید منصوٗر، تکیہ نبر کنہٕ قلمدان پورہ، تکیہ ٹھگ بابہٕ صأب نواکدٕل قأبلِ ذکر چھِ۔ یہند گیوٚن چھُ مرحوم شیخ محمد عبداللہ، بخشی غلام محمد، مرحوم خواجہِ علی شاہ سٹور تہٕ مامہٕ صأبَن تہٕ بوزمُت۔ ووستاد رمضان جُوس نسبت چھےٚ کینٛژن لُکن ہٕنز رائے زِ اگر نہٕ تِمی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنزِ مجلِسہِ منز گیوٚہن یا وایہِ ہَن مگر تِہنٛدِ حأضری منز اُسی مجلسہِ ہٕنز رونق بڑان۔

وننہٕ چھُ یوان یِمن اُسی صوفیانہٕ موسیقی ہٕندی کینٛہہ مقام یِمن ہٕنز زانکأری باقے ووستادن اُس نہٕ۔ پیٚج باوتھ تِمو پننہٕ نِس فرزند غلام محمد

سازنوازس کرٕمُت چھےٚ۔ صوٗفیانہٕ موسیقی ہُند یہِ شمع گوتقریباً نمتھ وٕری وأنس پڑٲ وِتھ ہمیشہِ خاطرٕ ۱۹۶۸ عیسوی منٛز ژھیٚتہٕ۔

## غلام محمد قالین بافت

قاٗلین باف صاٗب چھِنہٕ کُنہِ تعارُفکی محتاج۔ یِم أسی کینٛہہ وٕری بروٗنہہ تام پننہِ فنُک مُظاہرٕ ریڈیو، ٹی۔ وی، سٹیج تہٕ درویش محفلن منٛز کران تہٕ لوٗکن ہٕندی دِل صوٗفیانہٕ موسیقی ءستی رٔنٛزناوان۔ مےٚ چھُ یِمہِ کتھِ ہُند فخر زِ بہٕ چھُس مرحومس ءستی ریڈیو تہٕ ٹی وی پیٹھ تِمن ءستی ہمکلام سپُدمت تہٕ تِمن نِش تہندِ زندگی، صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندِس فنس تہٕ تہندِ بن تجرُبن نسبت زانکاٗری حاٗصِل کرٕمٕژ۔

یِمن اوس غلام محمد ناو تہٕ قاٗلین باٗفی ہُنٛز ہونرتِ أسی زانان۔ یُہے وجہ چھُ یِہنٛدِس ناوس ءستی چھُ لفظ قاٗلین بافت جُڑِتھ۔ یِمو لوٚب أکِس مُتوسط گرس منٛز زایُن تہٕ تمہِ وقتہٕ کہِ رِواجہِ مُطاٗبق کوٚرُکھ سکولس منٛز دأخل۔ییٚتہِ یِمو صرف ژوٗرمہِ جمأژ تاں پوٚر۔ فارسی تعلیم گرٕکھ أکِس رفو گرس نِش حاٗصِل۔ ییٚتہِ یِمو گُلستان، بوستان، کریما تہٕ پندنامہٕ پٔری۔ یِمن اوس بالہٕ پانٕے گیوٚنُک شوق۔ یِم أسی اکثر گیوٚن محفلن منٛز گیوٚن بوزنہِ گژھان۔ یِہنٛدِ وننہٕ مُطاٗبق کٔر یِمو صوٗفیانہٕ موسیقی ہُند ابتدا اوستاد رمضان جُوٗنس برادر صدیق جُوس نِش۔ قاٗلین باف صاٗب أسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہُند فن ہیچھنہٕ خاطرٕ یِہنٛد گرٕ گژھان۔ یِمن

نِش کوٚ ریمو فنٕک ژورِیم حصہٕ حاصِل تہٕ باقے ترٛےٚ حصہٕ فنکٕی کٔرِکھ ووستاد خالہٕ صأب تہٕ عبداللہ شاہ صأبنہٕ نگرأنی منٛز حاصِل یم نروره روزان أسی۔

یِہنٛدِ گیوٚنٛک اندازٕ اوس نرٕل تہٕ دِلس سنہٕ وُن۔ مامہٕ صأبُن وُنُن چھُ زِ اکہِ لٹہِ أس تم خالہٕ صأبس نِش تہٕ تموٚ دوٚ پگھ زِ مقام سہہ گاٹک گُستام بأتھ بوزناوُن ژٕ پنٕن ووستادیستارس پیٹھ۔ یموٚ کوٚرحکمُک تعمیل تہٕ گیوٚکھ یہِ بأتھ اتھ تالہِ منٛز نہایت خوش اصلوٗبی سان۔ یہِ بوٗزِتھ سپدی خالہٕ صأب سبٹھاہ شاد۔ تمن اوس پننہِ جایہِ قیاس زِ مامہٕ صأبس چھنہٕ تال اتھِ یوان مگر بأتھ گیوٚتھ دِیُت تموٚ ثبوٗت زِتموٚ أس تالہِ منٛز تہٕ مہارت حاصِل کٔرمٕژ۔ یِمہٕ پتہٕ ووستادَن ووٚن زِ تمی سُنٛد شاگرِد چھُ تالہِ تہٕ سُرس پیٹھ پوٚختہٕ علم تھوان۔ بێیہٕ ووٚنُکھ تمن پتہٕ یعنی خالہٕ صأبس پتہٕ آسہِ قالین باف صأبے گیوٚان۔ مامہٕ صأبُن وُنُن چھُ تِہنٛد ووستاد خالہٕ صأب اوس تال سمجھاونہٕ خأطرٕ کاغذس پیٹھ نِشانہٕ تہٕ تالہِ ہنٛز جایہِ ضربٕک نشانہٕ ترٛاوان۔ یِمہٕ ستی سمجھُن اوس آسان سپدان۔ یتھٕ پأٹھی کٔری تمو تالہِ پیٹھ ووستادلنہٕ دست رس حاصِل۔

دپان اکہِ دوہہ اوس شالیمار حضرت فقیر میرک شاہؒ صأبنہٕ اکہِ محفلہِ سماعُک بندوبست کرنہٕ آمُت۔ اتہِ أسی ووستاد رمضان جُو، ووستاد سُلہٕ جُو (یمی قالین باف صأبنٛی گوڈنٛکی ووستاد أسی) تہٕ امیر شاہس علاوٕ مامہٕ صأب تہِ موجوٗد۔ سُلہٕ جُوَن ہیوٚت طبلہٕ وایُن تہِ تِہنٛدِس ونہٕ نَس

پٹھ کری قائلین بافت صابن سنطوٗرس پٹھ سنگت، امہِ دوہہ اوس فقیر میرک صابن صمد جوٗس فرمائش کرمژ زِہم وایَن طبلہٕ۔ قائلین بافت صابن چھُ پننہٕ زندگی منز صوفیانہٕ موسیقی ہنٛدِ فنک مظاہرٕ امیر ن، رئیسن تہٕ اہلِ دِلن ہنٛزن محفلن منز تہِ کوٚرمُت خاص کراَسی تِم ٹانکہٕ ہٕنٛدِس رِہائیش گاہس پٹھ تمہِ وقتُک فنا فی اللہ فقیر مامہٕ صاب کاوٗسہٕ ہس روزانہٕ گیوٗنہِ گژھان۔ یِم روٗدی وار یاہس کالس ریڈیو کشمیرس سٟتی تہِ وابستہٕ۔ یِم اَسی گورنمنٹ زنانہ کالج مولانا آزاد روڑ تہٕ نواکدٕل کالجس منز تہِ طالباتَن صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛز تربیت دِوان۔ یِم روٗدی ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِس تربیت گاہ صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛز تہِ سربراٲہی کران، بیٚتہِ لڑکن تہٕ کورٕن صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛز تربیت دِنہٕ اَس یوان۔

صوٗفیانہٕ موسیقی قائلین بافت صابن دِیُت مدِ نظر تھاوِتھ آو یمن ریاستی کلچرل اکیڈیمی تہٕ مرکزی سنگیت ناٹک اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ اعزاز تہٕ انعامات عطا کرنہٕ۔

یِمو چھُ ملکی تہٕ غاٲرملکی شخصیاتن بروٗنہہ کنہِ پننہِ فنُک مظاہرٕ کرِتھ تِمن نِش دادِ تحسین حاصل کوٚرمُت۔ یمن شخصیاتن منز چھِ سابق صدرِ ہنٛد ڈاکٹر راجندر پرشاد، ڈاکٹر رادھا کرشن، پنڈت جواہر لال نہرو، اندرا گاندھی، شیخ محمد عبداللہ، بخشی غلام محمد، غلام محمد صادق، سابق گورنر ایل۔ کے۔ جھا، بی کے نہرو تہٕ فاروق عبداللہ قابلِ ذکر۔

یہندٕن شاگردن منز چھِ ووستاد شیخ عبدالعزیز، محمد یعقوب تہٕ

مشتاق احمد (یہنٛدی زُری ) قابلِ ذکر۔ قالین بافت صاب اُسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدی سارِی ساز واتِنٛج مہارت تھاوان مگر آخری ایامن منٛز اُسی یِم لوٗکٹ سیتارٕ وایان۔

یمن ہتی چھُ مےٚ آخری ملاقات مرحوم مبارک شاہ فطرتؔ نِس یومِ وِصالس پتٛھ تِہنٛدِس دولت خانس پٮ۪ٹھ کوٗرمُت یٮ۪تہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛز محفل اُس تِہنٛدس یادس منٛز آراستہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ تِم اُسی یمن ایامن منٛز صحتہٕ کِنؠ کمزور باسان۔ مےٚ دوٗ پٔکھ تِمن دٕچھنؠ کِنؠ بِہنہٕ خاطرٕ تہٕ تِہنٛدِس ونہٕ نِس پٮ۪ٹھ آواسہِ دوشوٕنی فوٹو تُلنہٕ تہٕ فرموٗکھ یہِ فوٹو روزِ یادگار تِکیا زِ تِمن چھُ پنٕن پان ووٗنی پوٚژھ باسان۔ امہِ پتہٕ کینٛہہ رٮ۪تھ گژھی تھے سپدی تِم تقریباً ۹۵ ؤری وأنس پرٛاوِتھ رحمتِ حق۔ (خدا تعالیٰ کٔری تِمن مغفرت۔ آمین)۔

## ووستاد محمد عبداللہ تبت بقال

ووستاد محمد عبداللہ تبت بقال چھِ تمہِ خاندانکی چشم و چراغ یِم ہتہٕ بدہوٗ ری پٮ۪ٹھ اُسی لداخ تہٕ یارقندس ہتی پشمینہٕ تجارت کران۔ یِہنٛدی بابہٕ تہٕ پیٚتر تہِ اُسی یُہے کاروبار کران۔ تمہِ وقتہٕ کہِ رِواجہ مُطابق آیہِ یمن تہِ عربی تہٕ فارسی زبانٕی منٛز ابتدائی تعلیم دِنہٕ۔ امہِ پتہٕ آیہِ تبت بقال صاب مقامی مدرسس منٛز درج کرنہٕ یٮ۪تہِ صُبحس پرٕبرِ پٮ۪ٹھ مناجات ،حمد تہٕ نعت اُسی پرناوان۔ چونکہ تبت بقال صابس اوس خداین لحنِ

داؤ دی عطا کوٚر رمُت ، لہٰذا اُس سکوٗلن یمن پڑ ایر پرناوِنچ ذمہٕ دأری عطا کرِمژ۔ سکوٗلس منز پرنس دوران گیٚیا ویمن لوکچہِ لوکچہِ عربی تہٕ فارسی کتابہٕ پرنُک شوق۔ یِیتہِ یمن کانٛہہ پوٗنسہٕ ٹوٗنک اوس حأصِل سپدان، تتھ اُسی یم شأعری ہنز کتابہٕ مُلی ہوان۔ یہُند گرٕ اوس زیارتن تہٕ آستانن پٮ۪ٹھ حأضری دِنُک رسم پالان۔ دپان اکہِ دوہہ اوس بٹہٕ مألی صأبس ووٗرُس تہٕ محمد عبداللہ صأب نیٚوٗ پنٕنی مألی پانس ستی اوٗت۔ تتہِ اوس تمہِ وقتہِ مشہور فقیر تہٕ کأشرِ زبأنی ہُند صوفی شأعر احمد بٹہٕ وأری صأب تہِ تشریف تھأوِتھ یِیتہِ مجلسِ سماع اُس طیس پٮ۪ٹھ چلان۔ بابہٕ صأبن نیِہ تبت بقال صأب احمد بٹہٕ وأری صأبس نِشہِ تہٕ دوٗ پٮ۪کھ یمن گرِی تو دعایہِ خأر۔ تمو لوے لوٚتے تمن بتھِس پٮ۪ٹھ ٹاسا تہٕ دِژ ہس شرٕ ین بطورِ تبرُک۔

تبت بقال صأبس اوس گرس منز اکھ پیٚتر، یُس فالج زداوس۔ سُہ اوس شامن شوٗنگن وِزِ تبت بقال صأبس گلریز پرنس پٮ۪ٹھ اسرار کران یمہِ ستی تمن اوس آرام یِوان۔ مگر یہنٛدِس بابہٕ صأبس اوس نہٕ یہُند یہِ گوٚن پسند کران تہٕ اکثر عبلہٕ صأبس ٹوٗکان۔ مگر یہُند اندریم فنکار رِکتھ ہکہٕ ہا یمن امہِ نِش پتھ رٕٹتھ۔

سازِ گری پوٚرِ اوس اکھ فقیرِ خدا روزان تیٚمِس خالہٕ صأب ناو اوس۔ تبت بقال صأبس اوس پننِس اِکس دوستس دوٚشوٗنی کرٛھن منز پھیٚھر دژامُت۔ یہِ اوس درو جن ہسپتال گوٚمُت یِیتہِ اِمس اپریشن

کرُنک تجویز اوسُکھ کوٚرمُت۔ أمی دوستن کوٚر فأصلہٕ زِسہ گرٕ ھِ خالہٕ صأبس نِش تہٕ تبت بقال صأب ئیوٚکھ ستۍ۔ ییٚلہِ تبت بقال صأب توٚت وأتۍ اتہِ اوس لوٗکن ہنٛد اکھ بوٚڈ تعداد موجود۔ فقیر اوس نبر دڑامُت تہٕ کینٛژ کألی آے یم واپس تہٕ یم أسی پھیرن لأرِگتھ پُر جلال بزرگ یمن اوس شانن پیٹھ پشمینہٕ شال، کلس دستار دِتھ تہٕ نرٕ ہن روپہٕ سندی کُری لأرِگتھ۔ اتہِ یم لوٗکھ موجود أسی تِم أسی اکہِ اکہِ پیٛنٛز مصروفیات پیش کران تہٕ فقیر اوس تِمن تبرُکاً کینٛہہٕ شیرین دِوان۔ أتھی منٛز وأژ تبت بقال صأبنِس دوستس تہِ وأری تِمی تہٕ کوٚر پنُن حال بیان۔ خالہٕ صأبن کرِ یہنٛدِس دوستس شدید پٹأی ییٚمیُک یہِ نتیجہِ دڑاو کہِ أمِس لوٚگ دوشوٗنی کرٕھن منٛز پاک نیرنہِ۔ یمہِ ستۍ أمِس اِفاقہٕ سپُد۔

دوٚیمہِ دوہ ووٗن أمی سندی بیمار دوستن یمن ستۍ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ خالہٕ صأبس نِش گژھُن مگر تبت بقال صأبن کوٚر نس انکار تِکیازِ تِمن اوس أمِس خالہٕ صأبُن ماروِزِ وِزِ یاد پیوان۔ بہرحال یم دونوٚے گٔیہ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ خالہٕ صأبس نِش تہٕ حسبِ معموٗل ییٚلہِ بیمار دوستہٕ سنٛز وأری وأژ امہِ دوہہ کرُ خالہٕ صأبن تِمن شلکھ یمہِ ستۍ یمن دوشوٗنی پھیپھرن ہُنٛد گنٛد مواد خأرِج گو۔ امہِ پتہٕ سپُد یہِ صحت یاب۔ أمی حیرت انگیز واقعن بنوو تبت بقال صأب یہُنٛد معتقد تہٕ یم یعنی تبت بقال صأب روٗدی اتہِ متواتر حأضری دِوان۔ خالہٕ صأب أسی نہٕ کأنٛسہِ کینٛہہ رٹان

مگر کُنہِ کُنہِ اِسی صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنزٕ محفل معتقد کرنہٕ خاطرٕ ونان۔ لہٰذا آسہٕ اکثر اتہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنزٕ محفلہٕ آراستہٕ سپدان۔ یێتہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندی سرکردٕہ ووستاد یمن منٛز امر شاہ، محمد سلطان میر، نظام الدین (عرُف نظہٕ صأب) تہٕ قادر صأب أسی پننہِ فنک مُظأہرٕ کران یمن مجلِسن منٛز أسی تبت بقال صأب تہِ شریکِ محفل آسان۔

بقول تبت بقال صأب خالہٕ صأبنس ہجرس منٛز اوس اکھ کأشُر ساز اویزان یُس اتہِ اکثر صمد خان نأوی اکھ پُلسہٕ وول اوس وایان تہٕ خالہٕ صأبس صوٗفیانہٕ موسیقی بوزٕ ناوان۔ یتھ بدلہٕ تِم أمِس موسیقارس دعایہِ خأر کران أسی۔ یہِ وُچھِتھ گٔیہِ وتبت بقال صأبس تہِ شوق زِ تِم تہِ وایہِ ہَن سازتہٕ کرٕ ہَن خالہٕ صأبس نِش دعایہٕ خأر حأصِل۔ اکہِ دوٗہہ کوٚر تبت بقال صأبن خالہٕ صأبس گُذأرش زِ یُس ساز تِمن کُٹھِس منٛز موجود چھُ سُہ کرٕ ہَن یمن عنایت۔

خالہٕ صأبن کرٕ ہنا توقف تہٕ وۄنُنس دوٚیمہِ دوٗہہ صُبحس یُن۔ امہِ وقتہٕ تہِ أس اتہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنزٕ محفل طیس پٮ۪ٹھ۔ تبت بقال صأبن گٔر بێیہِ گُذأرش سازس نِسبت۔ جواباً وۄنُس تِمو پگاہ یُن۔ یتھٕ پأٹھی گُذرِیایہِ رہتہٕ واد۔ یتھ دوران تبت بقال صأب رۆدی سماچن محفلن منٛز حأضری دِوان۔

اکہِ دوٗہہٕ فرموو خالہٕ صأبن تبت بقال صأبس تِہنزٕ ژادرتہٕ گُرانُن کٔنِتھ تِمو پرٕ ژھُکھ کُنہٕ نٔک وجہہ، تِمو دوٗ پٔکھ در جواب سوال مہٕ کر۔

تِمن چھُ مُرشد پئنہٕ وول۔ خالہٕ صائبنِس مرِشدس اوس قأدر صأب ووٹلی گأمی ناو۔ تِم أسی ٹُنڈٕ تہٕ لنگی۔ دوِیمہٕ دوہہ سپُد مرِشد رونق افروز۔ لنگر آوسجاونہٕ، سماعچہ محفِلہٕ آیہٕ آراستہٕ کرنہٕ۔ یِمن محفلن منز أسی تبت بقال صأب تہٕ شرکت کران۔ یِہندی أکی مریدن کوٚرنوٕ ہٹہٕ محفلِ سماع آراستہٕ کرنہٕ خأطرٕ درویشس نِش اجازت طلب۔ تہٕ قأدر صأبن دِیُت نکھ اجازت مگر وۄننکھ گیوٚن وول چھُوٕ ستی۔ اِشارٕ اوس تبت بقال صأبس کُن۔ یِیلہٕ محفِل لٔج تبت بقال صأبن کوٚر گیوٚن شروع۔ أتھی دوران رٔ دی قأدر صأب تبت بقال صأبس پٔنن ژھیوٚٹ کھیٚیاوان یِمہٕ ستی تبت بقال صأبس پانس منز تبدیلی ہِش محسوٗس سپز۔ یوسہٕ واریاہَن دوہَن قأیم رُوز۔ قأدر صأبنہٕ گرٕ ھنہٕ پتہٕ کوٚر تبت بقال صأبن سیتارٕ دِنچ بیٚیہٕ فرمأیش۔ تِمو دوٗپُس درجواب ساڈٕ ژٕ روپیہٕ دِتہٕ سیتارٕ نہٕ۔ تبت بقال صأبن وۄنُس یہٕ حض اوسُس اتھ معقول قیمت دِنس تیار مگر توہہٕ چھُو صرف ساڈٕ ژٕ روپیہٕ بدلہٕ دِوان۔ امہٕ پتہٕ گرِ تِمو تبت بقال صأبس ژٔنجہٕ ژٕ ترٕے تہٕ دوٗپہس گرٕ ھِو وأیِو سیتار۔

تبت بقال صأبس اوس نہٕ گرُک ماحول اجازت دِوان کہِ تِم کیاہ نیہٕ ہَن سیتارٕ گرِ تہٕ تتہٕ وایہٕ ہَن۔ تِمن اوس اکھ یار محمد اسماعیل یُس بُڈ ھ گیر اوس روزان، یُس سماعُک شوقین تہِ اوس تہٕ پانہٕ تہٕ اوس گیوان۔ تبت بقال صأبن تھوو سیتارٕ یِہندِ یسے گرس منز تہٕ یِیلہٕ یِیلہٕ وقت اوسُکھ میلان یِم أسی اتہٕ سیتارُک سُر ٹھیکہٕ کرنچ کوشش کران۔ پٔنز

لگن، کل تہٕ محنت تھاوٕ کھ جارٕی تہٕ یتھٕ پأٹھی ہیوٚتکھ سیتارٕ وایُن ۔ امہٕ پتہٕ کٔرِکھ سنطوٗرس کُن کل ۔ سنطوٗر وایُن اوس نہٕ یِہنٛدِ خاطرٕ آسان کأم ۔ یمو اوس سنطوٗر ملی ہیوٚتمُت تہٕ اکثر آسی پننس اکس دوستس خواجہِ احمد شاہ سِنٛدِ گرِ اتھ سنطوٗرس، سنطوٗر نوازن بروٚنٛٹھ کنہِ واتنٕچ کوشش کران تِلکیا زِ اتہِ آسہٕ پرٛ یتھ جمعہ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛز محفلہٕ آراستہٕ سپدان ۔ ظأہر چھُ گوڈٕ گوڈٕ آس یمن سنطوٗر واینس تہٕ گٕوٚنس منٛز مُشکلات یوان یَمہِ خاطرٕ یمو ریاض تہٕ اَن تھکھ محنت جارٕی تھاو ۔ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛزن مجلسن منٛز آسی ووستاد صدٕ جوس تہٕ ووستاد رمضان جُوس نظر تھاوِتھ سنطوٗر چین باریک نزاکتن ہوشہِ گوشہِ سان نظر تھاوان ۔ یتھے پأٹھی کٔری یمو سُر تہٕ تالہِ ہٕنٛز تہٕ مہارتھ حأصل ۔ یودوَے یمو کأنٛسہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدس ووستادس نشہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕنٛز تربیت حأصل کرمٕژ آس نہٕ یمن اوس امہِ موسیقی ہُنٛد ذأتی شوق، یَمہِ خأطرٕ یمو کأفی محنت کرٕ تہٕ یتھٕ پأٹھی بنأوی یمو پنُن شوق رہنما ۔ صوفی موسیقی علاوٕ دِیُت یمو فنِ موسیقی اکھ نوٚو آہنگ یتھ منٛز یمو کلامِ مہجورؔ، کلام کرشن جُو راز دان نہِ لیلایہِ، شیخہٕ شرٛوکی، کلامِ لل دید تہٕ یِہنٛدی موٗلل نعت ناوٕ ہٕنٛس لایق چھِ ۔

یودوَے تبت بقال صأبس موسیقی موروثی فن موجود اوس نہٕ تہٕ گرُک ماحول اوسُکھ نہٕ اجازت تہِ دِوان ۔ لٰہذا آسی نہٕ یِم پیشہِ وربُن یرٛ ژھان ۔

یٖیلہِ ریڈیو کشمیر سرینگرس منٛز قایٔم سپُد۔ تبت بقال صاب آیہٕ ریڈیوٚہس سٟتۍ وابستہٕ کرنہٕ یمہِ خاطرٕ یمن وارِیاہ ترغیبات دِنہٕ آیہ۔ صوٗفیانہٕ موسیقی یہُنٛد دِیُت مدِ نظر تھاوِتھ آو یمن ریاستی کلچرل اکیڈیمی تہٕ مرکزی سنگیت ناٹک اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ اعزازات عطا کرنہٕ۔

## وۄستاد غلام محمد ساز نواز

غلام محمد ساز نواز چھِ وۄستاد رمضان جُوٗنی فرزند تہٕ وۄستاد صدِ جُوٗنی باپٔتھر۔ ساز نواز صابن چھُ ابتدا ہس منٛز صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن پننِس پیٚترس صدِ جُوس نِش حاصِل کوٗرمُت۔ تہٕ پتہٕ پننِس ماموٗ سٟنٛز شاگردی منٛز امہِ فنکٕ مزید زاوی جار تہٕ بارِیک یہ حاصِل کرِمژٕ۔ چونکہِ ساز نواز صاب رُوٗدی پننِس پیٚترس سٟتۍ تقریباً أٹھن نون وٕرین اتھ فنس للہٕ کھول کران، لہٰذا چھُ یہنٛدِس فنس پٔٹھ پننہٕ نہِ سٟے پیٚترٕ سُنٛد اثر درِپٹھی گژھان۔ یِم آسی امہِ رنگہٕ خوش قسمت زِ یمن اوس گرس منٛز موسیقی ہُنٛد ماحول تہٕ تہٕ رہبری تہٕ حاصِل۔ یہُنٛد پیٚترٕ صدِ جُو اوس ساز نواز صابس صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن تہٕ علم بیک وقت فکرِ تارُن یژھان تِکیاِ زِ تِمی سٟنٛدِ بن فرزندن آس نہٕ اتھ فنس سٟتۍ کانٛہہ دلچسپی۔ فن ہیچھنس یوٚتام نہٕ فنکارس رٹنس بانہٕ آسہِ، گُھنہٕ مشق آسہِ توٚتام چھُنہٕ سُہ ہیٚکان فنکار بٔنتھ۔ یِمہِ دوٚنوٚے خصوصیژٕ آسہِ یمن خدایِن عطا کرِمژٕ تہٕ کانٛفی

محنت ، مشقت تہٕ ریاض کرِتھ پننِس پہترس تہٕ مائِلس نِش حائصل اوس کوٚرمُت تمہِ فنُک ورتاو کوٚرتِھمو بہٕ احسن خوٗبی تہٕ چابکدستی سان پیش۔ یمن چھےٚ صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛزن تالن ہُنٛز ورتاوٕچ ووستادانہٕ مہارتھ حائصِل ۔ یمن چھُ خداین یہِ وصف تہٕ عطا کوٚرمُت ییمہِ کِنۍ یم چھِنہٕ سنطوٗرس سُر کرنس زیادٕ وقت لاگان۔

ییٚلہِ ساز نواز صاب محوِفن چھِ آسان تِم چھِ گیوٚنس اولین ترجیح دِوان تہٕ دوٗیم درجہِ سازن دِوان۔ امہِ ستۍ چھُ ہر حالس منٛز ساز گیوٚنس تہٕ گیوٚن واٗلس طابع روزان۔ ساز نواز صاٮ۪ب چھِ یمہِ خصوصیتکۍ مائلک تہٕ تِم چھِ صوٗفیانہٕ موسیقی گیوٚنہٕ وِزِ سنطوٗرس ہر حالس منٛز آوازِ طابع تھاوان۔ گیوٚنس دوران چھِ تِم تارن محض جنبش دِوان تاکہِ آوازِ ہُنٛز برتری روزِ قایم۔ ساز نواز صاٮ۪ب چھُ محفلہِ منٛز فارسی تیلی گیوان ییٚلہِ محفلہِ منٛز اکھ زٕ علم دوست حضرات موجود آسن تہٕ فارسی خانٕد آسن نتہٕ چھِ کاشُر باتھ گیوان۔

صوٗفیانہٕ موسیقی گیوان گیوان اگر کانٛسہِ فنکارس خاص کر طبلہٕ چہ تالہِ منٛز اوریوٗر گژھِ تِم یعنی ساز نواز صاٮ۪ب چھِنہٕ تِمن پیٹھ غوصہٕ کران بلکہِ اِشارٕ ستۍ تال درست کرنٕکۍ ہدایت دِوان۔ تِہنٛد وُنن چھُ فنکار چھُنہٕ گیوٚنہٕ وِزِ پنُن فن چھُپاوان۔ لہٰذا پزِ تِمۍ سندِ ہن ساتھی فنکارن تن دِہی سان محفلہِ منٛز گیوٚن تہٕ موسیقی ہندِ ہن تمام رموزن کُن دھیان دِیُن تہٕ یمہِ انمانہٕ ووستاد آسہٕ گیوان تہٕ وایان تمۍ طریقہٕ پزٕ تِہندِ ہن

سائتھی یَن تہِ پکُن تہِ اتھ منٛز نہٕ کُنہٕ قسمچ تبدیلی کرٕنی۔ تہنٛد چھُ مزیدوُن زِ تہُنٛد بابہٕ صأب تہٕ ووستاد اُسی پننین اصلافن ہنٛزِ وتہِ پکان تہٕ اِد پرٛووُکھ اکھ ناو۔ ساز نواز صأب چھِ وُنکین صوٗفیانہٕ موسیقی ہٕندی بُزرگ تہٕ بہلہِ پایہِ ووستاد مانہٕ یوان یم تقریباً ژتجَین ؤری ین ریڈیو، ٹی وی تہٕ محفلن منٛز پننہِ فنک مُظأہر کران روٗدی تہٕ اہلِ دِلن تہٕ فقیرن ہُنٛد دعایہ خأر حأصل کران چھِ۔ یمن چھُ یہِ فخر تہٕ حأصل زِ یمو چھَ ریڈیو پیٹھٕ صوٗفیانہٕ لیہِ منٛز واریاہ نعت پیش کٔرٕمتہٕ۔ یم سٹھاہ مقبول سپدی۔

یہِ کتھ چھےٚ وَننہٕ لایق زِ یمو چھُ تمن مقامن متعلق یمن منٛز نوروز عرب یتھ غربان تہٕ ونان چھِ، مقامِ سورٹ، مقام بہاگر، مقام کانرا، مقام دیو کندھار تہٕ مقام پنجگاہس پننِس بابہٕ ووستاد رمضان جُوس نِش یمن ہنٛز زانکأری حأصِل کرٕمٕژ۔ یمیُک تمو اعتراف چھُ کوٗرمُت۔

امہِ علاوٕ ووت یمن کوٗت کال سنگیت ناٹک اکیڈیمی تہٕ نارتھ زون کلچرل سینٹر پٹیالہ کہِ طرفہٕ گُروشش پرم پرا سکیمن تحت واریاہن نوجوان فنکارن صوٗفیانہٕ موسیقی منٛز تربیت دِوان۔ یمو چھِ پننی فرزند مشتاق احمد تہٕ اتھ فنس منٛز ٹھیک پأٹھی آراستہٕ کٔرٕمتہٕ۔ یم آزادانہ طور صوٗفیانہٕ موسیقی ہُنٛد فن ٹی۔ وی، ریڈیو تہٕ سٹیجس پیٹھ کران چھِ تہٕ سٹھاہ پُرکٔشش اندازس منٛز۔

صوٗفیانہٕ موسیقی منٛز یہُنٛد دِیُت مدِ نظر تھأوِتھ آیہ یم مرکزی سنگیت ناٹک اکیڈیمی تہٕ کالیداس اعزاز وٕستہِ تہٕ نوازنہٕ۔

# شیخ عبدالعزیز

ووستاد شیخ عبدالعزیز چھِ گاؤ کدل کِس غریب گرس منز زامتی۔ یہندِس گرس منز آسہِ موسیقی ہنز محفلہٕ آراستہٕ سپدان۔ شیخ آیہ سکولس منز تعلیم حاصل کرنہٕ خاطرٕ داخل کرنہٕ۔ ییٚتہٕ یمو میٹرک پاس کوٚرتہٕ نیٚو کھ کالجس منز داخلہٕ ییٚتہٕ یمو ایف۔اے امتحان پاس کوٚرتہٕ پتہٕ سپدی محکمہ پولیس منز بحیثیت جونیر اسسٹنٹ تعینات۔ یہندِس گرس منز آسہِ اکثر گیون محفلہٕ لگان تہٕ شیخ صأب أسی لوکچارٕ پانے یمن محفلن شُری پأٹھی بوزنہٕ بہان یَمہِ ستی یمن گوٚنگ شوق پأدٕ سپد مگر یمن اندر یُس فنکار أندری پلان اوس یَمہِ کنی یمن گوچھ ترٛیش ہُران گیہِ۔ یہِ ترٛیش ہُمر اونہٕ خاطرٕ کٔر یمو ووستاد غلام محمد قالین بافت صأبنز شاگردی قبوٗل۔ یمن رٔنش یمو صوٗفیانہٕ موسیقی ہُند فن تہٕ امِکی أوِلی تہٕ زأوِلی رموز حاصِل کٔری۔ چونکہِ یمن اوس خداین أچھن گاش دِیُت مُت تہٕ ووستادٕ سٔنز رہبری تہٕ پنُن شوق بنأو یمو اتھ فنس منز رہبر۔ کینٛژھس وقتس آیہِ یہندی خدمات انسٹی ٹیوٹ آف میوزِک اینڈ فاین آرٹس محکمس مستعار دِنہٕ ییٚتہٕ یم صوٗفیانہٕ موسیقی منز طلباتہٕ طالباتن تربیت دِوان أسی۔ شیخ صأب روٗدی صوفیانہٕ موسیقی ہٕندِس فنس منز غوتہٕ دِوان، ییمِیُک یہِ نتیجہِ درٛاو زِ یمو دِیُت "کأشُر سرگم" ناوی ترٛے ضخیم جلد Notation پننہ طرفہٕ گُلہ میوٗٹھ۔ "کأشُر سرگم" ترٛے جِلد چھِ

ریاستی کلچرل اکیڈیمی شایع کٔریٖتی۔ یوسہٕ پٔزی پأٹھی تھکنٕی لایق کأم چھےٚ۔ شیخ صأب أسی ریڈیو کشمیرتہٕ مختلف یٖتھکن پٔٹھ پنٕنہِ فنٕک مُظأہرٕ کران۔ یمو چھُ امہِ علاوٕ ریاستس تہٕ مُلکس تہٕ امریکہس منٛز تہِ پنٕنہِ فنُک مُظأہر کوٚر رمُت تہٕ بوزَن والیٚن نِش داد حأصِل کوٚر رمُت۔ یِہندٕ ہن شاگردن منٛز چھِ محمد یعقوب شیخ، پروفیسر محبوبہ وانی تہٕ مسٹر جوزفMr. Josephیُس امریکہ ہُک روزن وول اوس۔ أمی بلأوی یِم امریکہ یِتہِ یِمو صوٗفیانہٕ موسیقی پٔٹھ توسیعی لیکچر تہِ دِتی تہٕ پنٕنہِ فنُک تہِ کوٚر رُکھ مُظأہرٕ۔

صوفیانہٕ موسیقی ہُنٛد دِیُت نظرِ تل تھأوِتھ آو یمن مرکزی سنگیت ناٹک اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ قومی سوٚتھرس پٔٹھ اعزاز تہِ دِنہٕ۔ یہ کتھ چھےٚ وٕنٕی لایق زِ یمو چھُ سرگرم ژورِیم جلد تہِ ترتیب دِیُت مُت یُس یِہندِ مرگہٕ پتہٕ شایع سپدِ تھأ کس پُروقار تقریبہِ پٔٹھ اجرا آو کرنہٕ۔ یِم أسی سبھاہ لولہٕ بٔرِتی، نیک دل تہٕ مہمان نوازتہِ۔ أخری ایامن منٛز اوس یمو ریڈیو گژھُن ترک کوٚر رمُت، تِمکی کیاہ وجوہات أسی تہِ چھنہٕ خبر۔ یِم سپدی تقریباً ستتھ وٕری وأنٛس پٔزأ وِتھ ۲۰۰۶ عیسوی منٛز رحمتِ حق۔ (خدا کری نِکھ مغفرت۔ امین)



# مأرکول

بشیر اختر

مأرکول چھے سرینگرس منز کوہِ ماران تہٕ ویتھِ منزٕ باگُک حصہٕ سگہٕ وَن واجینٛز سو کول یَتھ زٕ درجن پیٹھی شاخ آسی۔ مأرکولہِ ہُنٛد آگُر چھُ جنوب مغرب طرفہٕ رامہٕ ڈٕچھ بال تہٕ بجہِ ناوَن مرگہِ ہُنٛد مشہوٗر سر، ''مارسر'' ماننہٕ آمُت۔ آگرٕ نیرِتھ چھُ اَتھ کولہِ گوڈٕ ننتھے ڈگوَن نالہٕ رلان۔ یُس حسن کھویہامی سِنٛدی وننہٕ موجوٗب ۵۳۲، قبل مسیح منز راجہِ بُک سِنٛدِ وقتہٕ کھننہٕ چھُ آمُت۔ مأر ہُنٛد آب چھُ دأچھ گام رکھِ منزی نیرِتھ ہأروَن سر بنٛدس منز جمع سپدان یتہِ پیٹھٕ اَمیُک اَکھ حصہٕ شہرس نلکو ذریعہ سوزنہٕ چھُ یوان۔ ہأروَنہٕ بٕرٛونٛہہ پہن چھے اَتھ بیٚیا کھنہر جہانگیر سِنٛدِ وقتہٕ شالہِ مأرتام کڈنہٕ آمٕژ یوسہٕ پتہٕ آصف جاہَن نشاط باغ واتہٕ نأو۔ اصلی مأر چھے ہأروَن ڈٕچھنی تیل بل نمبلہِ منزی پکِتھ جبکھ علاقس ڈٕچھنی کھوورِ مختلف جوین ہنزِ شکلہِ منز ڈلس منز وسان۔ مغربہٕ کہِ طرفہٕ ڈلہٕ نیرِتھ چھُ یہِ آب دون حصن منز بأگرنہٕ یوان۔ اَکھ حصہٕ چھُ ژونٹھی کولہِ کنی نیران یُس پتہٕ مایسمہِ نزدیکھ دُنٛج گاٹھس نکھٕ ویتھِ منز وسان چھُ تہٕ بیٚیا کھ حصہٕ چھُ ناوٕ پوٗری کٕدلہٕ تلی نیرِتھ خوجہِ یارٕ بل نکھٕ بڑارِ نمبلہِ اَژان۔ ڈل ڈٕہس تل آیکی یم زٕ شاخ چھِ

کلھن ہِنٛدٕ اَنٛد از مؤجۆب راز پٔرٛوَرسین دوٚیم ہِنٛدٕ وَقتہٕ گاٗمتۍ ییٚلہٕ کھوڑ بَلہٕ پیٹھٕ درو ٚجن گھنَس تام ژۄٚٹھۍ کولہٕ سۆتھ لۆگ۔ برٛارِ نمبلہٕ ہُنٛد آب اوس ژوٚدأہمہٕ صٔدی تام بُڈی یار، گاکھَن تہٕ ڈَل حسن یار علاقو مَنٛزی ترٛ بن جایَن وٕیتھِ ہٕتۍ رَلان۔ بڈٕ شاہ ہِنٛدِ وَقتہٕ آیہٕ یمہٕ ترٛ یٔشوَ ے لٔنٛجہٕ بَنٛد کرنہٕ تہٕ مأر آو بابہٕ ڈٕمبٕ پیٹھٕ آنچارَس تام نۆو شاخ کَڈنہٕ۔ بڈٕ شاہ ہِنٛزِ بَناوِمٕژ اَتھ نہرِ چھےٚ تِمَس پتہٕ واریاہو بادشاہَو الگ کولہٕ گٔجہٕ مَژٕ یمَو أنٛدرٕ خانیار کول، دولتھ کول کاوڈأری کول تہٕ تارٕ بَل کول قأبلِ ذِکر چھےٚ۔ مأر ہُنٛد یوہے حِصہٕ چھُ اَزکَل ''نالہ مار'' ناوٕ مشہوٗر۔ لگ بگ دوٗن ہَتھ میل زیٛٹھ یہِ کول تہٕ امہِ چہٕ لٔنٛجہٕ آسہٕ دۄیَو بڈٕ ہوٚسر وتہٕ پانژٕ نمبلو مَنٛزی گُزران۔ آنچارٕسرٕ مَنٛزی نیرِتھ چھِ مأر ہِنٛدی اکثر شاخ اژھن تہٕ شالہٕ بُگ نمبلہٕ مَنٛزی پکِتھ شأدی پوٗرٕ وٕیتھِ ہٕتۍ رَلان۔ شأدی پوٗر واتنہٕ برٛوٚنٛہہ چھُ اَتھ کولہٕ بَٹہٕ پوٗر سنگم جایہٕ ڈَب وۄگر طرفہٕ ییٚنہٕ واجنہِ سیٚنٛدٕ ہٕتۍ سنگم سپدان۔

''مأر'' یا ''ماری'' لفظُک ذِکر چھُ سارِوٕ ے برٛوٚنٛہہ جون راج تہٕ شُری وَر ہِنٛزَن کِتابَن مَنٛز یِوان تہٕ کلھَن چھُ مأر بَدَل لفظ ''مہاسرت'' لیکھان۔ نیل مت پوٗرانس مَنٛز چھُ تیِل بَل نالَس ''مہوری'' وَننہٕ آمُت۔ کأشرِ ڈکشنری مَنٛز چھُ ''مار'' لفظُک آگر ''مہاسر'' دِنہٕ آمُت۔

فارسی کِتابن اَنٛدر چھُ امہِ کولہٕ ہُنٛد ناوٕ یِ تشریح کٔرِتھ درٕج

کرنہٕ آمُت زِ چونکہِ یہِ کول چھےٚ ئلِ ئلِ وَسان تَوے چھُ اَتھ نالہ مار یعنے سَرُ پھ ہِش کول ناو۔ انگریزی عالمو کوٚر اَتھی لفظس Serpent Canal ناوٕ ترجمہٕ۔ لفظ "مارٕ" چھُ پرٛزی کِنۍ "مہاسرت" منٛزٕ درٛامُت؟ اَتھ متعلق چھُ آرل سِٹائینس تہٕ شکھ۔ لسانی اعتبارٕ تہٕ چھُنہٕ اَچھ وَکھنے بہٕنۍ لایق۔

کاشرِ زبانۍ منٛز چھِ "مارٕ" کولہِ تہٕ وِنان تہٕ مَرگہِ تہٕ۔ مِثالے نمو أسی مارسَر کُے آگر۔ اَتھ سَرس أندی پکھی چھُ وُنہِ تہٕ کینٛژن مَرگن "مأرٕ" لفظے پوٚت لوٚگ۔ ووسترٕ وَنس پوٚری اَندٕ چھےٚ "پوٚتی مأرٕ" تہٕ نارستان مَندرَس سیٚدسیٚو دبالہِ تنتائلس پیٹھ "خانہٕ مأرٕ" زبروَن بالس بونہٕ گنہِ علاقہٕ چھُ "شالہٕ مأرٕ" ناوٕ اَزتہِ زیوٚ پیٹھ۔

"شالہٕ مأرٕ" أسا کُنہِ وَقتہٕ مرِگ تتھ متعلق چھُ حسن کھوئیہامی سُنٛد بیان زِ "مورخن ہِنٛدِ وَننہٕ موٗجوٗب اوس اَزکالُک ڈَل پرٛانہِ زمانہٕ اَکھ بوٚڈ صُحرا ایتھ وِتالنۍ مرگ وَنان أسی۔ یہِ کتھ چھےٚ ڈَلُک گُلھم واٹرٛر وُچھِتھ صحیح باسان۔ سِوائے ڈَل کٹوال چھُ اَتھ سأری ہے سَرَس واٹرٛر سبٹھاہ کَم۔ بیا کھ گتھ چھےٚ اغلب زِ لفظ "مارسَر" آسہِ "مأرسَر" لفظس سنسکرت یا فارسی عالمن ہِنٛدِ ذٕسی صِرف اَوے موکھہِ سَپدمُت زِ یمَن زبانَن اَندر چھُنہٕ "أ" اعراب، ہرگاہ یہِ کتھ مانوتیلہِ چھُ مارسرُک اصلی ناو "مأرسَر" مأرہُنٛد سَر یعنے مرگہِ ہُنٛد سَر۔ لفظِ ڈَل تہِ چھُنہٕ کُنہِ طریقہٕ کاشرٕ زبانۍ منٛز سرُک باسِ دِوان۔ یہِ چھُ اَتھ خاص ناو

Proper Name تہٕ سرٕ بجایہِ چھُ وُنہٕ تہٕ یہِ لفظ خوشکھ زٕمینہٕ باپتھ استعمال کرنہٕ یِوان۔ مِثالے موٗنگہٕ ڈَل، داں ڈَل، مکایہِ ڈَل بیترِ۔

مأرتہٕ اَمہِ چہِ مختلف لٔنجہِ آسہٕ شہرَس زٕلرِی زأج ہٕنٛدی پأٹھی ژووایأری پھٔہلتھ۔ ڈُلک سورٕے پأداوار اوس مأر کولہِ ہٕنٛدِ ذریعہِ شہرِکس لگ بگ پرٕ بتھ برَس تَل واتان تہٕ سڑکہٕ نابوٗد آسنہٕ کِنۍ اُس یہِ آمدورفتُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ذٔریعہ۔ سرینگرِ چہٕ اکثر مَندورِ، اَستان تہٕ مَنٛدَرچھِ مأر بٔٹھی ہِیے پیٚٹھ آباد۔ مارسَرٕ پیٚٹھ شأدی پورتام آسی اَتھ ہَتہٕ پیٚٹھی کٔدلِ یِموٗ منٛزٕ کینٛژن ہُنٛد طرزِ تعمیر قابلِ توجہہ چھُ۔ اکہِ ٹھٔٹھِ پیٚٹھ دوٚیمِس ٹھٔٹھِس تام چھِ کٔدلَن گُنٛبد چالہِ محراب تہٕ منٛزَس تھزَر آسنہٕ کِنۍ چھےٚ سڑکھ ٹاہر۔ اکثر کٔدلَن چھےٚ دُطرفہٕ وانہٕ لأن تہٕ ویٚنۍ ہِنٛدِ وَننہٕ موٗجوٗب آسہٕ پَچہٕ کٔدلَس دوشوٚے اَنٛدَ وٚدِچھِ رأٹھ الأنٛزٕ۔ شاید چھےٚ یہِ وأدی منٛز وأحد کول یَتھ فرشَس سیرِ وٕہرتھ چھےٚ۔

مأرِ بٔٹھس پیٚٹھ آباد کینٛہہ مَحلہٕ چھِ رٔنی وور، ناوپوٗر، میشاصأب، شہلہٕ ٹینٛگ، باغِ دِلاوَرخان، بُلبُل لنکر، چھرٕ بَل تہٕ اَتھ کولہِ تارنہٕ آمتۍ کینٛہہ کٔدل چھِ گأو کٔدل، برَبرشاہ، رام مُنشی باغ سأدِ کٔدل، بُہری کٔدل، صراف کٔدل، رازے کٔدل (راجوری کدل) کأدی کٔدل تہٕ کاوِ ڈأری کٔدل بیترِ۔ یِموٗ أنٛدرٕ اکثر کٔدل بڈشاہ زین العابدینن تہٕ تٔسِ پَتہٕ یِنہٕ والیوٗ حُکمرانوٗ تعمیر کٔری متۍ چھِ۔ کلہن چھُ ناوپوٗرِس نزدیکھ اکہِ کٔدلُک ذِکر کران لیکھان زِ بیروٗنی حملہٕ ونہٕ اوس یہِ وٕٹہِ یِوان تہٕ شہر

اوس دُشمنَس نِش محفوٗظ روزان۔ مأربوٗٹھ یامأربل چھُ ہِند وعہدَس

مَنٛز متبرک گنٛزرَنہٕ آمُت۔ مَنکہِ پنڈِت چھُ دُنٛج گاٹھَس تَل مأرتہٕ

ویٚتھِ ہِنٛدِ سنگمُک ذِکر کران لیکھان زِ اَتھ جایہِ اوس اَکھ بوٚڈ تیٖرتھ۔

ڈوٗگر راجس تام اُس اَتھ جایہِ شہرٕچ سارِوے کھوتہٕ بڈٕ آورینٛز تہٕ

وانٛژ رتہٕ کھجر کَم آسنہٕ کِنۍ چھُ مأرِ وٕری یَس صِرف اُٹھَن رٚتَن

آب روزان اوسمُت تہٕ وَقتہٕ وَقتہٕ پازنہٕ کرنہٕ کِنۍ چھُ شہرُک سوٗرے

ژھوٚٹھ اَتھی کولہِ اَنٛدرٕ جمع گژھان روٗدمُت یمہِ کِنۍ وٕری وادٕو پیٹھ

یہِ خوٗبصوٗرت کول آبادی باپتھ حِفظانِ صیٚحتُک مَسلہٕ بَنیٖ یہٕ۔

۱۹۷۰ عیسوی یَس اَنٛدرٕ رآوامہِ کولہِ ہُنٛد سُہ حِصہٕ پُروَنُک اَوے

کِنۍ فأصلہٕ کرنہٕ یُس بڈشاہ زین العابدینن تہٕ تَس پَتہٕ یِنہٕ والیو بادشاہو

تعمیر کوٚرمُت اوس۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۱)

کتاب نامہٕ:

*Vigne
*Hassan: Tareekh



# شالہٕ باغ

مجید عاصمی

شالہٕ باغ اوس شہرِ سرینگرس منز خانیار میر مٔشیدِ تہٕ تھونگہٕ محلس درمیان۔ یہِ باغ اوس ثقافتی لحاظہٕ کأشرٕن ہندِ باپتھ سوے اہمیت تھاوان یوسہٕ اہمیت بادام وارِ آس۔ یہِ شٔوبہٕ وُن باغ اوس کأشرٕن ہنٛدِ آسأیشہِ باپتھ مہاراجہ رنبیر سنگھنِس وقتس (۱۸۹۷ء) منز نامور أمیر خواجہ ثناء اللہ شالن بناونو وُمت۔ اتھ اوس ژۄ نوٕنی پاسن مہارأجی سیرٕن ہنٛد پوٚختہٕ دیوار دِتھ۔ یتھ منز مغرب اَنٛدِ مہارأجی سیرٕن برٕ زٕ پٔش دِتھ اکھ بوٚڑ تعمیر اوس۔ یتھ تَمہِ وقتہٕ شالن ہُنٛد محل خانہٕ ونان أسی۔ اتھ محل خانس أس أندری کنٕ سأری سیٹھاہ نقش نِگأری تہٕ نٕبری کنٕ روزن کأری کٔرِتھ۔ امہِ تعمیرٕچ ڈیڑی چھےٚ وُنی کینٛہہ تہٕ امہِ کِس مغربس منز محرأبی چالہِ موجود یوسہٕ مہارأجی سیرٕن تہٕ دِوٕ دأری لٔکرِ ہٕنز بنأوِتھ چھےٚ۔ یہِ ڈیڑی چھےٚ ۱۱ رفُٹہٕ چوٗرُس تہٕ اتھ چھِ دوٕن اندن پیٹھ زٕ ژٕ ینٛی استادٕ یِم ترٛےٚ فُٹہٕ لیپٹہٕ چھِ۔ اتہِ اوس اکھ چاہ تہِ یتھ أنٛدی أنٛدی مہارأجی سیرٕن ہٕنز لبہٕ کھأرِتھ آسہٕ تہٕ یِمہٕ منٛز باغس سگ دِنہٕ باپتھ ارہٹھ ستی آب کھالنہٕ یوان اوس۔ أتھی ستی اوس اتہِ اکھ تلاوتہِ یتھ منز نشاطتہٕ شالمأر باغکی پأٹھی فموارٕ آب ژھٹان أسی۔ اتھ بروٚنٛہہ کنہِ

اوس ۲۰ فٹہٕ چورُس دِوِری کنٮ۪ن ہُنٛد اکھ بوٗبُل (حوض)۔ یتھ منٛز تلاوِ باپتھ آب جمع روزان اوس۔

شالہٕ باغس منٛز آسہٕ بےشمار یاسمن تھرِ یٚیمہٕ کنٛہ اتھ یوسمن باغ تہٕ ونان آسی۔ یاسمن پھلیہِ دوران اوس اتھ باغس منٛز خوشوٗن مالہٕ لگان یتھ منٛز دور دراز علاقو پیٹھہٕ لۆکھ گاڑی کھیٚنہٕ کیٚتھ گندنہٕ، بچہٕ نغمہٕ وُچھنہٕ، چھکر تہٕ صوٗفیانہٕ گیوٗن بوزنہٕ یوان آسی۔

أتھی باغس منٛز آس شمالہٕ انٛدٕ شاہ جہاں سٕندِس عہدس منٛز (۱۶۲۶ء۔ ۱۶۱۸ء) عاقل میرن اکھ مٔشید تعمیر کٔرمٕژ۔ یتھ تھوٗنگہٕ مٔشید ونان آسی۔ کیٚنہہ کال پتہٕ گیہٕ یہٕ مٔشید بلکل مُنہدم تہٕ اچھ خستہٕ حالت وُچھِتھ کٔر یہٕ مٔشید ۱۸۹۷ء منٛز دُبارٕ خواجہ ثناءاللہ شالن تعمیر تہٕ أتھی ستی آو دِوِری کنٮ۪ن ہُنٛد اکھ حمام تہِ بناونہٕ۔

## کتابیات:

شال باغس متعلق زانکٲری خٲطرٕ چھُس یہٕ یمن شخصن ہُنٛد سبٕٹھاہ مشکور: (۱) خواجہ غلام جیلانی شال (۲) غلام رسول سورمہٕ (۳) کشیر، حصہٕ اول، دوٚیم (۴) حاجی عبدالرحمٰن جندٕ۔

(مجید عاصمی)



# بادام وٲر

میر نوشین نگہت

بادام چھُ کشیرِ ہُنٛد اکھ کَنٛجہِ دار میوٗٹھ میوٗ یَتھ کَنٛڈ پھٹِرتھ گوٗج نیران چھےٚ۔ بادام وٲر چھِ تتھ باغَس یا وارِ وَنان یَتھ بادام کُلۍ رُوِتھ آسَن۔ بادام کُلن چھےٚ پھُلَے اِژِ وِنہِ سوٗنتہِ لگان۔ بادام پھُلَے چھےٚ چھیرِٕ گولٲبۍ تہِ آسان تہٕ سَفید تہِ۔ سری نگر شہرَس مَنٛز تہِ چھےٚ اکھ جاے بادام وارِناوِ مَشہوٗر۔ اَتھ جایہِ اوس اَز برٛونٛہہ کٕمے کینٛہہ ؤری ہارِپَر بَتہٕ کِس دامنَس تَل بادام کُلو سٟتۍ ٹِپتھ اکھ باغ یَتھ ''بادام وٲر'' وَنان ٲسۍ۔ کینٛہہ ؤری برٛونٛہہ ٲسۍ شہرٕکۍ لوٗکھ تور بادام پھُلَے چھاونہِ گژھان۔

کشیرِ چھےٚ پَنٕنہِ قوٗدرتی مٲری مَنٛزرِ موٗجوٗب پٕتہٕ وَتھ موضوٗعِ سوٗخن روٗزمٕژ۔ تہٕ کٲشُر قوم اوس اَمہِ مٲری مَنٛزرُک قَدِردان تہٕ عاشق ماننہِ یِوان۔ وُہِمہِ صٔدی یہِ ہِنٛدِس اَلہِ پلہٕ دوٗیِمِس نصفَس دوران ییٚتہِ کشیرِ ہُنٛد فِطری حُسن بےقَدری ہُنٛد شِکار سپُد تتہِ گےٚ کٲشری لوٗکھ تہِ پنہٕ نٕنن دوہ دِہنہٕ کَہن دولابَن مَنٛز تیٖتی آوری زِ تِمن زَنتہٕ رٲوٕ پَنٕنۍ حُسن شِناس نَظرٕ ے تہٕ زَنتہٕ گوکھ مٲری مَنٛزرٕ رٕژھراونُک ظوٗنے مُرتھ۔ اَمہِ بَد حٲلیہِ ہُنٛد اکھ اَفسوٗسناکھ وٲری داتھ چھُ کشیرِ ہٕنٛزٕ بادام وارِ ہُنٛد

غاب گژھن۔ توے تہٕ چھُ اَتھ وأری دأتِس پیٹھ أزِ تیٚک اَکھ مُعاصر قلمکار بادام وارِ مُتلِق کھُلہٕ پأٹھی پننہٕ زان تہٕ تاثُر بیان کران:

بادام وأر (یا ژھوٚٹرِتھ بادم وأر)---- أزی کہِ نِشہِ مَحض پنژاہ پنژٕ وُنزاہ وٕری برٛونٛٹھی مہِ ماجہِ کٔشیرِ ہنٛزِ کوچہِ منٛز اَکھ ٹھوس حُقیقتھ، اَکھ نظر فریب موٗسمی جیٚشنہٕ ---یعنے بَس اوتٕرٕ اوترُک اَکھ واقعی وولساوتہٕ از ووٚنی کالہٕ پگہُک مَحض اَکھ مُچھِنی تلَن وول یادٕ ووٚتُر۔

پرٛون شَہر سِری نگر، یتھ کینٛژو صاحبو ووٚنی ڈاوِن ٹاوِن وِنٛن ہیوٚتمُت چھُ مگر یتھ یوٗ راتھ تام شَہر ئلی کہِ شَہرِ خاص وَنان أسی، تتھی پرٛأنِس سِری نگر شَہرَکِس شُمال مَغربی اَنٛدَس پیٹھ واقع تہٕ ہارِ پَربتہٕ کہِ (یاوٕنی توکوہِ مارانہٕ کہِ) شُمال مَغربی دامنہٕ دامنہٕ تالغایات مَشرقی اَنٛدٕ واقع سوٚدرِ کھونہِ ہنٛدِس شُمأ لی بٹھِس تام پھہلِتھ یونہِ سوٚنتُک پھولہِ وُن باس دِنہِ واجینی بادام وأر۔ مَطلَب بادام گُلو ستی بُرِتھ باغ۔ باغَس جوٚنوٚبہِ اَنٛدٕ موغل دورٕ چہِ کٔشیرِ ہُنٛد ظوٗن پاوَن وول تھوٚد کنٛنیو قلاےٕ گنٛڈِتھ (یُس ووٚنی جایہِ جایہِ خستہٕ گوٚمُت تہٕ وٕستھ آمُت چھُ)، تتھی منٛز اَکھ تھز، سنٛگین تہٕ کُشادٕ ڈیڑی، یوسہٕ کٔشیرِ ہنٛزَن وارِیہَن پرٛأنین یادگارن ہنٛدی پأٹھی پننہِ پامأیہِ ہُنٛد حال باوان چھے۔

مارچُک رٕتھ سورٕ وُن تہٕ اپریل شوٚرٕ وٕع سپدٕ وُن أسی مَنٛدکوٚرٕ وارِ ہنٛدی بادام گلی پننی بامَن ئنی کڈان تہٕ چِٹہٕ چھیٚتوٕ تہٕ شُس گولأبی رَنٛگو

پوشہِ پھٗتی وۄپزاوان۔ حُسن پَسند کأشری اُسی چھوکو چھوکو اور واتان تہٕ آس بادام وارِیہ ذٕلی زِ تہِ سوٗنتہٕ دِوَے لگان۔ بقولِ شأعر:

چھےٚ لَچھرٕ اَزیہ بادَم وأرتَژ ٹھہش!

بادام وأرلِچیہ تہٕ کٔشیرِ ہُنٛد رۄح اوس زنتہٕ وۄلسنس یِوان تہٕ دوٚہہ وَدَن بہارُک جیشنہٕ مَناوان۔ بادام وارِ مالہِ لگُن گوٚ یوٗ وِمطلَب وَنٛدٕ کہِ ہٕنٛدریارِ نِشہِ نَجاتھ لبنہٕ موکھ جِسمَس کیٚو جانَس فرحتھ بخشَن وول وُشنیر واتناوُن۔

یام سوٗنتن پَرتَو تژ اوییو تام اُسی کأشری شہر باش لۄکھ اِنفرأدی طور یا برادٔری آیہ سٕمتھ زنتہٕ سأری نِیاے مُشرِتھ تہٕ سارِنے غمن لتھ دِتھ سُلہِ صُبحأے أنٛدی پکھی لرِ گَنزِ منٛزٕ نیری یِوان تہٕ کوچَن کوچَن ہٕنٛدی رَبہِ سَنڈاس پتھ گُن تژ أوتھ کھُلہٕ ڈُلہٕ طرفاتَن گرٛدِش کران۔ یسلہٕ پأٹھی اُسی ہارِ پَربتَس أنٛدی پکھی ہَوادار علاقس پھیرنہٕ باپتھ سُلطان العارفین حضرت شیخ حمزہ مخدوم صأبہٕ نٕن ہیرَن یۄری ہَن پہَن وۄدِنی سنگین قلایہ کہِ باچھِ دَرواز أزِتھ "قلایہ اَندَر" علاقس منٛزٕ قدم تژ اوان۔ تہٕ ہَنا بڑ وٕنہہ پہَن پکِی تھےٚ أسکھ کھوٗر پہَن بَر جستہٕ پھوٚلِتھ آمتِس أکِس قداوار بادام کُلِس پیٹھ نظر پیوان، یُس بادام وارِ ہٕنٛدِ جوٗنوٗبہٕ اَنٛدٕ یِنہٕ والین سألانٕن اِستقبال کران اوس۔ اَتھ کُلِس اُسی عام پأٹھی "آنٛتہٕ کُل" وَنان۔ شاید اوٚ موکھ زِ عام مُشاہِدٕ موٗجوٗب اوس سہٕ اَتھ علاقس منٛزٕ موٗجوٗد تمام بادام کُلو بڑ وٕنہہ سوٗنتُک آوٲد

ژٕنٛی تھے زَنتہٕ آسنتہٕ گژھان تہٕ پھۄلتھ یوان۔ حالانکہ یتہٕ چھُ وَنہٕ
آمُت زِ اَتھ کُلِس چھُنہٕ آسنتہٕ کُل وُنُن صحی بلکہ اَتھٕ کُل، تِژن گوو بادام وارِ
ہٕنٛدِ اَتمی اَندٕ پیٹھُک کُل۔ وٕں گوو یَسلہٕ کاشُری أسِس آسنتہٕ کُلۍ وَنان۔

اَز نہٕ چھُ سُہ آسنتہٕ کُلۍ تہٕ نہٕ تَتھ ستی وابستہٕ سوپر بتہٕ داینٛی داینٛی
پھولَن واجِنٛی بادام وأرٕ ے!۔ بادام وارِ وأستھ اوس اکہِ طَرفہٕ مَخدوٗم
صأبنہِ بُلَنٛد سپدَن والِہِن دۄ رۄدَن اَذکارَن ہُنٛد سوز رۄحس طَراوتھ
پھران تہٕ بیٚیہ اَندٕ ہارِ بیارِ یعنے شارِکا دیوِیہ ہٕنٛدِ مَندرٕ پیٹھٕ وَسَن وول
بھکتہٕ بھاو دِلس شانٛتی عطا گران۔

بادام وارِ ہُنٛد اَصلی حِصہٕ (یتھ کینٛہہ لُکھ "سرکأری باغ" تہٕ وَنان
أسی) اوس أزی کہِ حَول چوکہٕ اَندٕ اِستادٕ قلایہٕ ہٕنٛزِ تھزِ گنٛزِ وِ ڈیرٕ
أزی تھے نظرِ گژھان۔ اَلبتہٕ أسی أڈی لُکھ مَخدوٗم صأبنہِ اَندٕ قلایہِ
أندٕ رِیٖم مُحلہِ یتھ کُن ترٛأوِتھ تہٕ سَڑکہِ دٕچھنہِ طَرفہٕ بالہٕ دائمٛی واقع
دُکانہٕ چالہِ پۄزاپاٹھی مُتعدِد اُکہٕ پور جایَن لَرِ لۄرٕ پکان پکان بادام
وارِ ہٕنٛدِس جۄنوٗب مشرِقی اَندس واتان۔ حول اَندٕ چہِ ڈیرٕ پیٹھٕ ییٚمے ترٛہ
ژَتجی قدَم آسہٕ دٕچھنہِ طَرفہٕ أکس لوکٹِس زمینہٕ ژٔکلس کینٛہہ تھزٕ بونہٕ
اِستادٕ (یِموٚ منٛزٕ وُنہِ تہٕ کینٛہہ زِندَ ے چھےٚ)۔ یِمہٕ نے بونٛن تَل أسی
غریب مگر خوش مِزأزی گأری وانٛتھ ژھتھر زألی زألی تہٕ شُپی واوگران
گران ڈیرٕ وڈیرٕ وگأری بُزان تہٕ گرٛأکن خوش آوَے گران۔

مَل خور رَنگو وچھٕلِتھ چھۄرِتھ پھرٕن نألی ترٛأوِتھ تہٕ صاف سَفید

دَستار ووڈِ دِتھ بُزرگ، رَنگ برٕنگی پھیرَن دوو، چھیٖپی یا کلا بوت چھاۓوِتھ گُل روخ خوتۆنہٕ، گنٛڈ باشہِ کرٕوِنی شُری طَرحدار ٹوپہِ یا کنٹھوپہِ دی دی شوخ مِزاز تہٕ خوش کلامہٕ نوجوان لڑکہٕ، تہٕ ٹاچہِ تہٕ پوٗژ پرتھ محبوٗب کور زَلہٕ وِنی زَلہٕ وِنی گاٗری مُلی ہتھ کھووری کِنی بادام وارِ اَنٛدر قدم تراوان۔ بَرجستہٕ پھوٚلی متی سیٚدی تہٕ ہُلی بادام کُلی، تِمہٕ نِے تَل اَکھ یا بیٚا کھلوکِچن لوکِچن کنٛبن پیٹھ گاٗری پھٹران تہٕ گوجہِ کھسٕوان۔ اَنگہٕ راگہٕ تہٕ رَنگہٕ پھشہِ نِشہِ بےنیاز گولاب گوٗنچہِ ہوی دَہانہٕ تِمنٕی لد گاٗری ژاۓ پِ ژاۓپِ پَنہٕ نبن اَتھن کیٛو چانٹبن زَنتہٕ کرٕہن نافہِ مَلان۔ بٹہٕ کیٛو مُسلمان، سِکھ کیٛو بودھ، عیالَن ہنٛدی عَیال پوشہِ وَرشُن کرَن والیبن بادام کُلبن تَل حسبِ توفیق فرِش وٗہرِتھ تہٕ ڈِپھرِ ڈِپھرِ بہتھ قوٗدرَتک حُسن چھاوان، دَیہ سنٛزٕن نیامژن پیٹھ شُکرانہٕ کران تہٕ کاشرِ کلچرُک مژِھ جار مولہِ وان، سَماوار گرٕہکان، چینی پیٛالَن تہٕ سَرتلہٕ وبن کھاسبن ٹھِنٕی ٹھِنٕی گرٕھان، سازوَزان، لَیہ گرٕبزان، اَتھہِ باچ چھکرتہٕ گتھہِ باجُک رؤف، باٗزی گر تَماشہِ تہٕ بانٛڈ پاۓ تھر۔ اَکہِ اَنٛدٕ بَچہ نغمہٕ تہٕ لڈی شاہ، تہٕ بیٚیہ اَنٛدٕ سازنٛدر سوٚ روٗد:

لُچ پھٕلَے کوہَہ داٗمنی بادام دژاے ئنی
گرٕاے گرُنَم یاوٕنی شیٛچھ وٕنی نَم کاوٕنی
گَن تھاوِنا گرٕاوٕنی بادام دژاے ئنی

گُلبن پیٹھ بُلبُل تہٕ کوٚستوٗر، ٹھپبن مَنزٕ جَل تہٕ دیدرِ، اَکھ بولبوشا!

اَکھ چُرِ گیٚشا!۔ اَڈ وَر کیٛو جوان کٕبٕٹھ گندان تہٕ وُسوارلؤکھ دَبہٕ دَب گَران تہٕ ہالہِ گندان، نِکۍ نِکۍ شُرۍ گلوٗ پیٹھٕ پیمتبٕن پوشہٕ وُٹھرَن سرٕ نوٗ ستی ترٕوٗ پٕ تروٗ پٕ تہٕ پَنہٕ داوَن منٛز وُرۍ وُرۍ مالہٕ گَران، نالۍ تٕر اوان، اَسان تہٕ ژھالہٕ ٹلان!۔

اَز چھِ اَکثر کأشری شہرِ گام پَنہٕ نبٕن لرٕ ن تہٕ بٔنگلَن منٛز باغ سجاوان، اَماپوٚز بادام وارِ ہُنٛد سُہ مُشتَرکہٕ وولُسَن تہٕ سُہ سرٕوٗ دجیٛشنہٕ کٕتہِ اَنَن۔ دوٗ گۍ نیاٚرِ نِشہٕ پاک سُہ ہیٚنٛدۍ مُسلمان مِلہٕ ژار، سوٚ سَلام تہٕ بَندٕ گی، سُہ وَتٕرھہ وأنۍ جہِ لول کُجاتہٕ سُہ بےٚ پھرٕ ک محبتھ کتہِ۔ اَکہِ گَنہٕ للہٕ واکھ تہٕ بیٚیہِ گَنہٕ شیٚخہٕ شرٕ کۍ۔ اَکہِ اَنٛدٕ مخدوٗم صأبؒ پاکیز گیہِ ہُنٛد سَبَق ژٕٹَس پاوان تہٕ بیٚیہِ اَنٛدٕ شارِکا دیوی پوٚتر سپدٕ نٕک سَندیش دِوان۔۔۔۔تہٕ دوٗ ہی دوٗ ہس بادام وأرچھأوِتھ دوہ لوٗسُن کیٛت واپَس پٔنُن پٔنن گرٕ پھیرَن والبٕن ہنٛدۍ شادمان تہٕ دِلہٕ ڈٔنجہِ جوٚلوٗسہٕ، تہٕ چھیکرٕس نیٚدیارٕ بن لرٕ بن تہٕ مِسکین کھوپرٕ بن تام خوش بأشہِ ہنٛدۍ رَنٛگ بخشان تہٕ خوش کلأمیہِ ہنٛز خوشبوے عطا گران:

گُم أسی تَم، گیأرِ گیٚیے، کوٚت سَنا گیٚیے!

اَز اَگر کانٛہہ نفر اَتھ اَنٛدَرس لگہِ تَس گژھہ نہٕ اَتہِ پرٕانہِ بادام وارِ ہُنٛد کانٛہہ نیب نِشانےٕ نظرِ۔ تمہِ بَدلہٕ چھےٚ اَتہِ اَنٛدٕ وَند اَکھ نوٚ بُسٕرتی بُساونہٕ آمٕژ یَتھ منٛز تِبتہٕ پیٹھٕ آمٕتۍ ریٖفیوٗجی بَساونہٕ آمٕتۍ چھِ۔



# ڈَل تہٕ آنچار سَر

بشیر چراغ

کٲشیر ہِنٛدِ کلہم حُسنک تہٕ اَمکہٕ تہذیبی تہٕ تمدنی سرمایک تذکرٕ ییتہٕ اکہٕ طرفہٕ بہلہٕ پایہٕ غٲر مُلکی دٲنشور، تٲریخ دان، سیاح پننین مولفن تصنیفن منٛز کرتھ پُنن پُنن ناو تا ابد زِندٕ تھٲوِتھ چھِ تتہٕ چھِ موغل دورٕ پٮ۪ٹھٕ وُنیستام کٲشرِ ہِنٛدین قلم کارن ہِنٛدِ اتھٕ تہٕ کیٛنہہ مولفہٕ تصنیفہٕ تھنہٕ پیٛمژٕ۔ یِمن منٛز سٲنِس کلہم تہذیبی تہٕ ثقافتی انہارس خداداد حُسنکی رنگ بیترِ اکہٕ تیہذیبی گنجینہٕ رٔنگی اشارٕ کران چھِ۔ یِمو بہلہٕ پایہٕ لکھاریو تہٕ چھُ پننہٕ گُل پوش وادی یہٕ پٮ۪ٹھ اُردو، انگریزی، ہندی تہٕ کٲشرِس منٛز کٲشرِ ہنٛزِ سارِوے کھوتہٕ پرٲنی کلچرل موضوعاتن ہنٛز ووسعہٕ دروس پننہٕ پورٕ جہارٕ سان بروٛنٹھ کُن اٲنی مژٕ۔ یتھ منٛز سانین رٔوحٲنی بُزرگن، مصوری، باغ باغیچہٕ، سربیترِ موضوعاتن ہنٛز وکھنے تہٕ سبٹھاہ بلیغ گنٛی کٔڈتھ ترتیب دِتھ یٲہندِ ترد ماغی ہنٛز آسودٕ گی باوان چھِ۔ یوٚدوے یِمَن تصنیفن منٛز موضوع بیوٚن بیوٚن چھُ، تاہم سُہ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ گوشہٕ یتھ پٮ۪ٹھ نہٕ یِمن منٛز گاش تراونہٕ آمُت چھُ۔ امہِ مَدید چھِ یِمَن لکھارین منٛز کیٛنہہ تخلیق کارتِم تہٕ یِمو زِندٕ گی ہنٛدین مختلف شوبن ستی دلچسپی تھاون والین لُکن نسبت تہنٛدین عادات واطوار وطور طریقن پٮ۪ٹھ تہٕ ژھایہٕ ہٲلس کُن

روزِتھ کینہہ دلچسپ تحریر تفصیلی طور ترتیب دِژمژ چھےٚ۔ یمن بہلہِ پایہِ لکھارَن منز چھُ کشیرِ ہُنٛد اکھ ویوٗ دانگریز رابرٹ تھورپ ناوتہِ یُس ۱۸۳۸ عیسوی یس منز گگرِ بل زاو۔ رابرٹ تھورپ Robert Thoroup چھِ کشیرِ تصویرن ہندس رنگس منز اکھ لوٗبہٕ وِنی تہٕ اکھ مأری منٛز جاے پھیرنس تہٕ پھِرنس لایق گنٛزران۔ خاص کر چھِ تم ییٚتہٕ کَبن سرَن، کولن تہٕ باغن نِسبت پنُن ردِعمل اکہِ خاص تعلیمی آدرشہٕ مقصدٕ باپتھ شِکوٕ رٕنگی باوان۔ تیٚچِ مثال اسہِ ازتہِ پننوٕ چشموٕ ژٔرزِتھ یمن سرَن، دریاون، پہرٕن تہٕ سوندرجاین ہُنٛد حالِ بدٕ وُچھِتھ محسوٗس سپدان چھُ۔

ییٚتھ کتھِ منز چھُنہٕ ذرا بھر مبالغہٕ زِ پرٕ ہتھ شخص چھُ فطری یاکہٕ جبلی طور پننوٕ انہاروتہٕ آکاروکنٛز پننٕز زندٕگی یہٕ ڈٕلی زِتہِ رزِ رٔ ستےٚ روزنس ترجیح دِوان رٔ دمُت۔ یِیلہِ زن پرٕ ہتھ انسانس پننٕز زندٕگی مذہبی ربط و ضبطکی اصوٗل پانہٕ نأوِتھ اکہِ قوأعد و ضبط درمیان سوٚتھی رٕنگی گذارٕنی چھےٚ۔ یُس دُنیاہس تہٕ عقباہَس درمیان تہِ اکہِ سوٚتھِ رٕنگی بارآور ثأبت سپد۔ یمہِ نتیجہٕ ستی یہٕ اکھ زمانہٕ درزمانہٕ پٕنتھ بےٚ یَن جاین ہندِ کھوتہٕ بامقصد بناونس منز پوٗٹھ، شوٗژتہٕ شوٚدانہاروآکار رٕنگی مثال قأیم کٔرِتھ ہکِہ۔

سأنی رٔنبہٕ وِنی شوٗبٕ دار کشیر چھےٚ کھنہٕ بل پیٚٹھ کھاڈنی یارتام ڈٔری یاون، سرَن تہٕ سوندرجاین متعلق دُرُس عالمس منز پننی اکھ وکھرٕ توأریخ رقم کٔرِتھ۔ یوٗ زونی چھےٚ یمَن ہٕنٛدس شوٗژرس تہٕ شفأفیتس منز

سانوٚ بےٚ بوٗج کوتاہیوٗ سببہٕ سٮ۪ٹھاہ ددارٕ واتُن ہیوٚتمُت ۔ ووٚنی چھےٚ سائنس صوتی مِزازس تٔمۍ غأر ضروٗری حالات پیٚترِ نی پٮ۪وان یِمو سۭتۍ باسان چھُ زِ وٗنی ماچھلو أسۍ آدم بوٚیہ نِش تہٕ اتھ ۔یوٚسہٕ کٔشیر پننہٕ روحأنیت پروری تہٕ انسان دوستی سببہٕ دُرس عالمس منٛز شوٗژتہٕ پاک ڈ بکہٕ بٔڈ تہٕ باگہِ بُرژمانہٕ یوان أس یاونہٕ سأ لانی یٮ۪ن ہندٮ۪ن دِلن پٮ۪ٹھ پورٕ قبضہٕ جمأوِتھ چھےٚ ۔یتھ پیٚٹھ مےٚ فارسی زبأنی ہِندِس بہلہِ پایہٕ شأعر جمال الدّین عرفی سُندِ یہٕ کأشُر صراحتہٕ شعر یاد پٮ۪وان زِ

ہر سوختہ جانے کہ بہ کشمیر در آید
گر مُرغِ کباب است کہ با بال و پر آید

کٔشیرِ ہِندی خوش کرٕ وٗنی لاجواب شہر، قصبہٕ، گام بیترِ تام تہٕ چھِ یِتۍ چہِ زندٕگی ہِندٮ۪ن بےٚ یٮ۪ن معاملن منٛز مُلکس کیٚاہ بلکہ مُلکہٕ نبر تہٕ سٮ۪ٹھاہ مشہوٗر۔ وجہہ چھِ یِمے آفأقی کرِشمہِ چیز بیترِ۔ قدرتن یِتہٕ یٮ۪ٹھ لالہ وگُل سرِ زمینس اکہِ طرفہٕ پُرکیف وخمار آگہی ماحول عنایت کوٚرمُت چھُ تتہٕ چھُس یِمہٕ نُمو خیز وصحت بخش آب و ہوا سۭتۍ یتھ ساکنانِ خطہٕ گُل پٮ۪تھرس تخیّلات وتصوّر اپنچ اکھ رٔژ قناعتِ فِکرٕ چ بےٚ بُن دولت آیٚت تھأوِمٕژ ۔یٮ۪مہِ ساعتہٕ أسۍ صرف یِتہٕ کٔین سرٕن ہِندِ حوالہٕ پننۍ تخیّلات صفحۂ قرطاسس پٮ۪ٹھ مُلہ تلہٕ بارسٕنس اُنن وبرٕ ھان چھِ اسہِ چھُ تیٚلہِ امہِ کٔین بازیأبی معاملاتن ہندٮ۪ن محرکاتن پٮ۪ٹھ اکہِ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ کیٛژن تخلیق تخلیقی کارن ہندِ صلأحیژن ہُندِ یہٕ ذِکر پٮ۪وان

کرُن۔ یمہِ سّتی کٲشیرِ ہنٛدِ اصل ناو پرٛٲژ وبرٛھنیہِ ہنٛدی واریاہ تعلق بروٚنہہ کُن یِن۔ تہٕ واریاہن وبرٛھنین ہُنٛد بُنیادی ترنیرِ نوٚن۔ اتھ نسبت چھُ مےٚ اکھ شعر یاد پیوان۔ دپان ؎

کشمیر پیش از عمارت ستی سر نام وشت

ستی نام زن است و سر نام حوضِ کلان

یعنی سانٛی سرٕ کتھہٕ کنی چھِ بار سس آٮ۪متی، اچھ وو کھنٛے چھےٚ سیٚدِ سیوٚد امہِ شعرٕ سّتی سپدان۔ ییٚمُک معنہِ تہٕ مُدا اٹٛلی وُزنٛن پیٹھ زوِتھ چھُ۔ توارٟخی لِہاز تہٕ چھےٚ یہِ کتھ شبقہِ زِ کٲشیرِ اٚسی "سّتی سر" ناوِ سّتی درُس عالمس منٛز یاد کران۔ یہِ توارٟخ چھےٚ قریباً ساڑن ژون ساسن وٕری ین پیٹھ مُحیط۔، وادی پیو اتھ امہِ پتہٕ ناو ییٚلہِ ییٚتہِ آبِ آب اوس۔ کٲشیر چھےٚ سطح سمندرٕ پیٹھٕ ۱۲ ساس پیٹھ ۱۸ ساس فُٹہٕ تھزرس۔ یمہِ کنٛی اتھ آب یسلہِ پاٹھی نبر نیرٕنچ گنجٲیش اٚس۔ سنسکرت زبانٛی منٛز چھِ سُتی سرٕس اکھ بوڑ تلا وونان تہٕ ہندی اصطلاحس منٛز کُنہِ چیزس پیٹھ پٹُن وجوٗ دفنا کرُن یعنی ختم کرُن۔ تِتھےٚ کنٛی چھُ "کٲشیر" لفظ ژکہِ کشپر یا کاشپرِ لفظچ اکھ بگریٚمژ ہیت۔ ییٚمہِ لفظٕ کس پوٚت منظرس منٛز کٲشیرِ ہندِ سرٕ أندرٕ آب کڈنس سّتی تعلق چھُ۔ ییٚمہِ کنٛی اتھ آب نیرٕنہٕ کنی "کشپر" ناو پیوٚ مُت چھُ۔ تیٚمچ شکل بلکل ٹھولہٕ چالہِ چھےٚ۔ یوسہٕ پتہٕ تھد بوکوہ تہٕ بالو سّتی وٕلتھ تہٕ ترٛ وپرِتھ بار سس آے۔ یمن کوہَن تہٕ بالن وُرمُل شمال مغربہٕ وہ ترکنی۔ اکھ قدرتی ژھبن سپدان چھُ۔ اکہِ

عام رِوایتہٕ تہٕ مختلف تصنیفن ہُنٛزن پوٚت ژھأرِ پرٛژِ دپان کشپ ریٚشُن ہٕنٛدِ رۄحأنی کمالہٕ ستی چھےٚ یہِ آبہٕ پتھر خوشِک گمُت۔ ییٚمہِ کنہِ یمن دیوٚ قامتھ پہاڑن بُنلہِ ستی ژھٕہن لوٚگ تہٕ امہِ جایہِ ہُنٛد آب گوٚو بےٚ پرٛژِھ نیرتھ۔ ییٚمہِ وجہہ کنہِ اتھ پتہٕ ''کاشمیر'' ناو پیوٚ۔ یُس لفظ مُلہٕ تلہٕ دوٚیو سنسکرتھ لفظو ستی بارسس آمُت چھُ۔ سُہ گوٚو گوڈنیُک لفظ ''کا'' یعنی آب تہٕ دوٚیم لفظ ''شمیر'' یعنی ہوا۔ مطلب یہِ زِ یوسہٕ جاے واو کہِ زورٕ آب کڈتھ خوشِک گےٚ۔ بیا کھ رِوایت چھےٚ یہِ زِ مغل شہنشاہ بابرٕ سنٛدِ ''بابر نامہٕ'' مطأبق کشیرِ ہٕنٛد بن پہأڑی لُکن ونان۔ ییٚمہِ کنہِ ''س'' (سین یا سا) لفظ ش (شین یا شا) تلفظ کٔرتھ کشیرِ ہُنٛد ناو ''کشیر'' بنیو مُت چھُ۔ امہِ علاوٕ تہٕ چھےٚ وارٕاہ رِوایژ۔ پوٚز ستی سر یا ستی دیش ناوٕ کنہِ چھِ کشیرِ پتھ کالہٕ پٮ۪ٹھ ''کھچُل'' تہٕ ونان آسمتی۔ امہِ صوتی لفظُک معنہِ تہٕ مُدا گوو کوہن تہٕ بالن سیٚے منٛزس روزن جاے۔ تاہم یمن دوشوٕنی شلوکن ہنٛدِس معنہِ تہٕ مطلبس منٛز چھُنہٕ بےٚ ینٛن مورخن ہندٕ بن تصنیفن منٛز کانٛہہ خاص نٔوکتھ بدٕ کڈتھ فرق رٕنٛگی باسان نَے چھُ عالمن منٛز تہٕ اتھ کتھِ پٮ۪ٹھ کانٛہہ اختلافِ راے درٛینٛٹھ گژھان۔ سنسکرتکی زٕ بہلہِ پایہِ عالم ''پانٕنی'' تہٕ ''ورامتر'' تہٕ چھِ پننٛن تخلیقن بالترتیب ''اناوی سوتر'' تہٕ ''ورِہت سمتہایہِ'' منٛز کشیرِ تتھ جایہِ وٕنمُت یوسہٕ ساری ہیے دُنیاہس منٛز اکھِ پاک تہٕ شُوژ جایہِ کنہِ گُنزرنہٕ آمژ چھےٚ۔ مطالعہ کٔرتھ چھےٚ بہأے کتھ ڈٲکارٕ پاٹھی نٔنی نیران زِ

یوسہٕ یوسہٕ جاے سرٕ نی روز تھ منز رؤ دآب جمع۔ یمہٕ کنہٕ خوشک جاین وارٕ وارٕ لۆکھ پننہٕ مسکن بناوان گے۔ پہاڑی درن پتہٕ رؤ دی یم سر یعنی جھیل اکہٕ حوضِ کلان شکلہِ نیٚرٕ وُنستام پنن وجوٗد قایم تہٕ دایم تھاوِتھ۔ یمن سرن منز سارِوے کھوتہٕ بۆڑ سر یعنی جھیلِ وولر چھُ۔ یُس سنٹرل ایشیاہس منز بۆڑ سر آسنہٕ سببہٕ وُنتہِ مشہوٗر و معروف چھُ۔ امہِ پتہٕ چھُ جھیلِ ڈل، آنچار سر، مانسبل، نندن سر، ہوکر سر بیترِ تہٕ کینہہ تھزرن ہندِس آبس پیٹھ ناگ یمن منز ورمُل رفیع آباد ک کاج ناگ، ہرموکھی پیٹھ کُن گنگہٕ ناگ (گنگہٕ بل) شُپییَن طرفہٕ کوثسر ناگ تہٕ ویری ناگ ''وٮتھ'' یعنی دریاو جہلم خاص آفاقی حُسنکی ترجمان۔ پۆز کٲشیر ہندین یمن سرن ہندِ مختلف موضوعاتن پیٹھ وکھرٕ وکھرٕ ذِکر کرِتھ چھِ وُنتہِ رنگہٕ رنگہٕ کاشرِ موضوعات بروٚنٹھ کُن یوان۔ یمن پیٹھ اکس قاری سِندِس تصوٗرس سخ احساسہٕ سان مدید زاین لبان چھُ۔ سانی کٲشیر چھےٚ پرٕتھ دورس منز یمنے سرن بدولت زیادٕ پہن مائزِ مہر ینی پرٕژی یاد کرنہٕ یوان۔ لیس پرٕتھ کانہہ چیز شوبان تہٕ زکہٕ ماران چھُ۔ اتھی اعترافس منز چھُ بادشاہ جہانگیر عالمن وونمت زِ

اگر فردوس بر روئے زمین است
ہمیں است و ہمیں است و ہمیں است

بے شک کٲشیر ییتہِ اکہِ طرفہٕ پننہٕ قدرتی حسین تہٕ دِلکش نظاروکنہٕ اکھ منفرد تہٕ بے مثال جایہٕ رٔنگی مشہوٗر چھےٚ۔ پۆز تتہِ چھےٚ یہ بیٚیہِ پاسہٕ

یتھ کالہٕ پیٹھٕ کینژٕ وخاص رنبہٕ ؤنِو خصوصیژٕ وکنٕز تہٕ سیٹھاہ معروٗف۔ یمہٕ
ستیٚ پرٛتھ أکِس سألانیٚ یَس ییٚتیٚک آب و ہواتہٕ سبزار یہٕ ڈیٚلیٚ زِتہٕ
اکہِ جنتُک گمان پأدِ کران چھُ۔ یہٕ چھُ محض یمَن سرَن، جھیلن تہٕ ناگن
ہِندَ ے بدولت۔ یمن أندی پکھٕ ییٚتِکی دیو قامتھ کوہ تہٕ بال آسمانس ستیٚ
کتھٕ کرٕ وٕنی گُلی، آبشار، باغ، پاں ژادرٕ بیترِ۔ یم یہُندِس آفأقی حُسنس
منٛز مزید ہُر بٕر کران چھِ۔ کٲشرِ ہٕندی سَر یمن منٛز خاص پأٹھی راقمُ
الحروف جھیلِ ڈلُک تہٕ آنچار سرُک ذکرِ کرِ یمہٕ ستیٚ ظأہری طور میوٗن
تخّیل یعنی خیال پرٛتھ زندٕ گی با مقصد بناونہٕ موکھٕ بأطنی روٗحس ستیٚ
سیٚدِ سیوٚ دواٹھ دِتھ روزِ۔ چونکہِ قدرتن چھےٚ سأنی موج کٲشر یعنی ریٚشہٕ
وأر لامحدوٗد کہِ لافأنی حسنٕک دعوادار بنأوٕمژ۔ ہر گہہ تہِ زَن یہأ ے
جذبأتی رشتہٕ سانبن سأ لانبن تہِ ییٚتہِ پتہٕ وتہٕ دَپھ تِہنٛدٕبن دلچسپن
دُبرایَن مسچھر تراوان چھُ۔ ییٚمہِ ستیٚ زن تِہنٛزَن خوأہشَن اکھ ابدِی
سکوٗن فراہم سپدان چھُ۔ پوٚز اتھ چھےٚ کٲشرِ ہنٛزٕ قدیم ترین مذہبی
رِوایتہٕ، بأ ے بندٔوت تہٕ دِمأغی، جنسی تہٕ عملی حبس آگہی اکہِ دأیمی
سکوٗن پرٛاونہٕ باپتھ وتہٕ ہاوکہِ رٕنگی بدس روزٕمژ۔ ییٚمہِ کنٕز پرٛتھ اکھ
نفس پنُن مَن موچھِ منٛز رٕٹتھ آفأقی حُسنس تہٕ تمہِ کِس تصوّرس رأ چھ
راوٹھ کرِتھ زُوان روٗد۔ ہرگاہ بہٕ ونہٕ کہِ یہٕ تصور روٗد قدیم رِوأیژٕنے
تام محدوٗد۔ ہرجہِ گژھِنہٕ۔ تِکیا زِوٗنی چھےٚ امہِ تصوّرٕچ افأدیت سیٹھاہ
کم سپدیمژ۔ وجہہ کیہ سأنی کٲشرِ یُس ... پنٕنِس مرتبہٕ تہٕ وقارٕ رٕنگی

پرٛ ہتھ کُنہِ موسمس، لطافتس تہٕ رژھراوٗنی وہو ہارٕ نسبت رویہِ زمینس پیٹھ روشنگر چھےٚ۔ چھنہٕ ووٗنی تتھ ہیٚتیس منز پورٕ پاٹھی کینہہ۔ تیٚچ بڈ مثال سوٗن یعنی کٲشیرِ ہُند تشخصُک ضامن ڈل تہٕ آنچارٕ سَر چھُ۔ یہ کرٕ صرف ترٛ ہن دہلبن ہندِ بروٗنٹھی مہِ جھیلِ ڈلچ تہٕ آنچارٕ چ ووکھنےٚ یمہِ آیہِ زٕ:

ییٚلہِ کٲشیرِ منز عام پاٹھی شبکس خاموش منظرس منز ناوِ سٲل کرنُک رواج سبٹھاہ مشہوٗر اوس، اَتی اَسی شہر و گامکی ڈلس منز سالہٕ باپتھ ژستھ یِوان۔ ییٚلہِ زوٗنہِ گہس منز لوٗکھ ڈوٗنگن، ڈوٗکن تہٕ شِکارہن منز ڈلُک سٲل کران اَسی زنتہٕ اوس ژوواپارٕ ساری ہیے ڈلس نورٕ کےٚ وردن نالی گومُت آسان۔ امہِ زوٗنہِ شبکی لوٗ یہٕ وٗنی اَوِل تہٕ زاَوِل حسین پرٛیٚنی تہٕ خوش کرٕ وٗنی آیہٕ گرایہِ آسہٕ زنتہٕ مسوٗلی وچھس پیٹھ ژھالہٕ ماران۔ باسان اوس زِ زٕنیلس آسمانس زنتہٕ ہَر پرس ساڑٕ ہُند رنگ ڈلہٕ چھٕن گراین نال وٗلِتھ۔ سکُیٚل سوٗنچ تام اوس حاَرتن ہیٚوٗ گرشھان۔ ڈل اوس پٔنَن پرٕ بزلوٗن عکس آسمانس ہاوان۔ پوٚ زوٗنی چھُ یہِ سورُے زنتہٕ عنقا گومُت۔ وٗنی چھُ تمہِ ڈلک سہ رفتار ہناسوٚت پہَن گومُت۔ تتھ صاف وشفاف ڈلس چھےٚ وٗنی خاموشی، تہٕ بے اطمِنانی سمیس ستی ولنہٕ آمِژ۔ پیٚٹھ وٗتھر ہندہن نوزُک وُٹھن پیٹھ سہ شور وغو غاشوٗنگھمُت۔ جانہٕ وارٕن ہُند سہ چُری گیُش تہٕ شامُک سونہٕ ورشُن مدہم پیوٚمُت۔ کتہِ سہ گلی گلی گرشھُن تہٕ وبگلُن شفقہِ رنگ، پمپوش زٕ ژن ہُند پریڈُن۔ باسان چھُ زِ ووٗنی چھِ ڈلَن پننہِ تمہِ بجہِ بجہِ نوزُک چشمہٕ وٗتھ تھاوِمژ۔ کتہِ سہ کوتر

خانہٕ کٮ۪ن نیلٮ۪ن گنٛزٕ گُلٮ۪ن ہنٛز ژھاے۔ پزر چھُ یِ زِ ووٚنی چھُ ''ڈل''
پانٕسے ہیوٚ کانٛہہ ظآہر ژھاران۔ تٔمۍ پرٕ بزلوٗنی تارکھنہٕ کُنہِ جایہِ مَل نٔے
داغہٕ دأوی بُتھ۔ ڈلُک دنیاہ چھُ ووٚنی اکہِ وأران لہرٕ رٔنگی درینٛٹھ
گرژھان۔ شبکی منظر چھِ ووٚنی ملرن أندری کھیا ارمان ٹلان۔ ڈٕلکی
خلوکھ فِضاہٕ کوٚہِ ماران تہٕ سُے آغوش لوکچارُک یُس سونہٕ حُورن ہُنٛد
مالیُٔن اوس۔ ڈلس چھُ پزنہٕ پأٹھی ووٚنی سہٕ حبس رووُمت تہٕ مَن ہٮ۪تھ
وٚبسر یومُت۔

دپان پتھ کالہِ أسی اتھ (ڈلس) وٚہتال مرٕگ یعنی دٚبوٚن تہٕ
پٔری ین ہنٛز جاے تہِ ونان۔ تاہم شُکر خُدا یس کُن زِ انسان قدم پتھے
گٔے یہِ جاے روزنہٕ خاطرٕ ییٚلہٕ۔ قدم تہِ پیوس تیُتھ زِ پرٕی محلہٕ پٮ۪ٹھٕ
چھےٚ ووٚنی پٔری زاد اچھِ بربأدی تہٕ بے آسودگی پٮ۪ٹھ ژالہِ اوٚش
ہاران۔ آب تہِ چھُس ووٚنی پوٗرٕ پأٹھی انسأنی مکرٕیار کٔنی زرد یومُت۔
رقبہٕ چھُس ژمان ژمان آمُت۔ جایہِ جایہِ چھُس پرٕمبرٕ پُشر آوِتھ مکان
، ڈوٗکہٕ، دجہٕ، وارِ تہٕ کھٮ۪ن خوردنی ۂندی چیز وٚوورآوِتھ زنتہٕ اگریکلچرکہِ
ریسرٕچ سٮ۪نٹرُک ہٮ۪ڈ آفس باسان۔ حق چھُ یِزٕ، جھیلِ ڈل اوس امہِ
بروٚنٛہہ دروٚس عالمس منٛز پننہِ خوبصورتی کٔنی سٮ۪ٹھاہ مشہور۔ پوٚز یوٚسہٕ
آلودگی اتھ ؤنی باگہِ آمٕژ چھےٚ تمہِ کٔنی چھُ امہِ کہِ مستقبِلُک ژوٗک
تھاوَن والٮ۪ن منٛز زبردس تشویش پأدٕ گومُت۔ یمہِ حسابہٕ اتھ منٛز ویرِ تہٕ
پھرٕ بس وٚووراونہٕ یِوان چھِ تمہِ حسابہٕ چھُ اتھ آب کم گرژھنگ تہٕ یہِ

اکھ وجہہ۔ تِکیاز مأہرن ہُند وُنن چھُ زِ اکھ ویریا پھرٕ بس چھُ اکہِ دوہ وُہیہِ پیٹھ پنٛژٕ ہ گیلن آب چوان۔ ممکن چھُ زِ امہِ سٟتی تہِ ماچھُ اتھ آب کم گژھنک وجہہ بنیومُت۔ أتھی چھُ قبلہٕ حکیم منظور صأبنہِ تردبماغک یہِ شعر پرٛتھ بیمار روٗحس وُزناوان۔

ڈوٗنگل بٔنتھ ہکن نہٕ زِ ہنٛے سأنی شُری جناب
ڈل از چھُ آبہٕ روٗس تہٕ پدٕن تل مے مأرنٛۍ

یہِ شعر چھُ ووٗنی ڈلچہِ تمہِ خوبصوٗرتی نسبت اکہِ محاورٕ رٔنگۍ یاد تھاوُن لایق۔ یتھ منٛز رُمہٕ ریٚشُن حقیقتھ وبرٔ ھنأوِتھ آدرچ نشان دِہی پزنہٕ پأٹھی لبنہٕ یِوان چھِ۔ ہرگاہ ڈلچ صورت امی انمانہٕ بروٗنہہ کُن تہِ روز تیلہِ چھُنہٕ سہ وق دوٗر ییٚلہِ سانین شُرٕن ہندٕن شُرٕن ییٚتہٕ کٕن تمن قدرتی بٔٹھن تہِ بالن ہٕنٛدِ عنقا گژھنہٕ کِنۍ قسم قران کرُن پییہِ زِ ییٚتین اوس اکھ بوٚڈ ''سر'' یتھ ناواوس جھیلِ ڈل۔ بھروسہٕ تہٕ چھُنہٕ کینٛہہ سانہِ یور ریل یِنہٕ سٟتی ییٚتہِ آفأقی نظارس ہُر بر کرن وألی بٔٹھی تہٕ بال روٗدی نہٕ یِم آفأقی حُسنس گرِ ویدٕ کرنس منٛز مدید ہُر بر کران أسی۔ تیتہِ کیاہ تعجُب چھُ مزید ڈل پُرِ وٕنک۔ اتھ نسبت چھُ مأہرن ہُند وُنن زِ تأریخی اعتبارٕ اوس تٕژ واُہی مہِ صدی منٛز ڈل ۲۷ مربع کلومیٹرن پیٹھ پھٔہلتھ۔ ییٚلہِ زن ۸۵ کہِ دٔہلہِ پیٹھٕ یہِ شہرۂ آفاق سر ۲۵ مربع کلومیٹر پیٹھٕ ۱۳ مربع کلومیٹرن تانی ژھوکیومُت چھُ۔ یہِ چھُنا حقیقتھ زِ سانہِ خود غرضی تہِ سرکارکہِ غفلت ورتاونہٕ کِنۍ چھُ یہِ واراہ ژھیومُت۔ امیُک

رقبہٕ اراضی یێتہِ کینٛہہ دہلی بروٚنٛہہ جنوب پاسہٕ نَو کلومیٹر زیوٗٹھ تہٕ مشرق مغرب طرفہٕ الہٕ پلہٕ شێے کلومیٹر کھوٚل اوس تتہِ چھُ وونی یہِ کلٕہم امہِ تہِ نصفہٕ روٗدمُت۔ تہٕ پٔنٛژ سو افاُدیت چھَس ختم گاٚمژ۔ یمہِ کنٛی یہِ درٕس عالمس منٛز اکہِ شێود تہٕ شوٗژ صحت افزا جایہِ ہُنٛد اکھ اہم ترین سیاحتی مرکز مانٕنہٕ یوان چھُ۔ یہاُے ڈل روٗد پرٛتھ ساُلانٕن ہنٛدِ یوریُن گرٛ ھُنک اکھ اہم ذٔری یہِ۔ اگرچہِ جغرافیاُیی تبدیلی یہِ پتہٕ کٔشیرِ یُن گرٛہنٛچ رٔج لٔج۔ پوٚز یہِ رٔج گٔے زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ـ۱۴۷۰ عیسوی) سٔندِ وقتہٕ پتھٕے اکہِ نوِ انہارٕ تہٕ آکارٕ تیزان۔ أمی سٔندِ وقتہٕ یعنی دورِ پتھٕے گٔے کٔشیرِ ہندٕن بدِ نیٚرِ ی مُتٕمن مختلف نالن، بالہٕ تھونٛگن، آبشارن، ویرِ وارن، پوشہِ مرگن تہٕ پوشہِ وٕنن ہٕنٛز اکھ بڈ کھیت نٔنی۔ یمن کُن بڈشاہ جہانگیرس پتھٕ یوسف شاہِ چکس تہٕ موغلن تام روٗدییمہِ پتھرِ ہُنٛد حُسنِ تاشوق شیرنَس تہٕ پاُرنس منٛز سرس۔ جھیلن کُن آوٗ زیادٕ پہَن توجُہہ دِنہٕ۔ خاصکر ڈُلک انہارٕ تہٕ آکارٕ تا ابد زندٕ تھاونہٕ موکھٕ تُلی بادشاہ شاہِ جہانن کینٛہہ اہم اقدام۔ یتھ منٛز سونہٕ لانٛک یہنٛدِ اکہِ قابلہِ عشقُک مجاُزی روٗپ ظاُہر کران چھُ۔ أتھی یدِ طولاہس منٛز چھےٚ سلطان حسن شہنٛز (چار چنار) روپہِ لانٛک تہِ یوسہٕ زن سارِہسے پزرس خوش آمدید کران چھےٚ۔ ڈُلُک یہِ آفاُقی تہٕ خودداد حُسن وُچھِتھ بناُوی موغلو اتھ أنٛدی پٔکی کینٛہہ موٕللہِ جایہِ۔ یتھ منٛز شالہٕ ماُر محل، پٔری محل، بحرِ آرا، بالاڈٔری محل، بیترِ محل خانہٕ قابلِ داد چھِ۔ یمن

محلن أندی پکھ آے بڑ خوبصوٗرت باغ بیتر بناونہٕ۔ یِمَو ژٕ ری یہٕ یمن جاین ہٕستی کلہم کشیرِ ہٕندس آسنس تہٕ اکھ رٕ ژ مہر ثبت گیہ۔ چونکہِ شاہِ جہانس اوس کشیرِ ہٕستی سبٹھاہ محبت ییمہِ کنی تمہٕ جایہ جایہ باغ، باغیچہ بنأوی۔ یمن باغن منز نشاط، شالہِ مار، چشمہ شاہی، ہارون، نسیم باغ بیتر چھِ۔ یم پرنہٕ پأٹھی عشقہٕ حُسنکی لافأنی شاہکار رٕنگی یادگار چھِ۔ تہٕ بےٚ شونکی پأٹھی أہندِ لولکہِ قرارگاہ رٕنگی یاد کرنہٕ یوان چھِ۔ پوٚز سیف خان نہِ سوٚتھ گنڈنہٕ کنی چھُ ڈل ترٛ ہن حصن منز تقسیم گومُت۔

بٔڈس ڈل کس حصس بروٚنٹھ کنہِ چھُ جنوب ووتر کنی آثارِ شریف حضرت بل یعنی وسہٕ وُنہِ افتابہ، بیٚلہِ زن کھسہٕ وُنہِ افتابہٕ تختِ سلیمان یعنی شنکراچاریہ تہٕ جنوٗب پاسہٕ پچھم کنی ہارِ پربتھ (کوہِ ماران)۔ سیٚمنز ڈلس چھُ ژون بونن ہُنڈ سوٚتھ یُس ڈلہٕ کس قرٕ وبس ظأہری سکوٗن رٕنگی اکہِ مقرر ستوٚنچ سُند پیش چھُ کران۔ اتھ زمین ژکلس پیٹھ آسہٕ ژون کوٗنجن پیٹھ ژوٗر بونہِ۔ یمن چار چنأری ناوِ رٕنگی پننی اکھ الگ شناخت قأیم روزِتھ چھےٚ۔ بیٚلہِ زن وُنی اتھ ترٛیٚیہ بونہِ استاد چھےٚ۔ یہِ ڈل چھُ سأری ہےٚ شہرِ سرینگرس خداداد حُسنہٕ پرٛژی زن سونہٕ ہٕری ژادر وٕلتھ شوٗبہِ راوان۔ یہٕ چھُ سرینگرس جنوب مشرق ووتر کنی یتھ أندی أندی سورُے شہر آباد چھُ۔

ڈل چھُ پتھ کالہٕ پیٹھٕ أکس خاص طبقہٕ کبن لوٗکن ہٕندِ ژٕ ری یے معاشک آگُر تہٕ روٗ دمُت۔ سُہ گووٕ زِ اتھ سرَس منز چھِ مختلف ذأژ ہنٛز

گاڈ ییٚمیُک شکار اتھ منز روزن وألی لُکھ کران چھِ۔ امہِ مُذ ید پچھُ ڈل
شہرِ سرینگرس منز ثقافتی تہٕ اقتصأدی اعتبارٕ تہٕ اہم مرکز مانٕنہٕ یوان۔
ڈلُک ندُر چھُ شہرٕ گام لذتہٕ رٔنگی مشہوٗر۔ اتھ یُس پوٗش پھولان چھُ تتھ
چھِ پمپوش ونان۔ تہٕ یُس میوٗ اتھ نیران چھُ تتھ چھِ پمپچھ ونان ییٚلہِ
پوٗہہ تہٕ ماگ رتس منز یہٕ فصل تیار گژھان چھُ یہِ چھُ اتھ موقعس
منز پورٕ ڈلس پوشہِ وَتھرُن کٔرِتھ سبٹھاہ شوٗبہٕ راوان۔ امہِ مذ ید پچھِ اتھ
پاں سوٗتھرِس منز مختلف قسمچ سبزی بیترِ تہِ خودرَو سپدان۔ یتھ منز اکھ سبزی
بُم یوسہٕ گاڑن ستۍ رنان چھِ ییٚمہِ ستۍ سخ لذت پأدٕ گژھان چھُ۔ امہِ
علاوٕ چھِ گانٹہٕ ہَنْد، کھور، اکہِ قسمُک گاسہٕ۔ منگول، چاش بیترِ تہِ۔ أبی
جاناورن منز چھِ یسلہٕ پأٹھی ژانٹھُرٕ، یہِ چھُ ووزلہِ رنگہٕ اکھ جاناوار۔
بٹخ ذأژ ہُنْد اکھ مأرک موٗند سوکھِ پچھن، سونہٕ پچُر، ژرِ سوٗمب تیز
وُڈُوٗن جاناورشش گر، قُمر، کستوٗر، کُکِل، جَل، ووٕزج ژوٗنژ تہٕ سفید
سینہٕ کٔرِتھ پچھن چالہِ کنز، کولہٕ ٹوٗنچ، کیُس، گاڑ کھاو، گاڈ گرد، گأری کاو،
ندہرتہٕ اسمأنی أنز بیترِ جاناوار۔ امہِ علاوٕ چھُ ڈل مختلف أبی کھیلن ہُنْد
گِندَن گاہ رٔنگی تہٕ کامہِ کارس یوان۔

یوسہٕ صوٗرتِ حال راقمُ الحروٗفن ڈلس نسبت امچہِ لاپروأیی تہٕ غأر
اطمِنان بخش رٔوِیَس کُن بأوسوے صورتِ حال رٔوِیہٕ چھُ آنچار سرَس
نسبت تہٕ۔ ییٚمہِ کنۍ امہِ بڈ سرُک وجوٗد قریب قریب ختم گوٗمُت چھُ۔
اچھ پاں سوٗتھر چھےٚ ووٕنی موٗلی أکِس ژھوٹہٕ ڈیرس منز تبدیل گأمژ۔

امکہِ آبہٕ ؤسیلک بۆڈ آگر اوس ڈلُک آب۔ یُس سرینگر ڈاوُن ٹاوُن سیٖٚے منٛزٕ س ماّر نالہٕ کِنہِ رواں دواں اوس۔ امہِ آبہٕ سٟتی اوس آنچار سرس پٔنن وجوٗد قائیم تہٕ دأیم روزِتھ۔ پۆز نالے ماّر پُرِ وَنہٕ سٟتی گو واتھ سرس آبُک اکھ بۆڈ ذخیرِ اتھ۔ یٖیمہِ کِنہِ یہِ ژھوکان ژھوکان آو۔ یہِ سر چھُ شہرِ سری نگرِ کِس شمالس کُن قریب أٹھ میل یعنی ۱۲ کلومیٹر دوٗر یٖیمیُک کُل روقبہٕ ژ وداہ کلومیٹر تام چھُ۔ زیٖچھرِ کِنہِ چھُ شیٖٚے کلومیٹرٕ تہٕ کھجر چھس قریب پانٛژ کلومیٹر۔ اتھ منٛز اوس اکھ ستہٕ پۆر شاہی محل تہِ۔ یُس شاہِ جہانن پننہِ آشنہِ نور جہاں کِیٚت صرف زوُنہٕ رأژن منٛز ڈلُک نظارٕ حظ تہٕ حلاوت تُلنہٕ خاطرٕ یادگار رٔنگی تعمیر اوس کۆرمُت۔ امہِ سرُک اکھ اَنٛد اوس بحر آرا یعنی الأہی باغ تام پھٔہلِتھ۔ آنچار سرتہِ اوس مختلف قسمٕچ سبزی، گاڑٕ تہٕ جاناوارن ہٕنٛدِ زوُن پانٛچ اکہِ پژھہِ ہنٛز جاے۔ اتھ منٛز چھِ وُنتہِ بم، سول، زأڑی، ببر، گانٛٹہٕ ہنٛد، کھور، ندُر بیترِ یسلہٕ پأٹھی یوس خودرَو چھےٚ۔ پیٚژ چھےٚ اتھ سرس منٛز یسلہٕ۔ یُس وٕگوی وونس لگان چھُ۔ یٖیمہِ سٟتی سأنس تہذیب وتمدنس منٛز یہِ اکھ اہم رول ادا کران چھُ۔ پۆز ووٗنی چھُ اتھ سرس منٛز ژوواپأری دٕژِ ے دُژ نظرِ گژھان۔ اگر چہِ اتھ سرَس منٛز وُنتہِ کیٚنہہ اہم جاناوار زُوان چھِ یتھ منٛز زُربطخ، اسمأنی أنٛز، پچھن ذأژ ہٕنٛدی مختلف قسمٕکی جانہٕ وار ژاکو، ژانکھُر، ژِنہِ ہانٛگُر، سوکھہِ پچھن، سونہٕ پچُر، شش گر، قُمیری، کنان، کِکو، کُکل، کنٛز، کوٗش، کولہٕ ٹوٗنٛچ، کولُر، کیٚس، گاڑٕ کھاو، گاڑٕ گرٛد، گأری کھاو، گولُر،

ہارِوٗٹ، ندہر بیترِ یم ووٚنی اکھ اَکس گُن بےٚ سوکھ نظروِیی باوان آسَن زِ تیمی نبَن سأنی تِنتأکی پننہِ لولہِ اند ررٕڈٕ ہتی چھِ کیاہ تم چھِنا سانہِ بےٚبُسی تہٕ بےکسی پیٹھ ربّس کھنی ونان۔ کِنہٕ یم مالہِ تہٕ چھےٚ پننِس نازس تہٕ غروٗرس منٛز مَس۔

کٔشیرِ ہندِ ہن یمن سرَن تہٕ اَس ازلے یہِ دٔلی زِ تہٕ بزرگی حأصل گأمژ۔ یچ پأکیزگی یہِ یمہِ بتراٗ ژ ہُند دامن ؤلتھ تھووُمت اوس۔ یمِیک لافأنی نوٗر پرٛتھ طرفہٕ شولہِ ماران اوس۔ یُس پننِس بیوٚن دُنیہَس منٛز راوان اوس۔ پوٚز ووٚنی چھِ اتھ سِینس منٛز دُنیہکی ہاوس رأسی گأمتی۔ آنچار سَر اوس پزٕی کنہٕ سُدرِ کِس سِینس تام دُبراے دِوان۔ یتہِ نہٕ کانہہ مایوٗسی نےٚ کانہہ عذاب درینٛٹھ گژھان اوس۔ یتھ گُن وُچھِتھ صرف آش، فرحت تہٕ راحت پأدٕ سپدان اوس۔ صرف کینٛہہ دٔہی بروٚنہہ اوس یمہِ سرُک تہٕ شوخ یاوُن پورٕ جہارٕ سان آدمی ذأژ نالہِ متی کری کری وُزٕ ناوان۔ بٹھو، بیروڈ لومنٛز گرایہِ ماران۔ یہِ سراوس اَسن کھنگالہٕ ترٛأوِتھ زنتہٕ حیاتس ٹوٗری پھولہِ راوان۔ پوٚز ووٚنی چھُ یہِ صرف غمن منٛز ولنہٕ آمُت۔ پنہٕ نبن کراٹھین دوہن منٛز پُتم شاہ نوان۔ سأری ہے بدنس چھُس وٕنی دٔنن لٔج مژ۔ سُہ سورُے ماز چھُس ہرِتھ پیومُت۔ بس کرِنز ہیوٗ درینٛٹھ گژھان ووٚنی۔ تمہٕ وساٗیلن ہنٛزٕ تمام مندورَ چھُس خاک بٔنتھ ؤسی پیمژ۔ سکہٕ شاٹھے سکہٕ شاٹھ چھِس بدس آمتی۔ پنٛچ چھُرٕ ژادرِ ہش چھُس ووٚنی ماگن انٛدٕ وندٕ ؤہرِتھ

ترأوِمژ ۔ دل چھُس امی آزارٕ ہرِتھ پیۆمُت ۔ پۆز دردٕ کہِ آلوٕ چھُ ووٚنی کتھ تام شۆعورس یاد پیۆمُت ۔ دپان ڈل کہِ برکتہٕ چھِ اتھ پٔٹھ تہٕ لیکس اینڈ واٹروٚیجس ڈویژن نیٚہ سرٕ اچھ پرٛأنی اصل ہیٚیت بدٕ کڈنٕچ سبیل کران ۔ آبی وسائیلن ہندی محکمن چھُ أکِس مفادِ عامہٕ چہِ اپیلہِ ہندِس جوابس منز کشیرِ ہندی اہم سر بچاو کاروائی نسبت نوِسرٕ تحریک ژھُمژ ۔ دپان ڈل تہٕ ماباقی سرکہِ تحفظِ حوالہٕ تُلنہٕ آمتِس اتھ اقدامس تحت کرِ عدالتِ عالیہ ہَن محکمہ لیکس اینڈ واٹرویس ڈیولپمنٹ اتھارٹی ہنٛدِ ناوٕ کینٛہہ اہم حکم جأری ۔ یم ڈلس تہٕ سرن تحفظ تہٕ بچاوکہِ حوالہٕ رٔنگی حِفظانِ صحتکہِ مسلہٕ باپتھ کاروائی نسبت چھَ ۔ دیوخدا بوزِتھ گژھِ، یہِ سر تہِ ییہِ نیہ سرٕ تمی انمانہٕ بارَسس ییٚمہِ انمانہٕ امکی ووٚزلی پمپوش نمناکھ وتن تام اسہٕ ناوان أسی ۔ وٕتھر تہِ تم یم زٕ ژَن پننہٕ نَبن پرٛ بز لاوان أسی، یمن ہٕندی وٕتھر بیمارٕ دِلن تام پیاپے پننہِ خوشبوے ستی میچھر اوان أسی، خدا بوزِن اتھ پھیرِن سُے چمک ییٚہِ ۔ یُس ہرِ دکالس زُونہٕ گاشکی پأٹھی بےٚ سوکھ دلن خوش کران اوس ۔

کشیرِ ہندٕ بن سرَن متعلق یُس قدم ووٚنی حکوٗمتن تُلمُت چھُ تمہِ حسابہٕ چھُ باسان زِ ووٚنی ماپھیرِ یمن جھیلن، سرن تہٕ ناگن ییٚہِ سُے جہار پۆت کھورِ ۔ یِچھ پرٛ ہتھ اکھ مانگے کران چھُ ۔ شایدی زأنتھ زِیم آفأقی کرِشمہٕ چھِ کشیرِ تہٕ کأشرِس تشخصس ضأمن ۔ چونکہِ یُس قدم ووٚنی مفادِ عامہ مدِ نظر تھأوِتھ حکوٗمتن تُلمُت چھُ تمہِ سببہٕ چھُ باسان زِیمن جھیلن خاص کرِتھ آنچار سرُک أندریم

دود تہٕ بے بٔسی ہٕنٛدِ رغبتُک دزٕ وُن الاو گرٛشھِ مدہم۔ یوسہٕ زندٕ گی اتھ سرٕ س ڈلنس ستی چھوکُرِتھ أس سو پھیرِ ووٕنی نیہ سرٕ قو درتکبن رنگین نظارن ہنٛزِ لولہِ منٛز من مِلنأوِتھ۔ تِکیٛازِ یُس آدٕمی گٕجر ڈلس تہٕ باگہِ اوس آمُت سُہ کم کرنہٕ خأطرٕ چھِ یمن بسکین درن ڈلہٕ منٛز کٕڈِتھ بےٚ یَن جاین بساوٕنکی سنٛز کرنہٕ یوان۔ یُس اکھ خوٗش آیندٕ تہٕ خوٗش نُما قدمہٕ رٕنگی پھرٕنس لایق چھُ۔ ییٚہِ چھُ ووٕنی ڈلس منٛز جرمن مبڈ لأنیژ پولیوٗشن مشینہٕ تہِ امچہِ کلُھم صفأیی باپتھ کامہِ کارس لاگنہٕ آمٕژ۔ یمہِ ستی ووٕنی کُنہِ کُنہ سُے صاف وشفاف ماحول تہٕ آب درینٛٹھ گرٛشھان چھُ۔ پروردگار بوٗ زِلنایِ بُنٛ۔ شاید ییٚہِ نہٕ ووٕنی یہِ وَنُن زِ

"سُتہِ اوس دوہا نظرٕ گرٛشھان آسہٕ وُچھِتھ سیر"

"یتہِ وُچھ تہٕ ووٕنی دوہا مُستی یہِ نایاب سرٕ ن منٛز"

خدا بوٗزن سوے سگوٕنی آشِ تہٕ آبِ حیاتُک، امیُک سُہ بٔخ گرٛشھن بیدار۔ تاکہِ امہِ سرکہِ مُلہٕ ماشیُک سُہ سونہٕ ہأری رنگ، اسہٕ وٕنی کستوٗری، خوٗش کرٕوٕنی قُمرٕ، جَل لَبَن سُے آکار سُے جھاریُس ٹورٕ بن جامہٕ ژٹان اوس تہٕ گُل أسی نیران۔ ژووٕ پأری أسی پوٗش پھولان ییمیُک ہُسن پٕننِس أندی پکس نافہٕ چھکان اوٗس۔ پوٗز یہأے نظر چھےٚ ووٕنی ژووأپأری مُدعے گُنڈِتھ تتھ سمیَس وُچھانٕ تیچ یہِ مانگے کران چھےٚ۔ یَمیُک اکھ رنگ مےٚ یتھ شعرس منٛز یاد پیوان چھُ

ذرّہ ذرّہ ہے مرے کشمیر کا مہمان نواز
راہ میں پتھر کے ٹکڑوں نے دیا پانی مجھے

❀❀❀

# ہأروَن آثار

موتی لال ساقی

ہأرونُک پرٛ ون ناو چھُ شڈ ار ہڈ وَن اوسمُت۔ یمیُک معنے شبن اَر ہٹن یا شبن ریٖشن ہُند جنگل چھُ۔ یہِ گام چھُ سرینگرِ کس شمالہٕ مشرقس منٛز شالہٕ مأر ہٕندِس مشرقس کُن ترٛےٚ میل دوٗر۔ سنسکرت موٗرخو چھُ اَتھ علاقس نندی کھیتر تہٕ ابو الفضلن پرگنہٕ پھاگ ناو لیوٗکھمُت۔ راج ترنگنی منٛز چھُ امہِ جایہِ ہُند ذِکر یتھٕ کٕنی کرنہٕ آمُت:

''تمہِ وقتہٕ اوس اَکھ بودِستو یتھ مُلکس منٛز روزان یُس مألِک کُل اوس۔ ناوِ کٕنی اَسی تس ناگ ارجن وَنان۔ سُہ اوس شڈ ار ہڈ وَنہٕ روزان''۔

ہأروَن چھُ وُنی کٕمن آبہٕ گرٕ موٗجوٗب مشہوٗر۔ اَماپوٚز تواریٖخی اعتبارٕ چھےٚ اَتھ تمو کُشان آثارو کٕنی زبردَس اہمیت حأصِل یم زبروَن بالَن ہٕنٛزِ لونٛچہِ منٛز سڑکہِ ڈٲچھنی تقریبن جرہبہٕ ژومبرٕ ہیوٚر شراب کولہِ ہٕندِس کھووِرِس بٹھِس پیٹھ تھزرَس چھِ۔ عام لوٗکن چھےٚ یہِ جاے گترِ دَجہِ ناوِ ویٚز۔ سٕتاین چھُ گوڈنیک محقق یمۍ شڈ ار ہڈ وَنہٕ نِش ہأروَن بدِ کوٚڈ۔ اَماپوٚز تَس آےنہٕ اَتہِ کُنہِ قسمہٕ پتھ کاٮ٘لکی آثاراَتھِ۔ اَتھ جایہِ کُشان آثار موٗجوٗد آسنٕچ ژینہٕ وَن اَس گوڈٕ گُنوٗہی مہِ شتی لہِ کس سورَن کاکس

مَنٛز لٔبِمٕژ۔ مگر وُہۍ مہِ شٔتۍ لہِ ، کس گوڈٕ کالَس مَنٛز ییٚلہِ شراب کولہِ کأم
کرَن والو مۆ زۆرٕ روکترِ دٔجہٕ ہٕنٛدِس دامنَس تَل کینٛہہ قأبلی ٹایلٕہ میٚژ مَنٛزٕ
کھنان کھنان لَبہِ تِمہٕ ۍتۍ اوس اَتھ جایہِ پرٛأنی آثار مۆجۆد آسنٕ ، کس
خیالَس تصدیق سپدان ، مگر یِمَن آثارن ہٕنٛز کھُدأے سپٕز پنڈت
رام چند کاکنہِ نِگرأنی مَنٛز تِمہِ ساتہٕ ییٚلہِ سُہ سُپر انڈنٹ آرکیالوجی
اوس ۔ (۱۹۲۹ء۔۱۹۱۹ء) ، کھُدأے شروع سپدَنہٕ برٛونٛہہ آسہٕ گامہٕ
پیٚٹھ آثارن ہٕنٛزٕ جایہِ تام کترِ چھکرِتھ یِمہِ تلہٕ اَتھ اَنٛدرَس برٛونٛہہ کالچہِ
آبأدی ہُنٛد اندازٕ اوس سپدان۔

رام چند کاک چھُ ہأرِوَن آثارن ہُنٛد وَق ۳۰۰ء ہیوٚ لیکھان۔
ڈاکٹر ہنرِچ چھُ لیکھان زِ ناگ ارجن زاو کنشک سٕنٛدِس دورِ حکومتس مَنٛز
تہٕ کلہن تہِ چھُ راج ترنگنی مَنٛز أمۍ سُنٛد ذِکر کُشان حُکمرانَن ہٕنٛدِس وقتس
مَنٛزٕے کران یِمہٕ ۍتۍ ڈاکٹر ہنرِچ سٕنٛدِ بیانُک تصدیق چھُ سپدان۔
کنشکَس متعلق چھےٚ وونۍ یہِ کتھ کھٔرِ گأمٕژ زِ سُہ بیوٚٹھ ۷۸ء مَنٛز تختَس
تہٕ ناگ ارجن آسہٕ پننہِ فلسفُک تبلیغ لأزمی طور کُشان دورَس مَنٛزٕ ے
کشیرِ مَنٛز یتھ کوٚرمُت ۔یہِ کتھ نظرِ تَل أنِتھ زِ ناگ ارجن اوس ہأروَنے
ٹھکانہٕ کرِتھ ، اَمہِ مۆجۆب آسہِ یِمَن آثارن ہُنٛد کُن گوڈٕ انوارِ ناگ ارجن
سٕنٛدے وقتہٕ لوٚ کمُت ۔ یتھٕ پأٹھۍ چھُ یِمَن آثارن ہُنٛد اِبتداعیسأے
سَنہٕ کہِ گوڈنِکہِ ہٕتۍ لہِ کہِ سورَن کالہٕ پیٚٹھ دۆیمہِ عیسأے ہٕتۍ لہِ کس
سورَن کالَس درمیان سپدُمُت ، یُس سیٚد سیٚود کُشانَن ہٕنٛدِس

دورَس تاے محدوٗد روٗدنہٕ بلکہِ چھِہ اَمہِ پتہٕ تہٕ اَتھ جایہِ تعمیر سپدان روٗدی مِتی ۔ تیٚچھ باوَتھ تورمان (۵۱۰-۴۹۴ء) ہِسنٛدِ تمہِ سِکہٕ ستی سَپدان چھےٚ یُس اَتہِ اکہِ تعمیر کہِ کٔنہٕ تلہٕ چھُ دژامُت ۔ ہأروَن آثارَن ہُنٛد کُشان دورَس ستی تعلق آسنس پٮ۪ٹھ چھےٚ بیٚیہ تہٕ کینٛہہ گتھ ڈکھ کران ۔ راز کنشکنہٕ وَقتہٕ کوٚڈ کُشان (یِمَن چھِہ یوٗچی تہٕ وَنان) حکوٗمتَن وسطِ ایشیا پیٹھہِ خلیج بنگالَس تام کاڈ ۔ مَشرِقَس تہٕ مَغرِبس دَرمیان تجارتی وَتھ گیہ یلہٕ یِمہٕ ستی تجارتی تہٕ تمدنی لین دینَس پوچھر لوٚگ ۔ اَمیُک ٹاکارٕ ثبوٗت چھےٚ تمہٕ پوٚختہٕ قالی بہٕ سیرِ فراہم کران یِمہٕ ہأروَنہٕ بَدِ دژامٕژ چھےٚ ۔ یِمَن ٹایلَن پیٹھ چھِہ اَسہِ تِتھی لوکھ تہٕ نظرِ گژھان یِم خولہٕ خطہِ کِنہٕ قنٛدتہٕ کاشغرٕکی چھِہ باسان یِمَن منٛز چھےٚ کینٛژن ووڈِ ترٕکی ٹوٗپی تہٕ زنگن ییزار ۔ اَتھ سِلسِلَس منٛز چھُ پرسی براون لیکھان:

''قالی بہٕ گجہِ مرٕژ ہأرَونچہ ٹایلہٕ (سیرِ) یوٚ دوَے منٛزی منٛزی سبٹھاہ رٕنبہٕ وٕنہِ تہٕ جورٕ روٚس چھےٚ، اَماپوٚز یِمَن منٛز چھُنہٕ ہونَر مُندی کاڈ ہیوٚ کُمُت کڈِتھ ۔ یِمَن ہنٛز اہمیت چھےٚ اَمہِ کتھِ کِنہٕ زِ یِمَن ٹایلَن پیٹھ یِمہٕ مُرٕژٕ بیترِ ووتلاوِتھ چھےٚ تمہٕ چھےٚ تقریبن پَتھ کالہٕ کِہن بَڈٕہن تہذیبن ہنٛز باوَتھ ۔ اَمہِ علاوٕ چھِہ تم چیز تہٕ یِم مُقامی چھِہ ۔ یِمَن آکارَن منٛز چھِہ اَسہِ بہروَٕچھ پلیار، یونانی بوٗقچہٕ، پھوٗنت مرٕ رِتھ ساسانی جاناوار، ایرانُک سجاوَٹہٕ باپَتھ بانہٕ، چینی منبت کأری، ہندوستانی ہوٚس تہٕ بیٚیہ بیترِ نظرِ گژھان ۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ چھےٚ نژَن واجنٛبن، سپہن، سُنٛی

یاسبن، مختلف نَسلَن ہِنٛدِ بن لۆگن ہِنزٕ صوٗرٕژ۔ یِمَن ہُنٛد پے اَسہِ تِہنٛدِ پأراوٕ ستۍ لگان چھُ۔ ہأروَن آثارَن ہِنٛد قدامتُک بیٚیا کھ بوٚڑ ثبوٗت چھےٚ کھرٛوشتی گرٛنٛد، یوسہٕ ٹایلَن پیٚٹھ کھٔنِتھ چھےٚ۔ یہِ گرٛنٛد لیکھنٕ اُس مسیحس برٛونٛہہ ترٛےٚ ہَتھ وٕری پیٚٹھٕ عیسأےسَنہٕ کِس پٔنژِمِس ۂتۍ لِس تام شُمال مغربی ہندوستانس منٛز مُروَج تہٕ کُشان دورس منٛز اوس اَمی طریقہٕ گرٛنٛد لیکھنَس چلے جاو۔ یہِ کتھ نظرِ تل اَنِتھ چھُنہٕ چارلِس ہینری سُنٛد یہِ دعوا صحیح زِ ہأروَن آثارَن ہُنٛد تعلق کیٚیاہ چھُ سٔتِمِس عیسأے ۂتۍ لِس ستۍ یِیلہِ زَن للتادت حکمران اوس۔ تِکیٚازِ، تِہنٛدِ وَقتہٕ اُس یہِ گرٛنٛد الکہِ پلہٕ دوٚیو ہتو وٕری یو پیٚٹھٕ گال کھاتس گأمُت۔ تِتھےٚ میزان لأ گِتھ چھُنہٕ اَکھنور چہٕ گترِ مُرٕژ تہٕ میٚأنۍ کِنۍ سٔتِمِس یا اَٹھِمِس ۂتۍ لِس ستۍ تعلق تھاوان۔ تتہِ یِم کتبہٕ درٛاٰمتۍ چھِ زبأنۍ تہٕ خطہٕ کِہ اعتبارٕ چھِ تِم واریاہ پرٛأنۍ باسان۔ ہأروَن ٹایلَن (یِمہٕ زَن ۱۸ آنٛچہٕ زیٚچھِ تہٕ ۱۲ آنٛچہٕ کھجہٕ چھےٚ) روزِ ٹایلو بدلہٕ سیر وَنہٕ نے جان۔ وونۍ وَنہٕ ہو کھ گترِ مُرٕژ مگر یِمہٕ چھُنہٕ تَتھ دأیرس منٛز تہٕ یِوان۔ یِمَن سیر بن پیٚٹھ وِتلأوِتھ مُرژَن چھُ تِمَن روٗمی موٗنۍ ژِتھرَن ستۍ ہِشَر یِمَن ہُنٛد تعلق مسیحس برٛونٛہہ گوڈٕنِکس ۂتۍ لِس ستۍ چھُ۔ ہَرمَن گوٚیزِ چھُ لیکھان زِ یِمَن سیر بن پیٚٹھ چھےٚ پارتھی فنٕچ چھاپھ تیٚچِ باوتھ اَکِس ٹایلہِ پیٚٹھ وِتلأوِتھ گُری سوارٕ سٕنزٕ شبیہہ ستۍ سَپدان چھےٚ۔ سُہ چھُ وَنان زِ اَمہِ کِس فَنَس پیٚٹھ چھےٚ گیتا فنٕچ ژھاےٚ تہٕ درٛیٹھ یِوان۔ یہِ کتھ چھےٚ

ژینہٕ وَن دِوان زِ کُشان دورَس (۸۷ء) مَنز یَتھ مَنز ہٲرِوَن بُستی گوڈ لۆگ نَتہٕ رۆز تعمیرَن ہنٛز کأم وارِیاہ ژیر تام یعنی ژۆری مس پنٛژی مس ہتی لِس تام چلان۔

آثارَن ہنٛز جایہ وۄن دِتھ چھُ ننیومُت زِ جاے چھےٚ طبقَن مَنز بأگرِتھ اسمژ تہٕ پرٛتھ کُنہِ طبقس مَنز اوس کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ تعمیر۔ طبقن مَنزٕ اُس ہیر یمہِ کہِ ذریعہ مختلف طبقَن پانہٕ وأنی واٹھ اوس۔ آثارَن ستی چھِ نِکھ نِکھے زِ ناگ یم پتھ کالہِ اَتہِ روزَن والین چنہٕ آبُک وسیلہٕ آسہٕ ہَن۔ ہٲرِوَنچ یہِ طبقہٕ بنٛدی چھےٚ پتہٕ موغل باغَن مَنز تہٕ درینٛٹھ یِوان۔ ہیری مہِ طبقہٕ مَنز یم آثار کھُدأے کرنہٕ پتہٕ بدِ چھِ دژاامتی تِمَن مَنز چھُ اکہِ تعمیرُک کُن یَتھ پٲتم پاس اَڈٕژ کرِ چالہِ چھُ تہٕ برٛونٛہہ پاس ژُکونٛجل تہٕ وُزٕ چھُس ژُکونٛجل حِصَس مَنز۔ تعمیر کہِ أندرِمہِ حِصہٕ مَنزٕ چھُنہٕ کُنہِ مرٕ زِ ہُنٛد کانٛہہ آکار بیترِ دژامُت، مگر یہِ وبٕژھے چھےٚ تِمہِ ٹایلہِ فَرشہِ ستی پۆرِ گرٛھان یُس اَتھ تعمیرَس أندی أندی وَتھرأوِتھ چھُ۔ دریافت سپٕز مژَن ٹایلَن یم آکار وتلأوِتھ چھِ تِمَن مَنز چھےٚ سَرِ پھرٕڈ چالہِ رِکھ، گاڈٕ کنٛڈی، رِکھو ستی وتلأوی متی نقشہِ، قسم وار پوشَن ہنٛدی گوندی، عام پوش، تگہِ تگہِ وُڈان یا پکان اَسمأنی أنز (یِمَن توشتہِ مَنز یاتہٕ پنہٕ وٕتھر چھِ تہٕ نَتہٕ پوشہِ وٕتھر) پوشَل ڈیزاینَن مَنز وتلأوِتھ بطخَن، کوکرَن تہٕ لکوَن ہنٛزٕ صوٕرٕژ۔ کوکر جنگُک منظر، چھِرِ کٕژن ہنٛز ٹھولہِ ٹھولہِ ہُنٛد نظار، وٕژھی سِندِ گاوچھنُک منظر، ہٕسی، کأر

پھِرِتھ زۄنہٕ وُچھوٗن ہانگل، ہانگلن پتہٕ دَوان دَوان تیر اندآزی ہُنْد تماشہٕ، پوشہٕ گملہٕ ہیتھ زنانہٕ، نژن واجینیٚ، نگارٕ وایان اَکھ زٔنی، زرٕبکتر گٔنڈِتھ کمان ہیتھ سِپاہ یُس ہانگل شِکارس پھِھ دژامُت، زۄنہٕ ڈَبہٕ پیٹھ بِہتھ أکس زَنہِ تہٕ مردٕ سُنْد کتھٕ کرنُک منظرتہٕ پھیکِبن پوشہٕ مالہٕ اَویزان تژ أوِتھ شُری۔ آنگنہٕ ہُر یمانہٕ چھےٚ مکانَن ہٕنْدِس رویَس تہٕ شۆبراونہٕ باپتھ ٹایلہٕ آسمژ لاگنہٕ یِوان۔ بڑوٗنہہ کالہِ یِیمہٕ طریقہٕ کأری گرَ ویمہٕ ٹایلہٕ لاجمژ چھےٚ تمہٕ چھےٚ تمی اَند ازٕ وُنہٕ تہٕ وَتھرأوِتھ۔ اَمہِ کتھِ ہُنْد پَے چھُ کھروشتی خطَس منزٕ ٹایلَن پیٹھ لیکھتھ گرٕنژِ ستی سپد ان۔ ٹایلہٕ لاگنہٕ وِزِ یم ڈیزاین اَتہٕ ووتلاونہٕ چھِ آمتی تمَن ہُنْد تصوٗر چھُ گوڈَے کأری گرَن ہٕنْدِس ذیہنَس منزٕ اوسمُت تہٕ ڈیزاین ڈٔنجہِ تھاونہٕ موکھٕ چھےٚ ٹایلَن پیٹھ قائبہٕ کڈن وِزِی ترتیب وارگرٕنْد کھَنہٕ آمژ یُتھ ٹایلہٕ وَتھراوَن وِزِ پَتہٕ ڈیزائنَس کانْہہ پھیرٕ پِنہِ ہے نہٕ۔ ٹایلَن پیٹھ درٕج گرٕنژِ ستی چھےٚ بِنیہِ تہٕ دون گتھَن ہٕنزٕ ژینہٕ وَن لگان، اَکھ یہٕ زِ کھروشتی رسمِ خط چھُ بروٗنہہ کالہِ کشیرِ منزٕ تہٕ مُروَج اوسمُت تہٕ دۆیم یہِ زِ تتھ پتھ کالَس منزٕ تہٕ چھِ کأری گر خانٕدٕ أسی مژی۔ ٹایلہِ پیٹھ نژن گرِ ہنزٕ صۄرتھ چھےٚ کشیرِ منزٕ پتھ کالہِ نژنچہِ ترقی کُن اِشارٕ کران۔

ہأروَن تعمیرَن ہٕنْدی کُن چھِ یٔنْدرٕ دوسہٕ چالہِ تہٕ یم چھِ لأری مو ستی سجاونہٕ آمتی۔ کنَن ہُنْد یہٕ طرز چھُ پنَنہٕ انٔدٕ اَکہِ نوٕرچ تہٕ اِفرأدی تیچ ژینہٕ وَن دِوان، تیتھی ہی کُن چھِ ٹیکسلا تہٕ بَدٕ دژامتی۔

أکِس ٹایلہِ پیٹھ چھُ سِتوٗپُک اَنہار روتلأ وِتھ یِمہِ تلہٕ نَنان چھُ زِ تتھ زَمانَس منٛز کمہِ آیہِ چھِ سِتوٗپ تعمیر أسی ٲمتۍ سپدان۔ ڈُلوم ستوٗپ اوس ترٛ وأرِس کنَس پیٹھ کھارنہٕ یِوان یِیمیُک کلشہِ یوٗوبےٚ سوٚم مگر مُدور اوس آسان کلشہِ پأوِس پیٹھ أس چھترَن ہنٛز ترٛٚ آسان یِم اَکھ أکِس پیٹھ أسی، چھترن ہنٛز یہِ ترٛٚ أس پیٹھٕ پیٹھ لوکٹان تہٕ أخری چھترٕ اوس کلشُک ٹوٗپ بنان۔ ٹوٗپس آسہٕ زٕ تچھِ رزٕ اَویزان آسان یتھٕ پأٹھۍ وُنہِ تہِ کینٛژن اَستانَن ہندِس ٹوٗرِس چھےٚ آسان۔ ستوٗپکس اَنگنَس منٛز چھُ اَکھ سمہا تھَمب یا (شیرَس پیٹھ سہہ کلہٕ کرِتھ تھَمب) ہاونہٕ آمُت۔ تھَمبس چھِ براہمی خطَس منٛز "یہِ دَھرما" لیکھِتھ یُس اندازٕ موٗجوٗب ژوٗری مہٕ ہٕتی لیٚگ چھُ۔ اَمہِ تحریرٕ ستۍ چھُ براہمی خطکہِ کشیرِ منٛز مُروَج آسنُک پَے لگان، یِیمہِ منٛزٕ پَتہٕ شاردا رَسمِ خط تھَنہٕ پیوٚ۔ یِم آثار اَتھ جایہِ بَدِ چھِ درٛاٲمتۍ تِمَن ہُنٛد تعلق چھُ صِرف بُدھ متس ستۍ۔ یوٚ دوٚے تورمان سُند سِکہٕ اَتی اَتھِ چھُ آمُت امایوٚ زکُشانَن تہٕ تورمانَس منٛز یِم بادشاہ یِوان چھِ تِمَن ہُنٛد کانٛہہ نِشانا چھُنہٕ اَسہِ نظرِ گژھان۔

رام چندر کاکنہِ وَننہٕ موٗجوٗب چھِ ہأرون آثار نہ صِرف ہندوستانَس بلکہِ سأری سے دنیاہَس منٛز پننہٕ قِسمکۍ وأحد آثار یِمَن منٛز کُشان ذأژ ہٕنٛد بن لوٗکن ہنٛزٕ تِمہٕ صوٗرٕ ژھےٚ درٛینٛٹھ یِوان یِمہٕ وٕنس تل چھنہٕ۔ یتھی آثار چھِ گمےٚ کال برٛ وٕنہہ افغانستانہٕ تہِ درٛاٲمتۍ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جِلد: ۱)

# بَڈشِہن ڈُمٹھ

موتی لال ساقی

بَڈشِہن ڈُمٹھ چھُ شاہمیری دورُک سہ نادِر تعمیر یُس سرِ ثۆبوتھ پأٹھی وُنستام ڈنجِہ چھُ۔ مہراج گنج (سِرینگر) کِس علاقس منز تعمیر کرنہٕ آمُت یہ ڈُمٹھ چھُ بَڈشاہ (۱۴۲۰۔۷۰) سنٕزِ ماجہِ ہُنٛد مقبرٕ۔ یُس بَڈشاہ سنٛدِ عظمتچ ژینہٕ وَن دِنَس ستی کأشرِ تعمیر کأری ہنٛدِس تۄأرِیخس منز اکہِ نوطرزٕچ نشاندہی چھُ کران۔

ڈُمٹہٕ کِس تعمیرَس لاگنہٕ آمٕژ نیٖول رنگ گرتھ پشجہِ ٹایلہٕ چھےٚ بادشاہ سنٛدِ ذوقِ جمالچ گواہ۔ پۆز دۆیمہِ پاسہٕ چھےٚ یِمہٕ ٹایلہٕ تہِ ڈُمٹُک گرتھ کأشرِس فنِ تعمیرَس پیٹھ ایرأنی اثراتن ہنٛز ٹاکارٕ ژینہٕ وَن۔

اَمہِ چالہِ ہُنٛد دۆیِم کانٛہہ تعمیر چھُنہٕ اَسہِ کٔشیرِ یا کٔشیرِ أندی پکھی علاقس منز نظرِ گژھان۔ ڈُمٹھ چھُ تَمہِ وُسوارتہٕ پایدار تمدُنی اَتھہِ واپچ علامتھ یُس اَتھہِ واس شاہمیری تہٕ خاص کر بَڈشاہ سنٛدِس دورَس اَنٛدر منز ایشیاہَس تہٕ کٔشیرِ درمیان پھأپھلو۔

یہ ڈُمٹھ چھُ شاہمیری دورکو باقے تعمیرٕ ونش مختلِف۔ تَتھ دورَس منز أسی اکثر تعمیر لکٕرِ ہنٛدی، یِمہٕ کِنٛہ تَمہِ دورِکین اکثر تعمیرَن ہُنٛد نیب نِشانہٕ تہٕ درٕ ژھی یوان چھُنہٕ۔ لکِرِ تعمیرَن متعلق یتھ کتھِ پھُیر دِیٖن روزِ

مُناسِب زِلکر وأفر آسنہٕ کِنۍ چھُ چوٗبی طرزِ تعمیرِ کشیرِ ہُنٛد عوأمی طرزِ تعمیر یُس سبٕٹھاہ بڑٕ وٛنہہ کالہِ پیٹھٕ ییتہٕ مُروَج اوس چنانچہ اَمہِ طرزِ تعمیرِ کۍ کیٛنٛہہ نموٗنہٕ چھِ وُنہِ تہِ کشیرِ منٛز ژھٕرٕ اِرتہٕ بٔڈِ مالنہٕ بیترِ نظرِ گژھان۔ وَنٛن نگھِ کیٛنٛژن گامن منٛز چھِ وُنہِ عوأمی طرزِ تعمیرٕ کۍ نُمایٕنٛدٕ مکانہٕ موٗجوٗد۔

ڈُمٕٹھ چھُ پرأنِس دِیأنس پیٹھٕ تعمیر سپُد مُت، پرانہِ تعمیرٕ کۍ کیٛنٛہہ حِصہٕ یَمن منٛز براند بیترِ تہِ شأمل چھُ، چھُ وُنہِ موقس پیٹھ موٗجوٗد۔ اتھ جایہِ یُس پرٕ ون مَنٛدر اوسمُت چھُ تَمہِ چہٕ پھُٹہٕ پھرٕ اٹہٕ کَنہِ چھےٚ حاطس أندی أندی دیوارَس لاگنہٕ آمٕژ۔ مُحقِقن ہُنٛد خیال چھُ رازٕ پرٕ ورسین (پٕنٛژٕیم ہٕتٕیٕل) سُنٛد تعمیر کوٚرمُت لوکی شوری مَنٛدَر چھُ أتھی جایہِ اوسمُت۔

کنٛنگھم تہٕ کول تہِ چھِ موقس پیٹھ چھکٕرتھ آثارَن ژوٗری مہِ یا پٕنٛژی مہِ صدی ہٕنٛدی آثار مانان۔ ییٚمہِ ستۍ أتھی جایہِ لوٗکی شوٗری مَنٛدَر آسنہٕ کِس اندازَس ڈکھ چھُ گژھان۔

ڈُمٕٹھہٕ کِس تعمیرَس چھےٚ کٕنہٕ وَرأے ہیرِ بوٗن سیرِ آمٕژ لاگنہٕ۔ مگر تعمیرُک سوٚتریتہٕ سبزر چھُ تعمیر کأری منٛز پوٗختگی ہٕنٛز باوتھ کران۔ ایرأنی طَرزَس پیٹھ رَنٛگ گٔرِتھ ٹایلہٕ استعمال کرنہٕ ستۍ چھُ ڈُمٕٹھ شوٗبراونہٕ آمُت۔ قُبن تَلہٕ ہانٛکلہٕ چالہِ لأز چھُ ڈُمٕٹھ پُرکشِش بَنو ومُت، محراب داردارٕن تَلہٕ کرکوٗٹچہ جایہٕ کھنگر سیرٕن ہُنٛد دأیرِ چھےٚ اَنٛچ بیا کھ خصوٗصیت۔ سیر بوٗستۍ وٕتلأوی مٕتی اڈٕژٕ کرِ چھِ تعمیر کأری منٛز



محرائبِ چالہِ نقش ووتلأ وَتھ بڈشاہی سیرٕ بن ہُنٛد ڈُمٹُک پیٹھِم حصہٕ



اَبِ چالہِ دِوٕرِ کنٛن تہٕ شاہی سیرٕ بن ہُنٛد گنٛڈتھ مزارِ سلاطین (فوٹو:سجاد ہمدانی)



زآنہٕ کٔدلس نزدیک اکھِ پرٛانہِ مکانٕک فنِ تعمیر







بڈشاہی سیر بن تہٕ دِودٲرٕ لکٔرِ ہنٛز نقشہِ نگاری ٲرِ ھ ڈب

ہُنر مَنٛدی ہُنٛد اَکھ نوٚ وطرٕ زبرٛوٚنہہ کُن اَنان۔

اصل ڈُمَٹھ چھُ أٹھ کوٗنَل یَتھ پٮ۪ٹھ پاںٛژھ قُبہٕ چھِ بنأوِتھ۔ یمو قُبو مَنٛز چھُ مَنٛزِیم اَکھ بوٚڈ تہٕ اَنٛدَ ن ہنٛدی قُبہٕ چھِ مُقابلتَن لوٚکٹ۔ ڈُمٹَس چھُ أنٛدرٕ اَکُے کُٹھ۔ ووبن بیترِ لاگنہٕ آمژ لٔکر چھےٚ وُنِستام سوٗسُر اَژنہٕ تہٕ دوودرَنہٕ نِشہٕ بچِھتھ۔

ڈُمٹہٕ کِس حاطَس مَنٛز چھِ بڈ شاہ سٕنٛدِ وَقتہٕ پٮ۪ٹھٕکی واریاہ ناوِدار لُکھ دَفن۔ فارسی توأریخَن مَنٛز چھُ اَتھ حاطَس مزارِ سلاطین ناو آمُت دِنہٕ۔ أتھی حاطَس مَنٛز چھُ مرزا حیدر دوغلات دَفن ییمی کٔشیرِ پٮ۪ٹھ ہمایوں سٕنٛدِ ناوٕ حکوٗمت کٔرتہٕ تٔسنٛدِس ناوَس پٮ۪ٹھ ضرب تہٕ جأری کوٚر۔ مرزا حیدر کاشغری یَس کأشری مٔرزٕ حیدر کاشکأری ناوٕ یاد چھِ کران گو ۱۵۵۱ اعیسوی مَنٛز ییمہِ عالمہٕ۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد :۱)

## کتاب نامہٕ:

*Bamzai, A.K.
*Abul Fazl: Ain.
*Sufi: Kasheer.
*Hassan: Tareekh.
*Stein:
*Gazetteer
*Kaul.
*Lawerence.
*Brown
*Goetz.
*Bates.
*Fauq
*Kak
*Mohibul Hassan



# ہارِ پَربَتھ

موتی لال ساقی

ہارِ پَربَتَس چھےٚ کٲشیر ہِنٛدِس توٲرٟیخی کِنۍ ماقبل توٲرٟیخی دورَس منٛز زبَردَس اہمیَتھ حاصِل روٗزمٕژ۔ اَمہِ حِسابہٕ چھُہ یہِ کٲشیرٕ ہُنٛد اولِمپس۔ دیو مالایہِ موٗجوٗب چھُہ یہِ لوکُٹ بال شارِکا دیوِیہِ کِنہِ پھَلہِ کِس صوٗرتَس منٛز سُمیر پَربَتہٕ پیٚٹھہٕ توٗنتہِ منٛز ژلِتھ اوٚ نمُت تہٕ موٗنٛڈ ناوی راکھسن پیٚٹھ ترٛ وومُت یُس اَسہِ کِنۍ دۍ گٹہٕ کاراوس چھکان تہٕ دوہلہِ اوس اَنہِ گوٚٹ گرٕ ھان۔ دیوی ہُنٛد اوٚ نمُت یوہَے کِنہِ پھوٚل گو بَڈان بَڈان اَزِ یِک ہارِ پَربَتھ بَنِتھ۔ بال پیٚٹھ پیٚٹھ تہٕ روٗددراٹھال ژھرٕٹھ دِوان تہٕ بالَس نژناوان۔ یِمہِ کِنۍ دیوِیہِ تہٕ بالَس پیٚٹھ قیام پیوٚ کرُن۔ یتھ جایہِ سو پیٚٹھ سوے جاے بنے یہِ ژُکر یشورُک اَزیک استھاپَن۔ تَمہِ دوہہٕ پیٚٹھ اَزتام چھےٚ اَتھ جایہِ دیوی ہنٛز پوٗزا سپدان۔

''شارکا مہاتم'' ناوی کِتابہِ موٗجوٗب چھُہ اَتھ جایہِ نَرکُک دَرواز اوسمُت یُس بَنٛد کرنہٕ باپَتھ دُرگایہِ شارِکا (ہٲر) بَنِتھ کِنہِ پھٔلۍ صوٗرژِ یہِ ٹینگر اَتھ جایہِ واتناو۔ شارِکا مہاتمہٕ ہُریمانہٕ چھُہ اَمہِ واقُک ذِکر کتھا سَرِت ساگرَس منٛز تہِ سپُد مُت۔

کِتابَن منٛز چھُہ اَتھ ٹینگرِ ''شارِکا پَربَتھ'' ناو دَرج۔ ہارِ پَربَتھ چھےٚ

پَتھ کالہِ کہِ شارِکاپَربَتچ کاشُر صوٗرتھ تہِ کیاز لسانی قاعدٕ و موجوٗب چھُ سنسکرتک "ش" کاشرِس منٛز "ہ" بنان۔

شارِکاپَربتہٕ تہٕ ہارِپَربتہٕ علاوٕ چھُ اَتھ ٹینگرِ پڑیدی مَن پیٚٹھ، پڑیدی مَن گِری تہٕ پڑیدی مَن شیکھر ناو تہِ آمتی دِنہٕ۔ یہِ ناو کیازِ چھُ اَتھ ٹینگرِ پیوٗمُت تتھ متعلق چھُ سوٗم دیوٗن گتھا سرِت ساگرس منٛز اوشایہِ تہٕ اَنہِ روٗدسنٛزِ ذٔلیلہِ ہُند حوالہٕ دِتمُت۔ مُسلمان دورس منٛز پیوٚ ہارِپَربتَس "کوہِ ماران" ناو۔

ٹینگرِ پیٚٹھ اوس راژٕ رانادتّن پشوپت سٔنی یاسبن ہنٛدِ خاطرٕ مَتھ تعمیر کوٚرمُت اَما پوٚز وُنی کٔبن چھِنہٕ اَمہِ مُتھکی آثار اَتہِ کُنہِ جایہِ دٔرِ ینٛٹھی یوان۔ ٹینگرِ ہنٛدِس دامنَس تَل باچھِ دَروازَس اَنٛدر چھُ بھیم سامَن گنیش مَنٛدر، اَتھن چھےٚ گنیشہِ سنٛز سویمبوٗ (قودرٔتی) مُرتھ۔ اَتھ جایہِ چھےٚ وأنسہٕ بَدبوٚ پیٚٹھ مہا گنیشس پوٗزا سپدان۔ ٹینگرِ ہنٛدِس جنوٗب دامنَس تَل چھےٚ سلطان العارفین حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ سنٛز زیارَت تہٕ آخوٗن مُلا شہنٛزٕ مُشید۔ سِٹایَن سُنٛد بیان چھُ زِ یَتھ جایہِ اَزکل زیارت تہٕ مُشید چھےٚ اُتھی جایہِ چھِ ہندوٗ دورَس منٛز باقی مَنٛدرٕ رِبیتر آسمٕژ۔

ٹینگرِ ہنٛدِس کمرس پیٚٹھ چھُ ژٔکریشوٗرُک مشہوٗر استھاپَن۔ اُتھی جایہِ چھُ سویمبو (قودرٔتی) دیوی ژٔکر تہٕ توأریخہِ کہِ آدَن کالہِ پیٚٹھے چھےٚ اتھ جایہِ دیوی ہنٛزٕ پوٗزا سپدان سبٹھاہ پَتھ کالہِ پیٚٹھ اوس دیوی

آنگنس منز نو ریٖنک دوہ مائہ لگان۔ رِوایتھ چھےٚ زِ نو رِیہہ کہِ دوٚہے چھےٚ یہ ٹینگر دیٖوی اَتھ جایہِ أنی مژ۔

کٔشیرِ علاوٕ بیا کھ مشہوٗر سویمبو دیٖوی ژٔ کر چھُ تامل ناڈوٚہس منز۔ یتھ کٔنی ژٔکریشورس مُلحقہِ حاطس کٔشیرِ منز أسی دیٖوی آنگن چھِ وَنان تِتھے کٔنی چھِ تامل ناڈوٚہس منز سویمبو ژٔکرس ستی حاطس دیٖوی آنگن وَنان۔ تانترِ شاسترِ موٗجوٗب چھےٚ ژٔکریشورکس سویمبو ژٔکرس زبردَس اہمیَتھ حاصِل۔

راز پرٛوَرسینَن أس اَمہِ ٹینگرِ ہنٛدِس دامنس تَل شمال تہٕ مشرِقس کُن پنٕنی رازٕ دأنی پَرورپور آباد کٔرمٕژ۔ یِمیٚک واحد نِشانہٕ پرٛوریشور مَندرٕ چھِ بَرنہِ ہنٛز اِستادٕ لَب چھےٚ یوسہٕ بہاوالدین صابنہِ زیارتہٕ کِس حاطس نبر چھےٚ یِوان۔

ہارِ پَربَتس چھُنہٕ کُنہِ تہٕ بودھ رِوایژٕ ستی کانٛہہ واٹھ تہٕ تِتھے کٔنی چھُنہٕ اَسہِ یِمہِ کتھِ ہُنٛد تہٕ کانٛہہ حوالہ بدَس زِ ہندوٗ دورَس منز کیاہ چھےٚ ٹینگر قلہٕ بنٛد أسمٕژ۔

ٹینگرِ أندی أندی ناگرنگر قلاے آیہِ موغل، دورَس منز کھارنہٕ تہٕ أتھی قلایہِ اَندر اوس موغلو أمیرَن وٗزیرَن ہنٛدِ خاطرٕ ناگر نگر بسو ومُت۔

ٹینگرِ ہنٛزِ تالہِ قلہٕ بندی کٔرن وول چھُ افغان گورنر عطا محمد خان (۱۰۔۱۸۰۸عیسوی) اوسمُت۔ قلہٕ بندی ہنٛدِس طرزِ تعمیرَس وٗون دِنہٕ پتہٕ چھُ ٹاکارٕ پأٹھی نَنان زِ اَتھ چھُ وسط ایشیا کین قلَن ہنٛدِس تعمیرَس ستی واٹھ۔

ڈۄگرِ دورِ کس گوڈ کالس تام چھُ ٹینگرِ أندی پکھی گلبن ہُند گُتجار اوسمُت ۔ اَما پۄز زووُنی چھَنہٕ سو گتھ ۔ ڈۄگرِ دۄرِ دورَس منز آسی ہارِ پَر بتے پَہر پَتہٕ پَہر تو پھتر اوان ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد :ا)

## کتاب نامہٕ:


*Ghai
*Somdeva
*Jonraja
*Stein:Raj.
*Stein: Geog.
*Bhattacharya.
*Tuzuk
*Bernier
*Hassan:Tareekh
*Bamzai, A.K.
*Temple.
*Vigne
*Moorcraft
*Forster
*Sofi: Kasheer




# رٕحم صائبُن ڈُمٔٹھ

مجید عاصمی

رٕحم صائبُن ڈُمٔٹھ چھُ صوٚورِ شیرِ کشمیر میڈیکل اِنسٹی چیوٗٹ کہِ شُمالہِ پاسہٕ اِلٰہی باغس منٛز۔ یہِ ڈُمٔٹھ چھُ سلطان حُسین شاہ سٕندِس دورَس منٛز (۷۰-۱۵۶۳ عیسوی) حضرت محبوٗب العالم شیخ حمزہؒ مخدوٗم کشمیری سٕندی مُرید عبدالرحیم ناو چو صائبَن تعمیر کوٚر رمُت۔ ڈُمٹَس منٛز اُسی ناو چو صائب گوشہِ نشینی منٛز عبادَت کرٲن۔

رٕحم صائبُن ڈُمٔٹھ چھُ طرزِ تعمیرِ کنہٕ بڈ شاہ صائبنس ڈُمٹَس ہِوٗ ے گُنبز چالہِ۔ داہ اَند کُڈِتھ یہِ ڈُمٔٹھ چھُ پوٗختہٕ سیرٕ بن تہٕ دِوٕری گننٕبن ہُند۔ گنبَد چھُ راد ۵ فُٹ تہٕ ہونٛز ۱۲ فُٹہٕ۔

ڈُمٹَس چھِ أنٛدٕری کنہٕ بُڈی ژور محراب یِمَن پیٹھ دٕچھِن کھوٕری محراب چالہِ طاقچ کڈِتھ چھِ۔ نیٚبری کنہٕ چھُس اَٹھ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ پنٛداہ فُٹہٕ تھوٚد محراب یتھ دٕچھِنہٕ کھوٕری زٕ فُٹہٕ کھُلی تہٕ شےٚ فُٹہٕ زیٖٹھی لوٕکٕٹ محراب چھِ۔ بَڈ شاہی سیرٕ بن ہُند چاند تالو دِتھ اَتھ ڈُمٹَس چھُ مغرِب تہٕ مَشرِق پاسہٕ گاشہِ باپتھ ژور ژورو وٕبی تہٕ أنٛدٕری کنہٕ چھُس سیرٕ بن ہُند وَتھرا وکرِتھ۔

کیثہہ ؤ ری برٛ ؤثہہ ییٚلہِ اَتھ جایہِ کھَننہٕ آو ڈُمٹہٕ پٹھ ۲۰ گز مغرِ بہٕ اَنٛدِ دژ او حاطس اَنٛدَر دِۄری گنٛبن ہُنٛد ژُ کوٚنجل تلاو۔ اَتھ چھےٚ ژۄن پاسن ژُ کوٚنجل گنہِ اِستادٕ یمن آب نیرنہٕ باپتھ ژورزٕ دی کُرِتھ چھِ۔ ڈُمٹہٕ کس شُمالس کُن چھُ ٹینٛگس پٹھ مَر گزار یتھ منٛز واریاہَن قبرَن پیٚری چھِ لاَ گتھ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جِلد:۱)

کتاب نامہٕ:

*Hassan: Asrar
*Miskeen.



# خانقاہ تہٕ مۄشید

# آثارِ شریف حضرت بل

بشیر اختر

حضرت بَل چھُ کشیرِ ہِندِ بن زِیارت گاہَن اندر رسارٕوے کھوتہٕ زِیادٕ عقیدَت تہٕ اہمیتُک حامل۔ حضرت بل علاوٕ چھ یہِ آثارِ شریف، مدینۃ الثانی، درگاہِ شریف تہٕ عام کأشرٕن اندر رِصرف درگاہ ناوٕ زیادٕ ویوٚد۔ امہِ آستانِ عالیہَ ہیچ اہمیتھ چھےٚ اوٕکنہٕ زِ اَتہِ چھُ پیغمبر اسلام حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم ہُند موے مُقدس جلوٕ افروز تہٕ امہِ کہِ برکتہٕ چھِ اور تمام مُسلمان عقیدَت تہٕ احترام سان واتان۔

حضرت بَل چھُ سرینگرس اندر بڈٕ ڈَل کِس مغربی بٹھس پیٹھ آباد تہٕ لال چوکہٕ پیٹھٕ داہ کلومیٹر دوٗر۔ خاص سرینگر شہرٕ پیٹھٕ حضرت بَل واتنس چھےٚ زِ وَتہٕ۔ اَکھ گو گاڑِ بن تہٕ موٹرَن بیترِ اندر رسٕڑکہِ ہِندِ ذریعہ تہٕ بیاکھ اَبی وَتو کنہٕ شِکارٕن تہٕ ڈوٗنگن کیتھ۔ اَبی وٕسپلو کنہٕ درگاہ گژھُن چھُ عام کأشرٕن اندر زیادٕ مقبوٗل۔

حضرت بَلُک پرٕون ناو چھُ صادق آباد۔ ڈَل بٹھس پیٹھ بنو واتھ جایہِ مغل بادشاہ شاہ جہاں ہِندی اَکہِ صوبہ دار صادق خان تہر اٹھ ۱۶۲۳ عیسوی اَندر اَکھ خوبصورت باغ تہٕ امہِ علاوٕ کرنٕ وتمی "عشرت

محل'' ناوِچ اَکھ بالاڈٕر تعمیر۔ یَتھ ژھ وٲپٲری لبن تہٕ طاقن مختلف رَنگن ہنز گلکٲری کَرناوٕن۔ ۱۶۳۴ عیسوی اَنٛدر ریٚلہِ شاہ جہان کشیرِ توٚر تہٕ اَتھ بالا دٕرِ اَندر رٕژاوتس آیہٕ یہٕ سٹھاہے پَسند اما پوٚز عشرت محل وَننہٕ بجایہِ دِیُت تِمو اتھ جایہِ عبادت خانہٕ بناوُنک حُکم تہٕ تہنٛدِس حُکمس ستۍ ستۍ آیہِ اَتھ ضروری ترمیم کَرنہٕ تہٕ باضابطہٕ پٲٹھۍ اَکھ مسجِد ہنز صوٗرت دِنہٕ۔ اَورنگ زیب عالمگیر سٕندِس دورِ حکومتس اندر ریٚلہِ ۱۶۹۹ عیسوی کیٚت موے مُقدَسُک وُروٗد کشیرِ اندر رسپد، یہِ عمارت آیہِ موے شریف کہِ زیارت گاہ باپتھ وقف کَرنہٕ۔ موے مقدس آو گوڑٕ نقشبند صاحِبنس زیارت گاہس اَنٛدر رتھاونہٕ اما پوٚز لوٗکن ہُنٛد اژدھام سپدَنہٕ کِنۍ کوٚر شہرِ کیو حاکمو زِٹھن ستۍ مشورٕ تہٕ آو درگاہِ شریفے امیُک مستقِل قرارگاہ مُقرَر کرنہٕ۔ امہِ وَقتہٕ اوس کشیرِ ہُنٛد گورنر فاضِل خان تہٕ تِمی دِیُت اَتھ صادق آباد وَننہٕ بجایہِ حضرت بل ناوتھاوُنُک حُکم۔ موے مُقدسُک قرارگاہ بَنہٕ نَس ستۍ ستۍ آیہِ مسجِد تہٕ اَتھ اَنٛدی پکھی عمارتَن ہنزِ تعمیر تہٕ توسیعِچ کٲم شروع کرنہٕ۔ فاضِل خان سٕندِ وَقتہٕ کوٚر رُکھ مَشرِق طَرفُک وسیع خانقاہ، ایوان تہٕ دیدار ہاونہٕ باپتھ مَسجِد ستۍ خاص قِسمُک پِنڈال تہِ تعمیر تہٕ صادق آباد ک مادے تارِیخ یُس ''عِشرت گاہِ اولی'' بَنان اوس آو بدلاوِتھ ''عشرت گاہِ اولیا'' تھاونہٕ۔

۱۷۹۳ عیسوی اَنٛدر رگرنو ونواب احسن اللہ خان نواب ڈھاکہ ہَن یُس بِذٲتی کاشُر اوس، خانقاہَس ستۍ خوبصوٗرت حمام زٲیرِ پنَن

ہنٛدِ آسائِشہِ خاطرٕ تعمیر تہٕ ۱۸۵۱ عیسوی منٛز آو آستانَس ڈَل طرفہٕ کنِہ صحنَس مزید وُسعت دِنہٕ تہٕ نمازٕ بن ہنٛدِ باپتھ پیٚنٛجہٕ کھارنہٕ یمن ژوپأری گرِتھ تہٕ جلاو دِتھ دِوری گنہِ فرش دِنہٕ آو۔ ۱۹۴۲ عیسوی منٛز آے زٕبدی ایوان تعمیر کرنہٕ تہٕ برٕ پٔش وأتلِتھ خانقاہَس ٹیٖن دِنہٕ۔

۱۹۶۸ء اندر آو شاہ جہاں ہنٛدِ وَقتٕچ تعمیر کرنہٕ آمٕژ عمارت وأتلِتھ اَتھ جایہِ جدید طرزُک آستان تعمیر کرنُک فأصلہٕ کرنہٕ یُس اخرکار ۱۹۷۹ عیسوی اندر مُکمَل سپُد۔

## طرزِ تعمیر، تعمیرِ قدیم

حضرت بلُک پرٛون خانقاہ اوس مُغل تہٕ کأشرِ طرزِ تعمیرکہِ امتزاجُک اکھ خوٗبصوٗرت نموٗنہٕ۔ یہِ عمارت اُس ترٛے پور تھز لگ بگ سَتھ طاق زٕہتھ تہٕ خاص کأشرِ طرزٕکی چہار روے شیٖرٕ دار پانٛژ وأری پٔش گرِتھ۔ پٔشن پیٚٹھ پٔش اُسی اَتھ عام چیٖنی طرزٕ کیٚن مَکانَن ہنٛدی پأٹھی یَتھ اَندر ردوٗیم پٔش گوڈنکہِ کھوتہٕ تھوٚد مگر گیراوٕ کنِہ لوٚکُٹ چھُ آسان۔ پأنٛژِمس تہٕ اُخری پٔشس پیٚٹھ گنہِ اوس اَتھ زألی پنٛجرٕ دار بنٛگالہٕ یَتھ ژوشوٚے طرفو محراب دار جالہِ آسہٕ کٔڈِتھ۔ پانٛژٕونی پٔشن آسَس گنہٕ ویرٕ بِن تَل گولکھہِ کٔڈِتھ کانسہٕ تہٕ زٕہہٕ کوٗنَن تَل روٗنہٕ دار کنٛجرٕ الأأنٛژ۔ مورکھہِ پچِن ترٛژٕ ترٕ ڈٕنٛز تہٕ تَتھ پیٚٹھ گنہِ پرنالہٕ۔ خانقاہ کِس روٚیَس اُسی ہیرِ بونہٕ ژوداہ طاق، پرٕ ہتھ طاقس ژور ژوردارٕ پیٚٹھ

تہٕ تِمَن پٮ۪ٹھ گنہٕ محراب چالہِ روشن دان۔ دارٕن ہِکو روشن دانَن آسہِ
ہٲن گُنہِ وَقتہٕ زٲلی پنجرٕ یم پَتہٕ بَدلاوِتھ شیشہِ پٔٹن منٛز تبدیل ٲسی کرنہٕ
آءتی۔ منٛز باگ اوٚسُس گنہٕ پٮ۪ٹھ دوٚیمہِ پورچہِ چار چوبہٕ تام بوٚڈ تہٕ
کھُلہٕ محراب یَتھ کنگرِ دار ڈٲٹھ آسہٕ۔ أتھی محرابس منٛز باگ اوس بُڈ
ڈیڈی ہیوٚہ دَرفازٕ یَتھ بزٕونٹھ گنہِ ہٕسی ہوٕدٕ چالہِ پنڈال اوس۔ أتھ
پنڈالس ٲسی آسان کمخاب تہٕ زَربفتٕکی دَر پَردٕ الٲنٛدی۔ خانقاہَس
دٕچھِنہٕ تہٕ کھووٕری ٲسی ژھیدٕنی دارٕ پلو یمو منٛزی ایوان خانَن گن وَتھ
ٲس۔ ایوانَن ٲسی سُر یہِ دار جتگلہِ۔ پرٛانہِ تعمیرٕچ سارِوے کھوتہٕ بُڈ
خصوصیت ٲس یہِ زِ أتھ ٲس أندرٕ نیبرٕ لبَن ہِکو تالوٚس خوبصوٗرت
رَنگوٕ ستی گلکاری کٔرتھ یَتھ منٛزٕ منٛز شیشہِ تہٕ کرینٛکہٕ پھٔلی جٔرتھ ٲسی۔ برٕزٕ
پٔشس ییٚلہِ مٔتس رہتہٕ کالس انٛدر پوشہِ پھُلے آسہِ ہانیران، سوٚ آسہِ ہا
لبَن ہنٛزِ گلکاری ستی زٕلتھ ہِکیاہ زَبر باسان۔ خانقاہَس أندرٕ گنہِ ٲس
موے مُقدس تھاونہٕ باپتھ گنٛڈتھ جاے یا حُجرٕ خاص یَتھ ژوپٲری لبَن
تہٕ طاقَن شیشہِ جٔرتھ ٲسی۔ امہِ علاوٕ ٲسی خانقاہَس أندرٕ گنہِ زٕ دَرجَن
پیٹھی جالا ر الٲنٛدی یمَن منٛز بجلی بَتہِ آسہٕ دَزان۔ فرشَس ٲسس
ایرٲنی تہٕ کاشری قالینہٕ وَتھرِتھ تہٕ آستانکی مُجاوِر ٲسی یژٕ پٲٹھی روٚپیہ پاسہٕ
چَن درشَن دارٕن پٮ۪ٹھ نذرانہٕ ہیترٕ رٹان۔

پرٛانہِ تعمیرٕچ سارِوے کھوتہٕ بُڈ خصوصیت ٲس یہِ زِ أتھ اوس
زٲیرَن ہنٛدِ باپتھ وَنٛدَس کھور ہتہٕ کالہِ موسمی لحاظ تتھٕ گٔنی انتظام زِ نماز

پَرَن والِبن اوس نہٕ رہتہٕ کالیُک تاپھے تنگ گران تہٕ نہٕ وَنڈُک
تٕرِ گَٹھ کارٕ ے۔ مَسجِدٕ أندرٕ گنہِ اوس بوٚڈ بارٕ حَمام یتھ اَنٛدَ رنہٕ صِرف د
وٚہَس پانٛژٕ وِنی وَقتن وُشُن آب وُفو راوس بلکہِ اوس یأ ترٛہن ہٕنٛدِ تژٕ رکنی
سأری ہے مَسجِدٕ وُشنیر آسان تہٕ رہتہٕ کالہِ چھِ گرٛیشمہٕ کرٛایہِ نِشہِ بچاوِ
باپَتھ آسہٕ اَستان کِس صحنَس اَنٛدَ رقد اوارتہٕ چھجّ دار بونہِ یمَن تلہٕ
گنہِ دِوری گنٛبن ہٕنٛدی صَفہٕ بَنٛد صوٗفہٕ آسی لأ گتھ۔ حضرتبَل بونٛبن ہُنٛد
شٛیہجاراوس کأشرِس لوٗکہٕ اَدبَس مَنٛز ضربُ المثل بَنیوٗ مُت۔

اَستانَس اوس ڈَل بُٹھی کنیٚ اَر وَر دِوری گنٛبن ہُنٛد پوٗنٛحتہٕ یارٕ بَل یٚیتہٕ
نَس طَرفاتَو پیٛٹھ آمژ شِکارٕ، ڈوٗنٛگہٕ تہٕ ژاکہٕ وارِ بیترٕ گنٛڈتھ آسہٕ
روزان۔ اَمی طَرفہٕ أسی سرٛانہٕ گُٹھی تہٕ، یمَن اَنٛدَ ررہتہٕ کالہِ زأیِر اَتھہ
بُتھ أسی چھلان۔ مَغرِب طَرفہٕ یِیأری ہیٛرٕ یم آنگن چھُ أس ووٕ ھلی تہٕ
سوار بن کنٛتھ یِنہٕ والِبن ہٕنٛدِ باپَتھ تھٔزتہٕ قد اوارتژ ے محراب دار ڈیڈی
اَستانَس سیٛدسیوٚ د اِستادِ تہٕ ڈیڈِ ڈٕچھِنی کھوٕ ری أسی دوشوِ ے طَرفو موٕ کلوِ
ستی بَرجستہٕ زِباغ۔

## تعمیرِ جدید

١٩٦٨ عیسوی اَنٛدَ رآو اِدارہٕ اوقاف اِسلامیہ یمِکی صدٕ ر شیخ محمد عبدُ
اللہ أسی حضرتِ بَلچ پرٛأنی خانقاہ وأ لِتھ اَتھ جایہِ جدید سائنسی اصوٗلَن
مَدِ نظر مدینہ مُنورہ چہِ مَسجِد نبوی ہٕنٛدِس طَرزَس پیٛٹھ نوٚ و خانقاہ تعمیر کرنُک

پروگرام دَردَس بنہٕ ۔ چنانچہ آیہٕ شُمال تہٕ جنوب طَرفہٕ تمام پرایویٹ مَکانہٕ تُلِتھ تمن ہُنٛد زمین اَستانِ عالیہ ہَس سِتؠ شامِل کرنہٕ ۔ ڈَل بٔٹھی طَرفہٕ تمام بونہٕ ژٔٹنہٕ تہٕ مغرِب طَرفہٕ نسیم باغ حاطس تام سارے زمین درگاہ شریفس سِتؠ رَلاونہٕ ۔ خانقاہ کہِ تعمیرِ باپتھ چنٛدٕ سومبراونہٕ خاطرٕ پھیری صدرِ اوقاف شیخ صاب کشیرٕ ہنٛ دِس تقریبن پژِ ہتھ گرس تہٕ دٔہن وٕری ین ہنٛز مسلسل محنژ پتہٕ سپُد یہِ خانقاہ ۱۹۷۹عیسوی اندر مُکمل ۔

نوٚو خانقاہ چھُ سورُے سنگِ مرمرُک تہٕ گرتہٕ لحاظٕ مدینہ منورکہِ مسجدِ نبوی سِتؠ اِو سبہٕ رَلان زِ اَتھ چھُ تِتھے کٔنٛز گول گُنبدس سِتؠ قد اوار مینار کھارِتھ ۔ مدینہ منورکہِ درگاہچ سارِوے کھوتہٕ بٔڈ نشانی چھےٚ گُنبدِ خضرا ہَس پتہٕ کنہِ ژور کوٗنہٕ دار مینار یتھ صِرف ہیرِیم حِصہٕ گولٲیی اَنٛدر رِچھُ ۔ یہِ مینار چھُ ژکہِ وار یاہ کھوٚل تہٕ یوٚت یہِ تھد ان چھُ اَمیُک باڈو چھُ کم گژھان ۔ اَتھ مُقابلہٕ چھُ حضرت بَل کہِ خانقاہُک مینار ہیرِ بونہٕ اَکی گرتُک تہٕ ڈِزاینُک اَتھ چھِ لوٗکٕٹ لوٗکٕٹ روشن دان یپارِ صِرف گاش ہیکہِ پِلتھ ۔

حضرت بَلُک گُنبد چھُ ہیری مہٕ طَرفہٕ مسجدِ اقصیٰ کہِ گُنبدٕ کی پٲٹھی گول مگر اَمیُک ژوٚک چھُ ژکوٗنل ۔ مسجدِ اقصیٰ ہچ مسجد چھےٚ اَٹھ کوٗنل کنس پیٹھ کھارِتھ تہٕ تتھ چھُ اَنٛدرِیم ہال تہٕ گول ۔ حضرت بَل اَستانچ اَنٛدرِم مسجد چھےٚ یارٕ بَل طرفہٕ زِ پورتہٕ مغربہٕ کٔنٛز اَکھ منٛزلہٕ ۔

حضرت بَل کِہن دارِ بن تہٕ روشن دانن بیترِ چھےٚ سنگِ مرمرچہِ

جالہِ لاؔ ۔گتھ یمَن ہندی ڈِزاین کلاسکی اسلأمی طرزِ تعمیرس منز چھِ۔

زیارت گاہس أندرِ کنہِ چھُ ڈوٗنی ہچہِ ہُند خوبصوٗرت نقاشی کٔرِتھ ڈبہِ ڈاؔلانہِ، یُس قبلہِ طرفہِ چھُ۔ مَسجِد چھُ ختم بَنٛد تالو۔ گُنبدس أندرِ کنہِ چھُ بوٚڈ بارِ شیشہِ دار فانوس الوٗنٛد یَتھ اَکھ ساس بجلی بتہِ دزان چھے۔ یہِ فانوس آو خاص آڈرس پیٹھ اَکِہ یوٗرپی شیشہِ ساز کارخانہِ أندرِ تیار کرناونہِ تہٕ یہِ چھُ مُلکس اندر اَکھ خاص حیثیت تھاوان۔ ڈاؔلانس قبلہِ طرفہِ چھے لوٚکٹ کوٚٹھر یَتھ اندر شیشہِ وِس فریمس اندر موےِ مقدس چھُ۔

حضرت بَل کس ہیرِی مس صحنس یَتھ گلشن محمدیؐ تہِ ونان چھِ، چھُ اَکھ پوٚختہٕ تَلاو کھأرِتھ یَتھ اندر مختلف ڈِزاینَن ہندی واریاہ فموار چھِ لاؔ۔گتھ۔ یہِ تَلاو تہٕ فموار چھُ جاےِ بَنٛد۔

آستانس آیہِ حال حالے جنوٗب طرفہِ سنگِ مرمرِ چ خوٗبصوٗرت ڈیڈی کھارنہِ یتھ ترٛے بڑی دَروازِ آے لاگنہِ۔ اَتھ ڈیڈ چھُ فرش تہِ سنگِ مرمرُک۔

حضرت بَل کس گُنبدس چھِ ساری ہے ڈَبس خطِ نسخس تہِ معکوسس مِیُل کٔرِتھ آیہِ کٔریم کھٔنِتھ۔ پرانہِ مسجِد ہنٛدِس محرابس اوس خطِ ریحانس اندر اَکھ کتبہِ لاؔ۔گتھ یُس ووٗنی نوِس تعمیرس اندر ڈل طرفہِ چہ مسجِد ہنٛدِس بوٚنی مہِ پورِ کس محرابس آپراونہِ آمت چھُ۔

اوٚلین درگاہ آسنہِ علاوِ چھُ حضرت بَل کشیر اندر رسیأسی، سمأجی تہِ

اِقتصأدی لحاظ زبردَس اَہمیتھ حأمِل۔ یہِ چھُ تحریکِ آزأدی مَنز اَکھ اَہم مرکز روٗدمُت۔

۱۹۶۳ عیسوی اَندر آو موے مقدس پَنٕنہِ قرارگاہ پیٹھٕ ژالنہٕ یتھ پیٹھ سأری سے ریاستس اندر زبردَس انقلاب وۄتھ تہٕ یوہے انقِلاب بنیو پتہٕ وزارتی تبدیلی ہُندتہِ بأعث۔ پتہٕ ییلہِ یہِ باز برآمد کرنہٕ آو، کأشرِ زِٹھو گرسید میرک شاہ کاشانی ہنٛزِ سرکردگی مَنز شناخت تہٕ آو حضرت بلہٕ بحال کرنہٕ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہٕ:


*Bamzai, A.K.
*Bamzai: History
*Sufi: Kasheer.
*Hassan: Assrar.
*Hassan: Tareekh.
*Stein: Geog.
*Gazetteer
*Bates.
*Azami.
*Lawerence.
*Baharistan.




# خانقاہِ معلیٰ

رشید نازکی

یہِ زِیارَتھ چھےٚ زأنہٕ کئِدل تہٕ فتح کئِدلَس درمیان وٕ یتھ ہِندِس ڈٕچھنِس بٹھِس پیٹھ۔ راجہِ پَرورسینَن اوس اَمہِ جایہِ ہَنا ڈٕلتھ کاَلی ہُند مَندر بنو وُمت، یُس واریاہَس کالَس آباداوس۔ مگر میر سید علی ہمدانی رحؒ سنٛزِ تشریف آوری ۷۸۰ھ/ ۱۳۷۸ء منٛز گو امہِ مَندرُک بوٚڈ ہیوٚ مُتوٚلی مُسلمان۔ مورِخ حَسن ہِندِ لِکھنہٕ موٚجوٗب چھُ اُہُند ناو شاہ پوراوسمُت۔

اِسلام قبوٗل کرنہٕ پَتہٕ چھُ اَمِس شاہ محمد ناو پیوٚمُت تہٕ یِتھٕ کٔنی چھےٚ شاہ پورنہِ مسلمان گژھنہٕ پَتہٕ یہِ جاے مُسلمانَن ہِندِس تحویلَس تَل آمٕژ۔ سُلطان قُطب الدینَن چھُ اَتھ جایہِ اَکھ کَنیوٗ صُفہٕ بنو وُمت، تہٕ امہِ رِکس شُمألی کوٗنَس پیٹھ بناونوٗون حضرتِ امیرٕ سٕندِ باپَتھ اَکھ حجرٕے خاص۔ ۷۹۵ھ/۱۳۹۲ء منٛز اوٗن حضرت امیر سٕندی فرزندِ اَرجمند میر محمد ہَمدأنی یَن رحؒ کشیرِ تشریف تہٕ اَتھی جایہِ پاگس پیٹھ کوٚرُن قَرار۔ سُلطان سکندرَن ۱۳۸۹ء۔۱۴۱۳ء چھےٚ کرٕمٕژ حضرتِ میر محمد ہمدأنی صأبَس اجازَتھ ہیتھ اَتھی صُفَس پیٹھ خانقاہِ معلیٰ ہِچ گوڈنِچ عِمارَتھ تعمیر۔ یہِ عِمارَتھ اُس اوٚک پوٗرتہٕ اَتھ تعمیر کَرنس لٔگی زٕ

ؤری یتھ کنٛز گیہِ یہِ عمارَتھ ۷۹۹ھ/۱۳۹۴ءیَس منٛز مُکمَل۔ حضرتِ میر محمد ہمدأنی ؒ یَن بخُش سُلطان سِکندرَس اَکھ لالِ بدخشان یتھ بَدَل پادشٕہَن ترٛیٚیو پرگنو، شاوَر، مارتنڈ تہٕ وولرٕ منٛز ؤچی، یُنہٕ ؤنی تہٕ ترٛال اَمہِ خانقاہ کِہو اَخراجاتو خأطرٕ خأدی مَن ہٕندِ باپَتھ وَقف تھأوی تہٕ مولانا سعید آے اَمِکی سجادٕ نشین متوٗلی مُقرر کرنہٕ۔ حُسین چکَن (۱۵۶۳-۱۵۷۰ء) کۆر پَنہٕ نِس وَقتس منٛز خانقاہِ معلیٰ ہُک یہِ جاگیر ضبط مگر سعید علی (یُس مولانا سعید سٕندہِ ذُربو منٛز اوس) درٛاو اکبر بادشاہَس فریأدی تہٕ حسین چکَس بیوٚٹھ پأرٕ تہٕ جاگیر کۆرُن واگذار۔ اَمہِ پَتہٕ کۆر اورنگ زیب عالمگیرن (۱۶۵۸ءتا۱۷۰۷ء) جاگیرُک نِصف حِصہٕ ضبط تہٕ اَمہِ بَدلہٕ دِیُتن شَن گوشَن ہٕندٕ بن شَہن مُتولِین سالانہٕ نَو ساس روپیہٕ ؤظیفہٕ۔ سِکھَن ہٕندِس عہدَس منٛز گوٚ ؤظیفو کیٖو جاگیر بنٛد۔

مہراجہِ رٕنبیر سِنگھنہٕ عہدِ (۱۸۵۷-۸۵ء) کۆر سیدٕ یعقوب خانَن (یُس یارقنٛدُک سفیر اوس) انگریزَن درخاس یتھ منٛز تمی حضرتِ میر سید ہمدأنی ؒ تہٕ سلطان سکندرَس درمیان سپدی متہٕ تمہِ یقرارنامُک ذِکر کۆر یمہِ موٗجوٗب یعقوب خان خانقاہِ معلیٰ کہِ جاگیرُک وأرِث اوس۔ حکوٗمتہِ برطانیہَن دِژ سید یعقوبَس مُکہٕ چُکہٕ باہ ساس موٗہر تہٕ جاگیرُک حَق آو منسوخ کرنہٕ۔ سُلطان حَسن شاہ سٕندِ وَقتہٕ ۱۴۸۰ءلوٚگ علاوالدین پوٗرِس نارٕ یمہِ سٕتی خانقاہِ معلیٰ تہٕ

دۆ د۔ بادشٲہن ہیژ اَتھ اَندی اَندی تمام پُرنہٕ مِلکہ تہٕ خانقاہ کِس اَحاطس وُسعت دِتھ بنوٗون پرٲنی بُنیادِ پیٹھ نوٚو تعمیر۔ قاضی حمیدُ الدیٖن (یُس قاضی ابراہیمس مول اوس) لیوٚکھ اَمہِ وِزِ تارٲیخ۔ مَسجِدٌ اُسِّسَ عَلَی التَّقوٰی۔ یُس ۸۸۵ھ/ ۱۴۸۰ء واتان چھُ۔

سُلطان محمد شاہٕ سٕندِس زمانَس منٛز آیہِ خانقاہِ معلیٰ ہیچ عمارتھ والنہٕ تہٕ فٲصلہٕ گوٚو زِ خانقاہ پیٚیہِ دُبارٕ بَناونہٕ مگر دوٚن وٕری یَن آونہٕ تعمیرَس کُن کانٛہہ توجہ دِنہٕ۔ محمد شاہنہِ خاندارنہِ (کٲج ژکنہِ بیٛنہِ) صالح ماجہِ آوغٲرتھ، تَمہِ کُن پٔنٛن زیوٗر تہٕ داش نداش، تہٕ خانقاہِ معلیٰ کرنوٗون نہایتھ تخلاصہٕ سان اَزسَرِ نَو تعمیر۔ تعمیر اَندَس وٲتِتھ دِتِن کٲری گرن زِ ہَتھ گرتہٕ زٲنہٕ گیری پوٚٹ تہٕ موٚزوٗرن دِتِن ضیافتھ تہٕ محمد شاہنہِ موہرِ بَنوٗون سید محمد (یُس سید علی سُنٛد فرزند اوس) خانقاہُک متوٕلی۔ اَمہِ وِزِ ہُنٛد تارٲیخِ تکمیل چھُ وَمَنْ دَخَلَہٗ کَانَ اٰمِنًا۔ یُس ۸۹۹ھ/ ۱۴۹۳ء یِوان چھُ۔

۱۱۴۴ھ/ ۱۷۳۱ء برٛس وارِ دۆہہٕ دُپہَر برٛونٛہہ پٮ۪ہَن لوٚگ خانقاہ کِس پٔشِس تہٕ تالوٗس ناگہٲنی نار۔ دُپہرَس تام موکلیوٚ وسورٕے خانقاہ دٕزِتھ، خٲدی موٚ تہٕ خدمت گار روٗہیکھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تبرکات کڈٕتھ۔ اَتھ نارَس چھُ آتشِ تجلی تارٲیخ یُس ۱۱۴۴ھ/ ۱۷۳۱ء واتان چھُ۔ اَتھی وٕری یَس منٛز کوٚر ابوالبرکات خانَن یہِ خانقاہ دُبارٕ تعمیر کرنُک سَنٛز تہٕ برٛونٛہہ کِہ مِہ کھوتہٕ سَرَس تعمیر اوٗنن اَنجام۔ اَتھ اَندی پکھی بنٲوِن حُجرٕ تہٕ

مَنزٕ باگ لٲگِنَس ژور مضبوٗط ستوٗن۔ اَمِیُک تٲرِیخ چھُ کعبۃ البرکات یُس ۱۱۴۶ھ/۱۷۳۲ء وٲتان چھُ۔ اَمہِ پَتہٕ لیکھناوِ میر ہزارن پنٕنہِ عہدٕ خانقاہ چَن لبَن تہٕ تالوٕس سونہٲری میلہِ ستۍ اَورادِ فتحیہ، یُس ازتام موٗجوٗد چھےٚ۔ أتھی عہدَس منز آیہِ اَتھ خانقاہَس لاثٲنی ہَچہٕ کٲم کرناونہٕ۔ ۱۲۱۸ھ/۱۸۰۳ء تہٕ ۱۲۴۳ھ/۱۸۲۷ء کیوٗ بُنلوٗ ستۍ پیوٚ خانقاہِ معلیٰ ٹیک بڑنگ وٕسی یُس دُبارٕ لاگنہٕ آو۔

۱۳۰۴ھ/۱۸۸۶ء منز کوٚر ڈھاکہٕ ہکۍ نواب احسن اللہ خانَن اَکھ ساس روٗپیہِ خرٕچ تہٕ کشیرِ ہنٛدِس گورنر دیوان لکھمن داسنہِ (۸۶-۱۸۸۴ء) ذریعہ دِیُٚوٗن سُلطان خانَس فرٕش۔

خلوَکھ کوٗٹھرِ چھِ واریاہ پَتہٕ آمٕژ تعمیر کرنہٕ۔ اصل عمارتھ چھےٚ مُربع ، اَمہِ تعمیرِ چ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ اَمِچ بنیاد چھےٚ بَڈٕ بَن شہتیرَن پیٹھ یِمَن منز گرِتھ بَڈ شاہی سیرِ بَرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ اَمِکۍ دارِ دَرواز چھِ ہَچہٕ کامہِ ہنٛدی بہترٖین نموٗنہٕ۔ داسہِ پیٹھِم کانَس چھِ کٲری گری ہُنٛد لاثٲنی شہکار۔ آستانہٕ کِس ہیٚری مَس ختم بنٛد گیرَس چھُ کبریتِ احمر لیکھِتھ تہٕ اَمہِ پَتہٕ چھےٚ اَورادِ فتحیہ، اَمہِ انتظامہٕ آمٕژ لیکھنہٕ، زِ اَوراد ہٕنٛز آخری سٕطر روز زِ انسانہٕ قدٕ کہِ ترٛیمہِ حِصہٕ ہیوٗ رُگن۔ اَستانَس اَژوٗن لَتہٕ وٕٹ چھےٚ عظیم الشان دِوٕری لوٚحو ستۍ بَنےٕمٕژ، یِمَن پیٹھ سنگلاب تہٕ بَڈی وٕتھرٕل پوٗش الگ الگ دِلَن پیٹھ وٕتلاونہٕ آمٕتۍ چھِ۔

آستانہٕ اَنٛدَر چھُ ۴۳ فُٹہٕ X ۶۳ فُٹہٕ اَکھ بوٚڈ رَوَق، اَتھ دٕچھنہِ

کھوٗرۍ پھٮ۪ے ژٕ وداہ خٔلوَکھ کوٗٹھرِ۔ آر۔سی کاک ہِنٛدِ وَننہٕ چھُ شُمال مَغرِبہٕ کہِ طرفہٕ أخری کوٗٹھرِ منٛز حضرتِ امیرؒ سُنٛد ترٛبتھ یہٕ بلکُل غلط چھُ تِکیازِ حضرتِ امیر چھِ پگھلہِ ۷۸۶ھ منٛز ییمہِ عالمہٕ گأمتۍ تہٕ تتہٕ پیٹھٕ چھُ یہُنٛد ثوبوٗت قولاب ختلانَس نزدیکھ (تاجکستان) نِنہٕ آمُت تہٕ تتی آے دَفن کرنہٕ۔ یہنٛد مقبرٕ چھُ وُنی کِہن تہٕ تتہٕ مرجع خاص و عام۔

آستانُک بوٚڈ رَوَق چھُ شیشہِ کامہِ، ہٮ۪چہِ کامہِ تہٕ خطأطی ہِنٛدٕ بن لاثأنی نموٗنَن ہنٛد خزانہٕ۔ أندرِمِہن ژٕون ستوٗنَن پیٹھ پھٮ۪ے گاڑٕ گنٛڈۍ گاچہِ ہٮ۪چہِ کأم کرِتھ۔ ستوٗنَن ہِنٛدِس اَتھ سوٗتھرِس پیٹھ چھِ ہٮ۪چہِ کامہِ منٛز پمپوش بنأوِتھ۔ سوٚتوٗن چھِ ہَشت پہلو دون حصَن منٛز تقسیم یمَن پیٹھ شوکتہٕ الیہوٗد (اکھ پوشہِ ذاتھ) ہٮ۪چہِ کامہِ منٛزٕ بنأوِتھ چھِ۔

دون اَنٛدَرن پیٹھ پھٮ۪ے زٕ ہیرٕ دوٚیمس پورَس کھسان۔ دوٚیمس پورَس چھُنہٕ کُنہٕ قسمٕچ صنعت کأری۔

آستانہٕ چہِ ڈیڈٕ پیٹھ چھُ ۷۸۶ لیکھِتھ۔ یُس بیگ وقت اَبجد حسابہِ بِسمِ اللهِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیمِ تہٕ گوٚ تہٕ حضرتِ میر سید علی ہمدأنی سُنٛد تأریخِ رحلت تہٕ چھُ۔

خانقاہہِ کِس آنگنَس دوٚشوٕ ے طَرفو چھِ مَرغزار۔ آنگنہٕ کِس دٔچھنِس کوٗنجَس منٛز چھُ سہ یادگار پلیٹ فارم موٗجوٗد ییمہِ پیٹھٕ ۱۹۳۱ء

کِس اَپریلَس منٛز کاشُر بوڈ گراشاہی خلاف گوڈنچہ لٹہ تحریر تہٕ تقریر چہِ آزادی ہُند ٹاکارِ مُطالبہ کوٚر۔ اَتھ چھِ اَکھ لوکٹ لَوح لیکھِتھ یتھ پیٹھ یہ عبارَتھ درج چھےٚ:

"تعمیر پلیٹ فارم بیادگار آزادی تحریر و تقریر دَر ماہِ اَپریل ۱۹۳۱ء"۔ آستانہٕ کِس اَتھ طرفس کُن چھُ حمام تہٕ نوٗرخانہٕ۔ آستانہٕ کِس مَغرِبَس کُن کھوورِس کوٗنجس پیٹھ چھُ شیخ بابا علی وانی صابُن مقبَر۔

اَستانَس منٛز چھِ اَکہٕ وُہہ لاثانی جارموجوٗد، آستانُک انتظام چلاونہٕ خاطرِ چھُ اَکھ باقایدٕ اوقاف یُس اوقافِ اسلامیَس سٍتؠ ملحق چھُ۔ آستانُک دوہ دِش اِنتظام چلاونہٕ خاطرِ چھُ باقایدٕ منصب دار یمَن منٛز اِمام، خادِم، بانٛگی، خزانٛچی تہٕ فراش شامل چھِ۔

خانقاہ معلیٰ چہِ مَسجِد چھُ سونہٕ میلہٕ سٍتؠ نَسخ خطَس اَنٛدَر قرآنی آیہ تہٕ اَورادِ فتحیہٕ نقش کُرِتھ۔ اَمیُک محراب چھُ کشیرِ اَنٛدَر فنِ خطاطی ہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ شاندار تہٕ خوبصوٗرت نموٗنہٕ۔ لبَن ہٕنٛز یہ خطاطی کرناو صوٗبہٕ دار میر ہزارَن (۱۱۴۶ھ/۱۷۳۳ء) اَنٛدَر مشہوٗر خطاط موٗمن موٗذن سٍنٛدِ اَتھٕ مُکمل۔ ژوشوٕے طرفو چھُ ہیرِ بونہٕ لبَن لوکٕٹَن دِلہٕ پیٹھ اَورادِ فتحیہٕ ہَس اَنٛدَر رونہٕ آمٕتؠ اسماءِ حُسنیٰ دَرج تہٕ اَمہِ علاوٕ محرابَس خطِ گُلزار، معکوٗسَس تہٕ خطِ ریحان اَنٛدَر مختلف رنٛگَن ہٕنٛدی آیہِ کریم۔

لبن تہٕ محرابَس خطاطی ہندی یم نموٗنہٕ تارنک تارِیخ چھُ ؤ چھنہٕ طرفہٕ چھہٕ دارِ ہندِس چوکاٹھَس پیٹھ درٕج۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جِلد:۱)

کتاب نامہٕ:

*Sofi:Kasheer
*Hassan:Tareekh
*Hassan:Asrar.
*Kak
*Parimoo
*Brown.
*Marg.
*Khan
*Bamzai, A.K.



# خانقاہِ بُلبُل شاہ

محمد احسن احسنؔ

سِرینگر کِس شُمالی حِصَس مَنٛز ویتھِ ہٕنٛدِ ڈٲچھنہِ پاسہٕ عالی کدلہٕ
پٔٹھٕ گژِ ہتھ جوراَمغرِ بَس کُن چھُ خانقاہِ بُلبُل شاہ بُلبُل لنکر محلس منٛز۔
سید شرفُ الدّین بُلبُلؔ اوس راز سہہ دیو (۱۳۱۹ء-۱۳۰۱ء) ہٕنٛدِس
زمانَس مَنٛز کٔشیرِ آمُت۔ تَس اوس سہروردی سِلسِلس سِتۍ تعلق۔ بُلبُل
صاحب گو ۱۳۲۶ء مَنٛز ادیان دیو ہٕنٛدِ زمانہٕ رَحمَتِ حق تہٕ آو پننِس
خانقاہہِ کِس حاطَس مَنٛز دَفن کرَنہٕ۔

خانقاہِ بُلبُل صاحب چھُ کٔشیرِ ہُنٛد گوڈنیُک خانقاہ۔ یہِ کرَنو رِنچن
شاہَن (۲۳-۱۳۲۰ء) بُلبُل صاحبنہِ خاطرِ کافی روپیہِ لاگِتھ تمہِ وِزِ
تعمیر ییٚلہِ تمۍ بُدھ مذہب ترٲوِتھ بُلبُل صاحبنہِ دٔسۍ اسلام قبوٗل کٔرِتھ
سُلطان صدرُ الدّین ناو پرٛوو۔ ۱۳۲۳ء مَنٛز مرِنہٕ پتہٕ آو سُلطان صدر
الدّین بُلبُل صاحبنِس خانقاہہِ حاطَس مَنٛز دَفن کرَنہٕ۔ خانقاہَس سِتۍ
اوس لنگر تہِ جاری کرنہٕ آمُت۔ یێمہِ کہِ خرچہِ باپتھ ناگم پرگنٕکۍ کینٛہہ
گام وَقف تھونہٕ آسۍ آمتۍ۔ لنگر چھُ ترُکی زبانۍ مَنٛز سرایہِ وَنان۔ بُلبُل
صاحبنہِ امی لنگرٕکہِ پوٗد دیدٕ مرٕ محلس بُلبُل لنکر ناو

بُلبُل صائبُن خانقاہ اُس تُرٛ پۆر لکرِ عمارت۔ یوسہٕ ۱۹۰۴ء تام جامع مُشیدِ ہنٛز کاُم اُس دِوان۔ مُغل گورنر مرزا اکبر علی ہٕندِ وَقتہٕ ۱۶۰۴ءمنٛز سَپُد خانقاہ نارٕ ستی شہید۔ بُلبُل صائبنو معتقِد وکرٕ نو ویہ وُژھ سان نوِ سَرٕ تعمیر۔ ملک حیدر ژوڈٕ ری ہٕندِ اکہِ حَوالہٕ مُطابِق چھُ پرٛ ون خانقاہ ۱۶۲۰ء تام مؤجوٗ داوسمُت۔ بیٚیسہٕ ہٕندِ حَوالہٕ مُطابِق چھُ ۱۸۷۲ء منٛز تہِ لکرِ ہُنٛد خانقاہ خستہٕ حالتس منٛز اوسمُت۔ ۱۸۸۵ءمنٛز آو خانقاہ تہٕ اَمِیُک حاطہٕ ریاستکی آثارِقدیمہ محکمس منٛز ننہٕ۔ اَمہِ پتہٕ گَیہ کال گرِتھ آو خانقاہِ بُلبُل شاہ نوِ سَرٕ تعمیر کرنہٕ۔ اُزی کِس خانقاہَس چھےٚ اکھ پۆر عمارت۔ چار بام پَشہِ کِبن ژوشوٗنی کوٗنَن پیٹھ چھس بُرج کھاُرتھ۔ اَتھ چھِ منٛزس زِ گُنبز، یِمو منٛزِ ڈ چھنہِ پاسُک گُنبز ہَنا بوٚڈ پہَن چھُ۔

(کاشُر انسائیکلو پیڈیا، جلِد :۱)

کتاب نامہٕ:

*Parimoo
*Hassan: Asrar
*Sufi: Kasheer
*Khan
*Hassan: Tareekh
*Mohibul Hassan
*Bates.
*Miskeen.





آستانِ حضرت بُلبُل شاہؒ



عائلی کدلس نکھ زیارت اُویسیؒ، مسجد تہ بڈی یار مندر

# خانقاہِ چِستیؒ

مجید عاصمی

خانقاہِ چِستیؒ اوس خانیار رعأقل میر مَحلس انٛدر لال چوکہٕ پٮ۪ٹھہٕ ژور کِلومیٖٹر دوٗر۔

یہِ خانقاہ اوس محمد شاہ سٕندِس زمانَس منٛز کشیرِ ہٕندی نأظم نواب میر غیاث اللہ خانَن (۱۰۵۲ھ۔۱۶۴۲ء) حضرتِ میاں محمد ہاشم چستی سٕندٮ۪ن خأدی مَن ہٕندِ باپتھ تعمیر کوٚرمُت۔ حضرت میاں محمد ہاشم اُسی سِلسِلہٕ نقشبندی ییٚس سٕتی تعلق تھوان۔

۳۵ فُٹہٕ چورُس یہِ خانقاہ اوس نواب میر غیاثُ اللہ خانَن اُکھ کُثیرِ رَقم خرچ کٔرِتھ لاسکٮ۪ن (تبت) کأری گرَن اَتھِ اَکِس خاص طَرزِ تعمیرَس پٮ۪ٹھ تعمیر کرٕنو وُمت۔ اَمیُک گٔن اوس کنٛیوٗتہٕ دارِ آسَس محرأبی چالہِ دِوداری لَکرِ ہٕنٛزٕ یمَن پٮ۪ٹھ نقشہِ نِگأری کٔرِتھ اُس۔ اَتھ جایہِ چھُ وُنی کٮ۪ن مقبرٕ یتھ منٛز میاں محمد ہاشم سٕنٛز زُری یاتھ دَفن چھےٚ۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جِلد: ۱)

*Sufi: Kasheer
*Hassan: Tareekh

# خانقاہِ رفیقی

مجید عاصمی

یہ خانقاہ چھُ سرینگرٕ وۍتھِ ہنٛدِ کھوورِ بٹھِ پڑٲنس فتح کدلس نکھہ رفیقی کوچس منٛز۔

رفیقی صابن خانقاہ چھُ طاہر محمد رفیقی صابن (۹۹۶ھ-۱۵۸۲ء) یعقوب شاہ چک سنٛدِس دورَس منٛز تعمیر کرنٕو وُمت۔ اَتھی ستی اوس طاہر محمد رفیقی صابن پننٕہِ مُریدن ہنٛدِ باپتھ اکھ لنگر تہِ بناونو وُمت یتہِ حاجتھ مندن مُفت کھین دِنہٕ یوان اوس۔

پنٛژاہ فُٹہٕ زیٖوٗٹھ تہٕ ۴۰ فُٹہٕ کھوٗل اَتھ خانقاہس اوس دِوٕ ری گنبن ہُنٛد کُن دِتھ۔ امہِ کِس تعمیرَس اوس کنین، سیربن، زیٖنہِ تہٕ چوٗنگ استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ اوس اَنٛدری کنٛز دُبہٕ پمپوش بناوِتھ۔ بیٚہن پیٹھ اُسی ژور دِوٕ دآری لکرِ ہنٛدی تھمٕ تہٕ ژوشوٗنی لبن اَس روزَن کاری کرِتھ۔ مغرِب پاسہٕ اوس اَتھ اَنٛدری کنٛز پوشہِ مالو ستی سجاوِتھ اکھ محراب۔ اَتھ اوس دِوٕ دآری لکرِ ہُنٛد گب کڈِتھ اکھ برٛنگ یُس کینٛہہ کال گرٕ ھتھ دودرِیو وتہٕ آس پتہٕ عام قسمُک اکھ گول برٛنگ کھالنہٕ۔ اَتہِ اوس اکہِ طرفہٕ دِوٕری کنین ہُنٛد اکھ صوٗفہٕ بناوِتھ یتہِ نُس قرآنِ شریفچ تعلیم دِنہٕ یوان آس۔ اکھ آسہٕ نقشہِ نِگاری کرِتھ پژھتھ طرفہٕ ز

زٕ دارِ۔

اَتھ جایہِ چھُ اَتہِ کیٛو مُقامی لکُو (۱۳۹۵ھ۔۱۹۷۰ء) مَنز نُوِس طَرزَس پیٹھ ۲۰ فُٹہٕ چورُس اَکھ خانقاہ تعمیر کوٚرمُت۔ یَتھ دِوری گنٛبن ہُنٛد کَن دِتھ اَتھ أنٛدرٕ چھُ طأہر محمد رفیقی صأبُن روضہٕ۔ اَتھ چھِ ژوشوٕنی پاسَن زٕ زٕ دارِ تہٕ شُمالہٕ اَنٛدٕ چھُس دَرواز بنأوِتھ۔ اوٚک وور چار بام پَشَس چھُ پیٹھٕ دِوداری لکرِ ہُنٛد سَر تلِیوٚ وٕ تھٕر کھأرِتھ۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہٕ:


*Hassan: Tareekh

*Hassan: Assrar




# خانقاہ ملک جلال الدین ٹھوکر

مولوی محمد ابراہیم

خانقاہِ ملک جلال الدین ٹھوکر چھُ گوجوارِ یَتھ مَشرِقہٕ پاسہٕ بہاو الدین صابُن تہٕ جَنہٕ گری پۆر چھُ ۔ یہِ خانقاہ چھُ برٛ وٚنہہ کالہِ قصا مَسجِد ناوٕ وُنِس تَل اوسمُت ۔ سَد اہمس عیسأے ہتی لِس منٛز اوس یہِ خانقاہ عربی تہٕ فارسی پَرناوُنک اَکھ بارَستہٕ اَدارٕ ۔ تَمہِ زمانُک زبردَست عالم مُلا حُسین گنائی اوس اَتھ خانقاہَس منٛز قرآن، حدیث تہٕ تفسیرُک درس دِوان ۔

ملک جلال الدین غازی ٹھوکر اوس بڈشاہ (۷۰ـ۱۴۲۰ء) سِندِس زمانَس منٛز شےٚ بأے ہتھ کشیر آمُت تہٕ بادشہَن أسِس کینٛہہ گام جاگیر کَنہِ دِتی متہٕ تہٕ ستی اوسنَس ملک خطاب دِیُتمُت ۔ تَس أس سیف الدینٛنی کوٗر لچھمہٕ خاتوٗن نیتِھ ۔ سُلطان زین العابدین سِنٛدِ مَرنہٕ پتہٕ کوٗر ملک جلال الدینَن گوجوارِ قرار تہٕ گرنوٗن پَنِنس ناوَس پٮ۪ٹھ خانقاہ تعمیر ۔ مَرنہٕ پتہٕ آو سُہ أتھی خانقاہَس منٛز دَفن کَرنہٕ ۔ خانقاہَس آب واتناونہٕ خأطرٕ کڈ نأو لچھمہٕ خاتوٗنہِ نوشہرٕ پٮ۪ٹھ اَکھ کوٗل ۔ اَمہِ کولہِ ہُنٛد آب اوس خانقاہہٕ علاوٕ جامع مسجِد تہِ واتان ۔

کوٗل مکمل سَپدِنَس پتھ کوٚر لچھمہِ خاتوٗنہِ عید گاہ مأدانَس منٛز شیٚتَن ساسَن لوٗکَن سال۔ چنانچہِ لچھمہِ خاتوٗنہِ ہنٛدِ نسبتہٕ پیٚو اَتھ کولہِ لچھم کوٗل ناو تہٕ یہِ اُس مغل دورَس تام سگوَنٛچ کأم دِوان۔ افغان دورَس منٛز روٗز لچھم کوٗل پنٛزہَن وُریَن خوشکھ۔ مگر سِکھ دورَس (۱۸۱۸-۱۸۴۶ء) منٛز کُر شیخ غلام محی الدینَن یہِ کوٗل نوِ سرٕ بحال۔ اَمہِ نہرِ ہُنٛد آب اوس نقشبنٛد صأبُن، دستگیر صأبُن تہٕ خانیار محلَس تہٕ واتان۔

وُنی کین چھُ یہِ خانقاہُ جأ۔ حاطَس اَنٛدر رچھکرِتھ بجہِ بجہِ گنہِ چھےٚ اَمہِ کہِ عظمتٕچ داستان وَنان۔ طرزِ تعمیر کہِ اعتبارٕ چھےٚ مقبر وتہٕ زِیارژ ژٕستی ژینہٕ وَن لگان زِ مَنٛدورٕ چھےٚ مُربع اُسمٕژ۔ ملک جلال الدین ٹھوکر سنٛز قَبر چھےٚ پانٛژہ فُٹ تھزِ پینٛچہِ پیٹھ۔ پیٚوٚر چھُس واریاہ بوٚڈ۔ سنگِ مزارس پیٹھ چھُس دوشوَے اَنٛد وثُلث خطَس منٛز فارسی کتبہٕ کھنٛنتھ۔ یہِ کتبہٕ چھُ پنٛداُہی مِس عیسأےہتیٚ لِس منٛز کشیرِ ہنٛزِ خوش نُویسی ہُنٛد اکھ خوٗبصوٗرت نموٗنہٕ۔ مگر کتیچ اکثر عبارت چھےٚ میٚژِ تَل گأمٕژ تہٕ کینٛہہ عبارت چھےٚ مغربہٕ اَنٛدِ گُلی موٗلوٕستی تَل آمٕژ۔ پوٚز ملک جلال الدین غأزی تہٕ تَسنٛدِس بابَس فیروز سُنٛد ناو چھُ صاف صاف پَرنہٕ یِوان۔ ملک جلال الدین سنٛزِ قبرِ نش دوٗر جوٗبَس کُن چھِ کینٛژن قبرَن تہٕ تِمَن پیٹھ تعمیر سَپدِ ے مِتین روضَن ہنٛدی نِشانہٕ ڈرٕ پیٹھ یِوان۔ خانقاہُک سُہ حِصہٕ یُس مسجدِ گنہِ استعمال سپدان اوس، چھُ رژھا دوٗر

شُمالس کُن تہٕ اَتھ جایہِ چھےٚ ۱۹۴۹ ءاَنٛدَ رنٛو مسجِد تعمیر آمٕژ کرنہٕ۔
خانقاہ کِس حاطَس مَنٛز چھُ کٔشیرِ ہُنٛد مشہوٗر بُزرگ خواجہ ہاشم پلو تہِ دفَن یُس ۱۶۹۶ءمَنٛز یہمہِ عالمہٕ گو۔

(کأشُر انسایکلو پیڈیا، جلِد :۱)

کتاب نامہٕ:

*Hassan:Tareekh
*Hassan:Asrar.



# خانقاہِ سوختہ

مجید عاصمی

خانقاہِ سوختہ ( دۆدمُت خانقاہ) چھُ نُوس کٔدلس تہٕ صفا کٔدلس درمیان وۍتھِ ہٕنٛدِ دٔچھنہِ بٔٹھِ حضرتِ بابا خلیلؒ سٕنٛدِس مقبرٕس نکھہٕ۔

مُقامی لۆکن ہٕنٛدِ وَننہِ کنٛز چھُ یہِ خانقاہ سُلطان سِکندر سٕنٛدِس عہدٕس منٛز حضرتِ میر محمد ہمدانی ینٛ ( ۱۳۹۲ـ۹۴ عیسوی ) منٛز تعمیر کۆرمُت۔ اَتھ خانقاہَس اوس مہاراجہ ہری سنگھنس عہدٕس تام سرکاٗری قبضہٕ یُس پتہٕ ۱۹۳۱ عیسوی یَس منٛز تُلنہٕ آو۔ یہِ خانقاہ چھُ واریاہِ لٹہِ نارٕ ستی شہید گومُت یمہِ کنٛز اَتھ دۆدمُت خانقاہ وَنان چھِ۔

مؤجوٗدٕ خانقاہ چھُ ۵۶ فُٹہٕ چورُس۔ اَمہِ کِس تعمیرٕس منٛز چھُ دِوری کنٛن، مہاراٗجی سیرٕ بن، زینہِ تہٕ لٔکرِ کامہِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ چھِ پرٛتھ اَنٛدِ سَتھ فُٹہٕ ترٛےٚ آنٛچہِ زیٚچھِ تہٕ پانٛژہ فُٹہٕ کھَجہِ ترٛےٚ ترٛےٚ تہٕ زٕ زٕ دارِ۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھُس ترٛےٚ محراب یَمن ہُنٛد تھزٕ رے فُٹہٕ تہٕ کھَجر پانٛژہ فُٹہٕ چھُ۔

خانقاہَس انٛدرٕ راژنہٕ باپتھ چھےٚ بڑٕ وٕنہِ کالہِ ہیرٕ اٗسمٕژ۔ یمہِ چہِ کرِ وُنی کنٛبَس تہٕ اَتہِ آنگنَس منٛز دٔچھنِ کھووٕری چھکرِتھ چھےٚ۔

**کتاب نامہٕ:** (کاشُر انسایکلوپیڈیا، جلد:۲)

*Hasan: Tarikh I, II *Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# خانقاہِ سیّد برخوردار

مجید عاصمی

سید بَر خوردار سُنْد خانقاہ چھُ چھٔزبَل وہرِس تہٕ صَفا کدٔلس درمیان دانا مزارٕ ۔

یہٕ خانقاہ چھُ (۸۶۹ھ) ۱۴۶۴عیسوی مَنز سُلطان زین العابدینَن سیّد بَرخوردار سُنْد بن خادِمَن ہٕنْدِ باپتھ تعمیر کَرنو وُمُت ۔

خانقاہ چھُ ۲۴ فُٹہٕ چورُس ۔ اَمِہ کِس تعمیرس چھےٚ زیٖنہِ مَنز بڈشاہی سیرٕہن تہٕ دِودارِ لکرِ ہُنْد استعمال آمُت کرنہٕ ۔ اَتھ چھِ أندٕری کِنْز ژوشِونٕ لبَن ۳ فُٹہٕ زیٖچھِ تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھَجہِ محرأبی چالہِ دارِ ۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھُ اتھ ٦ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھوٚل اَکھ محراب ۔ اَژوٗن دٔچھِنی کِنْز چھِ اَتھ کِنْوی روشندان کٔڈِتھ ۔ اَتھ اندٔر چھُ پأترِ کَنْین ہُنْد فرِش کٔڈِتھ اَکھ حمام یِیمِہ کِس بامَس پٮ۪ٹھ نقش نگأری کٔرِتھ اَکھ بڑنگ کھأرِتھ چھُ ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۲)

**کِتاب نامہٕ:**

*Hasan: Tarikh I
*Hassan: Asrar-ul-Akhyar



# خانقاہِ شاہ نیاز نقشبندی

شمیم اختر

شاہ نیاز نقشبندیؒ سُند خانقاہ چھُ سرینگرس منز سید واری خانیارِ۔

شاہ نیاز نقشبندی اوس خواجہِ سید عبدالرحیم نقشبندی سُند دوٗیُم نیچو، عبدالرحیم نقشبندی اوس ترُکستان کس اَکس شاہی خاندانس ستی تعلق تھاوان۔ شاہ نیاز صاب چھُ جیمہِ زامُت تہٕ پننہٕ نِس واٲلِد صابَس ستی چھُ جیمہِ پیٹھ کشیر آمُت۔ بابہٕ صابُن پتھ کُن ترٛ وومُت جایدادخرچاٲوِتھ کوٗرُن (۱۲۱۲ھ) ۱۷۹۷عیسوی منز یہِ خانقاہ تعمیر۔ حسن چھُ لِکھان زِ اَستان آو (۱۲۲۵ھ) ۱۸۵۵عیسوی منز تعمیر کرنہٕ۔ مگر حیاتِ جاویدَس منز چھُ یہِ سَنہٕ ۱۲۱۲ ہجری ہاونہٕ آمُت۔ خانقاہَس منز چھُ اَکھ حمام، مہمان سراے، مسافر خانہٕ تہٕ درس گاہ تہٕ شامِل۔ ییٚلہِ اَمہِ خانقاہُک تعمیر مکمل سپُد، شاہ نیاز صابَن کٔڈ زاٲرَن ہنٛدِ اتھہٕ بُتھ چھلنہٕ باپتھ استانہٕ کہِ آنگنہٕ منزی دولت کوٗل ناوی اَکھ نہر یوسہٕ نالہٕ مارَس ستی رَلان اَس۔ وقت گُذرنَس ستی چھےٚ یہِ کوٗل خوشکھ گاٚمژ۔

شاہ نیاز صابنِس خدمتَس منز اوس ترکستانہٕ پیٹھ اَکھ تھدِ پایک وَفد ووتمُت، تیمی یمَن ترُکستان پیٚنٛچ دعوتھ دِژٲے۔ یہِ چھُ سُہ وقت

ییلہٕ کٲشیرِ منٛز سِکھ شاہی ہُنٛد دور شروع اوس سپُد مُت تہٕ مغل تہٕ افغان دورِک عطا سپدیٚمتی جاگیر آسی لوٚکن واپس نِنہٕ آمٕتی ۔ کرنل مور کرافٹ سُنٛد تُرکستانک سفر نامہٕ چھُ خواجہ شاہ نیاز نقشبندیؒ سٕنٛدِ بجرُک تہٕ بزرگی ہُنٛد گواہ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ اوس تھدِ پایک شاعر، عالم تہٕ فاضل ۔ أمی چھےٚ فارسی پاٹھی کینٛہہ کتابہٕ تصنیف کرِمٕژ ۔ یِموٚ منٛزٕ ''چاے نامہ'' تہٕ ''دیوانِ نیاز'' زیٚو پٔٹھ ہیٚنٛز لایَق چھِ ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ چھُ ۱۸۲۹اعیسوی (۱۲۴۵ھ) منٛز کابلہٕ رحمتِ حق گومُت ۔ تور اوس سُہ وِلیم مور کرافٹس سٕتی گومُت ۔ یِہُنٛز تُربت چھےٚ کابلہٕ شاہی قبرستانس منٛز ۔ یَتھ پٔٹھ یہِ جُملہٕ لیکھتھ چھُ ۔

مَن مَاتَ مِن العشق
فَقد مات شهيداً

وُنی کِنہٕ یُس روضہٕ چھُ تَتھ اندر چھُ شاہ نیاز نقشبندی سُنٛد والِد عبدالرحیم نقشبندیؒ اوسوٚدِ تہٕ یہِ روضہٕ چھُ خوشاصاب ناوٕ لوٚکن وٕنس تَل ۔

خوشاصابُن آستان اوس سٹھاہ خوٗبصوٗرت تہٕ شوٗبہِ دار۔ کینٛہہ کال گژھتھ ڈٕج اَتھ پرٛانی ہیٔت ۔ تہٕ ہیوٚتُن مُنہدِم گژھُن ۔ پتہٕ عبدالسلام نقشبندی یَن کٔرا کہٕ لَٹہٕ بیٚیہٕ اکھ کثیر رقم خرٕچ کٔرِتھ یہِ مسجد نٔوِ سرٕ اِستادٕ ۔ مقٲمی لوٗکھ چھِ اَتھ منٛز خدایہٕ سٕنٛز عِبادت کران ۔ اَتہِ چھِ یِم تبرکات موجوٗد ۔ موے مُبارک حضرتِ خلیفہ اول جناب ابو بکر

صدیقؓ ، جامہٕ مبارک حضرت امام اعظم ، عمامہٕ مُبارک حضرت شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ ، عصائے مُبارک جناب امام موسیٰ رضاؑ ، کمر بند مُبارک حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وسلم ، آنحضرتؐ ہُند موے مُبارک تہٕ تمہٕ قرآنِ شریفچہٕ ڈایہ سپارٕ یتھ عام پاٹھی مُصحفِ عثمانی وَنان چھِ ۔ یہٕ چھُ زاوِلس ہرنہٕ مُسلسل پیٹھ خطِ کوٗفی یَس منٛز لیکھتھ ۔ حضرتِ عثمانِ غنیؓ آسی تمہٕ وِزِ اَمیٚ تلاوت کران یێلہِ تِمن پیٹھ حملہٕ کرنہٕ آو تہٕ تِمو کوٚر جامہِ شہادت نوش ۔ اَتھ چھِ کُنہِ کُنہِ جایہِ خوٗنہٕ چھکَن ہٕنٛدی نِشانہٕ تہٕ ۔ اَمہِ قرآنِ شریفچہٕ کینٛہہ سپارٕ چھےٚ استنبولہٕ (ترکی) منٛز تہٕ کینٛہہ سپارٕ چھےٚ تاشقند میوٗزیمس منٛز محفوٗظ ۔ ڈایہ سپارٕ چھےٚ مُغلو خاندانِ نقشبندی یَس بحیثیتِ تحفہٕ دِژ مژٕ ۔ یمہٕ شاہ نیاز صابٕنس اَستانَس منٛز موٗجوٗد چھےٚ ۔ مَغربہٕ طَرفہٕ چھُ مسجدِ ستی اَکھ سیمٹُو کُٹھ یتھ منٛز یِم تمام تبرکات تھَونہٕ آمتی چھِ ۔

اَتھ خانقاہَس چھُ بێین خانقاہَن ہٕنٛدی پاٹھی اَکھ بڑنگ کھاٗلتھ یتھ پیٹھ پَنہٕ وٕہر چالہِ سَرتلیٛو پٔترتہٕ ٹوٗر چھُ ۔ اَتھ تلہٕ چھےٚ بڑنگس منٛز ترٛےٚ ترٛےٚ دارِ کڈتھ ۔ اَستانَس چھےٚ ژوپٲری شیشہِ دارِ ۔

حال حالے چھےٚ مسجدِ ہٕندِس بٔنٛمس پورَس مرمتھ کرنہٕ آمژٕ ۔ ۱۹۵۸ عیسوی منٛز چھےٚ اَتھ اَستانَس ٹین پوشی کرنہٕ آمژٕ ۔

استانک کھجر زیٖچھر چھُ شُمالہٕ کنٛز ۵۵ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہٕ کنٛز ۵۵ ، مَشرِق طَرفہٕ ۳۲ فُٹہٕ ، مَغرِبہٕ طَرفہٕ ۳۲ فُٹہٕ ، شُمالہٕ طَرفہٕ چھُس راہِ عام ۔ مَشرِقہٕ

طَرفہٕ چھُس زٕمین یلہٕ، مَغربہٕ طَرفٕ سڑکھ چھُس راہِ عام۔

اَمہِ خانقاہٕچ رأچھراوٕٹھ أسی خواجہ محمد شاہ صاحب نقشبندی اسعد گران تہٕ اَزچھِ أمی ہندی زُری ڈاکٹر محمد اشرف نقشبندی یہِ کأم انجام دِوان۔

(کأشُر انسایئکلوپیڈیا، جلِد :۲)

## کتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh I
*Hassan: Asrar-ul-Akhyar
*Saadat Mohammad: Hayati Javid II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab



# خانقاہِ میر نازُک قادری

شمیم اختر

خانقاہِ میر نازُک قادری چھُ نالہِ مأر کہِ ژھ چھنہِ طرفہِ کٔدلس نکھ کرٔالہِ ٹینگ محلس منز۔ کٔشیرِ اندر قٲدری سِلسِلک یہِ گوڈنیُک خانقاہ، چھُ لگ بگ ۱۰۲۴ھ منز بناونہِ آمُت۔ کٔشیرِ منز چھُ نازُک قادر، قادری سِلسِلُک بأنی، یِہُند سِلسِلۂ نسب چھُ قٲضی میر علی صأبس ستی رلان۔ نازکی خاندان چھُ میر نازُک قادرٕ سُندی وے اولادٕ و منز۔ یم سرینگرٕ علاو بنڈپوٗرِ، بڈگامہِ، لولاب تہٕ لیہہ لداخہٕ بسان چھِ۔ حضرت میر نازُک قٲدری أسی لوکچہِ وأنسہِ منزے وجدأنی حالتس منز روزان تہٕ بابا داؤد خاکی سٕنزِ خدمژ منز روزِتھ سعادت تہٕ چھکھ حأصل أسمژ۔ یم أسی پٔننہِ وقتکی باکمال، متقی تہٕ پرہیزگار۔ (۹/ ذی الحجہ ۱۰۲۲ھ، ۱۶۱۴ عیسوی منز سپدی رحمتِ حق تہٕ یِہُند جسدِ خاکی آو کأدی کٔدلہِ کرٔالہِ ٹینگ محلس منز سُپرِ دِخاک کرنہٕ ییتہٕ خانقاہس منزٕ یِہُند مقبرٕ پتہٕ تعمیر سپُد۔

خانقاہُک زیٖچھر چھُ ۳۷ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۳۴ فُٹہٕ۔ خانقاہ تعمیر کرنس منز چھُ لکرِ تہٕ پوختہ سیر بو علاوٕ چوٗنہٕ سُرخہِ تہٕ کنِن ہُند استعمال آمُت کرنہٕ۔

اَتھ چھُ چار بام بُرزِ پَتھ اوسمُت۔ یَتھ بخشی غلام محمدنِس دورَس منز ٹینن دِنہٕ آمُت چھُ۔ پَتھ کَنِجھ چھُ لگِرِ ہٕنٛد بن خوٗبصوٗرت بڑا اکٹن پیٹھ دٕرِتھ۔ اَتھ مورَکھ چھےٚ لگِرِ کامہِ ہُنٛد اَکھ شوٗبہِ دار نموٗنہٕ تہٕ پَتہٕ کنہٕ ژوٗنہٕ وِنی کوٗنَن چھِ لگِرِ ہٕنٛدی دوٗر اویزان۔ اَستان کنہٕ ژونوٗنی طرفن چھےٚ محرأبی چالہِ ژور ژور دارِ۔ یِمَن خوٗبصوٗرت زأ لی پنجرِ چھِ۔ اَستانُک دَرواز چھُ لگِرِ ہُنٛد اَکھ خوبصوٗرت تہٕ شوٗبہِ دار نموٗنہٕ۔ اَتھ دِوٕری کنہٕ ہٕنٛز نیبرِم ڈیڈی چھےٚ حال حالے (۱۳۸۵ھ) یَس منز تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ زِیارَتس لرِ چھُ اَکھ خانقاہ یُس میر نازُک صأبنہٕ سٕے عہدَس منز تعمیر اوس سپُد مُت۔ اَتھ خانقاہَس منز چھےٚ لوکچہٕ لوکچہٕ سَتھ چِلہٕ کوٗٹھرِ یِمَن منز میر نازُک قادریؒ عبادت کران أسی۔ اَستانَس منز چھُ میر نازُک قأدری سُنٛد عیال تہٕ دَفن۔ حضرت میر نازُک قادریؒ سٕنٛز قبرِ پیٹھ چھُ لگِرِ ہُنٛد ژھر۔ أندی أندی چھُس أ ٹھ فُٹہٕ غلام گردِش یَتھ ختم بَنٛد تالو چھُ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد: ۲)

## کتاب نامہٕ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



# رَہ بابہٕ صابُن خانقاہ

مجید عاصمیؔ

یہِ خانقاہ چھُ گُنز کھوڑٕ یہہ یارَس نگھہِ وِنتھ کھوورِ پاسہٕ۔ رَہ بابہٕ صابُن خانقاہ تہٕ أتھی ستی حضرتِ عبدالرحیم قادریؒ سُند اَستان چھُ حضرت سید حُسین بیہقی ہَن مہاراجہ پرتاپ سِنگھنِس دورَس منز (۱۸۸۵-۱۹۲۵ء) تعمیر کوٚرمُت۔ تعمیرٕچ کأم سپز ترٕہن وٕری ین مکمل۔ اَمہِ پتہٕ آو لال بازرٕ پێٹھٕ حضرت غوث الاعظم پیر دستگیرؒ سُند موے مُقدس اور منتقل کرنہٕ۔

خانقاہ چھُ فنِ تعمیر کہِ لحاظٕ کشیرِ ہِندٕین ریٚش خانقاہَن ستی رَلان۔ خانقاہُک ہچُو بڑنگ تہٕ سَرتلیوٚ ٹوٗپ گب تہٕ چار بام پَش تہٕ واریاہ دارِ چھےٚ گرتہٕ کنہِ بلکل خانقاہِ معلیٰ ہَس ستی واتھ کھوان۔

خانقاہُک روے چھُ ۵۳ فُٹہٕ تہٕ شیر چھُس ۳۲ فُٹہٕ۔ اَمہِ کِس تعمیرَس منز چھُ دِوٕری گننٕہ، پوٚختہٕ سیرٕہ، سیمنٹک تہٕ لکرِ ہُند استعمال سپُدمُت۔ کُن چھُس دِوٕری گننٕہ ہُند۔ خانقاہَس چھُ مغرِب پاسہٕ أکی مِس تہٕ دوٚیمِس پورَس زٕ زٕ دارِیمَن پێٹھ اکھ روشَن دان چھُ۔ جنوٗب مَشرِق پاسہٕ چھِ اَتھ خانقاہَس گُل ۱۲ دارِیمَن منز شێن زألی پنجرٕ

لاَ رگتھ چھِ۔ پزٕتھ کانہہ دأر چھےٚ ساڑژور فُٹہٕ زیٖٹھ تہٕ ترٚےفُٹہٕ کھۄج۔ وَسوٕنہِ اَفتابہٕ چھُ اَتہِ اَکوٗ ہہ فُٹہٕ زیوٗٹھ اَستان۔ یَتھ حضرتِ عبدالرحیم قادریؒ سُند اَستان وَنان چھِ۔ اَتھ اَنٛدَر رچھُ موے مُبارک حضرت سید عبدالقادر جیلانیؒ تہٕ باقٕے تبرکات تھاونہٕ آمتۍ۔ مغرب اَنٛدٕ چھےٚ اَتھ زٕ دارِیمہٕ ترٚے فُٹہٕ کھۄجہِ تہٕ ساڑژور فُٹہٕ تھزٕ چھےٚ۔ یِمَن دارٕن منٛز باگ چھےٚ شےٚ فُٹہٕ کھۄج تہٕ نَو فُٹہٕ زیٖٹھ اَکھ شیشہِ دأر۔ اَستانَس چھےٚ جنوٗب مَغربہٕ پاسہٕ ژور فُٹہٕ کھۄج ڈَب (دَرشَن دأر) کڈِتھ۔ اَمہِ پیٹھٕ چھِ زِیارَت ہاونہٕ یِوان۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہٕ:

*Hassan: Asrar
*Ishaq (Srinagar)



# خانقاہِ دستگیرؒ صائبُن

مجید عاصمی

خانقاہِ غوثیہ (دستگیر صائبُن) چھ سرینگرس منز خانیارِ۔ خانقاہ چھُ پٹھان دورَس منز حضرتِ سخی شاہ محمد فاضل قادری ہِندی زُری سیّد غلام الدّین آزادن ۱۷۶۷ء تعمیر کوٚرمُت۔ اَمہِ وَقتہٕ اوس نورالدین خان بامزئی کشیرِ ہُند گورنر۔ اَمیُک تارِیخ چھُ آزادن پانے یِیمہِ آیہِ لیوٚکھمُت

سالِ تاریخ ایں بنا آزاد گُفت شُد خانقاہِ گیلانی

حضرت شاہ سخی محمد اُسی اورنگ زیب (۱۶۵۸۔۱۷۰۷ء) ہِندِس عہدَس منز بغدادِ پیٹھٕ ٹھٹھا (علاقہ سِندھ) تہٕ اَتہٕ پیٹھ کشیرِ آمتی۔ یور وأتِتھ کوٚر تِمو قادری سِلسِلہٕ قأیم یِیمہِ کِنی یِمے کشیرِ منز قادری سِلسِلکی بأنی چھِ مانہٕ یِوان۔ یِہُنز بہلہِ پایہِ شخصیَتھ وُچھِتھ سپدی یِیتہِ واریاہ یِہِندی مُرید یِمَن منز پٹھان حکوٗمتُک (۱۷۵۳۔۱۸۱۹ء) اَکھ اہم رُکُن قاضی عبدالقادر خان ژھووتہٕ شأمِل اوس تِیمی ہِندِ مَدتہٕ سید غلام الدین آزادن خانقاہَس وُسعت دِژ۔

مہاراجہ رنبیر سنگھنِس دورَس منز تہٕ دِژ اَمہِ کِس تعمیرس کشیرِ ہِندی رئیس خواجہ ثنا اللہ شالَن (۱۸۷۹ء) مزید وُسعت۔ تاریخِ

تعمیر:

زِیارت خانہٕ زیبا فرد گُفت

دِگر تعمیر عالی شاہ ہمایوں ۱۳۹۲ھ

طرزِ تعمیر کہِ اعتبارٕ چھُ یہِ خانقاہ کشیرِ منٛز واریاہَن ریٚشی خانقاہَن ہٕتی رَلان۔ خاص کٔرِتھ چھُ امیُک ہچُو بزٕنگ تہٕ اَتھ پٮ۪ٹھ سرتلیوٗ ٹوٗپ تہٕ مغرب اَنٛدٕ چہِ دارِ باقٕے ریٚشی خانقاہَن ہٕتی واٹھ کھوان۔ اَمہِ کِس تعمیرس چھُ دِوٕرٕ کنٕبن پوٗحتہٕ سیرٕہن سیمٹُک تہٕ لکٔرِ ہُنٛد استعمال سپُدمُت۔ کٔن چھُس دِوٕرٕ کنٕبن ہُنٛد۔ اَتھ چھِ جنوٗب تہٕ شُمال اَنٛدٕ ترٕٛے ترٕٛے دارِ تہٕ مغرِب اَنٛدٕ سَتھ ہٮ۪شٕے دارِ۔ اَمہِ چہِ سارٕے دارِ چھےٚ محرأبٕی چالہِ۔ پرٕٛتھ کانٛہہ دأر چھےٚ ۱۱ فُٹہٕ تھزٕ تہٕ سَتھ فُٹہٕ کھٔج۔ یِمَن دارٕہن پٮ۪ٹھ چھِ اَٹھ فُٹہٕ زٕ ٹھٕکی تہٕ ژور فُٹہٕ کھُلی مستطیل آیہِ روشَن دان۔ یِمہٕ سارٕے دارِ چھےٚ ہچہِ کامہِ ہٕنٛدی بہترٕہن نموٗنہٕ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھےٚ دوٗن کوٗنَن نِش زٕ دَرشَن دارِ گاشہِ باپَتھ۔ خانقاہَس چھےٚ أنٛدٕرٕ کنٕہ نقشہِ نِگأری کٔرِتھ ژور دِوٕدأری تھَم۔ یِمَن پٮ۪ٹھ امیُک پانٛژٕ وور چار بام پَش رَٹنہٕ آمُت چھُ۔ پرٕٛتھ تھَم چھُ زِتوُ ہہ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ڈاے فُٹہٕ لیپٕٹہٕ۔ اَتھ چھُ أنٛدٕرٕ کنٕہ سأرٕی ہٕے وَسہٕ تالو دِتھ۔ مغرِب اَنٛدٕ چھُ تالوٗس دوٗن تھَمَن منٛز باگ چانٛد بنأوِتھ۔ تَتھ شیٖشُو جارالوٗنٛد چھُ۔ اَمہِ کِس مَشرِقَس منٛز اوس سید جلال الدّٖہن مشتاق صأبَن پنہٕ نِس ناوَس پٮ۪ٹھ اَکھ خانقاہ تہٕ أتھی ہٕتی اَکھ حمام تعمیر کوٚرمُت یُس اَزتہٕ اَتھ جایہِ موٗجوٗد چھُ۔



دستگیر صائبُن



دۆرمسجدِ مخدوٗم صائب تہٕ قلعہٕ ہاری پربتُک نظارٕ

خانقاہس منٛز چھِ یِم تبرُکات:

۱۔ نامہ شریف بدستخطِ حضرت علیؓ بخطِ ثانوی بطریق تصویر۔

۲۔ موے مقدس حضرتِ غوث الاعظم دستگیرؒ

۳۔ زیارت سید جلال الدین مُشتاق

اَتہِ چھِ سید محمد افضل تہٕ یِمن بوٚنہٕ گنہِ چھُ قاضی عبدالقادر خان المعروف ژھوو دفن۔

(کاشُر انسائکلوپیڈیا، جلد: ۱)

**کتاب نامہٕ:**


*Bates.

*Lawrence

*Kak

*Sufi: Kasheer




# خانقاہِ نقشبندی

محمد احسن احسنؔ

خانقاہِ نقشبندی چھُ سرینگرس منز خانیارس تہٕ نوٚٹس درمیان خوجہِ بازرٕ سڑکہِ کھوورِ طرفہٕ۔ یہِ خانقاہ چھُ سُلطان سِکندر (۱۳۸۹۔۱۴۱۳ عیسوی) ہِندِ بسأوی متہِ سکندر پور محلُک سُہ حِصہٕ یتھ منز سُلطان حسین چکن (۱۵۶۳۔۱۵۷۰ عیسوی) باغ بنو ومُت اوس۔ امہِ خانقاہ کِس تعمیرس چھُ خواجہ خاوند محموٗد نقشبندی ین دس تلمُت۔ مورخ حسنؔ چھُ لیکھان زِ بڈشاہن (۱۴۲۰۔۱۴۷۰ عیسوی) اوس سیّد محمد امین اویسی ہِندِ خاطرٕ اَتھ (سوٚنہٕ وارِ) وِیتھِ ہِندِس ڈٲچھِنس بٹھس پیٹھ اکھ خانقاہ تعمیر کوٚرمُت۔ اویسی صأبنہٕ ۱۴۸۴ عیسوی منز رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ روٗد یہِ خانقاہ واریاہس کالس غأر آباد۔ خواجہِ خاوند محموٗدن کرنو و ۱۶۳۳ عیسوی منز اکھ شرعی فتویٰ حأصل کرنہٕ پتہٕ یہِ خانقاہ شہید تہٕ امی ملبہٕ ستی آو سلطان حُسین چک ہِندِس باغس منز خانقاہ تعمیر کرنہٕ۔ خانقاہ کِس تعمیرس لگی امہِ وِزِ ۴۵۰۰۰ روپیہ۔ اَتھ چھِ خانقاہِ خاوندیہٕ تہٕ خانقاہِ فیض پناہ تہِ وَنان۔ خواجہِ خاوند محموٗد نہِ نِسبتہٕ پیوٚ اَتھ محلس خوجہ بازرناو۔

خانقاہ تعمیر سپدَ نہٕ پتہٕ کینہٕ ژی کالہِ گو خواجہ محمودٕ دِلہِ پیٹھہٕ لاہور، ییٚتہِ سُہ ۱۶۴۰عیسوی منٛز رحمتِ حق سپُد۔ خانقاہچ نِگرانی تہٕ جاگیرُک انتظام کَرنہٕ خاطرٕ سوٗزِتھ پنُن فرزند خواجہ معین الدّین نقشبندی کشیرِ۔

خواجہِ معین الدین نقشبندیؒ سپُد ۱۶۷۴عیسوی منٛز رحمتِ حق۔ سُہ آو خانقاہس ہمسایہِ شُمال مغربہِ پاسہٕ دفن کرنہٕ تہٕ تَس پَتہٕ گرٕ تسٕنٛزِ آشنہِ خانقاہچ نِگرانی۔ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آیہِ سوٗ تہِ خواجہِ صابَس نگہٕ دفن کرنہٕ۔ فاضل خان سِنٛدِ وقتہٕ ییٚلہِ (۱۱۱۱ھ، ۱۶۹۹عیسوی) منٛز پیغمبرِ اسلام سُنٛد موے مُقدّس نور الدّین اِشہِ بُری سِنٛدِ وساطتہٕ کشیرِ ووت گوڈٕ تھووُکھ موے شریف خواجہِ معینُ الدین نقشبندیؒ سِنٛدِس روضس اندر۔ زایرن ہنٛز ترٛپہ ترٛپھ تہٕ جایہِ تنگی نظرِ تل تھاوِتھ آو فاضل خانس سٟتی مشورٕ کرنہٕ پتہٕ موے مُقدسُک قرار گاہ باغِ صادق خان (حضرت بل) مقرر کرنہٕ۔ موے مُقدسہٕ کہِ کشیرِ منٛز واتنُک تارِیخ چھُ:

کشمیر مدینہ بشُد از موئے نبیؐ (۱۱۱۱ھ=۱۶۹۹ء)

شیخ غلام محی الدین صوٗبیدار (۱۸۳۶-۱۸۸۱عیسوی) سِنٛدِ وقتہٕ آیہِ خانقاہس مرمتھ کرنہٕ۔ ۱۸۸۶عیسوی منٛز سوٗزی نواب احسنُ اللہ خانَن (تیمی سِنٛدی جد اجداد سرینگرٕ ناوٕ پورِکی آسی ٕتی چھِ) ڈھاکہ پیٹھہٕ خانقاہہٕ کہِ مرمتہٕ خاطرٕ خواجہِ ثناءاللہ شال سِنٛدِ ناوٕ زٕ ساس روپیہِ۔ شال صابَس باسیوٗ زِ خانقاہ چھُ خاص توجہہ منگان۔ تِمس میچ تحریک

تہٕ دِیُتُن پٲنٛسہٕ تہٕ وارِیاہ رَقم تہٕ لۆگن نٕش تہٕ کۆرُن چَنٛدٕ جَمع ۔ اَمہِ پتہٕ سۆزی نواب احسن اللّٰہ خانَن یِہِنٛہِ ترٛےٚ ساس روپیہِ ۔ تہٕتھٕ پٲٹھی آو کٲفی رَقم خَرچاوِتھ خانقاہ نَوسرٕ سیٹھاہ خۆبصوٗرتی سان تعمیر کرنہٕ ۔ اَمہِ وِزِ آو اتھ خَتم بَنٛد تالوتہِ دِنہٕ تہٕ پَتہٕ بَدلاونہٕ ۔ نِوتعمیرُک تارِیخ چھُ

خانقاہ عجیب عالی شان

۱۳۰۴ھ=۱۸۸۶ء

اَمہِ عَلاوٕ چھُ جیّد سُنٛد عربی قطعہ تاریخ تہٕ دَرج:

یـا اَخِـی اَقبِـلُ بِهٰـذَا الـمسجِدِ
طـاعَةً بـالـلّٰـهِ واسجُد واقتَرِب
مِـن بَهٰـاءِ الـحقِّ ولِدِيـن دائمـاً
فيـهِ فيضـانٌ علـىٰ مَنْ يَطّلِـب!
بَـانِـیُ الثّـانِی ثَـنـاء الـلّٰـه بِـهٖ
صـارَ ايـقـانـاً بـاَجرٍ يَرتَقِـبُ!
لَـوْ اَروُتَ عـامَ تَعميرِ الجَديدِ
خـانـقـاه الـنقشبـندی اِحتسِـب

۱۳۰٤ھ

اَمہِ پتہٕ روٗز خانقاہَس مَقٲمی اوقافہٕ کہِ اہتمامہٕ وِزِ وِزِ مرمَت سَپدان ۔ خانقاہَس چھےٚ نیٚبری مغربہٕ پاسہٕ ہیٚرِ زٕ پینٛجرٕ دارِ تہٕ بونہٕ یمہٕ نِ سیٚودٕ زٕ شیشہِ دار محرابہٕ سیٚوٚد چھےٚ بیٚٹھِ گَہِ اَکھ دُشِن دٲرِ یتھ پیٹھ



دٔودآری لکٕرِ تہٕ بڈشاہی سیرٕن ہُنٛد بناوِتھ خانقاہِ نقشبندی ہُنٛد اکھ کوٗن





بڈشاہی سیرٕن تہٕ پنجرٕ کاری ہُنٛد اکھ بہترین فنِ تعمیر

زأنپانہٕ چالہِ پَش تہٕ چھُ ۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ ہیٚرِ ترٛےٚ تہٕ بوٚنہٕ ترٛےٚ پَنجرٕ
دارِ۔ بوٚنہٕ کَنہِ چھہ منٛزی مہٕ دارِ نِش چھےٚ امہِ پاسہٕ ڈَب تہٕ کٔڈِتھ یتھ
پأترِ وَتھرأ وِتھ چھےٚ ۔ خانقاہَس مَشرِقہٕ پاسہٕ چھےٚ، ہیٚرِ ترٛےٚ دارِ تہٕ بوٚنہٕ
دَروازَس دٕچھِنۍ کھووٕری زٕ پَنجرٕ دارِ۔ دَروازَس سیٚود چھُ دَہلیٖزٕ نبَر کُن
کٔڈِتھ یَتھ پأترِ وَتھرأ وِتھ چھےٚ ۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھےٚ خانقاہَس ہیٚرِ ترٛےٚ
پَنجرٕ دارِ تہٕ بوٚنہٕ چھےٚ دَروازَس دٕچھِنۍ کھووٕری زٕ دارِ۔ شُمالہٕ پاسہٕ کِس
دَروازَس تہِ چھُ دہلیٖزٕ نبَر کُن کٔڈِتھ تہٕ اَتھ تہِ چھےٚ پأترِ وَتھرأ وِتھ۔
خانقاہچ کُرسی چھےٚ گُرِتھ دِوٕری کَننٕ ہنٛز ۔ یَتھ أندی أندی دِوٕری کَنہِ
نِے ہُنٛد صُفہٕ چھُ ۔ کُرسی ہیوٚر تعمیرَس چھےٚ لٔکر تہٕ مَہرأج سیرِ لاگنہٕ
آمٕژ ۔ پرٛتھ کَرِ وارَس پیٹھ چھِس ژور ژور مہرأجی سیرِ وار۔ اَتھ چھُ
ترٛ وور پَش یَتھ پیٹھ اُٹھ گَب کٔڈِتھ ریٚش طرزُک برٛنگ چھُ۔

نیٚبرِی کِنۍ یوٚ دوَے خانقاہ دُپوٚر چھُ باسان، اَما پوٚز أندرٕ چھُ یہٕ
تقریبَن وُہہ فُٹہٕ تھوٚد کُنۍ پور۔ اَمیُک خوٗبصوٗرت ختم بَند تالو چھُ چار
دیوأری علاوٕ ژون تھَمَن پیٹھ رَٹنہٕ آمُت۔ تھَمَن چھِ لوٕکٹۍ لٔکرِ ٹُکرٕ
خوٗبصوٗرتی سان واٹنہٕ آمٕتۍ۔ ژوشوٕنی تھَمَن چھےٚ پیٹھی کَرمہٕ تہٕ بُنِمہٕ اَنٛدٕ
اَمی آنچ چرِی چبی گُرِتھ۔

ختم بَند تالو چھُ جارَو سیٚود رَنگوٕ ستی سجاونہٕ آمُت۔ خانقاہ کِس
محرابَس چھےٚ خوٗبصوٗرت پَنجرٕ کأری گُرِتھ۔ محرابَس پیٹھ کَنہِ چھُ شیشہٕ
لأ گِتھ روشن دان۔ خانقاہچہ ڈایہ فُٹہٕ موٚچہ لبہ أندرٕ چھُ لبَن ہیٚرِ بوٚن لٔکرِ

ہُند ڈیڈ وُ کرِتھ۔ پرٛتھ نیبرِ مہِ دارِ سیوٗ دچھےٚ أندرمہِ طرفہٕ تہٕ الگ دآر ۔یِہُند أندریم پاس گرتہٕ تہٕ رَنگہِ لحاظٕ لبَن ہِندِس ڈیڈ وَس ستی رَلاونہٕ چھُ آمُت۔ خانقاہَس پچھےٚ أندرمہِ پاسہٕ شُمال مَشرِقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ترٛے فُٹہٕ کھجرٕ گیلری کَڈِتھ۔ یتھ پیٚٹھ کھسنہٕ خاطرٕ مشرِقہٕ پاسہٕ کِس دَروازَس اَژوٗن دٔچھنِس تہٕ کھوٗری زٕ ہیرِ چھےٚ۔

خانقاہَس نیبرٕ کنہِ مَشرِقہٕ پاسہٕ چھےٚ حال حالے اَکھ مسجِد تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ یتھ حمام تہٕ ستی چھُ۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھُ خانقاہَس مزارِ شہداء۔ یمہِ کِس شُمالَس منٛز اَستانَس برٛونٛٹھہٕ کنہِ مزارِ نقشبندی چھُ۔ خانقاہُک حاطہٕ چھُ مَشرِقہٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ سبز کنہِ دیوارٕ ستی گنٛڈنہٕ آمُت۔ یتھ مَشرِقہٕ پاسہٕ تہٕ مَغرِبہٕ پاسہٕ زٕ ڈیڈٕ چھےٚ۔ مَغرِبہٕ پاسے چھُ خانقاہکہِ مُقامی اوقافُک دَفتر تہٕ۔

حاطَس اندَر خانقاہَس شُمال مَغرِبہٕ پاسہٕ چھےٚ زِیارَتِ نقشبند۔ زِیارژ عمارَت چھےٚ اوٗک پوٗر۔ اَتھ چھُ ترٛ وور پَش تہٕ پیٚٹھ چھُس ریٚش طرزُک برٛنگ کھاڑِتھ۔ زِیارتَس اندَر چھُ خواجہِ معین الدین نقشبندیؒ سُند روضہٕ۔ یمَن ستی چھےٚ أندرٕ یِہنٛز آشِنٛز تہٕ فرزَند خواجہ اشرف الدین محمد تہٕ کُی سُند نیچُو خواجہ نظام الدین دَفن۔ یمَن ژوشوٕنی قبرَن چھُنہٕ کانٛہہ کتبہٕ کھٔنِتھ۔ روضَس أندی أندی چھُ شےٚ فُٹہٕ کھجَر غلام گردِش تہٕ پیٚٹھٕ ختم بَند تالو۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھِ غلام گردِشہِ نیبَر پانٛژھ تھَم یمَن أندی أندی پچِہ وٕلِتھ کرِتھ چھُ تہٕ پچِن پیٚٹھ چھےٚ گُلکاری

کٔرِتھ۔ تھَمو نبَر چھےٚ قِبلہٕ پاسہٕ سَتھ فُٹہٕ کھَجرٕ جاے تہٕ اَوِتھ پانٛژھ محرأبہٕ آیہِ دارِ۔ روٗضس أنٛدی أنٛدی چھےٚ پژٕتھ طَرفہٕ ترٛے ترٛے شیشہِ دارِ۔ یِمَن بُنٛہِ طَرفہٕ فارسی شعر چھِ لیکھتھ۔ روضس چھِ ژوشوٕنی طرفَن خوٗبصوٗرت فونوٗس لأگتھ۔ دَروازَس دٔچھنہِ پاسہٕ تہٕ چھےٚ اَتھ اَکھ دأر۔ مَشرِقہٕ پاسہٕ چھےٚ اَستانَس ترٛے دارِ تہٕ اَکھ لوٕکٹ کوٗٹھر۔ اَستانہٕ چَن لبَن چھےٚ خوٗبصوٗرت گُلکأری کٔرِتھ۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھَس ترٛے دارِ یِمو نیٛبری کِنہِ نوٗرخانہٕ تعمیر کرنہٕ چھُ آمُت۔ روضَس اندَر چھُ حضرتِ ابوبکر صدیقؓ سُنٛد عصاے مُبارک۔ یُس نقشبند خاندانَس پیر مُریدی سِلسِلس منٛز توٚرمُت چھُ۔ نقشبند صأبُن وورُس چھُ پژٕتھ ؤری یہِ ۳ ربیع الاول لگان۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد: ۱)

## کتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Mirza Saif-ud-din: Khulasa-tul-Tawarikh
*Sufi: Kashir II



# مسجدِ رنچن شاہ

موتی لال ساقی

رنچن (۳۲۳-۱۳۲۰ء) یُس سُلطان صدر الدین ناو، کشیر ہندِس تختس بیوٹھ اوس کشیرِ ہُند گوڈنیُک مسلمان بادشاہ۔ تمۍ کر وینتھِ ہندِ ڈچھنہِ بٹھِ عالی کدلہٕ أزی کس اُویسی صابنس اَستانس نش گوڈنیچ مشید ملچہِ مر محلس منز تعمیر۔ مسجدِ ہندِس مغرِبس کُن اوس سُلطان صدر الدینن پنُن محلہٕ خانہٕ بنوومُت۔

رنچن شاہنٛز مسجد اُس جامع مسجدِ تہٕ اَمیُک حاطہٕ اوس بود گیر تامتھ۔ کینٛہہ کال گُزرتھ گیہٕ یہٕ مسجد نارس اَند رشہید تہٕ تمہِ پتہٕ جایہِ گنٛنہٕ ہنٛز لوکٹ مسجد تعمیر کرنہٕ۔ وینتھِ بٹھس پیٹھ موجود یہٕ مسجد چھےٚ اَزکل محکمہٕ آثارِ قدیمہ کس تحویلس تَل۔ طرزِ تعمیر کہِ اعتبارٕ چھےٚ رنچن شاہنٛز مسجد عام کأشرن مکانن ہتی رَلان تہٕ اَمچ مغربہٕ طَرٕچ لَب چھےٚ وُستھ پے مٕژ۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہ:

*Hassan: Asrar,
*Hassan: Tareekh
*Academy



# جامع مسجد سرینگر

محمد احسن احسنؔ

جامع مسجد چھےٚ سرینگرٕ نوٹہٕ مغربہٕ پاسہٕ سکندر پۆرِس نکھہٕ۔ حسن شاہ کھویہامی سندِ وننہٕ مطابق چھےٚ مسجد تتھی جایہِ تعمیر کرنہٕ آمژ یتھ مہاشری مندر چھُ اوسمت۔ مگر سٹین سُند وَنُن چھُ زِ اَتھ جایہِ چھُ رانا سُوامِن مندر اوسمت ییلہِ زَن سَر والٹر لارنس تہٕ اینچ فرینکی چھِ وَنان زِ اَتھ جایہِ چھےٚ TSHANG TSHIBLAK (ژھنگ ژھبلک) ناوٕ اَکھ بودھ زِیارت آسمژ۔

جامع مشیدِ ہُند کُن دِیُت سُلطان سِکندرَن ۱۳۹۸ عیسوی (۸۰۱ھ) منز میر محمد ہمدانی سندِ مشورٕ مسجدِ ہنٛد تعمیرٕ خاطرٕ آو خُراسانہٕ خواجہِ صدرالدین ناوی اَکھ ووستاد اَناونہٕ۔ تیمی سنٛزِ نگرانی منز تعمیر الہٕ پلہٕ ژورَن وٕریَن ۱۴۰۲ عیسوی منز مُکمل سپُد۔ مَسجدِ ہُند تاریخ تعمیر چھُ:

''جامع مسجد کشمیری'' ۸۰۱ھ (۱۳۹۸ء)

اَمہِ پَتہٕ کوٚر زین العابدیٖن (۱۴۲۰-۱۴۷۰ء) بَجہِ مشیدِ ہنٛدِس شُمالس منز اَکھ دینی درسگاہ تعمیر یَمہِ خاطرٕ کینٛہہ گام وَقف تھاونہٕ

آے۔

درسگاہ اوس قاضی میر علی بُکاری چلاوان۔ درسگاہ قائیم کرنہٕ علاوٕ بأوبڈ شہٕن مسجد وُسعت دِنَس کُن تہٕ خاص دِلچسپی۔ سَر والٹر لارنس سُنْد وُنُن چھُنہٕ صحی زِ جامع مسجد ہُنْد گُن کیاہ چھُ بڈشاہٕ سُندِس زمانس منٛز دِنہٕ آمُت۔ بڈشاہٕ سُندِس أکِس ؤزیر ملک جلال الدین ٹھاکُر سٕنزِ آشنہٕ لچھمہِ خاتوٗنہِ اَنأوگوجوارِ (أزی چِھ قضا مسجِد) پیٹھٕ بَجہٕ مُشید تام اَکھ کول یَتھ لچھمہٕ کول وَنان أسی۔ لچھمہٕ کولہِ ہُنْد آب اوس مَسجِدِ ہٕندِس آنگنَس منٛز سَنگِ سِیاہ سٕتی بناونہٕ آمتِس حوضس منٛز سمان تہٕ گنٛدٕ آب اوس بَدرَو دِتھ مأرنالس منٛز وَسان۔ لچھمہٕ کولہِ ہٕندی آثار چھُنہٕ أز موٗجوٗد۔

جامع مسجِد چھےٚ واریاہِ لٹہِ نارٕ سٕتی شہید سپز مٕژ۔ بہارستان شأہی کِس حوالس چھُنہٕ کانٛہہ مورخ ڈَکھ کران زِ بُڈ مُشید کیاہ سپز بڈشاہٕ سُندِس زمانس منٛز گوڈنچہ لٹہِ نارٕ سٕتی شہید۔ یَتھ کتھِ سٕتی چھُ سارِنٕے مورخَن اِتفاق زِ جامع مُشید سَپز گوڈنچہ لٹہِ ۱۴۷۹ عیسوی منٛز سلطان حَسن شاہٕ سٕندِ وَقتہٕ نارٕ سٕتی شہید۔ بقول شری وَر جامع مسجد أس چوٗنہٕ گچھ کُرِتھ عألی شان عمارت۔ نارٕ سٕتی شہید سَپدَنہٕ وِزِ اوس شہری شہر وَدان تہٕ پرٛنتھ اَنٛدٕ أس دِہی ژھیتےٚ گمٕژ"۔ سُلطان حسن شاہَن کرنأو مسجد دُبارٕ تعمیر تہٕ اَمِیُک محراب آو پرٛانہِ کھوتہٕ زیادٕ شوٗبہٕ دار بناونہٕ۔ مگر اَمہِ باوجوٗد تہٕ سپُد نہٕ تمی سٕندِس دورَس منٛز مسجِدِ ہُنْد تعمیر مکمل۔ اَمہِ نامکمل

تعمیرُک تارِیخ چھُ :

مَسْجِدٌ اُسِّسَ عَلَی التَّقْویٰ۔ ۸۸۵ھ (۱۴۸۰ء)

یہِ اَڈلیوٗک تعمیر سپُد پَتہٕ سلطان محمد شاہ سٕنْدِ وَقتہٕ (۱۵۰۴-۱۵۰۳ء) ملک محمد ابراہیم ماگرے سٕنْدِ ذٔسی مکمل۔ یعقوب شاہ چک سٕنْدِ وَقتہٕ گرنو و ۱۵۸۶ء منز قاضی موسیٰ شہیدَن مسجِد ہٕنْدِس بامہٕ پٔتھس مَرمَتھ۔ مغل بادشاہ جہانگیر سٕنْدِس دورَس منز گیہ ۱۶۲۰ء منز مسجِد نارٕ ستی شہید۔ ییٚلہِ لوکچہِ عیٖد دوہہ بٔڑ مہِ شہرٕ کۍ اکہِ پلہٕ باہ ساس مکانہٕ نارٕ بُزی گے۔ بقول پی۔ این کے بامزے اَمہِ نارٕ وِزِ اوس جہانگیر کٔشیرِ منٛزٕ ے تہٕ تمۍ کر پانہٕ تہِ مسجِد ہُنْد نار ژھیوٚراوُنَس منز شرکَتھ۔ جہانگیرَن دِیُت مسجِد نوٚ سَرٕ تعمیر کرنُک حُکم تہٕ وَقتہٕ کِس مشہوٗر رئیس ملک حیدَر چاڈورہ سٕنٛز نِگرأنی منز سپُد اَمیُک تعمیر سَدہَن (۱۷) ؤری یَن مُکمل۔ اَمہِ وِزِ سپٕز لچھمہٕ کولہِ تہِ مرمَتھ تہٕ أنْدرِمہِ صحنُک حوض تہِ آو نوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔ اَتھ موقَس پیٹھ آو مُلا محمد مُرادزریں قلم سٕنْدِ اتھٕ قطعہ تارِیخ تعمیر گنہِ پیٹھ کھٔنِتھ جنوٗبہٕ پاسہٕ کِس دَروازَس نٔصب کرنہٕ۔ مادہٕ تارِیخ چھُ یَتھ شعرس منز ؎

ملک حیدر رئیس الملک در عہدِ جہانگیری
نہاد از نو اَساسِش بازگاہ عیدِ قربانی

۱۰۲۹ھ ۱۶۲۰ء

شاہ جہان سٕنْدِس دورَس منز (۱۶۵۸-۱۶۲۷ء) آے جامع مَسجِد تہٕ

درسگاہ کین مُلاَ زمَن ہِنٛدِ اَخراجاتہٕ باپَتھ واریاہ جأگیر وَقٕف تھاونہٕ۔ اَمہِ دورُک ظاٲلم صوبہٕ دار اعتقاد خان آو بَرطرف کرنہٕ تہٕ تَمہِ کِہ ہِنٛزِ جایہِ آو ظفر خان خراسانی صوبہٕ دار مقرر کرنہٕ۔ اَتھ موقس پیٹھ دژاوا اعتقاد خان تہٕ تَسنٛدِ بن ظُلمَن ہِنٛز منسوٗخی ہُنٛد شاہی فرمان، ییٚمِک نَقل لوٗکن ہِنٛز زانکاری خاطرِ گَنہِ پیٹھ کھٔنِتھ مَسجِد ہِنٛدِس جنوٗبی دَروازَس نَصب کرنہٕ آو۔

اورنگ زِیب سِنٛدِس عہدَس منٛز ییلہِ ۱۶۷۴ء منٛز سِر ینگرٕکس کاوڈٲری محلَس سِکنٛدَر پورتام نارلوٚگ، تَمہِ وِزِ گیہِ جامع مسجِد تہٕ ییمہِ لَٹہِ نارٕ ستی شہید۔ یتھے یہِ بَد خبر اورَنگ زیبَن بوٗز، تَمہِ دِیُت ناظِمِ کشمیر نواب افتخار خانس جامع مسجد سرکاری خرچس پیٹھ نوِ سَرٕ تعمیر کرنُک حکُم۔ یتہِ کوٚرُن معلوم زِ مسجِدِ ہِنٛدِ أندرِمہِ صحنہٕ چہِ بونہِ ماچھےٚ نارس منٛز ہنہٕ آمٕژ۔ مَسجِد نوِ سَرٕ تعمیر کرنہٕ موکھہٕ آے سِری نگرٕکی سأری کاری گر کامہِ لاگنہٕ۔ اَتھ دوران آے أندی پٔکھی واریاہ مَکانہٕ تلنہٕ یُتھ مسجِد بڑوٚنہہ کُن نارٕ وأرداتو نِش محفوٗظ روزِ۔ اَمہِ وِزِ سپُد مسجِد ہُنٛد تعمیر تہٕ بن وٕری یَن مُکمَل۔ افغان دورَس منٛز سپز حاجی کریم داد خان سِنٛدِ وَقتہٕ (۱۷۷۶-۱۷۸۲ء) منٛز تہٕ سَردار آزاد خان سِنٛدِ وَقتہٕ ۱۷۸۸ء منٛز مَرمتھ۔

سِکھ دورَس منٛز آو ناظِمِ کشمیر موتی رام سِنٛدِ وَقتہٕ ۱۸۱۹ء منٛز مُسلمانَن مسجِد اَژنَس پیٹھ زأنتھ ٹھاکھ کرنہٕ تہٕ ژٕ مذہبی رَہنماچھِ اَتہِ



دِوداَری تھمب یمَن پیٹھ تعمیر ڈٔرتھ چھُ (فوٹو: سجاد ہمدانی)



جامع مسجدِ قبلہِ طرفہٕ محرأبی چالہِ درواز

سِمتھ لۆگن حکوٗمتَس خِلاف بغاوت کرنہٕ خاطرٕ اُکساوان یِتھِ پاٹھی رۆز جامع مسجد وُہن وٕری یَن توٗ تام غاَر آباد یِیلہِ شیخ غلام محی الدین شیر سِنگھنِس عہدَس منٛز ۱۸۴۰ ءمنٛز مَشیدِ ہِندی بَروٗتھی ترٛاوی۔

مَہراجہ رنبیر سِنگھ ہِندِس دورَس منٛز آے وزیر پنٛوں ہِندِ وَقتہٕ ۱۸۷۱ءمنٛز مَسجِد أندی پکھی وارِیاہ وان تُلنہٕ تہٕ اَمہِ کِس نیٚبرِمس صحنَس آو مزید وُسعت دِنہٕ۔ أتھی دورَس منٛز سپٕز مسجد ۱۸۸۱ءمنٛز تہِ گَم کاسہِ مَرمتھ یِمہِ خاطرٕ مَہراجہ رنبیر سِنگھَن شےٚ ساس روپیہ دِتی۔ مہراجہ پرتاپ سِنگھنہِ وَقتہٕ آو ۱۹۱۲ءمنٛز بارَستہٕ مُسلمانَن ہٕنٛز أکِس میٖٹنگہِ منٛز فأصلہٕ ینہٕ زِ جامع مسجِد ہِندِس تعمیرَس منٛز گژھِ لۆگن ستۍ ستۍ حکوٗمتُک اتھِ واس تہِ آسُن۔ اَتھ مجلسہِ منٛز اوس اَمہِ وَقتُک مشیرِ مال خان بہادر شیخ مقبوٗل حُسین قدوائی تہِ شأمِل۔ اتھ فأصلَس دِژ مَہراجَن منظوٗری تہٕ رِیاستہٕ نبر چنٛدٕ سوٗمبراونُک اِجازَتھ تہِ آو دِنہٕ۔ مَسجِد ہُنٛد نقشہِ نوٚ سَرٕ مُرتب کرنہٕ موکھ سوٗز نواب صاحب بھوپالَن ۱۹۱۳ءمنٛز پنٛنُن اسٹیٹ انجنیر خان بہادر سید جعفر حُسین یِمی کُنہِ معاوضہٕ وَرأے کأم کٕر۔ اَمہِ پَتہٕ آو ۱۹۱۵ءمنٛز آثارِ قدیمُک ڈائریکٹر سَر جان مارشل بطور ماہرِ تعمیر اناونہٕ۔ آثارِ قدیمُک سُپرنڈنٹ مِسٹر آوری Avory تہٕ اسسٹنٹ انجنیر کرنَل فریزَر Pfrezier تہِ رُوٗدی کُنہِ معاوضہٕ وَرأے پنٛنۍ مَشورٕ دِوان۔ اَتھ دوران آیہ مَسجِد ہِندِ تعمیر خاطرٕ لَکرِ تہٕ برٕزِ بیترِ سَرکارکہِ طرفہٕ رعایتی نرخَن پیٹھ مہیا کرنہٕ۔ یِتھ

پأٹھی سپز جامع مسجد اَمہِ وِزِ نوِ سرٕ تعمیر۔ أتھی عہدس دوران دژاو ۱۹۱۷ء منز اَکھ حُکمنامہٕ یِیمہِ مُطأبق مُسلمان زمیندارن مأیلیس ستیٚ زٕ فیصد رَقم جامع مٔشیدٕ ہنٛدِ تعمیر باپتھ دِیُن اوس پوان۔ یہِ سِلسِلہٕ روٗد دوٚن وٗری یَن جأری۔ اَمہِ پَتہٕ کوٚر مہراجہ ہری سنگھن ۱۹۲۶ء منز تیتھے اَکھ حُکم نامہٕ جأری یِیمہِ مُطأبق مُسلمان زمیندارن مأیلیس ستیٚ روپیہٕ زٕ پونسہٕ دِنیٚ آسی۔ یتھٕ پأٹھی جمع سپدِ یمتہِ چنٛدٕ ستیٚ آیہِ جامع مسجِد أنٛدی أنٛدی دیوار بندی کران۔

۱۹۴۷ء پَتہٕ آیہِ جامع مَسجد ادارۂ اوقاف اسلامیہ جموں و کشمیر کِس تحویلس منز دِنہٕ۔ تہٕ بخشی غلام محمد ہِنٛدِس دورَس منز (۱۹۵۲ـ۶۲ء) آو اَتھ برٕز پَش (یَتھ خودرٕ وگلالہٕ پوش ووپدان أسی) تُلتھ ٹین دِنہٕ۔ یتھ پێٹھ اَکہٕ شیتھ ساس روپیہٕ لاگتھ آیہٕ۔ ۱۹۷۲ء منز سپز اَتھ میر واعظ مولانا محمد فاروق ہنٛزِ سَر برأہی منز بێیہٕ مَرمَتھ۔ اَمہِ وِزِ آیہِ مسجِدِ مَشرِقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ وان بَناونہٕ۔ اَمہِ علاوٕ آیہِ حَوضس أنٛدی پکھی کێنٛہہ بونہٕ ژٹنہٕ۔ یُتھ زَن جانا وارَن ہُنٛد بول بَراز نمازِ بن تنگ کَرِنہٕ۔ جامع مٔشید چھےٚ کٔشیرِ منز مُقأمی مسلمان فنِ تعمیرِچ اَکھ بہترین مِثال۔ بہارستانِ شأہی مُطأبق چھنہٕ اَتھ ہندوستانَس ، ایرانَس تہٕ تورانَس منز جورَے۔ اَما پوٚز مِصرَس تہٕ شامَس منز چھےٚ یژھہِ مسجِدِ نظرِ گژھان۔ مسجِدِ ہِنٛدِس تعمیرَس منز چھےٚ دِوٕری کَنہِ دِودأرلکِرِ تہٕ بَڈ شأہی سیرِ استعمال کَرِنہٕ آمٕژ۔ یوٚ دوٚے مَسجد

کیٚژِ پھِرِ نوٚسَرِ تہٕ تعمیر سَپز تہٕ واریاہہ لٹہٕ مرمتھ تہٕ کرنہٕ آیس ، اَما پوٚز امہِ کِس ژأ کِس منٛز چھنہٕ کُنہِ وِزِ تبدیلی کرنہٕ آمٕژ۔

مَسجِد چھُ شمالہٕ جنوٗبہٕ ۳۸۴ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ مشرِقہٕ مغرِبہٕ ۳۸۱ فُٹہٕ کھجر۔ یَتھ منٛز ۲۴۵ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲۳۴ فُٹہٕ کھوٚل۔ أنٛدرِیم صحن تہٕ شأمل چھُ۔ امہِ حِسابہٕ چھےٚ یہٕ کٔشیرِ ہٕنٛز گوڈنیچ قلعہ بَنٛد چالہِ مَسجِد۔ تعدادٕ حِسابہٕ چھِ اَتھ منٛز اکہِ وِقتہٕ ۳۳۳۳۳ نفر نماز پرٕتھ ہیکان۔

مَسجِد ہِنٛدِس فرشس چھےٚ میچر أبِ گرتھ سیرٕ وَتھرأوِتھ۔ لبن چھس ژور فُٹہٕ کھجرٕ دِیون تہٕ پور چھس ترٕ ہہ فُٹہٕ تھوٚد۔ جنوٗبہٕ مشرِقہٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ چھِ مسجِد ترٕےبٔڈی دَرواز۔ دروازن پیٹھ چھِ ۵۰ فُٹہٕ تھٔدی ایوان یمَن پیٹھ اہرأمی چالہِ برٕنگ کھأرِتھ چھِ۔ ژوٗرِیم تہٕ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ برٕنگ چھُ قبلہٕ پاسہٕ مِنٛبرس سیوٚد۔ یَتھ پیٹھ کھسنہٕ موکھ أنٛدری أنٛدری زٕ ہیرٕ چھےٚ کھأرِتھ۔ دروازو سیوٚد ترٕےبرٕنگ چھِ ۵۰ فُٹہٕ تھٔدی تہٕ ۷ فُٹہٕ لیپٹہٕ أٹھن دِوٗدأری تھمن پیٹھ رٹنہٕ آمتی۔ مگر قبلہٕ پاسہٕ کہِ برٕنگہٕ کٕن أٹھن تھمن چھُ ۶۴ فُٹہٕ تھزر تہٕ ۷ فُٹہٕ لیپٹہٕ۔ مَسجِد چھُ قِبلہٕ پاسہٕ مِنٛبرس دٔچھنہِ اَنٛدٕ میر واعظ تہٕ امام صأبنہٕ اَژنہٕ نیرنہٕ موکھ اکھ لوکُٹ دَرواز۔ مسجِد ہُنٛد پَش چھُ ۳۷۸ تَن تھمن پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ تھَم چھِ ۲۵ فُٹہٕ پیٹھہٕ ۵۰ فُٹہٕ تام تھٔدی تہٕ لیپٹہٕ چھکھ ۷ فُٹہٕ۔ پرٕتھ تھَم چھُ گُرتھ دِوٗدأری کُنہِ ژأکِس پیٹھ رٹنہٕ آمت۔ مسجِد ہِنٛدِس مِنٛبرس دٔچھنہِ کھوورِ چھُ سنگِ سیاہس پیٹھ سورۃ جمعہ تہٕ اسماءِ حسنہ

کھئتھ۔

جامع مسجد ہنٛدِس اٙندرِمس صحنس منٛزٕ چھُ ۳۳ فُٹہٕ x ۳۴ فُٹہٕ دِوٕری گنٛنبن ہُنٛد سام گنٛڈِتھ حوض۔یتھ ژورن طرفن مُغل طرزٕچہٕ پوٚنژتہٕ وٚتہٕ کڈِتھ چھےٚ۔

مٙسجدِ ہنٛدِس نیٚبرِمس حاطس منٛز چھِ زٕ قبرستان۔قِبلہٕ پاسہٕ کِس قبرِستانس منٛز چھُ بابا نصیب الدین غازی سُنٛد اکھ خلیفہ حٙسن تِلہٕ وأنی دٙفن تہٕ مُشیدِ نیٚبرٕ ذٕچھنہٕ پاسہٕ اوس ژٕگن ہُنٛد مزاریمہٕ چہٕ کینٛہہ گنہٕ پٙتہٕ مسجدِ ہنٛدِس دیوارس لاگنہٕ آیہٕ۔

جامع مٙسجدِ چھےٚ کشیرِ ہنٛزِ تحریکہٕ آزأدی ہُنٛد اکھ اہم مرکز روٗزمُت۔۱۳ جولائی ۱۹۳۱ءیم کأشُر شہید گےٚ تِہنٛد جسد آیہٕ راتس مُشیدِ منٛزٕ ےتھاونہٕ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا،جِلد:۱)

کتاب نامہٕ:


*Marg.
*Bernier
*Hassan: Tareekh
*Brown
*Stein: Geog.
*Kak
*Bamzai, A.K.
*Lawrence.
*Khan.




# عالی مشید

مجید عاصمی

عالی مشید چھےٚ سرٕینگرٕ عید گاہ کس شُمال مغرِبس کُن خاص عید گاہس منٛز شُمال مشرِق پاسہٕ کوٗنس پیٹھ۔

عید گاہ خاطرٕ ہیٚژ سُلطان سِکندر رِشندِس عہدس منٛز (۱۳۸۹ـ۱۴۱۳ء) سید میر محمد ہمدانی ین یہ زٔمین ملی۔ سُلطان ہِندی نیٚچوی علی شِہن (امیر خانن) کرٕناو (۱۴۱۳ـ۲۰ء) اَتھ جایہِ اَکھ مضبوٗط تہٕ محراب دار مٔشید تعمیر ییٚتھ عالی مسجد ناو آو تھاونہٕ تہٕ یہَے بنے یہِ پتہٕ عالی مٔشید۔ اَورنگ زیب عالمگیر ہِندی نایب صوبہٕ دار اسلام خانن دِژ اَتھ (۱۶۶۴ء) وسعت۔ تہٕ دَربرٕ باپتھ کرِن اَتھ أندرٕ ژٕنیٚر دِوداری تھٕم اِستادٕ۔ تِمی کوٚر اَمیُک حاطہٕ زٕنڈ و بیترِ نِش صاف تہٕ رُوناوُن بونہٕ۔ مٔشید آیہِ عبداللہ خان (پٹھان گورنر) ہِندِس دورس (۱۸۰۰ء) منٛز نار لگنہٕ پتہٕ پوٚرٕ پأٹھی شہید کرنہٕ تہٕ پٹھان سَردار گُل محمد خانن کرٕ یہِ (۱۸۰۱ء) نوٚ سرٕ تعمیر۔ ۱۸۸۲ء منٛز کرے یہِ مہاراجہ رنبیر سنگھن اَمہِ کِس پتٕس مرمتھ کرنٕچ تجویز پیش یوسہٕ ناکام گیہٕ۔

عالی مٔشید چھےٚ ۱۸۱ فُٹہٕ زیٚٹھ تہٕ ۷۵ فُٹہٕ کھٔج۔ مشرِقہٕ طرفہٕ چھس

ژور دَرواز ۔ پرٛتھ دَرواز چھُ ۱۲ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ وُہہ فُٹہٕ کھوٚل ۔ اَتھ چھِ کُل ۱۴۸ دِوداٗری تھَم ۔ پرٛتھ تھَم چھُ ۱۸ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ڈاے فُٹہٕ لیپٹہٕ ۔ سارِنے تھَمن چھِ تلہٕ کَنہِ بیٚہہ ۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھُس نوٚ بَجہِ داریمہٕ آٹھ فُٹہٕ تھزٕ تہٕ ۵ فُٹہٕ کھَجہِ چھےٚ ۔ دارٕن پیٚٹھ چھِ شُراہ روشَندان یَمن ہُنٛد زٕچھر ۵ فُٹہٕ تہٕ کھَجر ترٛے فُٹہٕ چھُ ۔ قِبلہٕ طرفہٕ چھُس نیٚبرِ کِنۍ اَکھ محراب ۱۶ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ سارٕ ترٛٔ واہ فُٹہٕ کھوٚل ۔ شُمالہٕ تہٕ جنوٗبہٕ طرفہٕ چھےٚ مٔشیدِ پانٛژھ پانٛژھ دارِ ۔ مٔشیدِ ہٕنزٕ ن لبَن چھُ سارٕ ژور فُٹہٕ دِیون ۔ قِبلَس کُن چھُ داہ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ شےٚ فُٹہٕ کھوٚل مِنبر یَتھ سَتھ پاٚوٕ چھِ تہٕ اَتھی سٕتی چھُ محراب یُس نوٚ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ سارٕ ژور فُٹہٕ کھوٚل چھُ ۔ محرابَس پیٚٹھ کَنہِ چھُ کرٛٔ یٚہنہٕ کَنہِ پیٚٹھ کلمہٕ طیبہ کھَنِتھ ۔ جنوٗب پاسہٕ چھُ مٔشیدِ نیٚبرِ کِنۍ کَنیوٗ ۱۸ فُٹہٕ زِیوٗٹھ تہٕ ۱۲ فُٹہٕ کھوٚل اوبکہٕ یَتھ دوٚن اَنٛدٕ ن ۱۸ فُٹہٕ تھٔدی تہٕ ڈاے فُٹہٕ موٚٹۍ ژور دِوداٗری تھَم اِستادٕ چھِ ۔

عالی مٔشیدِ اوس ۱۹۳۵ء تام برٕزِ پَش تہٕ وونۍ چھُس پَشَس ٹین دِتھ ۔ اَتھ چھُ چار بام گُنبد چالہِ پَش ۔ اَتھ مَنٛز اوس میر واعظِ کشمیر مولانا محمد یوسف شاہ صاَب دوٚن عیدٕ ن پیٚٹھ واعظ خواٰنی کَران ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد :۱)

## کتاب نامہٕ :

*Hassan:Tareekh
*Mohibul Hassan
*Sofi:Kasheer

# مسجدِ مدٔین صاب

بشیر اختر

یہِ مسجد تہٕ اَتھ سٟتۍ وابستہٕ مزار چھُ سرینگرس منٛز شُمالہٕ طرفہٕ زٔڈی بلہٕ پیٛٹھٕ اَکھ کلومیٹر دوٗر۔ اَتھ مسجدِ چھُ اکہِ پاسہٕ سازٕ گری پوٗر بیٛیہٕ طرفہٕ نوشہر تہٕ ترٛیٛیمہِ طرفہٕ باغِ علی مردان خان، اَتھی علاقس منٛز اوس سلطان شہاب الدینن (۱۳۵۵۔۱۳۷۳ء) لکھشمی پور بسو وُمت۔

(۱۴۴۸ء) منٛز ترٛاو اَمہِ مسجدِ ہنٛز بُنیاد زین العابدین بڈشاہَن پننس ووستاد سید محمد مدنی سٟندِ ناوِ۔ سید محمد مدنی یمن کاشُرۍ مدین صاب تہٕ وَنان چھِ، اَسۍ مدینہ مُنورٕ کۍ روزَن وألۍ تہٕ سلطان سکندر سٟندِ وَقتہٕ ترٛۍ کشیٖر بطورِ سفیر۔ طَرزِ تعمیر کِنۍ چھےٚ اَمہِ مسجدِ ہنٛز بڈ خصوٗصیت یہِ زِ اَمہِ چَن لبَن أسۍ مختلف رَنگَن ہنٛز گلکأری کٔرِتھ ٹأل جُرِتھ۔ نکوٗلَس سٟندِ وَننہٕ کِنۍ چھےٚ یِتھ ٹألہٕ کأم ہندوستانَس منٛز مدین صأبنہِ علاوٕ صِرف ایلورا تہٕ اَجنتا کیٛن مَندرَن کرنہٕ آمٕژ۔ یہِ مسجد چھےٚ لگ بگ ۱۵ گز مُربع دِوٕرۍ گنٛین ہنٛدِس ژأ کس پیٛٹھ کھارنہٕ آمٕژ۔ دٔچھنۍ تہٕ کھوٕوُرۍ چھس ڈَبل سیرِ یمَن پیٛٹھ پَلستر کھأرِتھ چھُ۔ ژووأپأرۍ چھِس محراب تہٕ طاق یمَن ہانٛکلہِ پأوۍ چالہٕ ڈأٹھ کڈِتھ

چھےٚ ۔ مسجدِ ہُنٛد بوٚڈ دَرواز چھُ مَشرِقہٕ کُن ۔ دَرواز کِس نیاسَس چھُ زٲوِج ہیچہٕ کٲم کٔرِتھ قُبہٕ چالہٕ محراب تہٕ چوکاٹھَس دوٕیو اَنٛدَ وٕ گنٕبن ہٕنٛدی ۲۴ رٲٹھ دار تھَمب ۔ یِمَن تھَمبَن چھِ دُفٕٹ بیٚہہٕ تہٕ پیٚٹھکِ مہٕ پاسہٕ گولکہٕ کٔڈِتھ پٲوی ۔ دَرواز چھُ جورِ دار سٕتھ دِلہٕ لٲگِتھ تہٕ ۶ آنٛچہٕ موٚٹ، دَرواز ہَنٛگس پیٹھ کُنہٕ چھےٚ سنگِ سِیاہٕچ پٲترٕ اَرٕ وٕرِ تٲرِتھ، یَتھ پیٹھ خطِ نَسخَس مَنٛز کلمہ طیبہٕ علاوٕ زین العابدین ہٕنٛدِ وَقتہٕ مسجدِ ہٕنٛز بُنیادتٕ اوٚنٛک ذِکر چھُ ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھِ زٕ کتَبہٕ دَروازَس دٔچھنہِ کھووُرِ لبَن آپرِتھ ۔ مسجدِ ہُنٛد أنٛدرِیم ہال چھُ ۱۰ اگز مربع ۔ اَتھ چھُ ختم بَنٛد تالو ۔ پشک سَر دَلو چھُ ۴ فُٹ تھوٚد یَتھ پیٹھ نٔرَس تٕ اونہٕ آمٕژ نو آنٛچہٕ موچہٕ کٔرِ دُوٲری وَہرٲوِتھ چھےٚ ۔ مورکہٕ پَچہٕ چھےٚ وَژھٕ مٕژ ۔ باسان چھُ زِ مورکس تہٕ آسہِ ہاکُنہٕ وَقتہٕ گلکٲری کٔرِتھ ۔ مسجدِ چھُ چار بام برٕزٕ پَش یٚیمہِ کِس مُدوارَس پیٹھ کُنہٕ سیرٕ بن ہُنٛد ۳ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ۲ فُٹہٕ گول گلش اوس یُس خستہٕ حالتَس مَنٛز موجوٗد اوس ۔ ہرمن گوئز چھُ لیکھان زِ اَمیُک برنگ اوس چھتراولی چالہٕ ۔ اَتھ أسی برٕزٕ پَشَس واریاہ قسمکی پوش پھولان ۔

مسجدِ کھووُرِ طرفہٕ چھُ مُدٕہن صأبُن مزارَس تام واتنَس چھُ ۱۲ فُٹہٕ مُربع محراب دار کوٚٹھرِ مَنٛزی پکُن پیوان ۔ اَمہِ کوٚٹھرِ ہٕنٛزن لبَن چھِ اَز تہِ ۹ آنٛچہٕ مُربع ٹٲلن ہٕنٛدی آکارٕ نٕی ۔ یِمو مَنٛزٕ چھِ کیٚنٛہہ ٹٲل سِری نگرٕ کِس عجایب گرَس مَنٛز محفوٗظ یِم وُچھِتھ باسان چھُ زٕ یِمہٕ وَقتہٕ آسہِ ہے

گلکأری ءستۍ تصویر کشی ہُند فن تہٕ عروٗج سۭ پٹھ۔ ٹألن ہُند رنگ چھُ شوخ تہٕ یمَن پٹھ کرنہٕ آمژ گلکأری چھےٚ خوشونۍ۔ یمَن ٹألن ہُند تعلق چھُ شاہجہاں ہٕندِس زمانس ءستۍ۔ شاہ جہانہٕ ہٕندِ وقتک نستعلیق کتبہٕ تہٕ چھُ اتہٕ موٗجوٗد۔

نِکولس ہٕندِ ونہٕ کنۍ اوس محرابس پٹھ گنہٕ شوخ رنگو ءستۍ ژور رفتہٕ زیوٗٹھ اَکھ حیوان بناوِتھ یَس ہیہہ سُنٛد جسم تہٕ اِنسانہٕ سُنٛد سینہٕ تہٕ کلہٕ ہاونہٕ آمُت اوس۔ أمِس حیوانَس أس اَجدر رچالہِ لٕٹ یتھ اَند رتیر کمان پھسأوِتھ أس۔ یمَن ٹألن پٹھ چھِ اوبرٕ لنگن، عجیب جانا وارن تہٕ پوشہِ زأژن ہٕندۍ تصویر۔ یم چینی تہٕ ایرأنۍ اثراتن ہُند پےٚ چھِ دِوان۔ تِتھۍ ٹأل چھنہٕ کٔشیرِ منٛز بیٚیہ کُنہِ جایہِ نظرِ گژھان۔

وَننہٕ کنۍ چھےٚ مسجد تہٕ مزارا کی وقتہٕ کھارنہٕ آمٕتۍ تہٕ ربواتھ چھےٚ زِ یہِ چھےٚ تیژ ےزہٕٹھ تہٕ کٔھج یوٗت خانہٕ کعبہٕ چھُ۔

(۶۳-۱۶۶۲ء) منٛز ییٚلہِ ابراہیم خان ہٕندِ وقتہٕ کٔشیرِ منٛز فرقہٕ وارانہٕ فسادسپُد، مسجدِ ہُند واریاہ حِصہٕ آو خراب کرنہٕ۔ یہِ مسجد چھےٚ ہچہٕ کامہِ، سنگ ترأشی تہٕ گلکأری ہُند اعلیٰ نموٗنہٕ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ غأر آباد۔ مدٕتن صأبنہِ مُشیدِ کُر قدیم آثارن ہٕندۍ ریاستی محکمن ۸۴-۱۹۸۳ء منٛز مرمتھ تہٕ اَمِچ قدیم صوٗرتھ ڈٲنجہِ تھاونچ آیہِ پزٕتھ ممکن کوٗشش کرنہٕ تہٕ پزأنۍ میژ آیس بیٚیہ ترٛاونہٕ تہٕ پزانہِ پوشہِ موٗنجہِ بیٚیہ وونہٕ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جِلد: ۱)

## کتاب نامہ:

*Abul Fazl: Ain
*Ghai
*Parimoo
*Jonaraja
*Stein:Geog.
*Stein:Raj.
*Hassan:Tareekh
*Bamzai:Hist.
*ZUtshi
*Marg.
*Kak.
*Bates
*Ferguson
*Brown



# مَلہٕ شاہ مُشید

بشیر اختر

اَتھ چھِ مسجِد آخون مُلا شاہ یا مسجِدِ داراشکوہ تہٕ وَنان۔ سرینگرَس مَنٛز چھےٚ یہِ مُشید ہارِپَربت قلعس جنۆبہٕ طَرفہٕ بالہٕ دامنَس تَل۔

مُشیدِ ہیٚرِ کنہِ چھُ حضرتِ شیخ حمزہ مخدوُمؒ صاۂبُن اَستان۔ (۱۶۳۹۔۴۰ء) مَنٛز بنآو یہِ مُشید مُغل شہزادِ داراشِکوٚہَن پَنٛنِس ووستادٕ آخوٗن مُلا شاہٕسنٛدِ خاطرٕ تہٕ اَتھ نکھے بنووٗن اَکھ حَمام تہِ۔ مُشیدِ أنٛدی پکھی آیہِ زأیِرَن ہِنٛدِ باپَتھ زٕ الگ سَرایہِ تہِ کھارنہٕ۔ اَمہِ چہِ لبہٕ چھےٚ کونٛڈٕ سیرٛن ہِنٛزٕ تہٕ تِمَن پێٹھ چھَس سَنگِ بلورچہٕ نقأشی کٔرِتھ تہٕ جلا و دِتھ پأترِ۔ یِمہٕ پأترِ چھےٚ أنٛدرٕ نیٚبرٕ ژووا پأری لبَن جوڑنہٕ آمٕژ۔

مُشیدِ چھُ جنۆبہٕ طَرفہٕ اَکھ تہٕ مَشرقہٕ اَنٛدٕ بیا کھ دَروازٕ۔ جنۆب طَرفہٕ چھِ اَتھ نیٚبری کنٛز ڈورِدار پانٛژھ محراب أنٛدی مبن ژھون محرابَن چھِ کنٛن ہِنٛدی زٕ فُٹہٕ مُربع زآلی پنٛجرٕ تہٕ محرابَن پێٹھ کنہِ دَہَن حِصَن مَنٛز بأگرِتھ آخوٗن ملا شاہٕسنٛدِ ناوٕ استقبالہٕ پُرٛھی کیٚنٛہہ شار کھٔنِتھ۔

مُشیدِ أنٛدرٕ کنہِ چھُ مغرب طَرفہٕ مِنبَر تہٕ مِنبَرس سیٚد سیٚود پێٹھ کنہِ سَنگِ بلورُک بَناونہٕ آمُت پمپوش چالہِ گلَش۔ تِتھے اَکھ گلَش چھُ ڈیڈ

ہٕنٛدِس ٹۄپَس تہٕ کھارنہٕ آمُت۔ اَتھ چھِ ترٛیِیوٚ اَنٛدَ وٕغوٗلام گردِش قبلہٕ
طرفہٕ غلام گردِشَس ستی بۄڈٕ دارتھرِ کھاٚرِتھ ترٛےٚ محراب۔ جنوٗبہٕ طرفہٕ
پانٛژھ تہٕ مَشرِق کہِ اَنٛدٕ أنٛدٕری کٔنٛز ترٛےٚ محراب۔ شُمالہٕ طَرفہٕ چھُس لوکچہٕ
لوکچہٕ ژور کوٗٹھرِ یِمَن انٛدر شاید چلٕس بیترِ بہٕن وأٔلی روزان آسہٕ ہَن۔
مٔشیدِ ہٕنٛدِس زیٚہَس آسہٕ ۳ فُٹہٕ زٕچھِ پاٚترِ نیٚرِس ترٛاونہٕ آمٕژ۔ یِمَن
پاٚترٕن چھےٚ ووٚنی کھٔنٛجہِ وَژھمٕژ۔ کوٗنَن پٮ۪ٹھ چھِس گولکہِ دار ہَنٛگہٕ تھَمب
۔غلام گردِشَس چھُ میٚژٕ پٮ۪ش۔ یہِ مٔشید چھےٚ ہارِ پربتک لٔبرِ کوٗرِتھ بناونہٕ
آمٕژ۔ تِکیاز مٔشیدِ ہٕنٛدِس کنِس چھےٚ مَشرِقہٕ طَرفہٕ کونٛدِ سیرٕن ہٕنٛز کھارنہٕ
آمٕژ دُپوٚرسراے۔ یوسہٕ لبرِس أنٛدی بناونہٕ چھےٚ آمٕژ۔

اَتھ سَرایہِ چھُ ہیٚرِ بوٚنہٕ محراب دار غلام گردِش۔ یٚمہِ چہِ لَبہٕ نقأشی
کٔرِتھ چھےٚ آسمٕژ۔ از چھےٚ یہِ نقأشی ختم گامٕژ تہٕ سَرایہِ ہٕنٛز لبہٕ چھےٚ
ژٕھواپاٚری آوسیمٕژ۔ مٔشیدِ دوٗرِ تقریبَن پانٛژھ ہَتھ گز چھُ بَڈ شاہی سیرٕن
ہُنٛد کھارنہٕ آمُت اَکھ حمام۔ حَمامَس چھِ اَٹھ غُسل خانہٕ تہٕ اَکھ لوکٕٹ
مٔشید۔ مسجِد چھُ سےٚ مَنٛزٕس دِوری کٔنہِ ہُنٛد ۳۶ انٛچہِ لیپٹہٕ تہٕ ۱۰ فُٹہٕ تھوٚد
گولکہِ دار تھَمب یَتھ ہیٚرِ بوٚنہٕ ڈوٗرِ چھِ ترٛ اُوِتھ تہٕ قبلہٕ طَرفہٕ چھُس
محرابَس ستی کٔنہٕن ہُنٛد منبر تہٕ مِنبر چھُ ووٚنی خستہٕ گومُت۔ حمامہٕ کٕن
غُسل خانَن چھُ ڈُبہٕ ٹھٔلی چالہِ ژُکوٗنجل تالو کڈِتھ۔ مٔشیدِ تہٕ حمامَس مَنٛز
باگ چھِ اَز تہٕ اَکہِ پوٚختہٕ تلاوٕکی نشانہٕ موجوٗد۔ دَپان یہِ تلاواوس پَنٛنہِ
قِسمُک سبٕٹھاہ خوٗبصوٗرت تلاو تہٕ اَتھ اوس ایرأنی طرزِ گرنہٕ آمتہٕ

اَرہَٹھ ذٔری یہِ آب واتناونہٕ یوان۔یہِ مُشید چھےٚ اَزغٲر آباد۔

حمام تہٕ مسجِد ہُنٛد مادہٕ تٲریخ چھُ اَکِس کتبَس پیٹھ کھٔنِتھ۔یتھ

یمہِ مصرِ منٛز تٲریخ نیران چھُ ع

یگ جاےٚ وُضو آمد وَ یگ جاےٚ نماز ۱۰۴۹ھ۔

(کٲشُر انسائیکلوپیڈیا،جلد:۱)

کتاب نامہٕ:


*Hassan: Asrar.
*Hassan: Tareekh
*Bernier
*Sofi: Kasheer
*Bamzia. A.K.
*Brown
*Bamzai
*Kaul: Kashmir
*Temple
*Forester




# تھوٗنگہٕ مشید

مجید عاصمی

تھوٗنگہٕ مٔشید چھےٚ خانیارٕ شالہٕ باغس تہٕ میر مٔشیدِ دَرمیان۔ یہِ مٔشید اُس شاہ جہان سٕندِس دورَس منٛز (۵۸-۱۶۲۷ء) عاقل میرَن تعمیر کٔرمٕژ۔ عاقل میر اوس تَمہِ وَقتہٕ شاہی خاندانہٕ باپَتھ آبُک انتظام کران۔ کیٚنٛہہ کال پَتہٕ گیہِ یہِ مٔشید بِلکُل مُنہدِم تہٕ اَچھ خستہٕ حالت وُچھِتھ کٔرِ یہِ خواجہ ثناءاللہ شالَن (۱۸۹۷ء) دُبارٕ تعمیر تہٕ اُتھی ستیٚ آو دِوٕری گنٛزن ہُنٛد اَکھ حمام تہِ تعمیر کرنہٕ یُس وَنٛدَس تاونہٕ یِوان اوس۔

تھوٗنگہٕ مٔشید چھےٚ بَڈ شاہی سیرٕ بن ہنٛز ۲۴ فُٹہٕ چورُس عمارت اَتھ چھےٚ ژووایاری دِوداری لٔکرِ ہنٛز ژورفُٹہٕ تھزٕ تہٕ شےٚ فُٹہٕ کھجہِ محرابی چالہِ دارِ یمَن پیٛٹھ نقشہِ نِگاری کٔرِتھ چھےٚ۔ مٔشیدِ اَنٛدرِ تہٕ نیٚبرٕ چھےٚ ژوشونی لبَن پیٛٹھ نقشہِ نِگاری کٔرِتھ۔ اَتھ چھُ دِوداری لٔکرِ ہُنٛد اَکھ ترٛکوٗنل برٛنگ کھاٗرِتھ۔ یَتھ پیٛٹھ سَرتلِوی واریاہ گول ٹھُپل اَکھاَ کس پیٛٹھ اِستادٕ چھِ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد ۱:)

**کتاب نامہٕ:**

*Sufi: Kasheer

# پتھر مسجد

محمد احسن احسنؔ

پَتھر مسجد چھےٚ سرینگرس منٛز خانقاہِ معلیٰ ہَس سیٚدِ سیٚو دوٚیتھِ ہِنٛدِ کھوورِ بٔتھِ۔ مسجد چھےٚ مغل بادشاہ جہانگیر ہِنٛدِس دورَس منٛز ملکہ نوٗر جہانہِ ہِنٛدِ وَننہٕ ۱۶۲۳ء منٛز تعمیر کَرنہٕ آمٕژ۔ یہ چھےٚ کشیرِ منٛز مُغل فَنِ تعمیرُک اَکھ جان نموٗنہٕ۔ اَمیُک ذِکر چھُ شاہی مسجد، مسجدِ سنگین تہٕ نوٗ مسجد ناوٕ تہِ سَپدِ مُت۔

تواریخ ''شیعانِ کشمیر'' مُطابِق اَس نوٗر جہانہِ یہٕ مسجد شیعہ مسلکہٕ کِہن مسلمانن ہِنٛدِ خاطرٕ تعمیر کرنأوِمٕژ۔ تہٕ کینٛہہ کال گژھِتھ سپٕز کَمو تام وَجہو کِنِ بنٛد۔ مگر حکیم صَفدر سٕنہٕ اَتھ رایہِ چھُنہٕ باقٕے مورخو ڈَکھ کوٚرمُت۔ کینٛژن جایَن چھُ اَمہِ کہِ غأر آباد روزنُک یہٕ وَجہہ وَننہٕ آمُت زِ چوٗنکہِ مسجد چھےٚ زَنانہِ ہِنٛدِ دٔسی بناونہٕ آمٕژ تَمہِ موٗجوٗب چھُنہٕ اَتھ منٛز نماز پَرٕنی جائِز۔ مگر یہِ تہِ چھُ اَکھ وَجہہ دِنہٕ آمُت، یِیلہِ نوٗر جہانہِ پرٕژھنہٕ آو زِ مسجد بَناونَس کوتاہ رَقم لوٗگ، تَمہِ دِیُت کوٗنشہِ کھورَس کُن اِشارٕ کٔرِتھ تِیُتھ وُلٹہٕ جَواب زِ لُکھ گٔے نارو نارٕ تہٕ کوٚر کھ اَتھ منٛز نماز پَرٕنَس پرہیز۔ تیتھٕ پأٹھی روٗز پَتھر مسجد واریاہس کالَس غأر آباد۔

فأضل خان ہنٛدِ وَقتہٕ (۱۶۹۷ـ۱۷۰۴ء) آیہٕ مسجدِ مَرمَتھ کرنہٕ تہٕ اَتھ سٟتؠ آو حمام تہِ کھارنہٕ تہٕ درس گاہ تہِ تعمیر کرنہٕ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ اَتھ دورَس منٛز چھنہٕ مسجد بَنٛد اسمٕژ ___ ۱۷۵۴ءکِس دژاگس منٛز کوٗر کشیرِ ہنٛدی گورنر سُکھ جیوٕنَن مسجدِ منٛز دانہٕ جمع تہٕ وارِیاہَس کالَس آیہٕ گُدامہٕ رٕنگی استعمال کرنہٕ۔

میر ہزار خان ہنٛدِ وَقتہٕ آیہٕ مسجدِ ۱۷۹۳ءمنٛز بیٛیہٕ مَرمَتھ کرنہٕ۔ اَمیُک تأرٟیخ چھُ یمَو شعرَ وتلہٕ نَنان ـــہ

شکر حق کز دعای اہلِ یقین
باز آباد گشت خانۂ دین
کرد سردار خِطّ میر ہزار
مسجدِ نو بناء بصد تزئین
اختر و نقشِ اط فروزان باد
تابود بر فلک مہ و پروین
این چنین مسجد از بلندئ قدر
آسمانی بود بروئے زمین
عاقبت رو سیاہ و ملعون شُد
ہر کہِ او غلہ می نہاد درین

خَبر از ہاتفی پُر سپدَم!
ہاتفی گُفت "عہدِ میر ہَزاز
نَو شُد آباد مسجدِ سنگین"

۱۲۰۸ھ = ۱۷۹۳ء

یوٚ ہےَ کتبہِ چھُ مسجدِ ہٕنٛدِ صدر دَروازَس دہلیزِ پێٹھ گنہِ کھٔنتھ۔ مورخ حسنَن چھُنہٕ ترٛیٚیم تہٕ ژۄ رِیم شعر درٕج کوٚر مُت۔

پتھٕ پأٹھی چھےٚ ژینہٕ وَن لگان زِ اَمہِ وِزِ چھےٚ مَسجدِ نوٚ سَرٕ آباد کرنہٕ آمٕژ۔ اَمہِ پتہٕ گرٕ پێٹھٕ آو اتھ منٛز نماز پرنس منع کرنہٕ، تمیُک چھُنہٕ کُنہِ جاییہِ ذِکر۔ اما پوٚز یہِ چھُ شقہٕ زِ ۱۹۳۱ء منٛز آیہِ مسجد لۄکن ہٕنٛدِس مُطالَبَس پێٹھ مہاراجہ ہری سنگھنہِ وَقتہٕ یلہٕ ترٛاونہٕ۔

پتھر مسجد چھےٚ ۱۸۰ فٹہٕ زیٛٹھ تہٕ ۵۴ فُٹہٕ کھجٕ۔ مَسجدِ ہنٛز گرسی چھےٚ گرِتھ دِوری کنہٕن ہنٛز۔ گنہِ داسَس چھےٚ پمپوشہِ وٕتھرَن ہنٛز ڈوٚر کڈِتھ۔ داسہِ ہیوٚر چھِ مسجدِ ہٕنٛدِ روٚیہَ پاسہٕ صَدٕر دروازس ڈٕچھنہِ کھوٚوِری ژور ژور محرأبِ بغلہٕ۔ یِم اَتھ دارٕن ہنٛز کأم دِوان چھِ۔ یِمہٕ نِ محرابَن سێدِ سیٚو دچھِ اَتھ قبلہِ پاسہٕ تہٕ نوٚ محراب۔ یِموٚ منٛزٕ چھُ دَروازٕ کہِ سبزٕ رُک مرکزی محراب سٹھاہ بوٚڈ۔ محرابَس ڈٕچھنہِ تہٕ کھوٚوِری یِم ژور ژور محراب چھِ تِمَن پێٹھ چھِ محرأبِ آیہِ روشندان۔ مسجد چھےٚ زِچھرٕ آیہِ اٚٹھَن اٚٹھَن پایَن ہنٛز ودۄیو تَنٛدلوٚ ستی ترٛێن حِصَن منٛز تقسیم

گَرنہٕ آمٕژ ۔ پرٛتھ کانٛہہ پایہِ چھُ بَہہ کوٗنل ۔ مسجدِ ہُنٛد پَش چھُ چار دیوآری علاوٕ یمہِ بِنے شُرہَن پایَن پیٹھ رَٹنہٕ آمُت ۔ ییلہِ زَن پَرسی براوٗن اَردٕہَن پایَن ہُنٛد حوالہٕ چھُ دِوان ۔ پرٛتھ کانٛہہ پایہِ چھُ بوٗنہٕ گٔنٛبن ہُنٛد تہٕ پیٹھ سیرٛبن ہُنٛد کھارنہٕ آمُت ۔ سیرٛبن ہٕنٛدِس حصس چھُ موٚٹ درٛوٹ چوٗنہٕ سُرخہِ بور گٔرِتھ ۔ اَمی تھٔزرٕ چھُ مسجدِ ہٕنٛزِ چار دیوآری تہِ چوٗنہٕ سُرخہِ بور گرنہٕ آمُت ۔ پایہِ چھِ پیٛٹھی مہِ اَنٛدٕ اَکھ اَکس ستیٖ اَمہِ آیہِ رَلاونہٕ آمٕتیٖ زِ چار دیوآری ہٕتھ پرٛتھ ژورَن منٛز باگ چھُ اَکھ گُنٛبز بنان ۔ یتھِ پاٹھی چھِ تالوٗس ستوٗوٕہ گُنٛبز ، یِم پھوٚلِتھ پمپوشہِ چالہِ چھِ ۔ محرابس سدٕ بوٚڈ ہیوٗہ گُنٛبز چھُ گرنیل مہان سِنگھَن (۱۸۳۴ء) منٛز لُہر ووُمُت ۔ مَرمَت کرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ یہِ گُنٛبز باقیٖ شتہٕ وُہَن گُنٛبزَن ہیوٗہ خوٗبصوٗرت ہیوٚ کمُت بُنتھ ۔

گُنٛبزن چھےٚ پیپر ماشی گٔرِتھ اَسمٕژ ۔ پَش خراب گژھنہٕ کِنیٖ اَس یہِ نقاشی وُتھِ ستیٖ چھٔلہِ چھٔلہِ وٕژھمٕژ ۔ وُنی کینٛس چھےٚ یِمَن گُنٛبزن تہِ لِپاے گَرنہٕ آمٕژ تہٕ پَشس تہِ چھُ پیٹھ سیمنٹ کرنہٕ آمُت ۔ پَشہِ دامٛنس بوٗن پٔہن چھےٚ مسجدِ أنٛدی أنٛدی دِوری گٔنٛبن ہٕنٛز گنٛڈی ژٕھرتہٕ پَشہِ دامٛنس منٛز چھےٚ ژوٚپأرٕ گوٗیہِ کڈِتھ یِمَن أنٛدی أنٛدی پمپوشہِ وٕتھرَل نقاشی گٔرِتھ چھےٚ ۔ یژھ نقاشی چھےٚ مسجدِ ہٕنٛدِ روٗیہِ پاسہٕ تہِ منٛزی منٛزی نظرِ گژھان ۔ مسجدِ ہٕنٛدِ نیٚبرِ مہِ طَرفہٕ محرابہٕ سیوٚد چھےٚ کینٛبن چھٔلہٕ وٕژھمٕژ ۔ یِم چھےٚ مسجدِ ستیٖ قبلہٕ پاسہٕ چھِ وانہٕ لأنہٕ تارلگنہٕ وِزِ تاوٕ ستیٖ

پھیچہِ مٕژ۔

پتھر مسجِد ہِنٛدِس آنگنَس آسہِ خۄبصۄرت دِوری کَنہِ اَمہِ آیہِ وَتھراونہٕ آمٕژ زِسورُ ے آنگُن اوس کُنی کَنی باسان۔ آنگنس یُس فرِش اوسمُت چھُ سہ تہِ چھُ مہان سِنگھ نِے پڑاٹہٕ نو ومُت تہٕ پڑاچہِ مٕژ کَنہِ چھےٚ تمی سِنٛزِی نِگرانی منٛز بسنت باغس تہٕ شیر گَڑ ہِنٛدِن یارٕ بَلَن لاگنہٕ آمٕژ۔

کَمے کال برٛونٛہہ چھےٚ آرکیالوجیکل سروے آف انڈیاہَن مَسجِد کیٛژن جایَن مَرمَتھ کَرمٕژ تہٕ ڈنٛجہِ تھاونہٕ باپتھ دوایاٛشی تہِ کَرمٕژ۔
(کاشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد:۲)

## کتاب نامہٕ:


*Safdar: Shian-i-Kashmir
*Hasan: Tarikh II
*Sufi: Kashmir II
*Brown: Indan Architecture I. II




# گوپاڈری

بشیر اختر

گوپاڈری چھِ گُپکار ٹینگ، شنکراچاریہ تہٕ تختِ سلیمان تہٕ وَنان۔ سطح سمندر پیٹھ ۶۲۴۰ فُٹہٕ تھوٚد اہرآمی شکلہِ یہِ بال چھُ سرینگر شہرس شُمال مَشرِقہٕ طرفہٕ۔ اتھ چھُ مَشرِقہٕ طرفہٕ زَبَروَن، مغربہٕ طرفہٕ ڈل، جُنوٗبہٕ اَنٛد وَتھ تہٕ شُمالہٕ طرفہٕ زیٹھ ناگ تہٕ کوٗنٛتہٕ لُن۔ بالہِ کُس ٹوٗپس پیٹھ کنہِ چھُ دِوری کنہٕ ہُنٛد کھارنہٕ آمُت جیشٹھ رُدر سُنٛد مَنٛدَر، یُس کلہن سنٛدِ وَننہٕ موٗجوٗب ۳۷۱ قبل مسیح منز راز گوپادتیہ ہَن بنوو۔ یہِ مَنٛدَر آو جیشٹھی شور یا زیٹھی شور مندرس پیٹھ بطورِ یادگار بناونہٕ۔

مَنٛدر بناونہٕ علاوٕ دِیُت گوپا دَتیہِ ہَن آریہ وژت پیٹھ آمتین بَرہمَنن بالہٕ دامنس تل گوپا اگرہارناوٕ جاے گیر۔ اتھ جایہِ چھِ از کل گپکار وَنان۔ گوپاڈری مندرُک طرزِ تعمیر چھُ ماہَرن ہنٛدِ اندازٕ موٗجوٗب ڈوٗرِک طرزِ تعمیرس ستی رَلان۔ یہِ مَنٛدَر چھاسَرِ سائلم تیتھے یُتھ راز گوپا دتیہ ہَن بنوو، تتھ مُتعلق چھُ شکھ۔ اما پوٚز امیُک ترٛ وورووَرتہٕ اُٹھ کوٗنٛل کُن چھُ پِزی کِنہٕ سبٹھاہ پرٛون۔ یہِ کُن کھارن وِزِ چھُنہٕ لداوس کُنہِ قسمُک مسالہٕ لاگنہٕ آمُت۔

کُن چھُ سوٗتھرِ پیٹھ ۲۰ فٹہٕ تھوٚد تہٕ اتھ پیٹھ کُنہ چھُ تقریبن ۱۰۰ فٹہٕ



سُلیمان ٹینگس پٹھ کنۍ قدیم مندر (شنکرآچاریہ مندر)

مربع ژوٗک۔ ژأ کِس چھُ أٹھ وٕنی طرفن ساڑ ترٕ ے فُٹہٕ تھوٗ دڈ نگہٕ تہٕ ڈنگس چھِ نقشہٕ دار محراب۔ ژأ کِس منزٕ باگ چھُ ژون طرفن ترُ وأری ژٕ ینٛ تتھ کنٛ کھارنہٕ آمتٕ زِ أندری کنٛ چھِ ژوشوٕ ے طرفو محراب دار طاق بنے متٕ ۔ ژٕ ینٛن پیٹھ کنہٕ چھُ قُبہٕ چالہِ پیش تہٕ کلشس پیٹھ کنہٕ بجلی بتہِ لاگنہٕ باپتھ شیشٕترٕ وپنجرٕ۔

مندرس چھُ مغربہ طرفہٕ درواز تہٕ دروازس پیٹھ کنہٕ چھِ نیاسہٕ بدل نرس ترٕ اونہٕ آمتٕ گرِتھ کنٛن ہنٛدی ترٕ ے وار۔ یِم وار چھِ تتھ کنٛ کھارنہٕ آمتٕ زِ ہیری کنٛ چھِ ژووایأری ۲۱ ژٕ ینٛ باسان۔ پتھرِ پیٹھ مندرٕ کِس ہیری مس دروازس تام چھےٚ دِوری کنٛن ہنزٕ ہیر۔ اتھ ہیرِ چھِ ۱۴۱ پأوک تہٕ کُل ژور چاند۔ منزٕ منٛن اردأہن پاوٕن چھِ دُ طرفہٕ آدمی قد دیوار تہٕ ترٕ وأہمہِ پاوِ پتہٕ یتھ جایہ ژا کِنٛیک گوڈنیک کرشروع گژھان چھُ تتھن چھےٚ کنہٕ ڈیڈی۔ ڈیڈ چھُ محراب چالہِ درواز۔ مندرس أندرٕ کنہٕ چھےٚ ۱۴ فُٹہٕ کھنٛج کوٹھر تہٕ کوٹھرِ منزٕ باگ چھُ پرٛ نالہِ منزٕ لِنگم یَتھ واسکھ أرٕ گرِتھ چھُ۔

لِنگمس پتہٕ کنہٕ چھےٚ سنگِ مرمرٕچ آدشنکر آچاریہ سنزٕ موٗرتی، یہِ موٗرتی لاج ۱۹۶۱ء منزٕ دوارکا پیٹھکی شنکر آچاریَن کشیرِ ہنٛدِ درمرتھ کہِ اتھ واسہٕ مندرس منزٕ۔

اِٹھی مہِ صدی عیسوی منزٕ کوٗ راتھ مندرس گوڈنچہ پھِرِ راز للتادتیہ ہَن مرمتھ۔ راز للتادتیہ سٕندِ پیٹھ مسلمان حکمرانن تام کیٛاہ حالتھ اوٚس اتھ مندرس تتھ متعلق چھےٚ کانٛہہ شہادتھ شری وو سٕندِ وننہٕ موجوٗب

کوٚر زین العابدین بڈشہن (۱۴۷۰-۱۴۲۰ء) مندرس دوٚیمہِ پھٕرِ مَرمتھ۔ تمی شوٚراتھ کلش تہٕ تالوٗیُس دپان کرتام بُنٛیل ییٚنہٕ کنٛز وٗسی اوس پیوٚمُت۔ مشہور ماہرِ آثارِ قدیمہ فرگوسن ہنٛدِ ونٕنہٕ موٚجوٗب آسی مندرٕچہِ ہیٖرِ ہندٕ ہن دیوارن زٕ فارسی کتبہٕ لاگتھ یمو اَندرٕ اَکس ۱۰۶۹ ہجری سنہٕ درٕج اوس۔ شاید چھُ اوسے موکھ فرگوسنٕن اندازٕ کوٚرمت زِ یہِ مندر چھُ جہاں گیر ہنٛدِ وقتہٕ بناونہٕ آمُت۔

فرگوسنٕن چھِ پنٕنہِ داوٕچ بُنیاد تم زٕ فوٹوٗ بناوِمٕتی یمن منٛز سُہ تختِ سلیمان تہٕ مزارِ بڈشاہ کِہن دیوارن کھنٕنہٕ آمتِن محرابَن ہُنٛد طرزِ تعمیر مقابلس ترٛاوان چھُ۔ اکثر موٚرخن چھُنہٕ اتھ کتھِ ستی اتفاق۔ اغلب چھُ زِ یہِ مَنٛدَر آسہِ مُسلمان حکمرانوٚ اچھ اندروٗنی ہیٚتھ تبدیل کٕرِتھ بطور مسجِد یا چِلہِ کوٚٹھر، یہِ وٕنتھ استعمالس لوگمُت زِ اتہٕ چھُ حضرتِ سلیمان بیوٚٹھمُت۔ سلیمان یا سندیمان ہنٛدِ کٲشِرِ ترٕٛنچ کتھ سنٛس منٛز ووت یور تتھ متعلق چھُنہٕ کٲشِرِ نبر کُنہٕ تہٕ کتابہِ منٛز حوالہٕ۔ اکھ کتھ چھےٚ وٕنٛنی لایَق زِ پٲکستان کس شُمال مغربس منٛز چھُ کوہَن ہُنٛد اکھ سِلسِلہٕ ییٚتھ کوہِ سلیمان وَنان چھِ۔ دپان فرغانہ علاقس منٛز تہٕ چھےٚ اکھ بودھ یادگار ییٚتھ تختِ سلیمان ونان چھِ۔ والٹر لارنس سُند وُنُن چھُ زِ تمی بوٗزٕ اَکس بودھس نِش زِ یہِ مَنٛدر چھُ بودھن نِش تہٕ پوٚترٕ تہٕ تم چھِ اتھ پُتش پہاڑی ونان۔

مسلمان دورٕ پتہٕ آو تختِ سلیمان ناو دِنہٕ شاید چھُ یوہے وجہ زِ

مَسجد یا چلہٕ کوٚھرِ منٛز تبدیٖل سپدَنہٕ کِنۍ آسہٕ عمارت مُسلمان دورَس منٛز سَرِ ژوبۆتھ روٗزمٕژ۔ مندرَس أندرِ کُنِکی پرٛانۍ آثار ختم گژھنۍ تہٕ کانٛہہ تہٕ پرٛ ون لِنگم موجوٗد نہٕ آسُن چھُ اتھ کتھِ دربر کران۔ اتھ مندرس آوتہٕ یٚیمہٕ پھرِ سِکھ دورِ کِس گورنر شیخ غلام محی الدین سٕنٛدِ وقتہٕ مرَمتھ کرنہٕ۔ تٔہنٛدِ حُکمہٕ آیہٕ مندرس أنٛدری کِنۍ سیر لاگنہٕ۔ أتھی زمانس منٛز آو مندرس نوٚ وِشو لِنگم لاگنہٕ۔ اندازٕ چھُ زِیمہٕ نِے دوہَن آو اَتھ شنکر آچاریہ ناو دِنہٕ۔ تِکیاز سِکھ دورِ بروٚنٛہہ چھُنہٕ اتھ مندرَس کُنہِ تہٕ جایہِ شنکر آچاریہ لیکھنہٕ آمُت۔ حالانکہِ اَکھ ربو ایتھ چھےٚ زِ ژوٗ رِیم شنکر آچاریہ توٚر ۸۲۰ عیسوی منٛز کٔشیرِ تہٕ تمۍ کٔر أتھی بالس پیٹھ عبادَتھ۔ سِکھ دورِ پیٚ منٛز بنیہ اتہِ نوٚ سرِ مندرٕ چ جاے تہٕ اَمی دوہہٕ پیٹھٕ لوٚگ اتہِ شرٛ اونہٕ پٔنٛم ہُنٛد ووُرس تہٕ۔ مہاراجہ گلاب سِنٛگھن کھأرِ اتھ دُرگا ناگہٕ طرفہٕ کِنو ہیر۔ ۱۹۲۵ ءمنٛز یِیلہِ مہاراجہ میسور کٔشیرِ توٚر تمۍ لاگہٕ نأوِ اتھ بجلی۔ حال حالے آو اتھ سوامی شِو رتنانند سرسوتی سٕنٛدی ذٔسی مرَمتھ کرنہٕ۔ ۱۹۷۴ءمنٛز یِیمہِ ساتہٕ اتھ بالس پیٹھ ٹیلی ویژن انٹینا لوگُتھ کو ہِچہِ تالہِ تام آیہِ موٹر گاڑی پکنۍ لایق اکھ پوٚختہٕ سڑک کھارنہٕ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جِلد ۱:)

## کتاب نامہٕ:


☆ Stein: Geog. ☆ Bamzai, A.K. ☆ Kak
☆ Stein: Raj. ☆ Ferguson ☆ Hassan: Tareekh
☆ Vigne ☆ Temple




# گنپت یار مندر

موتی لال ساقی

گاؤ کدلس تہٕ حبہٕ کدلس درمیان وِیتھِ ہنٛدِ دٔچھنہِ بٔٹھِ گنپت یارُک اَکھ یُک مَنٛدر کراوس گوڈنیتھ تعمیر سپُدمُت تتھ مُتعلِق چھنہٕ اَسہِ کانٛہہ کتھا شبہٕ پأٹھۍ معلوٗم، مگر گنپتی سُندیہِ استھاپَن چھُ واریاہ پرٛ ون، تہِ اَوٕ کنہٕ زِ وِتستا مہاتمس منٛز چھُ امہِ استھاپنُک ذِکر آمُت۔ گنپت یارُک استھاپَن چھُ پَتھ کالہِ تہِ سبٹھاہ مشہوٗر اوسمُت۔ اِمیُک ثبوٗت چھُ وِتستا مہاتمُک سُہ حوالہِ یتھ منٛز وَننہٕ چھُ آمُت زِ وَردھ مانیش مَندر چھُ گنپتی تیرتھس نکھہ۔ گنپت یار مَنٛدر کوٚر نوِ آیہِ شیکھر طرزس پیٹھ مہاراجہ گلاب سِنگھن ۱۸۵۴ءہس منٛز تعمیر تہٕ امہِ کس تعمیرس آے پرٛانہِ گدادھر مَنٛدرٕکۍ تھَمب لاگنہٕ۔ تَنہٕ پیٹھہٕ ازتام آیہِ مَنٛدرس واریاہِ پھِرِ مرمت کرنہٕ، اماپوٗ زپرٛانۍ کنہِ تھَمب چھِ وُنہٕ تہِ امہِ تعمیرُک حِصہٕ یِم مَنٛدرٕکس برٛانٛدس لگتھ چھِ۔ جلا وٕ دِتھ یِم ڈورٕ دار تھَمب چھِ ڈورِک طرزِ تعمیرٕچ ثینہٕ وَن دِوان تہٕ باسان چھُ زِ گداد ھرمَنٛدرس لاگنہٕ بڑو نٛہہ چھِ یِم تھَمب بَدَل گتھ تام تعمیرس لاگتھ اَسۍ مِتۍ تہٕ کیاز زِ ڈورِک طرزِ تعمیرُک چلیے جاو گو کشیرِ منٛز واریاہ بڑو نٛہہ کم، یوٚ دوے لکرِ تعمیرن انٛدرامہِ طرزِ تعمیرٕچ ژھاے ہُتہٕ ییٚتہٕ نظر گژھان چھےٚ۔

گنپت یار مَندر رَس چھُ صِرف اَکھ کمرٕ یَتھ منٛز گنیش سٕنٛز موٗرتی چھےٚ۔ مَندر رَس چھےٚ أنٛدٕ ری کنہٕ پرٛیدی کھمن دِنٕس گُنجائِش۔ یِہے صوٗرت چھےٚ نیٚبرِ کنہِ تہٕ۔ اَتھ چھُ جنوٗب مَغرِبہٕ پاسہٕ ویٚتھِ کُن شِوالے یَتھ منٛز شِو لِنگس چھےٚ پوٗزا سپدان۔

گنیش مَندر رَس چھُ مغربس کُن بُتھ تہٕ برٛونٛہہ کنہِ چھُس وَرنٛڈا یَتھ پٮ۪ٹھ وو پاسک بیٚہان چھِ۔ مَندر چھُ سوٗتھرِنش ژورفُٹہٕ تھدِس کنہِ کنَس پٮ۪ٹھ تعمیر کرنہٕ آمُت۔ مَندر رَس بُتھِ آنگنَس چھےٚ پأترِ وَتھرأوِتھ تہٕ ویٚتھِ طرفہٕ چھُس ڈَب کڈِتھ۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد :۲)

کتاب نامہٕ:

*Hassan: Tarikh I
*Stein: Kalthan's Rajatarangini



# وٕچار ناگ

میر نوشین نگہت

وٕچار ناگ چھُ سرینگر ٕکس شُمالس کُن لال چوکہٕ پیٹھٕ ۱۲ ٕکلومیٹر دوٗر نوشہرٕس نکھٕ کشیرِ ہُند اکھ مشہوٗر تہٕ مُقدس ناگ۔ شُمالہٕ طرفہٕ چھُس صوٗرٕ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ ووٗنتہٕ بھوَن۔

وٕچار ناگس چھُ یہ ناواوٕ کِنہ پیوٗمُت زِ دیپان کاینات بناونہٕ وِزِ چھُ شِوَن دیوی دیوتاہَن ستی اُتھے جایہِ وٕچار کوٚرمُت تہٕ اَمی موکھہٕ چھِ ناگس أندی پکی محلس وٕچار ناگ مَحلہٕ ونان۔

وٕچار ناگہٕ چھُ ژٕتر ماوسہٕ (ژِتر گٹہٕ پچھِ کہٕ أخری دوہہ) ٕکٔیت مائلہٕ لگان تہٕ پَرٕ ھِوأ لی چھِ ناگن منٛز سرٛان تہٕ پوٗزا پاٹھ کران۔

وٕچار ناگس چھِ سَتھ رَس ناگ تہٕ ونان۔ تِکیٛا زِ دیپان اَتہِ چھِ سَتھ ناگ أسی ٕمتی یمو منٛزٕ وُنہِ تہٕ ژور ناگ وُزان چھِ۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ناگ چھُ ۵۴ فُٹہٕ چورُس۔ اتھ چھےٚ ژوشوٕنی اَندَن ترٛے فُٹہٕ زٕٹ چھِ تہٕ ڈوڈُفُٹ کھَجہِ کَنہِ لأ ٕگتھ۔ ناگ چھُ ۸ فُٹہٕ سرٛون، یَتھ منٛزٕ باگ آبس بون ژٕکس تَل سفید کَنہن ہُند ژکوٚنل آسَن چھُ یتھ ژوشوٕنی اَندَن سفید کنہِ لأ ٕگتھ چھےٚ۔ ناگہٕ ٕکس شُمال مشرقی کوٗنس چھےٚ زِ فُٹہٕ زٕٹھ

تہٕ اکھ فُٹ ژھٕج اَکھ کرٕہنٛز کنٛز ووٕنی یتھ پٹھ شاردا عبارتھ لیکھتھ چھےٚ۔ ناگس چھُ أندی أندی سیمٹو پلَستر کٔرِتھ سیریُو جالہِ دار جنگلہٕ۔

دۄیُم ناگ چھُ وہٕژارناگہٕ یُس حاطس منٛز اژوُنے کھوٕوری کنٛز مذکوٗر ناگس جنوٗب مشرِقہٕ طرفہٕ۔ یہِ چھُ ۵ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲ فُٹہٕ کھوٚل۔ اتھ چھِ ژٕوشوٕنی اَندَن دِوٕری گنٛبن ہنٛدی پأوی بنأوِتھ۔

ترٛیُم ناگ چھُ بڈِس ناگس مغرِبہٕ پاسہٕ تہٕ ژوٗرِیُم چھُ شمالہٕ طرفہٕ۔ یِم دۄشوَے چھِ کُنہٕ سامہٕ بیترٕ ورأے۔

پادشاہ ہفت کیشور شہنشاہ عدالت کستر ابو المظفر نورالدین جہانگیر پاداہ ابن اکبر پادشاہ غازے بتاریخ سیہ جلوس درین سرچشمہ فیض آمین نزول اجلال فرمودند واین عمارت بحکم آں حضرت صورت بما یافت جہانگیر شاہ اکبر شاہ

وہٕژارناگس منٛز چھِ زٕ مندر ریمو منٛز بوٚڈ ہیوٚ مَندَر سارِوٕے کھوتہٕ بڈِس ناگس ستی شمالہٕ پاسہٕ چھُ تہٕ یُس ڈوٗگر مہراج پرتاپ سنگھنِس (۱۸۸۵-۱۹۲۵ء) دورَس منٛز بناونہٕ چھُ آمُت۔ مَندَر چھُ ۵۴ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۵ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ امہِ یُس تعمیرس منٛز چھےٚ کنہٕ تہٕ مَہرأ جی سیرِ استعمال سپٕز مٕژ تہٕ أندرٕ نیبرٕ چھُس سیمٹو پلَستر کٔرِتھ۔ مَندَرس منٛز چھےٚ ژور مُرٔژ، ژور شِولِنگ تہٕ اَکھ ئندی۔ امہِ ہُریمانہٕ اُسی وہٕژارناگ (موٗجتہٕ پوکھرِ) پرانین تعمیرن ہنٛدی آثار موجوٗد ییم گاندھا طرزٕ چ

باوتھ کران آسی۔

بیا کھ مَندَر چھُ بڑِس ناگس شُمال مغربی کوٗنس نکھہ۔ یہِ چھُ ڈوٗگرِ مَہراج رنبیر سنگھنِس (۱۸۸۵ء۔۱۸۵۷ء) دورَس منٛز تعمیر سپُد مُت۔ .مندر چھُ دِوری گنبن ہُنٛد تہٕ اَمیُک گرتھ چھُ شیکھر طرزُک۔ مَندرَس منٛز باگ اَندری کٔنۍ چھُ اَکھ شِولِنگ ووٚدِنۍ یَتھ پیٚٹھہِ کنہِ تالوَس اکھ سَرتلیوٗ گاگرالأنز چھےٚ۔

ناگس چھُ مَشرِقہٕ طرفہٕ خام سیرٕن ہُنٛد دیوار دِتھ تہٕ اَمی پاسہٕ چھُ ناگہٕ کِس حاطس منٛز اژنہٕ باپتھ اکھ لوکُٹ درواز تہٕ اکھ ڈیڈی۔ حاطس منٛز چھےٚ کینٛہہ وأنسٕٹھ بونہِ تہٕ موٗجوٗ دامہِ علاوٕ اَکھ بڑ ٹَمبَل یَتھ ویرٕ وِتھ چھےٚ۔

وہژار ناگہٕ کِس اصل حاطس نبر شُمال مشرِقہٕ انٛدِ اوس اکھ بوٚڈ بونہِ باغ یُس حال حالے ہموار کٔرِتھ أکِس نوٕبستی منٛز تبدیل کرنہٕ آو۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۲)

## کتاب نامہٕ:

☆Stein: Ancient Geography of Kashmir
☆Ved Kumari: Nilamata Purana I



# کالی شری مندر

موتی لال ساقی

وٮ۪تھ ہنٛدِ دٔچھنہِ بٔٹھہِ خانقاہِ معلیٰ ہَس شمالہِ پاسہِ کالی شری استھاپَن چھُ گم کاسہٕ ژودہا شتھ ؤری پژون۔ کالی شری ہُنٛد مَنٛدر راوس راژِ پَروَرسین ثأنی یَن شٲیمس ۂتیِلس منٛز تعمیر کوٗرمُت۔ یہِ دیوی مَنٛدر راوس تِمَن دیوی مَنٛدرَن انٛدر شأمِل ییم راژَن پَژوَر پورس منٛز تعمیر کٔری ٲسی۔ کالی شری ہُنٛد مَنٛدرکمہِ اَنہارٕ اوس تمیُک چھُنہٕ اَسہِ نِش کانٛہہ رِکارڈ موٗجوٗد البتہٕ اورِ یور چھکرِتھ بڑوٗنہہ کالچو کنیوٕ ستی چھُ پَے لگان زِ مَنٛدرچھُ کنیوٗ اوسمُت۔ کالی شری مَنٛدرَس أندی پکھی مَحلَس اوس بڑوٗنہہ کالہِ کالی شری پورنا وتہٕ اَزچھِ أتھی کلاشپورونان۔

(کاشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد: ۲)

کتاب نامہٕ:

*Hassan: Tarikh I
*Stein: Kalthan's Rajatarangini



# گُردوارہ چھٹی پادشاہی

موتی لال ساقی

کاٹھی دَروازس نکھہٕ ہارِ پربتہٕ کِس دامنَس تَلِ گُردوارہٕ چھٹی پادشاہی چھُ کشیرِ ہُنٛد اکھ اَہم گُردوارٕ۔ یہٕ گُردوارٕ چھُ تتھی مُقامس پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ یِیتھ شییُم گورو ہَرگوبند صاب جی سَدا اٴہمہِ صدی منٛز بیوٚٹھمُت اوس۔ گُرو ہرگوبند صاب جی اوس شہنشاہ جہانگیرس (۱۶۰۵۔۱۶۲۷ء) سٟتی کشیرِ آمُت تہٕ یوٚت وٲتتھ اوسُن قلعہ بَنٛد موغل شہر ناگرنگرس نبر ٹھکانہٕ کوٚر رُمت۔

گُردوارَس نظر گُذر تھاونہٕ باپتھ اوس ہرگوبند صاب جیَن ماتا بھاگ بھری ہُنٛد نِچُو سیوا رام مُقرر کوٚر رُمت۔

یہٕ مُقدس گُردوارٕ چھُ سِکھ گورنر سردار ہری سنگھ نلوَن (۱۸۱۹۔۱۸۲۱ء) گوڈٕ اَنوارِ تعمیر کوٚر رُمت تہٕ تَنہٕ پتہٕ از تام چھِنے گُردوارَس واریاہِ پھِرِ مرمَت کرنہٕ آمٕژ تہٕ خاص مرمتھ کأم آیہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ انجام دِنہٕ۔

گُردوارہ چھٹی پادشاہی ہُنٛد طرزِ تعمیر چھُ عام گُردوارَن ہیوٗ۔

یُس اِسلامی تہٕ ہِنٛدی طرزِ تعمیر چھِ مِلہٕ مِشہِ ووتلیوٗمُت چھُ۔ خاص کٲرِتھ چھُ گُردوارَن ہُنٛد کلش وارِیاہس حدَس تام اپرٲنی طرزِ تعمیرس ستۍ رَلان۔

چھٹی پادشاہی ہِنٛدِس گُردوارَس پیٹھ چھُ عقیدَتہٕ تہٕ احترامہٕ سان بھجن کیرتَن تہٕ گورو سُنٛد لنگر چلان۔

## کتاب نامہٕ:

☆Parmu: Sikh Rule in Kashmir

☆Sufi: Kashir - I



# پرٛوٹسٹنٹ چٕرٕچ

میر نوشین نِگہت

رام مُنشی باغ سرِینگرٕکہِ جنوٗب مغربہٕ طرفہٕ وۄنتھہٕ ہٕنٛدِس دٕچھنِس بَنٛڈس پَتھ کُن پۄہَن تہٕ دوٗردرشن کینٛدرٕ سرٕینگرس مَشرِقہٕ اَنٛدٕ چھُ آل سینٹس پرٛوٹسٹنٹ گرجہِ سٕٹھاہ خوٗبصوٗرت جایہِ۔ یُس ۱۸۹۶ءمنٛز سَرٕ نٛتھر سول ہٕنٛدِ ڈیزاینہٕ مُطأبِق تعمیر کرنہٕ چھُ آمُت۔

گرجس تہٕ اَتھ ستی موٗجوٗد پادری خانَس چھُ أنٛدی پَکھی اَکھ بۄڈ باغ یُس رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ پوشہِ ذأژ وبیترِ کنہِ وُچھنَس لایق چھُ۔ چنانچہِ باغ وُچھنہِ چھِ پرٛتھ وٕری یہِ مُلکی تہٕ غیرمُلکی سیاح اورواتان۔

گرجُک مُبلِغ چھُ پادری خانَس منٛز روزان تہٕ اور یِنہٕ والین سمکھان۔ مُبلِغس چھےٚ چرٕچ کونسَل مُقرر کرَان تہٕ یہأے کونسَل چھےٚ گرجہِ کِین معاملَن ہُنٛدِ اِنتظام کران۔

پَتھ کالہِ أسی کَشیرِ منٛز ٹھٔہرن وألی انگریز گرجکی اَخراجات پوٗرٕ کران تہٕ وۄنی چھُ یہِ ژۄور پۄہَن چنٛدس تہٕ خأراتس پٮ۪ٹھ چلان۔ پَتمہٕ تہٕ کھانٛدرَس متعلق شٮ۪چھ خبر چھےٚ عموٗمَن مُبلِغس سوزنہٕ یوان۔

کِتاب نامہٕ: (کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد: ۲)

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade.
*Christian Conference: Christianity in J&K.

# رۄمن کیتھولِک چۆرچ

میر نوشین نِگہت

رۄمن کیتھولِک گرجہِ چھُ سرینگرِ پولو گرٛاؤنڈس نکھہِ مولانا آزاد روڈس پیٹھ گورنمنٹ زنانہٕ کالجس تہٕ وزیرِ اعلیٰ سِنٛدِس پرایِویٹ دفترس (Banquet Hall) درمیان مۆجوٗد۔ اَتھ پھِھِ بُتھِہ اَکھ لوٗکٹ باغہٕ ہَن۔

گرجہِ سپُد ۱۹۰۰ ء یَس مَنٛز فرینکلن وِنکلے سِنٛدی ذٔسی تعمیر۔ ۱۹۲۸ء ہَس مَنٛز آو یہِ کُشادٕ کرنہٕ تہٕ ۱۹۳۲ ء ہَس مَنٛز آیہِ اَتھ مزید وُسعت دِنہٕ۔ گرجس آو اَکھ نوٚو دَرگاہ ہُر راونہٕ تہٕ یتھٕ پأٹھی چھُ گرجُک أزیُک تعمیر کرٛاسہٕ کہِ اَصلی ڈِزایِنہٕ مُطأبِق باسان۔ ۱۹۳۱ء ہَس مَنٛز آو مُقامی عیسایَن تہٕ نیٚبرِ پیٹھ یِنہٕ والیٚن عیسایَن ہِنٛزِ کوٗششو سٟتی اَتھِ پادری خانہٕ تہِ تعمیر کرنہٕ۔ (کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۲)

**کِتاب نامہٕ:**

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade.
*Christian Conference: Christianity in J&K.



# سینٹ لیوٗکس چٕرٕچ

م۔نوشین نِگہت

سینٹ لیوٗک سُنٛد گرجہِ چھُ کشیرِ منٛز عیسایَن ہُنٛد سارِوٕے کھوتہٕ پرٛون عبادت خانہٕ۔ یہٕ اوس گوڈٕ سِری نگرٕ کِس درو گجَن سی۔ڈی ہسپتالس نکھہٕ تعمیر سپُد مُت۔ گرجہِ چھُ علمِ طِبہٕ کِس سَر پرست سینٹ لیوٗکس سِتی منسوٗب۔ گرجُک افتتاحی رسم دِیُت ۱۲ / دسمبر ۱۸۹۶ءکیٖت لوہوٗرکی بشپ میتھِوہَن اَنجام۔ڈاکٹر ارنسٹ تہٕ ڈاکٹر آرتھر نیوروٗدی امہِ کِس تعمیرِس دوران خاص کٔرِتھ سرگرم۔ وقت گُذرنَس سِتی بنیوٗ و یہٕ "مِشن چرٕچ" یَتھ ہِنٛدُستانٔی گرجہِ تہٕ وَنٛکھ۔

سی۔ڈی ہسپتالہٕ کِو اکثر اِبتدائی مُبلِغو کرِ ناوِ گرجس منٛز پننہِ پننہِ ناوٕ یادگاری لوحہٕ نصب۔ یِمَن مُبلِغَن اَسی ڈاکٹر اِلمسلی، ڈاکٹر آرتھر نیوٗ، ڈاکٹر فینی بٹلر (گوڈنیچ مِشنری زنانہٕ ڈاکٹرتہٕ مُبلِغ)، مِس ایرینَن پیٹری، ڈاکٹر ڈونرتہٕ ریورنڈ سیُسِل بارٹَن شامِل۔

۱۹۵۰ءہَس منٛز آو درو گجَن ہسپتال ریاستی سَرکارَس حوالہٕ کرنہٕ

تہٕ سینٹ لیوٗک ,گرجس منٛز عبادت کرنٕک سِلسِلہٕ گو وارٕ وارٕ کم۔ مُقأمی عیسأیے اُسی اَمہِ پتہٕ آل سینٹس ٔچرچس منٛزٕ ے عِبادت کرنس ترجیح دِوان۔

۷ جون ۱۹۶۷ء آیہِ فَسادٕ کِس نتیجس منٛز ,گرجہِ زالنٕچ تہٕ اَمہِ چھٕن دار بن تہٕ یادگأری لوٗحن زَکھ واتناونٕچ کوٗشش کرنہٕ، مگر ,گرجہِ چہِ عمارٔژ ووتہٕ کانٛہہ دَ دارٕ۔

خاص موقو وَرأے آونہٕ ,گرجہِ ۱۹۷۸ء یَس تام زیٛادٕ استعمال کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ سپُد کرٕسچن فیلوشِپ سنٹرس تہٕ آل سینٹس ٔچرچس پانہٕ وأنی فأصلہٕ ییٛمہِ موٗجوٗب ,گرجس منٛز عبادت کرنٕک سِلسِلہٕ باقأعدٕ جأری سَپُد۔ ۱۹۸۰ء پیٹھہٕ سپُد ,گرجس اندر مختلف زبانَن منٛز عبادَت اَنجام دِنٕک سِلسِلہٕ شرٗوع۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد :۲)

## ,کتاب نامہٕ:

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade.
*Christian Conference: Christianity in J&K.



# پری محل

موتی لال ساقی

پٔری محل چھُ ڈَلہٕ کِس جنوٗب مشرِقس منز اوبرائے پیلس ہوٹل تہٕ چشمہ شاہی ہِندِس باغس درمیان زَبرَون بالہٕ چہِ کھوٚنہٕ منز۔ ہیوَن سانگنہٕ بَیانہٕ موٗجوٗب چھُ بڑ وٚنہہ کالہِ اَتھی جایہِ یا اَندی پکھی اَکھ بوٚڈ بودھ وِہارتہٕ ستوٗپ اوسمُت ییتہٕ منز بھگوان بُدھ سُنٛد دَند اوس مگر وونی چھنہٕ اَتھ جایہِ پرٛانٛی آثار کُنہِ نظرِ گژھان۔

پٔری محل اوس دارا شکوہَن شاہجہان (۱۶۲۷۔۵۸ء) ہِنٛدِ وَقتہٕ پنٛنِس ووستاد اَخوند مُلا شاہ ہِنٛدِ باپتھ علمِ جوتشہِ کہِ اَکہِ سکوٗلہٕ کِنہِ تعمیر کوٚرمُت تہٕ سہٕ اوس اَتہِ پیٹھ سِتارَن ہِنٛدِ گردِشک مُشاہِد کران۔

بالہِ کھنگرِ بُتھِ تعمیر سَپدے مِتس پٔری محلہٕ کِس طرزِ تعمیرس پیٹھ چھُ یوٗنانٛی مَندرَن ہُنٛد اَثر آسنُک گُمانہٕ گژھان۔

پٔری محلہٕ چہِ خاص مَندورِ دٔچھنِہ کھوورِ چھےٚ بالا درِتہٕ مرکزی مَندورِ چھُ شاید بڑ وٚنہہ کالہِ گُنبد اوسمُت۔ باغس چھِ گُلس پیٹھ پانٛژھ طبقہٕ یِمن منز فموارِ چھِ اَسی مِتی۔ مگر کولہِ تہٕ پاں ژادرَن ہِنٛدی نِشانہٕ موٗجوٗد نہٕ آسنہٕ کِنی چھُ اَنداز فموارَن چھُ زمینِ تلی آب فراہم سَپدان

اوسمُت۔

۷۴۔۱۹۶۹ء دوران، باغ نِوِسَرِ سَنٛبالنہٕ باپَتھ یوسہٕ کھُد اۍ ڈاکٹر کیلاش ناتھ کولنہٕ نِگرانی مَنٛز اَتہٕ سپز تتھ دوارن دژاے واریاہ گترِ ناری ژمینہٕ تلہٕ، ییمہٕ ستی ژمینہٕ تلٕ آب پگٕنس پشنٕے سپز۔

مغل طرزِ تعمیرُک نموٗنہٕ پرٕی محلچ شان چھےٚ مرمتھ کرِتھ بحال کرنچ کوٗشش سپز ءژتہٕ اَتہٕ چھُ ووٚنی دوہے شامَن زوٗل آسان تہٕ باغس چھےٚ رہتہٕ کالہٕ برجستہٕ پھُلٕے آسان۔

پَتہٕ بالہٕ کھنگرٕ تہٕ بُتھِ ڈَل آسنَن چھُ پرٕی محلہٕ کس حُسنَس منٛز واریاہ بُرژر کوٚر رمُت تہٕ اَمہِ تلہٕ چھُ داراشکوہٕسٕندِ حُسن شِناس آسنٕک پَے لگان۔

پرٕی محل چھُ کاشرٕ ہن کوٗشتٕ لُن ناوٕ تہٕ ویوٚد۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہٕ:

*Bamzai, A.K.
*Lawrence
*Stuart
*Hassan: Tareekh
*Academy



# چشمہ شاہی

موتی لعل ساقی

چشمہ شاہی چھُ زبروَن بالَن ہٕنٛز کھونہِ منٛز ڈلہِ کہِ ڈٕچھنہِ بٔتھہِ کوتر خانس سیدٕ ز کلومیٹر دوٗر۔ اَتھ بٔتھہِ چھُ داراشکوہ سُند پٔری محل۔ چشمہ شاہی باغ وُچِھتھ چھُ یہِ احساس گَنان زِ مُغل باغَن ہُند مأری مَندٕیت تہٕ حُسن چھُنہٕ صِرف یَمَن ہنٛدِس وُسعتَس پٮ۪ٹھ منحصر ٲسی کہِ چھُ اَمیُک دار مدار ترتیبَس تہٕ نفاستَس پٮ۪ٹھ تہِ۔ سُہ ناگ یُس باغہٕ کِس پیٛٹھِمِس طبقس منٛز وُزان چھُ، چھُ پمپوش چالہِ اکہِ بجہِ گنہِ چینہِ منٛزی گڑکھ دِوان۔ ناگس پیٛٹھٕ چھےٚ بالاڈٕر تعمیر سَپٕزمٕژ، اَتھ بٔتھہِ باغ چھُ اٹھ کنالہِ زمینَس پٮ۪ٹھ یتھ ترٛےٚ طبقہٕ چھِ پیٛٹھِمِس طبقس منٛز چھےٚ گِنو پیٛنٹھ یَتھ منٛزس گرِتھ فموار چھُ کھارنہٕ آمُت۔ ناگُک آب چھُ ترٛےٚ فُٹہٕ تھز پاں ژادرٕ بٔنتھ دۆیمس طبقس منٛز وَسان۔ دۆیمس طبقس منٛز باغ چھُ تلاو یتھ منٛز فموارٕ گنڈان چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ آب باغہٕ کِس اَندَرس پٮ۪ٹھ اکہِ بالادرِ پیٛٹھِ نیران۔ ترٛیٚیمس طبقس منٛزس تہٕ چھُ حوض یتھ پانٛژھ فموارٕ لٲگتھ چھِ۔ باغس منٛز موٗجوٗد بالادرِ چھےٚ ننہٕ وانہٕ افغان دورٕچ یادگار۔ اَماپوٗز یمہٕ چھےٚ پزٲنِس کنِس پٮ۪ٹھ کھارنہٕ آمٕژ۔ پیٛٹھِمہِ بالادرِ ہنٛز وِمحراب دار دارِ بو منٛزی چھُ ڈلُک نظارٕ تہٕ

باغُک بوٚنیُم حِصہٕ سبٔھاہ مأری موٚنڈ باسان۔ بالا دَرِہنٛدِس تعمیرس لاجمٕژ کرٕ یہنہٕ گنہٕ چھےٚ مُغل دورٕچ یادگار۔

باغُک دوٚیُم طبقہٕ چھُ اکہٕ پلہٕ ارداہ فُٹہٕ ییٚلہٕ زَن پیٚٹھُیم طبقہٕ اَمہٕ کھوتہٕ دوگنہٕ چھُ۔ اَتھ طبقَس مَنٛز باگ چھُ حوض ییٚتھ پاٹھ فموارٕ لاگتھ آسی۔

چشمہٕ شاہی باغس چھُ زیٚچھر ۳۳۹ فُٹ تہٕ کھجر چھُس ۱۲۶ فُٹ۔ مُغل گورنر علی مَردان خانَن (۱۶۳۲ء) چھُ یہِ باغ شاہ جہانہٕ سنٛدی وَقتہٕ بنووُمت۔

ماد تأریخ چھُ ییٚتھ کٔنۍ:

گفتمش بہر چشمہ تاریخی

گفت بر گوی کوثر شاہی [۱۰۴۲]

سِکھ گورنر شیخ غلام محی الدینن تہِ کٔر چشمہٕ شاہی باغس ۱۸۴۲ء یَس مَنٛز مَرمَتھ، ییمیُک پَے مرزا مُجرمہٕ سنٛدِ اماد تأریخٕ ستۍ لگان چھُ۔

سالِ تعمیر حال چشمۂ شاہی

گفت مجرم زروی آگاہی ۱۲۵۸ھ

رنبیر سنگھ نہٕ (۱۸۵۷-۸۵ء) وَقتہٕ چھےٚ وزیر پنوہَن چشمہٕ شاہی باغس نِشاط باغکی پأٹھی مَرمَتھ کٔرمٕژ۔

شیخ محمد عبداللہ سنٛدِس وَزارتس (۱۹۷۵-۸۲ء) مَنٛز آیہِ چشمہٕ شاہی ہنٛدِس باغس وار یاہ وُسعت دِنہٕ۔ بیٚیہِ آو اَتھ مَنٛز رنگارنگ بجلی

بتھن ہنٛدِ زوٗلک تہٕ انتظام کرنہٕ یُس شام سَپدنہٕ پتے سبٹھاہ مأری موٗنٛد چھُ باسان۔

۱۹۳۸ءمنٛز آو چشمہٕ شأہی نکھے سرکأری مہمان خانہٕ یُس مہاراجہ ہری سِنگھن پنٛنہٕ رانہٕ تارادیوی رِکیٛت بنو ومُت اوس، راج بھوَن ناوِ بَناونہٕ۔اَتھ اَنٛدَر رِچھُ رہتہٕ کالہِ رِیاستُک گورنَر روزان۔

(کأشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد :۱)

کتاب نامہٕ:


*Bamzai, A.K.
*Hugel
*Crowe
*Hassan: Tareekh
*Academy
*Bates.




# شالہٕ مار

موتی لال ساقی

شالہٕ مار چھُ سرینگرٕ پٔٹھ نو میل شُمال مشرقس کُن زبرون بالہٕ کھونہِ تَل ڈَل ڈٔہس اَنٛدٕ رپہَن، اَمہِ کِس شُمالس مَنٛز چھُ تیل بَل تہٕ بُرزٕ ہوم تہٕ مشرقہٕ کنہٕ ڈوڈ میل دوٗر گُشن آثارن ہُنٛد سہٕ مقام یتھ کِتابَن مَنٛز شَدٕ اڈون تہٕ ازکل ہارون ونان چھِ۔

شالہٕ مارس کتھٕ پأٹھی چھُ "شالہٕ مار" ناو پیومُت، اَتھ متعلق چھےٚ وارِیاہ قیاس آرأیی کرنہٕ آمٕژ۔

ابوالفضلن چھُ باغ بَننہٕ برونٛٹھے اَتھ جایہِ آباد شالہٕ مار ناوُک ذِکر کوٚرمُت۔ یٔمیُک مطلب یہِ چھُ زِ موغلَن ہِنٛدِ کشیرِ یِنہٕ برونٛٹھے چھُ "شالہٕ مار" ناو مُروج اوسمُت۔

جہانگیرَن تہِ چھُ اَتھ جایہِ "شالہٕ مارے" ناو لیوٚکھمُت۔ تٔمۍ یُس باغ اَتھ جایہِ بنوونتھ اوس تمۍ "فرح بخش" ناو تھوومُت۔ اَما پوٚز باغُک یہِ ناو چھُنہٕ زِیادٕ کالس پوٚکمُت۔ چنانچہ یٔمہِ ساتہٕ بٔرنیر کشیرِ چھُ یوان تَمہِ ساتہٕ چھُ اَمہِ باغُک ذِکر تمۍ "شالہٕ مار" ناوے پٔننس سفرنامَس مَنٛز کوٚرمُت۔

''شالہِ مأر'' چھُ دۄن سنسکرت لفظن ہُنٛد مُرکب۔ شال یعنے یأر یا بُدُل تہٕ مار یعنے مأری موٗنٛد تہٕ دٔپتھ گو مأری موٗنٛد وَن۔ شالہِ مأرُک اوٗنٛد پوٚکھ تہٕ چھُ ژینہٕ وَن دِوان زِ اَتھ جایہِ چھُ بڑٕ وٕنہہ کالہِ گہٕیل جنگل اوسمُت۔

اَکھ ربوایَتھ چھےٚ زِ رازٕ پڑٕ ورسین ثأنی یَن اوس اَتھ جایہِ مارشالا نأوِ اکھ مَکانہٕ بنو ومُت یَتھ منٛز سہ ہأروَن أکِس بزٕرگس نِش یِوٗن گژھِوُن قرار اوس کران تہٕ أتھۍ مارشالا لفظس پٔتِیم بڑٕ وٕنہہ گرٕ ھتھ چھُ شالہِ مأر لِفظ تھَنہٕ پیوٗمُت۔ ''مارشالا'' چھُ دۄن سنسکرت لفظن ہُنٛد مرکب۔ مار یعنے مأری موٗنٛد تہٕ شالا مطلب مَکانہٕ۔ یتھٕ پأٹھۍ چھُ اَمہِ مُرکب ناوُک معنے مأری منٛز مندور بَنان۔ ابوالفضل چھُ شالہِ مأرُک پڑٕون ناو بازوداں لیکھتھ وَنان زِ اَتہِ چھےٚ شاہ کوٗٹہٕ پیٹھٕ پاں ژادَر وَسان یَتھ شالہِ مأر وَنان چھِ۔ ڈاکٹر الم زلی چھُ لیکھان زِ لِفظ شالہِ مار چھُ۔

''عمارت شاہ عالم'' ترکیبہِ ہُنٛد بگاڑ۔ فیڈرک ڈڑ وسُنٛد خیال چھُ زِ أز یُگ شالہِ مأر چھُ، مارشالا لفظچ بدلےمژ صوٗرت۔

شالہِ مأر باغٕچ بُنیاد چھےٚ جہانگیرن ۱۶۱۹ عیسوی ہَس منٛز ترٛأومژ۔ تہٕ اَتھ اوس تمۍ ''فرح بخش'' ناو تھوٚومُت۔ کاہ ؤری پَتہٕ دِژ شاہجہان نِس دورَس منٛز مغل گورنر ظفر خانن اَتھ بیٚیہِ ہَن وسعت تہٕ یُس نوٚ وِھصہٕ کٔر اَتھ ستۍ رلوو تتھ تھوٗوُن ''فیض بخش'' ناو۔

باغُک ہیُرِیم طبقہٕ اوس مغل دورَس منٛز شأہی خاندانہٕ کہِ ذأتی
استعمالہِ باپَتھ مخصوٗص تھاونہٕ آمُت۔ تہٕ اَتہِ آسہٕ حرمہٕ بیتٕرِ روزان۔
باغَس چھےٚ عظیم خانن تہِ مرمَتھ کرٕمٕژ۔ وزیر پنٛوہَن چھِ زمَن لال
تہٕ جوأہر تعمیرو منٛز کوٗرِتھ کڈٕمٕتۍ تہٕ پانس سٕتۍ نٕمٕتۍ۔

مہاراجہ رنبیر سنگھنہِ وِزِ چھُ مسٹر نکوٗلسَن سٕنٛزِ نِگرأنی منٛز باغٕچ
صوٗرت بحال کرنَس کُن تہِ توجُہہ دِنہٕ آمُت۔ عوأمی حکومت قأیم
سپدنہٕ پتہٕ آے ''شالہِ مار'' شوٗبہٕ دار بَناونہٕ باپَتھ واریاہ قدم تُلنہٕ۔
چنانٛچہ سالہِ متٕبن ہٕنٛدِ مَشغلہِ باپَتھ آواَتھ باغَس منٛز ''گاش تہٕ آوازِ''
ہُنٛد اَکھ خاص پروگرام واریاہَس کالَس چلاونہٕ۔ ییتٕبن چھُ یہِ وَنُن
ضروٗری زِلوہوٗرُک شالہِ مأر باغ بنوٚو ۱۶۳۴ عیسوی ہَس منٛز شاہجہانہٕ
وَقتہٕ۔ تہٕ سٕبٕٹھاہ مُمکن چھُ زِاَتھ چھُ یہِ ناو کشیر ہٕنٛدِس شالہِ مأر باغَس
پیٹھ تھاونہٕ آمُت۔

''شالہِ مأر'' باغ چھُ ژوٚن برابر طبقَن منٛز بأگرِتھ أنٛدی أنٛدی
چھُس گٕنٛٹن تہٕ سیرٕبن ہُنٛد داہ فُٹہٕ تھوٚد دیوار۔ باغُک زیٚچھر چھُ ۶۹۰ گز
تہٕ نیاسہٕ طَرفہٕ چھُس زِ ہتھ تہٕ شیرٕ طَرفہٕ ۲۷۰ گز کھٕجر۔ باغہٕ منٛزی چھےٚ
کوٗل وَسان یوٗسہٕ ہأروَن نالہٕ منٛزٕ نیرِتھ تالہِ کنٕی باغَس منٛز اَژان چھےٚ
تہٕ دامنہٕ کنٕی چھےٚ ڈٔلس منٛز وَسان۔

یوٚ دوَے باغَس منٛز پاں ژادر گنٛڈ نُک حُکم جہانگیرن پانہٕ اوس
دِیُت مُت۔ مگر باغہٕ منٛزی کولہِ وُسعت دِنٕچ تہٕ فوارِ لاگنٕچ، حوض تہٕ تلاو

بیترِ بناونچ کاٗم چھےٚ شاہجہانہٕ سٕندِ حُکمہٕ صوبہٕ دار ظفر خان احسَن اَنٛد واتناوِمٕژ۔ باغس مَنٛز یمہٕ بالا دَرِ چھےٚ تِمہٕ تہٕ چھےٚ شاہجہانہٕ سٕندی وَقتہٕ تعمیر سپدے مٕژ۔ ژۄری مس طبقس مَنٛز باگ چھےٚ کولہِ مَنٛز کرٛیہنہٕ سَنگِ مَرمَرٕچ بالاڈٔری یتھ مَنٛز بادشاہ رٕہتہٕ کاٗلس روزان اوس۔ یہ بالا ڈٔر چھےٚ ترٛےٚ فُٹہٕ تھٔز تہٕ ۶۵ فُٹہٕ چورُس پینٛچہٕ پٮ۪ٹھ تعمیر سَپدے مٕژ۔ اَمیُک پَش چھُ ۲۰ فُٹ تھۄ دوَسہٕ وِنہِ آیہ۔ یَتھ نقش نِگار کٔرِتھ کرٛیہنہٕ سنگِ مَرمَرِ کرٲٹھ دار شےٚ تھَمب پرٛتھ اَنٛدٕ ڈٔکھس چھِہ۔

بالا دَرِ أنٛدی أنٛدی یُس حوض چھُ سُہ چھُ ۵۳ فُٹہٕ چورُس تہٕ ساڑٕ ترٛےٚ فُٹہٕ سۄن۔ اَتھ أنٛدی أنٛدی چھُ کنہٕ دۄنٛدی تہٕ ۱۲۰ فمواِر چھِس لٲگِتھ۔ بالا دَرِ ہٕنٛز کولہِ اَپارِ یپور چھِہ رہاٮ۪شی گَمرٕ تعمیر کرنہٕ آمٕتی۔ باقے ترٛ ہن طبقَن تہِ چھےٚ ڈٔنٛدِس پٮ۪ٹھ لوکٕچہ لوکٕچہ بالا دَرِ یمو پٮ۪ٹھ فوارَن ہُنٛد نظارٕ وُچھنہٕ چھُ یِوان۔ لوکٕچن لوکٕچن بالا دَرٕ ہن تہِ چھِ کولہِ اَپارِ یپور حِصہٕ تعمیر کرنہٕ آمٕتی تہٕ یمَن چھُ اَکھ محراب پانہٕ وٲنٛی واٹان۔ سارِوے بنٛزمہِ بالا دَرِ چھِ کرٛیہنہٕ سنگِ مَرمَرِ کٕ ژۄداہ رٲٹھ دار کوٗنَل تھَمب۔

بُرنیر چھُ لیکھان زِ بالا دَرٕ ہن لاگنہٕ آمٕتی تھَمب تہٕ دَرواز چھِ کَمہِ تام پرٛانہِ تعمیر کِ حِصہٕ اُسٕ مٕتی۔ تہٕ یِم چھِ سیٹھاہ موٗللی۔ خاص کٔرِتھ چھِ بالا دَرِ ہٕنٛدی ژۄر دَرواز حدٕ کھۄتہٕ زیادٕ قیمتی اُسٕ مٕتی۔ تھَمب چھِ وُنہِ بالا درٕ ہن لٲگِتھ، اَما پۄز دَرواز چھِنہٕ وونی اَتہِ نظرِ گژھان، بُرنیر سٕنٛدِ وَقتہٕ چھِ کولہِ ہیرِ پٮ۪ٹھ بون تام تہٕ حوض اُسٕ مٕتی تہٕ أزکی پاٗٹھی چھِس

دوشوٕنی دَنٛدٕ بن پأترِ لأ ـ گتھ آسمٕژ شالہٕ مأر پیٹھٕ یوسہٕ کول ڈَلس گن گرٛشھان چھےٚ تتھ چھُ بٔٹھن سبزارتہٕ امہِ ہُر یمانہٕ چھِس دوشوٕے پاسو پھرٛ بس أسىٕ متی ـ

سَر فرانسس ینگ ہسبنڈ سٕنٛدِ گفتہٕ چھُ شالہٕ مأر باغ برٛونٛہہ کالہِ أزی کہِ کھوتہٕ بوٚڈ اوسمُت ـ اَیِچ ژینہٕ وَن چھےٚ تمہِ گنہِ گنہٕ ستی لگان یُس ڈَلہٕ پیٹھٕ شالہٕ مأرتام کولہٕ بٔٹھِس ستی ستی نظرِ چھُ گرٛشھان ـ

شالہٕ مأر باغُک نقشہِ چھُ مُغل طرزَس ستی واٹھ کھوان ـ ''شالہٕ مأر'' ہُنٛد باغِ تہٕ چھُ تمَن سارِنے باغَن ستی واٹھ کھوان یم موغلو آگرا پیٹھٕ کٔشیرِ تام بنأوی متی چھِ ـ کلشہِ چالہِ بالا دَرِ ہُنٛد پَش تہٕ چھُ مُغل طَرزِ تعمیرِ چ باوتھ کران ـ

بالا درٕ بن ہنٛدٕ بن تھٔمبَن نقشہِ نگار آسنہٕ علاوٕ چھُ بٔرنیر لکھان زِ ہیٚری مہِ بالا دَرِ ہُنٛد أندریم حصہٕ اوس رنگ روغَن کٔرِتھ تہٕ دیوارَن پیٹھ أسس خطأطی ہنٛدی بہترین نموٗنہٕ ـ

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد: ۱)

## کتاب نامہٕ:

*Abul Fazal: Ain
*Bernier
*Vigne
*Brown.
*Sufi: Kasheer
*Marg.
*Academy
*Stuart
*Drew
*Bamzai, A.K.
*Hassan: Tareekh
*Mohibul Hassan
*Stein: Raj.



# نِشاط باغ

موتی لال ساقی

زَبَروَن بالَن ہٕندِس دامنَس تَل ڈَل دٔہس پٮ۪ٹھ نِشاط باغ چھُ نوٗرجہانہٕ ہٕندی بأے آصف خانَن ۱۶۳۴ ءمنٛز بنو ومُت۔

شاہ جہانَن یٮ۪لہِ باغ وُچھ تَس پسٕو اتھ پٮ۪ٹھ ٹور تہٕ اَچھ ژینہٕ وَن دِژن پھیری پھیری آصف خانَس مگر تمی لوگ گوٚش۔ اَتھ پٮ۪ٹھ کھوٚت بادشاہَس شرارتھ تہٕ کَرنووٗن ہأروَنے سہٕ آب بَنٛد یمہِ سٟتۍ باغس رونَق أس۔

آب بَنٛد گژھنہٕ کِنۍ گو آصفِ خان سَخ پریشان۔ دَپان اَکہِ دوہہٕ گیہٕ تَس أتھی پریشأنی منٛز زولہٕ۔ تمی سُند اَکھ وفادار مُلأزِم گو تہٕ پھِرُن کولہِ آب یمہِ سٟتۍ فموار گَندنہٕ تہٕ پاں ژادَرِ روٚوگرنہٕ لَجہِ۔ آصف خان یٮ۪لہِ ہُشار گو تمی کوٚر اَتھ معاملس متعلق تحقیق تہٕ مُلأزمَن وُنُس زِ مےٚ زوٚرنہٕ چون دوکھ تہٕ توٗ ے پھِرُم کولہِ آب۔ آصف خانَن ژھُن نوکر کڈِتھ مگر دریافت کرنَس پٮ۪ٹھ یٮ۪لہِ بادشاہَس بژ وٕنٛتھ گَنہِ نوکرَن اِقبالِ جُرم کوٚر، بادشاہ گو تَسنٛزِ وفادأری پٮ۪ٹھ خوش تہٕ لیوٗکھُن آصف خانَس فرمان زِ سہٕ ہیکہِ نٔہرِ ہُنٛد آب استعمال کٔرِتھ مگر شرط چھُ زِ اَتھ گژھِنہٕ کانٛہہ دَدارِ واتُن۔

گوڈ کالس منز چھُ نِشاط باغ بالہٕ دامنہٕ پیٹھ ڈَل ڈٕہس تام کاڈ اوسمُت کڈِتھ۔ اَتھ اَسی بہَن بُرجن پیٹھ باہ طبقہٕ۔ باغُک پاتھِل طبقہٕ چھُ ووٚنی سڑکہِ تل آمُت۔

نِشاط باغُک زیٚچھر چھُ ۱۷۵۵ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۱۱۰۷ فُٹ۔ باغس أندی أندی دیوارس چھُ بتھی پاسہٕ ۱۳ فُٹہٕ تھزر۔ موٚجوٗدِ باغس چھِ داہ طبقہٕ یِمو منٛزٕ چھِ ترٛے طبقہٕ اَکھ اَکِس نِش شُراہ پیٹھ ارداہ فُٹہٕ تام تھٔدی۔ سأری سے باغس چھِ ہیرِ پیٹھ بون تام درمیانس منٛز تلاو بٔنتھ یِمو منٛزی ژٕ واہ فُٹ کھٕج تہٕ أٹھ آنچہ سٕنٛز نہر چھےٚ پکان۔ سأری سے نہرِ چھِ پشٕجہِ گنہٕ ہٕنٛدی سام گٔنڈِتھ۔ نہرِ چھِ فموارتگہِ لأگتھ۔ نِشاط باغہٕ چو پاں ژادر و منٛزٕ چھےٚ کینٛہہ باہ پیٹھ اَرداہ فُٹ تام تھزر۔ پاں ژادرن پیٹھ چھےٚ بیہنہٕ باپتھ پیٹھ پشٕجہِ گنہٕ لأگتھ۔

باغس منٛز آسہٕ زٕ بالا دَرِ۔ اَکھ اَس گوڈنِکِس طبقس منٛز تہٕ دوٚیِم پیٹھمِس طبقس منٛز۔ مگر باغہٕ کہِ اَصلی ترتیبہٕ موٚجوٗب اَس بالا ڈٕر ترٛیِمس طبقس منٛز۔ بٔز مہِ طبقٕچ بالا ڈٕر چھےٚ ووٚنی تُلنہٕ آمٕژ۔ گوڈنچ بالا ڈٕر اَس لکڑِ ہٕنٛز تہٕ اَتھ اَسی زٕ پور۔ اَتھ اوس بتھ ۵۹ فُٹ تہٕ شیر ۴۸ فُٹ۔ بالا دَرِ اَس تٔژھ پنجرِ کأری کرِتھ زِ دِل اوس خوش گژھان۔ اَتھ اوس منٛز باغ ۱۶ فُٹ چورُس تلاو۔ یتھ فموارِ ووتھان اَسی۔ بالا دَرِ ہٕنٛدِس دوٚیِمس پورَس اوس کھسہٕ ؤنہٕ تہٕ وَسہٕ ؤنہٕ آفتابہٕ وُزِ تہٕ کھووٚرِ طرفہٕ اوسُس ۲۵ فُٹ زیوٗٹھ تہٕ ساڑ شُراہ فُٹ کھوٚل روق۔ رَوقس

تہِ أس پنجرٕ کأری گرِتھ۔ بالا دَرِ اوس ژٕ چھنہِ طرفہٕ تہِ اَمی چالہِ لوٗ گُٹ روق۔ دوٚیمس طبقس اوس مَنزٕس ۲۷ فُٹ چورُس وَ ژھر یئمہِ مَنزٕ گوڈٕ نِکس پورَس مَنز تَلاؤک نظارٕ دڑ ینٛٹھ اوس یِوان۔ بالا دَرِ بڑ وٕنٛٹھ گَنہِ طبقس پیٹھ اوس فموارٕ لاٗ گتھ تلاو۔

دوٚیم بالاڈٕر چھےٚ سارِنٕے ہیوٚ ر طبقس مَنز تہٕ اَمہِ پیٹھٕ چھُ باغک گُلِہُم نظارٕ دڑ ینٛٹھ یِوان۔ یہِ بالاڈٕر چھےٚ اَکھ پوٗر کولہِ اَپارِ یَپورِ یتھ پلَو چھُ بنأوِتھ۔ بالا دَرِ بون طبقس مَنز تہِ چھُ ۳ فُٹ سوٚن، ۲۳ افُٹ زیوٚٹھ تہٕ ۷۰ افُٹ کھوٚل تلاو یتھ مَنز ۲۵ فموار چھِ۔

باغس مَنز چھےٚ شیٛجارٕ باپَتھ قداوار بونہِ۔ یُدی وَتَن ستیٚ ستیٚ چھِ سَرِ وٕ گُلی تہٕ پوشہِ چمَن۔ باغس پَتہٕ بال تہٕ بُتھِ ڈَل چھُ سبٛٹھاہ رُت منظر پیش کران۔ نِشاطُک صُبح چھُ وُچھُن لایق تہٕ چھاوُن لایق یئلہِ ڈٕلُک لہَرن رِگنٛڈن تہٕ جانا وارن ہُند گیوٗن ذیہنَس سوکھ چھُ عطا کران۔ بروٗنٛہہ کالہِ اوس باغس مَنز ژاٗنگو ستیٚ زوٗل یوان کرنہٕ۔ مگر مہاراجہ ہری سنگھنہِ وَقتہٕ پیٹھٕ آو باغس مَنز بجلی ستیٚ زوٗل کرنُک انتظام کرنہٕ۔

یئمہِ ساتہٕ باغ بناونہٕ آمُت چھُ تمہِ وَقتہٕ چھےٚ اتھ مَنز ڈَلہِ پاسہٕ اَژنَس وَتھ أسمٕژ اَماپوٚ زووٕنی چھِ باغکی زٕ طبقہٕ نٛہوِتھ وَتھ کڈنہٕ علاوٕ ڈَل ژٕہس ستیٚ کینٛہہ جاے موٗجٕ آمٕژ تھاونہٕ یێتِہن وأ شاکھِ پیٹھٕ دُکاندار بیترٕ وان چھِ سجاوان۔

افغان دورَس مَنز ٲزِ عظیم خانَن (۱۸۱۴ء) باغس مَرمتھ۔ تَس

پَتہٕ وول یہ فَرٕض ڈوٗگرٕ گورنَر پنوٗہَن (۱۸۵۷ء) نکھہٕ۔ تِمیٚ اُس اَکھٕتے باغَس منٛز بیٛا کھ بالا دٔرتہٕ تعمیر کٔرمٕژ مگروٗنی کٔبن چھٕنہٕ تِمہٕ بالا دٔریٕ ہٕنٛد نیب نِشانہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔ مگر یتی ووت سِکھ دورَس منٛز باغَس یہٕ دَدارٕ زِ بالا دَربو منٛزٕ آے لال تہٕ جوٲہر کٔڈِتھ نِنہٕ۔ باغَس آیہٕ ۸۰-۱۹۷۸ء درمیان شیخ محمد عبداللہ سٕنٛدِس وزارتَس منٛز نوِسَرٕ مَرمَتھ کرنہٕ۔

(کاشُر انسائیکلو پیڈیا، جلد:۱)

## کتاب نامہٕ:


*Tuzuk
*Steins.Geog.
*Hassan:Tareekh
*Bamzzi, A.K.
*Brown.
*Marg.
*Sturart.
*Aazmi
*Miskeen




# نسیم باغ

میر نوشین نگہت

نسیم باغ چھُ سرینگرِ حضرت بل کِس شُمالس منز ڈلہٕ کِس شُمال مغربی دٕہس پیٹھ جبگ علاقس نکھہٕ۔ روبروٗ چھُس ڈلہٕ اَپارِ شُمال مشرقی بٔڈِھس پیٹھ شالہٕ مار باغ تہٕ تتھ باغس پُشتہٕ گنہٕ ووٕنی قداوار زَبَروَن بالہٕ تھنگی تہٕ بڑ وٕنہہ گنہٕ کھوورِ طرفہٕ چھُس ڈلہٕ کِس شُمال انْدٕس ستی رَلہٕ وُن تیل بَل نالہٕ۔ باغ بناونوو مغل پادشاہ شاہِ جہانَن تہٕ مادہٕ تأریخ چھُس یِتھہٕ کٔنی!

| | |
|---|---|
| در جہاں چوں بہ حُکم شاہجہاں | روحہٕ تازہ از نسیم آمد |
| کرد گلگشت آں چو شاہجہاں | بُلبُل از شاخِ گُل کلیم آمد |
| گفت تاریخ روٗحہ شاہی | از بہشت عدن نسیم آمد! |

۱۰۴۵ھ، تہٕ زن گو: ۱۶۳۵ء

دَپان آفتاب اوس حَمل بُرجس مَنز اژان تہٕ باغس منز آیہٕ باہ شَتھ بونہٕ قلم رُونہٕ تہٕ سنگہٕ بدلہٕ اوسُکھ دودتڑ اونہٕ یِوان ییمہٕ کِنی اکھ قلَم تہٕ ضایہٕ گونہٕ۔ پتھرِس آس سبز مخمل ہیوٗ درمُن لاگنہٕ۔ راز جشک (دوٕیم صدی عیسوی) سِنْدِ وقتہٕ کَڈنہٕ آمتہٕ زُکری نالہٕ منز آیہٕ اَکھ

جوے کٔڈنہٕ یوسہٕ نسیم باغہٕ منٛزی نیران أس۔ بڑ وٕنہہ کُن پکِتھ أس یہِ کوٗل آثارِ شریف حضرت بَل کہِ مغربی صحنہٕ تہٕ پڑانہِ عمارژ منٛزی پکِتھ زیارتس روٗیہِ طرفہٕ لوکچہِ پاں ژادرِ ہنٛزِ شکلہِ نٔژ نیران تہٕ چھیکرَس ڈَلس ستی رلان۔ باغس أندی أندی آو قلاے کھارنہٕ تہٕ منٛزَس آے فموارتہٕ پاں ژادرٕ تعمیر کرنہٕ۔

پٹھان دورِ حکوٗمتس منٛز سپُد باغ پٹھان گورنر امیر خان جوان شیر (۱۷۹۵ء) سِندِ دٔسی وأران۔ باغہٕ منٛز آیہِ سنگِ سیاہ تہٕ باقے قیمتی کنہِ ژنہٕ تہٕ سونہٕ لانٛگہِ تہٕ شیر گٔڈِ لاگنہٕ۔

ڈوٗگرَن ہنٛدِس دورِ حکومتس منٛز ییٚلہِ دیوان ہری چند تہٕ وزیر پُنوں (۱۸۵۷-۱۹۲۲ء) سِندِ دٔسی لداخکی بخشی اپھنجوٹ تہٕ کرن شاہ لڑایہِ منٛز ہارنٲوِتھ قاد کرنہٕ آے، تِم دوٗشوٕے آے أتھی باغس منٛز ڈوٗگرٕ مہراج گلاب سِنگھس (۱۸۴۶-۱۸۵۷ء) بڑ وٕنہہ کُن پیش کرنہٕ۔

ملک تقسیم سپدَنہٕ بروٕنہہ تام أسی سائہِ مُتی باقے باغَن پھیرنہٕ تھورنہٕ علاوٕ نسیم باغ تہِ واتان تہٕ اتہِ بونہِ شیٛہجار چھاوان تہٕ قدرتہٕ کِنہ نظارن موج تُلان۔ رہتہٕ کالہِ أسی کشیرِ منٛز روزَن والیو عیسأے پادریو علاوٕ مغربی مُلکو پیٹھ آمتی سیاح اتہِ چھولدارٕن منٛز روزان۔ سرینگرٕ کی کینٛہہ سکوٗل أسی اتہِ ہفتہٕ وادَن سکاوٹ کیمپ منعقد کران۔

آزأدی پتہٕ بنیوٗ یہِ باغ ہنگرکی ریجنل انجنیرنگ کالجُک

گوڈنِگ کیمپس تہٕ ازکالہِ چھُ ۸۰۰ گز رادتہٕ ۴۰۰ گز ہوٚنزٕ یہِ بوٚنہِ باغ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس حاطس منٛز شأمل تہٕ اتہِ چھِ یونیورسٹی ہنٛدی کٔتی شعبہٕ چلان۔ یوٚ دوٚے باغہٕ چہٕ کرٕ بوٚنہِ وِزِوِزِ ژٹنہٕ آیہِ مگر یہِ سپد تھ تہِ چھےٚ ؤنہِ وارِیاہ چھجدارتہٕ وأنٛسٹھ بوٚنہِ ذری گنٛڈتھ باغس منٛز اِستادٕ باغہٕ کہِ پرٛانہِ مأری منٛزرُک نیب دِوان۔ باغہٕ منٛزی وَسَن واجنہِ پرٛانہِ آبہٕ جوٗیہِ ہُنٛد چھُنہٕ ووٗنی نِشانہٕ تہٕ نظرِ گژھان۔

(کأشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد :۲)

## کتاب نامہٕ:

☆Amin Kamil: Ed. Kashir (Soon Adab 1977)

☆ Hasan : Tarikh I

☆Kak R.C.: Ancient Monuments of Kashmir

☆Mirza Saif-ud-Din : Khulasa-tul-Tawarikh.

☆Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh.



# سرینگرِ کی تواریخی کٔدل

مجید عاصمی

## عالی کٔدل

عالی کٔدل چھُ سرینگرس منز زٲنہٕ کٔدلس تہٕ نوٗ وکٔدلس درمیان اُویسی صاحبٕنس مقبرس تہٕ ریشن شاہ سنٛزِ مسجدِ نکھہٕ ویتھِ پیٹھ۔

مُسلمان دورُک یہ گوڈنیُک کٔدل چھُ سُلطان زین العابدین سنٛدی بأے سلطان علی شاہن (۱۴۲۰-۱۴۱۳ء) منز ویتھِ پیٹھ پننس ناوس پیٹھ تعمیر کرنووُمت۔ لہٰذا پیوٚس عالی کٔدل ناو۔

فوق سنٛزِ "شہابِ کشمیر" مُطأبق اوس یہ کٔدِل سورُے پکّن ہُند۔ تأریخِ حسن مُطأبق اوس یہ ۸۲ گز زیوٗٹھ تہٕ ۶ گز کھوٚل، ہُنٛد پڈر آیہ أسس ترٛے ٹھٕٹھی شراہ فُٹہٕ تھٔدی۔ امہِ پتہٕ آیہ اَتھ مختلف دورن منز مرمت کرنہٕ۔ اچھ خستہٕ حالتھ وُچھتھ آو پژون عالی کٔدل مہاراجہ پرتاپ سنگھنس دورس (۱۹۲۵-۱۸۸۵ء) منز لُہر اونہٕ تہٕ بلکل اُتھی جایہ آو نوِس دِوداری تھَمبن تہٕ پکّن ہُند بناونہٕ۔

۱۹۶۴ء منز آو اتھ جایہِ بیاکھ کٔدل تعمیر کرنہٕ یُس ۲۳۸ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲۲ فُٹہٕ کھوٚل چھُ۔ اَتھ چھ وُنی کینٛبس ۲۰ فُٹہٕ تھٔدی ژور ٹھٕٹھی۔ کٔدلس

چھِ دوٚنوٚنی طرفن شیشٕر وکاڑھکَر دِتھ تہٕ فرشس چھَس پچِّن پٮ۪ٹھ روٗڈی
ترٛ آوِتھ۔



## زٲنہٕ کٔدل

زٲنہٕ کٔدل چھُ وێتھِ پٮ۪ٹھ فتح کٔدلس تہٕ عٲلی کٔدلس درمیان
لال چوکہٕ پٮ۪ٹھٕ ترٛےٚ کِلومیٖٹر دوٗر۔ رِوایژِ کِنہِ چھُ شہرُک سارِوٕے
کھوتہٕ پرٛون کٔدل عٲلی کٔدل،۔

سرینگر شہرس اندر کوٚلَن تہٕ دٔریاوَن پٮ۪ٹھ مُستقِل پٲٹھی کٔدل
تارُنک رِواج چھُ دورِ سلاطینس منٛز شروع سپٕدمُت۔ شاہمیری
خاندانہٕ برٛونٹھ اٚسی دٔریاوَن پٮ۪ٹھ ناوَن ہٕندی کٔدل یم گُنہِ تہٕ حَملہٕ وِزِ
وَٹنہٕ اٚسی یِوان۔ شاہمیری دورُک گوڈنیُک دوٗر کٔدل چھُ سلطان
زین العابدین بڈشہنٕ ۱۴۲۷ عیسوی منٛز تعمیر کرنوومُت۔ ۹۶ گز
زِیٹھِس اتھ کٔدلس اٚسی دِوداٚری لُکرِ ہٕندی ۱۶ فُٹہٕ تھٔدی ترٛےٚ ٹھُٹھی۔
امہِ پتہٕ آیہٕ اَتھ مختلف دورَن منٛز مرمَتھ کرنہٕ۔

اِتھ خستہٕ حالت تہٕ تجارتی اہمیت نظرِ تَل تھٲوِتھ آو پرٛون زٲنہٕ
کٔدل مہاراجہ پرتاپ سِنگھنس دورَس (۱۸۸۵-۱۹۲۵ء) منٛز
لُہراونہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کرنوومہاراجہ ہری سِنگھن (۱۹۲۵-۲۶ء) بِلکُل
اٚتھی جایہِ اَکھ نۆو تہٕ دوٗر کٔدل تعمیر۔ کٔدلس آیہِ جان پٲٹھی بخشی غلام
محمدٕ سٕندِس دورس (۱۹۵۳-۶۲ء) منٛز نۆو سرٕ مرمَتھ کرنہٕ۔ ڈوٗگرٕ

دور ِکس گوڈ کالس منز اُسی لۆگن اَتھ کئدلس پیٹھ پھٔہہ دِوان۔

دِوداَری ٹھمبن تہٕ پچن ہُنٛد یہ کئدل چھُ وُنی کیٛن ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۴ فُٹہٕ کھۄل۔ اَتھ چھِ دولہٕ کرِن ہٕنٛدی ژورٹھٔٹھی یمن تلہٕ ترٛے ٹھٔٹھی بناوِتھ چھِ۔



## فتح کئدل

فتح کئدل چھُ وٕنتھ پیٹھ حبہٕ کئدلس تہٕ زاٗنہٕ کئدلس درمیان لال چوکہٕ پیٹھہٕ ۲ کلومیٹر۔ فتح کئدل اوس گوڈٕ ۱۵۰۰ عیسوی منز فتح شہن تعمیر کرنو وُمت۔ ۸۸ گز زیٛٹھس اَتھ کئدلس اُسی دِوداَری لکرِ ہٕنٛدی ۱۷ فُٹہٕ تھدی ترٛے ٹھٔٹھی۔ امہِ پتہٕ آیہ اَتھ مختلف دوَرن منز مرمتھ کرنہٕ۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھنِس دورس (۱۹۲۵-۱۸۸۵ء) منز آو پژون کئدل لُہراونہٕ تہٕ بلکل اُتھی جایہِ نۆسرِ بناونہٕ۔ یُس سورُے دِوداَری ٹھمبن تہٕ پچن ہُنٛد اوس۔ اتھ اُسی دولہٕ کرِن ہٕنٛدی ترٛے ٹھٔٹھی یمن تلہٕ ترٛے چوب بناوِتھ اُسی۔ جنگلہٕ دِتھ کئدلس آسہٕ دۄنۆنی طرفن اکھ پۆری تہٕ دُ پۆری دُکانن ہٕنٛز تگہٕ۔ یم دۄرِ پیٹھ زاںپانہٕ ہوی باسان اُسی۔ یہٕ کئدل اوس ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۲ فُٹہٕ کھۄل تہٕ اَتھ اُسی ٹَم ٹَم تہٕ ٹانگہٕ آسانی سان تران۔

ڈۆگرِ دورس منز بنےٚ یتِس کئدلس پیٹھ اوس لکرِ ہُنٛد مۆٹ کوٗٹ اِستادٕ یَتھ وٕنتھِ کُن رزٕ اَلاںژٕ آسہٕ۔ یمو رزو ستی اُسی تمن لۆگن پھٔہہ

دِوان یِمَن ہتے ہُنٛد رَٹہٕ کھسہِ ہے۔

۱۹۵۱ ء منٛز آو تۄ یِمہِ لَٹہِ اَتھہِ جایہِ شیخ محمد عبداللہٕ سٕنٛدِس دورس منٛز فتح کٔدل نوِ سرِ تعمیر کرنہٕ یُس ووٗنی خراب حالتس منٛز موجوٗد چھُ۔

ہاوس بوٹ چالہِ ترٛ بن ٹھٹھبن ہُنٛد یہِ کٔدل چھُ دِوداَری لکرِ ہُنٛد جنگلہٕ دِتھ ۲۴۵ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۶ فُٹہٕ کھوٗل۔ اَتھ چھےٚ منٛز باگ دٔچھنی تہٕ کھووِری ترٛےٚ ترٛےٚ ڈبہٕ کٔڈِتھ۔ یِمَن پیٹھ مُقامی لوٗکھ مَن رَنٛزونہٕ موکھہِ بیہان اَسی۔

۱۹۸۲ ء منٛز آو کٔدلس نکھہٕ حَبہٕ کٔدلہٕ پاسہٕ سیمٹو کٔدل تارنہٕ یتھ بِسکو میموریل برج ناو تھاونہٕ آو تِکیا زِ اَتھ جایہِ اوس سُہ سکوٗل ییٚتھ بُنیاد بسکو صابن ترٛاَو مٕژاَس۔



## حَبہٕ کٔدل

حبہٕ کٔدل چھُ ویٚتھِ پیٹھ بڈشاہ کٔدلس تہٕ بِسکو میموریل برِجس درمیان لال چوکہٕ پیٹھہِ اکھ کلومیٹر دور۔

سرینگر شہرس اندر کوٗلَن تہٕ دٔریاوَن مستقل پأٹھی کٔدل تارنُک رِواج چھُ دورِ سلاطینس منٛز شروع سپُد مُت۔ شاہمیری خاندانہٕ برونٛہہ اَسی اکثر کوٗلن تہٕ دٔریاوَن ناوَن ہٕنٛدی کٔدل آسان یِم کُنہِ تہِ حملہٕ وِزِ وٕٹنہٕ اَسی یِوان۔

کلہن سٕنٛدِ ونَنہٕ مُطابِق چھُ ویٚتھِ پیٹھ گوڈٕنیک ناوِ کٔدل شیٚےٚ مہِ



پرانہٕ وقتہٕ عیدنماز پرنہٕ باپتھ عیدگاہس کُن لُکھ گژھان



دِودأری لکرٕ ہنڈی بنأوِتھ ژون ٹھٹھن پٹھ اِستادٕ آنہٕ کٔڈل (فوٹو: سجاد ہمدانی)

صدی عیسوی منز راز پڑ ورسین ثانی یَن تو رمُت یتھ بڑہت سیتو وَنان اُسی۔ راز ہرشن (۱۱۰۱-۱۰۸۹ء) کوٚر اَزی کِس حبہ کَدلس نزدیک ویتھِ کھوور بَٹھ بیٚا کھ ناوِ کدِل تعمیر یُس پتہٕ راز سُسلّ سِندِ وقتہٕ ۱۱۲۳ء منز نارِ بُزی کرنہٕ آو۔

گوڈنیُک حبہٕ کَدِل اوس سلطان حبیب شاہ المعروف حبہٕ شاہَن (۱۵۵۵-۱۵۵۴ء) تعمیر کوٚر مُت۔ ۹۷ گز زیٖٹھس اَتھ کدلس اُسی دِوداٗری لکرِ ہِنٛدی ۱۶ فُٹہٕ تھدی ترٛے ٹھٕٹھی۔ امہِ پتہٕ آیہِ اَتھ مختلف دورَن منز مرمتھ کرنہٕ۔ اچھ خستہٕ حالتھ تہٕ تجارتی اہمیت نظرِ تل تھاوِتھ آو پڑون حبہ کدِل مہاراجہ پرتاپ سنگھِنس دورس منز (۱۹۲۵-۱۸۸۵ء) منز لُہراونہٕ تہٕ اُتھی جایہِ آو نوٚسرِ بناونہٕ۔ نوٚ تعمیر اوس دِوداربن ٹھٕٹھبن پیٹھ پچُو دَلو دِتھ۔ کدِل اوس ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۲ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ اَتھ اُس مغربہٕ پاسہٕ ریٖش محلہٕ تہٕ پورشیار طرفہٕ وَتھ تنگ۔

۱۹۵۱ء منز آیہِ پرتاپ سنگھِنس تعمیر کٔری متس کدلس شیخ محمد عبداللہ سِنٛدِس دورَس منز مرمتھ کرنہٕ۔ ہاوس بوٹ چالہِ ترٛ بن ٹھٕٹھبن ہُنٛد یہٕ کدِل چھُ دِوداٗری لکرِ ہُنٛد جنگلہٕ دِتھ تقریباً ۳۰۰ فٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲۰ فُٹہٕ کھوٚل۔ اُتھی دورس منز آیہِ کدلس دوشوٕے پاسو پدٛی وَتھ کُشادٕ کرنہٕ۔ وُنی کٔمن چھُ کدلس دوشوٕنی طرفن شیٖشٕرُ وجنگلہٕ دِتھ۔

۱۹۳۱ء پتہٕ تحریکِ حُریت کشمیر دوران اوس یہٕ کدِل اکہِ سیاسی پلیٹ فارمہٕ کہِ حیثیتہٕ استعمال یوان کرنہٕ۔ ❁

## صفا کئدل

صَفا کَدل چھُ ویتھِ پبٔتھ نوٚ وکئدلس تہٕ ویرِس درمیان لال چوکہٕ پبٔتھ ۴ کلومیٹر دوٗر۔ امہِ کِس شمالس منز چھُ عیدگاہ، شُمال جنوٗبہٕ پاسہٕ خانقاہِ سوختہٕ تہٕ مَغرِبہٕ انٛدِ شاہ نعمت اللہ قادری سُنٛد روضہٕ تہٕ خانقاہ۔ ویتھِ کھوورِ پاسہٕ چھےٚ اَمہِ کِس بٔتھِس پبٔتھ یارقندسرا ے۔

صفا کئدل اوس گوڈٕ مغل بادشاہ اورنگ زیب سٕنٛدِس دورَس (۱۷۰۷-۱۶۵۸ء) منز کشیرِ ہٕنٛدی گورنر سیف الدین خانن ۱۶۷۱ء منز تعمیر کرنو وُمُت۔ ۶۰ گز زِیٛتھِس اَتھ کئدلس اُسی دِوداُری لکرِ ہٕنٛدی ۶ اُفٕتہٕ تھٔدی ژور ٹھٕٹھی۔ اتھ آیہِ مختلف دورَن منز مرمتھ کرنہٕ۔

تجارتی لحاظٕ اوس صفا کئدل اِوکنہِ تہِ مشہوٗر تِکیاٗ زِ اَتھ کئدلس نکھٕ یارقندسرایہِ نِش اُسی مغل دورَس تہٕ پٹھان دورَس منز پیٛڈی بارٕ تجارتی مالہِ لگان ییٛتہِ نَس وُنی کینہس تہِ دِوداُری لکرِ ہٕنٛدی شےٚ ٹھٕٹھی۔ کئدلس دٕچھنی کھوٗری چھُ شیٛشٕتر وتٕگلہٕ دِتھ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۲)

### کتاب نامہ

☆Biscoe: Kashmir Under Sunlight and Shade

☆ Stein: Klhana's Ragatarangini

☆Anand M.R. Ed. Marg Kashmir Numbrer

☆Biscoe: Kshmir in Sunlight and Shade

☆Hasan: Tarikh I

☆Hasan: Tarikh I

☆Ishaq Khan: History of Srinagar

☆Khan G.H.: Freedom Movement in Kashmir

☆Bamzai P.N.K: History of Kashmir

☆Hasan: Tarikh. I

☆Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans



# سری نگرِ کی کینٛہہ تأریخ ساز مدرسہٕ

محمد احمد اندرابی

امہِ بروٚنٛہہ زِ اُسی کروسۍدِ سیٚو دسری نگرِ کبن کینٛژن اہم تۄہن تہٕ مشہوٗر تعلیم و دینی درس گاہن متعلق کتھ، پتہٕ کال چھبن کینٛژن معروف درسگاہن ہُنٛد سرسٔری ذِکر کرُن روزِ مناسب۔

کٔشیرِ چھُ یہِ امتیاز حاصِل زِ یہِ چھےٚ پتہٕ وتہٕ علم و ادب تہٕ فنوٗنن ہُنٛد مرکز روٗزمٕژ۔ چاہے بُدھ دھرمُک زمانہٕ اوس یا شومتُک۔ یێتہِ کیو عالمو تہٕ وِد وانو نیشنو پانس اَندی پکی تمام علاقن منٛز پٔنن ناو تہٕ تہنٛز شہرت وٲژ دوٗر دوٗر تام۔ چنانچہِ ڈاکٹر ناگ ارجن چھُ Sanskrit Literature: Contribution of Kashmir ناوی پنہِ کتابہِ منٛز لیکھان زِ راز کنیا کتیاہن کُرپنٕنِس دربٲری شاعر ہرشس سنسکرت زبٲنی منٛز کانٛہہ غٲر معمولی کتاب لیکھنٕچ فرمائش تہٕ تٔمی لیچھ سبٹھاہ محنتہٕ پتہٕ پٔنٕنی منظوٗم کتاب Naisadha تہٕ کٔرن رازس پیش۔ اتھ بجایہِ زِ راز گژھِ ہے خوش تہٕ شاباشی دِیہَس، تٔمی ووٚنُس زِ یہِ نہٕ کٔشیرِ تہٕ تتہِ ہاو وِد وانن تہٕ پتہٕ ان مےٚ رِنش! یہِ چھُ ہاوان زِ کٔشیرِ اُس نہٕ ہنکتہٕ منگے "شاردا پیٹھ" ونان اُسی ہتی۔ تِتھے کٔنی چھُ ہیون سانگ تہٕ البیرونی یَس ہوی سیاح تہِ کٔشیرِ ہنٛزن علمی ریوایژن ہُنٛد ذِکر تھٕیکتھ کران۔

یتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کٔرتھ زِ علم وادبس یا دوٚیمبن فنوٗنن پوچھر دِنچ تہٕ یِم عام کرنچہِ کامہِ منٛز چھُ دارالخلافس خاص اہمیت آسان۔ چنانچہِ کٔشیرِ منٛز تہٕ روٗزاتھ سلسلس منٛز سری نگرس اکھ نمایاں تہٕ مرکزی حیثیت حاصل۔ نورِ اسلام ستی منور سپدنہٕ پتہٕ تہٕ روٗز کٔشیرِ منٛز علم وادب تہٕ دوٚیم فنون پھٲلاونچ تہٕ عام کرنٕچ روایت قٲیم تہٕ دٲیم۔ چنانچہِ از بروٚنٛہہ زٕ صدی تہٕ اٲس کٔشیر درس وتدریس کہِ حوالہٕ ایشیا کین اہم مرکزن منٛز شامل تہٕ یوٚت اٲسی خراسان، ایران، افغانستان تہٕ حتیٰ کہِ عراقہٕ پیٹھ تہٕ طالبِ علم پننہٕ تژ لیش ہوٚمراونہٕ باپتھ کرِ یوٗٹھ سفر کٔڈِتھ یوان۔

ییتِکی خانقاہ اٲسی بٔڈی درسگاہ۔ چنانچہِ مشہوٗر محدث حاجی محمد (کشمیری ین) یِم زَن علامہ ابن حجرِ مکی ہیمتی ہِندی شاگرد رشید اٲسی، چھُ شمائلِ ترمذی ہٕنٛز اکھ شرح خانقاہِ معلیٰ ہس منٛز ے لیوٗکھمُت تہٕ مکمل کوٚرمُت۔ تِتھے چھُ حضرت خواجہ معین الدین نقشبندی ین، یِم حضرت شیخ عبدالحق محدث دہلوی ہِندی شاگرد دِ اٲسی، "فتاویٰ نقشبندیہ" خانقاہِ نقشبندیہ ہَس منٛز ترتیب دِژمُت۔ دوٚشوٕے خانقاہ اٲسی اکہِ زمانہٕ سری نگرکی زٕ بٔڈی علمی مرکز۔

باضابطہٕ پاٹھی تہٕ بٔڈِس پیمانس پیٹھ سپدی کٔشیرِ منٛز لوٗکھ حلقہ بگوش اسلام حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ ہِنٛزِ تشریف آوری پتے۔ غلام محی الدین صوٗفی ہِندِ ونٛنہٕ موجب کوٚر سلطان قطب الدینن (۸۹_۱۳۷۳ء) پننہٕ

سرگرمی بڑِس پیمانس پیٹھ جاری۔ تمِ آسی شفاخانن ہتی ہتی سکوٗل تہٕ قایم کران۔ اتھ سالابس روٗٹ کرنہٕ باپتھ اوس قوم کئن ژُکی درن کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن ضروری۔ چنانچہِ کینٛہہ لوٗکھ، یِمن منٛز خواجہ حسن شاہ نقشبندی، خواجہ عزیز الدین کاوٗسہ، مفتی اعظم مولانا محمد شریف الدین، خواجہ عبدالصمد ککرو، مفتی ضیاء الدین، مولانا سلام الدین فاروقی، خواجہ سخی درابو، مرزا غلام مصطفیٰ تہٕ خواجہ ثناﷲ شال بیترِ ناویٛنہٕ لایق چھِ، آسی سرگرمی سان اتھ متعلق سوٗنچان سران، اما پوٗز راست قدم تُل میرِ واعظ مولانا رسول شاہ صابن تہٕ یِم ساری حضرات آسی تہنٛد رُت کاچھُن وألو منٛز۔

مولانا رسول شاہ صابنٛ جاے ولادت چھُ محلّہ نایددوٗری، رازے کدل تہٕ زاسنہٕ چھُکھ ژٕندر وار، ۲۰/ذی الحجہ ۱۲۷۱ھ۔ بابہٕ صاب أسِکھ میرواعظ مولانا یحییٰ صاب۔ تمہِ زمانٕکی مشہوٗر بزرگ میر ثناﷲ کریری یَن چھُ تاریخ ولادت "بلغ العلیٰ بکمالہٖ" (سُہ ووت پننِس کمالس) منٛز کڈُمت یٖیلہِ زَن بابہٕ صابن "نیّرِ اعظم" (عظیم ستارہ) منٛز کوٚڈُکھ۔

مولانا رسول شاہ صابن کوٚر پننہِ زندگی ہُنٛد بیشتر حِصہٕ کاشرِن رشد و ہدایت کرنس منٛز صرف۔ تم آے (پننِس وألد صابنہِ یٖمہِ دنیا نیرنہٕ پتہٕ) ۵/مارچ ۱۸۹۱ء میر واعظ مقرر کرنہٕ۔ یِہ وُنی روزِ مناسب زِ بحیثیتِ میر واعظ تہٕ چھِ تم سیٹھاہ کامیاب روٗدی متی۔ اکہِ رِوایتہٕ

موجوٗب چھُ میر واعظ رسول شاہ صأبن مُسلسل اُٹھن وٗری یَن سورۃ الملک تہٕ سورۃ الرحمٰن نُک تفسیر تہٕ شرح بیان کوٗرمُت۔ تِم چھِ زأوی جارَن تہٕ نوزُک مسلَن وبڑھناوان تہٕ دَل دِوان أسۍ مِتۍ۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ یاد تھوٗنۍ لایق زِییٚتہِ تہنٛدی کینٛہہ معاصر کشیرِ منٛز فضوٗل رسمن رِواجن تہٕ بدعاتن خلاف کمر بستہٕ سپدی مِتۍ أسۍ، میر واعظ رسول شاہ صأب أسۍ پند ونصاتح دِتۍ یہِ سورُے کینٛہہ ختم کرنہٕ تہٕ یہنٛد نیال گالنہٕ باپتھ کوٗشِشہِ کران یَتھ منٛز تِم سبٹھاہ حدس تام کامیاب تہِ روٗدی۔ لوٗکھ أسۍ میر واعظ صأبس پننو دینی تہٕ تعلیمی خدمژ وکِنۍ سبٹھاہ عزت کران تہٕ تہنٛد اوسُکھ بے پناہ احترام۔ چنانچہِ دپان ییمہِ وَتہِ تِم پکہٕ ہَن لوٗکھ أسۍ حیا کِنۍ دُکانَن پٔتھ پننہِ جٕجیرِ بیترِ کھٔٹِتھ تھوان۔

میر واعظ مولانا رسول شاہ صأب روٗدی تا دمِ آخر پننہِ دینی تہٕ تعلیمی سرگرمی ولولہٕ تہٕ جوشہِ سان سرانجام دِوان۔ ۱۱/ ماہِ رجب ۱۳۲۷ھ سپدی رحمتِ حق۔ کینٛژن دوہَن علیل روزنہٕ پتہٕ۔ وارِیاہو شأعرو لیٚکھی مرثی، یِمن منٛز مولانا انور شاہ لولابی تہِ شأمل چھِ۔ مولانا انور شاہ صأبن لیٚچھ عربی زبأنی منٛز اکھ نظم ییمہِ کِنۍ پتِۍ مِہن کینٛژن شعرن منٛز میر واعظ مرحوم سٕنٛزن علمی تہٕ دینی خدمژن ہُند ذکر کرنہٕ آمُت چھُ۔

تقضیٰ عُمرہٗ یھدی البرایا
یُحدِّثُھُم اَحادِیث الرّشاد

وَ اَنھیٰ العصر فی عملٍ و علمٍ

علٰی ھَدیٍ و سمتٍ من سدادٍ

جزی اللّٰہ الکریم جزاءَ خیرٍ

لہٗ واللّٰہُ حَسْب الاعتماد

لحیّ[۵۴] و راح مغفوراً[۱۳۲۷ھ] تدالی

مع الاعلٰی الرفیق و خیر نادٍ

ترجمہ: تِمو گُذ اُر پنٔنِس وأنٔس لۄکن ہدایت کرنس منٛز تِتھۍ کٔنۍ زِ وأنٔسہِ رٔ دی رشد و ہدایتکی حدیث بوزناوان۔ تِمو کٔڈ درٛس وأنٔس علم و عمل، رُشد و ہدایتُک تبلیغ کران۔ اللہ تعالیٰ کُرِن تِمن جزاے نیک عطا تہٕ اللہ تعالیٰ ہے چھُ اعتمادٕ باپتھ کأفی۔ تِم رٔدی ژُونژٕہَن ؤری یَن حیات تہٕ ۱۳۲۷ھ وأتی رفیق اعلیٰ (اللہ تعالیٰ) سٕنزِ رٕژِ تہٕ بہترین مجلسہِ منٛز۔ (۵۴ ؤری چھُ "لحیّ" منٛزِ تہٕ ۱۳۲۷ھ "مغفوراً" منٛز نیران)

اُکھ عقیدت مند فارسی دان پنڈتن تہٕ چھُ مولانا صأبنٕس فوت سپدنس پتھ یہِ تأریخ شعروُ نمت ۔

تمکین و تعلیم و رضا، علم و عمل، صدق و صفا

ہم زینت اہلِ ذکا، بے سر شدند از بس جفا

تِہنٛدی جانشین میر واعظ احمد اللہ صابن تہٕ کُر سبٹھاہ جانفشأنی سان یہِ تعلیمی ادارٕ بروٗنٛہہ پکناونہٕ باپتھ تہٕ اتھ ترقی دِنہٕ باپتھ کأم۔ چنانچہ مولانا احمد اللہ صأبن کم زیادٕ بہن مولوی عٕ صأب نأوی لۄکن

منز مشہوٗر آسی ، کوٚر دارالعلوم اورینٹل کالج قائیم یُس تا حال دارالعلوم نورِ اسلام ناوٚ پننہِ علمی تہٕ دینی سرگرمی جارٕی تھوٚوتھ چھُ۔ مولوی عمہٕ صابنہِ سرپرستی تہٕ سربراہی منز کر انجمنن سبٹھاہ ترقی تہٕ ہائی سکول باپتھ آیہِ اکھ بڈ عمارت ''احمد بلڈنگ'' ناوٚ تعمیر کرنہٕ یوسہٕ ازتہِ انگریزی حرف ''E'' شکلہِ منز موجوٗد چھےٚ۔ یہِ چھےٚ وکھرٕ کتھ زِ ازتام گیہِ یہِ بلڈنگ دوٚیہِ لٹہِ نارٕ بُزی۔ گوڈٕ ۱۹۵۴ ءمنز۔ اتھ تباہ کُن نارٕ وارٕی داتس منز ووٚد سکولُک فرنیچر، ریکارڈ تہٕ لائبریری۔ سوُرے گوٚو خاکستر۔ یہِ اوس اکھ زبردست سانحہ تہٕ وادی ہنٛد بولٕ کوٚر جلدٕے چندٕ کرِتھ دُبارٕ سکوٗل تعمیر کرنٕچ کام شروع۔ لوٚکن ہُنٛد جوش وخروش وُچھِتھ کوٚر حکومتِ وقتن تہِ انجمنس مالی امداد۔ اورینٹل کالج عمارت تہِ آیہِ نوٚسرٕ تعمیر کرنہٕ۔

۱۹۸۹ ءپتہٕ یوسہٕ تحریک وُژھ تتھ منز گیہِ واریاہ جان تہٕ اہم عمارژ نارٕ وارٕی داتن منز تلف۔ ۱۹۵۴ ءپتہٕ تعمیر سپزمژ ''احمد بلڈنگ'' گیہِ بیٚیہِ اکہِ پھِرِ نارٕ بُزی۔ اما پوٚز لوٚکو ہیوٚژ ہمتھ تہٕ اکہِ پھِرِ کرِتھ بیٚیہِ یہِ سبٹھاہ کم وقتس منز بروٚنٛہہِ مہِ کھوتہٕ جان پاٹھی تعمیر۔

مولوی عمہٕ صابنہِ سربراہی تہٕ سرپرستی منز آے بیٚیہِ ترٛےٚ مڈل سکول تہٕ پانژھ پرایمری سکول تہِ قائیم کرنہٕ۔ انجُمنِ نُصرۃ الاسلامن وُچھی رِتی دوہ تہِ تہٕ مشکل تہٕ کرٕ پٹھی دوہ تہِ اما پوٚز کام روٗز پکان۔ از کل چھُ انجُمن کِس انتظامس تحت ژور ہائی سکول تہٕ تقریباً اکھ درجن مِڈل

کھو پرایمری سکول چلان۔

یہِ کتھ چھےٚ باعث اطمینان زِ یُس کُل مولانا رسول شاہ صائبن دیُتُمت اوس تمیٚ کوٚ ڈ کاڈتہٕ جہار ـــ شہُل تہِ دِیُٹھن تہٕ ثمر تہِ ۔ بےشُمار طالبِ علم دزایہِ امہِ ادارِ منٛزٕ فیضیاب سپدِ تھ۔ از تہِ چھُ نصرۃ الاسلام پننہِ علمی تہٕ دینی سرگرمی جاری تھٲوِتھ۔

سری نگرُک دوٚیُم اہم تہٕ تاریخی علمی ادارٕ چھُ جامعہ مدینۃ العلوم حضرت بل۔ کٲشیرِ ہٕندی یِم طالبِ علم ۱۹۴۷ء بروٚنٛہہ "دارالعلوم نورِ اسلام" آسی نہٕ پرنہِ گژھتھ ہیٚکان اکہِ وجہ یا بیٚیہِ وجہ، تِمو منٛزٕ آسی اکثر دینی تہٕ عربی تعلیم حاصل کرنہٕ باپتھ لاہور راولپنڈی، گجرانوالہ، امرتسر، ملتان، حسن پور بیترِ قایِم عربی مدرسن منٛز داخلہٕ نِوان تہٕ یِمن جایِن ابتدائی تعلیم حاصل کٔرِتھ پتہٕ دارالعلوم دیو بند گژھان۔ تحریکِ آزادی منٛزٕ ےٲس شِدتہٕ سان یہِ منگ تہِ موٚل رٹان زِ دینی تعلیم باپتھ گژھِ جان مدرسہٕ قایِم سپدُن۔ چنانچہ ۲۱/ ماہِ رمضان/ ۴-۵ جولائی ۱۹۴۸ء آو حضرتبل کِس صحنِ پاکس منٛز جامعہ مدینۃ العلوم نٲوِ اتھ دینی مدرسس ٹِکن دِنہٕ۔ ٹِکن دِیُت مشہورِ عالم عالمِ دین ادیب، محقق، صحافی تہٕ سرکردِ سیاسی رہنما امام الہند مولانا ابوالکلام آزاد صائبن۔ پننِس تقریرِس منٛز کوٚر مرحوم شیخ محمد عبداللہ ہَن تِمن مشکلن ہُند ذکر یِم کاشرِ ہن طالبِ علمن دینی تعلیمہِ ہٕندِس حصولس منٛز ریاستہٕ نیبر گژھتھ بُتھِ یوان آسی تہٕ دیُتکھ کٲشِرِ منٛزٕ دینی تعلیم حاصل کرن

والین خاہش منٛد طالبِ علمن جامعہ مدینۃ العلومس منٛز داخلہٕ ہِنٛک مشورٕ ۔ یو۔ پی ہٕنٛدی نامور عالمِ دین مولانا عرفان صاب آے مدینۃ العلوٗمکی گوڈنٛکی صدرِ مدرِس مقرر کرنہٕ ۔ تمن پتہٕ سنٛبالج یہِ ذمہٕ دأری ریاستٕکی معروف عالمِ دین مولانا عبدالکبیر صابن۔

چونکہِ مدرسہٕ اوس اوقافِ اسلامیہ ہَن قائیم کوٚرمُت، لہٰذا اوس طالبِ علمن ہٕنٛدِ باپتھ اقامت گاہ (ہوسٹل)، خورد و نوش تہٕ نصأبی کتابَن ہٕنٛز فراہمی تہٕ باقٕے سہولیژ أمی اِدارن بہم تھَوِمژ ۔ اللہ تعالیٰ ہَس کُن چھُ شُکر زِ اوقاف اسلامیہ یُس وۄنی ''وقف بورڈ'' چھُ، چھُ ازتہِ پننہِ یمہٕ ذِمہٕ وأری رِتی پأٹھی نبھٕ والان۔

جامعہ مدینۃ العلوٗمچ لائبریری یوسہٕ ''شیرِ کشمیر لائبریری'' ناوی قائیم أس کرنہٕ آمٕژ أس علمی کتابن تہٕ مخطوطاتن ہُنٛد اکھ انمول خزانہٕ ۔ اتھ کتب خانس منٛز آسہٕ نہٕ صرِف دینی تہٕ مذہبی کتابہٕ یا تمہٕ کتابہٕ یمہٕ اتہِ درسن پرٛناونہٕ آسہٕ یِوان بلکہِ مختلف علومن متعلق الہٕ پلہٕ ۲۰۰۰ کتابہٕ ۔ اتھ منٛز أسی بے شمار نایاب قلمی نسخہٕ تہِ رٕژھرِتھ یمن منٛز قرآنِ کریمٕکی کینٛہہ شاندار قلمی نسخہٕ تہِ شأمِل أسی۔ چنانچہِ قرآن پاکُک اکھ قلمی نسخہٕ چھُ وُچھُن لایق۔ امیُک سائز چھُ "27"x42 1/2۔ شاید چھُ کٔشیرِ منٛز موجوٗد قرأنی قلمی نسخن منٛز یہِ پننہِ سائزٕ (یعنی زیٛچھرٕ تہٕ کھجرٕ) کنٛی سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ۔ یم قلمی نسخہٕ سوٚمبراونس منٛز أس مرحوم مولانا محمد سعید مسعودی صأبنہٕ ذأتی کأوشہ تہٕ شأمِل۔ اما پوٚز علمُک یہِ

خزانہٕ تہٕ گوٚو جمعہ دوہہ ۲۱ رفروری ۱۹۹۲ءأ کس نارِ وأری دالتس منٛز تلف۔ یتھ منٛز جامعہ مدینۃ العلومٕچ عمارت کلھم پأٹھی خاکستر سپٕز۔

نارِ پتہٕ آیہ کینٛہہ عربی کتابہٕ کم کاسہٕ صحیح حالتس منٛز کڈنہٕ ییٚلہِ زَن قلمی نُسخہٕ یا باقٕے کتابہٕ ننہِ دژایہِ نہٕ۔ قرآن کریٖمُک بوٚڈ قلمی نسخہٕ، ییٚمیُک ذکر پیٚٹھٕ کنہِ کرنہٕ آمُت چھُ، آو کتھٕ تام پأٹھی حاصل کرنہٕ تہٕ ازکل چھُ یہِ درگاہ عالی ییس منٛز ژٕھرِ تھ تھونہٕ آمُت۔ اتھ چھُ نارِ ستی نقصان تہٕ وٲتمُت اما پوٚز توتہِ چھِ درگاہ گژھن وألی زأیِر امیُک زیارت کران۔

یہِ کتھ چھےٚ باعث اطمینان زِ اتھ دینی ادارس منٛز یُس نصابِ تعلیم رأیج چھُ، سُہ چھُ تقریباً سُے یُس برصغیرِ ہند و پاک کِہن مختلف دینی مدرسن تہٕ درسگاہن مثلن دارالعلوم دیو بند، مدرسہٕ مظاہرۃ العلوم (سہارنپور)، مدرسۂ شاہی (مراد آباد)، ندوۃ العلوم (لکھنؤ)، دارالعلوم لکھنو، مدرسہ نعمانیہ، مدرسۂ رحیمیہ، مدرسۂ اشرفیہ یا تِھنٕے باقٕے ادارن منٛز رأیج چھُ۔ ریاستکی بہلہِ پایہِ عألم چھِ اتھ ادارس ستی وابستہٕ روٗدی متی۔

نارِ پتہٕ آو جامعہ مدینۃ العلوم قبلہِ طرفہِ کس حاطس منٛز موجوٗد أکِس عمارژ منٛز منتقل کرنہٕ۔ گلاس باغس منٛز یہِ عمارت چھےٚ برلبِ سڑک یوسہٕ جنوبہٕ کنٛہ آستانۂ عالیس کُن اژان چھےٚ۔ سڑکہِ طرفہِ چھِ اتھ عمارژ وان (یِمن منٛز زیادٕ پہن حلوأے تہٕ موٚنٛجہِ گری وان چھِ)۔

دوٚ تیٚمِس پورس چھےٚ سڑکہِ انٛدٕ دارِیمن دِہہٕ ستۍ یہِ ڈٟلۍ زِتہٕ لِنٛتھ چھُ گومُت۔ طالبِ علمن ہنٛدِ ونہٕ موٗجوٗب یِمن کمرن منٛز کلاس لگان چھِ، تِمن نہٕ چھُ گاش تہٕ نہٕ ہواتہٕ تتھہٕ چھنہٕ یہِ عمارت کُنہِ صورتہٕ پرنہٕ پرناونہٕ باپتھ مُنأسِب۔ سأبق وزیرِ اعلیٰ مفتی محمد سعیدن ییہِ مدینۃ العلومس نوٚ وزُوزہتہٕ دِنہٕ باپتھ وار یاہ کینٛہہ فأصلہٕ، تِکیٛازِ تِم چھِ اتھ اِدارس ستۍ بحیثیتِ طالبِ علم وابستہٕ روٗدی متۍ۔ ذأتی دلچسپی کٔنز آے تِم دوٚیہ لٹہِ اور معاینٔس۔ اتیٛک حال وُچھِتھ دِژکھ کالجہِ باپتھ نوٚ عمارت تعمیر کرنٔس منظوٗری تہٕ أتھۍ عمارژلرِ آیہِ نوٚعمارژہنٛز کأم درِدس ینہٕ، اما پوٚ زیٛیلہِ یہِ سِلسِلہ سلیب دنہٕ یکس مرحلس ووت وزارتی تبدیلی آیہِ عملہِ منٛز تہٕ أتھۍ ستۍ گییہِ تعمیرأتی کأم روٗٹہٕ۔

مدینۃ العلومس ستۍ وابستہٕ لوٗکن ہُنٛد وُنن چھُ زِ وقف بورڈ چھُ یہِ تأریخی تعلیمی ادارٕ حضرتبل پٔتھہٕ بٔیہِ کُنہِ جایہِ منتقل کرُن یژھان تِکیٛازِ تہٕنٛدی کٔنی چھُ یہِ تعلیمی اِدارٕ درگاہ حضرتبل کمپلیکس چہِ خوبصوٗرتی پٹھ اثر اندازس پدان۔ ستم ظریفی چھےٚ یہِ زِ زیرِ تعمیر کالج عمارژ سیٚدِ سیوٚ دِژھنِ کٔنی چھےٚ سیکورٹی بارکہٕ بناونہٕ یوان۔ یِمنہٕ ستۍ چھےٚ گوڈٕ زنانن تہٕ مردن ہنٛدِ باپتھ باتھ روم بیترٕ تہٕ بٔنتھ۔ بہر حال ازکل چھُ یہِ تعلیمی ادارٕ جایہِ تنٛگی ہُنٛد شکار۔ دأخلہِ خأطرٕ چھِ سٹھاہ کم طألبِ علم اور کُن روخ کران تہٕ یہِ صورتِ حال چھےٚ مویوٗس کُن۔ ہرگاہ یہِ تأریخی تعلیمی ادارٕ بچاوُن چھُ وقف بورڈس چھُ لأزِم حرکتس منٛز یُن تہٕ اتھ نوٚ وزُوزہتہٕ

بخشُن۔

اسلامیہ کالج آف سائنس اینڈ کامرس منز ریٹایر سپدنہٕ پتہٕ آے پروفیسر محمد طیبت کاملی مدینۃ العلوٗمکی پرنسپل مقرر کرنہٕ۔ طالبِ علمن ہِنٛدِ ونہٕ مطابِق کُر کاملی صابن کالج ماڈرن لائنن پیٹھ پکناونچ کوٗشش۔ مفتی صابس اتھِ کرنا وِی تمو کمپیوٹر لیب بناوٕنی تہٕ کمپیوٹر ائنٛز منظور یُتھ زَن طالبِ علم امہِ نِشہِ روشناس سپدن۔ نوِ عمارژ منز تہِ چھےٚ کمپیوٹرلیبہِ ہنٛز گُنجایش تھونہٕ آمٕژ امہ پوٚ زاڈ و تہِ کام روٗزٕ گژھنہٕ کِنۍ چھُ فی الحال سوُرے ہہتھ۔

بظاہر چھُ دارالعلوم حنفیہ/ حنفی عربی کالج، نورباغ سرینگر، سرینگرٕ کیوٚ دینی مدرسومنٛز سارِوٕے کھوتہٕ کم عمر باسان۔ ماہِ فروری ۲۰۰۷ء منٛز دژاو اَکس مقامی اردو اخبارس منٛز امہِ کالجہِ طرفہٕ اکھ اشتہار یُس یتیٚتھ نقل کرُن مُناسِب باسان چھ:

نام: دارالعلوم حنفی عربی کالج، نورباغ سرینگر

قیام: تقریباً ۳۰ سال قبل

بانی کار: سابق صدرِ انجمن تبلیغ الاسلام۔ مرحوم سید قاسم شاہ بخاری، مہتمم اعلیٰ۔

حنفی کالج میں علوم عربیہ و اسلامیہ کے ساتھ ساتھ بقدر ضرورت انگریزی و علوم مروجہ بھی پڑھائی جاتی ہے۔ اب کمپیوٹر ایجوکیشن کا بھی انتظام کیا گیا ہے۔ غریب اور نادار طلباء کے لیے قیام و طعام کا مفت

انتظام ہے۔

شہرِ سرینگر سے تعلق رکھنے والے حاضر باش طلباء کی حوصلہ افزائی
کے لیے مبلغ ۲۰۰ روپے بطور ماہانہ وظیفہ دیا جائے گا۔

علوم عربیہ و اسلامیہ کے شائقین سے اپیل کی گئی ہے کہ اپنے
نونہالوں کو ان علوم سے آراستہ کرنے کے لیے اس قدیم دانش گاہ میں
حصولِ تعلیم کے لئے داخل کرائیں۔

موجودہ صدر......سید فرید الرحمٰن بخاری

اشتہارس منز تہٕ چھُ کالجُک قیام محض ۳۰ ؤری برونٛہہ لیکھنہٕ آمُت
یێلہِ زَن یہِ کالج حقیقتاً جامعہ مدینۃ العلوم کھوتہٕ برونٛہم چھُ۔ دارالعلوم
حنفیہ تہٕ انجمن تبلیغ الاسلام چھِ اکھٕ اَکس ستی منسلک تِکیازِ انجمن تبلیغ
الاسلام کِہِن بنیأدی مقصدن منز اوس اکھ دارالعلوم قائم کرُن تہٕ
شأمِل تہٕ یُس میر سید محمد فاضل قادری صأب نِس دورِ صدارتس منز
۱۹۴۷ء برونٛہہ ''مدینۃ العلوم'' نأوی اکھ اورینٹل کالج، کلاشپورہ کِس
صورتس منز پوٗرٕ اوس کرنہٕ آمُت۔ اما پوٗز ۱۹۴۶ء منز ہیوٗ سپُد یہِ بند تہٕ
۱۹۴۷ء منز آوامی ناوٕ اکھ دینی درسگاہ حضرتبل سرینگرٕ اوقافِ اسلامیہ
ہَنس تحت قائیم کرنہٕ۔

یہِ وَنُن روزِ مناسب زِ انجمن تبلیغ الاسلام چھنہٕ کشیرِ منز اکھ دینی تہٕ
تبلیغی تنظیمے یأ ژبلکہِ پانس منز اکھ عظیم تحریک تہٕ، تِکیازِ یہِ آیہ ۱۹۳۱ء چہ
وولہٕری شہِ ہندس زمانس منز بارسس تہٕ امیُک بوٗڈ بارٕ مُدعاتہٕ مقصد

اوس تمن عقائیدن ہُند رۆٹ کرُن یمو وادی منز سیٚدی سادٕ لۆکھ ذہنی طور منتشر کری ہیٚتی ٲسی۔ یہِ وُنن تہٕ آسہِ نہٕ دلچسپی نشہِ خٲلی زِ امہِ تنظیمہِ ہِنٛدِ وجۆدس منز پننہٕ بروٚنٛٹھے ۱۹۲۹ء منز ٲس امہِ تنظیمہٕ ہِنٛد بُنٛیٲدی کارو یمن منز پننہِ وٕقتکی تہٕ زمانٕکی اکا بر تہٕ جیّد علماء تہٕ فُضلا مثلن میر مقبوٗل شاہ گیلانی، سید محمد فاضل قادری المنطقی، مولانا سید میرک شاہ اندرابی، مولانا محمد سعید مسعودی، مولانا محمد یحیٰی رفیقی، مولانا شمس الدین حیرت کاملی، مولانا مبارک شاہ فطرت کاشمیری تہٕ یمنٕے ہِوی وارِیاہ علماء شٲمل ٲسی، ژیۆن وقتک روٗخ تہٕ حنفی مسلک تہٕ صۆفی مشرب کہِ بقا باپتھ ''انجمن اخوۃ الاسلام جموں و کشمیر'' ناوی اکہِ تنظیمہِ ہِنٛز بُنیاد ترٲوٕنہٕ ٲسکھ تہٕ ''الاسلام'' ناوی اکھ رسالہٕ تہٕ اوسکھ جٲری کۆر مُت۔ ٲتھی تنظیمہِ آو وسعت دِتھ ۱۹۳۱ء منز ''انجمن تبلیغ الاسلام'' ناو تھاونہٕ[1]۔ بحیثیتِ اکھ دینی تنظیم وِچھ تبلیغ الاسلامن وارِیاہ دور تہٕ ۱۹۴۴ء منز ییٚلہِ میر سید محمد فاضل قادری منطقی انجمنٕکی صدر تہٕ مولانا محمد یحیٰی رفیقی جنرل سکریٹری ژارنہٕ آے، آو فاضل صٲبنہِ گرِ واقع دوارکی کوچہ، کلاشپورِ اکس اجلاسس منز یُس ۱۵ر شوال ۱۲۶۴ھ بُلاونہٕ آو اکس منصوبہٕ بند طریقس پېٹھ کٲم کرنُک فٲصلہٕ کرنہٕ۔ چنانچہِ ٲتھی اجلاسس منز آو ییتھٕ کنٕی زن پېٹھ کنہِ ذکر کرنہٕ آو، ''مدینۃ العلوم'' ناوی اکھ اسلامی اورینٹل کالج تہٕ قایٕم کرنہٕ۔ کالجہِ کہِ قیام پتہٕ آیہِ پرنسپل

[1]: سیرۃ البخاری، ص: ۲۰۹-۲۱۰ - از مولانا شوکت حسین کینگ

منتخب کرٕنہٕ ذمہٕ دأری علامہ سید میرک شاہ اندرابی تہٕ مولانا محمد سعید مسعودی صأبس مٕٹہٕ تھوٗنہٕ۔ یِمو مولانا سید محمد قاسم شاہ بخاری صأب نِس ناوس پٮ۪ٹھ اتفاق کوٚر۔ چنانچہ بخاری صأب آے مدینۃ العلوٗمکی، یُس کلاشپورِ قایم کرنہٕ آمُت اوس، گوڈنِکی پرنسپل مقرر کرنہٕ تہٕ انجمن تبلیغ الاسلام کہِ طرفہٕ آو گوڈنیُک علمی رسالہٕ "تحفۃ المدینہ" ناوی شایع کرنہٕ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ گیہِ حالات دِگرگوں — سید محمد فاضل صأب سپدی رحمت حق، علامہ سید میرک شاہ اندرابی گیہِ سیأسی وابستگی یوٗکنہٕ کشیرِ نیبر لاہور تہٕ انجمنکی سکریٹری مولانا محمد یحییٰ رفیقی گے جاوا۔

بہرحال ۱۹۶۰ء منز آو بیا کھ چُتا و عملہِ منز۔ ڈاکٹر محمد سلطان ساکنہ بسنت باغ (سابق ہیلتھ آفیسر سرینگر میونسپلٹی) تہٕ مرحوم کرنل وزیر محمد (باغات برزلہ، سابق سربراہ محکمہ پولیس) آے رِٹرننگ آفیسر مقرر کرنہٕ تہٕ مرحوم مولانا سید محمد قاسم شاہ بخاری صأب آے صدر ژارنہٕ یِہنٕز سربرأہی منز انجمن تبلیغ الاسلام ہیٚیہِ اکہِ پھِرِ فعال سپدٕنۍ۔ اماپوٚز ۱۹۶۵ء منز آو دفترس اَکِس چھاپَس دوران سورُے ریکارڈ ضبط کرنہٕ تہٕ انجمنہٕ طرفہٕ شایع سپدن وألِس رسالس بین (Ban) لاگنہٕ۔ کینٛہہ کال گژھتھ آیہِ بین ہٹاونہٕ تہٕ رسالہٕ سپُد دُبارٕ شایع۔ یِہ وُنِن تہٕ روزِ مناسِب زِ مشہور روحأنی پیشواتہٕ بزرگ فقیرِ ملت حضرت سید میرک شاہ کاشانی صأب أسی تا حیات اَمِکی سرپرست اعلیٰ۔

۱۹۷۱ء کہِ ہند پاک جنگہِ پتہٕ ییلہِ انجمن تبلیغ الاسلام دُبارٕ سرگرم

سپز ، ۱۹۷۲ء منز آو شیر باغ ، اسلام آبادِ انجمنک ترٛہن دوٚہن ہُنْد کنوینشن منعقد کرنہٕ یَتھ منز درٛس ریاستہٕ پیٹھہٕ آمتوٕ ڈیلی گیٹو علاوٕ عقیدت مند و بارٕ تعدادس منز شرکت کٔر۔ مرحوم شیخ محمد عبداللہ، مرزا محمد افضل بیگ ، میر واعظ مولانا محمد فاروق ، خواجہ شمس الدین تہٕ باقٕے اکابرینن ہنزِ موجودگی منز آو دارالعلوم حنفیہ معروف بہ حنفی عربی کالج کِس حقس منز اکھ قرارداد پاس کرنہٕ۔ چنانچہ، ۱۹۷۴ء منز کٔر انجمن تبلیغ الاسلام چہٕ ورکنگ کمیٹی باضابطہٕ پأٹھی حنفی عربی کالج قائم کرنہٕ کہٕ حوالہٕ اکھ قراردادا کثریتہٕ سان پاس۔ امہٕ زمانہٕ أسی مرحوم شیخ صأب صدرِ اوقافِ اسلامیہ۔ تِمن منٛز مولانا سید قاسم بخاری صأبن بحیثیتِ صدر انجمن تبلیغ الاسلام زیرِ تذکرِ کالجہِ باپتھ شأہی مسجدِ مدِ مقابل خألی بلڈنگ (یتھ منز گوڈٕ اوقاف دفتر اوس) ، چنانچہ شیخ محمد عبداللہ ہَس کٔر یہِ بلڈنگ تمن الاٹ تہٕ کالجن کٔر کأم کرٕنی شروٗع۔

۹، ۱۰، ۱۱ رنومبر ۱۹۷۴ء اوس انجمنِ تبلیغ الاسلامُک سالانہٕ اجلاس تہٕ أتھی موقعس پیٹھ کوٚر مرحوم شیخ محمد عبداللہ صأبن حنفی عربی کالجُک تہِ افتتاح۔ لوٗکن ہنٛدِس جمِ غفیرس بروٚنٹھٕ کنہِ پوٚر مشہوٗر فارسی تہٕ کأشری شأعر مرحوم شمس الدین غمگینؔ صأبن اکھ قصیدٕ یُس بر وزن قصیدہٕ وِردالمریدین چھُ۔ پیش چھُ امہِ منزٕ کینٛہہ شعر یمن منز مادہٕ تأریخ تہِ چھُ۔[1]

[1] : سیرۃ البخاری، ص: ۸۳۹ تا ۸۴۱۔ از مولانا شوکت حسین کینگ

شکر بسم اللہ خواندہ خامۂ من تر شد است
تا کہ از الحمد للہ نامۂ من سر شد است

انجمن تبلیغ الاسلام آمدہ اکنوں بجوش
از برائے حق طلب حق گوے وحق منظر شد است

خواست اعلیٰ درجہ بنمودن بنا دار العلوم
تا بدست شیر کشمیر افتتاحش در شد است

باعثِ ایں سعی شد کز درس احزاب جدید
درس حنفیہ سبوے نسیہ از از بر شد است

نسخۂ ورد المریدین حضرت خاکی بگفت
بحر و قافیہ وردیفش بر این مصدر شد است

نامور ایں گشتہ حنفی عربی دارالعلوم
رونقش دادن مسلّم ہم چشم و سر شد است

بود یکشنبہ بروز بست و چارم از شوال
اجتماع در سال اعظم مسلکے اکبر شد است

۱۳۹۴ھ

سالِ تاریخ گفت غمگین صاف شعبۂ عین مذہبِ احناف
۱۳۹۴ھ

یہِ وُنِن تہِ روزِ مناسب زِنومبر ۱۹۷۴ء/ ۱۳۹۴ھ منزٕ یے آ ونورِ باغ ،سرینگرٕ تہِ نوِ کالج عمارژ ہُنٛد سنگِ بنیاد تہِ تھونہٕ۔ کالج تہٕ ہوسٹل

عمارٔژن درمیان آو ۹ / ماہِ ربیع الاول ۱۴۱۴ھ اکہِ مسجدِ شریفک تہٕ گٔن تژ اونہٕ ۔ کٔنہٕ کٔنژ تژ آو فقیرِ ملت مرحوم سید میرک شاہ کاشانی صأبنٕز جانشین فقیر دین محمد صأبن ۔ الحمدللہ از چھےٚ یہِ دُپور مسجدِ شریف کا لجس منٛز زیرِ تعلیم تہٕ قیام پذیر طألب علمن آیہِ تَن یم اَتہِ نماز پنجگانہٕ ادا کران چھِ ۔ یہِ وُنن آسہِ نہٕ نامنأسب زِ یمو تژ یٚیو دینی ادارو منٛز چھُ دارالعلوم حنفیہ وأحِد ادارٕ یٚیمہِ کِس کمپلکس منٛز ہوسٹل علاوٕ مسجدِ شریف تہٕ موجوٗد چھُ ۔



# ایس پی کالج......اکھ تواریخی جائزٕ

ڈاکٹر فاروق فیاض

کُنوٕ ہمہِ صدی ہٕنٛدِس اُڑھِ مس ڈٕہلس منٛز ییلہِ شری پرتاپ سنگھ جموں و کشمیرِ کِہ نوٕی مہاراجہِ بنےٚ یہِ تہٕ ریاستس منٛز آیہِ مختلف وجوٗہاتن ہٕنٛدِس نتیجس منٛز انگریزن ہٕنٛدِ خاطرٕ ریذیڈنسی قایم کرنہٕ، امہِ پتہٕ سپُد واریہَن تِتھِن کامن ہُنٛد شروعات ییم ریاستس منٛز جدید دورٕکی موجِب بنےٚ یہِ۔ خاص کریم فلاحی شعبہٕ سرکارکہِ توجہٕکی مرکز بنےٚ یہِ تِمن منٛز اٲسی تعلیم تہٕ صحت عامہٕکی شعبہٕ سرٕس۔

یوٗدوَے زن کٔشیرِ منٛز جدید مغربی تعلیمِ ہٕنٛدی شروعات یورپی عیسأیی مِشنٕری یو ہٕنٛدِ ڈٕسی مِشنری سکول کہِ قیامہٕ سٟتی شروع اوس سپُد مُت مگر یِہنٛدِس شروعاتی کامہِ کارس نِسبت اوس نہٕ سرکارس رُت ظون۔ واریاہ تِتھی قدم آیہِ سرکارٕ ڈٕسی تُلنہٕ ییمہِ سٟتی عیسأیی مِشنری یَن ہٕنٛدِس کامہِ کارس یہِ ڈٕلٕ زِتہِ دُلتہٕ آو مگر سرکارچہِ غأرصحت مند پالیسی سٟتی آو نہٕ یِہنٛدِس ارادس کانٛہہ تہِ ڈوچر تہٕ یِہُنٛد حوصلہٕ تہٕ تعلیم تہٕ صحتس نِسبت یِہنٛدِ عوام دوست پالیسی تہٕ عوأمی مقبوٗلیت وُچھِتھ گوٚو ڈوگرہ سرکار تہِ پننہِ پالیسی منٛز بدلاوانس پیٹھ مجبوٗر۔ چنانچہ آیہِ

شہرِ سرینگرِ کین مختلف علاقن یمن منز رعناواری، نوا کدل، فتح کدل، امیرا کدل بیترِ علاقن منز سرکار کہِ ذریعہِ چلاون یِنہٕ وألی پرایمری سکول قائیم کرنہٕ۔ اگرچہِ یمن سکولن منز کینژہہ جدید مضمون تہٕ آیہِ Introduce کرنہٕ مگر اتھ ستی آسی رِوایتی مضمونن یمن منز شاستر، اخلاقیات تہٕ دینیات بیترِ اُس یوان پرناونہٕ۔

وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس ابتداہس منز ییٚلہِ برصغیرس منز سیاسی آزادی ہٕنز تحریکہِ لرِ لوٗر رواریاہ سماجی تہٕ مذہبی اُنجمنو سماجی تہٕ مذہبی اصلاح پسندی ہٕنزن کامن منز تیزی اَنی تمو دِیُت سارِوے کھوتہٕ زیادٕ زور جدید تعلیم ہٕنٛدِس حاصل کرنس پیٹھ۔ چُنانچہِ آیہِ شمالی ہندوستانس منز یمن سماجی تہٕ مذہبی تحریکن ہٕنٛدِس اثرس تحت واریاہ سکول تہٕ کالج کھولنہٕ یمن منز رِوایتی تعلیمہِ مقابلہٕ جدید مغربی تعلیم حاصل کرنس پیٹھ زور آودِنہٕ۔

چونکہِ کٔشیرِ منز اوس اتھ کامہِ عیسائے مشنٔر یوہٕنٛدِ دٔسی دَس آمٕت تُلنہٕ تہٕ واریہو کأشرِ یمن منز اکثریت کأشرِ بٕن پنڈی تن ہٕنز آس اوس بروٗنٹھے اتھ نوٗس علمی مأدانس منز قیادت حاصل کٔرمٕژ۔ تہٕ تِم آسی یژھان عیسائے مشنٔری ین ہٕنٛدی پأٹھی گوژھ کٔشیرِ منز تہٕ کأشرِ بٕن پنڈی تن ہُنٛد پنُن اکھ الگ تعلیمی ادارٕ قائیم سپدُن۔ یُتھ زن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کأشرِ جدید مغربی تعلیم پٕرتھ ہیکہٕ ہَن۔

چنانچہِ یوٗہے مقصد نظرِ تل تھاوِتھ آو سرینگرس منز Hindu

**S.P. COLLEGE STAFF-1921**

Sitting L to R : G.L. Gupta, T.L. Manghirmalani, Chand Narayan, L.Macdermot (Principal), I.K.Sharga, Umed Ali, R.L. Kanji Lal, Nityananda Shastri

Standing L to R : Sham Narendra Singh, Sunder Das Malhotra, Mohammad Ishaq, Gyani Ram



ایس پی کالبیک سٹاف

High School قایِم کرنہٕ مگر کاشرٕن بٹن ہنٛزِ وِدیاہِ Knowledge ہنٛز ترٛیش ہوٚمےٚ نہٕ امہِ سکولہٕ ستی کینٛہہ تہِ۔
چنانچہِ صاحبِ بصیرت تہٕ علم دوست کاشرٕن پنٛڈتن ہنٛدِ دٔسی آیہِ واریاہ کوٗششہِ کرنہٕ زِ ہائی سکول گوٚژھ یُن کالجس منٛز تبدیل کرنہٕ۔ یہِ منٛزِل تہٕ مقصد پراونہٕ خاطرٕ آیہِ واریاہ کوٗششہِ کرنہٕ یتھ منٛز اکھ کوٗشش یہِ تہِ اَس زِ ڈاکٹر Annie Beasant ییمیٚ ہندوستانٕکس علمی، سماجی تہٕ سیاسی مادانس منٛز سبٹھاہ تھکنٕ لایق کام اَس کٔرمٕژ۔ تمیٚ سُند اتھٕ واس یِی امہِ رٔژِ کامہِ خاطرٕ طلب کرنہٕ۔ تہٕ یہِ سوٗنہری موقعہٕ سپُد جون ۱۹۰۵ عیسوی منٛز میسر یُیلہِ سرینگرُک ہندو ہائی سکول Central Hindu College Trust Benaras کہِ اہتمامہ آو Intermidiate Colleges منٛز تبدیل کرنہٕ۔
یہِ توآریخی کام اندواتناونس منٛز اوس Dr. Annie Beasant سُند سبٹھاہ اہم رول۔ چنانچہِ یہِ سپُد اَمی ہنٛزٕ وِے کوٗششوٕ ستی ممکن زِ Hindu College Trust Benaras دِژ اتھ گوڈٕنِکس Intermidiate کالجس Recognition۔
۱۹۰۵ عیسوی پیٹھٕ ۱۹۱۱ عیسوی تام اوس یہ کالج غأرسرکأری اِدارٕ دٔسی چلان تہٕ ۱۹۱۱ عیسوی منٛز آو امیُک ناو تبدیل کٔرِتھ تمہِ وقتہٕکس مہاراجہ سری پرتاپ سنگھٕنِس ناوس پیٹھ سری پرتاپ کالج تھاونہٕ تہٕ یہِ آو سٔیدِ سیوٚد سرکارٕکس تحویلس منٛز نِنہٕ تہٕ آو پنجاب یونیورسٹیٕ ستی آرٹس

فیکلٹی منز منسلک کرنہٕ۔

۱۹۰۶ عیسوی منز ییلہٕ دٔہمہٕ جمأژ ہنٛدِ نتیجک اعلان جون رتھس منز سپُد Intermidiate سطحس پٹھ یمن لٔڑکن ہنٛد ایڈمیشن گٔہمہٕ جمأژ منز سپُد تہندی ناوٲسی یتہٕ پأٹھی:

ا۔ پنڈت مہیشور چندر رینہ (۲) پنڈت شوناتھ کول (۳) پنڈت دامودر رینہ (۴) پنڈت شبن کرشن کول (۵) پنڈت گُنج بہاری (۶) پنڈت برج بہاری (۷) پنڈت گوپی کرشن (۸) پنڈت موہن لال (۹) پنڈت شمبوناتھ (۱۰) پنڈت ہری چند کول

کلاس آوراجا دیا کرشن کول نس مکانہٕ کس ترٛیٚمس پورس منز شروع کرنہٕ۔ یہٕ مکانہٕ اوس شہید گنجس تہٕ موجودِ سول سکریٹریٹ عمارٔژ نکھہٕ۔

ابتدأیی Faculty أس یمن ووستادن تہٕ ماہرِ تعلیمن پٹھ مبنی:

1/ Mr. M.U.Moore : Principal

2. Mr. Bennerji : Prof. of English

3. Pt. Chand Narain: Prof. of English

4. Mr Mangher Malani: Prof. of History

5.Mr. Joti Prassad: Prof. of Mathematics

6. Pt. Nath Ram Shastri: Prof. of Science

7. Moulvi Aziz Ullah Sahib: Prof. of

Persian.

Mr. M.U. Moore رٕوٗ دی کالجکۍ پرنسپل ۱۹۰۶ عیسوی پیٹھ ۱۹۰۸ عیسوی تام۔ کالج کِس تعمیرس تہٕ ترقی منٛز چھُ اَمِس اہلِ علم شخصہٕ سُنٛد سبٹھاہ رول۔ اَمی ہٕنٛدس پرنسپل شِپس منٛز آو ہندستانُک وایسرائے کٔشیرِ ہٕنٛدِس دورس پیٹھ تہٕ کالج طرفہٕ آو اَہندِس اعزازس منٛز شیکسپیر سُنٛد Julius Caesar ڈرامہ سٹیج کرنہٕ۔ یتھ وایسرائےتہٕ معزز مہمانوٗ ئسی سبٹھاہ تعریف آیہِ کرنہٕ۔

مسٹر Moore اَسی کٔشیرِ منٛز جدید تعلیم کہِ فروغہٕ خاطرٕ تیتھ وعدٕ بند زِ یٚلہِ ابتدأیی دورس منٛز کالجس اقتصأدی بار برداشتہٕ نبر گوٚ ویموٗ کنٛہ پیٚنٛز اکھ Landscape Painting بہن ساسن روٗپین Sir Francis Yoonghusband ہَس تہٕ یہِ رقم آو کالجہِ باپتھ صرف کرنہٕ۔

۱۹۰۸ عیسوی منٛز دِیت M.U. Moore صأبن استعفیٰ تہٕ امہِ پتہٕ آو Mr. A.W. Coolie کالجکۍ نٔوی Principal مقرر کرنہٕ۔ اَمی سُنٛد موت سپُد اَکِس نارٕ حأدثس منٛز۔ یٚلہِ تتھ ہاوس بوٹس نار لوٚگ یتھ منٛز یہِ روزان اوس۔

امہِ پتہٕ آو اقبال کرشن شارِکا، یُس تھدِ پایُک مُفکر، دأنشور تہٕ شأعر اوس، کالجکۍ نٔوی پرنسپل ۱۹۰۹ عیسوی منٛز مقرر کرنہٕ۔

جُلے ۱۹۱۱ عیسوی چھُ ایس۔ پی۔ کالجکِس تأریخس منٛز اکھ اہم

سنہٕ ییلہِ مہاراجہ پرتاپ سنگھنہٕ اکہِ سرکأری حُکمہٕ مطأبق ہندو کالج ایس۔ پی۔ کالجس منز تبدیل آو کرنہٕ۔

سرکأری تحویلس منز ینہٕ پتہٕ آیہِ امہِ کالجہ باپت اکھ مستقل عمارٕژ ہٕنز کأم دردِس ینہٕ تہٕ موجوٗدٕ کالج عمارت چھےٚ سوے تیٚمہٕ کِنہٕ کٔنز مہاراجہ پرتاپ سنگھن پانہٕ ترٲوِمژ چھےٚ۔

سرکأری تحویلس منز ینہٕ پتہٕ نہٕ صرف بڈیاو طألبِ علمن ہُنٛد تعداد بلکہِ نوٚین شعبن ہٕنٛدِ قیامہٕ ستۍ ستۍ گوٚو Faculty ہٕنٛدس تعدادس منز تہِ سبٹھاہ ہُرژر۔ ۱۹۱۷ عیسوی دژاو گوڈنیُک لڑکہٕ امہِ کالجہٕ منزٕ Post Graduate Degree حأصل کٔرتھ۔

۱۹۱۶ عیسوی منز آو گوڈنچہ لٹہِ کالجس منز'' سری پرتاپ'' ناوٕ میگزین شایع کرنہٕ۔ ییتہِ نَس چھےٚ یہِ کتھ یادتھاوِنی لایق زِ کٔشیرِ منز علمی تہٕ ادبی ہوا نواتہٕ دأنشورانہٕ عمل برونٛہہ پکہٕ ناونس منز چھُ امہِ میگزینک اکھ تأریخی روٗل روٗدمُت۔

۱۹۲۵ عیسوی منز ییلہِ مہاراجہ ہری سنگھ جموں وکشمیرٕ کہ نٔوی مہاراجہ بنے یہِ، ییتہِ زندگی ہٕندین مختلف شعبن منز جدیدیت تہٕ نوبر انٛنچ کوٗشش آیہِ کرنہٕ تتہِ آو تعلیمہِ ہٕنٛدس شعبس تہٕ خصوصاً Higer education کِس شعبس کُن خاص توجہ دِنہٕ۔ کالجس منز آیہِ نٔوی نٔوی شعبہٕ قأیم کرنہٕ تہٕ درسی تعلیمہٕ ستۍ ستۍ آیہِ واریاہ تھٕکی قدم تہِ تُلنہٕ ییمہِ ستۍ طألبِ علمن منز دأنشورانہٕ عملِ تہٕ ستۍ ستۍ کاڈ کوٚڈ تہٕ نٔوی نٔوی

مٔزِل آیہِ سَر کرنہٕ۔

کٔشیرِ ہٕندِس موجوٗدٕ توٲرٕخس منٛز چھُ ایس۔ پی۔ کالجس Higher education نِس منٛز اکھ کلیدی رول رٔودمُت۔ اتھ کالجس سٕتیٖ وابستہٕ فارغ التحصیل طاَلب علمو دِیُت زندگی ہٕندٕ ہِن مختلف شعبن منٛز کار ہاے نمایاں انجام تہٕ یتھٕ پاٹھٕی نیشہِ نوٗوکھ نہٕ صرف کالجُک ناوٕ ے یوت بلکہِ ریاست تہٕ مُلکُک وبقار تہٕ کوٚرُکھ عالمی برادری منٛز روشن۔ خالے آسہِ زندگی ہُند کانٛہہ سُہ شعبہٕ یتھ منٛز نہٕ اتھ کالجس سٕتیٖ وابستہٕ طاَلب علمو ناوکموومُت آسہِ۔ اتھ کالجس سٕتیٖ وابستہٕ Pass out منٛز چھِ عظیم سیاست دان، منتظم، ماہرین تعلیم، دأنشور، شاعر، فن کار، أدیب، ماہرینِ امراض، انجینیر، وٕکیل تہٕ سائنس دان شأمل۔

۲۰۰۵ عیسوی منٛز آو ہتھ وٕری مکمل سپدنس پیٹھ کالجس منٛز اکھ پُر وقار پروگرامٕک سنٛز کرنہٕ۔ اتھ پروگرامس سٕتیٖ وابستہٕ Activities روزٕ وُہری وٕری یس جاری تہٕ اتھ دوران سپٕز ترٛتھٕ مجلسہٕ تہٕ منعقد یمہٕ کٔشیرِ ہٕندِس موجوٗدٕ توٲرٕخس منٛز سونٛہری اَچھروٕ سٕتیٖ رقم یِن کرنہٕ۔

۱۹۷۵ عیسوی منٛز آو کالجہِ نِش Arts faculty الگ کرنہٕ تہٕ یتھٕ کٔنی چھُ اتھ کالجس منٛز ووٗنی فقط Science Faculty کاٗم کران۔ اتھ عام سائنسی شعبو علاوٕ چھِ faculty سٕتیٖ وابستہٕ کینٛہہ اہم شعبہٕ یتھٕ پاٹھٕی۔

Bio-Chemisry, Environment and Water Management, Information Technology.

۲۰۰۳ عیسوی پتہٕ آوکینژن منتخب شعبن منز اتھ کالجس منز Post Graduate Class تہٕ شروع کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ وُنی کینہس کالجس منز خود روزگار کماونہٕ کہِ حوالہٕ زٕ Job Oriented Courses Web designing تہٕ vidio editing تہٕ شروع کرنہٕ آمژ۔

مختلف سائنسی شعبن منز چھُ الہٕ پلہٕ کالجس منز وُہہ Laboratories یمن منز طألب علم تھیوری ستہٕ ستہٕ مشأہدٕ تہٕ تجربہٕ عملاوان چھِ۔ کالجس منز چھَ اکھ مکمل I.T. Laboratory یوسہٕ جدید آلو ستہٕ لیس چھےٚ۔ کالجِ اکھ امتیأزی خصوصیت چھَ اچ Hydrobiology Rescerch Laboratory یتھ منز تحقیق تہٕ تجُسچ کأم شدومدٕ سان جأری چھےٚ۔

کالجِ بیاکھ اہم امتیأزی شان چھےٚ اچ پُروقار Library یتھ منز قریب اکھ لچھ کتابہٕ موجود چھِ یمن منز کینژہہ نأدر کتابہٕ تہٕ مخطوطات تہٕ چھِ۔

Zoology تہٕ Botany میوزیم یتھ منز کینژہہ مخصوٗص جانورن، گُلن کٹن ہٕندی بہترین نموٗنہٕ مطالعہٕ تہٕ مشأہدکہِ غرضہٕ موجود چھِ،

چھُ ریاستی عجایب گرن منز اہم حیثیت تھاوان۔ کشیرِ ہُندِ ثقافتی حوالہٕ یم آثار اسہِ کشیرِ ہُندِس Flora and Fauna تعلق محفوظ کرنہٕ آمتی چھِ تمہِ چھِ سائنسی طالبِ علمن ستی ستی ثقافتی تہٕ توأریخی طالبِ علمن تہٕ محققن خاطرِ تہِ سیٹھے اہمیت تھاوان۔

طالبِ علمن منز مختلف کھیلن ہُندِ حوالہٕ دِلچسپی پأدِ کرنہٕ خاطرِ تہٕ فن تہٕ Talent Demonstrate کرنہٕ خاطرِ چھُ کالجس منز الگ الگ Cricket, Football تہٕ ہاکی ہُندی کھیلہٕ مأدان تہِ تہٕ امکہِ بدولتہٕ چھِ از تام أمی کالجن واریاہ تتھ گندن وألی پأدِ کری متی یمو مختلف International سوٚتھرِ کین مقابلن منز نہٕ صرف جان کارکردگی ہأوِمژ چھے بلکہِ چھِکھ واریاہ Medal تہِ حاصل کری متی۔

اتھ کالجس منز چھِ تمہِ سأری امکانات بدس یم مستقبلس منز اتھ اکھ مکمل یونیورسٹی ہُند درجہِ دِنس منز اتھہٕ روٗٹ ہیکن کرِتھ۔ تلاش آسہِ بس تمہِ وِزِ ہُند یَیلہِ یہِ خواب شرمندۂ تعبیر سپدِ۔



# امر سنگھ کالج اکھ تعارف...... اکھ تأریخ

ڈاکٹر فاروق فیاض

کٔشیرِ یوٚ دوٚے پتھ کالہٕ پیٹھے علم وادبٕچ تہٕ تہذیب وشائستگی ہنٛز مرکز روٗزمٕژ چھَ مگر مختلف سیأسی تہٕ توأریخی ولہٕ گتنن منٛز گٔذرِتھ روو اَتھ پٔنٕن لون تہٕ یوسہٕ کٔشیر عالمی سطحس پیٹھ تھدِ عملی تہٕ فلفسیانہٕ مرکز رٕنگی تسلیم اُس یوان کرنہٕ تتھ رأونہٕ فقط پٔنٕنی تہذیبی تہٕ علمی شناخژٕے یأژ بلکہٕ روٗدس پننہِ کلہٕ پیٹھ خودمختأری ہُنٛد تاج تہٕ۔

## مغل

مغل دورس منٛز اگرچہٕ مختلف مغل بادشاہو ڈٔسی کٔشیرِ منٛز وارِیاہ خوبصورت باغات آیہِ بناونہٕ تہٕ تعمیرات تہٕ آیہٕ کھڑا کرنہٕ تہٕ فارسی زبأنی تہٕ ادبس تہٕ لوٚگ چلے جاو مگر ۱۷۵۲ء منٛز افغان دور شروع سپدنس ستی گوٚ وسیأسی افراتفری۔ سماجی ناانصأفی تہٕ انتظأمی بدنظمی ہُنٛد سُہ دور شروع ییمہٕ کأشرٕن ہُنٛد کمر یہٕ ڈٔلی زِتہٕ پھٔٹرٕ اُوِتھ تھوٚو۔ وونی اگر کم کاسہٕ کینٛہہ بچومُت اوس سُہ کٔمی کٔر سِکھ دورس منٛز 1819-1846ء ظألم سِکھ گورنروپؤر۔ یِیتہِ زندگی ہُندی مختلف شعبہ امہِ سیأسی بدنظمی تہٕ معاشی بدحالی ستی متأثر سپدی تتہٕ گوٚ علم وادبُک شعبہ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ متأثر۔

اگرچہ مکتبن تہٕ پاٹھ شالن سرکاری ڈۄکھ تہِ حاصل اوس مگر یمن مکتبن تہٕ پاٹھ شالن منز اوس صرف مذہبی تعلیم تہٕ سوتہِ دیوانی اندازس منز یِوان دِنہٕ۔

تیم پاٹھ شالہٕ تہٕ مکتب آسی عموماً شہری علاقن منز یِوان کھولنہٕ یِیتہٕ امہِ رِوایتی تعلیمِ ستی صرف شہری شُری کُنہِ حدس تام مُستفید آسی گژھان۔ گامن ہنز اکثر آبادی آس امہِ رِوایتی تعلیمہِ نِش تہِ مُچھہِ روزان۔

کٲشیرِ منز مہاراجہ گولاب سنگھ نہِ ڈٲسی ڈوگرہ راج قائم سپدنس ستی اگرچہ کٲشیرِ منز اکھ نٔوِ سیأسی نظامُچ بنیاد آیہِ ترٲونہٕ تہٕ مختلف نوعیتکی اِدارٕ آیہِ بارسس اَنہٕ تتہِ آو تعلیمہِ ہٕندِس شعبس کُن تہِ ظون پھِرنہٕ مگر مہاراجہ رنبیر سنگھ نِس دورِ حکومتس منز آونہٕ جدید تعلیمہِ کُن کانٛہہ خاص توجہ مرکوز کرنہٕ۔ اتھ بدل رُودی رِوایتی مکتبی، مدرسی تہٕ پاٹھ شالہٕ تعلیم جأری۔ یمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ کاشر رُودی جدید تعلیم حاصِل کرنس منز وارِیاہ پتھ۔

اگرچہِ برطانوی زیرِ کنٹرول ریاستن منز بڑونہٕ ہے تعلیم عام کرنہٕ خاطرٕ وارِیاہ اقدامات آسی آمتی تُلنہٕ مگر کٲشیرِ منز شخصی راج مُروج آسنہٕ کِنز اوس نہٕ اتھ شعبس کُن کانٛہہ توجہ یوان دِنہٕ۔

کٲشیرِ منز جدید تعلیم مُروج کرنس منز رُو دسارِوے کھوتہٕ زیادٕ رول کرِسچن مشنٔریَن Christian missionery ہُند۔

یۆ دوَے زَن گژھ ہمہٕ صدی ہٕند ہن آخری دون دٔہلبن منز یورپی مشنری ین ہٕندِ دٔسی جدید تعلیمہٕ ہٕندِس فروغس متعلق واریاہ قدم آیہٕ تُلنہٕ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ اوس نہٕ شخصی راجس ستی وابستہٕ افسر شاہی ہُند رٔویہ اتھ متعلق حوصلہٕ افزا۔ گوڈٕ گوڈٕ آیہٕ واریاہ ٹھُری تہٕ اتھ وتہٕ منز پأدٕ کرنہٕ۔ جدید تعلیم مروج کرنس منز ییتہٕ شخصی حکومتس ستی وابستہٕ افسر شاہی تہٕ واریاہ رٔڈی پأدٕ گری تتہٕ اوس کٹر پنتھی مذہبی عالمن ہُند تہٕ اتھ متعلق رٔویہٕ سخت گیری تہٕ توہم پرستی پیٹھ مبنی۔ چنانچہ سپدی تتھی واریاہ واقعات درپیش ییمہٕ ستی کشیرِ منز جدید تعلیمہٕ ہٕندِس شروع کرنس منز واریاہ دِقتہٕ تہٕ سختیہٕ درپیش آیہٕ۔ مگر شمالی ہندوستانس تہٕ خصوصاً پنجابس منز یمہٕ سمأجی اصلاح پسندی ہٕنز تحریکہٕ چلیہٕ یِیتہٕ تمو مختلف سمأجی بدعتن خلاف بغاوتک بِگُل بجووتہٕ کۆریمن تحریکن ستی وابستہٕ اصلاح کارو جدید تعلیم ہٕندِس فروغس پیٹھ تہٕ پنُن توجہ مرکوز۔

کشیرِ منز تہٕ آیہٕ کرِسچن مشنری ہٕندِ لرلۆ روار یہو مذہبی اُنجمنو دٔسی غأر سرکأری بنیادٕ پیٹھ انگریزی تعلیم رأیج کرنس پیٹھ زور دِنہٕ۔ یمہٕ کوشش ہُند نتیجہ اوس سرینگرس منز ہندو ہائی سکولک قیام یُس ییتہٕ کینٛہہ کألی ہندو کالجس منز تبدیل کرنہٕ آو تہٕ یۆ ہے کالج آو ۱۹۰۵ عیسوی منز سرکأری تحویلس منز انہٕ پتہٕ S.P. College کہِ ناوِ یاد کرنہٕ۔

عام مُروجہِ جدید تعلیمہٕ ستی آویتہٕ فأصلہ کرنہٕ زِ کشیرِ منز گوڈٕ ژھ

پیشہِ ورانہٕ اِدارِ تہِ قائیم کرنہٕ یُن یُتھ زَن کاشرٕ ن نوجوانن مختلف قدیم تہٕ جدید کارکسبَن ہنٛز تربیت ییہِ فراہم کرنہٕ۔

چنانچہ آویوٚ ہےَ مقصد نظرِ تل تھاۄِتھ سرینگر کِس وسطس منٛز گوگجہِ باغہٕ اکھ پیشہِ وَر اِدارٕ قائیم کرنہٕ تہٕ یہِ ادارٕ آو مہاراجہ پرٛتاپ سنگھ نِس بائِیس امر سِنگھ نِس ناوس پیٹھ قائیم کرنہٕ یِمیُک ناو Amar Singh Technical College تھاونہٕ آو ___ اتھ تکنیکی ادارس منٛز اوس قدیم کیو جدید شعبَن منٛز بچن نوبن بنیاذَن پیٹھ تربیت یِوان دِنہ ___ سبٹھاہ کم وقتس منٛز کورأمی اِدارن مُلکہٕ کِبن باقٕے تکنیکی اِدارَن منٛز پننی اکھ مُنفرد پہچان قائیم ___

۱۳ر جولائی ۱۹۳۱ء کِس توارٟخی واقعہ کِس پوٚت منظرس منٛز ییٚلہِ Glancy Commision قائیم کرنہٕ آو، ییٚتہِ أمی کمیشنن کاشرٕ ن ہنٛز جہالت تہٕ معاشی بدحالی دوٗر کرنہٕ خاطرٕ وارِیاہ سُفارشہِ سرکارِ وقتس پیش کرِ تتہِ اوس یِمن سُفارشَن منٛز خاص طوٗن مسلمانن منٛز جدید تعلیم کِس فروغس پیٹھ مرکوٗز کرنہٕ آمُت۔ اتھ وقتس تام اوس دُرٛس کشیرِ منٛز فقط اکھ کالج تہٕ تمِچ حیثیت تہِ أس Intermediate کالجہٕ سے تام محدوٗد ___ سبٹھاہ کوٗشِشن ہٮ۪ندِس نتیجس منٛز تہٕ عام لوٗکن ہنٛز جدید تعلیم حاصِل کرنہٕ چہِ خواہِش نظرِ تل تھاۄِتھ آو 1942ء منٛز مہاراجہ ہری سنگھ نِس دورِ اِقتدارس منٛز Amar Singh Technical Institute باضأبطہٕ ڈگری کالجس منٛز تبدیل کرنہٕ۔

تہٕ یتھ پاٹھی چھُ اتھ کالجس یہِ فخر حاصِل زِ یہِ چھُ کشیرِ ہٕندِس توٲرِیخس منز گوڈنیک ڈِگری کالج۔

سِری پرتاپ کالج آو دون حصن منز تقسیم کرنہٕ تہٕ کالج تقسیم کرنچہِ اتھ عملہِ سٕتۍ نہٕ گوٚڈ عوٲمی پذیرٲیی حاصِل مگر وقت گُذرنس سٕتۍ سٕتۍ اَمہِ کالجُک نظم و نسق بہتر تہٕ صحت مند بُنیاد ن پیٹھ وُچھتھ سپُد اتھ عملہِ عوٲمی اعتماد تہِ حاصِل۔

امہِ کالِچ منفرد Location تہٕ تعلیمی ماحول وُچھِتھ سپُد زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ نوجوانن منز اتھ کالجس منز دٲخلہٕ حاصِل کرنچ خواہش پٲدٕ۔

ڈاکٹر محمد دین تاثیر۔ اکھ مشہور دانشور، ماہرِ تعلیم تہٕ اُردو زبانۍ ہٕندۍ مُستند قلمکار آیہِ کالجکۍ گوڈنکۍ پرنسپل مقرر کرنہٕ۔

تاثیر صاب اُسۍ لاہورکۍ روزن وٲلۍ، تِمن اوس اُردو، عربی، فارسی تہٕ انگریزی زبانۍ تہٕ ادبس پیٹھ پوٗرٕ مہارت حاصِل۔ شاعری علاوٕ اُس تِس ڈرامہس، مُباحثَن تہٕ مناظرن سٕتۍ سبٹھاہ دلچسپی۔ بچن منز خود اِرادی، خود اعتمادی تہٕ تخلیقی ذہن تہٕ سوچ پٲدٕ کرنہٕ خٲطرٕ اُسۍ تِم پرٛتھ بٹہِ وارِ مباحثَن ہُنٛد سٕنز کرناوان۔ یتھ منز شِرکت کرنہٕ خٲطرٕ کالجہِ نبر تہِ دانشورن، مُفکرن، اُدیبن تہٕ شاعرَن دعوت اُس یوان دِنہٕ۔

حکومت وقتس سٕتۍ کیٚنژن معاملاتن پیٹھ اختلاف سپدنس پیٹھ دِیُت یمو پننہِ عوہدٕنش استعفیٰ تہٕ گیہ واپس پنجاب۔

تاثیر صابنہٕ پتہٕ آیہِ پروفیسر B.K. Madan مارچ 1943ء منز کالجکۍ پرنسپل مُقرر کرنہٕ مگر تِم روٗدی کینٛژن ریتٕنٛیے اتھ عوہدَس پیٹھ فائز۔ ییٚلہِ ۱۹۴۳ء منز ریاستی سرکارن عثمانیہ یونیورسٹی ستۍ وابستہٕ پروفیسر (ڈاکٹر) خلیفہ عبدل حکیم کالجکۍ نٔوی پرنسپل مُقرر کٔری۔ ڈاکٹر خلیفہ عبدل حکیم ٲسۍ اکھ تھدِ درجکۍ ماہرِ تعلیم تہٕ محُقق۔ یِم ٲسۍ پرنسپل بننہٕ بروٗنہہ عثمانیہ یونیورسٹی حیدرآبادس منز شعبہ فلاسفی ہٕندی سربراہ تہٕ روٗدی ٲستی۔ ڈاکٹر صاب آیہِ پتہٕ ریاستی سرکارٕ دٔسی محکمہ تعلیم ہٕندی ڈایریکٹر تہٕ مقرر کرنہٕ۔

امہِ پتہٕ آیہِ Dr. R.K. Bhan جولائی ۱۹۴۵ء منز کالجکۍ نٔوی پرنسپل مُقرر کرنہٕ۔ تِمو ٲس امہِ بروٗنہہ S.P. College جَس منز بحیثیتِ اِقتِصادی یاتکۍ پروفیسر پننۍ کٲم سرانجام دِژٕمژ۔ یِہٕنٛدِس وقتس منز ٲر کالجَن مختلف تدریسی شعبَن منز کٲفی ترقی۔ بچن ہُنٛد تعداد تہٕ بڑیو تہٕ واریاہ نٔوی شعبہٕ تہٕ آیہِ کالجَس منز کھولنہٕ۔

رِوایتہٕ مُطٲبِق آیہِ سرکار طرفہٕ پرٛتھ دورس منز۔ یَتھ منز شخصی راج تہٕ عوٲمی جمہوری راج تہٕ شٲمِل چھُ یہِ توٲریخی کالج مستند تہٕ بامعنی بناونہٕ خٲطرٕ پرٛتھ کانٛہہ کوٗشِش کرنہٕ۔ یَتھ منز پرنسپلَن ہُنٛد انتخاب تہٕ مستند تجربہٕ کار تہٕ ماہر Faculty ہُنٛد انتخاب تہٕ شٲمِل چھُ۔ صحی انتظٲمی قیادت تہٕ ماہر وو ..ن ہُنٛد انتخاب یِمن دوشوٕنی معاملن چھُ کالجکہِ تعلیمی ترقی منز اہم رول ووُت۔

کالیج کہِ قیامہٕ کہِ ابتدا پیٹھے چھُ امر سنگھ کالجَن معیأری تعلیم بچَن فراہم کرنس منٛز پننہِ کوٗشِشہِ جأری تھاوِمٕژ ۔ ووٚنی ۶۵ ؤری گُذرنہٕ پَتہٕ چھُ أمی کالجن ریاستچہٕ کلہُم ترقی منٛز پنُن اکھ اہم رول ژنبو وُمُت ۔ أسی ییٚلہِ از اَمہِ یَس پَتھ کالس یا از کالس پیٹھ نظر ترٛ اوان چھِ سانٛہن أچھَن بروٚنٛہہ گَنہِ چھَ تِم قأبلِ فخر شخصیٖژ بروٚنٛہہ کُن یِوان یِموزَن اتھ اِدارس منٛز تعلیم حأصِل چھےٚ کٔر مٕژ ۔ زندگی منٛز آسہِ خالے کانٛہہ شعبہٕ یتھ منٛز امہِ ادارکیٚ فارغ التحصیل طالبِ علمو ناوکموو وُمُت آسہِ ۔

یِمن فارغ التحصیل طالبِ علمن منٛز چھِ پایہِ بٔڑی ڈاکٹر، انجینیر، سیاست داں، منتظم، أدیب، قلمکار، ؤکیل تہٕ جوڈیشل آفیسر تہِ شأمِل ۔

کینٛہہ تِم شخصیٖژ یِمو قومی سوتھرِس پیٹھ مختلف شعبَن منٛز تھٔکنٛہ لایق کأم کٔرتھ مُلکہِ تہٕ ریاستہٕ خأطرٕ نام کموو وُمُت چھُ تہٕ یِمن یہِ فخر حأصِل چھُ زِ تِم شخصیٖژ چھَ یِمنٛے اِدارَن منٛز تعلیم حأصِل کٔرتھ دراٚمتی تِمن منٛز چھِ ہندوستانکہِ سُپریم کوٹُک سابقہِ چیف جسٹس، جسٹس آدرش سین آنند، جموں یونیورسٹی ہٕندی وائس چانسلر امیتابھ مٹو، سابقہ آل اِنڈیا ریڈیوکی ڈائریکٹر جنرل جناب قیصر قلندر، پبلک سروس کمیشنکی چیرمین جناب محمد شفیع پنڈت، ماہرِ اقتصادیات تہٕ جموں وکشمیر بنٛککی چیرمین جناب حسیب درٛابو تہٕ نامور کأشُر افسانہٕ نگار مرحوم اختر محی الدین تہٕ شأمِل چھُ ۔

گُنہِ تہِ کالجَس منز تعلیمی ہوا نواتہٕ تدریسی ترقی ہُند جائیز ہینہٕ وِزِچھُ تتھ اِدارَس منز قائیم لائبریری اہم رول آسان۔ امرسنگھ کالِجِ لائبریری چھَ ریاستہٕ چِھن کیٹیگرین خاص لائبریری یَن منز یِوان شامِل کرنہٕ۔ اتھ لائبریری منز چھَ نادر قلمی نوسخَن تہٕ نادر کتابن ہُند جان نہٕ زبر تعداد موجود۔

کالجُک انتظامیہ چھُ پرٛتھ وٕری یہِ اکھ بوٚڈ تعداد معیاری کِتابن ہُند لائبریری خاطرِ منگہٕ ناوان۔ یم کِتابہٕ چھَ مختلف مضمونن ستی وابستہٕ۔

عام تدریسی کامو علاوٕ چھُ بچن منز سماجی شعور تہٕ تخلیقی ذہن پادٕ کرنہٕ یِوان تہٕ مختلف سرگرمیَن ہُند سنٛز کرنہٕ یوان۔ ماحولچہِ صفائی، مُہلِک بیمارین نِش روٗٹ تہٕ عوامی بیداری خاطرِ چھَ ازتہِ کالجہِ طرفہٕ مختلف جایَن پیٹھ Camp یِوان منعقد کرنہٕ۔

کالِجِ N.S.S تہٕ N.C.C وِنگہٕ چھِ عوامی بیداری تہٕ سماجی شعور پادٕ کرنہٕ چِھن کامبن منز ہمیشہ بروٗنہہ بروٗنہہ روزَمُت۔

Academic Session دوران چھُ مختلف کمیٹی یَو ذریعہ وٕہری وٕری یس مختلف نوعیتکی پروگرام یوان درِدَس نِنہٕ۔ یمن منز مشاعرَن ہُند سنٛز، سیمنار منعقد کرِنی، ورکشاپَن ہُند سنٛز کرُن، کِتابَن تہٕ Painting Exhibition تہٕ باقی کلچرل پروگرامن ہُند باضابطہٕ سنٛز کرُن تہٕ شامِل چھُ۔

سپورٹس کہِ فروغ خاطرٕ چھُ Director Physical Education سٕنزِ سربراہی منز کالجس منز اکھ ڈائریکٹر یونٹ تہٕ قائیم۔ یم زن ؤہرِ ؤرِی یس مختلف کھیل سرگرمیَن ہُنٛد انتظام کران چھِ۔ امہِ کنۍ طالبِ علمو چھُ از تام مختلف قومی تہٕ بین الاقوامی کھیل مقابلَن منز شرکت کٔرِتھ ریاستُک ناو نیشِنو وُمُت۔

وُنہِ کنۍ یمن مضمونن منز کالجس منز تعلیم فراہم کرنہٕ چھَ یوان تِم چھِ Science تہٕ Humanitics مضمونَن ستۍ وابستہ واریاہ کورسز شامِل۔ امہِ علاوہٕ چھُ کینٛہہ پروفیشنَل کورسز تہٕ کالجس منز یوان پرناونہٕ یمن منز BCA تہٕ شامِل چھُ تہٕ امہِ علاوٕ چھُ Voccational courses مثلاً Toursim and Travel Functional English تہٕ management بیترِ مضمون تہٕ کالجس منز یوان پرناونہٕ۔

ہسٹری، سوشالجی، ایکونامِکس، پولیٹِکل سائنس، اردو، کشمیری، پنجابی، عربی، فارسی، جغرافیہ، جیالاجی، لائف سائنس، کُمسٹری، فزیکس بیترِ مضمون تہٕ چھِ یوان under graduate سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ پرناونہٕ۔

بچَن ہنز طبعی نگہداشت خاطرٕ تہٕ تِمن مختلف حادثاتی چھوگن ہٕنٛدِس صورتس منز First Aid فراہم کرنہٕ خاطرٕ چھُ کالجس منز اکھ First Aid dispansary۔ اکثر سوٗ قس پٮ۪ٹھ چھُ اتہِ بچَن خصوصاً

کھیل سرگرمِیَن دوران کانٛہہ چوٹ یِنہٕ کِس صورتس منٛز بچن طبعی اِمداد
یوان فراہم کرنہٕ۔

یۆ تامتھ زن کھیل مأدانک تعلق چھُ یہِ چھَ امہِ کالِج خوش نصیبی زِ
کٔشیرِ ہندٮ۪ن کیٚنژن جان تہٕ زبر play ground ڈٔن ہٕنٛدِس
شمارس منٛز چھُ امر سنگھ کالجُک مأدان سرٚس۔



# سری پرتاپ سنگھ عجائب گر

میر نوشین نِگہت

سِری پرتاپ سِنگھ عجائب گر چھُ لال منڈی سرینگرِ وۍتھہِ ہِنٛدِس کھوورِس بٹھِس پیٹھ۔ اَتھ چھُ مغرِبہٕ طرفہٕ کشمیر کلچرل اکادمی ہُنٛد دفتر، مشرِقہٕ اَنٛدِ ہنا دوٗر پیٚہَن کانونٹ سکوٗل تہٕ جنوٗبہٕ طرفہٕ ایگریکلچر محکمُک لال منڈی باغ۔

مارچ ۱۸۹۸ عیسوی منٛز کوٚر جنرل راجہ سَر امر سِنگھن تہٕ کپتان ایس ایچ گاڈ مرےیَن مہاراجس اَکھ میمورنڈم پیش یتھ منٛز یہ تجویز کرنہٕ آو زِ سرینگرس منٛز گوٚژھ اَکھ عجائب گر قایم سپدُن یتھ منٛز ریاست جموٗں کشمیرِ کی، بلتستانکی تہٕ گلگتکی نموٗنہٕ تہٕ آثارِ قدیمہ دستیاب سپدَن وٲلی مختلف موٗللی چیز جمع کَرنہٕ یِن۔ پتہٕ آو تجویز کَرنہٕ زِ سرینگر تہٕ جموٗمہِ کیٛو سرکٲری توشہِ خانو پیٹھہٕ گژھَن عجائب گرِ خاطرِ تحفہٕ سوزنہٕ یِنۍ۔ مہاراجن تہٕ حُکمران خاندانہٕ کیٛو شہزادو کوٚر تجویزِس وَژھ وٲنٛجِہ استقبال تہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ گیہِ عجائب گرس منٛز پرٛانین شالَن تہٕ پرٛانہٕ قِسمہٕ کین جنگی ہتھیارَن ہنٛز اَکھ شاندار سوٚمبرَن تیار۔ الگ الگ سکشنَن سۍتۍ تعلق تھاوَن وٲلی مختلف نوادرات آیہِ وارِ اَتہٕ تھاونہٕ۔

عجائِب گرس منز چھِ واریاہ سیکشن ۔ قدیم آثارن تہٕ ضربن ہُنٛد سیکشن چھُ خاص کٔرِتھ قابلِ ذِکر۔ قدیم آثارن ہُنٛد سیکشن اوس ۱۹۱۳ عیسوی تام اَکھ معمولی سیکشن مگر اَتھ ؤریس منز آو محکمہٕ آثارِ قدیمہ رائے بہادُر لالہ دیا رام ساہنی سٕنٛزِ نگرانی تَل نٔوِ سرِ منظم کرنہٕ ، یُس ریاستَس منز سائنسی طریقو کھُدائے کَرن وول گوڈنیُک تربیت یافتہٕ ماہِرِ آثارِ قدیمہ اوس ۔ یِم چیز پانٛدریٹھنہٕ ، پرٕ ہاس پورٕ تہٕ وٲنٛتی پورٕ ؤسی یاب سپدی تِمو منزٕ آے اکثر چیز عجائِب گرس منز تھاونہٕ ۔ یِم چیز چھِ یَسلہٕ پاٹھی وسطی زمانکی ۔

کھدائے کٔرِتھ یِم چیز حاصِل کرنہٕ آے تِمو ورأے چھِ کینٛہہ چیز پبلِک ورکس محکمہٕ تہٕ محکمے مالَس نِشہِ حاصِل کرنہٕ آمتی تہٕ کینٛہہ چھِ مُلی ہینہٕ آمتی ۔ قدیم آثارن ہٕنٛدِس سیکشنَن منز چھِ لداخہٕ کہِ بودھ علاقکی پرٲنی نوادِرتہِ موجود یِمَن منز کینٛہہ تم لوٕیہِ مُرٕتہٕ شامل چھےٚ یِم سرکاری توشہِ خانہٕ پیٹھٕ اوٚت سوزنہٕ آمٕژ چھےٚ تہٕ تِمو علاوٕ چھِ واریاہ گترِ موہر یِمہٕ آثارِ قدیمکی ڈایریکٹر جنرل سَر جان مارشلَن عجائِب خانَس منز تھاوناوی ۔

عجائِب گرٕ آو گوڈنیتھ مسٹر بلیرجی ہوس قابل نفرس ماتحت تھاونہٕ

یُس تَمہِ وَقتہٕ کٔشیرِ ہُنٛد اکوٗنٹنٹ جنرل اوس۔ اَمی کوٗر پرٕتاپ سنگھنٛس میوٗزِیمس منٛز سِکَن ہُنٛد اکھ فِرستہٕ تیار۔

## ضرب

اتھ منٛز چھِ کُشان دورٕ پیٹھٕ ڈوٗگرٕ دورَس تام اکثر سِکہٕ موٗجوٗد۔

## مۆرٕتھ

اتھ سکشَنس منٛز چھےٚ مختلف دورَن ہِنٛزٕ مختِلف جاین لَبنہٕ آمٕژ لوہِہ، کَنہِ تہٕ کٔترِ مۆرٕتھ۔ ژٕہِ مہِ کٔہِ مہِ صٔدی عیسوی دوران بَناونہٕ آمٕژ وَروچنا تہٕ سگات سدھرشنا لوکیشوٗر لوہِہ مۆرٕتھ چھےٚ ایس پی ایس میوٗزیمس منٛز محفوٗظ تھاونہٕ آمٕژ۔

دِوٚیمِ لَبنہٕ آمٕژ ژٕہِ مہِ صٔدی عیسوی ہُنٛد شےٚ فُٹہٕ شےٚ آنٛچہِ تھوٚد لوہِہ اَوتار پوٚٹ تہٕ چھُ عجایِب گرس منٛز ژھرٕ اوِتھ۔ اَتہِ چھےٚ یِمہٕ کَنہِ مۆرٕتھ:

کارتِکی (۷۔۶ صٔدی عیسوی، ویٚجہِ بیوٗر)۔ وِشنو (۱۲ صٔدی عیسوی۔ ویرناگ)۔ شِو (۸ صٔدی عیسوی، گپکار، پانٛدرٕیٹھن)۔ بُدھ (۸ صٔدی عیسوی۔ پانٛدریٹھن، پَرِہاس پوٗر)۔ لکشمی (۹ صدی، وۆنتی پوٗر)۔ پارؤتی (۸ صٔدی عیسوی، پانٛدریٹھن)۔ اندھرا (۸ صٔدی عیسوی، پانٛدریٹھن)۔

وُشنکرِ لبنہٕ آمٕژ ژوٗرِمہِ صٔدی عیسوی ہِنٛزٕ اُپاشِکا، بُدھ تہٕ بودِھ ستو، کٔترِ مۆرٕتہٕ چھےٚ اَتھ میوٗزیمس منٛز۔

## کترِ ٹایلہٕ

عجائِب گرس منٛز چھےٚ دۄیمہِ ، ژۄرمہِ تہٕ پٔنڈاہمہِ صدی عیسوی ہنٛزٕ کٲشِرِ ہنٛزٕ مختلِف ٹایلہٕ ۔ ہٹہٕ مرِ ، ہیے نارٕ ، پہلگامہٕ ، ہارونہٕ تہٕ مدین صابنہِ لبنہٕ آمژٕ کترِ ٹایلہٕ تہِ چھےٚ اَتہِ سۄمبراونہٕ آمژٕ ۔

## کتبہٕ

نۄمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ بڈشاہ (۱۴۲۰-۷۰ء) سٕندِس دورَس تام ییم کتبہٕ فارسی ، عربی تہٕ شاردا ہَس منٛز چھِ تِمو تلہٕ چھےٚ کٲشِرِ متعلق کینٛہہ دِلچسپ گنتھہٕ معلوٗم سپدان ۔

## مُسوَدٕ

اَتھ سکشنَس منٛز چھِ فارسی ، عربی تہٕ شاردا ہَس منٛز لیکھنہٕ آمتی قلمی نُسخہٕ ۔ فارسی یَس منٛز چھِ مِثالے ییم مُسوَدٕ :

بحرِ طویل ، فارسی جغرافیہ ، فالنامہ زلزلہ ، ریشی نامہٕ ، شہنامہ ، دیوان حافِظ ، سکندَر نامہ ، ہفت پیکر ، یوسف زلیخا ، مثنوی تہٕ علمِ فلکیات ۔

اَمہِ علاوٕ چھِ بالی تہٕ شاردا ہَس منٛز کینٛہہ برٕزکی نُسخہٕ مۆجوٗد ۔

میوٗزیمَس منٛز چھُ فارسی یَس منٛز جہانگیر نہِ (۱۶۰۵-۲۸ء) اَتھہٕ لیکھتھ اَکھ قلمی دستاویزٕ ژھرأوِتھ ۔

## ڈاک ٹِکٹہٕ، روپیہِ تہٕ اِشٹام

اَکہِ آنہٕ پێٹھہِ پانژٕن روپێن تام ڈاک ٹِکٹہٕ چھےٚ اَتہِ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ اَتہِ مہاراجن ہنٛزٕ روپیہِ۔ روپێن ہنٛدی قالب تہٕ بێیہِ اِشٹام تہِ۔

## ہٕتھیار تہٕ جنگی سامانہٕ

کُنوٕہی مہِ صدی عیسوی ہنٛدی یم ہٕتھیار تہٕ جنگی سامانہٕ میوٗزیمس منٛز تھاونہٕ آمتی مِثالے:

بندوٗق، پستول، تلوار، توپ، چھُری، تبر، شرٛاک، نیزٕ، سِپر، شیٖشہٕ ڈوٗلۍ۔

## بانہٕ بٔتھ

اَتہِ چھہِ ارداہ تہٕ کُنوٕہی مہِ صدی عیسوی ہنٛدی کشیرِ ہنٛدی کٔنوی، زٔہر مُہرکی، چینوی، ترٛامی تہٕ روپہٕ سندی بانہٕ بٔتھ بیترِ۔ کُنوٕہی مہِ صدی عیسوی ہنٛدی لداخکی لوٗہہ بانہٕ بیترِ تہِ چھہِ موٗجوٗد۔ ترٛامی یم چیزٕ تہٕ چھہِ اَتہِ کٔنہٕ کاری سماوار کٔنہٕ کاری توٗری تہٕ طٔش ناری بیترِ۔

## فرنیچر تہٕ سجاوٹی چیز

ارداہ تہٕ کُنوٕہی مہِ صدی عیسوی ہنٛدی ڈوٗنی ہٕچو فرنیچر بیترِ تہِ چھُ اَتھ عجایب گرس منٛز نظرِ گژھان۔ مزید چھہِ اَتہِ ڈوٗنی ہٕچو تہٕ پیپر ماشی ہنٛدی سجاوٹی چیز تہِ۔

## ساز

گُنہٕ ہی مہِ صٔدی عیسوی ہٕنٛدی یِم ساز چھِ اَتہِ مِثالے:

سَنطوٗر، نے، سیتار، رَباب، طبلہٕ، چِتگہٕ، تُمبکھ نآر، سارنٛگ، باجہِ بیترِ۔

## زیور

گُنہٕ ہی مہِ صٔدی عیسوی ہٕنٛدی یِم زیوَراتہِ چھِ موٗجوٗد تھاونہٕ آمتؠ۔ مثالے: ہار، جھُمکہٕ ہار، ڈیجِہ ہوٗر، گنہٕ واجہِ، تالہٕ رَز، تعویز، حلقہٕ بَنٛد، پٔٹر، بُنگرِ، ٹوٗکہٕ کوٗر، گرٛشہٕ گر بیترِ۔

## چَمرٕ وی، گاسوی تہٕ کانٛوی چیز

گُنہٕ ہی مہِ صٔدی عیسوی ہٕنٛدی، چَمرِ وبوٗٹ، پٲزار، بیگ تہٕ اَٹیچی چھِ اَتھ میوٗزیَمس منٛز۔ اَمہِ علاوٕ چھِ گاسُو پُلہٕ ہور تہٕ پٲزار تہِ اَتہِ۔ کانٛوی بیگ، ٹوٗکرٕ، صندوٗق بیترِ تہِ چھِ اَتہِ۔

## پَلَو، پوشاک تہٕ فَرشہِ فروشہِ

گُنہٕ ہی مہِ صٔدی عیسوی ہٕنٛدی پَلَو تہٕ فَرشہِ فروٗشہِ تہِ چھِ عجاۓب گرَس منٛز۔ مِثالے: پھرَن، پشمینِک گوٗن، کامہٕ دار شاہ پسند شال، کانی شال، پارچہٕ، کمخاب، زَرباف، بَنارَس، گیٚرس پٔٹھ بَناوِتھ سِرینگرُک نَقشہِ، پیرٕ وی قالینہٕ، رٲشمی قالینہٕ، پیرٕ وی نَمدٕ، گبہٕ تہٕ مختلِف گیٚر ژادرٕ۔

## وٲنسی آثار

اَتھ سکشنَس منٛز چھِ جانوٗرن تہٕ گُلبن کٹھن ہنٛدی وٲنسی آثار موٗجوٗد۔

## گنہِ ذٲژ

اَتہِ چھِ مختلِف گنہِ ذٲژن ہنٛدی نموٗنہٕ جمع کرنہٕ آمتی ، مِثالے: سنگِ مَرمَر ،سنگِ سیاہ تہٕ رَنگ برٕنگی گنہِ ذٲژ۔

## جانور، جانادار تہٕ کیٖمی کرٕہل

اَتھ سکشنَس منٛز چھِ جیٖمکی ،لداخکی تہٕ کشیرِ ہنٛدی جانوٗر، جانادار تہٕ کیٖمی کرٕہل تھاونہٕ آمتی ، مِثالے: ہہہ ، ہاپُت ، ہانگُل ، زومبہٕ گاو، جنٛگلی ژھاوٕج ،خرگوش، پوٗتُر ،شال ،پوٗژ ھلوٗو، أنٛز ،بطخ ،گانٹھ ، راتہٕ موغُل ،کاو ،ژٕر ،ہأر ،کوتُر ،بُلبُل ،جَل ،دیدٕر ،سَتُت ،شوگہٕ ،طوطہٕ ، سونہٕ پۆچُر ،پھمبہٕ سپر ،شینہٕ پِپنی ،ژِنہِ ہاگُر تہٕ کولہٕ ٹونٛچ۔

(کاشُر انسائیکلوپیڈیا ،جلد :۲)

## کتاب نامہٕ:

*Kak R.C: S.P.S, Museum Srinagar



